# زبان تہٕ ادب

(جلد:ترٛ ے)

## نِگران

**شاد رمضان**

صدر شعبہ کشمیری

## ا یڈ یٹو ریل بورڈ

شاد رمضان

مجروح رشید

محفوظ جان

شفقت الطاف



## معا ون

رخسانہ تبسم

(logo of ku)

ڈپارٹمنٹ آف کشمیری یونیورسٹی آف کشمیر سرینگر

کتابہِ ہُندناو:	زبان تہٕ ادب (جلد ترٛے)

ناشر:	ڈپارٹمنٹ آف کشمیری

کمپوزنگ:	محمد حسین ڈار

چھپنٕوٕری:	2016ء

مول:	300 / روپیہ

تعداد:	1000

چھاپ خانہٕ:

کتاب میلنُک پے:

ا:	ڈپارٹمنٹ آف کشمیری یونیورسٹی آف کشمیر

۲:	کتاب گھر مولانا آزاد روڈ لال چوک سرینگر

# فہرست

## غزل

# حقیقت، ادیب ادب تہٕ قأری

رحمان راہی

حقیقژ ہندِس مفہوٗمس ، أدیبہٕ سنزِ ژٕشی یژ ، ادبٕچہِ ماہیژ تہٕ ادب مولوٗنس
مولانکہٕ وٗنس ستی وابستہٕ معاملن متعلق ٲسی ضٕد یوٗ پیٹھ کینٛہہ تصور تہٕ نظریہ تیتی رٲیج
سپدان آمٕتی زِ تِم ٲسی بلاچوٗن وچرا صحیح تہٕ شقہٕ ماننہٕ یِوان ۔ مگر موجوٗدٕ وُہمہِ صدی
دوران تہٕ خاصکٔرِتھ پٔتمین ژٕ تجہن پنٛژٕہن ؤری ین دوران سپُد سأری سے پرأنِس
سونچس یِہ ڈٔلِ زِ تہٕ ژٔکی پھیُر ۔ کینٛہہ تصور بنے یِہ مشکوک تہٕ کینٛہہ پاپرجا سپدی مٕتی
(Established) نظریہ گے رَد ۔

اکھ وُنہِ تہٕ مقبول عام تہٕ سٕبٹھے سٔنِتھ گوٚمُت خیال چھُ زِ تخلیقی ادب چھُ أدیبہٕ
سٕندِ الگأبے تہٕ بےٚ نظیر جینیسک کارنامہٕ آسان ۔ مطلب یزِ أدیب چھُ اکھ سٕبٹھے
غأرمعمولی انسان آسان تہٕ تسُنٛد تخلیق کوٚرمُت ادب چھُ خأِلص تسٕندِ ذأتی تجرُبک
تہٕ تسٕندِ منفرد ووٚندٕ ووٚ پدیمژ بے مثال زأنی ہُنٛد اظہار آسان ۔ سُہ چھُ عام لوٗکن
ہٕندِ سوٚتھرِ سٕبٹھاہ ہیوٚرا کھدٕ روٚس زیٖرِک کیٛو حساس تہٕ غأرمعمولی وأنجہِ گاشہِ تہٕ
بصیرٔ ژوول نفر آسان یُس کینژن خاص خاص لمحن دوران تِم چیزٕ وُچھان چھُ یِمن
تام نہٕ عام لوٗکن پانہٕ زأنہہ نظرٕ ے پِلان چھےٚ تہٕ تِم واقعات تہٕ انتہأئی شدٔ تہٕ سان
محسوس کران یِم نہٕ عام لوٗکھ پانہٕ پزنہٕ پأٹھی ژیٖنأنی چھِ ۔ یعنے اکھ تیُتھ کم مثال نفر یُس
ذأتی طورکأنہہ منفرد تجربہٕ سپدان چھُ ، یسٕندِ سٕبٹھے وُسوار تخیل پنہٕ نِس نٔرل أندروٗنس

ڈ نگ دِتھ یا کُنہِ سرٛ نہِ سپدی ۂمِتس بیرونس منز لاثأنی وُپھ وار کٔرِتھ کأنہہ غأر معمولی آ گہی پراوان چُھ ۔ پٔنن تجربہٕ تہٕ آ گہی چھےٚ تس تیٖژ وولسنس انان زِ سُہ چُھ تِمچ باوتھ کرنہٕ موکھ بیقرار سپدان تہٕ چُھ پٔنٕز سو بدلے ''زان' لفظن ہُنٛد لباس زیب تن کرنأوِتھ پنہٕ نِہن بوزنِ پرن والین تام واتناوِنچ پٔنٕز غأر معمولی صلأحیت نٔنٕ کڈان، چنانچہِ لفظہٕ وُرن پرِتھ تِتھی ''سیر باؤ ژ'' چُھ تخلیقی ادن ناوپہوٕ ان تہٕ ادب پرن وأ لی ہنٕز کأم چھےٚ أدیبہٕ سُنٛد تحریر پرُن، تتھ تحریرس منز باونہٕ آمتِس نِرل تجربس وۄن دِیُن تہٕ تتھ تجربس پریڈن واجبنٕز تہٕ بصیرت حأصل کٔرِتھ دِلُک سرور پراوان ۔

اسہِ کأشرِ ن منز تہِ چھِ أدیبس، ادبس تہٕ قأریس متعلق تِتھی ہِوی کینٛہہ تصور سبٹھاہ کا لہٕ پٹھٕ مقبول روٗ دی ۂمتی تہٕ وُنہِ تہِ چھ، وار یاہ لۆکھ امی آیہِ سونچان ۔ کٔشیرِ نبرِ مس دُنیہس منز چُھ مذکوٗرِ معاملن متعلق سأری سے رِوٲیتی سونچس تلُک پٹھ گوٚمُت ۔ تعجب چُھنہٕ سانِہن واریاہن بزرگن، دوستن باسہِ تمہِ فِکری انقلابُک حِس پاوُن تہٕ وبودُر ٹُلنس برابر ۔ وٕ ں گو ووٗ بودُر ہیٚکہِ مسلن پٹھ نِو سرٕ سونچنہٕ باپت آمادٕ کٔرِتھ تہٕ سانہِ یِیمہِ تحریرُک فوری مدعا تہِ چُھ تی ۔

نیتون أدیب ہنٕز سیرِ باؤ ژ نسبت ہیٚر کنہِ مذکوٗرِ تصور ۔ اتھ منز چُھ اکھ مغالطہٕ ژھیٚپِتھ ۔ مغالطہٕ یہِ زِ شأعرس چُھ گوڈٕ کأنہہ خیال یِوان یا کأنہہ تجربہٕ سپدان تہٕ پتہٕ چُھ سُہ تتھ خیالس یا تجربس لفظن ہُنٛد لباس پأران ۔ مطلب شأعرس نِشہِ چُھ کأنہہ موضوع گوڈے موجوٗد آسان تہٕ پتہٕ چُھ سُہ تتھ موجود موضوعس لِسأنی صورت بخشان ۔ یہِ مغالطہٕ یۆتُے عام چُھ تیۆتُے چُھ تھزِ شأعریہ نسبت خلاف واقعہٕ ۔

کتھِ گێنز کڈنہٕ موکھ نمو پننہٕ نِس کاٗنسہِ رِتِس شاعرِ سنز مثال۔ نیتون شمس فقیر۔ أسی چھِ عام پأٹھی مانان زِ شمسؔ صأب اوس اکھ صوفی شاعر یُس اکھ بأطنی تجربہٕ سپد مُت اوس، سُہ بأطنی تجربہٕ یتھ تمی، تجربہٕ سپد نہٕ پتہٕ، مختلف وژنن بأتن ہنز صوٗرت بخشمٕژ چھےٚ۔ مگر پرٛزھن لایق سوال چھُ یہِ ہرگاہ نہٕ اسہِ نِشہِ شمس صأبن کانٛہہ شعرِ ے آسہِ ہے، أسی ہکو ہاوا تسندِس کُنہِ اسرأری تجربس متعلق کانٛہہ شقہٕ گوأہی دِتھ؟ پزر چھُ یہِ شمس صأبنہِ اسرأری یٔژ ہُنٛد کُن تہٕ کیول ثبوٗت چھُ اسہِ نِش تو ہُنٛد کلامہٕ۔ کلامہٕ وننہٕ بروٗنہہ کیاہ تہٕ کِیُتھ اوس اوہُنٛد تجربہٕ، تہٕ کُس ہێکہِ از اسہِ وٕنِتھ؟ بدل لفظن منز ہکو پرٛزِھتھ کیاہ شمس صأبن چھناپانہٕ تہِ پنُن اسرأری تجربہٕ گوڈنچہِ لٹہِ پننین لفظن منزٕ ے لوٚبمُت تہٕ تمہِ نےٚ منز پرٛزنو ومُت؟ ہرگاہ نہٕ تِس کاشرِ زبأنی ہندی مختلف لفظہٕ تہٕ لِسأنی وَل موٗ لے میسر آسہٕن، کیاہ تسندِ خأطرٕ اوساپننہِ کُنہ، ''بے کام وزبان'' اسرأری بأسکی خولہٕ خط بدِ کڈنی ممکن؟ تِکیازِ کانٛہہ تہِ مشأہدٕ آسی تن، کانٛہہ تہِ خیال یا تجربہٕ آسی تن سُہ چھُ تھنہٕ پیوان لفظٕے، لفظوٕسی نہٕ، بلکہِ لفظٕنے تھنہٕ پیوان، بلکہِ بذاتِ خود لفظٕنے بنان۔ خیال تہٕ لفظ تجربہٕ تہٕ باوتھ، یِم دوشوے چھِ اکھأکی سندِ باپتھ لأزِم ملزوٗم۔ دوشوے چھِ اکے وجوٗدٕ تہٕ اکی آنہٕ تھنہٕ پیوان۔ انجیل مقدس ونان ابتداہس منز اوس لفظ تہٕ لفظ اوس خداے:

In the Beginning was the word

That word was with God

And the word was God

The same was in the Beginning with God

All things were made by it

And without it was not anything made

That was made ( St.John. The Gospel)

نوٚ سوٗنچُن ترٲوِتھ نہ صرف أدیبہٕ سُنز مذکوٗرٕ الگاہٕ زان کأریہِ
نسبت فکر طلب سوال تُلۍ متۍ بلکہِ چُھ یہِ موٗلی سوال تہِ نوٗسرٕ دِلس لوٚگمُت زِ بجایہِ
خوٚد انسان کتھٕ پأٹھۍ چُھ حقیقت زانان تہٕ پرٕزناوان ۔یعنے انسان کتھٕ پأٹھۍ چُھ
حقیقژ ہُنٛد ادراک کران ۔ وننہٕ چُھ آمُت (تہٕ بدلیل چُھ وننہٕ آمُت ) زِ انسان ییتھ
موجوٗدس کاینات ناوکران چُھ ۔ سُہ ییتھ چیزس واقعہٕ (Fact) ونان چُھ ، سُہ ییتھ
چیزس حقیقت ناوکران چُھ سو حقیقت چھنہٕ تسندِ پننہِ وجوٗدِ نِشہِ بالکل بے نیاز تہٕ
بیٚون تہٕ بدوٗن کانٛہہ پوٗرٕ پأٹھۍ خوٚدمختار حیثیت تھاوان ۔ تہِ وننٛگ مطلب گوٚو زِ
حقیقژ متعلق اِدٕ بس تہِ تصور انسان قأیم کران چُھ سُہ تصور قأیم کرنس منز چُھ تسُنٛد پنُن
توأریخی ، سمأجی تہٕ ثقافتی وجوٗد دبدٕ گہرٕ پأٹھۍ کارفرما روزان ۔ یہِ تام چُھ وننہٕ آمُت
(تہٕ ونن والین منز چُھ کوٚہن ہیٚوٚر ریاضی دان یا فلسفی شأمِل ) زِ سایٔنس منز یہِ
کینژھا واقعہٕ ناوٕ یعنے بطور Fact ظأہر سپدان چُھ سُہ تہِ چُھ منحصر آسان تتھ
ذیہنی حوالژ (Fame Of Refrence) پیٹھ ییٚمہِ موجوٗب مشأہِد کرن وول کُنہِ
چیزُک مشأہِد کران چُھ تہٕ مشأہِد کُرِتھ تمہِ چیزٕ چ حقیقت متصور کران چُھ ۔
جدید سوٗنچہِ مطأبِق چُ حقیقژ ہُنٛد کانٛہہ تہِ تصور تہٕ کینٛہہ تہِ شعور پراونہٕ باپتھ

انسانس اکھ بنیأدی تہٕ بےٚ دِل کارساز میسر، یعنے زبان کأنہہ تہِ چیز یا صورتِ حال اُسیٚ تن، سُہ چُھ پننہِ ظہورٕ باپتھ لفظس محتاج آسان۔ کُنہٕ پتے چُھ فیکٔو ن۔ ادبی دأ یرِس منزٕ اُژتھ ونو زِلفظہ بروٚنٛہہ یعنے زبأنی ورأے چُھیٖ نہٕ کُنہِ تخیلی یا تخلیقی تجربُک ظہور ممکن، تہٕ نہ تیٚچ باوتھ۔ زبأنی متعلق اوس بروٚنٛہہ خیال عام زِ زبان چھےٚ زنتہٕ مل ژھایہِ روٚس صاف تہٕ نظر ترل (Transparent) شیشہِ ہیوٚ اکھ میڈیم یٚیمہِ منزی نظر ترأ وِتھ اُسی دُنیہکی مختلف چیزٕ وُچھان چھِکھ تہٕ تِمن وُچھمتین مختلف چیزن ناوکران چھِ۔ اماپوٚ زووٕنی چھےٚ یہِ کتھ کھرٕ سپز مٕژ زِ زبان چھنہٕ تِژھ ہِش کأنہہ نظر ترل وسیلہٕ۔ بلکہِ یہِ زِ زبان چھیٖ نہٕ ژکہِ کأنہہ میڈیم، کأنہہ وسیلہٕ۔ زبان چھےٚ محض اکھ فارم (Form)، محض اکھ ہیت، یوسہٕ پرأ وی تھےٚ مختلف چیزتہٕ نفراسہِ پننہِ آسنُک اکھ یا بیاکھ باس دِوان چھِ تہٕ پننہِ پرٛ زنٔژ ہُنٛد اکھ یا بیاکھ انہار وُچھناوان چھِ۔ مطلب یہِ زِ زبان چھنہٕ بروٚنٛٹھے وُچھمتین سریٚ ہتین چیزن محض اکھ یا بیاکھ ناوکران۔ بلکہِ چھِ تِم چیز زبأنی منزٕ ےصورت پذیر سپدان۔ زبانٕے چھےٚ تِمن یہِ ذٕلِ زِ تہِ خلق کران، یعنے تِمن وجودس انان تہٕ زبان ورتاوان ورتاوانٕے چھِکھ اُسی تِم چیز پننہِ باپتھ ژٕینٛز لایق تہٕ پرٛ زناوٕنی لایق بناوان۔

زبأنی ہِنزٕ یہِ تخلیقی کارکردگی پزنہٕ پأٹھی سمجھنہٕ باپتھ چُھ یہِ ژٕتس تھاوُن ضروری زِ کأنہہ تہِ زبان چھنہٕ از غأب وجودس یِوان۔ زبأنی چُھ بارسس انان سُہ کلہم توأ ریخی، سمأجی تہٕ ثقافتی نظام یُس کأنہہ زبان بولن والین ہُنٛد سرٛ ودسرمایہِ آسان چُھ۔ زبان چھنہٕ کأنسہِ تہِ بولن وأ لی سُنٛد محض ذأتی تہٕ انفرأدی جاداد

آسان ۔ أدیب یوسہٕ زبان ورتاوان چُھ سو چھےٚ کُنہِ نتہٕ کُنہِ سماجِچ مشترکہٕ زبان آسان تہٕ سو زبان چھےٚ أدیبہٕ سِندِ زہنہٕ برۄنٹھے تہٕ تِہندی دٔسی کأنہہ چیز تخلیق سپدنہٕ برۄنٹھے مکمل پأٹھی موجوٗد آسان ۔ گویا کأنہہ ادب پارٕ چُھ تمہِ مشترکہٕ ثقافٔژ ہُنٛد پأداوار آسان ییٚمیُک پانہٕ أدیب تہِ پروردٕ تہٕ ورتاوکھ آسان چُھ ۔ أدیب چُھنہٕ پننہِ باپتھ کأنہہ نٔو زبان تُھران ۔ زبان چھےٚ تس برونٛٹھ کُن تیار بہٕ تیار رواتان تہٕ ادیب چُھ توأریخی ، معاشرتی تہٕ ثقافتی طور پھاپھلیمٕژ تہٕ برۄنٹھے موجوٗدٕ زبانے کأم ہوان ۔ مطلب یہِ زِ سُہ یُس ادب پارٕ تخلیق کران چُھ تتھ چُھ زبان ورتاوٕ کِنہِ تِہنز توأریخی معاشرتی تہٕ ثقافتی زندگیہ ہُنٛد اتھ پلز یوٗمُت آسان ۔ گویا کأنہہ تہِ ادب پارٕ چُھنہٕ کأنسہِ تہِ أدیبہٕ سُنٛد محض ذأتی تہٕ خألص انفرأدی دِیُت آسان ۔ أدیبہٕ سنز انفرأدیت چھےٚ تسنز اجتمأعیٔژ منزٕ ے پرٕتھان پھبان ۔ کأنہہ تہِ بامعنہِ ادبی نوٕر یا بغاوت چھےٚ کُنہِ نتہٕ کُنہِ ادبی رِوایژ ہِندِ تعلقے وۄتلان ۔

زبأنی ہنز اجتمأعی تہٕ رِوأتی ماہیژ تلہٕ چُھ بیا کھ نوکتہٕ وۄتلان ۔ ہرگاہ نہٕ زبان تہٕ ادب تخلیق کرن وألِس تہٕ ادب پرن وألِس درمیان سرٛۄ دآسہِ ادبُک مطالعہٕ کیٚو مولون سپدِ ناممکن ۔ مشترکہٕ زبان چھےٚ أدیبہٕ سِندی پأٹھی قأریس تہِ مختلف توأریخی ، سمأجی تہٕ ثقافتی گِنگرایہِ بوزناوان تہٕ تِہندِس ذیہنس منز مختلف تصور وۄپداوان ۔ ادب پرن وول چُھنہٕ کُنہِ الیکٹرانِک رٔسیوٕرکی پأٹھی محض اکھ رٹن ہار آلہٕ اوزار آسان ۔ بلکہِ چُھ سُہ پانہٕ تہِ اکھ کارکن تہٕ عمل کرُون وجوٗد آسان ۔ أدیبہٕ سنز زبان چھےٚ تس پننٕز زبان بناوان تہٕ سُہ چُھ امہِ دٔسی یہِ ذٔلی زِ تہِ تمی طریقہٕ

معنہٕ تخلیق کران یٚیمہٕ طریقہٕ گوڑٕ أدیبن تخلیق کٔری ٮ۪تہٕ آسان چھہٕ۔ حساس پرن وول چُھ ادب پارٕ پران پران تمیُک کلہم صوتی کیٚو معنوی وجوٗد پننہٕ مخصوص آیہ تتھے پأٹھی پننس تخیلس منز (تہٕ بعضے پننہٕ نبن لفظن منز) نوِسرٕ تخلیق کران یتھٕ پأٹھی گوڑٕ أدیبن کوٚر رمُت آسان چُھ۔ گوو مطلب ادبُک وجوٗد چھہٕ ادیب تہٕ قأری دوشوے رٕلتھ میلتھ بوٗد کران۔ تمیُک مطلب گوو یزٕ یتہٕ زِ کُنہٕ ادب پارس مولٕونک تہٕ مولانکہٕ وٕنُک اختیار چُھ کأنسہٕ تہٕ تس پرن وأٮ۪لس حأصل آسان یُس تمہٕ ادب پارٕچ زبان زانان آسہٕ تہٕ تمہٕ زبأنی ہندِس پرورشی پوٚت منظرس وأقف آسہٕ۔

اکھ سبٹھے عام تہٕ سٔنتھ گوٚمُت خیال چُھ یزٕ کأنہہ مخصوص لفظ چھ کُنہٕ مخصوص چیز کہٕ ''اصلی وجوٗدُک'' حأمِل آسان۔ شلن ''کُتج'' لفظ بوٗلتھ یا بوٗ زِتھ چُھ اسہٕ کأشرٕن گمانہٕ گرٕھان زٕأسی چھہٕ کُتج نأوی جاناوارٕسندِس ''اصلی وجودس'' أنزی مٔنزی گرٕھان، حالانکہٕ پزر چُھ یزٕ یہٕ لفظ چُھ مذکوٗرٕ جاناوارٕسندِ ''اصلی وجوٗدٕ'' بجایہٕ سأنِس ذٕیہنس منز تس متعلق محض اکھ مخصوص تصوروٕ پداوان۔ مخصوص اوٚکنی زٕسہٕ تصور ہیٚکہٕ نہٕ مثالے عربی لفظ ''ابابیل'' یا فارسی لفظ ''' پرستو'' یا انگریزی لفظ ''Shallow'' بوٗ زِتھ یا بوٗلتھ اسہٕ کأشرٕن ہندِس ذٕیہنس منزووپدِ تھہٕ۔ ''کُتج'' لفظ چہٕ یٚیمہٕ ہیٚچلی آوازٕ تہٕ یمہٕ سمأجی، ثقافتی تہٕ ادبی ژٕھایہٕ گرایہٕ امہٕ لفظُک اکھ مخصوص احسأسی تہٕ معنوی دُنیا اسہٕ کأشرٕن ہندٕن ذٕیہنن منز آباد کران چھےٚ تمہٕ آوازٕ تہٕ ژٕھایہٕ گرایہ نہ چھےٚ ''ابابیل'' لفظس سٕتی وابستہٕ نہ ''پرستو'' لفظس سٕتی تہٕ نہ ''Shallow'' لفظس سٕتی۔ مطلب یزٕ مذکوٗرٕ ژور لفظ چھہٕ أکی سے جاناوارٕ سُندٕ ''اصل وجوٗدٕ'' پاپرٕ جاسپدِ نہٕ

بجایہِ تس متعلق محض اکھ یابیا کھ تصوروو پداوان۔ ہرگاہ ''کۄنٛج''لفظ متعلقہٕ جاناوار سُنٛد ''وجوٗ د براد ر'' آسہے تیٚلہِ گوٚ ژھ سارِنٕے زبانن منزٲمِس جاناوارس کُنے ناو ''کۄنٛج'' آسُن۔تِژن گووچیزن متعلق چھےٚ کلہم انسانٕز زان لفظن ہُنٛد پاداوار یاونو سانہِ زانٕز ہُنٛد کُل بِل سرمایہِ چُھ چیزن ہٕنٛدی ناوٕنہٕ زِ بجایہِ خود چیز (وَعَلَّمَ اٰدَمَ الاَسماءَ کُلَّھَا (قرآن)۔

اگرچہِ چیزن ہٕندِس آسنس''اِنکار چُھنہٕ مگر اسہِ نِش چُھ تمہِ اصل''آسنہٕ'' بجایہِ تمہِ کہِ آسنُک محض اکھ یابیا کھ تصور۔اوےٚ کِنہٕ چُھ مانن پیوان زِ کُنہِ چیزس یِم مختلف ناومختلف زبانن منز موجوٗ د چھِ تِم چھِنہٕ معنوی تہٕ احساسی اعتبارٕ ہوٗ بہوٗ آسان۔''شین'' گووٕنہٕ ''برف''یا''Snow'' ''کۄنٛز''گیہِ نہٕ ''پتھر یا''اللہ''گووٕنہٕ ''دَے''یا''خداے''۔بلکہِ چُھ یِتہِ پزٕرزِ کُنہِ تہِ اَکِس زبانٕز منز چھِنہٕ پزٕنہٕ پٲٹھی مترادِف لفظ آسان۔''عارق''گووٕنہٕ ''گُمہٕ''،''شب''گووٕنہٕ ''رات''،''شبنم'' گووٕنہٕ ''لوٕ''ژھٹھ گیہِ نہٕ ''واو''،''آدم''گووٕنہٕ ''انسان''وغارٕ۔

مترادفات ممکن نہٕ آسنٕے چُھ سبب زِ مثالے کُنہِ اَکِس زبانٕز ہٕندِس شعرس چُھنہٕ بیٚیس زبانٕز منز عاٗن تہٕ غاٗن ترجمہٕ سپدِتھ ہیٚکان۔ بلکہِ چُھنہٕ یِتہِ ممکن زِ مثالے شمس فقیرنہِ کُنہِ کاشرِ شعرُک تخلیقی وجوٗ د پھِر وبدلِ کنہن کاشرٕ ن لفظن منز کُنہِ ددارٕ یا پھیرٕ ورٲے۔خیالُک وجوٗ د چُھ لفظُک وجوٗ د۔لفظ بدلووتہٕ خیال تہِ بدلیوو۔یہِ چُھ پۄز زِ اَسی چھِ کُنہِ شعرس وارٕ پٲٹھی اَنزی مٕنزی گژھنکہِ غرضہٕ بعضے تتھ شعرس Paraphrase کرنہٕ باپتھ مجبور گژھان۔مگر سُہ Paraphrase یا ونو سُہ

واش کٔڈِتھ مطلب چھُنہٕ ہیٚکان اصل شعرٕچ جاے رٔٹتھ تِکیازِ مطلب بیان کران کران بدلہِ لفظن ہٕنز ترتیب یا پراوِ شعرس منز موجوٗد مخصوص لیہِ لہراو (Rhythm) وغأرٕ۔ توے ونو رُت ''مطلب'' تِتھی یُس چھیٚکرس پانہٕ لوٚب ہیٚتھ اصل شعرٕ سے جاے شیرِ۔

یٔند رازنہِ دربار نغمہٕ کران چھی پٔرستانو
سوزِ منصور گرٛزان، کن مےٚ دِژوم گوس دیوانو

احمد بٹہٕ وأرِنس اتھ شعرس ہیٚکو اکھ یا بیا کھ تشریح کٔرِتھ مگر سو تشریح ہیٚکہِ نہٕ اصل شعرٕچ جاے رٔٹتھ، شعرُک معنہِ سمجھنہٕ باپتھ بنہِ سو تشریح محض اکھ اشارٕ، اکھ نیب یا زیادٕ بہتر صوٗرٔژ منز کہ تمبہٕ لاون وول وُتشاو، تہٕ شعرک اصلی وجوٗ دژٕیینہٕ باپتھ پِیٚیہِ چھیٚکرس اصلی شعرس منزٕ ڈنگ دِنٕی تہٕ تمہِ کُے حال واحوال ژیٚنُن۔ کأنسہِ شأعرٕ سُنٛد کانٛہہ شعر بوٗزِتھ یہِ پرٛژھن زِ سُہ شأعر کیاہ چھُ دراصل تتھ شعرس منز وُنُن یژھان گوٚو اکھ بالکل نہ رلن ہار سوال تُلن تِکیازِ شأعرس چھُ تی وُنُن اوسمُت یہِ تمِی سُنٛد شعرونان چھُ، نہ تمہِ کھوتہٕ کم تہٕ نہ تمہِ کھوتہٕ زیادٕ اسہِ درمیان چھِ وُنہِ تہِ تِتھی کینٛہہ صاحب موجوٗد یِم مثالے کُنہِ صوفیانہٕ بأتس کانٛہہ مخصوص معنہِ کٔرِتھ یِیٚمہِ گمانہٕ راوان چھِ زِ بس یہِ تمن فِکرِ توٚرتی تہٕ تیوٗتُے یوت چھُ تمہِ بأتُک کُل بِل دُنیا۔ حالانکہِ کُنہِ تہِ تھدِ پایہِ شعرٕچ زبان چھےٚ اکھ تِیُتھ بےٚ وونت سوٚ دُر آسان یُس نہٕ کأنسہِ ہٕندِ بُگہٕ بُگہٕ آب کھارنہٕ سِتہٕ ژوٚک ہاوان چھُ۔ توے کُنہٕ چھُنہٕ کُنہِ تہِ زمانٕچ رٔژ شأعری فرسوٗدٕ باسان تہ نہٕ (بی)۔ عظیم شأعریہِ منز چھِ

ماضی کیٛو حال مستقبل ساٗری زمانہٕ شرٛ پیٹِھ آسان ۔ انسان ییٚتِس کالس انسان روزِ تیتِس کالس روزِ شاعری تہٕ تِمِس ہمدم تہٕ ہمنوا۔ یتھٕ کٔنٕز مثالے اکھِ شیشہ محلہٕ چھہِ مختلف آٔنہٕ کھنجِہ اکھا کُس پٔنٕز رنگ برنگی پرتوترٛ اوی تمہِ شیشہ محلُک ماحول تہٕ ہاوس حباب بارٕسس انان چھےٚ بۄزی تو زنتہٕ چھہِ تمی طریقہٕ کنہِ شعرٕکی لفظ پٔننٮ۪ن اچھرٕ آوازن تہٕ معنوی ژھاین گراین وۄلسنس أنتھ تہٕ وزنچن تہٕ لیہِ لہراوچن مختلف ٕگنگراین تہٕ گتن ٕستی لین سپدِ تھا اکھ یا بیا کھٕ مُشترکہٕ رقص تہٕ سرٕو دوجۄ دس انان۔

تخلیقی ادب پران پران یم مختلف مسلہٕ بُتھِ یِوان چھہِ تِمن منز چُھ شاید سارِوے کھوتہٕ مشکل مسلہٕ کُنہِ تہِ تحریرس تجزیہ یعنی وۄشھنے کرنُک مسلہٕ۔ بوزوہے تہٕ پرٛتھ اکھ ادب پارٕ چُھ باسان یہِ ذٕپٕ زِ تہِ منگ کران زِ تتھ گرٛ ھِ معنہِ کڈٕنہٕ یُن، مطلب یہِ زٕ أنتھ تجزیہ سپدُن زِ سہ ادب پارٕ چُھ اکھ معنہِ سوو تحریر، اکھ با مطلب لیکھ، یا وَنوا کہِ قسمٕچ ترٛ ھ نشانہٕ ساٗو زبان، اکھ ترٛ ھ Sign Language یۄسہٕ معنے باوان چھےٚ۔ اماپۄ زامہِ منگ کرٕونہِ صورت حالہٕ باوجۄ دچُھ باسان زِ ترٛ ھ چھنہٕ کأنہہ وتھے ییٚمہِ کٔنٕز کُنہِ تخلیقی فن پارس کأنہہ مکمل تہٕ کامیاب وۄشھنے ممکن ہیٚکہِ سپدِ تھ۔ ویسے چھہِ أسی ادبی تحریرین ہٕنزن علامژن یاوَنو تمہِ کٔمن معنوی رمزن ہٕنز یسلہٕ پأٹھی کتھ کران مگرامہِ آیہِ کتھ کرٕنی چھےٚ حقیقتاً اۄرِ نہٕ یۄری ہِش باسان، تِکیا زِ أسی چھِنہٕ ژٕٹتھ چُکتھ وٕنی تھےٕ ہیٚکان زِ کأنہہ ادب پارٕ کمیٚک ترجمان، کمٕچ علامت چُھ، یتھٕ پأٹھی زن أسی کُنہِ حدس تام مثلاً Mathematics یعنے ریاضی ہٕنز علامژن وۄشھنے وکھنے کٔرِتھ ہیٚکان چھہِ۔ مثالے ریاضی ہُنٛد کھویۄ دعد چُھ ژور۔ اتھ ہیٚکو یہِ وٕنتھ وضاحت

کٔرِتھ زِژورگو مطلب زٕ جمع زٕ۔ تہِ زن گوو أسی چھِ کُنہِ تہِ عقلی تہٕ استدلأ لی علامژ تمہِ چومترأ دِف علامژ وڈٕسی وکھنے کران۔ تِتھے پأٹھی چھِ أسی کُنہِ حدس تام عام دوہ دٕہچہِ زبأنی منز وتاونہٕ یِنہٕ والین اشارن، رمزن تہٕ نشانن تہٕ علامژن تہِ وضاحت کران۔ چنانچہِ أسی چھِ کُنہِ عقلی بیانس معنہِ کرنہٕ باپت Sense Data یعنے حِسّیٖ وسیلن مدد ہیوان۔ مثلاََ لفظ ''موٚ دُر'' چھُ سأنی اکھ لِسأنی علامت، اتھ ہیکو نا بد پھوٚل ژٕہتھ وضاحت کٔرِتھ تہٕ ''ٹیوٚٹھ'' لفظس مرژٕ وانگن ژأشِتھ۔ پزر چھُ یہ زِ ہرگاہ نہٕ عام دوہ ہدٕہچہِ زبأنی منز ورتاونہٕ یِنہٕ واجنبن یِژھن علامژن، اشارن امہِ مترأ دِف آیہِ وکھنے سپدِتھ، ہیکہِ تِم نشانہٕ تہٕ رمزین بےٚ معنہِ نتہٕ بکواس مانِنہٕ، تِزن گوو أسی ہیکو پننہِ دوہدٕہچہِ عام زندگیہ منز پنُن مطلب محض پنٕنی لفظ دُبارٕ ورتاونہٕ ورأے تہِ بیان کٔرِتھ، عام دوہ دٕہچہِ عام ورتاوچہِ زبأنی منزتہٕ کُنہِ تہِ عقلی استدلأ لی زبأنی منز چھُ بنہٕ وُن زِ اکہِ کھوتہٕ زیادٕ جملہٕ آسن اکوے معنہِ مفہوٗم بیان کران۔

واقعہٕ چھُ یِزِ ''باوتھ'' یا ''بیان'' ورتأوِتھ چھِ أسی پأنی پانے اکہِ چیزٕچ ترجمأنی بیٚیہِ چیزٕ ڈٕسی کران۔ مثلاََ أسی وَنو ''ألِف'' چھُ باوان ''بےٚ'' ألِف چھُ ترجمان بیٚیک یہِ ونن گووزٕ چیز ورتاوس اننٕ: ألف تہٕ بےٚ' تہٕ ستی یمن دون چیزن درمیان تعلق پأدٕ کرن وول رشتہٕ یعنے باوتھ یا بیان۔ امہِ تلہٕ چھُ ننان زِ باوٕ ژہُنڈ تصور چھُ مؤلہٕ تلہٕ دُگونہٕ تہٕ پتہٕ اچھ تعریف چھےٚ دُپاسل۔ ألف چھُ باوان بے۔ اتھ ألفس چھُ بیٚیس تام واتناون وول وسیلہٕ باوتھ بنان۔ وٕں نموٗن بدل اکھ جملہٕ مثلاََ ''یہِ شعر چھُ ہاوان یہِ'' یہِ تہٕ یہِ یہِ وغأرٕ۔ یا یہِ افسانہٕ چھُ ہاوان یہِ، یہِ یہِ وغأرٕ'' ظأہِر چھُ

زِاتھ جملس منز چُھنہٕ اکھ چیز فِکرِ تارنہٕ موکھ بیٚیہِ کُنہِ چیزٕ چ کأم ہنہٕ آمٕژ ۔ بلکہِ چھُ جملہٕ اصل چیز ہیٚ کُن اشارٕ کران یا تمہِ کینٕہ مختلف أنگن عضون نشانہٕ دیٚہہ کران امہِ آیہِ ہرگاہ سنوتیٚلہِ باسہِ زِ تخلیقی ادب پارن منز یا وِنو کُنہِ منظومس افسانس یا ڈرامہس منز تہٕ ''تتھ اندر'' چُھنہٕ کأنہہ معنہِ گُپتھ تھاوان تتھِ پأٹھی یتھٕ پأٹھی زن ژیرِ منز أنٹھ تہٕ آنچہِ منز کھول آسان چھُ ۔ تِیتھ کأنہہ أندریُم معنہِ یتھ بدل کأنہہ بیان عبارت/ باوتھ ہیٚکہِ کرِتھ ۔ بوزو ہے تہٕ یہِ وننہٕ چھُ نامنأسب زِ کُنہِ فن پارُک معنہِ چھُ تمہِ فن پارکہِ (Text) یعنے تمہِ کہِ متنہٕ نِشہِ بیٚون کأنہہ الگ چیز آسان ۔ کأنہہ تہٕ قأبلِ ذکر فن پارٕ چھُ پانے پنُن معنہِ ، پانے پنُن موضوع آسان ۔ کُنہِ تہٕ تخلیقی ادب پارس منز چُھنہٕ تِیتھ کأنہہ معنہِ مفہوم آسان یُس تمہِ ادب پارکہِ کلہم وجوٗدٕ نِبر تمہِ چہِ چھکیٚرس شکلہٕ صوٗرژ نِشہِ بدل کینٛہہ آسہِ ۔ گۄیہِ نابیٚیہِ سوے کتھ دُبارٕ وننۍ زِ أسی ہکو نہٕ وننہٕ چالہِ وٗنی تھےٚ ۔ (حالانکہِ أسی چھِ وننہٕ باپت اکثر مجبور گژھان ) زِ کأنہہ ادبی تخلیق کمہِ چیزٕ چ ترجمان چھےٚ ۔ کمہِ نوٚکتٕچ ، کمہِ خیالٕچ یا کمہِ فلسفٕچ باوتھ چھےٚ ۔ ''الف'' چھُ باوان ''بے'' ادبی تخلیقن ہندِس ضمنس منز یُتھ کأنہہ فارمولا ورتاوُن چھُ سراسر غلط ، بلکہِ گمراہ کُن ۔ وٗں زن وَنو زِ ادبی تخلیقن ہیٚکہِ بدل اکھ فارمولا براہ یتھ مثلاً وَنوزِ ''أِلف'' چھُ باوان ''أِلف'' یا أِلف چھُ ترجمان أِلی فُک ۔ ظأہر چھُ زِ یہِ چھُ اکھ بے معنہِ فارمولا ۔ تِہ کٔنہ روزِ بہتر یہِ ونُن زِ ''أِلفُک'' معنہِ چُھنہٕ ''أِلف'' بلکہِ ''الف چھُ أِلف ، ۔ أِلی فِہ چھُ الف ۔ اختر محی الدینن اکھ مشہوٗر افسانہٕ چھُ ''دٔری یایہِ ہُند بیٚزار'' ۔ اسہِ ہرگاہ کأنہہ پرٛژھِ زِ امہِ افسانٕک موضوع کیاہ چھُ ۔

أسی کیاہ ہسکوس درجواب وٚنتھ سِوا ے یہِ زِ اتھ افسانس منز چُھ فلأنی فلأنی کردار، فلأنی فلأنی صورتحالس منز فلأنی فلأنی کأم کران تہٕ فلأنی فلأنی کتھ کران۔ تِمے کردار، سُے صورت حال تہٕ تِمے کامہِ کتھِ چھےٚ مہِ افسا نٕک موضوع۔ مطلب یہِ زِ امہِ افسا نٕک موضوع تہٕ معنہِ چُھ بذاتِ خود سُے افسانہٕ تہٕ پرن وول ہیٚکہِ سُہ افسانہٕ پٔری تھٕے تہٕ سٔری تھٕے تمیٚک موضوع تہٕ معنہِ لٔبتھ۔ تخلیقی ادبس متعلق یہِ (Paradox) یعنے یہِ کجر أسی بیان چُھ امہِ ادبٕچ گوڈنٕچ پھیر ہاو خصوصیت۔ مہجور صأبن مشہوٗر شعر چُھ:

لوٗ ۂُش چھٕند ریٚمٕژ مسول ونان چھےٚ واوس

دامانہٕ میون تیٚمی چھوٚل تس زأنہہ قرار آسیا

کأنہہ زن ونہِ امہِ شعرُک موضوع چُھ ''غأبت'' تہٕ غأبٕژ'' ہُنٛد نتیجہِ بےقرأری۔'' مگر أتھی بےٚ تو ژھ مفہوٗمس پٮ۪ٹھ قناعت کرن گوٚو برابرتی زِ گرٕ والٕیو گُر ہاموٗ دُے لوٚٹ ہاروٗ دُے اتھس کنٕتھ۔ پزر چُھ یِی زِ امہِ شعرُک موضوع تہٕ معنہِ ہیٚکہ نہٕ امہِ شعرُک مخصوص ماحول، مخصوص فضا تہٕ مخصوص کردار نظر انداز کٔرِتھ محسوس سپدِتھ تہٕ یہِ سورُے ہیٚکہِ اصل شعر پٔری تھٕے ممکن سپدِتھ۔ تخلیقی ادب چھ پانے یوت ترجمان بنان۔ توے تہِ چُھنہٕ تتھ پزنہٕ پأٹھی ترجمہٕ تہِ ممکن سپدان۔

یہِ گٔیہِ تخلیقی ادبٕچ خود ترجمأنی تہٕ امی ذٔسی چھےٚ امہِ ادبٕچ مزید اکھ پھیرٕ ہاو خصوصیت وۄ پزاو پراوان۔ یعنے یہِ خصوصیت زِ کُنہِ تہٕ، ادب پارُک وجوٗد چُھ انتہأئی مربوٗط، منظّم تہٕ ناقأبلِ تقسیم آسان۔ کُنہِ ادب پارس منز پھا نپھلیمٕژ کأنہہ علامت یا امیج کڈ چون تمہِ ادب پارٕ منزٕ نبر تہٕ کروس الگ پأٹھی وکھنے تہٕ مولون، یا کروس بیٚین

بٔہین ادب پارن منز ورتاونہٕ آمژن ہِیُو قسم علامژن یا امیجن لرِ لوٗ رتھأ وِتھ معنہِ تہٕ مولا نکہٕ ون۔ سُہ گوٚ مولن دروت تہٕ پٔترن سگ۔ سانہِ صوفی شاعری منز چھِ مثالے ''سوٗ دُر'' تہٕ ''ناو'' ہِوی مختلف رمز تہٕ علامژن ورتاونہٕ آمژ۔ ناوٕ کنی چھےٚ یمہٕ علامژ بالکل مشترکہٕ باسان تہٕ بُل ہیکہِ سپدِتھ زِ معنہِ تہِ آسہِ یمن علامژن سارنہٕ منظومن منز ہیوٗ ے۔ حالانکہِ پزر چھُ یِزِ کانٛہہ تہِ علامت یا رمز چھُ پنُن مخصوص معنہِ تہٕ زوٗ زِ تہٕ کُنہِ أکِس یا بٔیِس مخصوص منظومس منز پھانپھلاوان تہٕ سوے علامت یا رمز بیترِ ہرگاہ بٔیِس کُنہِ منظومس منز ورتاونہٕ یِیہِ تمہِ کِس معنے لیس تہٕ طاقتس پٔیہِ پھیرِ۔ للہٕ واکھس منز ورتاونہٕ آمُت سوٗ دُر تہٕ ناو چھےٚ اکھ عالم پیش کران تہٕ سو چھِ کرالن ناو در آب تہٕ ء آب درناو بدل دُنیا۔ کانٛہہ علامت چھےٚ کأنسہِ بٔڈِس شاعرٕ سندِ ذٔسی زندٕ جاوید سپدان یٔیلہِ زن سوے علامت کأنسہ ذٔسی پایہِ لِکھأرِس نشہِ مودرٕ ننان چھےٚ۔ مطلب یِزِ علامت، تشبیہہ، یا رمز یُس تہِ آسہِ سُہ چھُ زنم لبان کُنہِ مخصوص ادب پارس منزٕ ے، تتھی منز چھُ پرٛتھان تہٕ پننہِ آسنُک باس دِوان۔ امیُک مطلب گوٚو زِ تخلیقی ادب ناقابلِ تقسیم آسنچ یہِ خصوصیت تہِ چھےٚ اشارٕ زِ کُنہِ تہِ ادب پارُک موضوع یا معنہِ چھُ فی نفسہٖ تہٕ ممتاز ادب پارٕ، تمہِ نبر نہٕ کینٛہہ، تمہِ ورأے نہ کانٛہہ۔

ادیب یٔیلہِ زبأنی ذٔسی تخلیق سپدِ مُت پنُن ادب پارٕ بازرتراون چھُ، سُہ چھُ پأنی پانے تمہِ کھوٚ یہِ ذٔلِ زِ تہِ مأ لکانہٕ حقوقو نِشہِ دستبردار سپدان۔ تِہندِس ادب پارس کیاہ چھُ معنہِ، سُہ کیاہ چھُ باوان تہٕ تتھ کم تعبیر ہیکن سپدِتھ، أدیبس چھُنہٕ تہِ مقرر کرنُک کانٛہہ تِیُتھ خصوصی حق حأصل روزان یٔیمہِ سببہٕ بس تسُندُے یوت

معنہٕ وأحِد معنہٕ تہٕ تسُنٛد ے یوت تعبیر کُن معتبر تعبیر مانن لابدی بنہٕ ہے۔ بازر
ترأوِتھ چُھ أدیب تہٕ پننہٕ ادب پارُک تیُتھے اکھ قأری بنان یُتھ لتس ورأے بیٚیہٕ
کأنہہ نفر بُنتھ ہکہٕ۔ ادب پارٕکس معنے لیس یاونوتمہٕ چہٕ باوٕژنسبت چُھنہٕ أدیبس تہٕ
نہ تسِندِس أکس یابیٚیِس پرن وألِس کأنہہ امتیأزی اختیار حأصل روزان۔ شعرٕ چ
لِسأنی صورت لیس یوٚت واتنا وِتہٕ توٚت۔ پرٛتھ کأنہہ ہیٚکہٕ ادب پارٕچ لِسأنی
صورت نظرِ تل تھأوِتھ پننِس واتنیارس دِفاع کٔرِتھ۔ حتمی فأصلہٕ نہ چُھ پانہٕ
أدیب روزان تہٕ نہ تسُنٛد کأنہہ خاص پرن وول۔ بلکہٕ چُھ حتمی فأصلہٕ بجایہٕ خود
ادب پارے بنان۔ ہرگاہ کأنہہ أدیب پننِس کُنہٕ ادب پارس منز پننہٕ آیہٕ کأنہہ
خاص معنہٕ، کأنہہ خاص تعبیر کرِ، ضروری چُھنہٕ باقے پرن وألی تہٕ کرن سُے معنہٕ
سُے تعبیر قبول۔ ممکن چُھ کأنہہ قأری کرِ أدیبہٕ سندِس معنے لیس ستی اختلاف، سُہ
اختلاف ہکو نہٕ یہٕ وٕنتھ رد کٔرِتھ زِ أدیبس اوسُے نہٕ سُہ معنہٕ مقصود یُس لوٗکھ تتھ کڈان
چھِ۔ یہٕ چُھ ناممکن زِ مثلاً کأنسہِ صوفی شأعرس آسہِ ہے ونہٕ نُک مقصد ''اثبات'' مگر شعرس
وو پدٕ بس تعبیر ''نفی''، ''صوفی'' شأعریہٕ نیرِ ''مجأزی'' معنہٕ تہٕ ''مجأزی'' شأعری ننہٕ
''اسرأری'' شأعری۔ پزر چُھ یہٕ پرن وول چُھ مشترکہٕ زبأنی منزلیٚکھنہٕ آمُت کأنہہ
فن پارٕ پران تہٕ تتھ پننہٕ مخصوص گوشہٕ پیٹھٕ تہٕ زأوِی یہٕ کِنہ وُچھان۔ واقعہٕ چُھ یہٕ پرن
وألی سنز پرنَیہ ورأے چُھنہٕ فن پارٕ صحیح پأٹھی وجوٗدس یوأنی۔ یہٕ ساز چُھ تیٚلی وزان
ییٚلہِ اتھ کأنہہ نم دِیہٕ تہٕ چوٗنکہٕ پرٛتھ کأنسہِ پرن وألی سنز نظر تہٕ وُچھن زأوِی یہٕ چھِ
تسِندِس مخصوص دورس تہٕ دأیرِس منز پرٛ یتھیمتی آسان تو کِنہ چُھ ادب پارس معنہٕ تہٕ

تعبیر کرنٕکۍ درواز پرٛتھ اُکۍ ہِندِ باپتھ وُتھی روزان ۔ چنانچہٕ اُکۍ ہیٚ دورس منز روزن وألۍ مختلف قأری ہیٚکن اُکۍ ہیٚ فن پارس مختلف گوشوٕ چھِتھ تہٕ مولوتھ مولانکوتھ ۔ روٗ دۍ مختلف دورن ہنٛدۍ تعلق تھاون وألۍ قأری تہٕ ہنزِ پرنہٕ تہٕ مولانکوٕ ہٕندۍ زأوۍ ییٚ ہیٚکن زیادے مختلف آسِتھ ۔ گویا کأنہہ تہٕ حساس ، زبان شناس ، ثقافتی ، وأقف تہٕ رِوایت آگاہ قأری ہیٚکہ ادب پارٕ چہٕ معنے آفرینیہٕ منز شریک سپدِتھ تہٕ تتھ ادب پارس پٔنٕنۍ پأٹھی وجوٗد دِس اُنتھ تہٕ مولوتھ مولانکہٕ وِتھ ۔ بدل لفظن منز ونو زِ کأنہہ تہٕ ادب پارٕ پرٛی وجوٗد دِس انہٕ باپتھ چھُ اُدیبہٕ ہنٛدۍ پأٹھی قأری سُنٛد رول تہٕ تخلیقی بنان ۔

ادب پارُک متن تہٕ سُہ متن پرن وول ، یِمن دون ییٚلہٕ ملاقات یا تصادم سپدان چھُ تیٚلی چھُ ادب پارُک حُسن تھنہٕ پیوان تہٕ تمیُک مول نان ۔ پرن والین ہنٛدۍ تعبیر ہیٚکن وقتہٕ وقتہٕ مختلف انہار پرأوِتھ ۔ کُنہِ دورس منز بنہِ ادب پارُک اکھ روخ زیادٕ توجہ کیٚر تہٕ بییس دورس منز پھیرِ بدل کُنہ روخس کُن زیادٕ ظون ۔ امہِ تلہٕ ہیٚکو سیٚدۍ پأٹھی ییٚہ نتیجہٕ کٔڈِتھ زِ ادبی تنقیدُک توأریخ ہیٚکہِ نہٕ کُنہ ساعتہٕ روٹہٕ گرٛھتھ ۔ ییٚہ وٕتھ روٗ زِ افلاطونس تہٕ ارسطوہس پتہٕ تہٕ پکہٕ وِنۍ تہٕ آینٛدٕ تہٕ روزِ ۔ وُنۍ گو وامہِ وٕتھ ہُنٛد آگر تہٕ اُنتھ ییٚہ ہمیشہٕ ادب پارس منز ورتاونہٕ آمٕژ زبانہٕ مانٛنہٕ ، تہٕ سوے زبان ہیٚکہِ تنقیدی نبر اجس روٗٹ کٔرِتھ ۔

پرٛتھ کأنہہ اُدیب چھُ پننہِ مو یسر واقعہٕ ، مزاژ ، نظرِ تہٕ بترٕ مطأبق اکہِ نتہٕ بیٚیہٕ مشترکہٕ لِسأنی کیٚو ثقافتی لغاتُک فأئض پراوان پراوان دُنیہس تہٕ زندگیہٕ متعلق اکھ

یا بیا کھ تصور قائیم کران تہٕ پتہٕ تمہِ تصوٗرک اکھ یا بیا کھ باس پنٕنہِ مخصوص آیہِ پیش کران ۔ أتھۍ عملہِ دوران چُھ کُنہِ ادب پارُک موضوع تہٕ اسلوب صورت پذیر سپدان ۔ کانٛہہ أدیب چُھ پنُن موضوع تتھٕ پأٹھۍ باوان زِ کتھ چھےٚ پوٗرٕ پأٹھۍ واضح سپدان تہٕ بوزن وأٔلس چُھ کتھِ صرف کن تھاوُن پیوان تہٕ بس ۔ تس چھُنہٕ بوزان بوزان یا پران پران کانٛہہ وضاحت طلب سوال آوٕران ۔ أدیبن چُھ پنُن سورے مافی ضمیر زنتہٕ کُنہِ قالبس منز شیرِتھ پرن وأٔلس پیش کوٚرمُت آسان ۔ پرن وول تراوِ قالبس اتھٕ تہٕ کھییہِ تہِ یہِ تتھ منز آسہِ ۔ نہ گژھس قالبس منز بێیہِ کینٛہہ آسنٕک گمانہٕ تہٕ نہٕ باسہس کھتھ مزید بوچھِ ۔ امہِ قسمہٕ کِس ادبس وَنو وآٔتتھ تہٕ وآٔشرِتھ ادب ۔ نہ چھُس مزید وایُنک ضرورت تہٕ نہ مزید واش کڈنُک ۔ ادبُک چُھ امہِ ورآٔے بیا کھا اکھ قسم ، یعنے سُہ ادب یُس پران پران پرن وأٔلس ذہٕنس منز کم یا زیادٕ سوال ووٚتلن تہٕ پرٛتھ سوال بنہِ ووٚتشاوکھ تہٕ جواب طلب ۔ ظأہر چُھ زِ یوٚ تامتھ نہٕ پرن وول تِمن سوالن جواب موہیا کرِ توٚ تامت باسہِ نہٕ تس سُہ ادب پارٕ پنُن معنہِ مکمل کران ۔ تِتھِس ادبی متنس منز چھےٚ پرن وأٔلس معنہِ حسابہٕ کینٛہہ جایہِ خأٔلی باسان تہٕ تس چُھ تمہِ جایہِ پوٗرنُک ضرورت باسان ۔ یُتھ متنُک معنہِ مکمل سپدان باسہس ۔ امہِ آیہِ تخلیق سپدی ہِتسادبس وِنوٚیلہٕ یاوٚتھ ادب تہٕ واقعہٕ چُھ یِزِ بہلہٕ پایہِ ادب پارن چھِ امی آیہِ دروازٕ یلہٕ تہٕ ڈٔرِ چہِ وٗتھۍ آسان ۔

سونٛچنس لایق کتھ چھےٚ یِزِ امہِ قسمُک ڈٔرِ چہِ وٚتھ ادب پراں پراں یم سوال ووٚتلان چھِ تِمن ہُنٛد جواب کُس ہیٚکہِ پرن وأٔلس ورآٔے فراہم کٔرِتھ؟ یا

ونو ـ یتھ ادبس منز یمہٕ خاٲلی جایہ پٲن باس دِوان چھےٚ تِمن کُس ہیٚکہٕ پوٗ رِتھ ماسوایہٕ قاری؟ للہِ ہُندا کھ مشہوٗ روا کھ چُھ:

نابدی بارس اڑہٕ گنڈ ڈیوٚل گوم        دیٚہہ کاڑ ہوٚل گوم ہیٚکہٕ کہوٗ
گورٕ سُند وُنن راون تیٚول پیٚوم        پہلہٕ روٚس کھیوٚل گوم ہیٚکہٕ کہوٗ

سوال ہیٚکہٕ وُتھتھ زِ نابدی بارٕ تلہٕ کیاہ چُھ مراد؟ ہرگاہ یہ استعارٕ چُھ تہٕ کمیُک؟ راون تیٚول کمیُک؟ پوہل کُس وُنی زِ کھیوٚل کتھ کُری زِ ناو؟ للہِ چھےٚ تِمہٕ باوتھ کُرمژ یوسہ نہٕ معنےٚ آفیرنی لحاظہٕ پوٗرٕ پاٲٹھی خود گنذار چھےٚ، یہ باوتھ کٲرٕی کرٕ پاٲٹھی معنہٕ ساٲوبناونہٕ باپت چُھ مذکوٗرٕ قسمہٕ کیٚن یا تِتھےٚ ہوٚن مختلف وتشاوکھ سوالن جواب فراہم کران۔ للہِ چھنہٕ کتھِ وکھنےٚ کُرمژ، سو چھےٚ قٲریس کرٕنی۔ پتےٚ مین مصرعن چُھنہٕ سیدی پاٲٹھی واٹھ لگان۔ اجن کتھن چھےٚ باوتھ بڑژھ وُنی باسان تکیاز منزٕ منزٕ چھےٚ خاٲلی جایہٕ تراونہٕ آمژ۔ للہِ چھنہٕ پانہٕ تمہٕ جایہ پوٗرٕ رمژ۔ یہ کٲم چھےٚ پرن واٲلس کرٕنی۔ امہِ سارِےٚ مطلب گوو زِ ہرگاہ اتھ واکھس تہٕ یہ واکھ پرن واٲلس پزنہٕ پاٲٹھی ملاقات، یا تصادم سپدِ نہٕ واکھُک تخلیقی طاقت تہٕ مأری منزرتیی نہٕ وجوٗد س۔ خلاصہ یزٕ للہِ ہُنٛد واکھ اگر پننہٕ گُپتھ جوہرٕ کنی معنہٕ سوو مانون تہٕ مگر تمیُک سُہ جوہر (Potential) بد کڈنس، مولوٗنس تہٕ مولانکہٕ ونس منز چُھ قٲری سُنٛد رول انتہاٲئی اہم تہٕ تہٕ بے بدل۔ لل چھےٚ رِوایژ مطابق شیوی وِچارٕ چ اکھ اسرٲری گوٗنماتھ مانہٕ آمژ۔ مگر یہ چُھنا ممکن زِ کانٛسہ اُزی کُس یا آینٛدِ ینہٕ واٲلس کانٛسہِ قٲریس واتنا وِ منقولہٕ واکھُک متن بیٚیہِ کُنہِ کُنہس تہٕ واکھُک سُہ جوہر پزٕ بزلہِ یُس

وُنیکتام ژھیپِر تھےٚ رٕوٚ دمُت چُھ؟

بِہلہٕ پایہِ ادبس چُھ رَوکن نہ تِتھٕ پأٹھۍ تژٕ وپرِتھ تہٕ قلف کٔرِتھ آسان زِ
أندری یم لگہِ نہٕ کأنہہ اندازے تہٕ نہ چھِس تتھ دارِ بر تِتھٕ پأٹھۍ ٹنگہٕ ٹنگی آسان زِ نظر
دِژِس تہٕ سورُے کینٛہہ گوو ہویدا۔ امہِ گاچھِ ادب مأنٛی تون اکھ سوٚن تہٕ وِشال
سوٚ دُریتھ اکہِ کھوتہٕ زیادٕ ناگ وزان آسان چھِ تہٕ مختلف زُوٚن ہنز گنبَز ووتلان
بوڑان آسان چھےٚ۔ سُہ ادب چُھنہٕ أدیبہٕ سندِ آتأئی شعورُکۍ یوت وتہٕ گژھ آسان
بلکہِ تٕسندِ لاشعوری پاتالُک سفیر تہِ۔ تَوے چُھ اتھ منز یہِ امکان ژھایہِ گتی کران
آسان زِ امہِ چھٕن شبدٕ سٔطرن درمیان آسہِ ظأہر اطور باونہٕ آمتہِ معنہِ ہُر یمانہٕ یا تمہِ
نِشہِ مختلف بیٚیہِ تہِ کأنہہ اکھ یا بیا کھ معنہِ أچھ ناٹہٕ کران۔ سنجیدٕ قأری سنز کأم چھےٚ سُہ
در پردٕ معنہِ تہِ بڑٕ کڈِتھ تہِ بولناوُن۔ اتھ ضمنس منز چُھ بنہٕ وُن زِ کأنہہ ادب
مولوان مولوان پیٚیہِ کأنسہِ قأریس سُہ ادب پارٕ تخلیق کرن وألِس مخصوص أدیبہٕ سندی
سۭے بیٚیہِ کُنہِ ادب پارس   وٚون دِیُن یا تٕسندِس تخلیق کٔری ہِتِس سأری سۭے ادبس
سام ہیٚنی، یاتِس بروٚنٛہہ تخلیق سپدُ مُت ادب نظرِ تل اُنن تہٕ تتہِ کأنہہ رہبری پراوِنی،
یاتِس مخصوص أدیبہٕ سنز ذأتی یا اجتمأعی زندگیہ نِشہِ کأنہہ گاش لبُن تہٕ ممکن چُھ سو
رہبری تہٕ سُہ گاش بخشہِ زیرِ مطالعہٕ ادب پارچہِ لِسأنی صوٚرژ کأنہہ زیادٕ معنہِ سووانہار۔
للہِ ہندی چھِ بیٚیہِ کینٛہہ واکھ یم کأفی وُتشاوکھ تہٕ فِکر طلب باسان چھِ:

گوٚرن وۄنُم کُنے وڑُن    نێبرٕ دۄپنم اندر اژُن
سُے گوٚو للہِ مےٚ واکھ تہٕ وژُن    توے ہیۆتُم ننگے نژُن

لل بوٚ ژالیس سوٚمن باغہٕ برس    وُچھم شِوس شَشِتھ میلتھ تہٕ واہ
تُٔتۍ لےٚ اَمس امرہتہٕ سرس    زندے مرس تہٕ مےٚ کرِ کیا

لو لکہِ ووٚکھلہِ وأنج پشم    کوٚکل ژأجم تہٕ روٗزِس رسہٕ
بُزم تہٕ بزٕم پانس ژأشِم    کوٚ زانہٕ توٚ ستۍ مرِ کنہٕ لسہٕ

ئرٔسس نہٕ ساتس پٔرسس نہٕ رُمس    سُہ مَس مےٚ للہِ چوٚ وپنہٕ نُے واکھ
أندریُم گٹُکھ رٔٹھ تہٕ وۄلُم    وٕٹِتھ تہٕ دِتُمس تُٔتۍ چاکھ

حقیقت، أدیب تہٕ قأری۔۔۔یِہٕندِ سمتہِ، کادٕ تہٕ ووٚلساوٕ تخلیق سپدن وول عظیم ادب چُھ انسانہٕ سنزا کھ سٕتھٕ ہے اہم سرگرمی تہٕ آدٕمی لأنِس ستۍ وابستہٕ اکھ توجہ گیر تہٕ وجدآور عمل ثأبت سپدان۔ کأشرِس منز تہ چھِ امہِ پایکۍ تخلیقی کارنامہٕ موجوٗد۔ یُس قأری کأشرِ زبأنۍ ہُنٛد زیادٕ حساس جوہرشناس آسہِ، یَس کأشرِ قومہٕ کِس خأرجی تہٕ دأخلی توأرِیخس پٮ۪ٹھ زیادٕ سٕنۍ نظر آسہِ، یُس کأشرِ ادبہٕ کِس شعرِ یاتس تہٕ جمالیاتس ژۄرِ وأقف آسہِ، یُس کأشرِ قومچہِ کلہم ثقافژ پزنہٕ پأٹھۍ أنزی مٔنزی گوٚمُت آسہِ، تیٚمۍ زندگیہِ ہنٛدِ جدلیاتچ، آدٕمۍ نفسیاتچ تہٕ بشریاتچ زیادٕ کھوٚتہٕ زیادٕ

زان پرٲ وٕمژ آسہِ ،کاشرِس ادبس متعلق باسہِ تسُنٛد ردِعمل زیادے توجہ طلب تہٕ تسنز مولانکہٕ ون زیادے معتبر،یۆ دوے زن ٲوی تہٕ مختلف معنہِ لبنکی امکان آیندٕ تہِ روشن روزن تہٕ ہر ہمشیہِ روشن روزن۔



## زان:

ادب ،ادیب تہٕ ادب پرن وول قٲری چُھ اکھٲ کِس ستۍ لٲزمِ ملزوم ۔ ادبُک بنیٲدی وسیلہٕ چھےٚ زبان تہٕ قٲریس گژھِ تخلیقکارٕسندی پأٹھی زبانٕہٕ ہندٕن مختلف معنوی امکاناتن تام مِمل واتنیار آسُن ۔یہِ کینژھا تخلیقکار تخلیق کران چُھ تتھ چُھ تسندِس ذاتس تہٕ سماجس ستۍ اکھ اژھٕن واٹھ آسان ۔زبان چھےٚ اکہِ قومُک مشترکہٕ میراث تہٕ امی لِسأنی زٲنی ستۍ چُھ قٲری تہِ تخلیقکارٕسنزِ تخیلی آگہی تہٕ تخلیقی جوہرس ستۍ وٲقف گژھان۔

رحمان راہی (1925ء) واز پورِ سرینگر موجودٕ سکونت وٕژارناگ سری نگر۔ راہٓی ین واتناو کأشر شأعری تخلیقی اعتبارٕ عروجس ۔ راہی رٕو دکالجس تہٕ یونیورسٹی سطحس پٔژھ گوڈٕ فارسی تہٕ پتہٕ کأشرِ زبان تہٕ ادب پرناوان ۔ سُہ رٕو دقریباً دٔہن ؤری ین کأشرِ شعبُک سربراہ۔أمی سنز گوڈنچ اہم شعرٕ سۆمبرن چھےٚ ''نوروزِ صبا'' یتھ ساہتیہ اکادمی انعامہٕ تۆر۔''سیاہ رٕوٕد جرٕن منز'' چھےٚ أمی سنز دۆیم اہم شعرٕ سۆمبرن

تہٕ حال حالےٚ آیہٕ اٚہنز ''کٔدلہِ ٹٲٹھِس پیٹھ'' ناوٕ ی بیا کھ شعرِ سۆمبرن بازر۔ امہِ علاوٕ چھےٚ ''کھوٹ''، ''شعر شناسی''، ''کأشر شأعری تہٕ وژ ٕنک صورتحال'' اٚہنز اہم تنقیدی کتابہٕ ۔ راہی چُھ گوڈنیک تہٕ ازتام اٚخری کأشر شأعر یٚمِس ''گیان پیٹھ'' ہیُو عظیم ادبی انعامہٕ عطا کرنہٕ آو۔ سُہ چُھ گوڈنیک پروفیسر آف ایمیریٹس (Emirates) تہٕ ساہتیہ اکادمی ہُند فیلو ۔ امہِ علاوٕ چھُ اٚمِس ملکی تہٕ ریاستی سطحس پیٹھ خبرٕ کتی اعزاز دِنہٕ آمتی ۔

لفظ تہٕ معنی:

وجد: ( گیونس یا موسیقی منز سننہٕ کنی ) مستی، مرز ر، تصوف، حقیقژ ستی میُل گژھنچ کیفیت ۔

مغالطہٕ: بُل، پھیر ۔

نو کتہٕ: زاٚ وٕ ی جار ۔ ( کتھِ ہُند ) زاٚ وِج کتھ ۔

مؤلن دروت پٔترن سگ: بنیاد تراٚ وتھ باقین لہلاو، اپُز ہمدردی ۔

بڑ ژھ ؤنی / بڑ ژھن: شُری سُنْد ماجہِ ہِنْد داد ِژھر ٹہٕ ژھر ٹہٕ کرٕ نی ۔

ٹہنگہٕ ٹینگی: ؤ تھی وانہٕ ۔ یلہٕ

مافی الضمیر: نیت، دِلچ کتھ ۔ غرض، مطلب، مدعا

سوالات:

۱: أدیبس تہٕ تسنٛدِس تخلیقی فن پارس کیاہ چُھ پانہٕ وأنی رشتہٕ

۲: أدیب، ادبتہٕ قأری کتھٕ کٔنی چھ پانہٕ وأنی لأزم ملزوم

۳: زبان چھےٚ ادبُک بنیأدی وسیلہٕ تہٕ عام زبأنی تہٕ تخلیقی زبأنی کیاہ چُھ پانہٕ وأنی ہِشر تہٕ بیٚن

۴: حقیقتس تہٕ ادبس چھا پانہٕ وأنی کأنہہ بنیأدی رشتہٕ

# قرآنیا تُک لالِ بے بہا۔۔۔نُسخہ فتحُ اللہ الکشمیر ی

محمد یوسف ٹینگ

سرینگرِ چہِ کلچرل اکادمی منز چُھ قلمی نُسخن ہُند اکھ بوٚڈ تہٕ بیش بہا گنج موجود۔۔۔
پانژھ ساس تہٕ زیادے۔ اتھ منز چھِ کینٛہہ عربی ،کم زیادٕ سنسکرت ،واریاہ اردو تہٕ
زیادٕ پہن کاشرس منز۔۔۔اتھ منز چھِ واریاہ تِتھی قلمی مخطوطہٕ تہٕ یم دُنیاہس منز کُنی تہٕ
واحِد چھِ تہٕ تِتھی تہٕ یم پننہٕ نوٚ الگ الگ خاصیتو کنٛ تِتھی چھِ زِ یمن چھِ خالِے گنہٕ جایہٕ
جورٕ۔اوے چھِ اتھ گنجینس اکھ عالمی حیثیت حاصل۔امیُک تفصیلی ذکر کرنُک چُھنہٕ یتھ
مقامس پیٹھ ضرورت۔ تِکیازِ یمن ہُند اکھ مکمل تشریحی فہرست۔۔Catalogue۔۔
چُھ دون بڈٕ ین جلدن منز سبٹھاہ وٕ ری بڈٕ ونٛتھ شایع کرنہٕ آمُت ۔وُنی کٕین چُھ امہٕ
شاندار علمی خزانکہٕ نیہٕ نیہٕ کروٗن دُردانہٕ ۔۔۔نسخہ فتح اللہ الکشمیر ی۔متعلق کتھ کرنُک
موقعہٕ یتھ برِ صغیرس منز سارِوے کھوتہٕ زیوٹھ تہٕ بے مثال آسنُک شرف حاصِل چُھ۔
تمہِ علاوٕ چُھ امہِ ستۍ یمہِ بزُرک اعلان تہٕ سپدان زِ یپٔلہِ وُنہٕ یتھ پاک سرزمینس پیٹھ
اسلامکہٕ نوٗرٕ چ ما لہٕ پھولان ہشہٕ آسہٕ تہٕ امیُک صبح صادقک گاش پرگاش پوٚرٕ پھولنے
آسہٕ تمہٕ وِزِ تہٕ اُسۍ یپٔتہٕ تِتھی قرآن شناس موجوٗد یم ربِ کاینات ہنٛز وحی سوزمتہٕ
صحیفُک وِرد کران۔تلاوت کران تہٕ امیُک تدبُر تہٕ تبریک پوٚرِ پأٹھی زانان اُسۍ۔
اکھ تِ اُسۍ اتِ پننہٕ نوٚ قلموٕ ستۍ تحریر کرنُک کال تہٕ تھاوان۔نسخہ فتح اللہ چُھ اُزکہِ مروج
مسیحی سِندِ مطأبِق ۱۲۳۵ منز قرطاس[1] پیٹھ قلم بند کرنہٕ آمُت۔

نسخہ فتح اللہ ہس اندر چھ یہِ تأریخ درج۔ سنہٕ نہٕ گنتی ہندٕ ہن عددن منز بلکہِ عربی عبارتس منز۔۔۔سیٚو دصاف تہٕ ٹاکارٕ پأٹھی لیکھت: یہِ چھُ قرآن مجید چہِ ژودأہمہِ سپارِ سورہ ابراھیم کِس اندس خطاونہٕ آمُت۔ بلکہِ امہِ کِس اندس پٹھ۔ امہِ زمانہٕ اوس کٔشیرِ منز ییٚتیُک پٔن حکمران راجہ سنگرام دیو تخت نشین۔ تِلیاز، کٔشیر أس امہِ وِزِ تہٕ اکھ بیٚون تہٕ آزاد ملک۔ یتھ نہٕ کأنسہِ نیٚبرِ مس حکمرانٕ سندِس پنجس تل دوہ دہن گذارنٕچ ہأل إٔس۔ دِلہِ منز اوس اسلامک (ییٚنہ دراو) موکلیومُت تہٕ قطب الدین ایبکس پتہٕ تٔمی سُنْد لایق غلام سلطان شمس الدین اِلتتمش سندِ شاندار حکومتُک پرٕ ہزلوٗ ندور ختم گٔرِھتھ أس ووٚنی تٔسنز لایق ٹأٹھ تہٕ بہادر کوٗر رضیہ سلطان تختس رونق بخشان۔ فتح اللہ سُنْد ناو چھُ نسخہِ کِس صفہٕ ۲۷ ہِمس ورقس Folio پٹھ لیٚکھِتھ۔ یہِ چھُنہٕ ہندسن یعنے گنتی منز لیٚکھنہٕ آمُت۔ بلکہِ صاف، شوٚدتہٕ واضح عربی لفظن منز ییٚمہِ آیہِ۔ "فی سَنتُه ستمایته وخمسِ وثلثینَ علی یدِ فتح اللّٰه الکشمیری۔

ترجمہ: سن ۱۲۳۵ ءیس منز آو فتح اللہ الکشمیری سندِ اتھٕ لیٚکھنہٕ۔ ننہِ وانہٕ چھُ یہِ ہجری سنہٕ، یہِ سنہٕ اوس امہِ حسابہٕ کشیر ووتمُت بلکہِ آسہٕ ہن ییٚتِکی مسلمان یہِ ورتاوس منز تہٕ انان امہِ بروٗنٹھہ أسی کأشرِ ییٚتہِ کلجگی تقویمک استعمال کران۔ یُس امہِ وِزِ تقریباً ڈاے ساس وٗری پتھ تام واتان اوس خبر غیر مسلم ما آسہٕ ہن بکرمی سنہٕ تہِ

ا: قرطاس چھُ چینی زبأنی ہُنْد لفظ تہٕ معنی چھُس کاغذ۔ کاغذ کوٚر مسیحی سنہٕ چہِ گوڈنچہِ صدی منز چین وا لوٕ ے اختراخ۔ قرآن مجید ہیوٚتُن حضور سرورکائناتن ؐ پٹھ ۶۱۰ ءپٹھٕ جبرائیل امینؑ سندِ معرفتہٕ نازل سپدُن۔ توٚتام اوس کاغذُک چینی لفظ "قرطاس" چینہٕ پٹھٕ عرب ووتمُت باسان چھ چینس ستی آسہِ ہے قرطاس لفظ تہِ عرب ووتمُت اتھ کوٚر پرور دگارن قرآن مجیدس منز باوٕنک شرف تہِ عطا تہٕ چھُ اتھ مقدس کتابہِ منز موجوٗد۔

ورتاوان۔ یُس ہندوستان کُس أ کُس بادشاہ بکر ماجیت تس ستۍ منسوب اوس (ازکل چھُ امیُک ۲۰۷۳ سنہٕ چلان)۔ بہر حال ہجری سنہٕ ۶۳۵ ہُک مسیحی برابر چھُ ۱۲۳۷ بنان۔ کٲشرِ منز چھِ اسلامُک عام توٲریخو مطابق رسمی آوان ۱۳۲۰ء مانِنہٕ یوان۔ ییٚلہِ بلبل لنکر تشریف تھاوتھ ترک درویش شرف الدین عبدالرحمان بلبلؒ صابنس اتھن تھپھ کٔرتھ تمہِ وقتکۍ لدأخ الاصل کأشری حکمران رِنگ چن (رنچن چھُ امیُک کأشُر) شاہن کلمہٕ توحید پٔر، مسلمان بنیو وتہٕ سلطان صدرالدین سُنٛد لقب کوٚرُن اختیار۔ تسنز قبر چھِ ازتہٕ اتھ علاقس منز موجود تہٕ تسنز بناوٕمژ مشید یوس ووٚنی نوِ رنگہٕ ڈنگہٕ تعمیر کرنہٕ آمژ چھےٚ، چھِ وُنہِ تہِندی ہے ناوس ستۍ منسوب۔ رنچن شاہن اسلام قبول کرُن تہٕ چھُ اکھ فسانہ عجائب۔ دپان لداخہٕ پیٹھ آمُت یہِ شخص اوس بودھ۔ کٲشرِ واتتھ ییٚلہِ تمۍ تمہِ وقتہٕ کُس راجس شکست دِیُت۔ سُہ اوس یژھتہٕ کٔنہ اکثریتی بسکینن ہُنٛد دھرم قبول کرن یژھان یم یژکۍ غیر مسلم حضرات اٗسی تمہِ وِزِ سأری برہمن یہِ زن از تہٕ سأنی بٹہٕ بأے دعویٰ کران چھِ۔۔۔ سُہ ییٚلہِ تمن ہِند بن گورن نشہِ گووتہٕ تمن بودن پٔژن ووٚنڈ۔ تمو ووٚنُس تراہہ تراہہ پران زِ یہِ ہیٚکہٕ سپدتھ تِکیازِ برہمن چھِ ماجہِ ہند ے شکمہٕ منزٕ برہمن ژٔنتھ نیران۔ کانہہ ووپرژو پرہیکہٕ نہٕ اتھ پرتھ تیتھس منز شریک گژھتھ۔ رنچن بجور گو و مجبور حضرت بلبل شاہؒ سندِس دامانس تھپھ کرنس تہٕ امی اندازٕ گو وکٲشرِ منز اسلامُک صبح صادق طلوع۔ پتہٕ ییٚلہِ کنُہہ وٕہری کٲشرِ ہُنٛد مشہوٗر شاہمیری خاندانکۍ بأنی کار سلطان شمس الدین شہمیرن راج پاٹھ سنبول۔ تمۍ کوٚر سلطان صدرالدین سنزِ تخت نشینی بنیاد بناوِتھ سون کوٗشُر سنہٕ شروع۔ یہِ چھُ سون گرٕ کٔلی تہٕ موغل وقتس

تام اوس کٲشِرِ منز امہِ کُے چلے جاو۔ پتہٕ گوویہِ ووہ پرسنن ہندِس دباوس تل ژھوکان ژھوکان مگر مہجور صأب اوس ۱۹۴۰ء منز گوڈنکِس کأشر اخبار ''گاش'' یُس تموٕ ے شروع کۄر، منز امیُک استعمال کران۔ اچھ پأری زان تھاون وألی حضرات چھِ از تہِ کٲشِرِ منز موجوٗد، اکھٕتے گرٲسی تہِ چھِ یہِ ورتاوان۔

نسخہ فتح اللہ الکشمیری لیٚکھنُک سنہٕ چھُ امہِ مطأبِق ۸۳وٕ ری برٛونٹھ بنان یٮ۪لہِ نہٕ وُنہِ پیٚتہِ مسلمانن ہندِ اختیار تہٕ اقتدارُک کانٛہہ پے پتاہ چھُنہٕ یِوان بہرحال امہِ کہِ دٕستیاب سپدنہٕ سٟتی چھُ کٲشِرِ منز اسلأمی ثقافتہٕ تہٕ تمدٕنک راد ۱۲۳۵ اپتھ تہِ زیٹھان۔ تِکیا زِ یٮ۪مہِ آیہِ، اندازِ انمانہٕ تہٕ اسلوبہٕ یہِ نسخٕہ پاک چھُ لیٚکھنہٕ آمُت۔ سُہ چھُ زورٕ زورٕ باوتھ کران زِ کٲشِرِ منز آسہِ مسلمانن واریاہ واریاہ کال عربی رسم الخط لیٚکھنس، ہیٚچھنس بیترِ لۄگمُت۔ تہٕ سُہ تہِ امہِ اُستأدی سان تحریر کرنس لۄگمُت تہٕ یہِ چھُ توے مسیحی سنہٕ کِس گوڈنکِس ڈٕہلِس تام واتان۔ یہِ کتھ چھِ معاملس زیادے تعجب انگیز بناوان زِ اتھ نسخہِ مبارکس منز چھِ عربی ''ص'' دِس بوٛنہٕ کنہِ فارسی پأٹھی تہِ قرآن مجید کین آیاتن ہُنٛد فارسی ترجمہٕ درج کرنہٕ آمُت۔۔۔۔ وُنیکتام کہماننہٕ زاننہٕ مطأبِق چھُ حضرت شیخ سعدی شیرازین قرآن مجیدُک مفہوم عربی پیٹھہٕ فارسی لیس منز تہِ ترجمہٕ کۄرمُت۔ مے نیوٗ نسخہ فتح اللہ کٲشِرِ نبر پانس سٟتی تہٕ تتہِ کرنووم مسلمہ قرآن شناسن ہندِ ذریعہٕ اتھ شیخ سعدیؒ ہندِس ترجمس سٟتی موازنہٕ اتہٕ ننیو ویہ ترجمہٕ چھُ سعدی صأبنہِ ترجمہٕ نِشہِ الگ تہٕ بدٕون تہٕ کُنہِ کُنہِ زیادے زبر۔ یٮ۪لہِ نہٕ وُنہِ کٲشِرِ منز مسلمانن ہنز کانٛہہ حکومت آس تہٕ نہ آسی نٔنی پأٹھی عربی فارسیک ہیٚچھناونکی تہٕ پرناونکی وسیلہٕ تہٕ کأنسہِ

کأشِرِ ی ہِندِ امہِ آیہِ فارسیس منز قرآن مجید پھِرُن أس نہٕ کأنہہ ڈَٹھ کتھا۔ یہِ مہارت تہٕ عبور حأصل کرنس آسہِ ہے بیٚیتہٕ کٔبن اقلیتی مسلمانن ہتہٕ بوٚ دٔ ری تہٕ واریاہ محنت تہٕ ریاضت لٔجمٕژ۔ تہٕ یہِ کتھ نظرِ تل تھأوِتھ چُھنہٕ یہِ اندازٕ کرُن مشکل زِ اسلامُک آگُر آسہِ ہے امہِ بروٚنہہ ہتہٕ ؤدٕ ی ؤ ری بیٚیتہٕ گرایہِ مارنہِ لوٚگمُت۔ بہٕ چُھس بیٚیہِ یہِ کتھ درراوِنۍ یژھان زِ فتح اللہ صأبن چھِ ترقیمی اعدادن منز درج کوٚرمُت بلکہِ واضح صاف تہٕ سیٚو دعربی حرفن منز تحریر کوٚرمُت۔ یُتھ نہٕ کأنہہ امکأنی اشکال روزِ۔۔۔ خبر ازٕ چھِن یونیورسٹی ہِندۍن وقتن منز بیٚیہِ آسیا کأنسہِ عبارٕژ منز عربی اعداد لیکھنۍ تگان یا فکرِ تران۔ یُتھے یہِ مضمون اکادمی ہِندِس ووٚنۍ وأنسٹھ رسالہٕ ''شیرازٕ'' ہس منز ہیٚوت أمۍ آلون تہٕ پوٚت آلون گرہٕ تلن۔۔۔ دور درشن کہِ قومی چینٕلہِ پٔٹھ آیہِ یہِ خبر ٹیلی کاسٹ کرنہٕ تہٕ امہِ نسخہٕ کٔبن کینژن ورقن ہُنٛد عکس آو درشاونہٕ۔ مےٚ لیٚو کھ نوِ دلہِ تہٕ کلکتہ پٔٹھٕ شایع گژھن والٮن تمہِ زمانہٕ کِس معتبر اخبار ''The Statesman'' منز اکھ نوٹس نما خط یُس امہِ کِس کاہ دسمبر ۱۹۸۵ء کِس شمارس منز نمایاں پأٹھی چھپیو و۔ امہِ کہِ انگریزی عبارتُک کأشُر ترجمہٕ چھِ یتھ جایہِ درج کرنہٕ یِوان۔

''جموں وکشمیر کلچرل اکادمی چُھ قرآن مجیدُک اکھ تِیُتھ قدیم نُسخہٕ لوٚبمُت، یُس ۶۳۵ ھ مطابق ۱۲۳۷ ہس منز قلم بند کرنہٕ آمُت چُھ۔ تہٕ تمہ، وقتہٕ کُس مروجہٕ خط بہارس منز۔ یوٚ تام ساہن معلوماتن ہُنٛد تعلق چُھ۔ یہِ چُھ تا حال برصغیرس منز اتھِ آمُت فرقان مقدسُک سارِوے کھوتہٕ آدن نمونہٕ تہٕ بیٚیہِ چُھس بیا کھ شرف یہِ زِ یہِ چُھ أ کھ کأشِر تتھ زمانس منز تحریر کوٚرمُت ییٚلہِ وُنہِ کٔشیر منز غیر مسلمن ہنز سرکار

أس۔۔۔أسی سپد وواریاہ ممنون تہٕ مشکور ہرگاہ کأنہہ صاحب کُنہِ تِتھِ قرآنی قلمی نسخُک پے دِیہِ یُس امہِ بروٚنہہ آسہِ سأری ہے ہندوستانس منز لیٖکھنہٕ آمُت۔ اکھتُے ہے۔یُتھ ہیوٚ نُسخہٕ کہِ موجوٗد اقامت گاہُک ایڈرس تہِ درج کرِ۔یُتھ أسی پانہٕ تتھ نظرِ دِتھ پانس تسلی کرِ ہو۔''

امہِ پتہٕ اوس مےٚ پننہِ سرکأری ایڈرسُک مکمل تفصیل دِیُتمُت۔مگر سُہ دوہ تہٕ یہِ دوہ کأنسہِ پھوٚرنہٕ دِدِتہِ۔البتہٕ ووٚتھ مےٚ وأنجہِ ترُ ییٚلہَ کتھِ ہُنٛد مستند جواب دِنہٕ بجایہِ میأنس نیٚتِس پیٹھ حملہِ کرنہٕ آو۔مثلاًأکی موصوفن لیٚوکھ زِ کلچرل اکادمی چھِ زأنِتھ مأنِتھ کٲشیرِ ہِندِس بانی مسلمان حضرت میر سید علی ہمدانیؒ ہِندِ کٲشیرِ منز کمالات تہٕ کٲشیرِ منز اسلام پھہلاوِنکس تِہندِس احسانس گوٚٹ کرُن یاتٕٲنۍ راوُن یژھان۔استغفراللہ العظیم۔اسلام کِہٕن عظیم کارنامن نظر دِتھ چھِ پانے ننان زِیہِ چھِ ہانژھ تہٕ اتھ چھنہٕ عالمی طریقن تہٕ طرحن ستۍ کأنہہ واٹھ،حدیثِ نبویؐ چھُ علم چھُ سُہ لال یُس لبنہٕ خأطرِ مومنس پزِتھ کأنہہ تِچھِ بچھِ گژھِ کرُن تہٕ تس ہے چین گژھِتھ علم ژھارُن پیٚیہِ تتھ تہِ گژھِنہٕ درنگی کرن۔یہِ کتھ گژھِ یادتھاوِنۍ زِ تمن دوہن ہِندِس عالمس منز اوس چین سارِوے کھوتہٕ دوٗر دراز ملک تہٕ تور گژھن کریٖتھِ کھوتہٕ کریوٚٹھ سفر آسان۔الطاف حسین حالی صأبن چھُ حضورنؐ ہُنٛد یہِ قول یِتھٕ کٕنۍ اردوہس منز بیان کوٚرمُت:

کہ حکمت کو اِک گُم شُدہ لال سمجھو

جہاں پاؤ اپنا اِسے مال سمجھو

پانٕہٕ امیر کبیرنؒ ییٚمہِ آیہِ تتھ مشکل وقتس منز ختلانٕہ پتٕھ کٲشیرِ ہُنٛد زیوٚٹھ تہٕ کریوٚٹھ سفر کٔرِتھ۔ ییٚتہِ اسلامکِس شمعس للہٕ کھولہٕ کٔرِتھ تابٲنی تہٕ درخشٲنی بخش۔ تتھ سوال کرُن (دردٕہنم خاک) یا دول دیون چُھ تیُتھ گناہِ کبیرٕ یُس کانٛہہ مرتدٕ ے ہیٚکہِ کٔرِتھ۔ توبہ۔ توبہ۔ مگر ییٚلہِ کانٛہہ نورٕ پزٕ رشولہِ تتھ بروٚنٛہہ کنہٕ أچھن تھوٚپ دِیُن چُھا سلامچہِ علم نوازی تہٕ پانٕہٕ حضرت امیرنؒ ہٕندٕ ن علمی کارنامن بُتھ پھِرُن۔

یتھ جایہِ چھِ زبر باسان زِ تمن کینٛژن اعتراضن ہُنٛد ییٚہِ وٚتھی پوٚٹھی پأٹھی جواب دِنٕہٕ۔ یِم اتھ متعلق کینٛژ ودوستو وتلأ وی تہٕ پیش کٔری۔

ا: تمہِ وِزِ اوس نہٕ کأشرٕن کاغذ بناونُک کسبے تہٕ نہ اوس ییٚتہِ کاغذ بناونہٕ یِوان۔ کٲشیر منز سپٕز کاغذ سأزی سلطان زین العابدین (۱۴۲۰ ـ ۱۴۷۰) سٕندِ وقتہٕ شروع۔ (تمٕوے کوٚر رأزی کَس ڈاون ٹاون سرینگرس منز کاغذگری محلہٕ آباد (از چھُنہٕ تیُتھ ہیوٚ کانٛہہ چیز بنان مگر ناو چُھ موجود) اعتراض کرن والیٚن ہُنٛد وَنُن اوس زِیاتہٕ چُھ مےٚ خاکسارن غلط وٚنمُت۔ نتہٕ آسہِ ہے، فتح اللہٕ سٕندِ نسخُک کاغذ نیٚبرٕ پتٕھ اناونہٕ آمُت۔ اکھتے ما آسہِ ہے یہِ مخطوطے کٲشیرِ نبر کُنہ جایہِ تحریر کرنہٕ آمُت۔

۲: ترقیمہٕ[ا] چُھ قلمی نسخن ہٕندِس أندس پتٕھ لیٚکھنہٕ یِوان۔ فتح اللہ نسخن کیا زِ چھِ یہِ مےٚ منزس لیٚکھتھ؟ تمہِ ورقُک ترقیمہٕ کوٚت گوو؟

ا: ترقیمہٕ چُھ عربی لفظ۔ ییٚلہِ پرأنی کأتب صاحبن کانٛہہ نُسخہٕ لیٚکھٕہن تتھ اوس کنہِ جایہِ تہٕ زیادٕ پٔہن أندس پتٕھ لیٚکھن وألی سُنٛد ناو۔ اکھٕتے لیٚکھن سنٕہ بیترِ تہٕ، م درج یِوان کرنہٕ، تہٕ پانس کیُت مغفرتُک شعر تہٕ تحریر کرنہٕ یِوان۔ اتھ چھ، انگریزی پأٹھی Cocophon ونان۔

۳: فتح اللہ چُھنہٕ کأشُر ناو۔ یہِ آسہِ کأنسہِ فتح اللہ صأبن ایران یا وسطہِ ایشاہس منز لّیو کھمُت تہٕ اعزأزی طورأ بین ناوس ستیٖ الکشمیری ووٹمُت ،

۴: تمہِ وِزِ اوس لّیکھنہٕ وِزِبُرٕ ورتاونہٕ یِوان۔ یہِ کتھ، کیازِ، تہٕ کوٚ آو کاغذس پیٹھ لّیکھنہ؟

۵: فارسی آیہِ امہِ زمانہٕ پتہٕ ہتھ شتھ ؤری کٔشیرِ تہٕ پتہٕ بنأوی سلطان زین العابدینن کٔشیرِ منز سرکأری زبان تہٕ فتح اللہ ہس تِھی یعنی ہندو دورس منز آس یہِ ییٚتہِ ووپر۔ فتح اللہ ہن کتہِ کٔراچ زان حأصل تِکیازِ لّیکھن ترجمہٕ اتھ منز؟

۶: ابوریحان البیرونہن چھِ لّیو کھمُت (۱۰۰۰ء تہٕ اتھأندی پٔکی) زِامہِ کا لہٕ آسی نہٕ کأنسہِ ووپر، خاص طور ہندوستان کِس کأنسہِ باشندس کشیرِ منز اژنے دِوان۔ البتہٕ اوس کأنہ کأنہہ یہوٗدی اندرژنک اجازت ہیکان لٔبتھ۔ تِتھین حالاتن کتہِ تہٕ کیٚتھ آسہٕ ہن مسلمان کٔشیرِ اندر وأتِتھ ہیکان؟

۷: تِمن دوہن آس کأشرِ بٹوٚ علاوٕ مقأمی مسلمان تہِ شاردا خط ہیٚچھان تہٕ ورتاوان، اکھُتے چُھ تمہِ زمانہٕ حضرت شیخ نورالدین ولیؒ سِندی شُرکی تام شاردا ہس منز بیٹان۔ عربی فارسی ہیٚو چھ کأشرِ وار یاہ پتہٕ۔ فتح اللہ گژھِ کأنہہ سندھی، افغان، یا ایرأنی آسُن۔ یہِ کتھ چھِ معنی خیز تہٕ دوٚیمہِ پھِرِ باونس لایق۔ زِیم اصحاب اعتراض زبأنی زبأنی تہٕ بعضے اخبارن بیترِ منز کران روٗدی تِمو گٔرنہٕ سانہِ دعوت اکھُتے شیٚچھ سوزنہٕ با وجوٗد دفتر ییٚتھ اتھ تبرکس دیدار کرنٕچ زحمت۔ یا اتھ وُچھتھ کٔٹھ کڈٕنک تکلیف کرُن گوارٕ۔ ییٚلہِ ۵ دسمبر ۱۹۸۵ء دیہ پاک صحیفہ سرینگرِ کِس

کتاب گھر واقع مولانا آزاد روڈ عام نمأیشہِ باپتھ پیش کش تھوو۔ تمو کوٚ رنہٕ توتہِ اورتشریف انہٕ ٹُک ضرورت محسوس۔ حالانکہِ یہِ اوس اکادمی ہنز بجہِ قرآنی نمأیشہِ ہُنٛد اکھ موٗختہٕ دانہٕ تہٕ اتھ منزٕ أس قرآنیا تٕک واریاہ لال وگوہرتہٕ چمک تراوان۔ کتاب گھر چھِ یہِ ڈٲلِ زِ تہِ شہرِ کس ڈٕکس پیٹھ اور واتُن چُھ سہل تہٕ آسان۔ تِکیا زِ بس اڈٕ ۔۔ اکھ نہٕ زِ چھِس اور یورٕ۔ یِمن سوالن ہُنٛد جواب ہیکہِ تفصیل طلب بٕنتھ مگر بہٕ شوٗٹھ کرٕ ژھوٚٹ موٚٹ پأٹھی کتھن دل دِنٕچ کوٗشش۔

تحقیقس منز چھنہٕ کانٛہہ کتھ آسمأنی پزر آسان۔ یہِ چُھ اکھ مسلسل عمل۔ کُنہِ ساعتہٕ پٔتیُم چُھ غلط نیرأن تہٕ ترأوِتھ ژھنُن پیوان۔ مگر بعضے چھِ کانٛہہ نووٗ ے انہٕ گٹہِ منز گاشُر بنان تہٕ پٔتمِس پھساوان۔ توأریخ چُھنہٕ مورِخ سٕندٮ۪ن ذأتی عقیدن یا من موجی خیالن پتہٕ پتہٕ پکان۔ بلکہِ چھِ لیٚکھن وألِس امہِ چیٚن ہٕچن کٕجن وتن أچھر والوٚ ستیٚ زول دِیُن پیوان تہٕ اِدِ پزرٕ کیٚن گاشس زِ ژن ہُنٛد ہیوٚ راش لبن پیوان۔ اتھ منز چھنہٕ شِشٹھ گی یا ذأتی تعصبن ہنز کانٛہہ گنجأیِش آسان تہٕ یُس یہِ آزماوٕنچ کوٗشش کران چُھ تسُنٛد تحقیقی عمل چھ گرُٹ اکھٕتٕ ٹاٹُر تہٕ بے اعتبار بنان۔ چینس منزٕ آو کاغذ مسیحی تقویم کِس گوڈنِکس شیتِ لِس منز تیار کرنہٕ۔ تِمن سمکھے یہِ مسلمان أٹھمہِ صدی عیسوی منز چینی ترکماتانہٕ کیٚن خیابانن یا بیابانن منز۔ مسلمانو ہیوٚ چھ شاید تٔتھی وقتس منز کاغذ بناونُک کسب تہٕ واتنووکھ یورپ کیٚن کینژن حصن منز مثلاً۔ اندلس ہِو ٮ۪ن علاقن تام۔ ییٚمہِ کتھِ ہنز شہات چھِ موجود زِ کاغذ سأزی ہُنٛد فن اوس اسلامُک رَوکھسنہٕ تہٕ بروٗنہہ چین کیٚن لیٚوٗٹھ علاقن مثلاً

کاشغر،ختن تہٕ یارقند تام ووتمُت ۔ییٚم کٔشیرِ ہِندِ ہمسایہ تہٕ تجارتی کارٕ بأج اُسی ۔
اکھتےٚ اُسی اُز کہِ ملکِ مصرِ کی Egypt لۄکھ امہِ تہٕ برۄنٛہہ کاغذ بناوان ۔کاغذُک
انگریزی ناو Paper چُھ مصرِ کہِ اکہِ نباتأتی پیداوار(Pyperbls) نٔشہٕ درامُت ۔
یُس تتہِ دریاوٕ بٹھٕن پٮ۪ٹھ وُۄنی ووہ پدان اوس تہٕ یتھ کاغذ تیار کرنہٕ اوس یوان ۔
''ولیم ایم لینگر'' چھِ پننہٕ مشہوٗر کتابہٕ''An Encyclopedia of History'' منز
لیٚکھان زِ اندلس(سپین) کِس بادشاہ عبدالرحمان ثالث(۹۱۲۔۹۶۱)ہِندِس دورس
منز اوس تٔمِنٛد دارالخلافہٕ قرطبہ یورپک سارِوے کھوتہٕ بۄڈ تہٕ آباد شہر۔اتھ اُس تمہِ
ساعتہٕ پانٛژھ لچھ آبأدی تہٕ اتہِ اوس کاغذُک تجارت ٹیس پٮ۪ٹھ ۔یتھے ٔکنی چھ،اسہِ
سلطان محمود غزنوی (دوٚیمہِ میسیحی شتکی گوڈنیک وٗری)ہِندِس زمانس منز ابوالقاسم
فردوسی ہِندِ مشہوٗر رزمانہٕ ''شاہ نامہٕ''' کہِ تحریرُک اطلاع میلان یُس کاغذس پٮ۪ٹھے
لیٚکھنہٕ آو۔کیا ییٚہِ اوسنا یہٕ وُن زِ امہِ پتہٕ ژ ڈاے ہتھ وٗری آسہِ ہے باپاریو کاغز کٔشیرِ
واتنوومُت؟ تحقیق ند چھ اکہِ سکہِ(Coin) اکہِ مورتی،اکہِ کتبہٕ(Inscription) کہِ
حصولیٲبی پتہٕ ژھال مأرِتھ برۄنٛہہ پکان تہٕ نوٚن کتھن ہُنٛد نیب دِوان۔اسہِ چُھ پتہٕ
ژھٔتس زِ سأئنٛ عظیم فاتح للتادت ملتا پیڈن(۷۲۰۔۷۵۷ء)اوس چینس اپور
منگولیا تام زیٚوٗنمُت ۔تٔمی اُسی کلہن پنڈتہٕ ہِنزِ کتھ فتح یاب ملکو منٛزٕ داہ درداہ کأسب
فنکار حرفت زانٕن وألی ۔گوٚن وألی تہٕ فنکارا کھتےٚ نۄوی کُلی کٔڈ تام پننہٕ ماجہِ کٔشیرِ گُلی میوٚٹھ
کرنہٕ خأطرِ پانس ستی یور أنی مٕتی ۔لہٰذا ییٚہِ کیازِ چُھنہٕ ممکن زِ کاغذ تہٕ کاغذ سازتہٕ
آسہِ ہن تِمس لونچہِ تِھچھ کٔرِتھ یور وأتی مٕتی؟ اتھ معاملس منز کیازِ چھ،وِزِ وِزِ تلأنی

کرنہٕ یوان زِ ییٚتیٚک پرٛتھ کٲنہہ کسب تہٕ حرفٕژ پھاپھلیو و بڈٕ شاہ صابٕنس وقتس منزٕ ے۔علامہ اقبالؒ سُنٛد سہ ارشاد چھُ قلمہٕ پیٚتِس پیٹھ یوان یُس تِمو حضرت امیر کبیرؒ سِنٛدِ کٔشیرِ تشریف آوری تہٕ پانس سٟتؠ انمژ ن سوغاتن تہٕ رنگہٕ ڈالنہٕ متعلق فرمووُمت چھُ ''جاوید نامہٕ'' ہِشہِ پننہٕ بجہِ کتابہِ منز چھُ حضرت امیرؒ سِنٛدِ کٔشیرِ منز شان نزولُک بیان کران اعلان کران زِ تِمو آون پانس سٟتؠ تہذیب وتمدُن اکھ بوٚڈ راش

حضرت علامہٕ چھُنہٕ بڈٕ شاہ سُنٛد ناو تہٕ ہیوان۔حضرت امیرؒ آیہ بڈٕ شاہس برونٛہہ قریباً ژتجی ؤری کٔشیرِ تہٕ پتہٕ بۄزی تو کتھ علامہ سندٕنے شاندار لفظن منز۔

خطِ رآں شاہ دریا آستین — داد علم وصنعت وتہذیب ودین

آفرید آں مردِ ایراں صغیر — با ہُنر ہاے غریب و دلپذیر

(ترجمہ:۔یتھ سرزمینس کٔرتِمو تہذیب پرور بزرگن علم،صعت تہٕ دین عطا۔تہٕ عجائب تہٕ دین عطا۔تہٕ عجائب کسبو کاروسٟتؠ بنوٗ ن یہ ژکل لوکٕٹ موکٕٹ ایران )نسخہ فتح اللہ ہس متعلق مورخن ہنز خاموشی پیٹھ تہٕ چھِ کینٛہہ لۄکھٕ ڈ بکہٕ ژ کراوان۔یمن حضراتن چھِ عرض زِ کلہن پنڈتن ہوی آدن تواریخ شناسن چھُنہٕ ''راج ترنگنی'' منز کٔشیرِ منز یؤنانی حکمرانن ہنز کتھے تِمژ تِلیا زِ خبرے آسہِ ہِس نہٕ مگر پتہٕ پہن ییٚلہِ کٔشیرِ منز کینٛہہ یؤنانی ضرب اتھِ آیہ اکھ نوو ے منظرو وتلیو و۔یتھے ٔکنہٕ اَس نہٕ کلہنس سان کانٛسے کٲشر مورخن بُرزہامی بستی ہُنٛد ناو ے ہیوٚتمُت ۔مگر ۱۹۳۵ منز ییٚلہِ Detersa تہٕ Peterson زٕ فرنگی آثار شناس یوروٲتی تہٕ تِمو کوٚڈ بُرزہامہِ گو پھن منز روزن والہٕن ہُنٛد نیب نوٗن۔ کٔشیرِ ہُنٛد تواریخ گو وسٟتھ ساس ؤری تہٕ پتھے تہٕ ساری سے علمی دُنیا ہس زن

کأسکھ اُچھن ژھاپنھ۔

☆ Colophon یا ترقیمہٕ اندس پیٹھ آسن چُھنہٕ کأنہہ حتمی ضأبطہٕ۔ اکادمی کیاہ، یونیورسٹی، ایس پی لائبریری تہٕ باقٕے جاین منزٕ ژھرِتھ ریسرچ لائبریرین منز چھِ کأتیاہ تِتھ نُسخہٕ یمن بعضے منزٕ مُنزی آغازس منزٕ ے ترقیمہٕ درج چُھ۔ طالب آملی سُنٛد مشہوٗر شعر چُھ:

من زِ آغاز و زِ انجام جہاں بے خبریم
اول و آخر ایں کُہنہ کتاب اُفتاد است

(ترجمہٕ: اسہِ چُھنہٕ دنیہکہِ آدن تہٕ اُخرُک کأنہہ پے۔ تِکیا زِ امِکۍ گوڈنِکۍ تہٕ اُخری ورق چھِ رأوی متۍ)

سانٮ۪ن بزرگن اُس امہِ مصرچہِ منطقچ آگأہی تہٕ عرفان تہِ۔ توے اُسۍ تِم کُنہِ کُنہِ احتیاطاً نسخن منز باگ پٕنُن ناو لیکھان تأریخ بیترِ خطأوِتھ تھاوان۔ چیسٹر بیٹی (Chester Beaty) لائبریری چھِ یورپ کیٛو امریکہس منز فن پارن ہُنٛد سارو مے کھوتہٕ بوٚڈ گنجینہٕ۔ تمہِ کِس فہرستس منز چھِ باوتھ کرنہٕ آمٕژ زِ قرآن شریف کٮ۪ن پرانٮ۪ن خطاطن ہُنٛد طریقہٕ اوس زِ تِم ییٚلہِ قرآنُک نسخہٕ یوہے نصفس تام لیٚکھِتھ موکلہن۔ تِم اُسۍ گوڈٕ اتھ شیران سنبالان تہٕ اتھ وارٕ نظر دِتھے ادٕ بروٚنٛہہ پکان تہٕ لیٚکھان۔ یمن وِزِ پیٹھ اُس تِم یمن حصن پٕنُن ناو۔ تأریخ تحریر بیترِ لیٚکھان تہٕ ادٕ بروٚنٛہہِ سپارِ لیٚکھنُک سنز کران۔ افسوس زِ نُسخہ فتح اللہ ہس چھ، ابتداہکۍ کینٛہہ سورے شریف تہٕ پٲتِم کینٛہہ ورق شہید گأمتۍ۔ کیاہ پتاہ یمنٕے ورقن منز ما آسہِ

ہے Colophon خطأوِتھ؟ امہِ ستۍ کتھ چھ ثأبِت گژھان زِ اتھ آسہِ ہے نہٕ اندس پیٹھ ترقیے؟

☆ ونہٕ آو زِ فتح اللہ چھُنہٕ کأشُر مسلمان ناو۔ اما سنا کمہِ حسابہٕ؟ ثناءاللہ چھُ یُتھے ہیؤ ناویہٕ چُھ اولہِ پیٹھہٕ از تام کأشیرِ منز رأیج ۔نصراللہ، عطاءاللہ، رحمت اللہ، حبیب اللہ، اسداللہ چھی امہِ وزٕنکی تہٕ طریقکی ناویم پرانہِ پیٹھہٕ از تام کأشرین مسلمان تعویزن ہندی پأٹھی نألی چھِ ۔۔یہِ وُنن زِ ابتدأئی وٕریٔ ین اوس نہٕ فتح اللہ ناو کأشیرِ منز چلہِ وُن۔ اسہِ نِشہِ چھا کأنہہ ہِی کھا تہٕ یا ناوُن ہُند روز ناچہِ یُیمہِ ستۍ یہِ ثأبِت کرو؟ یہِ اعتراض چھُنہٕ کُنہِ حسابہٕ تہٕ درست۔

☆ بیا کھ کتھ زِ فتح اللہ آسہِ ہے کأنہہ غأر کشمیری۔ تہٕ تٔمی چُھ الکشمیری لقب اعزأزی طور پنہٕ نِس ناوس ستۍ ووٹُمت۔ وطنیت چُھ انسانن ہُند بڈٕ أ ویُل، نازُک تہٕ غأرتہٕ وول جذبہٕ آسان۔ تِمن دوہن یِیلہ، نہٕ وُنہِ کأشیرِ ہِندِ اسلأمی کردارُک کأنہہ چرچے اوس، کیازِ تھاوِ ہے اکھ صاحبِ اعتقاد تہٕ صاحبِ ریاض شخص ہنگہِ منگہِ پنہٕ نِس ناوس ستۍ ''الکشمیری'' لقب ترٛوپ دِتھ۔؟ سانہِ زیٛو نہٕ[1] پھبیومُت شأعر بلہن یِیلہِ کُہمہِ صدی مسیحی منز درو دکن ووت، تتہٕ روٗ دسہٕ پنُن خوبصورت وطن یادکران تہٕ ووٚش تراوان اکھتے پچھنٕ کأشیرِ ہنز پرتیتھ تھکہٕ ناوان اکھ بے مثال سنسکرت نظم یتھ منزن تہٕ ماجہِ کأشیرِ ہِندی ہُری تُلنہٕ آمٕتۍ چھِ۔ حدیث مبارکہٕ موجوب چھ حب وطن ایمانُک اکھ أنگ۔ ووٚنی ہے اتھ ''الکشمیری'' ترکیبہٕ کٔتھ کڈو۔ تیٚلہِ کیاہ وَنوتتھ خطِ ارشادس متعلق۔ یُس ژٕوداہمہِ صدی عیسوی نیران

نیران حضرت میر محمد ہمدانیؒ صأبن سأنِس ریٚشہِ بب حضرت شیخ نورالدین ولیؒ صأبس عطا کور۔ یہِ دستاویز چُھ خوش قسمتی کنِہ ازتہِ سرینگرِ کس خانقاہ معلیٰ ہس منز محفوظ تہٕ موجوٗد۔ اتھ منز چُھ تہُند ناو صاف پأٹھۍ "شیخ نور الدین ریشی الکشمیری" تحریر کٔرِتھ۔ تہٕ امہِ ستۍ چھِ فتح اللہ صأبنس "الکشمیری" لقبس متعلق سورے اشکال أندِ واتان ۔۔۔ میانہِ خیالہِ چھ یہِ "الکشمیری" لقبُک آدن تہٕ سارِوے کھوتہٕ پراچین نمونہٕ ۔ تِتھے کنِہ چھِ زین العابدین سِندِ ن ضربن پیٹھ تہِ "الکشمیری" کنندٕ کٔرِتھ۔ پتہٕ گوو کاشمیری لقب وارِیاہ عام۔

محمد حسین الکشمیری، محمد مراد کشمیری، مُلا طاہر غنی کاشمیری، طالب کشمیری، شاہ زور کاشمیری، شورش کاشمیری، آغا حشر کاشمیری، مکیش کاشمیری، بیترِ بیترِ۔

☆ بیا کھنو کتہٕ چُھ زِ بھوج پتر یعنی برُزِ یُس کشیرِ منز دستیاب اوس کیا زِ آونہٕ یہِ نُسخہِ اقدس لیٚکھنہٕ خأطرِ استعمال کرنہٕ؟ ۔اتھ چُھنہٕ کأنہہ شک زِ تمہِ زمانہٕ اوس لیٚکھنہٕ خأطرِ زیادٕ پہن برُزے ورتاونہٕ یِوان ۔ مگر برُزِ نُسخہٕ آسۍ امہِ پتہٕ ستھ ہتھ ؤری پتہٕ کنُو ہمہِ صدی مسیحی منز تہِ کشیرِ منز لیٚکھنہٕ یِوان ۔ تہٕ ازتہِ چھِ موجود۔ اکھُتے کأشُر محاورٕ "کاغذ برُزِ ہنادِتہٕ" مگر یتہِ چھِ صحیح زِ برزس ستۍ روٗد کاغذس پیٹھ لیٚکھنُک رواج تہِ چلہٕ وُن۔،،،یتھٕ کنِہ ازتہِ پھِرن لاگن وألۍ چھِ جین(Denim) لاگن والیٚن لرِ لوٚر رپکان آسان۔ کأشُر کاغز بنیو وپتہٕ برأنڈ تہِ ہرات پیٹھٕ حیدر آباد تام اوس کأشرِ کاغذ ژھارنہٕ گارنہِ یِوان۔ ازتہِ چُھ برصغیر، وسطِ ایشیاتہٕ مغربی ملکن منز کأشر کاغذٕ کِہن نسخن شوقہٕ سان ژھاران تہٕ پرن وألۍ موجوٗد۔

یہِ کتھ چھِ غور طلب زِ نسخہِ فتح اللہ ہُک کاغذ چُھ زگ ہیؤ تہٕ پننہِ تاثرِ مطابِق برزِ چی ہِش صورت تھاوان۔ ہر گاہے لمہِ کنِہ ورقن اتھ ستی سارُن ہیٚمو یہِ چُھ پھو ہرتہٕ اکہِ ناہمواٚری ہُنٛد احساس وو تلاوان۔ تہٕ پزٕی چھ باسان زِ آسہِ کٔشیرِ منز کاغذ ساٚزی ہِندِ آغازُک یادگار۔

☆ یوٗ تام پاٚٹھمہِ اعتراضُک تعلق چُھ زِ اگر ہے کٔشیرِ منز امہِ وِزِ قرآن شریفچ اصلی زبان عربی ہیٚکہِ ہے پٔھٕتھ۔ فارسی کیازِ ہیٚکہِ ہے نہٕ پٔنُن حال واحوال بیان کٔرِتھ۔ عربی چھِ قرآن شریفچ زبان۔۔ مسلمانن دین وایمانچ ضمانت۔۔ مگر یہِ اُس تمہِ وِزِ اسہِ فارسی کھو تہٕ دورٕ ے پہن۔ فارسی لیس ستی اوس اسہِ واریاہ پرٔ ن رشتہٕ۔ اگر عربی سامی (Semitic) بِسنٛج زبان چھِ، فاسی چھ ہند آریاٚئی کرانٛچ زبان۔ اتھ چُھنہٕ واریاہ سنسکرتس ستی سرود۔ تہٕ اکھتُے کاٗشرس ستی تہٕ یتھ یہِ رگہِ رگہِ منز بٔستھ چُھ۔ اگر کاٗشری عربی ہِشہِ بجہِ مگرالگ خاندانچہِ زباٗنی منز کسب وکمال ہیٚکہٕ ہن کٔرِتھ فارسی اُس اسہِ دوسہِ اپارِ ہمسایہ ملک ایرانچ کستوٗر۔ اسہِ اوس ایرانس ستی سبٹھاہ برونٛہہ پیٹھٕ کاروبارُک تہٕ ینہٕ گرٕھنُک رِشتہٕ تہٕ ہرگاہ کلہن سِنز راج ترنگنی پیٹھ فردوسی سِندِ شاہ نامُک یُس امہِ برونٛہہ تقریباًزٕ ہتھ ؤری لیٚکھنہٕ آو، پرتو آسنٛچ خوشبو چھِ یوان۔ (راج ترنگنی ترکیب زن تہٕ چھِ شاہ نامُک ترجمہٕ ہِش باسان) اگر ابھنو گپت اچاریہِ سِندِس ترکا درشنس (فلاسفی) پیٹھ بوعلی سِندِ اسلاٗمی نظریہ توحیدُک اثر چُھ ژھارنہٕ یِوان۔ تیٚلہِ کیازِ چھِ کاٗشرتہٕ فارسی کہِ لین دینٛچ کتھ ڈالنہٕ یوان۔

☆ یُہ تام زن نسخہ فتح اللہ کہ رسم الخط تہٕ پأراوُک تعلق چُھ۔ یہ چُھ بڈٕ بڈٕ ونان زِ یہِ چُھس تمے زمانٕک پیداوار تہٕ یادگار۔ یمیُک شأہد امیُک Colophon چُھ۔ مولوی محمد ابراہیم مرحوم چھِ لیکھان زِ:

لندنہٕ پیٹھٕ شایع گژھن وألِ رسالہٕ ''اسلامِک رِویو'' ہس منز چھِ لیکھنہٕ آمُت زِ کُہمہِ پیٹھٕ ژودأہمہِ صدی مسیحی تام اوس ایرانٕکس جنوبس تہٕ برصغیرٕکس شمال مغربی حصس منز اکہِ خاص رسم الخطک چلے جاو۔ یتھ 'خطِ بہار' ونان أسی۔ یہِ چُھ خط ثلث تہٕ خطِ نسخُک مُنزِم کوٚرٕ رہیوٗ باسان۔ اتھ منز چھِ عربی لفظ رومن رسم خطکی پأٹھی الگ الگ لیکھنہٕ یِوان۔ تہٕ تمہِ کی پأٹھی چُھکھ منز باگ بین ہیوٗ آسان مےٚ خاکسارس آیہ واریاہ ژھانڈ ژھأرِ دِنہٕ پتہٕ أتھی خطس منز لندنہٕ پیٹھٕ چھپاونہٕ آمٕژ اکھ کتاب اتھِ۔ یہِ چھِ حمید صفاوی سٕنز Islamic Caligraphy تہٕ یہِ چھِ خطِ بہارس منز تہٕ لندنٕکی پبلیشر تھیمز اینڈ ہڈسن پبلیشرن شایع کٔرمٕژ۔ اتھ منز تہٕ چُھ ترتیب کار ونان زِ یہِ خط اوس کُہمہِ صدی پیٹھٕ ژودأہمہِ مسیحی منز شمال مغربی ہندوستانس منز چلان۔ امیُک نمونہٕ چُھ فتح اللہ سٕندِ نسخٕ کہِ رسمِ خطک تصدیق کران۔

پتہٕ آو کلچرل اکادمی ہُند یہِ شاندار تہٕ توأریخ پرور درشا ہوار جلد بندی تہٕ Lamination خأطرٕ لکھنو چہِ معیأری نیشنل لیبارٹی سوزنہٕ یمو اتھ سبٕھے زبر تہٕ پأئدارٕ ژھرن پأراوٕمٕژ چھِ۔

یہِ چھِ کأشرِ وراثٕچ بڑی پأٹھی لالِ بدخشان تہٕ اتھ شوٗبہِ امہِ شان وشوکٕچ

رٲچھ دری تہٕ امانت پروری میسر روزِ نی تہِ سبٹھاہ روزِ نی ۔

مےٚ چھِ کینٛہہ زیرِک حضرات بار بار سوال کران زِ یہِ لال بے بہا کتھٕ ووت اکادمی ہُنٛد تاج بنٕنہِ خاطرٕ ۔ مےٚ چھِ اکوے جواب پھوران تہٕ سُہ تہِ بابا ے اردو ولی دکنی ثم احمد آبادی سٕندِس شعری قالبس منز:

ولی اُس گوہر کان حیا کی کیا کہوں خوبی

میرے گھر میں وہ یوں آوے ہے، جوں سینے میں راز آوے

پسِ نوشت: یتھ مضمونس منز چھِ گنتی ہٕندی عدد رومن حسابہٕ دِنہٕ آمتی تِکیازِ یہے چھِ از سارِنے پرٕ نی تگان ۔ سانٛی اردو تہٕ کاشُر گنتی چھنہٕ وونی کینٛژن لۆکن پرٕ نی لیکھنٕی تگان ۔

زان:

نسخہ فتح اللہ الکشمیری چھُ کٲشِرِ منز قرآن مجیدُک گوڈنیُک دستیاب فارسی ترجمہٕ ۔ یُیمہِ ستی یہِ کتھ ثابت چھےٚ سپدان زِ ژوداہِمہِ صدی برٛونٛٹھے اوس کٲشِرِ منز وارِیاہس حدس تام تھ مسلمانن ہُنٛد اثر و رسوخ قایٖم سپُد مُت تہٕ عربی تہٕ فارسی زبانٛی ہٕندی اوس اسلامی تہذیبکی تہٕ تمدنکی آثار ژُہمہِ تہٕ پٔنٛژہمہِ صدی منزٕ ے متعارِف سپدی متی ۔ یتھٕ کنہٕ چھِ یہِ کتھ عیاں زِ کٲشِرِ ہُنٛد تواریخ چھُ نوِ سرٕ مرتب کرِتھ زانن پرکھاوُن ضروری ۔

محمد یوسف ٹینگ (1935ء ـــ) شوپین اَکس اوسطِ حال گرس منز

۔مختلف شعبن سٟتۍ وابستہٕ روٗزِتھ وٲتۍ آخرس ریاستی کلچرل اکادمی منز واریاہس کالس روٗدۍ امہِ ادارٕ کۍ سربراہ تہٕ آخرس سپدۍ اتی پیٹھٕ سبکدوش۔ کینژن ؤرۍ ین روٗدۍ ریاستی اسمبلی منز اہم اہل سی تہِ۔ ٹینگ صأب چھُ کأشرِ زبأنۍ ہند بو بلند قامت نقادو تہٕ محققو منزٕ گنزرنہٕ یوان۔ کینٛہہ تحقیقی پزرٕنۍ رأوِتھ ترٛ ووٗکھ کشیرِ ہندٕ بن پوشیدٕ گوشن پیٹھ گاش۔ کینٛہہ اہم تنقیدی مقالہٕ لیٚکھِتھ پرٛزناوِکھ تہٕ پرکھاوِکھ کأشرِ زبأنۍ کینٛہہ نٔوۍ گوشہِ۔ ''تلاش، کأشر کتاب بیترِ چھےٚ یہنزٕ اہم تصنیفہٕ۔

لفظ تہٕ معنی:

مخطوط: قلمی نسخہ

تقویم: استادٕ کرُن، ووٚدنہِ کرُن۔

سوالات:

ا: مضمون کہ حوالہٕ لیٚکھیو کٲشیرِ منز مسلمانن ہندِ یٚنُک توأریخی حال احوال۔

۲: نسخہ فتح اللہ الکشمیری کتھ کنۍ تہٕ کیاز چھُ کأشیرِ منز قرآن مجیدُک گوڈنیُک فارسی ترجمہٕ

۳: فارسی تہٕ عربی زبان چھا کأشیرِ منز کُہمہِ تہٕ بُہمہِ صدی منزٕ ے پزنہٕ پأٹھۍ پھاپھلے مژ آسان

۴: محمد یوسف ٹینگ سٕندِس تحقیقی شعورس پیٹھ لیٚکھِو نوٹ

# حاجۍ بابن لۄڑی بُنِن ۔ زان

تحقیقہٕ پتہٕ چُھ ڈاکٹر شمس الدین احمد شۆقہٕ کۆرمُت زِ جیمس جسٹینن مورِیرنِ ناوِکرٕ أکِ انگریزن لیچھی The Adventures Of Haji Baba Of Isphahan ناوٕ چ سفر نامہٕ نما ناول کُنو ہمہِ صدی ہِندِس گوڈنِکِس دٔہلِس (1800 پیٹھٕ 1810 ہس تام) منز۔ تقریباً پنژاہ وٚری پتہٕ کۆر راتھ حاجی شیخ احمد کرمانی ین فارسی ییس منز ترجمہٕ۔ تسنز زبان أس ملکہِ ایرانکہِ مزازٕ مطأبق میٹھ تہٕ مۆدُر تہٕ لُکن ویہ وِنٛی۔ اصلس کُرتمی رژھ کھنڈ شیرِ ژأرتہٕ یُتھ یہِ مشہوٗر گوو زِ یہِ کتاب چھےٚ مۆلہٕ تلہٕ فارسی ییس اندرٕ ےلیکھنہٕ آمٕژ۔ امیُک فارسی چُھ دراصل مۆل انگریزۍ ترجمہٕ أسِتھ تہٕ اصلہٕ کھوتہٕ زیادٕ سوندر۔ امہِ کتابہِ ہُنٛد ادبی مول چُھ تمن محاورن برجستہٕ تہٕ جل فِکرِ ترن واجتنن ضرب المثلن تہٕ وضع دار عبارژن تہٕ رنگہٕ وِتھ لیکھتِس منزیم ترجمہٕ کرن وألی اتھ پانہٕ ہُر رأوۍ ہتی چھِ۔ شمس الدین احمدن کۆر راتھ حاجۍ بابہٕ ناوس تل فارسی پیٹھٕ کأشُر ترجمہٕ۔

جیمس موریرس اوس ازلس سفر کرُن زن تہٕ لیکھ، تھ۔ زاوُتُر کی منز۔ پتہٕ گوو مألس ستۍ قسطنطنیہ۔ تعلیم پرنہِ گوو انگلستان۔ پتہٕ دژ اوا انگلستانہٕ کِس سفیر ہارفوڑ جونس ستۍ بمیہِ سمندری جہازس کیٚتھ بیٚتہِ پیٹھٕ دۆشوے ایران گٔے۔ موریر اوس تمی سکریٹری بنوومُت۔ ایرانہٕ پیٹھٕ گوو ایران کِس سفیر مرزا ابوالحسنس ستۍ لندن۔ اتھ سفرس دوران گوو سُہ تبریز، ارض روم ایشیا یہِ کوچک، کمرناتہٕ قسطنطنیہ تہٕ پتہٕ سمندرچہِ وتہِ لندن۔

امہِ سفرٕ کی حاۘرثات لیٚکھِن پننہِ کتابہِ ''سفرنامے ایران آرمینیا تہٕ ایشیایہِ کوچک'' اندر یوسہٕ ۱۸۱۷ ءیس منز چھپے یہِ ۔لندنہٕ آو سُہ تہران دربارَکس خاص سفیرسُنٛد سیکریٹری مقرر کرنہٕ ۔بیٚیہِ آو ۱۸۱۹ ءیس منز بنوٗوُکھ میکسکو ہس منز کمشنر۔ پینشن گژھِتھ روٗد صرف لیٚکھان۔ ''حاجی بابا آف اصفہان'' کتابہِ اندر دِیُت تٔمی یِیمہِ کتھِ ہُنٛد ثبوٗت زِ تٔمی کوتاہ مشاہدٕ چھُ کوٚرمُت امہِ علاقُک ۔ اتہِ کیٛن رٕسمن رواجن ، عاداتن ، لسنس بسنس کاۘم کارکرنہٕ کِس طریقس چھےٚ تٔمی تِتھے ءکنٕ سام ہیٚژمٕژ ،یِتھٕ ءکنٕ کاۘنہہ تہِ بہلہٕ پایہِ ناول نگار ہیٚتھ ہیٚکہِ ۔تمہِ وقتُک ایران اوس سٮ۪ٹھاہ پتھ تہٕ پسماندٕ ۔

حاجی محمد کرمانی اوس بہایی مذہبُک موتقد۔اصفہانس منز ہیٚوچھ أمی انگریزی تہٕ پتہٕ کوٚرُن موریرسنزِ کتابہِ فارسی ترجمہٕ ۔پانہٕ تہِ لیٚچھن کینٛہہ کتاب مگر مشہوٗر چھُ سُہ امے ترجمہِ کِنی ۔ترجمہِ کرنہٕ وِزِ کٔر أمی اصلہِ کِس اندازِ بیانٕس شیرٕژاۘر تہٕ پننہِ تجربہِ تہٕ مشاہدُک پوٗرٕ فایدٕ تُلن یُتھ زِ یہِ ترجمہٕ چھُ تقریباً تہُنٛد پانے لیٚکھمُت (طبعزاد) باسان۔

شمس الدین احمد گٔے گوڈٕنچہِ لٹہِ ترٛٮ۪ن ؤرٛٮ۪ن ایران تہٕ تمہِ پتہٕ تہِ وارِیاہ لٹہِ تور یُتھ اپرٕ أنٛزِ گیہِ ہُنٛد قریبی مشاہدٕ کرنس موقعہٕ میوٗلُکھ ۔فارسی زبأنٛزِ ہُنٛد یُتھ مطالعہٕ چھُ تِتھے دسرس چھُ یمن کاۘشرِ زبأنٛزِ پیٹھ تہِ ۔یہِ ترجمہٕ نہٕ کُنہِ طبعزاد لیٚکھنہٕ کھوتہٕ کُنہِ رنگہٕ تہِ کم ۔موٗلہٕ زبأنٛزِ ہنز روأنی تہٕ مِچھر چھُ یِتھ ترجمس اندر نفیس پاۘٹھی رٕژھراونہٕ آمٕت ۔

# حأج بابن لۆٚ ڑی بنُن

شمس الدین احمد

ترکمانن ہٕندی قٕدی بنیامِتس اوس مےٚ ووٚنی اکھ ؤری زیادے گوٚمُت تہٕ اَتھ وقتس منزاوسُس بہٕ پننہٕ نِس آغہٕ سُنٛد سِر بوج تہٕ مشورٕ دِنہٕ وول بنیو ومُت ۔پننہٕ نہٕن تہٕ بیٚین سارِنٕے کامہٕن منزاوس مےٚ ستیٚ مشورٕ کران تہٕ مےٚ اوس سبٹھاہ معتبر تہٕ تجربہٕ وول زانان ۔تسنز موچھِ تلہٕ پٔنُن نال موکلاونہٕ موکھٕ وٚون مےٚ تس واریاہ پھِرِ زِلۆٚس آسی تومیٚتہِ پانس ستیٚ نِوان ۔آخرس ییٚلہِ تَس پننہِ جایہِ مےٚ پٔژھ پۆٚرٕ پٔژھ ہیٚتھ ،تمی کۆٚر اقرار یُس شوٕر لدماأدان آسہِ رٕہ ترکمانن منز باگ چھُ مےٚ آسنہٕ تمہٕ چ وتھ ونہِ ،نہ أسہِ وٕتراین تہٕ چڑاین ہنزٕ ے خبر ۔اسمانس تانی تھٔدی کوہ تہٕ بال یم ونہِ یوان آسی تمو نِشہِ تہِ اوسُس بے خبر ۔ تِکیا زِ ییٚلہِ نہٕ مےٚ زانہہ خمو نِشہِ ڈلنگ یُزٕ نٕے اوس تہٕ نہ اوسُم دۆٚرنین منزیُن گرٕ ھنُے لہذا اگرِ تھ اوسُس یہِ زانن ،تھ زِ ہرگاہ یہِ کُنے زۆٚون ژلہِ بیٚین ہٕندی پأٹھی لگہٕ بہٕ نِوسرٕ زالس تہٕ وُنی کہٕن ہےاکُے عذاب چھم پتہٕ گرٕ ھم أکِس عذابس ساس عذاب ۔اوے زون مےٚ نہٕ ژلنُے جان ۔خوٚجس ستیٚ لۆٚس گرٕ چھنس منزاوسُم یہِ مطلب زِ ہرگاہ مےٚ وُنکہٕن ژلنس وار ییہِ تہِ نہٕ اماپوٚ زتوتہِ روزہٕم وَتھ ونہِ یُتھ زن بُتھِ وارتہِ تھے بہٕ دگ تھاوِ تہٕ وتہِ ہُنٛد تیم نہٕ کأنہہ ٹھۆٚر۔

ارسلاٰن سلطانن أنی قبیلکی سأری تجربہٕ وأ لی تہٕ ایرانچہِ یٔڈ تام گرٕ ھِ واتُن ۔

اصفہانس منز گرٕ ھِ شاہی سریہِ منز راتھ ریُیت أ ژ ،تھ تتہِ قرار کرن والین بڈٕ ہن بڈٕ ہن سوداگارن ،تاجرن تہٕ دیارٕ والین ہُنٛد سورُے مال تہٕ جاداد لوٗ ٹہٕ اُنٛن ۔ پانہٕ اوس یہِ ارسلاںؔ سلطان وتہِ نِشہِ تیُتھ خبردار زِ بیٚیہِ کانٛہہ واتہِ ہیس نہٕ وتہٕ ننہِ کڈٕ نس منز پانے اوس وتھ ہاونہٕ موکھہٕ بروٗنہہ بروٗنہہ نیران ۔اما پوٚ زمےٚ ورأ ے اوسُکھ نہٕ راتھ ریُیت اصفہانس منز اژنہٕ موکھہٕ بیٚیہِ کانٛہہ وتہٕ ہاوٗک ۔ اِ موکھہٕ کوٚ رأمِ اصفہانس منز میوٗن وتہٕ ہاوٗک بننہٕ خاطرٕ یِمن ہتی مشورٕ ۔ اڈٕ بو گٔراتھ کتھہِ سخ مخالفت تہٕ ڈٕ و پکھ ''یُس انسان گُنہِ جایہِ مزن پرٛ تھیو ومُت تہٕ پلیو ومُت آسہِ سُہ تِتھی جایہِ لوٗ ٹھ کرنہِ سوزُن چھےٚ نا دأنِل ۔ یہِ ژھنٛز تن اسہِ اچھن میٗژ تہٕ یہِ خوش کرہس تہٕ تہِ گٔرِ تن'' واریاہس کالس مشورٕ گٔرِتھ کوٚ رُکھ چھیکرس فأصلہٕ زِ بے بننہٕ وتہٕ ہاوٗک ۔اما پوٚ ززٕ ژٔنی تھاوِ یم رأچھ زِ ہرگاہ تمن میوٗن کینٛہہ شک گو وتم رٹن مےٚ تِتھے گردن ۔

امہِ فأصلہٕ پتہٕ لٔگی سأری گُرٕ ہن واش کڈٕ نس ، پکہٕ ناوٕنس ٹکہٕ ناونس تہٕ وتہِ ہُنٛد سامانہٕ جمع کرٕ نس کُن ۔ مےٚ دِتُکھ ژأ رِتھ گُراہ اکھ تیمی دوٗ یہِ لٹہِ گٔری دورزنٛمژ أس ۔ کٹہٕ مُسلیچ بڈٕ ٹوٗ پیا دِژٕ م کلس ۔ دالوٗ کوٗ ٹھ لوٗ گم نالی ، پھیکیو کنٛز تژٕ ووٗم تیر کمان الوندتہٕ نیزٕ اکھ اُتھس منزٕ ٹھ گوس بہ تہِ تیرٕ کمانن ہندی پأٹھی سُلے سامانہٕ گٔنڈِتھ تیار ۔ بڈِس أ کِس ٹھیلس منز تھووٗم توٗ برٕ رٕ ز ۔ تہٕ بیٚیہِ گُرٕ گنڈٕ نہٕ موکھہٕ کینٛہہ کیچہٕ ۔ زینس تلہٕ کنہِ تھاونہٕ موکھہٕ تُلم ہُر یمانہٕ نمدٕ اکھ تہِ ہتی ۔ احتیاطہٕ خاطرٕ تجمُم ژوچہٕ پوٗ نشہِ تہٕ سِوتھ ٹھوٗل شےٚ مرٕ تہِ گوژرٕ أ کِس منزژوٗ رِپأٹھی تھاوِتھ ترأ وِم الأ ندی ۔ باقےٚ دوٗ ہن

ہُنٛد کھۄن پُشر ووُم خدایس۔

عثمان آغنہِ پنٛژاہ اشرفی تھاوِم کمر بندس منز چیرِ سُوتھ۔سُہ بچوٗ راوس أچھو کِنۍ خۄن ہأری ہأری غمہٕ ستۍ کرٛنزٕ ے یوت موٚژیوٗمُت ۔ أمۍ دوٕ کھٕ زدن ترٛ وو تۆرُن ووشاتہٕ چھم دپان ’’ہتہ سا ، بہٕ کس پسمہٕ یاد۔ کأنسہِ کتیُک گوو زِ سُہ ہیٚیہٕ میوٗن غم ۔یُس پۆنسہٕ ٹوٗنکاتہٕ مأیلیتھاپ مےٚ گرِ جمع کرٕ مژ أس تہٕ وُچھِتھ آسہِ میوٗن نیٚنٛج پھولان تہٕ اکھ عأشا آسہِ کران۔ زنانہِ آسہِ دوٚپمُت سُہ تہِ موٗد، تمہِ آسہِ نیوٗمُت بیا کھ نیتھر اکرِ تھ تہٕ تٔسی ستۍ آسہِ نألی نال۔مےٚ ہسا پیٚو بب پرٛتھ طرفہٕ تا وٕنے ۔کأنہہ وتھاہ چھم نہٕ بوزنہٕ یوان ۔خأر۔ ووٚنۍ چھُم اکھ عرض یہِ زِ تتہٕ کوٚرُتھ وارِ پتاہ زِ بُخارا چن کٹہٕ بستن ہُنٛد بازر کیُتھ چُھ استبوٗلس منز۔ژٕ تٔس تھأوِتھ أنۍ زِم یہِ شیٚچھ ضرور کرِتھ۔

أمۍ سُنٛد یہِ حال وُچھِتھ وٕ ژٕھم جگرس دگ تہٕ ہیٚیہٕ دپیوم زِ پۆنسہٕ دِمس واپس مگر شرٕحُک حکم نظرِ تل أنتھ تہٕ کینژھا پٔنٛن گاٹہٕ جار تہٕ دورِ نأوِتھ سوٗنٛچُم زِ وُنکِن چُھ پۆنسہٕ میأنس تھس منز۔ ہرگاہ میانہِ ژٕلنٛج کأنہہ وتھاہ دژٕ ایہِ ، پانے نیرِ أمۍ ہنٛدِ خأطرٕ تہِ ییٚمہِ بلایہِ منزٕ آزاد گژھنٛچ وَتھ۔

ستارِ باگٔے وُچھن وألی کوٚڈ ساتھ ییٚلہِ کوٚ ونکھ ستارِ اسہِ پٔتۍ کِنۍ تہٕ رُت ستارِ آسہِ بُتھِ اوس تہٕ امی دوہ دژٕ اے أسی راتھ کیُت گرٛہن پٹھ۔ارسلان سلطان بنیو و پانہٕ سۄن زِیُٹھ تہٕ کُل أسی وُہہ نفریم سأری ناماوارلٕڑن وألی تہٕ تجربہٕ وألی أسی ۔ سارِنے أسی گُری کھسنۍ تہٕ یِم گُری تہِ أسی پکنس ٹکنس کِتی تہٕ جُسوار آسنس منز بڈٕ

أرۍ تہٕ ڈٲرۍ ۔ ژُنہٕ گاشس منز ٲسۍ یم یتھٕ پٲٹھۍ گُرٕن تنبلہٕ تُلناوان زِ زنتہٕ یم لۄٹرن منز تہِ سام تہٕ نریمان ٲسۍ ۔ یتھ رٔژُس بہٕ ۔ اسہِ ٲس خبرٕ ے زِ ٲسۍ کم چھہِ ۔ چۍٹ تہِ نے اوسُکھ تہٕ ٹھگ تہِ اچوسُکھ نہٕ کینٛہہ ۔ کُنہِ کُنہِ وِزِ اوسُس بہٕ تہِ ئلۍ بٔڈۍ بائٕژ تھٔدۍ کھرٕاوٕ ۂرۍ ہاوان تہٕ بہادری منز بڈٕ دخل دِوان ۔ یُتھ تِمن فِکرِ ترِ زِ یہِ ناچھُنہٕ مُژ کہٕ کینٛہہ ۔ مگر أندرۍ کنۍ اوسُس گلان زِ پانہٕ ووٚن گوٚ ژھٔے وقتہٕ وِزِ بیور ڈٲشتھ بِشتہٕ پھورنُے ۔

وتہٕ ہاوُک اوس اسہِ قیچاق بالہٕ داٖمنۍ گنوٕ جنگلو منزۍ تِتھٕ پٲٹھۍ وتھ ہاوان زِ أکِس قدمس تہِ اوسُس نہٕ کھوٕرڈلان ۔ بہٕ اوسُس أمنۍ ہنزِ یہِ چالاکی وُچھِتھ راوان ۔ وتہِ ییٚلہِ بہٕ تِم ہیٚم باکھ تھنٛگۍ تہٕ خوفناکھ وُترایہِ تہٕ چڑایہِ اوسُس وُچھان ۔ مےٚ ہِوس ہیچھرس تہٕ نزٲنس اوس وحشتھ وہہ وستھ گژھان ۔ اماپوٚز گُرٕن ہٕندِس پٹِس پیٹھ ٲس یژھ تہٕ پژھ ۔ لہذا أکِتھ گۍ ٲسۍ کھوژنہٕ ورٲے آرو منزۍ ، نالو منزۍ تہٕ وُڈٕ ری پیٹھۍ پکان تہٕ ٹکان یوٚت تام ٲسۍ عراقٕکس آبہٕ رٔسۍ تِس تہٕ وُجارٕ مأدانس منز وأتۍ ۔ امہِ ساعتہٕ توٚرمےٚ فِکرِ زِ ارسلان سلطانس کأژاہ زان ٲس امہِ علاقچ سارِنٕے بالن ، وُڈرن ، نیَن تہٕ زُوٕن ہندۍ ناو تأنۍ ٲسس ژیتس ۔ کھورن ہٕندۍ نشانہٕ وُچھِتھ پے پتاہ کڈنس منز اوس ووستاد ۔ یتہِ ٲسس خبر زِ یُس اپٲرۍ پوٚکمُت آسہِ ، سُہ کِیُتھ تہٕ کیاہ گژھِ آسُن ، کوٚت چھُس گژھُن ، ژھوٚرُے چھا کِنہٕ مال بیترِ چھُس سٟتۍ ، شخص اوس صرف کھورن ہٕندۍ نشانہٕ وُچھِتھ یہِ سورُے ونان ۔ أمۍ سٕنزِ یہِ نظر تہٕ گاٹہٕ جار وُچھِتھ اوسُس کریمانہٕ کڈان ۔

بُستیوٕ ڈٲلِتھ آسی راتس پکان تہٕ دوٚہس خلوکھ جاین منز بِہِتھ تھک کڈان ۔ آخری بستی منز ییٚتہٕ کینٛہہ ژٕنی ژٕن منز آسی روزان ۔ تُل اسہِ کھٕن چہُنگ کینٛہہ سامانہٕ پانس سٟتی تہٕ ژاے عراق کِس اتھ آنتھ رٕسی تِس دٕ دوَنس منز ۔ یوٚت پیٚل تیوٚت زورٕ دورٕ ناٚوی گرُی تہٕ اکھ ہتھ تہٕ وُہ فرسنگ ژٕ ژُھتھ وٲتی چھیکرس اصفہانس نکھٕ ۔ بہادری ہاوٕنک وقت ووت تہٕ میانہٕ باجوہیٚوت حملہٕ کرٕنک بندوبس کرُن ۔ یِہنِدِ حملُچ تدبیر بوٚ زِتھ پیٚو وشوٚٹھ چھٕنِتھ ۔

یِہنز راے آس یہِ زِ کُنہِ خلوکھ وتہِ کِنی نِمکھ بہٕ یم شہرس منز تہٕ نِصف راٚ ژٕ رِکیُت ییٚلہِ سارٕی شوٚنگِتھ آسن اژو آسی شاہی سَرٕ یہِ منز یوسہٕ امہِ باپارہٕ سٟتی ، روپیوٕ سٟتی تہٕ مالہٕ جاداد سٟتی ٹِپتھ آسہِ ۔ یہِ کینٛژھا نقدی رٕنگی اتھِ ییہِ تہٕ نِمولوٚٹہٕ تہٕ سٟتی ژٕ ھنوکینٛژن جان جان موہنوٚن تہِ تِھچھ یُتھ تِم پوٚلس بوٚ ڑ رقماہ دِتھ پُٹن موکلن اے کرن ۔ شہرِس کریکھ گرٕ ھنہٕ ورآے تہٕ صبح پھولنہٕ بروٚنٹھے یِمو آسی تمی وتہِ پھیرِتھ ییٚمہِ وتہِ گمتی آسی ۔ مےٚ زوٚن یہِ تِیُتھ خطرٕ دار قصہٕ تہٕ ناممکن کتھاہ زِمےٚ ہیوٚت یمن ٹکرُن ۔ مگر اسلان سلطانس گووُبتھ نارٕ تیوٚنگُل ہیوٚ تہٕ اُچھ دڑ ایس ژکھِ سٟتی پھٕٹتھ ۔ اٚتی چُھم دپان ” حاجیا! یوٚ کُن بوز ۔ یہِ چُھنہٕ شُرٕ گِندُن ۔ اٚسی چھِ آمتی ہر ہمیشہِ لِی کران یِہِر ہمیشہِ سپدان روٚ دتی سپدِ ازتہِ ۔ قسم چُھم خدایہِ سُنٛد تہٕ رسولہٕ ؐ سُنٛد ، یہِ بہٕ ونے ہر گاہ تتھ پیٹھ پوٚ کُھنہٕ ، یاد تھاوی زِ چاٚنی چھنہٕ کتھے چاٚنس ماٲلس کڈٕ کاٚڑی موٚلہٕ “ امہِ پتہٕ تھوونس وتھ ہاونہٕ موکھٕ پانس نکھٕ تہٕ سٟتی تھووُن بیٚیس اٚکِس خبیثس زِ ہر گاہ ژےٚ اٚمِس منز کانٛہہ کھوچر یا بدنیتی بوزنہٕ ییہِ تمی وِزِ کڈی

زٕبس ڈٖومب۔ دوٚشوٕ یوکھیوکھ اتھ پٮ۪ٹھ قسمٕ نازتہٕ کوٚڈٕہس بہٕ برٛونٛٹھ برٛونٛٹھ تمو وتو
کٔنہٕ یمن ہنزٕ مےٚ خبرٕ آس، وٲتۍ أسۍ آبٲدی نکھٕ تہٕ ستۍ ستۍ گےٚ ہُم تہِ وتھ ونہِ تھاوان۔
شہرس منزوا تہٕ نس لگہِ ہےوُنہِ پیٛونت کھنڈ تہٕ أکس وُ جاۓ جایہِ تھاوۍ اسہِ پٔنٛنۍ کینٛہہ
گُری پنہٕ نوٕ ے منزٕ أکس زٕ نس حوالہٕ شہرٕ نشہِ پانژھ فرسنگ دوٗر کٔر جایاہ مقرر
پیٚتھن حاجتہٕ وِزِ أسۍ سمکھان کران آسو۔ امہِ پتہٕ درائے أسۍ لوتہِ لوتہِ کریکہٕ نادٕ
ورأے۔ تمہِ ژوتہِ ڈٔلتھ پیٚتہِ رونٛدٕ وٲلۍ روزان چھِ دڑاے لٔبۍ لٔبۍ تہٕ سڑکہِ دٔ ندرو
پٔکۍ پٔکۍ وٲتۍ سریہٕ ہندِس برس پٮ۪ٹھ۔

سریہٕ نشہِ مٲلۍ سُنٛد وان آسنہٕ کٔنۍ آس مےٚ اتھ رٔژھ ہنز خبر۔ سریہٕ ہُنٛد بَر
اوس دِتھ۔ اتھ کوٚرُم کنہِ اکہِ ستۍ ٹُھک ٹُھک تہٕ ڈیڈۍ وانس کوٚرُم آلوٚ "ہے علی محمد! تلہٕ
سا برٛونٛہہ راوقافلہٕ ہسا چھُ آمُت۔" علی محمد چھُم اڑٕ نٮ۪ندرِ رٕبرٕ پٔتۍ کٔنۍ جواب دِوان "کُس
سا قافلہٕ؟ کیٛتھ قافلہٕ" مےٚ دوٚپُس "بغدادُک ہساتہٕ کیٛتھ"! یہِ ووٚ تھ تلہٕ سا
نیرتہٕ "ژےٚ ما چھے وتھ ٹوٹے مژ، یہِ چھُکھ نصف شبس مےٚ خنٛدٕ کرنہِ آمُت!
بغدادُک قافلہٕ ہے یور راتھ ووت، ژٕ کیاہ ونان؟" مےٚ دوٚپ افسوس، ظاہر، گیہِ
وُژھ، مگر کتھ ڈٲجم تہٕ ووٗنمس ہانسا، ژےٚ چھُے نہٕ فِکری تران۔ دوٗپمے ہسا قافلہٕ چھُ
آمُت تہٕ اتھ چھُ بغداد گرٕ ژھن۔ اکھُے چھُکھ اکھُے چھُکھ حُسن ناوۍ دُن نیٚچُو حاج بابہٕ
ستۍ یُس عثمان آغس ستۍ گوٚمُت اوس۔ بہٕ ہسا چھُسے حاج بابہٕ، مأ لس چھُس
آمُت خوش خبر ہیتھ" یتھے ڈیڈۍ وانن یہِ بوٗز تیتھے دِژن کریکھ" اوہو حاج بابا، مبا
رک ہا مبارک! کرٛوٗ آکھ وارٕ کارٕ؟ أمۍ مُژ روو ورس کرٕچ کرٕچ کران تو رتہٕ وارٕ وارٕ

ہێوٚتٕن بُرمُژراوُن ۔یہِ دراواتھس کیتھ ژۄنگ ہێتھ کُرتێنہِ زچہِ أکِس منزٕ نبر ۔ أمی ساتہٕ دِژِکھ أمِس پێنٛد تہٕ اندرأ ژِتھ لگۍ لوٗٹس کٔن ۔ تِتھێن موقعن پێٹھ چُھ ترکمانن دیارٕ والێن ہٕندِ کھوتہٕ دیارٕ تہٕ مال بیترِ تھاوٕنچێن جاین ہُنٛد زیادٕ وۄن آسان ۔ اَوَے اۆن یمو صرف دہن منٹن منز سورُے مال تہٕ نقدی ؤٹِتھ ۔ یێیہِ اوس یہُنٛد غرض کیٛنہہ جان پۄنسہٕ وأٹی رٔٹِتھ انٛنی یُتھ تمن موکلاونہٕ وِزِ جان پأٹھۍ ہارٕ ترٕہنکھ ، تمہِ موکہٕ کٔڑی پۄترٛے نفرژأرِتھ تہٕ جل جل پھِرُک یمن گنڈِ تہٕ گُرہن لٔدِتھ ژٔلی تتھ وُجارٕ جایہِ کُن ۔

پۆت سام

ا۔ترکمانن ہٕندی قِدی بنےٚمِتِس :۔۔۔حأج بابہٕ اوس اصفہا نُک نأوِدا کھ یَس سرایہِ نِشہِ وان آسنہٕ کنٛی واریاہن باپأری مسافرن سمکھنُک موقعہٕ میلان اوس ۔تس درایہِ عثمان آغہٕ ناوٕنفرٕ سِندِ ستی سفرٕ چ کل تہٕ دژ اوتٔسی ستی خراسان کُن ۔ کیٛنہہ دوہہ پکِتھ سپُد یہٕندِس قافلس پێٹھ ترکمانن ہُنٛد حملہٕ ۔عثمان آغہٕ ہێتھ سپُد حأج بابہٕ تہِ قأد ۔مگرنأ وِدکارٕ کنٛی گُرأمی ترکمانن اندر بروٗچ جاے حأصل یُتھ زِ پننہٕ نِس دۄ یمس مہمس نیوٗ ترکمانن ہٕندی زِٹھۍ ارسلان سلطانن پانس ستی ۔

۲۔ارسلان سلطانن أنٛی قبیلکۍ ۔۔۔۔۔بأغی ترکمانن أسی تێلہِ اصفہان، خراسان تہٕ مشہد ہوہن لُستھ بُستھ شہرن منز باغہٕ کێن عمیق وأران تہٕ دٔ دوَن

مأدانن اندر قبیلن اندر روزان تہٕ راتھ رکیُت ژھایہ ژھایہ نیٖرتھ بستی ین لوٗٹھ
کران یا دوٚہلی پکوٚنبن باپأری قأفلن حملہٕ کٔرتھ لوٗ ٹرتھ نوان۔

۱۔ توٗبرٕ: گُرِس دانہٕ کھیاوُنک ٹھیلہٕ۔

۲۔ ستارٕ باگے وُچھن وول: نجومی یا جوتش یُس نیرٕنک ساتھ وُچھان اوس۔

۳۔ قبچاک: ترکستانٕک جنگل۔

۴: فرسنگ: فأصلک اکھ میٖژ۔

۵۔ رستم: شہنامُک مرکزی کردار تہٕ ایرانٕک مشہوٗر پہلوان۔

سوالات:

۱: حأج بابہٕ کیا زِتہٕ کتھٕ کٔز بنیوٚ ولوٗ ٹرٕی۔

۲: ارسلان سلطان رکتھٕ کٔز اوس وتہٕ زانٔس منز مأہر۔

۳: حاجی محمد کرمانی کُس اوس وضاحت کٔرِو۔

۴: ناولکبن تیٚکنیکی اصولن ہنز کٔرِو وضاحت۔

# کلیلہٕ دِمنہٕ

فارسی:ابولامعالی منشی نصراللہ

ترجمہٕ:مرغوب بانہالی

حمد تہٕ ثناء شانہٕ بڑِس خدایس یُسنہٕ قدرتکۍ نشانہٕ پرٛزلوٕنہٕ دوہہ کُس بُتھِس
پیٹھ نپہٕ نپہٕ کران تہٕ یُسنہٕ گاٹہٕ جارُک نوٗر گچھ رأژ ہِندِس وٕچھس منز گاہ ژھٹان چُھ۔
پأریُس بخشنہارس ییٚمی زٕلری زأج ہُنٛد ٹھوٚر گٔنڈِتھ یارن ہِندِس عصمتس رأچھ کر۔
پأریُس جبروٗتہٕ وألِس ییٚمی مُہ ہسنزٕ أردشمنن ہِندِ خأطرٕ قہرٕ شمشیر بنأوۍ۔

تس پوٗنہٕ کاینات بناوٕنس منز وزیراتہٕ مشورٕ دِنہٕ وولاسۍ تھاوُنک یا کأنسہٕ ہِندِ
مدتُک یاستھ دِنٛک حاجتھے۔تنہٕ تہِ کرِن درینٛٹھی ییٚنہٕ وألِس سمسارس منز نوۍن تہٕ
نرٕل چیز پأدٕ۔خداین کٔر انسانن گفتارُک بجرتہٕ گاٹہٕ جارُک تھز رِتھ۔

بیٚین زوٗذأژن پیٹھ سرفرأزی عطاتہٕ یمن وتھ ہاوٕنہٕ تہٕ ہدایت کرنہٕ خأطرٕ
سوٗزِنۍ پیغمبر۔پیغمبرو دِیُت لوٗکن ازأنۍ ہنزِ گٹہِ تہٕ نفسہٕ چہٕ گمرأہی نِشہِ نجات تہٕ روے
زمینس کوٚرُکھ علمکہِ تہٕ عرفانکہٕ نورُک وٚول تہٕ یموأندرٕ پیغمبری منز أخری تہٕ پزِ کُس
نبس پیٹھ روٗتبہٕ رٔنگۍ آدنُک درجہ لبن وول، پزٕ یُک آفتاب، مرسلن ہُنٛد سردار

ا: فارسی کلیلہِ دِمنہ چھنہٕ سانہٕ تمہِ آدنکہِ گاٹہٕ جارُک ترجمے یوت ییٚمی پنچ تنتر کتابہٕ ہنزِ شکلہِ منز دُنیاہ کِن
سارِنۍ قومن ہِندِ خأطرٕ آدنُک ژاٹہٕ ہال کھوٗل۔بلکہِ چھےٚ اتھ ترجمس منز سأنۍ اصل ارزتھ رٔژھرأوِتھ تھاوٕنہٕ
علاوٕ لولہٕ تہٕ قدردأنی رٔنگۍ تم اضافہٕ تہِ شأمل تھاوٕنہٕ آمتۍ یمن عرب قومکہِ تہٕ ایرأنۍ تہذیبکہِ گاٹہٕ جارُک۔۔۔

پرٕہیز گارن ہُنٛد امام، نبی ین منزٕ آخری نبی تہٕ پڑٛ زلوٕنہِ ڈیکہٕ والہِ قومُک زِیٹھ چُھ ابولقاسم حضرت محمدؐ (تس عبداللہؑ سُنٛد جگر گوشہِ یُس عبدالمطلبنؑ نیچُوٗ، ہاشمن زُرتہٕ عزٕبہِکس عبدِ منافن پنٕزُ راوس ) خدایہِ سُنٛد درود آٔسِنۍ تس پیٹھ تہٕ تسِندٕ بن شُرٕبن زُرٕبن پیٹھ یم سأری پاک چھِ ۔خداین ژورسہٕ نبوتس تھٕزِرتہٕ رِسالتس لیٚکھُت دِنہٕ کہِ غرضہٕ تہٕ کوٚرُن ٹاکارٕ معجزو تہٕ ننوٕ کراماتوٕ ستۍ سرفراز۔ تِمۍ کُرٕ پوٚرٕ وبٕڑھناونہٕ کس معاملس منز سبٕٹھے مایہِ تہٕ نرمی سان لوٗکن فہمأیِش ۔آیات پٔرۍ پٔرۍ دِژٕنکھ مثالہٕ۔ یتھ وُچھِتھ بدکارن ہنز دشمنی تہٕ کأفرن ہنز سرکشی نٔژ درایہِ ۔اَتی سپُد گاٹٕلبن تہٕ زانہٕ وٕنبن معلوم زِیم لوٗکھ چھنہٕ گاٹہٕ جارٕکبن ثبوٗتن تہٕ احساس کٕبن معجزن تہِ سنان۔ أتھۍ موقعس پیٹھ سپدۍ جہادٕکۍ آیات نأزِل تہٕ جہادُک فرض آسُن سپُد شریعتہٕ موجوٗب تہِ بیٚیہِ گاٹہٕ جارکہِ طریقتہٕ موجوٗب تہِ ثأبِت۔

امہِ ستۍ ہُرٕ بوٗ شریعتہٕ وأنۍ سِندِ اراُدک دربٕر تہٕ پزٕ رسادن واللبن ہأو ہدایتکۍ رٕژرن سیٚز وَتھ تہٕ رُت توفیق دِتھ پأرأوِن یِہنز حالت ۔یُتھ زن تِم بٕتھۍ پھٕرٕبن ہُنٛد نِیال گالنس کُن لگۍ تہٕ گٔرِکھ یہِ بٕتراتھ تِہندِ شٕرکِکہِ خباثتہٕ نِشہِ پاک تہٕ واتنووکھ دینِ حق دُنیاہکس کوٗنس کوٗنس منز تہٕ پٔزِس دِژٕکھ جاے پننہِ نِس خوٗنس منز۔

حمد حدٕ روٗس حمد تس ذاتہِ پاکس  
حمد بوٗزِتھ ہُران کل بخشِنٕچ لیس  
درودا تس مدنوارس صبح شام  
مدینس منز کران یُس پانہٕ آرام

یژھان ژُھم دِل کرس شوقٕچ سلاما

پرس رٕژرن تہٕ صفتن ہُنٛد کلاما

۔۔۔۔۔۔پنُن آرزواوسُم امہِ کتھِ خأطرٕ مشخص کوٚرمُت زِبہٕ کرلبن یمو عألمو منزٕ کأنہہ اکھاہ۔یُتھ زن مےٚ تس نکھہٕ ینٛگ تہٕ تس نِشہِ فأیدٕ تُلنُک موقعہٕ میلہِ۔یُتھ موقعہٕ اوسُس بہٕ پننہِ خأطرٕ بڈٕ خوش قسمتی نصیبہٕ دأری تہٕ دولت مندی ہُنٛد ساتھ زانان۔ممکن چھُ میأنۍ یہِ کتھ باسہِ کینژن دوستن ہندِس دِلس چاپلوٗسی تہٕ کینژن ہندِس ضمیرس ییہِ اتھ اندر میأنۍ خودستأیی لبنہٕ۔اما پوٚز ییٚلہِ انصاف بُتھ پننہٕ نِس حُسنس حسدٕ کی ڈُٹھری مُژراوِتہٕ سُہ یتھ کتابہِ باغی آمتن کینژن تھدٕ ہٕن علامتن تہٕ ہُنر مند،معجزن پرٛزناو،أتی ننہِ وارِ سننہٕ ستی تس یہِ کتھ زِیوٚت تام علمٕچ تہٕ ادبٕچ فضیلت حأصل کرنس منز تھوٚد حوصلہٕ تہٕ پوٚز جذبہٕ ورتاونہٕ ییہِ نہٕ تہٕ یوٚت تام علم حأصل کرنہٕ کِس تکلیفس یژھِ تہٕ پژھِ سان نکھ دِنہٕ ییہِ نہٕ توٚت تام ہیکِہ نہٕ انسان بٔیِن زوٗ ذأژن پیٹھ شرفٕ بخشن وول کلامہٕ یُتھ روتبہٕ پرأوِتھ۔

تیمی پیٚژ محنت ژأج تِمس تیوٗت تھز رمیوٗل

تھوٚد دیُٚد ژھانڈن وألی کران رأژ گٹن زوٗل

تس چھانٛدٕ ریس آسہِ عزت پراوٕنٕک ہاوس

موٗختُک امارٕ یےٚ ڈٕنگہٕ دِتھ پراٹان سوٚ درس موٗل

ییٚلہِ ظألم زمانن پنُن عادت پالنہٕ موجوٗب پرٛژھ گأر کرنہٕ رٕنگی امہِ عألم جمأژ ہنز ارزتھ چھلہِ چھانگرِ گر،تتھی ستی رٕنےیہِ امہِ ماحولہٕ کِس انتظامس مس پن۔

بٔیِہ پھۄل صبح پۄ ز دوستن پہٕ پھاس تہٕ دۄ رہٕ
گرٕ ٹھِ نعمتھاہ تِرٕ ٹھ یتھ نہٕ سمے گر دِ بُزی کرہے
پتہٕ وتھ چُھ کاپچ بخشش اتھِ مۄ رِتھ نوان صبحس
ؤہے امہِ سخاؤژ بدلہِ دُنیا شوٗمے آسہِ ہے

عٲلمن ہنز یہِ جماعت راونہٕ پتہٕ زانہٕ ہانہٕ بہٕ تِمن کتابن ہُنٛد مطالعہٕ کرنہٕ ر ۄس بیا کھ کینٛہہ کٲم یم شاہی محل چہِ لائبریری منز آسہٕ ، أتھی أکِس کامہِ اوسُس بہٕ من شوٗژ کرنٕک تہٕ دِل شادتھاونٕک سامانہٕ منگان ۔ تِکیا زِ ونہٕ چُھ آمُت زِ ''اکھ کتاب چھےٚ وقتُک سارِوٕے کھوتہٕ رُت ستی بوج ۔'' مثالن منز تہِ چھےٚ یہِ کتھ آمٕژ زِ سارِوٕے کھوتہٕ سرس کتھِ گۄ رچھ کتابہٕ دفتر ۔''پٕٹھ یوسہٕ کتھ لُکہٕ زیٚوِ پٕٹھ گٔھژٕمٕژ چھےٚ تمہِ موجوٗ ب چھِ ''پرٕتھ درجکی لۄ کھ پننٕ تعریف تہٕ خوشامد بوٗ زِتھ ناوِ وسان تہٕ پرٕتھ پُیہِ ہندی انسان چھِ پانس ہزِل تہٕ امہِ کرانہِ بوٗ زِتھ علمن کھسان ۔''

اسہِ أسی مُنزی مُنزی ٹیٹھی بحث تہِ سپدان تہٕ بعضے اوس تو أ رتخن تہٕ رأ ژ دلیلن تہٕ پھیُر لگان ۔ أتھی دورانس منز آوٚ سہٕ علی ابن کلیلہِ ودمنہ کتابہِ ہنز ڈٲلی ہیتھ یُس مونمُت عٲلم دین اوس تہٕ یُس ژٕ رہُنر مندی تہٕ ژۄرگاٹہٕ جار آسنہٕ سببہٕ دربارٕکین سارِنٕے عٲلمن تہٕ فأضلن منز ممتاز اوس ۔ خدائے پوشہِ نأوی نس امہِ رٕژرُک توفیق ۔ تِمی لۄب بٔیِہ کأنسہِ انوأ ری دِنہٕ برونٛھ عینِ وقتس پٕٹھ یہِ ذمہٕ دأ ری انجام دِنٕک توفیق تہٕ یِتھِ پأٹھی رۄ دتسُنٛد مزاز حالات بدلنس دوران ڈلنہٕ نِشہِ بچتھ ۔ یۄ دوے ابراہیم آو تۄ برُک ہیتھ برونٛھ کُن تہٕ یِتھِ پأٹھی سپدی تسندی طرفہٕ رٕژر کا نِچھنکی یا

ڑژر ورتا وٕنکۍ حقوق پوٗرٕ۔ تسنز یہِ آزادمردی تہٕ حق گُذٲری نکھ والنہٕ خاطرٕ آو میانہِ طرفہٕ یہِ ذکر خاٗرتس رِکیُت مشخص زاننہٕ، خداے دِی نس میون ڑژر کانچھنُگ رُت جزا بێیہِ گٔری نس یێتہِ کیٛو تتہِ پننہِ دیدارٕ ہستی مالامال۔

ژھوٚٹ بوٗ زِی تو کلیلہِ ودِمنہٕ پرنہٕ ہستی گووٚمے الفت ہُران تہٕ وارٕ سوٗنچنہٕ تہٕ سمجھنہٕ ہستی گےامِکۍ ڑژر زیادٕ زیادٕ مأری مندِیُت ہاوان تہٕ یِتھٕ پأٹھی گووٚمے اتھ کتابہِ مطالعہٕ کرنُک شوق تہِ تیزان۔ تِکیازِ دُنیاہ بنہٕ پێٹھٕ ازتامت چھنہٕ مذہبی کتابو پتہٕ امہِ کھوتہٕ فأیدٕ مند کتاباہ کأنہہ تہِ بروٚنٹھ کُن آمٕژ۔

امہِ کتابہِ ہندِ ہن حصن ہنز بنیاد چھےٚ گاٹہٕ جارس تہٕ نصیحتس پێٹھ تھاونہٕ آمٕژ۔ اما پوٚز گاٹہٕ جار تہٕ نصیحت چھےٚ طنزٕ کِس صورتس منز پیش کرنہٕ آمٕژ۔ یُتھ خاص لوٗکن ہنزِ زندگی ہندی سٔنز تہٕ ووٚگنی پڑٕ زناونہٕ موکھ اتھ ہستی دلچسپی روزِ تہٕ عام لوٗکن طنزٕ سببہٕ امہِ کہِ پرنچ کل گنہِ۔ تہٕ یُتھ زن گاٹہٕ جارچہِ یم سارے کتھٕ رسہٕ رسہٕ یمن لوٗکن ہندِ ہن مزازن منز جاے رٹن۔ یِژی پأٹھی چھےٚ یہِ کتاب تجربن تہٕ سوٚن ووگُن زأنی راونہٕ چین کتھن ہُنٛد خزانہٕ۔ تِکیازِ امہِ کتابہِ ہندِ برکتہٕ ہسکہِ پادشاہن ہنز بوزشوز تہٕ حکومتن ہُنٛد ربط وضبط تہِ پوچھرٕ لبتھ تہٕ درمیأنی درجہِ کین لوٗکن تہِ ہسکہِ امہِ کہِ پرنہٕ ہستی پننہِ نِس جانس تہٕ مالس رأچھ کرنہٕ کین معاملن منز فأیدٕ مِیلتھ۔

ونان چھِ زِ ہندوستان کِس أکِس برہمنس آو پڑٕ ژھنہٕ زِ کیاہسا اسہِ بوٗز ہندوستانس چھِ وارِیاہ تتھی بال باٗگنی آمتی یمن پێٹھ کینٛہہ دوا ( جڑی بوٗٹی ) ووپدان چھِ یمو ہستی موٗدی متی چھِ زندٕ گژھان، تلہٕ ساسہِ تہِ ون سُہ دوا اتھِ لگنک طریقہٕ کیاہ چھُ۔

برہمنن وۆنُکھ درجواب، پێٹھۍ وأنۍ کتھ چَھوٚ یادتھأوِمژ تہٕ اصلی کتھ چھوٚ مُشرأوِمژ۔یہِ کتھ یوسہٕ توٚہہ بوٗزِمژ چھوٚ چھےٚ پرانین گاٹلن ہٕندِ اشاروتہٕ ژینہٕ وِنہٕ اندردژ اِمژ۔گویا یمن بالن ہُنٛد تِمو گاٹلوٚ ناوچُھ ہێون یوٚ ژھمُت، تِم گٔے عالِم لۄکھ تہٕ سُہ (آب حیات ہیوٗ دوا گو یمن عالمن ہنزٕ کتھِ۔تِتھے پأٹھۍ گٔے موٗدۍ مِتۍ خلق تِم جأہل لۄکھ یِم عالمن ہنزٕ کتھِ بوٗزِتھ زندٕ گژھان چھِ بلکہِ چُھ عالمن ہنٛدِ علمچ تراے رٹنہٕ ستۍ یمن لۄکن ہنزِ زندگی رُمہٕ رێشن آے میلان۔یُزۍ پأٹھۍ چھِ یژھن کتھن ہنز اکھ سۆمبرن کرنہٕ آمِژ یتھ کلیلہٕ و دِمنہٕ وَنان چھِ۔یہِ سۆمبرن آسہِ ہندوستانہٕ کِہن پادشاہن ہٕندٕ ہن خزانن منز موجوٗد۔پس اگر سو توٚہہ تہٕ اتھِ لگِتھ ہیکہِ أتی سپدِ توٚہہ تہٕ (ہمیشہِ زندٕ روزنُک) یہِ مقصد حأصل۔

پێٹھ چُھنہٕ کلیلہ و دِمنہ کتابہِ ہندٕ ہن رٕژرن أنتھے تہٕ امہِ کھوتہٕ کیاہ بجرگۆژھ اتھ کتابہِ آسُن زِیہِ وأژ اکہِ مذہب کہِ اُمتہٕ پێٹھ بێیس اُمتس نِشہِ تہٕ اکہِ قومہٕ پێٹھِ بێیس قومس نِشہِ تہٕ تِمن تہِ گٔے نہٕ رد۔

خداے رٕچھِن لَس نوشیروان پادشہس پننہِ عذابہِ نِشہِ یسندِ عدلچ تہٕ انصافچ تھکِہٕ تھکِ وقتہٕ کِس ڈکس تمہِ آیہِ لیکھتھ چھےٚ تہٕ یسندٕ بوزشوژ ورتاوچ تہٕ سزا جزادِنچ شہرت توٚأ ریخہٕ کِس وچھس تمہِ آیہِ کھٔنِتھ چھےٚ زِرِژ رورتاونس منز چھےٚ از تامت وقتہٕ کِہن پادشاہن تٔسی کُن تشبیہ دِنہٕ یوان۔امہِ کھوتہٕ کیاہ ڈکہٕ بجرگۆژھ آسُن أمِس پادشہس زِ خود پیغمبر صأبن ہیٚژ یہِ کتھ زبانِ مبارکس پێٹھ زِ"بہ زاس عدل کرن وألِس پادشاہٕ سِندِس وقتس منز۔یِتھے أمِس نوشیروانس راجُت موٗل

أمؠ دِیُت حکم یتھ زن سأری بہانہٕ آزمأوِتھ یہِ کتاب ہندوستانہٕ پٹھ ایران واتناونہٕ آیہِ۔ أتی آواتھ (تمہِ وقتہٕ چہِ ایرأنی) پہلوی زبأنی منز ترجمہٕ کرنہٕ۔ نوشیروانن ترأوپنہٕ راژھ بنیادامہِ کتابہِ ہندِ تقاضن پٹھ۔ تمؠ بنأوی امہِ کتابہِ ہنز ژینہٕ وِنی تہٕ نصیحتہٕ عامن تہٕ خاصن ہُنٛد بوزشوژ ژٔنؠ راونٛک اکھ ذریعہٕ۔ تِکیازِ یم سارے نصیحژ چھےٚ دیٚنس تہٕ دُنیاہس شیرن پأرن واجنہِ۔ نوشیروان روٗ داتھ کتابہِ پنہٕنؠن خزانن منز سارِوٕے کھوتہٕ شوٗژ ارزتھ تہٕ پھریٚژ دولت وہنٛدان۔ یزدگردیُس امہِ خاندانہٕ منزٕ پتم ایرأنی پادشاہ اوس برابر تسندِس وقتس تام روٗ زراژھ یہِ ترائے ڈنجہِ۔

پتہٕ ییٚلہِ شہرِ عراق تہٕ شہرِ فارس (ایران) اسلأمی فوجن ہندی ذٔسی فتح سپُد تہٕ یِمن علاقن پٹھ دین اسلامُک صبح پھوٚل أتی وأژ امہِ کتابہِ ہنز کتھ اسلأمی خلیفن ہندِ کنن تام۔ خدائے روٗ زِن تِمن سارِنٕے رأضی۔ تموتہٕ رٔ چھوژھِ وأنجہِ اتھ کتابہِ ستی رغبت تہٕ دلچسپی۔ ییٚمہِ کنٛزلتس خلیفہ منصورسندِس وقتس منز (یُس پیٛغمبر صأبنٛس چچہِ بابنہِ خاندانٛک دوٚیم خلیفہٕ اوس) کوٚراتھ کتابہِ ابنِ مقفع ہن پہلوی پٹھٕ عربی لیس منز ترجمہٕ۔ أمؠ خلیفن ورتوواتھ کتابہٕ ستی پوٗرٕ ڈیکہٕ بجر۔ أمؠ سندِ دربارکھوٕ زِٹھوٕ زِٹھوٕ تہِ کوٚرأتھی ترایہِ سرخم۔ ییٚمہِ ستی خلیفہ منصورنہِ حوصلُک حال تہٕ تسندِ وسیع ملکُک کمال بیٚیہِ ہن مشہوٗ رسپُد۔۔۔۔

دپان خلیفہ منصوراوس ہمیشہِ ونان زِ خوفُک اوبر گوبر رچھن چھ تیُتھ کارا ییٚمہِ ورأے کأنسہِ زِٹھس دربرمیلُن ممکنٕے چھُنہٕ۔ ووٚں گوویا تہٕ گژھ، بُتھِ تیُتھ دینداراآسُن یُس پانے خدأے عذابس کھوژِنتہٕ گژھِ تیُتھ عزتہٕ وولاآسُن یُس

مند چھاونہٕ ینٛس کھوژِ۔ تِتھس گاٹلِس تہٕ چھنہٕ کھوژناوٕنچ ضرورت یُس پانے غفلژ ہِندٕ انجامن کھۄژان آسہِ"۔۔۔۔۔۔۔أمِس پادشاہ سِنزن بجرٕ چھِن کتھن آے یپرٕ ہِن باوتھ کران۔۔۔۔۔۔یہِ یٚیمہِ کتابہِ ہِندِ مطلبٕچ کتھ ٹُلنہٕ۔ مگر یہِ کتھ توٚنشراونُک مطلب اوس یِتے زِامہِ پایکی پادشاہن تہٕ ہٲواتھ کتابہِ سٟتی دلچسپی۔

خراسانٕچ حکومت یِیلہِ نصرین احمد سامأنی لیس نِشہِ وأ ژتمی کُرمشہوٗ رگونماتھ روٗدکی لیس فرمأیِش یٚیمہِ کٔنِ تمی کلیلہِ دومنہٕ کتاب فارسی نظمس منزٕ أنی۔یہِ فرمأیِش آیہٕ اوٕموکھٕ کرنہٕ زِشعرس منز وننہٕ آمٕژ کتھ چھےٚ دِلس تھپھ ہِش لأرِتھ گژھان۔ پٔتھٕ اوس یہِ پادشاہ سامأنی خاندان کھوٕ پادشاہوأ ندرٕ ملکٕکی سرحد ہُر راونس منز خاص الخاص۔ تٟسندی سےٚ وقتس منز ہُریوٚ وسامأنی سلطنت کِرمان، گِرکان، طبرستان، رَے، بٟیہِ علاقہ سپاہان کٲہِن سرحدن تام۔

احمد سامأنی لیس آو ۳۰ ؤری حکومت کرنُک موقع۔ أمی دِیُت اتھ وقتس سٟتی عوأمی فأیدٕ کٲہِن تہٕ زِچھر رچھنہٕ کٲہِن واریاہن سلسلن واتھ۔ لہٰذا اگر أمِس پادشاہ سِندٕ ہِن حالاتن ہنز کتھ ژھوٚڈٕ پأٹھی تہٕ یٚیتہِ نس درج کرنہٕ یِیہِ سو تہِ گژھِ واریاہ زٕ یٹھ۔ ونہٕ ینٛچ کتھ چھےٚ یِژے زِلتس أس یہِ کتاب سبٹھاہ ٹأٹھ۔ یٚیمہِ کٔنِ سُہ اتھ مطالعہٕ کرنس کُنٛ یِژھ تہٕ پژھِ توجہ دوان اوس۔ یِتھے چُھ ہندوستانُک رازٕ داب شٟلیم اوسُمت۔ تیمی سِندِس ناوس سٟتی کلیلہِ ودِمنہٕ کتابہِ سوٚمبرن کُرمٕژ چھَکھ۔ لتس راجس چھےٚ راجِتس پٔنٕنی ترٲے أسمٕژ۔ تہٕ بید پاے برہمن یُس ژکہِ امہِ کتابہِ ہُنٛد لیکھن ووٲل چُھ سُہ چُھ أمی سےٚ رازٕ سِندٕ ہو دوستو تہٕ وزیرو منٛزٕ اکھاہ اوسُمت۔ گویا

کلیلہٕ ودِمنہٕ چھےٚ سو کتاب یۄسمِہ ستۍ أمِس برہمنہٕ سُنٛد گاٹہٕ جار تہٕ دانأیی ہُنٛد کمال پرٛزناونہٕ ہیکہِ یِتھ۔ یِم جود گأری نہجہِ أمۍ بید پاے برہمنن نفیس تہٕ نہرل کتھہٕ گۄندی تہٕ کتھہٕ واٹھ سۄمبرِتھ اننہٕ رنگی عجیب تہٕ نہرل آلیس منزورتاوِمژٕ چھےٚ تم چھے أمۍ ییٚتن اتھِ لگنک اتفاق سپُد مُت۔ تِکیازِ یِمو نہجوٕ ستۍ چُھ أمۍ سُنٛد گاٹہٕ جار تیژٕ ہن نۄن دراٰمُت زِ اتھ آفرین ونہٕ نُک تہٕ امہِ کِس شۄ ژرس دَل دِنٛک چُھ ضرورت باسان۔

کأنہہ گُجدٕ گرے آسہِ سُہ یُس امہِ کتابہِ ہِندِس شۄ ژرس انکار کرنُک مجال آسہِ۔ تِکیازِ لیس أکِس علمہٕ رژھا آسہِ تس نِشہِ روزنہٕ امیک بجر ژۄرِ۔ ووں گوو لیس أکِس گاٹہٕ جارکہِ مأری مندتہِ کُنہٕ أچھس پچہِ آسن سُہ بچارٕ چُھ گاشدارن نِشہِ معأفی لایق۔

اۄن کیاہ وُچھس یۄ دہاوِ اتھکھ نۄر حضِ موسیٰؑ
زۄر بوزِ سایۄ باوِ عرشٕچ کتھ تہِ حضِ عیسیٰؑ

اگر یۄسمِہ کتابہِ ہندہن جانرن باوتھ کرنس پٹھ دفتر ہالیٚکھنہٕ یِن تو پتہٕ تہِ سپدنہِ امیک وأجبی حق ادا۔ ووٚنی گووتہِ کرنہٕ ستۍ لگہِ کتھہِ حدٕ کھوتہٕ زیادٕ زیچھر۔

بہرحال یِتھ کتابہِ چھکھ ابن مقفع سندِ عربی ترجمہٕ کرنہٕ تہٕ رۄدکی سندِ فارسی نظمہِ منزاننہٕ پتہٕ تہِ واریاہ ترجمہٕ گٔری مٕتۍ تہٕ پرٛتھ أکِ ترجمہٕ کارن چھےٚ باوتھ کرنہٕ کِس مأدانس منز پن پننہِ مقدورٕ قدمہن برۄنٛٹھ پکنأوِمژٕ۔ مگر باسان چُھ زِ تمن لۄکن ہُنٛد مقصد چُھ دلیل وٕنۍ تہٕ کتھ لیکھنٕے یوت اوسمُت۔ گاٹہٕ جارچہِ کتھہِ فکرِ تارنہِ تہٕ نصیحژن وبِژھنے کرٕنی چُھنہِ تِہُنٛد مقصد اوسمُت۔ وُچھتو نتہٕ کم سنجیدٕ کتھ چھےٚ وننہٕ آمژٕ تہٕ یِم

کتھٕ دلیلن منزٕ اَنتھ کُس ژھو چرٕ چُھ ورتاونہٕ آمُت۔ازیٚلہِ زن لوٗکن ہنز دلچسپی عربی کتابن مطالعہٕ کرنہٕ نِشہِ ژھوکیمٕژ چھےٚ تہٕ تِمہٕ سارے کتھٕ تہٕ نصیحژٕ دوٗرپیٚمژٕ چھےٚ ،مثا لہِ پأٹھی چھےٚ تم کتھٕ پأنی پانے پرانیمژٕ ہِشہِ باسان۔یہِ وُچھِتھ آومیأنِس دِلس جیرٕ ہیوٗ زِ اتھ کتابہِ پزٕ ترجمہٕ کرُن تہِ زن گوو کتھن واش کرنہٕ رٔنگی تہٕ ژینہٕ وِننٕ ننہٕ کرنہٕ رٔنگی پزٕ مےٚ پننہِ زبأنی بٔرژرُک موٗختہٕ جرُن۔گویا مےٚ یوٚ ژھ یم کتھٕ گژھ آیاتوتہٕ حدیثوٕ ستی بیٚیہِ بأتوتہٕ شعروٕ ستی سنہٕ وِنہِ بناونہٕ ینہِ۔یُتھ زن کینژن ساسن وٕری ین ہنز یہِ موٗمژٕ کتاب ژٕو زندگی لبہِ تہٕ یُتھ زن لوٗکھ ییٚتہِ یورتہِ امہِ کنیٕ فأید و نِشہِ محروم روزن نہٕ۔مےٚ یوٚ ژھ اتھ کامہِ تمہِ آیہِ دَس تُلن یُتھ زن کتھٕ گرٕ نکی سأری شرطٕوٗلتھ مثا لہِ وننہٕ کِس تہٕ آیات کتھن منزاننہٕ کِس بیٚیہِ رمزن تہٕ اشارن ورٕژھنے کرنہٕ کِس طریقس پیٹھ پیش سپدن۔یتھٕ پأٹھی ییہِ امہِ کتابہِ ہُنٛد یہِ ترجمہٕ تہٕ گوڈُت رتھِ کھالنہٕ۔بیٚیہِ سُہ باب یُس حکیم برزویہٕ سندین حالاتن باوتھ کرنہٕ خأطرٕ مشخص چُھ تہٕ یُس بُزٕرچ میٚہرس کُن منسوب چُھ سُتہِ ییہِ بروٗنٛٹھمہِ کھوتہٕ ژھوٚڈی پأٹھی مُشکاونہٕ۔ تِکیازِ اچ بنیادتہ،چھےٚ دلیلہِ پیٹھے تہٕ یوسہٕ کتھ تھدِ بوزشوز کہِ حسابہٕ تہٕ سنہِ گاٹہٕ جارکہِ لحاظہٕ بےٚ گنڈ آسہِ،تتھ یوٚ دوے کأنہہ شخص پہہ وردن لأ کِتھ تہِ پأراو کرُن ییٚژھِ، سو کرتھ پراوِنہٕ توتہِ کُنہِ بہانہٕ ستی مأرٕ مندِیُت۔اگرزن یُتھ چیزا گاٹلین سامکارن تہٕ باگہِ بٔرتین ووستادن بروٗنٛٹھ کُن ننہٕ تہِ ییہِ تم دِنہٕ نہٕ ہرگز امہِ کِس کھوٚٹس کأنہہ اہمیت۔گویا کھوٚٹھ کارس سپدِ پزٕتھ حسابہٕ رُسوأیی۔توے چُھ مےٚ سُہ زیچھر تہٕ ٹاکارٕ مبالغہٕ واقعاتن ہنزن اَسن تراین منزٕ اَنتھ سہس تہٕ گاوِ ہنز اکھ اتفأقی دلیل

بنومُت تِکیا زِ یہِ قصہٕ چُھ یٮ۪مہِ کتابہِ ہُنٛد ژٕوک تہٕ یہِ کتاب پرن والین چُھ امی دلیلہِ پٮ۪ٹھ گاٹہٕ جارٕکس باغس کُن بَرمُژرنہٕ یوان۔

یٮ۪یلہِ مےٚ ترجُمچ کأم أڈ ہناہٕ اندٕیہِ اتی وأژاچ کتھ تھدِ جبروتہٕ وأٮ۪لس پادشاہ ہٕسندٕ ہن کنن تام، مےٚ میوٗل تہٕہندِ طرفہٕ اتھ ترجمس سنہٕ ٹک تہٕ کن تھاوٕنٛک شرف تہٕ عزت۔ژکہِ اوس یہِ پادشاہانہٕ زأنی کأری تہٕ کتھہِ واتنٕک شاہانہٕ تھزرٕ رے زِتمو کوٚر میون یہِ ترجمہٕ پسند تہٕ تعریف کران کوٚر رہم پنہٕ نٮ۪ن خوشنوٗ دین ہُنٛد شرف عطائی دِیُتنم حکم زِیژھے میچھِ کتھِ کتھِ اندر گژھی شاباشس لایق تہٕ بجرنٕز کڈٕونی کیٛنٛہہ باب اتھ کتابہِ ہُر راوٕنی یہنز بنیاد ماتحت رچھنہٕ چھِن بٮ۪یہِ لول تہٕ ہمدردی پأدٕ کرنہٕ چھِن کتھن ہندِ خأطرٕ مشخص زاننہٕ یِیہِ ہے۔پٮ۪ٹھ وٕنٛنم زِامہِ کتابہِ ہنز گوڈٕ کتھ گژھِ سانہِ دربارکہٕ القابوٕ ستی پاراوٕلینٕز یہِ بوٗ زِتھ ہُر بوٚ مےٚ خأدِمس دِلُک شوق تہٕ طاقت۔یأری ہنز یٮ۪ژھ پژھ بٔڈِتھ سپُد مےٚ فخر تہٕ فرحت حأصل۔تاہم خدمت انجام دِنچہٕ اتھ کتھِ سنیوس بہٕ کھوٚژی کھوٚژی مگر پوٗرٕ پأٹھی۔تِکیا زِ نوکرن چُھنہٕ فرمانبردأری کرنس منز کیٛنٛہہ چارٕ آسان بلکہِ چھےٚ عوامس فرمانبردأری ہنز پابندی ضروری۔تِکیا زِ وقتہٕ کِس شہنشاہ ہٕسندِس ازلی ارادس تہٕ اصلی خیالس منز چُھ تھزرٕ بٔستھ۔خدائے تھٔزرأوِنی أمی سُنٛد شانہٕ بٮ۪یہِ تھأوِنی ڈنجہٕ أمی ہٕسندِس ملکس تہٕ سلطنتس۔یہِ شہنشاہ چُھ گاٹہٕ جارُک کأمِل نموٗنہٕ تہٕ عقلہِ ہُنٛد مکمل وتہٕ ہاوُک۔لہٰذا ہیٛکہِ نہٕ یٮ۪مہِ کتابہِ ہنزن ژینہٕ وِنٮ۪ن کُن توجہ دِنہٕ ستی أمِس جبروٗتہٕ وأٮ۪لس شہنشاہ ہٕسندِس نوٗرأنی دِلس زیادٕ تاشوٗچ کھہرن لگِتھ۔نہ ہیٛکہِ شہنشاہ ہٕسنزن موختہٕ چھکوٕنٮ۪ن کتھن یٮ۪مہِ کتابہِ

ہنز عبارت پرنہٕ سِتؠ تیٚوٗ تاہ زیادٕ مدد مێلتھ تِکیازِ أہندِس دربارس منز وأتتھ چھِ سحبان ہیوٗ گاٹُل دم پھٕٹؠ گژھان تہٕ باقل ہیوٗ گونمات کلان، گویا:

چُھکھ رازٕ سوٗخنن ہُنٛد تہٕ سوٗخن ڈٲلؠ انے کیاہ

چُھکھ رُح تہٕ ڈٲلؠ آبِ حیاتچ ژٕے شوٗبیا

ووشلیاسٕہ عطرِ دأنؠ وُچھتھ آسہِ لیس گولاب

ہتھ ژأنگؠ تار زوٗنہِ یوٚد ہاوو سو سوٗنیا

زان:

پروفیسر مرغوب بانہالی (1937ء) بانہال کِس بونہٕ کوٹ گامس منز تحصیل ایجوکیشن آفیسر پٹھٕ سپُد مرغوب بانہالی کشمیر یونیورسٹی ہندِس فارسی شعبس منز لیکچرر تعنیات۔ پروفیسری ہُنٛد عہدٕ پرأوِتھ روٗزؠ یَہن (۱۲) ؤرؠ ین کأشرِ شعبکؠ سربراہ۔ مرغوب بانہالی چُھ کأشرِ زبأنؠ ہُنٛد مشہوٗر شأعر تہٕ نثر نگار۔ کأشرس منز چَھن درجن پیٚٹھی کتابہٕ تحریر کرِمژٕ۔ ''پرتوستان'' شعرسوٗمبرنہِ پٹھ چُھکھ ساہتیہ اکادمی ہُنٛد قومی انعامہٕ حأصل سپُدمُت۔ از کل چھِ عمر کالونی لال بازار روزان۔

لفظ تہٕ معنی

نبرل: نوٚو

کجدٕ گر: کأکی، کأرِکل کرن وول، کوٚدِ کڈن وول۔

موٗختہٕ جرن: ہیرِ پٮ۪ٹھٕ بوٗن تام موٗختہٕ ستۍ پان پاۤرُن۔

مشکا وان: اۄند پۄک سبٕٹھاہ مشکدار بناوُن۔

## سوالات

۱: کلیلہٕ تہٕ دِمنہٕ چھےٚ فارسی زبانۍ ہنز مشہور دلیلہٕ کتاب، امیُک مختصر تعارف کٔرِو پیش

۲: برہت کتھاہ، پنچ تنترتہٕ الف لیلیٰ ہِشن مشہور دلیلہٕ کتابن ستۍ چھا کلیلہٕ تہٕ دِمنہٕ کتابہِ کانٛہہ واٹھ

۳: ترجمہٕ کار کتھ حدس تام چھِ یہِ دلیلہٕ کتاب کاشرِس منز پھرنس منز کامیاب گۄمُت

# رزمیہ شأعری ہنز خصوصیژ تہٕ کأشرؠ رزٕم نامہٕ

غلام محمد شاد

کأشر زبأنؠ منز چھِ ازتام واریاہ منظوم رزٕم نامہٕ مثنوین ہندِس صورتس منز مختلف شأعرو لیٖکھی ہٕتی یِم اگنز رؠ رزٕم نامہٕ چھا رزمیہ شأعری تہٕ رزٕم نامن ہندؠن بنیأدی خصوصیتن پیٹھ تحریر آمتؠ کرنہٕ؟ یِم چھا تِم سأری لوأزمات پوٗرٕ کران یِم کامیاب منظوم رزٕم نامن آسنؠ گژھن؟ یِمن رزٕم نامن ہُنٛد موادتوأریخی اعتبارٕ تہٕ غأرتوأریخی پسِ منظر، روایات، اسطور، زبأنؠ قصہٕ، قومی، وطنی تہٕ علاقأیی تناظر، زبان، اسلوب، بحر تہٕ بیٚیہٕ رزمیہ شأعری ہندؠ مختلف صنف کتھٕ پأٹھؠ آیہٕ کأشرؠن لیٚکھن والیٚن ہندِ ذٔسی ورتاونہٕ؟ تہٕ مجموعی طور یِمن سارِنٕے کتھن ہٕتؠ کٔشیر تہٕ کأشرؠن ہُنٛد بحیثیتِ قوم تعلق کیاہ چھُ؟ اصلی چھُ یِیمہِ مضمونٕک موضوع یوٗ ہے۔ پوٚز یِہِ اَنزراونہٕ برونٛٹھ چھُ ضروری زِ رزمیہ شأعری ہنزٕ خصوصیژ ہِن وضاحت سان وٕنٛژھناونہٕ۔

رزمیہ شأعری ہُنٛد فن زانن وألی مأہر چھِ رزمیہ شأعری ہنز وضاحت تہٕ تشریح ہِتھٕ پأٹھؠ کران زِ رزمیہ شأعری چھےٚ شأعرِی ہنز سو صنف یتھ منز کُنہِ قوم کہِ کأنسہِ فردٕ ہٕندؠ یا واریاہن فردن ہنز مردانگی، بہادری، پہلوأنی، فخر تہٕ بزرگی ہندؠ واقعات، بیٚیہِ جنگی فتوحات ہِن تفصیلہٕ تہٕ شاندار پأٹھؠ مہارتہٕ سان نظمس منز بیان کرنہٕ۔

رزمیہ شأعری ہُنٛد موضوع:

رزمیہ شأعری ہُنٛد موضوع، چھےٚ بڑا اہم کتھ۔ یہِ موضوع چُھ یوان سبٕٹھاہ سۄنچتھ سمجھِتھ، غور و فکر کٔرتھ ژارنہٕ۔ یہِ ژارنُک چُھ اکھ اہمیت ظأہر کران۔ اتھ موضوعس منٛز چُھ کُنہِ قومٕکو سأری فردٕ، مختلف زمانن منٛز لسان بسان آسِتھ تہٕ پننہٕ نۍ کارناموٚ نشہِ فأیدٕ تُلان، تمو سٟتۍ بجر پراوان تہٕ تھز رلبان۔ حکومتچ وُسعت، نظام حکومتچ پایدأری۔ اقتصأدی، خوشحأٔلی، سیأسی تہٕ مأدی برتری، اخلأقی تہٕ روٗحأنی عظمت پراوان۔ اتھ منٛز چُھ تمن پنٕنہِ قومی تشخص ونہٕ کڈنس تہٕ سُہ مضبوط بناونہٕ خأطرٕ بےشمار خطرناک مرحلن، مشکلن تہٕ مہمن، غأرملکہ حملہٕ آورن، بدخواہ ہمساین، جأنی قومی دشمنن سٟتۍ واسطہٕ پیوان۔ یِمن سارِنے حالاتن ہُنٛد مقابلہٕ تہٕ کرُن پیوان تہٕ یہِ سورُے کران کران حأصل گأمتٕن تجربن ہٕندِس بنیادس پٹھ اکھ نوٚ سماج، سیأسی، اخلأقی، روحأنی نظام، ہٕتھ تعمیر تہٕ کرُن پیوان۔ یِتھۍ ہوۍ وسیع موضوع چھِ رزمیہ شأعری منٛز سبٕٹھاہ کامیاب تہٕ جان پأٹھۍ ورتاونہٕ آمٕتۍ۔ یِژھہِ مثالہٕ چھےٚ ہندوستانٕکۍ رزٕم نامہٕ راماین تہٕ مہابھارت، فارسی زبأنۍ ہُنٛد سام نامہٕ، فردوسی سُنٛد شاہ نامہٕ، ہومرٕ سندۍ رزٕم وامہٕ ایلیڈ تہٕ اوڈیسی۔

رزمیہ شأعری منٛز چھِ تم بہادری، مردانگی، پہلوأنی ہٕندۍ قأبلِ فخر تہٕ یادگار کارنامہٕ أکِس قصس منٛز واریاہن داستان ہٕندِس صورتس منٛز بیان سپدان۔ یِم کارنامہٕ کأنٛسہِ قومن مجموعی طور یا کأنٛسہِ فردن یا واریاہو شخصو خاص پأٹھۍ انجام دِتۍ آمٕتۍ

آسن ۔یم کارنامہٕ چھِ أکِس فنی اصولس تہٕ نظامس تحت باقأعدٕ اکہِ نوقطہٕ پٮ۪ٹھٕ شروع گژھان تہٕ منأسب اندازس منز فنی چابکدستی سان بٮ۪یِس نوقطس پٮ۪ٹھ أندواتان، پرن وول چُھ سورُے بیان گوڈٕ پٮ۪ٹھٕ أندس تام پُرِتھ أکِس نتیجس پٮ۪ٹھ واتان۔

کُنہِ تہِ منظوم رزمیہٕ ہس منز (تخیلی تہٕ مصنوعی رزمیہ ورأے) چُھنہٕ شأعر کُنہِ تہِ ساتہٕ یا کُنہِ تہِ موقعس پٮ۪ٹھ اصل قصس یا داستانہِ منز پننہٕ ذات، ذأتی حالات، یا پننہِ زمانٕکی حالت تہٕ سپدےٚمتی واقعات شأمل کران، نہ ہیکہِ سُہ یِژھ کتھ کرِتھ، نہ ہیکہِ سُہ پننہِ مرضی مطأبِق یا کأنسہِ ہندِ مشورٕ کِنہٕ تتھ داستانہِ یا تمن داستانن کأنہہ تازٕ شکل تہٕ انہار دِتھ۔امی وجہ کِنہٕ چُھنہٕ شأعرس و داستان ویژھناوان ویژھناوان پننہِ مرضی ہنز کأنہہ تہِ دخل اندأزی کران۔موخصر پأٹھی ونو زِ شأعر چُھنہٕ پننہِ نأوِی یا پننہِ خأہشہِ مطأبِق کُنہِ تہِ جایہِ پکان۔یتھ کتھ، چھےٚ یٮ۪تھِن گٮ۪نہٕ کڈٕنی منأسب باسان زِ رزمیہ شأعری چُھ أکِس حدس تام تمثیلی شأعری ہٕستی سٮ۪ٹھاہ ہشر تہٕ واٹھ۔یہِ کتھ آیہِ برونٹھے وننہٕ زِ رزمیہ لیکھن وول شأعر چُھنہٕ کُنہِ تہِ خأرجی واقعہٕ کِنہٕ داستان بیان کرنس منز پننہٕ ذات دأخل کران۔امہِ علاوٕ چُھنہٕ سُہ عملی طورتمہِ داستانہِ ہندِس زمانس یا سنس منز جاے رٹان۔اتھ برعکس ہیکہِ شأعر باقٕے شأعری منز پننہٕ ذات تہٕ مرضی کُنہِ حسابہٕ دأخل تہٕ شأمل کرِتھ، پوٚز رزمیہ تہٕ تمثیلی شأعری منز چھنہٕ یہِ کتھ ممکن۔

رزمیہ شأعری منز چُھ شأعرس داستان یا داستانن ہندِس ترتیب دِنس یا مُدوّن کرنس ہٕستی وابستہٕ لوٗکن ہندی عقیدٕ تہٕ اعتقاد، روأیژ تہٕ احساسات، بہادری،

فِدا کأری، سرفروشی تہٕ جنگی کامیأبی ین ہٕندی مظأہر تہٕ باقٕے سأری حالات یِم داستانن ہٕستی وابستہٕ لۆکن پسند یا ناپسند، مشکل یا سہل غرض یِتھٕ پأٹھی پیش آمتی آسن، چھِ بالکل ہۆ بہوتِھے پأٹھی تمی زمانہٕ کِہن تأریخی، روایتی تہٕ اسطوری طریقن منزٕ ے بیان کرٕنی ۔ اتھ منز چُھنہٕ شأعرٕسنز ذأتی دخل اندأزی، پسند یا ناپسندُک کأنہہ تہِ موقعہٕ محل یا گنجأیِش ۔

رزمیہ شأعری ہٕندی قسم:

مختلف قومن ہُنٛد ادب تہٕ لٹریچر بروٗنٹھٕ کنہِ تھأوِتھ چُھ اسہِ دۄیہِ قسمٕچ رزمیہ شأعری نظرِ گژھان ، اکھ گٕے قومی تہٕ ملکی رزمیہ شأعری ، دۄیِم قٕسم گوٚو مصنوعی رزمیہ شأعری۔ قومی تہٕ ملکی رزمیہ شأعری منز چھِ وقت گذرنس ہٕستی ہٕستی کُنہِ قوٕمکی حالات، تِمن حالاتن ہُنٛد کھسہٕ وَس، قومی عظمت، بہادری، فداکأری تہٕ جان نثأری ہٕندی کارنامہٕ، اعلیٰ تمدن تہٕ تہذیب، سیأسی برتری تہٕ ترقی پراوٕنکی واقعات پنہٕ نِسے تناظرس منز بیان سپدان ۔ یِژھِ رزمیہ شأعری ہٕنز مثال چھےٚ ہومرٕسنز ایلیڈ تہٕ اوڈیسی ، رامائن تہٕ مہابھارت ، یا فردوسی سُنٛد شاہ نامہٕ ۔ یِتھٕن قصن منز چُھنہٕ شأعر پانہٕ کینٛہہ تہِ تخلیق پأدٕ کران ۔ بلکہِ چُھ سُہ تِم قصہٕ یِم بروٗنٹھے مرتب صورتس منز موجۄد آسان چھِ، صرف اکہِ حسابہٕ نقل کران ۔ یۆ دوے وقت گژھنس ہٕستی ہٕستی تِمن قصن توٚ تامت، پتہٕ بروٗنٹھ وار یاہ بُرزر تہِ سپُد مُت آسہِ ۔ ووٚنی گوٚو شأعر سُنٛد نقل کرُن چُھنہٕ چھرا نقلے یوت آسان بلکہِ چُھ سُہ تِم داستان یا قصہٕ کمال

ووستاد ی،مہارت ،شاعرانہٕ قدرتِ بیان ورتاوِتھ تمہِ شاندار طریقہٕ سان نظمس منز نقلاوان یُس طریقہٕ باقے عام انسانن ہٕندِ خاطرٕ ناممکن چُھ آسان۔

مصنوعی رزمیہ شاعری منز چُھنہٕ شاعرس مقرر تہٕ مرتب تاریخی قصن ہِستی کانہہ تہِ واٹھ تہٕ تعلق بلکہِ چُھ مصنوعی رزمیہ شاعری منز قصہٕ یا داستان پانہٕ تخلیق کران۔ تہِ زن گوسہٕ چُھ پانے کانہہ قصہٕ ابساوان، بیر ان تہٕ وونان تہِ۔ یِتھی رزمیہ قصہٕ نظماونس منز چُھ شاعر آزاد تہٕ خودمختار۔ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ چُھ تِمس رزمیہ شاعری ہٕندی فنی تہٕ عروضی لوازمات مدِ نظر تھاوٕنی باقے یِتھٕ پاٹھی سہٕ یِیِٛژھِ یِتھٕ پاٹھی ہیکِہ پننہِ قصُک موضوع ژاریتھ یا تخلیق کٔرِتھ۔ یاتھ قصس منز پنُن تخیل ،پٔنٕنی ذات تہٕ پٔنٕنی حالات داخل کٔرِتھ۔ یِتھی منظوم رزٕم نامہٕ چھِ یوٗرپی ادبس منز وارِیاہ۔ مثلن فرنچ شاعر تہٕ ادیب والٹرسُنٛد ہنریاڈ (Voltair's Henraid)۔

یہِ تقسیم اَوک طرف تراوِتھ چُھ یِتہِ ممکن زِ رزمیہ لیٛکھن وول شاعر ژارِ پنُن موضوع برونٛٹھمِہ تواریخہٕ منزٕ۔ سہٕ کانہہ قوم مشخص کرِتھ یمی قومن پٔنٕنی زندگی، تمدن، تہذیب، سیاسی، مذہبی تہٕ مجموعی ترقی پراوان پراوان وارِیاہ یِتھی حادثات تہٕ انقلاب وُچھمتی آسن، یِمو منزٕ شاعر تہٕ تِمی سُنٛد قوم پانہٕ گذران یا گذریومُت آسہِ، امہِ حسابہٕ تہِ چھےٚ رزمیہ شاعری دۄن حصن منز باگرنہٕ آمٕژ۔ اکھ گو واسطوٗ ری، بہادری تہٕ پہلوانی ہٕندی رزٕم نامہٕ یِمن ہُنٛد واٹھ تواریخہٕ برونٛٹھمِس کُنہِ واقعس یا واقعاتن ہِستی یا کُنہِ اہم فلسفیانہٕ تہٕ مذہبی موضوعس ہِستی آسان چھِ۔ امہِ قسمچہِ رزمیہ شاعری ہٕنزٕ چھےٚ وارِیاہ مثالہٕ۔ مثلن رامائن تہٕ مہابھارت رزٕم نامہٕ، یِمن ہُنٛد تعلق چُھ

ہندومذہب تہٕ ہێندٕ ہن ٲسی۪تۍ ۔فردوسی سُنٛد شاہ نامہٕ ،یُس ایران تہٕ قدیم ایرٲنۍ لُکن تہِ ماحولس ٲسی۪تۍ واٹھ چُھ تھاوان، ہومرٕ سنٛز ایلیڈ تہٕ اوڈیسی تہٕ سائی لیک (Cyeliquec) ہٕندۍ منظوم تحریرات یِمن ہُنٛد تعلق یوٗ نانس تہٕ یوٗ نٲنۍ قومس تہٕ روایژن ٲسی۪تۍ چُھ ۔ المانوی شاعری بلونگن (Nie Belungen)،فرنچ شاعر شانسون دے ژست (Chanson De Geste )ہٕندۍ رزمیہ،ملٹن سُنٛد ''روومُت جنت'' تہٕ کلوپشٹک سنٛز میسیاڈ (Mess'ad of -Klopstock)دوٚیِم گوو تاریخی رزم نامہٕ ،مثلن تِم واقعات یِم سلسلہٕ وار،ترتیب وار، یا سال وار نظماونہٕ آمتۍ آسن ۔یعنے تواریخی لحاظہٕ آسن مرتب پٲٹھۍ منظوم بناونہٕ آمتۍ ۔مثلن انی یوس (Ennius)ہٕندۍ تاریخی اسناد تہٕ تحریرات،تاسے (Tasse)سُنٛد آزاد یوروشلم (Jerusalem Deliuree) بیترِ ۔یا تِم تصورٲتی ،تخیلی یا خیالی فخریہِ منظوم قصہٕ یِمن منز کینٛہہ تاریخی واقعات تہِ شامل آسان چھِ مثلن ''دانتے''سُنٛد طربیہِ خداوندی''( Devine Comedy Of Dante)،ورجل سنٛز ''انایڈ''(Eneide Of Virgil)،فارسی زبٲنۍ منز حمداللہ مستوفی سُنٛد ظفر نامہٕ ، ملک الشعراء صباسُنٛد شاہ نامہٕ بیترِ ۔یِتہِ چُھ بنان زِ کانٛسہِ اَکِس اہم مذہبی فرد یا وار یا ہن فردن ہنٛز زندگی تہِ ہیکہِ کُنہِ منظوم تاریخی رزم نامُک موضوع ٲسِتھ ۔یُس تواریخی تہٕ حقیقی واقعاتو ٲسی۪تۍ یا تواریخ تہٕ قصہٕ باہم رٔلِتھ وجودس آمُت آسہِ ،تِتھۍ ہِوی رزم نامہٕ لیٛکھن والین چھ یِمن قصن تہٕ واقعاتن پێٹھ سخ اعتقاد آسان ۔یِیمہِ کِنۍ یِم قصہٕ اکثر سېٹھاہ اثر انگیز ، دِل نشین ، جاندار تہٕ شاندار آسان چھِ ۔یِمن ہیکو ٲسۍ مذہبی رزم نامہٕ تہِ وَنِتھ ۔

رزِم نامن ہنز کینٛہہ خصوصیژ :

رزِم نامن ہنز گوڈنچ خصوصیت چھےٚ یہِ زِ یم رزِم نامہٕ آیہِ ہر کُنہِ جایہِ تہٕ پرٛتھ کُنہِ زمانس منز تیٚلی تخلیق کرنہٕ ییٚلہِ یمن منز درج حالاتن تہٕ واقعاتن واقع سپدِتھ أنیکھ زمانہٕ گذریومُت اوس۔ تٔمۍ مثال چھےٚ ہومرسنز ''ایلیڈ تہٕ اوڈیسی'' یم دونوے رزمیہ چھِ قدیم ترین تہذیب وتمدنٕچ نشاندہی کران یُس ہومرس برٛونٛٹھ ہتہٕ بٔدی ؤری پھاپھلیو مُت اوس۔ رامایَن تہٕ مہابھارت یا شاہ نامہٕ، فردوسی بیترِ۔ یم تہٕ آیہِ پننہِ نوٕ درج شُدٕ واقعاتو پتہٕ ہتہٕ بٔدی ؤری گرٛژھتھ وجودس۔ یم تہٕ چھِ تمن قدیم وقتن ستۍ تعلق تھاوان ییٚلہِ ایرأنی آرِین ہند وتمدن پنٕنۍ پنٕنۍ شکل،صورت پراوان اُسۍ یتھِ پأٹھی چھِ أسۍ وُچھان زِ بہادری تہٕ جنگی کارنامن ہندی قصہٕ چھِنہٕ واقعاتن ہندِس سپدنس دوران وجود لبان بلکہِ چھِ،تم ہمیشہِ اصل حالات واقع سپدنہٕ پتہٕ ہتہٕ واد ؤری گرٛژھتھ رزِم نامن ہنز شکل پراوان۔

یتھ زمانس منز یم بہادری تہٕ بزرگی ہندی کارنامہٕ واقع سپدان آسان چھِ، یم یا یُس ہم عصر ( ہم زمانہٕ ) انسان تمن واقعن منز شریک آسان چُھ، تم انسان یا سُہ انسان چُھ تم واقعات وُچھان آسان، تمن یا تمِس چھِنہٕ تم پانس نِشہِ بیٚون تہٕ بدٕن باسان۔ پوٚز یم نتیجہِ ییمو کارنامو نِشہِ نیران چھِ، مثالے کُنہِ قومُک مضبوط تہٕ پایدار روٗتھ بوو۔ دشمن تہٕ بدخواہ ختم کرٕنۍ، قومچ بنیاد مضبوط گژھٕنۍ۔ امہِ علاوٕ ییٚہِ یُس اثر تہٕ اہمیت تمن واقعاتن آسان چُھ، سُہ اثر تہٕ سو اہمیت تہٕ یم سأری چیز چھ

وارِ وارِ تمن سارِنے واقعاتن، یِنہٕ والِبن نسلن نِشہِ سبٹھاہ اہم، بزرگ تہٕ مقدس بناوان ۔ بلکہِ تمن واقعاتن واریاہ ہُر بر تہٕ برژر گژھان گژھان فوق البشری تہٕ ماورأئی ارتقاء بخشان، تمن بہادرن، جنگی سوٗرماہن ہُنٛد وٕتھن، بہٕن، کھیوٚن تہٕ چوٚن تہِ استانہٕ بنان ۔ بیا کہ کتھ چھےٚ زِ تم کتھٕ یا کامہِ یم متوأتر زمانن ہٕتی ہٕتی پوٚلتس پتھ واقع سپدان چھےٚ (تم چھِنہٕ أکی ہے زمانس یاأکی ہے جایہِ واقع سپدان) تمن منز موجود زمان ومکانٕچ دوٗری چھےٚ وارِ وارِ ختم گژھان تہٕ تم چھِ اکھاأکس ہٕتی مربوٗط پأٹھی، باقأعدٕ أکس حسابس منز واٹھ کھوٚان ۔ گوڈٕ گوڈٕ چھِ یِتھی واقعات ژھوٚٹی تہٕ موٗخصر آسان، پوٚز وارِ وارِ چھِ اکثر قومہٕ کِہٕن ارمانن تہٕ مقصدن پانس منز جاے دِوان دِوان پتہٕ زیٹھان تہِ ۔

رزمیہ وجودس یِنہٕ خأطرٕ چھِ یم بنیأدی حقیقژ اکہِ وارِیاہ وقتچ یا مُدتچ محتاج تہٕ یہِ أنِکھ وق گژھی تھےٚ چھُ رزمیہ بالغ گژھان ۔ امی چھ، رزٕم نامہٕ تہٕ جنگنامہٕ کُنہِ قومہٕ کہِ تمدنی تہٕ قومی ترقی ہٕندی کارنامہٕ تہٕ جنگن منز فتح پراونہٕ پتہٕ وارِیاہ کألی شأعرن ہٕندی ذٕسی نظماونہٕ آمتی ۔ کُنہِ رزٕم نامہٕ کِس اصل واقعس تہٕ شأعرٕ سٕندِس زمانس چھُ منزٕ وارِیاہ کالُک (ہتہٕ وادِ وأنسن ہُنٛد تہِ) دوٗر بر تہٕ ژھٕہن آسان ۔ ووٚنی گوویمن دوٚن دوٗر دراز دورن تہِ چھُ پانہٕ وأنی اکھ ہشر تہٕ واٹھ یا تشبیہی تعلق آسان تِکیازِ کُنہِ دورس منز پرأوی ہٕتی شاندار کارنامہٕ چھِنہٕ تتھ قومس (یا یِنہٕ وأرِس وأرث قومس) تمہِ پتہٕ کِہٕن دورن منز مُشتھ گژھان، ووٚنی ہرگاہ کُنہِ ساعتہٕ کُنہِ وکانہٕ کِنٛز کأنہہ تہذیب وتمدن سرِ ثوٗبوٗتےٚ فنا گژھِ یا مُشتھ گژھ، تیٚلہِ پزٕ

رزِم نامہٕ لیٚکھن وأ لِس شاعرس پٔزِن پان مُشتھ گژھن تس قومس تہذیب وتمدنس تہٕ کارنامن ستی بالکل ہم سنگ تہٕ ہم آہنگ گٔژھ رزمیہٕ لیٚکھن تہٕ پٔزِن زمانہٕ تہٕ پنٕنہٕ زمانکی عقیدٕ تہٕ خیالات تتھ رزمیہس منز شأمِل کرنہٕ نِشہٕ پرہیز کرُن۔

یہِ کتھ تہٕ چھِ ژٕتس تھاوٕنی لایق زِ رزمیہ شاعری ہُنٛد موضوع چھُنہٕ صرف جنگ تہٕ خون ریزی ہنٛدی واقعاتہٕ یٔتی بیان کرٕنی بلکہِ چھِ مکمل رزِم نامہٕ سُے یوان مانٕنہٕ یتھ منز بہادری تہٕ مردانگی ہنٛدی کارنامہٕ وبڑھناوان وبڑھناوان کُنہِ قومٕکی مذہبی عقیدٕ تہٕ اعتقاد، روایژ، رایہِ ترایہِ، تہذیبی، تمدنی تہٕ قومی سطحکی کارنامہٕ تہٕ بیان سپدی یتی آسن۔

قومی داستان، مذہبی روایات، عقیدٕ تہٕ اعتقاد، یم کُنہِ قومُک تمدن بارسس ینہٕ پتہٕ باقٕے روزان چھِ تہٕ بیٚیہٕ قومی جدوجہد کہِ وقتکی یادگار یم عظمت تہٕ پایدأری پراونہٕ خأطرٕ مددگار چھ، سپدان، بڑٕن بڑٕن دشمنن ستی جنگ یا تم رسم ورواج ختم کرٕنی یم قومہٕ کِس مفادس خلاف چھِ آسان۔ تہٕ چھِ کامیاب رزِم نامہٕ خأطرٕ اکھ مواد بہم کران۔ تہٕ یوٚہے رزمیہ چھُ اکہِ تہذیب وتمدنٕچ مکمل یا جزوی عکأسی کران، ییٚلہِ تہٕ یہِ وجودس یوان چھُ۔

اوے چھُ یتہِ وننہٕ یوان زِ ہر کأنہہ قوم چھُ پأنی پانے رزمیہ پأدٕ کران۔ شاعر چھُ اتھ صرف منظّم تہٕ مربوط بناوان تہِ زن گوو سُہ چھُ صرف اتھ ترتیب دِنٕچ کأم کران، اکھ منظوم رزِم نامہٕ چھُ تیٚلی تازٕ تہٕ زنٛدٕ روزان ییٚلہِ سُہ یمن اصولن ہنٛز کھوچہِ کھٕسِتھ پاسہٕ کھرٕ سپدِ۔ نتہٕ چھُ جل جلِے لُکن ہنٛد ذیٚہنہٕ تہٕ دِلہٕ منز نیران تہٕ

مشرپھس تل گژھتھ راوان۔ بیا کھ کتھ چھےٚ زِ مذہبی یا بہادری ہِندۍن کارنامن ہُنٛد منظوم رزمیہ چھُ صرف تتھی حالتس منز پرٛتھان تہٕ باڈولبان یوسہٕ کُنہِ قومہٕ چہِ زندگی ہِندۍن خاص خاص وقتن یا دورن ستیٚ واٹھ آسہِ تھاوان۔ خاص دور یا خاص وقت گوو سُہ دور ییٚتھ منزلؤ کھ پنٛز سیٚدی تہٕ سادٕ عقید پننہِ ابتدٲیی زندگی منز پٔنن تہذیب تہٕ تمدن نامحسوس طریقہٕ پٲٹھی شکلاوان آسن۔ امی چھےٚ یہِ کتھ تہٕ ثبقہٕ بنان زِ کُنہِ قومچہِ زندگی ہِندِ گوڈٕ کالکۍ دورٕ ے چھِ تتھی ہوی رزٕم نامہٕ وجودس ینہٕ خاطرٕ سبٹھاہ موزوٗن تہٕ جان آسان۔ اوے چھُ کُنہِ قومس منز قومی رزمیُک موضوع تمہِ قومکہِ تمدنٛج ابتدٲیی دورٕ ے آسان نہ زِ تمہِ قومکہِ تمدن چہِ ترقی تہٕ مضبوطی ہُنٛد دور۔ تکیازِ قومُک تمدُن تہٕ تہذیب چُھنہٕ آناً فاناً منز کاڈ کڈان۔ یہِ چھُ وارٕ وارٕ مرحلہٕ وار کمال پراوان۔ ہاں جدید دورن منز آیہِ واریاہ رزمیہ مثنویہِ لیٚکھنہٕ۔ تتھن رزٕم نامن ہنز چھےٚ کٲہہ یاہ مثالہٕ یوٗرپی ادبس منز موجود۔

قومی رزمچ بیا کھ خصوصیت چھےٚ یہِ زِ کٲنہہ توٲریخی موضوع یُس کُنہِ وقتہٕ اکھ خٲرجی حقیقت اوس گوو چھیکرس مذہبی اسطورن، قصن، داستانن تہٕ قومی افسانن ستیٚ رَل، یوٗزِ پننہِ نِس ظٲہری حالتس منز چھُ باسان توٲریخہٕ تہٕ بیٚیہِ چھُ واقعاتن ہِندِس اَکِس تتھِس منظّم تہٕ مرتب سلسلس منزٕ ے تھنہٕ پیوان، ییٚتھ ستیٚ پادشہن، بہادرن، پہلوانن، شہزورفردن ہُنٛد تعلق آسان چھُ یمن پنٛز اکھ مقرر سرگذشت تہٕ داستانوی توٲریخ چھےٚ آسان۔ کُنہِ ساعتہٕ چھِ تم امہِ منز بیٚون تہٕ بدوٗن باسان تہٕ کُنہِ ساعتہٕ اتھ سرگذشتس تہٕ داستانوی توٲریخس منز شٲمل۔

اما پۆز یہِ تہٕ چُھ اکھ ٹا کارٕ پزر زِیم سارے کتھ ہیکن نہٕ اکی ساعتہٕ واقع سپدِتھ۔ یؠ تاہ اسطورس تہٕ ابہامُک حصہٕ دۄنتھ، چھاُنتھ تہٕ ژھُلتھ ورتاونہٕ ییہِ یِیہِ یِن صحیح توأریخی واقعات رزمیس منز ورتاونہٕ رزمیہ چُھ توأریخی لحاظٕ مولُل تہٕ قابلِ اعتبار گنز راونہٕ یوان۔ یتھ رزمیہ ہس منز اتھ برعکس ورتاوآسہِ، تہٕ زن گو و اسطوری روایات تہٕ ابہام آسن ژأرکرنے، سُہ رزمیہ چُھ توأریخی اعتبارٕ وٗسی پایہ تہٕ غأرمعتبر۔ ہرگاہ زن پرأنی قصہٕ، داستان، اسطور، روایات بیترِ امہِ رزمیہ ہکی ماخذ تہٕ بنیاد چھِ آسان پۆز تۆ تام چھِ تم واقعات، قصہٕ، روایت اسطور بیترِ بے معنہِ تہٕ فضول باسان یۆ تام نہٕ تمن کأنہہ قادرالکلام پوٚختہٕ مشق، ماہرفن شأعر رزمیہ ہچ شکل دِیہِ۔

منظوم رزم ناچ بیا کھ خصوصیت چھےٚ تمن رزٕم نامن منز جاین تہٕ وقتن ہُنٛد غأرمحدود آسُن۔ تہِ زن گوو رزٕم نامُک منظوم سپدُن چُھنہٕ زمان ومکان چہِ حدبندی منز قأد۔ تمن منز چُھ زمان ومکانک ابہام آسان۔ اِمچ قدیم ترین مثال چھےٚ رامائن تہٕ مہابھارت۔

یہِ کتھ اتھ اَندوا تناونہٕ بروٚنٛہہ چُھ منأسب زِ رزٕم نامن ہِندِس پرٛتھنس، کاڈکڈنس تہٕ باڈوپراونس متعلق تہِ یِن کیٛنٛہہ کتھ بروٚنٛہہ کُن۔

قومن ہِندِ ابتدأئی دورن کُن یِیٛلہِ تہِ أسی وُچھان چھِ اسہِ چھےٚ یہِ کتھ ٹاکارٕ لبنہٕ یوان زِ خطرناک مہمہِ، زبردست مشکلات تہٕ کُڈٕرۍ مرحلہٕ سرکرنہٕ روٚس ہیٚوک نہٕ کأنٛہہ تہِ قوم، قومی تشخص تہٕ باڈولٕبتھ یا مضبوط تہٕ محکم بٔنتھ۔ اتھ جدوجہدس

منز چھُ قوم بزرگ، بہادر، مددگار، جانباز تہٕ مدبّر فرد تہِ پأدٕ کران یم قوم خطرناک مرحلو تہٕ کٕڑ ربٕ مہمو منزٕ فتح مندی تہٕ وبقارٕ سان کٕڈِتھ منزل مقصودس واتناوان چھِ، یمن بہادرن، بزرگن تہٕ مددگار مُدبّرن ہٕندی کارنامہٕ چھِ قومہٕ کِس دِلس تہٕ دِماغس پیٹھ سوٚن اثر تراوان یُس وارٕ وارٕ روایژ، دلیلہٕ، قصہٕ تہٕ پتہٕ داستان بنان چھُ۔ یم اکہِ چانٹہِ پیٹھٕ بیٚیس چانٹِس تام وأتِتھ سینہٕ بہ سینہٕ سفر کران چھِ یموٕ ے داستانو تہٕ قصوستی گوٚو پرانین قومن ہُنٛد توأریخ مشخص۔ تِکیازِ پرأنی قوم أسی مرتب تہٕ منظّم توأریخہٕ بدلہٕ (لیس أسی ازوُ چھان چھِ) یموے قصو داستانو تہٕ روایژوٕ ستی پننہِ پتھ کالہٕ نِشہِ آگأہی حأصل کران۔ یمے روأیژ تہٕ قصہٕ بنے یہِ چھیٚکرس منظّم توأریخُک بنیأدی مسالہٕ۔ اتھ گوٚو وقت سورِنس ستی ستی وار یاہ برٔژر تہِ اماپوٚز اوس تہٕ یہِ سورُے مسالہٕ وُسرِ کھُسرِ چھکٕرتھ تہٕ بےترتیب، یِیمہِ منزٕ کأنسہِ کأنسہِ کأنہہ کأنہہ حصہٕ یاد تھوو۔ یم سأری حصہٕ سوٚمبرنہٕ خأطرٕ أس اکھ کوٚشش تہٕ جدوجہد ضروری، یہِ اہم کأم آیہِ تہندی ذٔسی باعمل یمن یمن پننہٕ نٔن قأبلِ فخر قومی کارنامن ستی سٕبٹھاہ وابستگی تہٕ پُرخلوص دلچسپی أس۔ ابتدأیی جمع کرن والین پتہٕ کرِ شأعرویمہِ منتشر داستانہٕ تہٕ روایژ منظّم تہٕ مربوط صورتس منز جمع تہٕ محفوظ، پوٚز یمن ہنٛز اصلی صورت رٔچھنس منز کٔرنہٕ تمو کأنہہ غفلت تہٕ لاپروأہی نہ کٔرِ کھ یمن منز کأنہہ بنیأدی تبدیلی۔ یُس تہِ شأعریژ ہِ اہم کامہِ دَس ٹُلہِ، یوٚت تمی ہِندِس دِلس تہٕ روحس منز قومی جذبہٕ شدید پأٹھی بیدار تہٕ زندٕ آسہِ تیوٚت چھُ سُہ پننہِ نِس مقصدس منز کامیاب تہٕ نزدیک تہٕ تمی سُندُے رزمیہ چھُ پننہِ نِس قومس منز سٕبٹھاہ جَل جَل مشہوٗر گژھان

تہٕ شہرت لبان تہٕ تِمی رزمیہ نِشہِ چُھ قوم فأیض تہٕ فأیدٕ پراوان۔

**کأشرِ رزٕم نامہٕ :**

کأشرِ زبأنی منز چھِ ازتام أگنز ری منظوم رزٕم نامہٕ لۄکھنہٕ آمتی ۔یِمن ہٕندی موضوع مختلف چھِ ۔یِمن منز چھِ توأ ریخی تہٕ نیم توأ ریخی مصنوعی، داستانوی رزٕم نامہٕ بیترِ شأمل ۔مذہبی، تہٕ نیم توأ ریخی بلکہِ توأ ریخی موضوع چھِ اکثر باہم رلہٕ پکان۔یِمن منز چھِ جنگِ خاور، جنگِ تال، جنگ زیتون، جنگ نامہٕ ،محمد حنف ، جنگ مختار، جنگ زین العرب، شاہ نامہ فردوسی ، ( کأشُر ترجمہٕ وہاب پرے ) یِم تہٕ تِتھی ہِوی رزٕم نامہٕ چھِ اکثر فارسی یا پنجاب زبأنی پٹھ ترجمہٕ سپدی متی ۔یِمن ہٕندی اکثر کردار چھِ توأ ریخی، پۄز اکثر واقعات ،قصہِ جایہِ چھے سراسر غأرتوأ ریخی بلکہِ چھِ ثوبُوتے ٹرتہٕ اپُز تہِ یِمن منز۔ منظوم توأ ریخی تہٕ مذہبی رزٕم نامن منز چھِ مغازی النبیؐ ، جنگ بدر، جنگ خندق ، جنگ نامہٕ خالد بنِ ولید شأمل ۔یِم چھ، واریاہس حدس تام مستند مذہبی تہٕ توأ ریخی رزٕم نامہٕ۔ جنگ نامہٕ امیر حمزہؒ چُھ 99 فی صدی رزٕم نامہٕ۔ کأشُر رامایِن تہٕ مہا بھارت تہِ چھِ أتھی زُمرس منز شأمِل ییٚلہِ زن کٔشیرِ ہٕندِس تناظرس منز یِمن سام ہٕمو ،یِم چھِنہٕ قومی تہٕ ملکی رزٕم نامن منز شأمِل ۔

یِم سأری رزٕم نامہٕ چھِ ترجمہٕ ، یِمن ہُنٛد مواد ، موضوع ، قصہٕ ، کردار ، اۄند پۄک تہٕ کلہم تُلہٕ تراوچھ غأرملکی ۔یِتھ کٔشیرِ تہٕ کأشرٕن سٕتی براہ راست کأنٛہہ تہِ واٹھ چُھنہٕ ۔یِہ چُھ دۄیِم سوال زِ یِمن سٕتی چُھ کأشرٕن پتہٕ پتہٕ مذہبی تعلق گۄمُت ۔ اوے کِنیٚ آے یِم وجوٗدس ۔پۄز یِمن ہیٚکو نہٕ أسی خألص ادبی اصطلأحی زبأنی منز

قومی رزٕم نامہٕ ؤنتھ، یہِ وُنن ماباسہِ وو کھٕ ہیوٗ۔ مگر حقیقت چھےٚ یی۔ امیٚ کنہٕ ہکو یہِ دعویٰ وثوٗقہٕ تہٕ اعتبارسان کرِتھ زِ کاشُر زبانٕہ منز چھنہٕ کشیٖرِ تہٕ کاشرٕن منز تواریخ (ہندو یا مسلمان دورٕ چ) مدِ نظر تھاوِتھ ازتام کانٛہہ تہِ منظوم رزٕم نامہٕ لیکھنے آمُت۔ لہٰذا ووٚنی یِم رزٕم نامہٕ کاشرِ پاٹھی موجوٗد چھِ تِم چھِ ساری غارکشمیری رزٕم نامہٕ۔ یِمن کشیٖرِ تہٕ کاشرٕن سٟتی کانٛہہ واٹھے چھُنہٕ۔ یہِ چھُ اکھ اہم سوال۔ ازتام چھُنہٕ کاشرِ زبانٕہ ہندو شاعرو منزٕ کانٛسہِ تہِ اکی کاشرٕن بہادرن، فداکارن، سرفروشن، جنگ آزما پہلوانن، مدبّرن تہٕ مجموعی طور کاشرِ قومکی قابلِ فخر تہٕ قابلِ یادگار کارنامہٕ کُنہِ تہِ رزمیہس منز نظماوِ متی۔ اتھ سوالس چھُنہٕ کانٛہہ جوابے۔

کشیٖرِ گٲے دوہے سیاسی (غارملکی ین ہندِ دٔسی) لتہٕ کرٕی اگادِ۔ یوٗنانی، یہودی، ارین، شاکا، کشان ہُن، منگول، تاتاری، افغان، سِکھ، ڈوگرٕ، یِمو سارٕوے کوٚڈاورٕ یتھ پٹُن مس کشیٖرِ منز واتی تھے۔ یِمو بناوا کھکھٕر۔ خدا زانان ''کشمیریت'' کوٚت گیےٚ یہِ۔ یہِ کھکھٕر وُچھِتھ چھُ یہِ سوال ووتلان زِ کاشُر اوسا زانٛہہ قوم؟ یتھ منز اَمی قومن سبٹھاہ خطرناک مرحلہٕ تہٕ کٹھٕری منزل طے کرِتھ کانٛہہ اعلیٰ تہذیب وتمدن تہٕ ترقی پراو؟ تہٕ امہِ قومہٕ کیٛو بہادروتہِ چھا زانٛہہ تِتھی قابلِ فخر کارنامہٕ انجام دِتی متی یِم گوڈٕ قصہٕ تہٕ داستان بنان بنان آخرس پتھ تواریخ بنیاے؟ تہٕ سُہ تواریخ وُچھِتھ لوٚبا یِنہٕ والیو لُکو تمہِ نِشہِ کانٛہہ فاض تہٕ الہام۔ یِم ساری چیز آسی موجوٗد، پوٚز فاض تہٕ الہامہٕ وراے۔ امہِ کنہٕ چھُ سوال سوالے؟ کاشرٕو دِتی کارنامہٕ انجام، تِمو پرٛوو اکھ اعلیٰ تہذیب وتمدن، تِہندٕن کارنامن ہُنٛد بنیو اکھ تواریخ پوٚز کاشرِ زبانٕہ منز

چُھنہٕ یمن کارنامن تہٕ اتھ توأریخس پٮ۪ٹھ کٲنہہ تہٕ رزِم نامہٕ لیکھنہٕ آمُت ۔یہ کینژھا چُھ سُہ چُھ وو پرتہٕ سُہ تہٕ چُھ ترجمہٕ ۔ووٚنی ہے جذبہٕ تہٕ آسہِ ہے زِیم موجوٗدٕ رزٕم لیکھنس تہٕ ترجمہٕ کرنس منز لبن کأشری یمو رزٕم ناموٚ ستۍ غأر ملکی تسلط نِشہٕ آزاد گژھنُک سبق، تمہ کرن سامراجس خلاف جدو جہد، تیٚلہِ اوس پٕژ ز ۔مگر یہ جذبہٕ تہٕ چُھ تمام رزٕم نامن منز بالکل غأب ۔

ووٚنی گوٚو یہ تہٕ چھےٚ اکھٹا کارٕ حقیقت زِ منظوم قومی تہٕ وطنی رزٕم نامہٕ ہرگاہ سأرسے ہندوستانس منز کُنہِ قومس منز تحریر سپُد مُت چُھ سُہ چُھ کأشر قوم، پٕژ زیہ رزٕم نامہٕ چُھ سنسکرت زبأنی منز ۔میون اشارٕ چُھ کلہن سنز راج ترنگنی کُن ۔کلہن چُھ گوڈنیک کأشر شأعر یمی پننہِ وطنُک قومُک، تہذیب وتمدنُک اکھ رزٕم نامہٕ لیٚو کھ ۔راج ترنگنی منز چُھ کأشرٕ بن بہادرن ،فدا کارن تہٕ مدبرن ہندی کارنامہٕ ، کأشر تہذیب وتمدن تہٕ تمیُک ووتھٕ بو، رسم تہٕ رواج ،مختلف دورو منزٕ مذہبی تہٕ سمأجی ترقی ہُند توأریخ واریاہس حدس تام تفصیلہٕ سان بیان سپُد مُت ۔راج ترنگنی چُھ اکھ جان منظوم رزٕم ناہکۍ اکثر لوأزمات ،خصوصیات تہٕ اصول پُورٕ کرن ۔ایشأئی توأریخن متعلق چھےٚ یہ عام شکایت زِ تمن منز چُھنہٕ جنگو روٚس کینٛہہ تہٕ آسان ۔پٕژ ز راج ترنگنی چھےٚ امہِ نِشہِ مستثنیٰ ۔اتھ منز چُھ کأشرٕ بن بہادرن ہنز بہادری، فدا کأری ستۍ ستۍ کأشرٕ بن ہنز کمزوری ہنز داستان تہٕ تحریر سپز مژ ۔اتھ منز چھ فلسفیانہٕ ، مذہبی، اخلأقی تہٕ اجتمأعی اصولن ہُند تہٕ ذکر ۔راج ترنگنی چھےٚ تہٕ ویسے بادشاہن ہنزٕ ے دلیل ۔پٕژ ز متعلقہٕ وقتکۍ ہر قسمکۍ حالات ،تہذیب وتمدن ، شأہی دربارن ہُند تہٕ

وزیرن تہٕ امیرن ہُنٛد حال، تِمن ہُنٛد کردار، کھاند کھۄ ندر، رسم ورواج، حسن وعشقکۍ قصہٕ ٹیکسن ہُنٛد ذکر، واقعہٕ تہٕ جذبات نگأری تہِ چھِ اتھ منز۔ زورِ بیان، اختصار، فصاحت تہِ۔ مبالغہٕ آرأئی تہِ چھےٚ اتھ منز۔ یِموٕ ے خصوصیتوٕ کِنۍ چھےٚ راج ترنگنی واریاہس حدس تام اکھ کامیاب منظوم رزمیہ۔ کلہنؔ سُنٛد ونن چھُ ازتہِ پۄ زِ کٔشیر ہیکہِ نہٕ زانٛہہ تہِ فوجی طاقتہٕ ستۍ زیرِ سپدِتھ۔ اتھ ہیکہِ صرف محبت تہٕ لولہٕ ورتاوٕ ستۍ یوت کانٛہہ زینٛتھ۔ امہِ حسابہٕ چھےٚ راج ترنگنی کأشرٕن ہِندِ خأطرٕ کأشرِ قومیچ تہٕ کشمیرٕچ اکھ اہم تہٕ معتبر سند۔ تِکیازِ یتھ زمانس منز کأشرِس توأریخس اکہِ ہمہ گیر انقلابُک اکھ نو وتہٕ تہہ دار باب شأمل ہوٕان اوس گژھن، کأشرٕن تہٕ کٔشیرِ ہِندِس قدیم توأریخس اوس ہر لحاظہٕ مشرٕپھس تل گژھنُک خطرٕ۔ کلہنؔ کوٚر کٔشیرِ ہُنٛد قدیم توأریخ نوٚسرِ مرتب تہٕ زندٕ۔ سُہ کوٚرُن مکمل پأٹھۍ ینہٕ والہِ وقتہٕ تہٕ وأرثن ہِندِ خأطرٕ مستقل پأٹھۍ محفوظ تہٕ تتھ بخشِن دأیمی زندگی۔ اتھ منز چھےٚ واریاہ خأمی تہِ، تہِ زن گو واتھ منز چھُنہٕ کانٛہہ قدا وار ہیر ونظرِ گژھان، یہِ چھےٚ لوکٹٮ۪ن موکٹٮ۪ن راجن مہاراجن، معمولی جنگن تہٕ خانہٕ جنگی ین ہِنز داستان۔ پۄ زیمہٕ خأمیہ آسِتھ تہِ چھےٚ راج ترنگنی ہِنٛز اہمیت تہٕ یہِ اہمیت چھےٚ مسلم۔

یہِ چھُ راج ترنگنی متعلق اکھ وکھرٕ اپروچ۔ یُس میأنِس ذٔہنس منز ووتلیو و۔ یہِ اپروچ چھُنہٕ مزازٕ کِنۍ بٔڑہٕ اپروچ؟ اتھ پٮ۪ٹھ سوچن چھُ کأشرٕن سنسکرت زانن والٮ۪ن ہِنز کأم۔ امہِ پتہٕ تہِ ہرگاہ سنسکرت لیٚکھن والیو راج ترنگنی ہِنز روایت برونٹھ پکہٕ نأو، پۄ زِ تمیٚچ حیثیت چھےٚ ضمنی تہٕ ضمیمی۔

یمو پتہٕ تہٕ آو اکھ رزٕم نامہٕ لیکھنہٕ ۔ یُس تأریخی تہٕ نیم توأریخی یا اسطوری لحاظہٕ براہ راست کٲشرِ ستۍ تعلق چُھنہٕ تھاوان ۔ یہِ چُھ اکھ علامتی یا مثٲلی رزمیہ چُھ تہٕ بالکل مستند توأریخی واقعس پٹھ مبنی ، پوٚز یہِ چُھ فارسی زبٲنۍ منز ۔ امیُک خٲلق چُھ حمید اللہ شاہ آبادی ۔ رزٕم نامُک ناو چُھ ''اکبر نامہٕ'' حمید اللہ ہن چھِ سکھن تہٕ ڈوگرن ہِندِس ظلمس متعلق واریاہ تمثیلی شأعری تہٕ نثرس منز تہِ سبٹھاہ لیوٚکھمُت ۔ اتھ رزٕم نامس منز چُھن افغان سپاہ سالار اکبر خانہٕ دٔسۍ سکھن ہِندِ شکست کھنُک تفصیلی حال بیان کوٚرمُت ۔ مقصد اوس حمید اللہ سُند محض کأشرِ غأرملکی تسلط قٲیم کرن والین ہِندِ ظلمہٕ نِشہٕ آگاہ کرٕنۍ ۔ بیٚیہِ اوس یہِ ہاوُن زِ اگر عوام زِندٕ آسہِ ؟ سِکھن شکست دِنۍ چھ سہل ۔ پوٚز یہِ رزٕم نامہٕ آو تتھ وقتس منز لیکھنہٕ ییلہِ فارسی زبٲنۍ ہُند دور اوس سورُن ہیوان ۔ أمۍ کٔرنہٕ مطلوبہ کأم تہٕ مقصد وقتس پیٹھ پوٗرٕ ۔

وونۍ چُھ سوال ووتھان زِ کأشرِ زبٲنۍ منز کیازِ آونہٕ کانہہ منظوم رزمیہ لیکھنہٕ ، میأنۍ کِنۍ چھِ اتھ یم وجوٗہات ذمہٕ دار ۔

ا: حضرت عیسیٰؑ ہس برونٹھ گوڈنِکۍ ژور ہتھ ؤری أسۍ کلھم پأٹھۍ سأرسے ہندوستان کِس توأریخس منز انتشار تہٕ وُسرِ کھوٗسرِ ہِندۍ شکار یوٗ نٲنۍ بادشاہ سکندر سِند حملہٕ پتہٕ (ییمیُک اثر کٲشرِ پیٹھ تہِ روٗد ) آے پارتھی ، شاکا ، کُشان تہٕ ہُن حملہٕ آور ۔ یم سأری گٔے مقتس منز کامیاب ، لؤکن منز اوسُے نہٕ ''قومی'' احساس تہٕ بیدار کیاہ گرٛھہن ۔ اتھ مقابلہٕ گٔے مقٲمی ہندو دھرم تہٕ تہذیب زندٕ کرنچ اکھ وُچاپٕلۍ کوٗشش ۔ اتھ اوس نہٕ قومی کردارٕ ے ۔

یتھ منز سأری لۄکھ ہێندی، بودھ، جین وغأرِ یکسان سطحس پیٹھ شأمِل آسہٕ ہن۔
یِہأے حالت رۆز جأری۔ پتہٕ آے واریاہ جنگ لڑنہٕ۔ یِم زِ یم اُسی پانہٕ وأنی جنگان۔ یِیمیُک فأیدٕ مسلمان حملہٕ آور وتُل۔ اتھ حالتس منز ہیۆک نہٕ قومی سطحک کأنہہ تہٕ رزمیہ پأدٕ گژھتھ (مذہبی رزمیا ۆک طرف تھأوِتھ)، کشیٖر تہٕ رۆز یہٕے حالت یۆ دوے کُنہٕ حدس تام کٲشیر امہٕ نشہٕ مُچھہٕ چھےٚ؟ کھیمندر، پدم مِہر ہیل راج تہٕ چھولاکرس پتہٕ لیٚچھ کلھنن راج ترنگنی۔ یۆ زعظیم الشان رزمیہ ہکو نہٕ یمن لوکچھن موکچھن کتابن یا راج ترنگنی تہٕ وٕنتھ۔
۲: ہندو دورس منز چلہٕ وٕنی مسلسل خانہٕ جنگی، حکومتن تہٕ حکمرانن ہنز جل جل ادلا بدلی۔ حکمرانن ہُنٛد ظألمانہٕ کردار تہٕ چُھ اکھ وجہ۔
۳: ذلچو تاتأری حملہٕ آورن ہنز زبردست خوٗن ریزی تہٕ تاراج۔
۴: کأشرِ زبأنی ہُنٛد سبٹھاہ پسماندٕ آسن۔ یہِ وجہ چُھ وضاحت طلب۔ اکھ زِ پمفلٹ ہیتھ اورِ یورنژن تہٕ یہِ وُنن زِ ہندو دورس منز تہٕ اوس کأشُر بولنہٕ پرنہٕ تہٕ لیٚکھنہٕ یوان، چُھنہٕ ہضم گژھنس لایق۔ از تام یم تہٕ قدیم کأشرِ زبأنی ہندی تحریری نموٗنہٕ دٕستیاب سپدی متی چھِ۔ تم چھِ چھرا سنسکرت، کأشر زبان چھےٚ تمن منز تۆلس منز کنہٕ آسنس برابر۔ اگر کأنہہ قأبلِ فخر تہٕ قأبلِ ذکر کتاب کأشری پأٹھی لیکھنہٕ آمژ آسہِ ہے یا کأنہہ صاحبِ فن ادیب، آسہِ ہے کأشری پأٹھی لیکھان، کلھنن آسہِ ہے ضرور راج ترنگنی منز تمیُک ذکر کۆرمُت۔ یہِ چُھ ہاوان زِ کأشر زبان اُس وُنہٕ کھو کھشی کران۔ اتھ اُس سنسکرت زبان وُنہٕ آپنے آپران۔ امہِ تلہٕ چُھ ننان زِ کأشر اُس

نہٕ وُنہِ علمی زبان بنیمژ۔

امہِ پتہٕ آو مسلمان حکمرانن ہُنٛد دور۔ یمو منزٕ گوڈنیُک اوس بوٹہٕ (لدأخ)، زبان أسس لدأخی، شاہ میٖراوس کُنارسواتُک۔ زبان أسس خبر کیاہ کھژٕر۔ یمنٕے ستی آو چکن ہُنٛد جدنا معلوم أندٕ پتٕھ، زبان أسس کوسہٕ تام، غرض مطلب چُھ یہ زِ یمن کیاہ دلچسپی أس کأشرِ زبأنی ستی۔ یمو کُر پتہٕ پتہِ فارسی بطورِ سرکأری زبان رأیج۔ تِکیا زِ تمن ہنز پننہِ زبأنی آسہٕ معمولی علاقأیی بولہِ۔

وننہٕ چُھ یوان زِ زین العابدین ہِندِ وقتہٕ أس کأشر اکھ اہم زبان تہٕ امہِ پژٕ ووز بردست وُسجار۔ بیٚہِ آیہِ اتھ منز وارِیاہ کتابہٕ لیٚکھنہٕ۔ لل عارفہٕ تہٕ حضرت شیخ العالم نورالدین نورانیؒ سُنٛد روحأنی تہٕ تبلیغی کلامہٕ روٗس چُھنہٕ اتھ دعواہس کأنٛہہ مضبوط ثبوٗت۔ یمن دوٚن صاحبن ہُنٛد کلامہٕ تہِ روٗ دسینہٕ بہ سینہٕ بروٗنٛہہ کُن پکان تہٕ اتھ پکنس دوران کأژاہ تبدیلی گٔیہِ یمن متنس منز، تمیُک چُھنہٕ کأنٛہہ تہِ بے پتاہ میلان۔ ووٗنی اگر اتھ دورس منز کأشرِ زبأنی باڈو لٔبتھ کأنٛہہ تہِ کاڈ کوٚڈُمُت آسہِ ہے تیٚلہِ آسہِ ہے کأشرٕن قومیتُک تصور ذہنن منز ضرور پأدٕ گوٚمُت۔ تِکیا زِ رینچن شاہ، شاہ میر، ”میر حدیردوغلت“، یا پتولاکن چک، یم سأری أسی ژکہِ غأر ملکی۔ یم تہِ أسی تِتھی سیأسی تھپل بازٕ یِتھی مغل أسی۔ مغلن تہٕ یمن چھنہٕ کأنٛہہ تہٕ فرق۔ کأشرِ روٗ دی یمن سارِنٕے غأر ملکی ین ہندی غلام۔ یہِ وننس منز چُھنہٕ اعتقادس یا مفروضس دخل۔ ٹیٚوٹھے زن چُھ، پوٚز چُھ تہٕ پزر۔ یم یہِ ونان چھِ زِ مغل حکومت أس سامرأجی، تمہٕ وٕنی تن رینچن، شاہ میر، تہٕ چک أسیاہ کأشری؟

زین العابدین ہٕندِ وقتہٕ گۓ سنسکسرت زبان تہٕ گاڈلی کھالتس، یوٚسہٕ توٚ تام سرکاأری زبان أس۔ فارسی زبان آسہِ یہِ پٔنُن نثری تہٕ منظوم کتابن ہُنٛد کاروان ہیتھ تہٕ دِتُن تتھی پاٹھۍ تہلِس ہمٕہ یتھ منز سنسکرت أس ژھالہٕ مأرِتھ تھچمٕژ۔ کأشر زبان أس ژھیٚپہٕ ژھأری سے گنٛدان۔

۵: مذہب، عقیدٕ تہٕ اعتقادن منز زبردست تبدیلی:

اسلام کہِ تیزی سان پھٔہلنہٕ ستۍ (اتھ اوس ہندو سماج تہٕ تہذیٖچ ابتری زیادٕ ذمہٕ دار) بنے یہِ معمولی وقتس منز کٔشیرِ ہنز اکثر آبأدی مسلمان۔ یِیمہِ کنۍ لوٗکن قدیم اسطوری، دیومالائی، مافوق الفطرت قصن، پہلوانن، دیٚون، جِنن تہٕ راکھشسن پیٹھ اعتبار رووٕ۔ یمن پیٹھ رأوی پڑھے۔ بلکہِ آو یمن قصن تعجب چو نظرو وُچھنہٕ۔ پٔتِم توأریخ أس یموٕ قصوٕ ستۍ بٔر، تھ۔ یم سأری چیز چھِ رزم نامہٕ خأطرِ بنیأدی مسالہٕ۔ یِیٚلہِ نہٕ اتھ پیٹھ پڑھے روٗزییہِ سوٗرے مسالہٕ گوو بیکار۔

نوٗ وأرِد تہذیبن ہنز خصوصیت چھےٚ یہِ زِ یوٚت یوٚت یم وأتی تتہِ بدلأوییمو ملکی زبان سرِ ثوٗبوٗتے۔ یا گرِ کھتتھ حدس تام زیر زِسو روٗزنہٕ آزاد زبان، عربی زبأنۍ بروٗنٹھ أس شام تہٕ مصرِ چ زبان سُریأنۍ تہٕ قبطی۔ پوٚت پتہٕ گیہِ سارے ملکٕچ زبان عربی۔ قبطی تہٕ سُریأنۍ چُھنہٕ کأنہہ ووٗنۍ زانأنی۔ تُرکن ہندِ ستۍ بنے یہِ قسطنطنیہ تہٕ لوکٹہِ ایشیاہچ زبان ترکی۔ کابُل قندہارٕچ عام زبان أس پُشتو، پوٚز خاص لکن تہٕ لکھٕ پرِ ہنز زبان بنے یہِ فارسی یوسہ ایرأنۍ مسلمان حکمرانن ہنز زبان أس۔ ہندوستانس منز گیہِ عربی، فارسی تہٕ ترکی زبأنۍ ہندِ اثرٕ ستۍ اکھ نٔو زبان ''اردو'' پأدٕ،

باقے زبانن پٹھ تہٕ پیٚو واثر۔ کأشُر زبان آس ہندودورس منز کھوٗکھش کران۔ عوأمی سوٚتھرِس پٹھ لوٚب امہِ پتہٕ زبردست وُسجار۔ یوٚ دوے ڈوگرِ دورٕکس خأتمس تام تہٕ روٗز سرکأری زبان فارسی۔

۶: مسلم مبلغن ہنز تبلیغی کوشش:

حضرت میر سید علی ہمدانیؒ صأبن تہٕ پتہٕ یہندی فرزند حضرت میر محمد ہمدانیؒ صأبن أنی پانس سٟتی کشیرِ منز مبلغن تہٕ عألمن ہنز واریاہ جمأژ۔ یمو یٚتہ دورس منز ژھوپأری فارسی زبان تہٕ اتھ سٟتی ایرأنی تہذیب وتمدن ادب،شعروشأعری تہٕ مذہبی تصنیفاتن رواج لوٚگ۔ کأشُر زبان روٗز پس منظرس منزے۔ کھوٗکھش کرِ وِنہِ کأشرِ زبأنی نِشہٕ اوس نہٕ ممکن فارسی ہشہِ ترقی یافتہٕ زبأنی ہُند کُنہ رنگہٕ مقابلہٕ کرُن۔ نتیجہٕ دراوزِ کأشر زبأنی روٗز نہٕ سرکأری سرپرستی حأصل تہٕ یہِ روٗز واریاہ پتھ۔

۷: مسلان دورِ حکومتس منز تہٕ روٗز (کینٛہہ وقت اوٚک پاسے ترأوِتھ) مسلسل خانہٕ جنگی ہنزے حالت جأری۔ مستقل طور روٗد نہٕ ملکس منز امن وامان قأیم یُس خوشحألی تہٕ تہذیبی تہٕ تمدنی ترقی باپت اہم بنیاد چھےٚ۔ نتیجہٕ دژ اوبی زِمنظوم رزم نامہٕ گووِنہٕ پأدے۔ فارسی زبأنی منز تہٕ نہٕ تہٕ کأشرِ چھنہٕ کتھے۔ نتہٕ أسی شہاب الدین سکندر تہٕ زین العابدین ہندی کارنامہٕ ہاوِنی تہٕ باوِنی لایق۔ یمن متعلق فخرٕ سان لکھنہٕ یِیہ ہے۔ یہِ دور اوس الہٕ پلہٕ ساڈھاہ رتُ تہٕ شاندار۔ پوٚز کأنسہِ تہٕ لیٚوکھ نہٕ یمن متعلق۔ بٔڑ منزٕ لیچھِ شک شری ور تہٕ زون راجن ''راج ترنگنی''۔ مگر

محض مذہبی تعصب کِنۍ کوٚرنہٕ یِمو وژھِ وآنجہٕ شہاب الدین تہٕ سکندرسِندٕن قومی کارنامن یا حضرت سید علی ہمدانیؒ تہٕ حضرت میر محمد ہمدانیؒ تہٕ دیگر بے شمار عالمن، تہٕ حضرت شیخ العالمؒ تہٕ لل عارفہٕ یا دیگر ریٚش حضراتن ہِنز کانٛہہ ذکر۔ نتہٕ آسِہ نہ یِہندی کارنامہٕ کم اہم کینٛہہ۔

۸: قومیتُک تصور:

کأشرِٕن اوس نہٕ قومیتُک تصورٕے ہرگاہ آسہ ہے تیٚلہِ ماہکہٕ ہن معمولی طالع آزما، مہرکل، ذلچو، رینچن، شاہ میر، حیدر دوغلت تہٕ شُگ ہِوی اقتدارس پیٹھ آسأنی سان قبضہٕ کٔرِتھ۔ یہِ وُچھ کأشرِ بو پنہٕ نوٕ اچھو۔ پوٚز کأنسی وۄنکھ نہٕ کینٛہہ ، یِی کوٚرُکھ پتہٕ مغل، افغان، سِکھ تہٕ ڈوگرٕ دورن منز۔

أتھی ستی چُھ بیا کھ وجہ تہِ واٹھ تھاوان۔ سُہ گوو کأشرِٕن ہُنٛد بحیثیتِ مجموعی ہرحکمرانس تہٕ حکومتن ستی لاتعلق (Indifferent) روزُن۔ کأشِرِ روٗ دی حکومتن تہٕ حکمرانن ہندِس ینس تہٕ گرچھنس نشہِ بدٗن یہِ زأنتھ زِ پرٛتھ کانٛہہ حکمران یُس تہِ پِیہِ ،چُھ ظلم کٔری تھِے۔ ٹیکس چُھ بہرحال دِیُن ، بیگارِ چُھ گرٛھن، لامہِ چُھ لگن۔ ییٚمہِ کِنۍ کأشرِٕن لوٗکن حکمرانن پیٹھ اعتبارٕے روٗ دنہٕ تِمو ہیٚو چھ ظلمس مقابلہٕ کرنہٕ بدلہٕ پرٛتھ کُنہِ اقتدارس تہٕ اقتدارلبن وأٔلِس جے تہٕ زندہ باد کرُن۔ صرف ظلم، جبر تہٕ شأہی عذاب نِشہِ بچنہٕ خأطرٕ۔ یُس تِمن تو تہِ بہرحال وُچھن پیٚو و۔

یِمو وجوٗہاتو کِنۍ ہیٚوک نہٕ کأشرِ زبأنۍ منز کانٛہہ تہِ عظیم الشان، باوقار، باگہِ بوٚرُت تہٕ قأبلِ فخر قومی رزمیہ از تام پأدٕ گٔژھتھ تہٕ نہ چھےٚ آیندٕ کانٛہہ ووٚمید۔

زان:

پروفیسر غلام محمد شاد زاو() اسلام آباد کس وتیجیأری قصبس منز۔ پروفیسر شاد رؤ دمختلف کالجن منز سبکدوش سپدنس تام توأ ریخ (History) پرناوان۔ اما پۆ ز پننہِ سأرسے وأنسہِ رؤ دی ادبی دُنیاہس ستۍ وابستہٕ۔ شاعر تہٕ نثر نگار آسنس ستۍ ستۍ چھ شاد اکھ سنجیدٕ محقق یمو کاشرِ زبانۍ تہٕ ادبہٕ کینہہ سرگذشتہٕ گوشن پٹھ قلم تُل۔ فارسی تہٕ عربی زبانہٕ ہنز زان آسنہٕ کِنۍ رؤ دی یم قلمی نسخن ژھأنڈ دِتھ مولوان۔ ''تصوف اکھ تعارف''، شہل تہٕ شیٚہلتھ، آلو مِلو، أندرِم ضرب، ورفنا لک ذکرک، کلیات رسول (مرتب)، کلیات نأظم (مرتب)، کلیات مقبول امرتسری، شعلہ آواز (فیض احمد فیض) ییترِ چھےٚ یہنز تصنیفہٕ۔

لفظ تہٕ معنی

اسطور: قصہٕ، کہانی، افسانہٕ، کتھ

چابکدستی: ہشأری، تیزی، پھرتیلی، کاریگری

تمثیل : مثال، مشابہت

مدوّن: جمع کرن وول، ترتیب دِنہٕ وول، جمع کوٚ رمُت، ترتیب دِیُتمُت۔

مافوق الفطرت: انتہأیی حیرت انگیز، عقلہِ تہٕ ذیٚہنہٕ ہیٚور۔

تشخص: شناخت

## سوالات

۱:	رزمیہ شاعری کیاہ گیہِ تہٕ یہِ شاعری کمہِ اعتبارٕ چھےٚ بزمیہ شاعری نِشہِ الگ

۲:	رزمیہ شاعری ہندی بنیاًدی پرٛ زناون نشانہٕ کم چھِ؟ مثا لہٕ دِتھ کٔرِ ووضاحت

۳:	کاشرِ س ادبس منز رزمیہ شاعری ہندِ توآ ریخُک اکھ مختصر جایزٕ کٔرِ وپیش

# کلچر تہٕ زبان

شفیع شوق

کلچر تہٕ زبان چھِ زٕ اصطلاح یِم اکثر یکوٹہٕ ورتاونہٕ چھِ یوان، ییٚلہِ اسہِ کُنہِ قوٗمچ شناخت آسہِ ہاوٕنؠ۔ یِم زٕ لفظ چھِنہٕ صرف زٕ مبہم اصطلاح بلکہِ انسأنی اجتمأعی زندگیہ ہٕنزٕن دوٚن ٹاکارٕ حقیقژن ہندی زٕ ناو۔ مگر مسلہٕ چھُ یہِ زِ ٹاکارٕ آسِتھ تہِ چھےٚ یِمہٕ زٕ حقیقژٕ بدِ کڈنہِ نہایت مشکل۔ عام پأٹھی چھِ لُکھ ونان زِ کلچر گوٚو کُنہِ قوٗمُک پلو پوشاک، کھٔن چٔن، لُسُن بسُن تہٕ رسم ورواج مگر یِم سأری چیز چھِ کالہٕ پگاہ بدلان روزان تہٕ پتہٕ کتھ سناوَنو یہِ چھُ سوٚن کلچر۔ یی چھُ زبانِن متعلق تہِ پوٚز۔ یُژ پأٹھی چھِ لُکھ زانان زِ زبان وَنو لفظن۔ مگر لفظ تہِ چھِ بدلان روزان۔ پرأنؠ لفظ چھِ ترک سپدان تہٕ نٔوی لفظ چھِ تِہنز جاے رٹان۔ پتھ کتھ سناوَنو زبان۔ یؠ ت کٔرِتھ چھُ انسان یِمن دوٚن سمأجی حقیقژن ستؠ تیوٚت جذبأتی رشتہٕ تھاوان آمُت زِ انسان چھُ یِمنے بنیادن پٮ۪ٹھ مختلف قومن، نسلن تہٕ ملکن منز بأگرنہٕ آمُت تہٕ انسأنی توأرٟخس منز چھِ کلچرن تہٕ زبأنٮ۪ن پٮ۪ٹھ بیشمار جنگ لڑنہٕ آمٕتؠ، یِمن منز أنتھٕ روٚسی انسان قتل چھِ سپدی مٕتؠ تہٕ وُنہِ تہِ چھُ یہِ قتلِ عام سأری سے عالمس منز جأری۔ واریاہ قوم چھِ یقین تھاوان زِ تِہُنٛد کلچر چھُ تھوٚد تہٕ تِہنزے زبان چھےٚ سارِوٕے زبانو کھوٚتہٕ رٕژتہٕ اکثر لکن چھُ کلچرن تہٕ زبانِن متعلق یوہے تصور یُس غلط چھُ تہٕ یہِ چھُ جہالتُک نتیجہِ۔

کلچرس تہٕ زبانن متعلق تعصب چُھ یتھ غلط تصورس پیٹھ قائیم زِ یم چھِ لا بدی، مستقل تہٕ آسمأنی حقیقتہٕ۔ زنتہٕ کأنہہ قوم وجوٗ دس ینہٕ برٛونٹھے یمہٕ حقیقژ تہٕندِ خأطرٕ طے آسہٕ سپز مژ تہٕ یمہٕ روزن ہمیشہِ تِتھے پأٹھی موٗجوٗد۔ ییٚلہِ زن اتھ برعکس پوٚز یہِ چُھ زِ زمانہٕ گذرنس ستی ستی چھےٚ یمن منز تبدیلی یوان تہٕ یتھ قومس منز یہِ بدلاو ییہِ نہٕ سہ چُھ پسمانٛدٕ قوم تہٕ تتھ چُھ مٹُنک خطرٕ۔ کلچرس تہٕ زبأنی ہُنٛد بدلاو چُھ ترٕٛن اہم انسأنی اصولن ہُنٛد نتیجہِ۔

ا۔ضرورت: ییٚلہِ نہٕ کُنہِ سماجس کأنہہ اہم کأم أنزراونہٕ موکھ برٛونٹھے ضروری چیز پانس نِشہِ آسن تِم چیز چھِ بیٚیہِ سماجہِ نِشہِ حأصل یوان کرنہٕ، یا کُنہِ کُنہِ پأدٕ یوان کرنہٕ، مثلاً وُنکیٚن چھِ أسی پننہِ ضرورتہٕ کِتی چیز کالہٕ پگاہ پانناوان۔ ریڈیو، ٹی وی، وی سی آر، اِی سی جی، بیترِ۔ کلچرٕ کِیم جُز چھِ پانس ستی پٔنٛن ناوہتھ یوان۔ ووٚں گوویم نٔوی ناو چھِ بعضے بیٚیِس قومس منز یِتھ تمہِ قومہٕ چہٕ زبانہٕ ہِندِ پھورٕ آیہِ بدلان۔ مثالے ہاے ٹینشنHigh Tention ۔ درازٕ، Drawers ترپالTrapoline ، برسٹ Burst ، رنگروٗٹھRecruit ، بیترِ۔ پرٛتھ کُنہِ قومس منز چھےٚ ضرورتہٕ مطأبِق نٔوی نٔوی چیز رٕچنٕچ عمل جأری روزان تہٕ اتھ ستی ستی چھےٚ زبان تہٕ بدلان روزان۔ کَس چُھ ووٚنی یاد زِ پُھور، پوتو، کنہٕ ٹوپہٕ، یاجہِ کأنز، لوٗپُن، مَنَن، تیلہٕ ژوٗنگ، تار، لوٗنگن، گرینٹھ، وٗتھرن بیترِ کیاہ أسی، کُتھی أسی تہٕ یمن چیزن ہِندی ناو تہٕ کتہِ روزن برٛونٹھ کُن!

۲۔وقار: بعضے چھِ لوٗکھ وقارٕ موکھ تہٕ نٔوی چیز پانناوان تہٕ تِمن چیزن ستی تِہندی

ناوتہِ ۔ یہِ چُھ تیٚلی سپدان ییٚلہِ تَم لُکھ واریاہس کالس بیٚیہِ کُنہِ قومچہِ حکمرأنی تل رٗوٗدی مِتۍ آسن ۔ محکوم چھِ حاکمن ہِندِس پوشاکس، گرو ٹھس ،رٔسمن رواجن، عاداتن تہٕ وِوتھنس بیٚہنس نقل کران۔ یُتھ تَم تہِ کُنہِ شمارس منزٕ ین ۔ نقاٗلی ہُنٛد سلسلہٕ چُھ زمانہٕ گذرنس ستۍ ستۍ تیتھہٕ پأٹھی محکوم قومہِ کہِ کلچرُک حصہٕ بنان زِ پتہٕ چُھنہٕ یاد تہِ روزان زِیم چیز کیاہ أسی اسہِ حکمرانن ہُنٛد نقل کرِتھ پانناوی مِتۍ ۔ مثالے خان ڈریس ییہِ چُھ ووٗنی زنتہٕ کأشُر آسنُک نشانہٕ بنیو وُمت ۔ پتلون، کوٹ، شأٹ، ٹاے، بیترِ چھِ ووٗنی شرافتچہِ تہٕ شأیستگیہِ ستۍ اژھن پأٹھی جوٗ ڑِتھ۔

۳۔ نوٗبر: انسان چُھ زندٕ روزنہٕ موکھہٕ پرٛتھ ساعتہٕ نٔوِ کھوتہٕ نٔو ووٗتشا وژھاران روزان۔ پرٛتھ کأنہہ نٔو چیز چُھ وُچھان پرانان تہٕ فرسوٗدٕ گژھان تہٕ انسان چُھ تنگ یتھ نٔو تہٕ نٔو ژھاران روزان۔ یوہے چُھ وجہ زِ پلو پوشاکس منز چھےٚ کالہٕ پگاہ تبدیلی یوان تہٕ نٔوی فأشن چھِ ظأہر گژھان۔ نٔو فأشن اختیار کرن وول چُھ پرٛوٗن فیشن پالن وألِس تنگ نظرِ زانان۔ کیازِ، تتھ چُھنہٕ کأنہہ جواب۔ کلچرٕ چ یہِ أندری بدلی چھنہٕ صرف پلو پوشاکس منزٕ ے نظر گژھان بلکہِ پرٛتھ کُنہِ شعبس منز۔ خوشحأ لی ینس ستۍ مو کلے یہِ مکانن ہنز یک رنگی، از چُھ پرٛتھ کأنہہ کأشُر پننہٕ نِس مکانس تیُتھ کینٛہہ کرُن یژھان ینہٕ بیٚیہِ کأنسہِ کیٚو رٔمُت آسہِ ۔ نوٕرِ کہِ شوقہٕ نہ روٗدی تَم برٕ زٕ پش، نہ تَم دالانہٕ، نہ تمہٕ پنجرٕ دار، نہ تَم گچھِ گُٹھی تہٕ نہ تَم گان۔ یوہے حال چُھ کأشرٕن ناون ہُند تہِ ۔ کأنہہ ہکہِ نہ یہِ وٕنتھ زِ، از پتہٕ دہہِ وٕہرِ کتھی ہوی ناو آسن کأشری پننہٕ نٕن نیٚچوٕن تہٕ کورٕن کران۔ عمہٕ، مومہٕ، لسہٕ، سُلہٕ، فاطہٕ، زِے، کیٚج، کُکِل، پوشہِ ۔ بنہٕ،

منٛہٕ، غنہٕ، یِم سأری ناوٕ گٔے مُشِتھ۔ کلچر چھِ نوٚبر پسندی ستۍ ستۍ چھےٚ زبان تہٕ بدلان۔ نٔوی چیز چھِ نٔوی ناوہِتھ یوان۔

کلچرس تہٕ زبانن اندرامہِ مسلسل تبدیلیہ باوجوٗد چھِ لۄکھ یِمن ستۍ تیٚژ جذبأتی وابستگی تھاوان زِ سأری سۭے عالمس منز چھُ یِمنے پٔٹھ سوٗرُے فِتنہٕ فساد جأری۔ حالانکہِ عام پأٹھۍ چھُنہٕ کانٛہہ تہِ سنان زِ کلچرٕ چ تہٕ زبانن ہنٛز اصل حقیقت کیاہ چھےٚ۔

کلچر چھُ دۄن سطحن پٔٹھ وجوٗد تھاوان تہٕ امہِ کِنۍ چھُ دۄیہِ قسمہِ:

**ا۔ مأدی کلچر:** پرٛتھ کُنہِ قومس چھُ پننہِ مخصوص ماحولہٕ تہٕ موسمہٕ مطأبِق پنُن مأدی کلچر یعنے تہِ سوٗرُے کینٛہہ یہِ تمہِ قومکۍ لۄکھ مشترکہٕ پأٹھۍ سردی، گرمی واوتہٕ طوفانہٕ نِشہِ بچنہٕ باپتھ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ محفوظ چھپن جاے بناونہٕ باپتھ، زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ کھٮ۪ن چٮ۪ن تہٕ پأداوار حأصل کرنہٕ باپتھ، دگہِ دادِ نِشہِ بچنہٕ باپتھ کران آسن، اتھ منز چھُ تمہِ قومُک کھٮ۪ن چٮ۪ن، پلو پوشاک، طرزِ تعمیر، دواتہٕ مأنتھر، الہٕ سازتہٕ یِمن سارِنٕے چیزن ستۍ جوٗرتھ رسم ورواج شأمل۔ یِم سأری چیز چھِ، علم تہٕ ایجادٕ ستۍ بدلان روزان تہٕ بێین قومن ستۍ تعلق بڈنہٕ ستۍ تہِ چھِ متأثر سپدان روزان۔ یہِ کتھ زأنِتھ گۆ ژھ نہٕ کانٛسہِ تہٕ کلس ژُکھ انچل ترکوٚنۍ ٹوٚپۍ آسہِ دِتھ۔ سوٗٹ بوٗٹ تہٕ نٮ۪کٹاے لاگن وول تہِ چھُ کأشُر تہٕ ژھێیہِ پٔشس تل روزن وول پھرٕن ژٕھنِتھ تہِ چھُ کأشُر۔ اگر سُہ کأشُر آسہِ، سُہ کتھہٕ پأٹھۍ چھُ کأشُر تہِ أنزراوو پتہٕ۔ ازکل ییلہِ زن سأری سۭے دُنیاہس منز ہِوٗے پلو پوشاک گر گرویٹھ تہٕ کھٮ۪ن چٮ۪ن عام چھُ ہوان سپدُن، مأدی کلچر چھُ الہٕ پلہٕ بےٚ معنی بنیومُت۔

ب۔ تصورأتی کلچر: جماعت چھےٚ تیٚلی بنان ییٚلہِ تمہِ کٕمن فردن زٕنٛس، خاندرس تہٕ مرٕنس متعلق ہوی عقیدٕ تہٕ رسم آسن۔ فرد چھِ اخلاقہٕ کیٚن پانس پانس ذمہٕ دارأستھ تہِ کینژن اخلأقی قدرن پٮ۪ٹھ اتفاق تھاوان۔ تِمن چھُہ یتھ کتھِ پٮ۪ٹھ تہِ اتفاق سپدان زِ یِمن قدرن ہُنٛد احترام کٔرتھ کیاہ میلہِ تِمن یتھ دُنیاہس منز تہٕ مرنہٕ پتہٕ۔ تِم چھِ اکھأ کِس پننہِ فرقہٕ چین اخلأقی تہٕ روحأنی قدرن متعلق زأنی یاب کران تہٕ یِمن قدرن ییٚنہٕ والین ہندِ خأطرٕ محفوظ تھاوان (یاداشتہٕ ذریعہٕ یا لیٚکھتھ) تِمن چھِ زمین لاگنس، فصل وَونس، کماونس تہٕ فصل وٹنس متعلق ہوی رسم ورواج تہٕ پٔنٛنِس تہٕ پننہٕ نٕن شُرین ہنز زندگی خوشحال بناونہٕ خأطرٕ مشترکہٕ دُعاتہٕ وسیلہٕ۔ یِمن سارِنٕے قدرن، پرٛژھن تہٕ رٔسمن رٔژھراونک چُھ اکوے ذریعہٕ، سُہ گوو تِمہِ طبقچ یا فرقچ زبان۔ زبانہٕ روٚس چُھ تصورأتی کلچر آسُن ناممکن۔ تصورأتی کلچر تہٕ چُھنہٕ دأیمی تہٕ بےٚ حرکت۔ اتھ منز تہِ چھےٚ تبدیلی یوان مگر مأدی کلچرس مقابلہٕ سیٚٹھاہ لوٚت لوٚت۔ تیٚوٗت لوٚت لوٚت زِ أسی چھِنہٕ سٔہل پأٹھی ژٕینتھ ہیٚکان، ووٚں گوو بعضے چھِ مختلف سیأسی وجہوٚ کیٚن کُنہِ قومس منز یکوٹے کأنہہ تبدیلی یوان تہٕ سُہ قوم چُھ پننہِ نس کلہم تصورأتی نظامس تبدیل کرنچ کوٗشش کران مگر تہٕ کٔرتھ تہِ چھِ کینٛہہ تصورتیٚتی دٕری آسان زِ تِم چھِنہٕ ساسہٕ وادٕ ؤری گٔذ رِتھ تہِ بدلان۔

تصورأتی کلچر چُھ پرٛتھ کأنٛسہِ شخصہٕ سنٛز شخصیت پننہِ نس مخصوص رنٛگس منز رنٛگان۔ یوٚہے چُھ وجہ زِ اگر أسی وہلایتس منز تہٕ آسو ویلایتی لباس لأگتھ تو تہٕ أسی کأشری تہٕ کأنہہ تہٕ کأشُر ہیٚکہِ اسہِ ہجومس منز تہِ وٕنہٕ کٔڈتھ تہٕ زن گوو پرٛتھ کأنہہ

شخص چُھ بێین ہِستی بَن تھاوِتھ تہٕ واریاہس حدس تام پنُنہِ جمأژ، طبقہٕ تہٕ فرقہٕ کێن باقٕے شخصن ہِستی کلچرُک ہشر تھاوان۔

کأنہہ تہٕ کلچر چُھنہٕ کُنُے رنگ تھاوان بلکہِ واریاہ رنگ ۔ وحدتس منز چھےٚ کثرت ۔یہِ چُھ کلچرُک بنیأدی اصول ۔یعنے پرٛتھ کلچرس منز چھِ واریاہ ذیلی کلچر۔ یِم ذیلی کلچر چھِ علاقہٕ ، مذہب ، بوٗلی ، پیشہِ ،جنس تہٕ وأنسہِ ہنز فرق آسنہٕ کِنی پأدٕ گژھان ۔مثالے اگر کأشُر کلچر نِمون ،اتھ منز چھِ شأمِل مرأزی ، کمرأزی ،شہری، گأمی ،مسلمان ،بٹہٕ ،گریسی ،پھیرِ وألی ،ٹیچر ،کلرک ،مردانہٕ ،زنانہٕ ،بزرگانہٕ ،نوجوان بیترِ واریاہ کلچر شأمِل ۔یِمن سارِنے ذیلی کلچرن چھےٚ واریاہ خأصیژ مشترکہٕ یِمو کِنی یِم یکوٹہٕ اکھ بوٚڈ کلچر چھِ بناوان ۔کأشُر کلچر ،یتھ ساسہٕ وادٕ ؤری پرٛون توأریخ چُھ ۔

دُنیاہکی سأری کلچر ہێکو کھ کُلس پٔٹھ کینژن وسیع تر کلچرن منز بأگرأوِتھ:

(۱) آریأیی کلچر ۔یُس ایشیاہ تہٕ یورپ کێن علاقن منز پھٔہلتھ چُھ ۔(۲) منگولیأیی کلچر، یُس ایشیا کێن کینژن ملکن مثلاً چین ،منگولیا، جاپان ، ویتنام ،کوریا ،سنگاپوٗر ،تھایی لینڈ، کمبوچیا ،بیترِ منز نظرِ چھِ گژھان ۔(۳) حبشی کلچر :یُس زیادٕ پٔہن افریقہس منز چُھ ۔ یِمو قدیم کلچرو علاوٕ چھِ ،وونی کینٛہہ لوٚکٹ کلچر تہِ بارسس یوان ۔مثلاً امریکی کلچر ۔یتھ نہٕ کُنہِ تہِ قدیم کلچرس ہِستی توأریخ چُھ رلان بلکہِ چُھ واریاہن کلچرن ہندِ رلنہٕ ہِستی سائنس چہِ تیز رفتار ترقی ہندِس اثرس تحت پھاپھلان ۔یِہأری چُھ ریڈیو ،ٹی وی ،فلمن ہندِس اثرس تل تہٕ اورٕ یورٕ گژھن بڑنہٕ ہِستی اکھ نۆو عالمی کلچر وجودس ہوان یُن یتھ عالمہٕ کِس پرٛتھ کُنہِ ملکس منز ہِوی انہار چھِ ۔کرکٹ ۔فلمہٕ ، ڈسکو ،تہٕ جاز ،

جیٚن ،رلہٕ مِلہٕ انگریزی بیترِ۔

کلچرُک کاٛنہہ تہِ انہار چُھنہٕ ہمیشہِ خاطرٕ اَکی سےٚ ڈنجہِ روزان تہٕ اوٚ کنہٕ چُھ یہِ زانُن ضروری زِ کُنہِ کلچرُک کُس ہیوٚ جُز چُھ یُس تمیُک پھیرٕ ہاوجُز ہیٚکون ماٛنتھ۔ اسہِ چُھ ماٛنُن زِ صرف چھےٚ زبان یتھ توارٟیخی تسلسل چُھ یتھ نہٕ آسانی سان ژٕکی پھیُر چُھ ہیٚکان سپدِتھ۔ زبانہِ ہٕندی وسیلہٕ چُھ اکِہ پُیہِ پٮ۪ٹھ بٮ۪یس پُیہِ کُن تمام ساری تصور منتقل سپدان یم کُنہِ فرقس، طبقس یا قومس زمانہٕ پتھ زمانہٕ یکوٹہٕ چھِ تھاوان تہٕ تمہِ فرقٕچ، طبقٕچ یا قومٕچ پزٕ زنتھ چھِ بنان۔ زبان تحریرس منز آسہِ یا نہ آسہِ۔ یہِ چُھ لُکن ہٕندِس یادٕ دٔرِس منز روٗزِتھ شعورس ترتیب دِوان۔

کلچرٕکی پاٗٹھی چھےٚ زبان تہِ دون سوٚتھرن پٮ۪ٹھ وجوٗد تھاوان۔ اکھ سۄ زبان یۄسہٕ اَسی مختلف موقعن پٮ۪ٹھ مختلف ضرورتہٕ پٮ۪ٹھ وِزِ دۄہے ورتاوان چھِ، بولِتھ یا لیٚکھِتھ۔ گوڈنِکس ونو باشہِ بل یعنے زبان زانٕچ صلاحیت تہٕ دوٚیمس ونو باشہِ ورتاو۔ یعنے باشہِ بلٕچ عملی صورت۔ باشہِ بل چُھ آنتھٕ روٚس تِکیا زِ انسان چُھ ہیٚکان میسر آوازن لفظن بیشمار ترتیبن منز ورتاٗوِتھ۔ اَمٕچ بنیاد چھےٚ اکی آنہٕ معنیس پٮ۪ٹھ تہٕ زبانٕ ہٕندِس جملتس پٮ۪ٹھ دٔرِتھ۔ وُچھنہٕ چُھ آمُت زِ اگر انسانی بچہِ بالغ گژھنس تام تہِ سماجہِ نِشہِ دوٗر تھاوون، سُہ چُھنہٕ کاٛنہہ تہِ زبان بوٗلِتھ ہیٚکان۔ ترٛیٚیو ژورو چکو ورأے۔ مگر یُتھے کُنہِ سماجس منز تراوون یِیٚتہِ لوٗکھ کاٛنہہ تہِ زبان بولان آسن سُہ چُھ وُژھِ وُژھِ سۄ زبان ہیٚچھان تہٕ تمی لسانی جماژہُندا اکھ فرد بنان یتھ منز سُہ تراونہٕ یِیہِ۔ انسانہٕ سُندِ یہِ فطری باشہِ بٕرٕ چُھ زبانن ہٕندِ بیٚنہٕ نِشہِ آزاد تہٕ آفاقی۔

باشہِ ورتاوچُھ اتھ برعکس بیٚون بیٚون زبانن منز بیٚون بیٚون تہٕ امیُک فأصلہٕ چُھ کران موقعہٕ محل بولن وأل سُنٛد مقصد، بوزن وأل سُنٛد مقصد، بولن وأل سنز وأنس، مخصوص جذبأتی کیفیت تہٕ تٔمۍ سُنٛد عادت بیترِ۔ یہِ چُھ زبانن ہُنٛد بے شمار عملی ورتاو یتھ أسی مختلف زبانن ہُنٛد ناوچھِ دِوان۔

یہِ فرق ترِاسہِ یتھۍ پأٹھۍ فِکرِ زِ اگر أسی ونان چھِ زِ فلأنی چُھ کأشُر بولان، تمیُک مطلب چُھنہٕ لأزماَ یہِ زِ سُہ کیاہ چُھ تمہِ وِزِ کأشری پأٹھۍ کتھ کران۔ بلکہِ یہِ زِ تس چُھ کأشری پأٹھۍ کتھ کرِنٕک ہُنر۔ یتھ سُہ کُنہِ تہِ ساعتہٕ ورتأوِتھ ہیکہِ۔ سُہ پانسے ستۍ کتھ کٔرِتن (مثالے سوچنہٕ وِزِ) یا کأنسہِ بوزنأوِتھ۔ یہِ باشہِ ہُنر چُھنہٕ کُنہِ أکۍ سے زبانہِ منز حأصل سپدان، بلکہِ واریاہن زبانن منز تہٕ اکھ زٔون ہیکہِ کوشش کٔرِتھ اکہِ کھوتہٕ زیادٕ زبانہٕ ہیچھِتھ، تتھ چُھنہٕ کانٛہہ حد۔ امیُک وجہ چُھ یہِ زِ زبانہٕ چھےٚ نبری کٔنۍ مختلف صوتی کردار تھأوِتھ تہِ بنیأدی طور ہِشے۔ تہِ زن گوو انسانہٕ سندِس ذہنس منز موجوٗد تصورن تہٕ معنے ین ہُنٛد نظام یُس یِژ پأٹھۍ چیزن تہٕ واقعن درمیان وجہ تہٕ اثرٕکین رشتن پیٹھ دٔرِتھ چُھ۔ ووں گو وسونچان چُھ انسان صرف پننہِ مادری زبانہِ منز ے تِکیازِ مادری زبان چھےٚ گوڈٕ پیٹھے ہیچھنہٕ آسان آمٕژ تہٕ اتھ چُھ سُہ پانس أندۍ پکۍ لکن نِشہِ زیادٕ ورتاونہٕ یوان لبان۔ اگر انسان بوٚڈ گژھِتھ بیٚیہِ کُنہِ ملکس منز سکونت اختیار کرِ، سُہ چُھ وارٕ وارٕ تتہِ چی زبانہِ منز سونچن ہیوان مگر اتھ منز چھُس واریاہ دشوار یہ یوان۔

باشہِ ورتاوچُھ سمأجی ضرورتو ستۍ پأدٕ سپدان تہٕ اتھ منز چھِ شأمل کلچرٕکی تم

سأری انہاریٖم اکھ سماج چھِ بناوان۔ مثالے خأرٕ پأٹھکۍ تیار جملہٕ یِمن منزٕ نہٕ کُنہِ تہِ سونچُک حاجت چُھ، پیشہِ ورانہٕ بولہِ یِم نسل بہ نسل منتقل چھےٚ سپدان، لُکہٕ کتھٕ، لُکہٕ بأتھ، دپتۍ ، بأتہٕ لیہِ، بیترِ ۔ پتھ یِیلہِ کأنہہ زبان تحریری شکلہِ منز تہِ ورتاونہٕ آسہٕ یِوان۔ تمہِ زبأنۍ ہُنٛد رسم الخط تہِ چُھ کلچرُک اکھ سرمایہِ بنان۔ لہٰذا یُٛت یُٛت کأنہہ سمأجی ترقی کرِ تیُٛت تیُٛت پیٚیہِ زبان نوٕ بوٕ نوٕ بوٕ ضرورتو مطأبِق ورتاوٕنۍ تہٕ زبان تہِ لبہِ وُسعت۔ شرط چھ یہِ زِ سُہ سماج پراوِ پننہٕ نوٕ اندروٗنی کوشِشوٕ سٟتۍ سوترقی۔

باشہِ ورتاوہیٚکہِ، یٟتھٕ پأٹھۍ زن بروٗنٹھے وننہٕ آو، مختلف خارجی صورتن منز اظہار پرأوِتھ، مثلاً بوٗلِتھ، لیٚکھِتھ، یا برقی وسیلوٚ کِنۍ۔ مگر بنیأدی چھےٚ زبان بوٗلی، یا ونو یہِ چھےٚ شہہ، ہوٚٹ، زٮ۪و، تال، ڈٛند، وُٹھ تہٕ نس ورتاونہٕ سٟتۍ صوتی شکل رٹان۔ زبان اوس انسان از بروٗنٛہہ زِ لچھ ؤری تہِ بولان۔ پتہٕ آو لیٚکھنُک رواج تہٕ لیٚکھنُک رواج چُھنہٕ سٟتھ أٹھ ساس ؤری کھوتہٕ زیادٕ پروٗن کینٛہہ تہٕ واریاہ زبانہٕ چھےٚ تِژھٕ وُنہِ تہِ یِمن منزٕ نہٕ لیٚکھنُک رواجی چُھ۔ زبانہِ ہُنٛد بذأتی بوٗلی آسُن چھ امیُک گوڈنیُک شرط۔

زبانہِ ہُنٛد دوٛیِم شرط چُھ یہِ زِ اتھ آسن پننہِ مخصوص بنیأدی آوازٕ مثلن :/ب /پ/ ت/ تھ/ ش/ ژ/ ژھ/ک/ ل/ بیترِ۔ یِمن بنیأدٕ آوازن چھِ أسۍ صوتلۍ ونان۔ یِمن ہُنٛد تعداد چُھ محدوٗد۔ تہِ زن گوو زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ ترٛہہ، ژتجی، تہٕ کم کھوتہٕ کم وُہ، پنٛژٕ ہہ، صوتلین چُھنہٕ پانہٕ کأنہہ معنے، مگر یِہندِ رلنہٕ سٟتۍ چھےٚ بے شمار یا ونو لا محدود بامعنے آوازٕ بنان، یِمن أسۍ لفظ چھِ ونان۔ مثالے ت/ تہٕ/ ر/ اگر/ ٚ/ / ِ/ اُ/ ایہِ/ ٕ/ ہِشو مصوتہٕ آوازٕ سٟتۍ رلاووکھٕ کٔتۍ لفظبن، تر، تیر، توٚر، تورٕ، ترٕ، توٗر۔۔۔

ترٛیٚیم شَرط چُھ یہِ زِ اتھ منز آسہِ لفظہٕ ورتاونُک سرود لِکھ۔ یتھ چیزس بہٕ، شین ونان آسہٕ تتھی چیزس گرٛ ھوتُھی ساری کأشِری "شین" وَنَو" یتھ بہٕ رُٔ دونہٕ تتھ گرٛھوتُھی تہِ رُٔ دونان آسنہٕ۔ لفظن تہٕ چیزن درمیان چُھنہٕ کانٛہہ فطری رِشتہٕ۔ تہِ زن گوو شینس منز چھنہٕ ترٛ ھ کانٛہہ خأصیت یٚیمہِ کِنہٕ اتھ شینے وُنن ضروری چُھ، کُمی تام آسہِ اتھ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ شین وٚنمُت تہٕ پتہٕ سپدِ وارِ وارِ سارِنے کأشرٛن اتھ شین ونہٕ نس پیٛٹھ اتفاق تہٕ یہِ بنیو ورسم۔ زبان چھےٚ کلس پیٛٹھ اکھ رسم یعنے جبرٕ بنیومُت نظام۔

ژُٔ رِم اہم شرط چُھ زبانہِ ہُنٛد یہِ زِ اتھ آسہِ بدلاو ممکن تہِ زن گوو کلچر کِس بدلاوس ستیٚ ستیٚ روزِ یہِ پنٛن مزاز بدلاوان۔ نٔوی لفظ رٹنُک بِتُر چُھ پرٛتھ کُنہِ زبانہِ سوٗ کانٛژاہ تہِ لوٗکٹ آسی تن، اکھ زبان چھےٚ بیٚین زبانن ہندی لفظ رٹان۔ یتھ زبانہِ منزٕ یہِ گنجأیش آسہِ، سوٗ چھےٚ مورِدٕ زبان۔ مثالے از چھِ أسی "بُک" لفظہِ ہوٗان ورتاوِنی (کیش بُک، رسید بُک بیترِ) ؤری ہتھ پوٗنشہِ أسی سأری کتاب ونان آمتیٚ تہٕ یتھ چیزس أسی بُک یا کتاب چھِ ونان، سُہ چیز اوس اسہِ یم زٕ لفظ رٹنہٕ برونٛہہ تہِ کٔشیرِ منز، تتھ أسی سأری کأشِری "پوٗتھی" ونان۔ یتھ مضمونس منز اگر فارسی لفظن ہُنٛد گنجار چھِ وُچھان، یہِ چھنہٕ کأشرِ زبانہِ ہنز تنگدامنی ہنز نشأنی بلکہِ اچھِ زندگیہ ہنز علامت، دنیاہچہِ پرٛتھ کُنہِ زندٕ زبانہِ اندر چھِ باقےٚ زبانن ہندی لفظ ورتاوِنچ گنجأیش۔ ووں گوو نوٚو لفظ چُھنہٕ بٔلی ورتاونہٕ یوان بلکہِ ضرورتہٕ موکھ۔

زبان تہٕ کلچر چھِ پرٛتھ قومکی زٕ اکایل پزر، یم اکھأ کِس پیٛٹھ دٔ رِتھ چھِ اکھ أکِس زُٔ زہتہٕ دِوان چھِ تہٕ یمو کِنہٕ قوم پرٛزناونہٕ چُھ یوان۔

## زان

زبان تہٕ کلچر چھِ اکہِ قوٗمکۍ مشترک میراث آسان، یم تمہِ قوٗمُک تہذیبی تہٕ تمدنی شناخت مقرر کران چھِ۔ لفظن ہِندِس لسأنی آگرس تہٕ فِکری تہٕ توأریخی پوٚت منظرس منز چھُ اکہِ قوٗمُک حال واوحالۍ ژھرِتھ آسان۔ییٚمہِ کِنہٕ زبان لسأنی، تہذیبی تہٕ توأریخی اعتبارٕ پٔرزناوٕنۍ تہٕ پرکھاوٕنۍ ضروری چھ۔ کلچر چھُ قومن ہِندِس تہذیبس، ثقافتس تہٕ توأریخس وأقف کران۔اِوَکِنہٕ چھِ زبان تہٕ کلچر اکہِ قوٗمکۍ زٕ اکأیل پزریم لأزمِ ملزوم چھِ۔

### لفظ تہٕ معنی

پسماندٕ: غریب، ؤسی پایہِ طبقہٕ

وٕتھرن: اکہِ قسمک گاسولوٚ پُن یتھ منز مختلف سامانہٕ تھاونہٕ یِوان اُسی

کلچر: ثقافتی میراث

باشہِ ورتاو: لسأنی ورتاو، زبأنی ورتاو

سوٚتھر: سطح

### سوالات

۱: زبان کیاہ گۍیہِ تہٕ اکہِ قومک کلچر زاننہٕ باپت کم پٔرزناون نشانہٕ چھِ ضروری

۲: زبان تہٕ کلچر چھِ اکہِ قوٗمکۍ زٕ اکأیل پزر تہٕ یمن دوٚن کیاہ چھُ اکھأ َکس سٍتۍ رشتہٕ

۳: یتھ مضمونس منز یمن دوٚن سمأجی پزرن پیٹھ گاش تراونہٕ آمُت چھُ تہٕ یہِ مضمون زیرِ نظر تھأوِتھ کٔرِو تِہُنز نشاندہی

# فرانسک سفر

غلام رسول سنتوش

پیرس ہوأیی اڈس پیٹھ کرے یہِ مےٚ کوشش زِ فونس پیٹھ رضا ہس سمکھنچ ، یہِ اوس منز دوہ سُہ کتہِ لبہٕ ہن ۔ اکھ چیز کوٚ رُم خوش تہٕ گوو زِ اگر فوٗنس پیٹھ نمبر میلیوٚ و تہٕ جان نے تہٕ مشینہِ منز چھِ پوٗنسہٕ واپس پانے لاینہٕ یوان ۔ عام طور چھِ پرٛتھ سرکأری ٹیلیفون بوٗتھس ہتی پُھٹہٕ ووٹ حأصل کرنٕچ مشین تہٕ پھُٹہٕ وأٹس ٹیلیفون Coin حأصل کرنٕچ بیا کھلو کٕٹ مشین ہتی ۔ نتہٕ گے سرکأری ٹیلیفون یم أکِس ٹیلیفون کالہِ ہتی پُھٹہٕ وأڈی بوٚک حأصل کران چھِ ۔ باالفاظ دیگر سانہِ مشینہِ تہِ چھےٚ کورپٹ ۔ بے پتاہ کڈان نتیو وزِ دوٗیمہِ ہوأیی اڈٕ پیٹھٕ چھےٚ بس شہر گژھان ۔ بسہِ ترأ وی أسی شہر اڈس پیٹھ ۔ اتہِ کرنو و ٹوٗرسٹ کونٹر پیٹھٕ أکِس سستہٕ ہوٹلس منز روزنک بندوبست ۔ ڈبل بٕڈ روٗمس ڈوڈٕ ہتھ روپیہِ ناشتہٕ ہتھ ۔ لوٗکن ہُنٛد وُنن چُھ زِ ٹیکسی وألی چھِ اتہِ تہِ اورِ یورٕ پھِر ناوِتھ ٹھکانس واتناوان ۔ اسہِ ہتی یُتھ کأنہہ واقعہٕ آونہٕ پیش ۔ ٹیکسی وألِس ووٚن ٹھکانہٕ ۔ سُہ چُھ نقشہِ کڈان تہٕ اوپتہٕ چُھ ژھوٹہِ کھوتہٕ ژھوٚٹ وتھ وُچھِتھ ٹھکانس پیٹھ واتناوان ۔

بس اڈس پیٹھ ٹیلیفون بوٗتھس نکھٕ وُچھ مےٚ فرانسیسی نوٹ میٔٹ کرِتھ پتھر پیٚمتی ۔ یم تُلی مےٚ تمی انمانہٕ زنتہٕ لو کچارٕ منزٕ بازرڈبل پوٗنسہٕ لوٚ بمُت اوس ۔ گوڈٕ اورٕ یورٕ نظر دِتھ کأنہہ ماچُھ وُچھان ۔ اوپتہٕ وارٕ وارٕ اتھ پیٹھ کھورتراوُن ۔ چندٕ منزٕ ڈٕج یا

بۍیہِ کانٛہہ چیز پتھر ترا وُن ا ٚوپتہٕ نمن تہٕ لۍ بمُت چیز ٹلُن ۔ ازتہِ ییٚلہِ مےٚ یہِ واقعہٕ چُھ یاد پیٚوان ۔ یہٕ چُھس پانس ستۍ اَسان ۔ یہِ اوس قریباً اکھ ہتھ روپیہِ ۔ پیرسہٕ اکہِ دُہک خرچہِ ۔ ۔ ۔ سون یہِ ہوٹل اوس ژُپھور پیرسہٕ کِس پرانِس شہرٕ کِس گڈس منز ۔ اتھ علاقس اوس ناو "پگالی" ۔ "پگال" چُھ ارداہ گنو ہہ تہٕ ابتدأیی وُہمہِ صدی منز انٹلکچو وَل ووسہٕ دروسہِ ہُنٛد گڈر روٗ دمُت ۔ اَتھی بازرس منز اوسۍ وان گاگ ۔ سیزان، پکاسو، ٹلوٗس لاترے ہِوی بہلہٕ پایکۍ فنکار ۔ اِمیل زولا ہیوٗ لِکھارۍ تہِ اوس امی علاقک پأداوار ۔ تِم ریٚستوراں چھِ ازتہِ تمی انمانہٕ پیٚتہِ ییم فنکار کھوٚوان چیٚوان تہٕ نوٕن فنی قدرن گوڈ بران آسۍ ۔ سُہ "مولان، روٗ ج" ہوٹل تہِ چُھ اَتھی بازرس منز ۔ ییٚمکۍ پوسٹر تلوٗس لاترے ہٕن لِتھو تیٚکنیکہِ منز بنأوِتھ لِتھو تیٚکنیکہِ منز انقلاب عظیم اوٚون ۔ یِموٕ پوسٹر وِدِژتِمس اَکِس مصوررس حالے حیات 'لوور' آرٹ گیلری منز جاے ۔

ازتہِ چھِ پگال بازرس منز قدمہٕ قدمہٕ Sex Shops، ییٚتہِ أ لف ننگہٕ، ننگہٕ ناچ چھِ سپدان ۔ ننگہٕ زنانن ہٕندی تصویر چھِ کِننہٕ یوان ۔ اَتھی علاقس منز بالہٕ تھزرس پیٹھ چھےٚ سو عظیم جاے یتھ موٗ ماترونان چھِ تیچ روایت یہِ چھےٚ زِ مصور آسۍ اتہِ شامس بأگی بازرس منز تصویر کِنان ۔

سون ہوٹل اوس اَکِس الجیرین فیملی ہُنٛد ۔ ہنا تھکھ کڈِتھ دراے اَسۍ بازرس چکر دِنہِ ۔ یہِ اَس آتھوار ۔ پٹرِ پیٹھ اَسی سبزی وأ لی ۔ گاڈ کِنن والہٕ شور تِتھے کنٛہ ٹلمُت، یِتھِ کنہٕ سأ نِس ملکس منز سپدان چُھ ۔ مےٚ باسیو عجیب ہیوٗ اِ موکھ زِ یورپک سوٚن تصور چُھ ییٚتہِ نہٕ کانٛہہ غریب چُھ ۔ ییٚتہِ پرٛتھ کینٛہہ شأیستگی سان

سپدان چُھ ۔ یێتہٕ نہٕ چھا پرفروش آسن یا پھیرِ واٗلی ڈٲلی ژٹان آسن ۔ دۄیمہِ دۄہہ صبحن یُتھے أسی ہوٹلہٕ منز نیرٕ نی ہێتِنۍ ہوٹل واجنہِ وۅن زِ کمرٕ چُھ خاٗلی کرُن تِکیا زِ اسہِ أس صرف راتھے بُکِنگ اسہِ اوس ہوٹل ژۄن دۄہن ہِندِ خاطرٕ بُک کوٚرمُت ۔ ظٲہر یا أس لتس زیادٕ ریٹ میچھنٕ تہٕ أسی زاٗنن نہٕ آٗنۍ تہٕ یُتھ ورتاو کوٚرُن ۔ أہِندِس نوجوان نێچِوس آو انصاف تہٕ تمۍ کٔری فون زٕ ژور تہٕ کٔرن اسہِ بێیِس ہوٹلس منز ژۄن دۄہن ہِندِ خاطرٕ جاے ۔ موج گٔییس سخت ناراض زِ سُہ چُھ فوٗنس پێٹھ پوٚنسہٕ ضایع کران خواہ مخواہ ۔ یہِ توٚ راسہِ آٗنکہٕ وٕنۍ کٔنۍ فِکرِ ۔ یہِ ہوٹل اوس أتھی علاقسے منز أکِس فرانسیسی فیملی ہُنٛد ۔ یمن أس کوٚریو سہٕ انگریزی زانان آٗس ۔ ہوٹلہٕ واجنۍ آس صبحنس پانے ناشتہٕ کمرس منزانان ۔ کافی، جام، ژامنِ، تھٔنۍ تہٕ بێیہِ زیٛٹھ ڈوٛنڈ ہِش ژوٚٹ یتھ فرانسیسی زبانۍ منز بیگت ونان چھِ ۔ امہِ قسمچ ژوٚٹ آس نہٕ مےٚ کُنہِ وُچھمٕژ ۔ جرمنی منز وُچھم گدِ رٕ وس تیلہٕ دارژوچہ دوٚر ۔ ہوٹل واجنہِ دِتی اسہِ تمام پیرسکۍ نقشہِ جات ۔ زمین دۄز ریلوے ہُنٛد نقشہِ ۔ مےٚ توٚ رنہٕ فِکرِ زِ زمین دۄز ریلوے منز ڈائریکشن ژھانڈٕنۍ یا ریل بدلاو، تھ ٹھکانس واتُن ۔ أکِس دۄن جاین گژھنُک اوسُم بے پتاہ دۄیمہِ لٹہِ گوٚمُت ۔ ہوٹلہٕ واجنہِ سمجھاٗوی أسی زِ بازرس منز زمین دۄز ریلوے سرونگہِ وُسن کتھتھ چُھ ۔ کوسہٕ ڈایریکشن رٹو تہٕ لوٗ وَر" ۔ میوزیم پلیٹ فارمس نِشہِ وَسولوور زمین دۄز ریلوے پلیٹ فارم چُھ پرانہٕ موٗرژن تصویرن ہِند بۄنقلو سٕتۍ سجاٗوِتھ خوداکھ Miniature میوٗزیم ۔

پرٛتھ کاٗنہہ سرکاٗری میوٗزیم چُھ صرف آتھوارِ دۄہ پبلِکہٕ خاطرٕ مفت آسان ۔

نتہٕ چھےٚ پرٛتھ میوٗزمس پانژو روپیو پٹھٕ وُہن تام ٹِکٹ دِنۍ ،پرٛتھ میوٗزیم تہٕ خانس منز یا مُلحقہٕ چُھ بہترین Self Service سستہٕ ریسٹورنٹ آسان ۔ دۄہۍ دوٚہس روٗ دۍ أسۍ ژٕ یرٕ تام لوور گیلری منز شاہکارٕ تصویرٕ وُچھان ۔ یِم تصویرٕ مےٚ کتابن منز چھاپ شُدٕ وُچھمٕژٕ آسہٕ ۔ تِم وُچھم Original یِمن متعلق مےٚ اوس ظوٗن زِ یِم آسن سبٹھاہ بٔڈۍ تِم آسۍ لوٗکٕٹ تہٕ یِم لوٗکٕٹ اوسکھ زانانن تِم آسۍ سبٹھاہ بٔڈۍ ۔ برِ باراگر اوس سُہ اوس ''مونالیزا'' تصویرس برونٛہہ کنہِ یا ''وینس'' مورتی أندۍ أندۍ ۔ کٔہیا آرٹ سٹوڈنٹ وُچھِم اتہِ تصویرن نقل کران تہٕ کِنان ۔ تِلوٚسس لاترے ہِندۍ تِم پوسٹرتہِ وُچھِیمو لِتھوگرافی منز انقلاب اوٚن ۔

دُپہرپتہٕ درایہِ أسۍ نقشہِ وُچھان وُچھان ۔Contemporary آرٹ گیلری وُچھنہِ ۔ یِمن دوٚہن اوس اتہِ George Rouait سُنٛد Retropective شو چلان ۔ٹکٹ أس شُراہ روپیہ ۔۲۵ ہن کونٹرن پیٹھ آسہٕ أہندِ ہن تصویرن ہِنزٕ بناوِمٕژٕ سرکأرۍ ڈاک ٹِکٹہٕ کِننہٕ یوان ۔ گوڈنِچہِ لٹہِ وُچھےٚ سیزان، وان گاگ، پکاسو تہٕ گوگان ہِندۍ Original تصویرٕ بیٚیہِ تِمن مختلف یوٗرپی زندٕ ماسٹرن ہِندۍ شہکار ۔ گوڈنِچہِ لٹہِ وُچھےٚ کوچہِ گلِبن منز تِتھے کٔنۍ آرٹ نمٲیشہِ ہِندۍ پوسٹر لأگِتھ ۔ یِتھٕ کٔنۍ سأئنس ملکس منز سینما پوسٹر لأگِتھ چھِ آسان ۔ لوٗکھ چھِ عظیم فنکارن تِتھے کٔنۍ زانان یِتھٕ کٔنۍ أسۍ بیٚتہِ فلمی سٹارن زانان چھِ ۔ پوسٹر لاگنہٕ خأطرٕ چھِ وتہِ وتہِ تھٕمن دُطرفانہٕ بورڈ لأگِتھ ۔ تہِ بنہِ نہٕ گُلس مَرن پوسٹر یا دیوارس ۔

یورپی نوجوانن وُچھ مأدی ترقی ہِنز تمام آسأیشہِ ۔ مأدی طور سوٗرے سوکھ

پرٲ وِتھ چھےٚ تِمَس مادٕ پرستی ہنز دِ ے گمژ۔تِس چھُ یہِ فکرِ توٚ رمُت زِ روٗحانیتہٕ روٚس مأدی ترقی چھےٚ ناپایدار۔انسانس مشین بناوان۔جُزس کُلہٕ نِشہِ بدوٗن کڈِتھ وتہٕ لأج کران۔ژومرٲ وِتھ أمِس شکنجس منز چاران۔انسان چھُ پرٛ کرتُک اکھ حسین روٗپ۔ پرٛ کرتس بُتھِ چھےٚ سیمنٹ کنکریٹ دوٗسہٕ دیوارتہٕ Sky Scrapper نظرن ڈٕھرِ دِوان۔مشینن ہُنٛد سوز چھُ أمِس جایہِ لارٕ لار کران۔انسأنی رشتہٕ چھِ مأدی اوسوٗ دگی ہٕندِس بارس تل دٕوبراونہٕ آمتی ۔اکھ نیٚند رِگأنٹہٕ کرنہٕ خأطرِ چھِ أمِس قسمہٕ وار دوا کھیٚنۍ پیٚوان،سکوٗنک اکھ ژِیُہہ ژھاران چھےٚ أمِس عمرِ چھیٚنمٕچ گژھان۔اوے چھُ از کلُک یوٗرپی نوجوان بھارتس کُن بُتھ کٔرِتھ نمان۔بھارژ زیارت کرنہٕ باپتھ پوٗنسہٕ پوٗنسہٕ سوٗمبراوان۔یٔتہِ چہِ گرمی منز پھیری پھیری پان زالان۔کُھلہٕ آسمان وُچھنہٕ باپت یِوان۔شوٚ دِ کٔشیرِ ہُنٛد آب چیٚنہِ یِوان۔

دوہ گذ وراسہِ لووَر گیلری منز۔یٚیہِ پھیری اورٕ یور بازرن۔گرٕشامس یِنہٕ وقتہٕ آسہٕ اسہِ زمین دوز ریلوے منز تمام پیرس ژھونڈمُت مگر پٔنُن ٹھکانہٕ لوٚب نہٕ۔یہِ أس مہربأنی زِیوٚ تام انسان زمین دوٗز چھُ توٚ تام ہیکہِ سُہ أکی ہے ٹکٹہِ پیٹھ سفر کٔرِتھ۔ یہِ کٔرِتھ تہِ پیٚیہِ اسہِ ازٕ ترٛے ٹکٹہٕ مٕلی ہیٚنہِ۔اڈِ گانٹُک سفر کوٚ راسہِ ژون گأنٹن أکِس مزٕ وٗرس آو سون رورکانہِ وُچھِتھ انصاف تہٕ أسی واتنٲ وِنی ٹھکانس پیٹھ فرانسیسی لوٗکن چھُ پنٕنہِ زبأنۍ پیٹھ ناز۔لہٰذا چھِ تِم انگریزی زانہٕ وُن آسِتھ تہِ پنٕنہِ مادری زبأنۍ منز بولان۔یِژھے زبأنۍ ہنز قدرٕ روٗ چھِ مےٚ بنگالین تہِ۔شامس آے أسی وِشوا ناتھس سمکھنہِ۔درواز مُژ روو أہنزِ وہسہِ ''نِلی'' أس انگریزی کران۔گوڈٕ اکھ ہندوستأنۍ

تۆ پتہٕ وشوا ناتھن دوس وُچھِتھ گٔیہِ سوخوش۔امی دمہٕ گٔیہِ سۆ بازرتہٕ اۄنٛن کا لہٕ خاطرٕ کھےٚن چےٚن سامانہٕ۔

پیرسس منز سأنی یم پٔتِم زٕ ترٛےٚ دوہ گذٲری اسہِ وشوا ناتھس سٟتۍ۔تٔمۍ ہُو و دوہس سورُے پیرس۔پرائیوٹ آرٹ گیلری۔مختلف علاقہٕ۔أکِس علاقس منزٕ وُچھ اسہِ سڑکہِ کۆنن پیٹھ کرٛہُن پوشاک لٲگِتھ کورِ اورٕ یور پھیران۔یمہٕ آسہٕ Call Girls شامس شۍ بجہِ آیہِ نِلی دفترٕ پیٹھٕ۔أسۍ بیٹھۍ أکِس ریسٹورنٹس بروٗنہہ کنہِ پٹرِ پیٹھ بِہتھ کرسین پیٹھ۔فرانسیسی ین ہُنٛد محبوب مشغلہٕ چُھ تِتھٕن ریسٹورنٹ پٹرٕن پیٹھ سجأوِتھ میز کرسین پیٹھ بِہتھ شرابہٕ چۄن تہٕ وتہِ پکہٕ وِنٛن لۆکن تماشہٕ وُچھن۔نبر بیٚہنس چھےٚ ہارٕ زیادٕ لگان بہ نسبتِ أندرٕ بیٚہنس۔شامس کال سُلی کھبتھ گھتۍ أسۍ "موماترٕ" ییٚتہِ عام آرٹسٹ تصویر بناوان چھِ سڑکہِ پیٹھ تہٕ کنان چھِ۔ژیری خۆفتنس بأگی چھِ موسیقار گیوان تہٕ سازوایان۔امہِ تھزٕ رپیٹھٕ چُھ سورُے پیرس بوزنہٕ یوان۔

دۆیمہِ لٹہِ ییٚلہِ بہٕ پیرس گوس رٔتس أکِس اتہِ روٗ دُس ادٕ آومےٚ موقعہٕ فرانسیسی لۆکن ہنزِ زندگی گذارنُک مشأہدٕ کرنس۔پرٛتھ پارٹی منز چھِ مہمان پٔنٛنۍ پٔنٛنۍ بوتل عام طور شراب بوتل سٟتۍ انان۔زمین دوز ریلوے پلیٹ فارم جاے چھےٚ مشأہدٕ کرنس لایق۔تِم کرٛ انِک شرأبۍ، یِہُنٛد کار صرف راتھ دوہ شراب چۄن چُھ تہٕ اۆ پتہٕ کربکہٕ دِنہٕ۔یاتِم خوبصوٗرت مونالیزاہِوی بُتھۍ، مگر یِمن زول مالن ہِندی اتھٕ وُچھِتھ چُھ ترٛ دُدگژھان۔کورٕن ہُنٛد بُتھ تہٕ جسم چھِ انتہأیی خوبصورت آسان مگر کأم کرنہٕ سٟتۍ یِہندی اتھٕ مردٕ اتھٕ ہِوی گمتۍ آسان۔ریلوے پلیٹ فارمس پیٹھ

ریلہِ پراران کورتہٕ لڑکہٕ چھِ نالہٕ موٚت کٔرِتھ اکھاَ کِس موہنہِ میٹھی کران ۔ باسان چھِ زن یم امی انمانہٕ پاَدٕ چھِ گمتی ۔ مگر یِہند یہِ کُنبر چُھ محض جسمن ہُنٛد ۔ یِہُنٛد ذہن چُھ اکھ نہٕ پُرگرٛھوُن خلاءلۄکھ زن چھِ مشینہٕ اورٕ یور پکان ۔ یِپاَرِ وُ چھولاٖرٕ لار ۔ ماے محبت باَ گراوُن پکان پکان ۔ کھیٚون چۄن پکان پکان ۔ خاندر کران پکان پکان ۔ طلاق تہٕ پکان پکانٕے سپدان ۔

پٔنٕنۍ ہندوستاٲنۍ مصور دوس آسی اکہِ طرفہٕ مادٕ پرست بٔنتھ وٚکھتی کار کران تہٕ دوہ دوہ کڈان ۔ مگر پنہٕ نٕن تصویرن ہندوستاٲنۍ فلسفُک مُلہٕ مایہِ کٔرِتھ روحانیتٕکی علمبردار پانس ونان ۔ اکہِ طرفہٕ تشدُد دس پیٹھ مبنی فلمہٕ وُچھِتھ انٹلیکچوُل بحث ومباحثہٕ کران تہٕ حظ  تُلان ۔ دۆیمہِ طرفہٕ یوگی حُلیہ بناوان ۔ یۄرپی زندگی چھےٚ اکھ سو وبراٹھ مشین یوسہٕ لوکچن لوکچن مشینن کرٛ وپُس کٔرِتھ پھٹہٕ پھراٹ کران چھےٚ ۔ انسانس چھنہٕ اتھ پھٹہٕ پھراٹس منزٛشرٛ پتھ لبنے  یوان ۔

یۄرپی انسانن چُھ پتھ کا  لہِ پیٹھٕ خدالیس انسان شکل دِتھ سُہ تیۄتاہ عام کۆرمُت زِ Ideal تصوُرے چُھ نہٕ روٗ دمُت ۔ اوے چھِ کالہٕ کاجہٕ نٔوی بُت بناوان تہٕ مسمار کران ۔ نِوٹرٛنڈٕ بناوان تہٕ پھٔکی کران ۔ اتھ برعکس چُھ بھارتن انسانس Idealise کٔرِتھ دَیہِ سُنٛد رتبہٕ بخشمُت ۔ سُہ Ideal یُس ازتہِ انساٲنی عناصرن نِشہِ کھٔٹِتھ چُھ تہٕ تہِنٛد تصوُر چُھ Ideal بٔنتھ ساٲنس وجۄ دس پانس کُن کٔشِش کران ۔ یۄرپی فنکار چُھ پانس نبر وُچھان ۔ ہندوستاٲنۍ فنکار چُھ پانس اندروسان تہٕ حقیقت پراوان ۔ پٔنٕنۍ حدٕ اندر زندگی تہٕ زندگی ہُنٛد تجربہٕ ہمہ گیر بناَوِتھ تم نۆی حد پراوان یمن نہٕ کاَنہہ

حد چُھ ۔ یتھٕ کنۍ چُھ پتھ کال از کال تہٕ برونٛہہ کال وقتُک تصور بجاے خودا کھنٛو و احساس بٔنتھ Universal بنان ۔ بیک وقت جُز تہٕ کُل آسنُک سوژ بتھ دِوان یتھ منز تمام کاینات موٚ ژِتھ نوقطہٕ چُھ بنان تہٕ نوقطہٕ پھٔہلِتھ تمام پرٛکرتس روٗپ دِوان چُھ ۔ پرٛکرتُک ارتقاء یا ہیت پراونٛچ عمل چھنہٕ سیٚز رِکھ بلکہِ أکِس دأیرِ کِس صورتس منز سورُے برہما نڈ آوراوان ۔ شُنۍ آوراونُک یہِ تصور تہٕ پرٛکرتُک روٗپ پراوُن چُھ سونُے دین درستِس عالمس یُس سیٚز رِکھِ پٕٹھ پکِتھ اکھ أندلِبتھ بیٚیِس اندس ژھانڈان ژھانڈان عمر چھیٚنبی کران چُھ ۔ یہِ جُز تہٕ کُل ،جیو آتما تہٕ پرماتما، منش تہٕ بھگوان چُھ اکھ سُہ اژھینٛ دریاوُک تصور یُس آگرِ نیرِتھ زمانہٕ ومکانس منز ناو پراوان چُھ اوٚپتہٕ سمندرس منز آبس ستۍ آب رٔلِتھ پنُن روٗپ بےناورٗ پس منز تحلیل کٔرِتھ آگرس تہٕ سمندرس کُن کران ۔ اکہِ دوٚیہِ آومٕ موقعہٕ پنٕنۍ خیالات یوٗرپی لوٗکن نِشہِ وبٕڑھناونُک موقعہٕ کینژھا میانہِ کم گوٗلی تہٕ کینژاہ فرٛنچ نہ زانٕنہٕ کِنۍ یا جرمنۍ زبان نہ زانٕنہٕ کِنۍ اوٚسُس بہٕ ژھوٚپ آسان ۔ییٚلہِ ییٚلہِ مےٚ زبان مُژراونُک موقعہٕ میوٗل یا تہٕ اوٚسُس بہٕ یتھوِ خیالاتو کِنۍ Outsight Reflect سپدان یا تہٕ أسی بوزن وألی گرویدٕ سپدان ۔

## زان

غلام رسول سنتوش گیہِ دوٚیہِ لٹہِ یورپ تہٕ یہِ سفرنامہٕ چھُ تِمو تیٚلیلیٚو کھمُت۔ یِمن أسی کینٛہہ بیٚیہِ مصور دوست ستی تہٕ کینٛہہ سمکھییکھ پیرس، میوٗنخ تہٕ لندنہٕ، گوو کہِ یِم أسی چکر کرنہٕ گٔمتی مگر سفرنامہٕ تلہٕ چھُ نَنان زِ یِم گیہِ زیادٕ تر تِمن جاین تہٕ تِتھن لُکن سمکھے یِہِ یِمن آٹس یا آٹسٹس ستی کانٛہہ تعلق اوس۔ یِم گٔیہِ تِمن جاین ییٚتہِ مشہوٗر فنکار وان گاگ، سیزان، پکاسو، تلو، لاترے زایہِ یا پرٛ تھییہِ۔ گوو کہِ یِمو چھُ ادیب اِمیل زولاسُنٛد ناوٕ ہیٚوتمُت مگر صاف چھُ باسان زِ یِمن چھےٚ زیادٕ دلچسپی آٹسٹن ستی أسمٕژ۔ مگر سنتوش صأب چھِنہٕ صرف آرٹسٹ۔ یِم چھِ ادیب تہِ۔ اوے تہِ لیٚچھ یِمو امیٹرڈیم شہرس منز نظم یوسہٕ أتھی دورس ستی آمٕتی " بنگالی دوستن (سین گپتا ہن) بوٗزتہٕ گوودم پھٹ ہیوٗ تہٕ بیا کھ نقل سوٗز کھ ہٮ۪ندی لیس منز رضا ہس پیرس۔ "

یتھ سفرنامس منز چھُ سنتوشن تژ روے بُتھ ووتلان۔ أکِس قدیم یونأنی یا ہندوستأنی دِوتاسٕندی پأٹھی۔ سُہ گوو آٹسٹ، ادیب تہٕ فلسفی روے۔ آٹسٹ آسنہٕ کِنی چھِ یِم آٹہٕ چیٚن جاین گژھان، آٹسٹ دوستن ستی ووتھان بِہان تہٕ جاین تہٕ لُکن ہُنٛد بیان آٹسٹہٕ نظریہٕ کِنی کران، لفظن تہٕ محاورن ہندی رنگ تہٕ رکھ ووتلان۔ ادیب آسنہٕ کِنی چھِکھ یتھ سفرنامس منز نہ صرف جایہ موزوٗن حرف تہٕ اچھرلوٚ گمُت یُتھ زِ زبان چھےٚ ساأریے منظرس دُبارٕ زندٕ کران تہٕ سفر چھُنہٕ صرف بور کرن وول جاین یا عجوبن ہُنٛد فہرست موژان۔ تژ یِم روخ چھُکھ فلسفی سُنٛد روخ۔ سنتوش چھِ

یڑھ تہٕ پڑھِتہٕ وِوٕ ہاڑ رٕنگی کاٲشر شِومتکی علمبردار۔ کاٲشر فلسفچ نوزکی تہٕ نُدرت چھےٚ یمو پڑزناٮ۪و مڑ تہٕ تتھ چھِ پنہٕ نبن خیالن پیٚنس لاگان۔ یوٗ رپی زندگی ہنز یوسہٕ عکاٲسی یمو یتھ سفرنامس منز کرمڑ چھےٚ سو وبڑھناوان تہٕ تتھ پیٚٹھ پٔننٕ راے زنی کران چھِ یم نوقطہٕ دٲ یرجیوآتما، پرماتما، جُز تہٕ کُل کِس موضوعس پیٚٹھ واتان۔ ادیب تہٕ آٹسٹ آسنہٕ کِنیٚ چھُ یہُنٛد دِل اکھ حساس رٹن بانہٕ ییٚمہِ کِنیٚ فلسفہٕ کاٛنہہ خوشک منطق بنان چھُنہٕ۔

### لفظ تہٕ معنی

لتھو تیکنیک: تصویرکشی ہُنٛد سُہ طریقہٕ ییٚمہِ مطاٲبِق گوڈٕ چوٗنہٕ کنہِ یا سلیٹس پیٚٹھ عکس تاران چھِ تہٕ پتہٕ تتھ ٹھپہٕ تُلان چھِ۔

مینیچر: لوکُٹ موکُٹ عجاٲئب گرِ ہناہیوٗ تِکیازِ اتھ سٹیشنس پیٚٹھ تہٕ چھُکھ لوور آرٹ گیلری ہندی پاٹھی تصویرلبن اویزان تھاوِ مِتہٕ۔

مونالیزا: لیونارد وداونچی (شُراٮ۪ہمہِ صدی) سُنٛد مشہور تصویر دپان یُس تمی وُہن وٕری ین منز مکمل کوٚر۔ أمِس زنانہِ ہُنٛد اسہٕ وُن بُتھ چُھ اتھ اندر۔ یہِ خوبصورت تصویر چُھ ازکل اٹلی اندر۔

وشواناتھن: مشہوٗر ہندوستاٲنی آرٹسٹ۔

مولاں روٗج: پیرس شہرُک مشہوٗر ہوٹل ییٚتہِ تِتھکی آرٹسٹ سمان چھِ۔

ٹرنڈ: رُجحان، نہج۔

## سوالات

۱: سفرنامہٕ کیاہ گوٚوِیہِ سفرنامہٕ چھا اِملکی سأری لوآ زمات پوٗرٕ کران

۲: یتھ سفرنامس منزٕ یمن آرٹسٹن تہٕ ادیبن ہُنٛد ذکر سپُد مُت چُھ، تِمن متعلق لیٚکھیوٗ اکھ مدلل نوٹ

۳: یتھ سفرنامس منزٕ کتھٕ کنٛزٕ چُھ یوٗرپی زندگی ہُنٛد حال احوال باونہٕ آمُت

۴: مذکوٗرٕ سفرنامُک مطالعہ کٔرِتھ کیاہ چُھ مشرقی تہٕ یوٗرپی زندگی منزٕ ہشر یا بٔہن لبنہٕ یوان

# بُتل چھےٚ تتان

(GREEN HOUSE EFFECT)

مظفراحمدخان

زِندٕ زُوَن چھُ ماحولس ستۍ ٹھۄلَس تہٕ کنجہِ ہُنٛد واٹھ۔ اگر ئُنڈ فُٹہِ، ٹھۄل موکلیوو۔ پۄتی سُنٛد چھُنہٕ سوالےٚ۔ اَوَے چھُ ماحول رٔژھراوُن تیۄت اہم یۄت بتہٕ کھیٚون چھُ۔ زندٕ زُوَن چھِ وۍ ٹھی پأٹھی زٕقسم: اکھ سبزاسبزگُلۍ گٔٹ، بیٚیہِ حیوان یہُنٛد رنگ سبز چھُنہٕ۔ گُلۍ گٔٹ چھِ سبزٕ وٕتھرن ہندی ذٔسی گاشکہِ مدتٕ ہۄٚ ہُک کاربن ڈا ئی ڈاکسایڈ (CARBON DIOXIDE) چیتھ تتھ کھیٚین بناوان تہٕ اتھ ستۍ آکسیجن (OXYGEN) نبر تراوان۔ اَتھ عملہِ چھِ تاپہٕ کار(PHOTOSYNTHESIS)ونان تہٕ امہِ ستۍ بنیامتِس غذاہس پیٹھ چھِ تم پرٛ تھان۔ گُلۍ چھِ بُتھِ حیوانن ہُنٛد کھیٚن بنان۔ گاسہٕ تہٕ سبزار شرٛ پرتھ چھِ حیوان یہِ غذا پننہِ زُونہٕ خأطرٕ شاہ کھالنس والنس ستۍ خرٕچ تہٕ کران۔ ہوٕہک آکسیجن چیتھ چھُ گیسن ہُنٛد تناسُب برابر روزان۔ (تصویر ۱)

زمینس تل موجوٗ دوٕٹسی گاٶتۍ زُوذٕ آژن ہندی نیال(FOSSILS)چھِ اسہِ پے دِوان زِیہِ ووت تنہٕ سپد ان ینہٕ یتھ بُترٕ آژ پیٹھ زندٕ زُوَن ہُنٛد ظہور سپد یوو تتھ گٔیہِ کینٛہہ ارب ؤری۔ یِتہِ چھےٚ اکھ ئنٛز حقیقت زِ صنعتی انقلابہٕ پتہٕ انسان سُنٛد وِلہِ وِلہِ قدرتی وسیلہٕ زیادٕ زیادٕ خرچاونہٕ ستۍ ووت اتھ کاربن ڈا ئی آکسایڈ/ آکسیجن تناسبس لۄٚت لۄٚت ددارٕ، تِکیا زِ زالن وِزِ چھُ آکسیجن خرٕچ تہٕ کاربن ڈائی آکسایڈ پأدٕ گژھان۔

پئتِ مِس ہتلِس نز روٗ دکولہٕ ژٕ نہِ تہٕ پٹرولیم مصنوعات دوہ پتہٕ دوہ زیادٕ خرٕچ کرنُک رجحان ہُر نہٕ ستیٖ دٕ ہ تہِ ہُران۔ اگر حالاتن ہنز ترا ے یژ ھے روٗز تیٖلہِ گرٕژھن یِم زیرِ زمین ذخیرٕ تہِ أ کِس دوٕن ہتلین منز نابوٗ د۔

تتھ ہتس وٕ ری لیس منز کتہِ کور ہیکن حالات وأتتھ، تہِ چھا کأنسہِ نظرِ تل؟ ونان چھِ سأری، ستان چُھنہٕ کأنہہ۔ ذخیرٕ ختم گژھنٕ چھ اکھ معاملہٕ۔ اتھ ہیکن متبأدِل وسیلہٕ تہِ ژھانڈنہٕ یِتھ۔ پوٚ زتمہِ کھوتہٕ سئٔن لایق معاملہٕ چُھ امہِ کہِ پزنہٕ کھوتہٕ ژٔور خرچ کرنہٕ ستیٖ واتن وول ددارٕ۔ امیُک دٕ ہ چُھ زٕوذأ ژن ہندِ خأطرٕ اکھ موٚ ذُرز ہر۔

دٕ ہس منز چھےٚ ہایہِ ہنز شکلہِ منز ٹھوس غلاظت موجود آسان۔ امہِ علاوٕ چھِ اتھ منزٕ گیس کاربن مونوآکسایڈ، گوڈنیُک چُھ چھراز ہر، تہٕ دوٚیِم چُھ زمینی ماحولس پیٹھ تمہِ کھوتہٕ مضر اثرات ہاون وول۔

یوٗتاہ دُہ زیرزمین زالُن (FOSSILS) خرٕچ گرِتھ ہوا ہس منز ہُرِ، تیوٗت چُھ سطح زمینس پیٹھ زوٗ ذأ ژن ہندِ خأطرٕ زُوٗن کریوٗٹھ بنُن وول۔ بنی آدم ہنز بجأئی تہٕ انسأنی تہذیبس واتہِ امہِ ستیٖ تیوٗت گوٚب ددارٕ یوٗت نہٕ وُنی کہِنس کأنسہِ تہِ وہم وگمانس منز آسہِ۔

یِمن کتھن وژھے کرنہٕ کہِ غرضہٕ تراوو أسی ہنا تفصیلہٕ سان زمینہٕ ہنز جغرافیأئی کیفیژ تہٕ ساینسدانن ہندِس ئری ہتس پیش منظرس پیٹھ اکھ نظر۔

نظام شمسی: یتھ کائناتس منز چھِ گرٕ نزِ روٚس ستارٕ تہٕ سیارٕ۔ تا حال چھےٚ سائنسی

تحقیق ستی یہ کتھ واضح گأمژ زِ بُترأ ژنہر چھ زؤ ذأ ژن ہندی آثارالہٕ پلہٕ ناممکن

۔نظام شمسی ییمیک محور آفتاب چُھ (تہٕ یُس شُنۍ یاہ پچ محض اکھ رژ ھاہ آورتھ چُھ )

تہٕ چُھ کرور بدہن کلو میٹرن پتھ وہرأ وِتھ۔ اتھ حالس منز چھِ آفتابس أندی أندی

نژوِنۍ نو سیارٕ گردشہِ منز عطارُد (MERCURY)، زُہرہ (VENUS)، زمین (EARTH)،

مریخ (MARS)، مشتری (JUPITER)، زُحل (SATURN)، اورانوس (URANUS)،

نیپتون (NEPTUNE) تہٕ پلوٹو (PLUTO)، یمو منزٕ چُھ سارِوے کھوتہٕ لوکُٹ سیارٕ

عطارُد، یُس آفتابس نِش ترٛے کرور شیٹھ میل دوٗر چُھ ۔ اتھ مقابلہٕ چھےٚ زمین نو

کرور ترہ لچھ میل دوٗر ۔ ظاہر چُھ زِ آفتابس نکھہ آسنہٕ موجوٗ ب آسہِ یہ زمینہٕ کھوتہٕ

سبٹھاہ زیادٕ تُژ ۔ مریخ، یتھ کُن سائنسدان زؤ ذأ ژن ژھانڈ دِنہٕ خأطرٕ خأطرٕ

پھِری پھِری وُ چھان روٗ دی، چُھ ژوداہ کرورٕ وہ لچھ میل دوٗر ۔ مشتری یُس سارِوے

بوٚ ڈ سیارٕ چُھ، چُھ ارتأجی کرور میل دوٗر تہٕ لوکُٹ پلوٗٹو چُھ ترٛے ہتھ ستھ کرور میل دوٗر۔

زوٗن (MOON) چھےٚ مقبالتأ بُترأ ژنکھ (اسہِ نِش صرف زٕ لچھ کُنتأجی ساس

میل دوٗر!) اکھ MOON یا SATELLITE تہٕ یہ گژھِ سأئنس ماحولس ستی کم کاسہٕ رلہٕ وِنۍ

آسنی ۔ مگر اتہِ تہٕ چھنہٕ زندگی ہنز کانہہ نموٗ د ۔ یہ حقیقت چھنہٕ أچھوٗ وُچھتھ تہٕ کنوٗ بوٗ زِتھ

ننیامژ زِ اتھ أندی أندی چُھنہٕ کرۂ ہوا، اتھ پٹھ چُھنہٕ آب یا سوٚ م درجہ حرارت ممکن

تہٕ اتھ پٹھ چھ زندٕ روزُن ناممکن (یوٚ ت تام نہٕ مصنوعی حالات پأدٕ کرنہٕ یین )

الغرض سائنسدان، یم امہِ خیالکی قأیل چھِ زِ زؤ ذأ ژ چھےٚ کرور بدہن وٗری ین

ہندِ ارتقایچہِ عملہِ ستی ساد بُنیأ دٕ پٹھ پیچیدٕ صورتن منز آشکارا گأمژ، چھِ یہ تہٕ مانان زِ

آب تہٕ ہوا ( یِمن منز ژور بنیأدی عنصر یا ELEMENT کاربن(CARBON)
آکسیجن (OXYGEN) نائٹروجن(NITROGEN)تہٕ ہا ئیڈروجن(HYDROGEN)
شأمِل چھِ ،یِہِ سۄم ۆ وشنیر چھِ زۄ ذأ ژن ہِندِ پرٛ بتھنہٕ تہٕ لسنہٕ خأطرٕ سبٹھاہ ضروری۔
شاید چھُنہٕ آب تہٕ یتھ کرٔ ہ ہوا بیٚہِ کُنہِ سیارس پیٹھ موجوٗد۔تیٚلہِ کتہِ ہکہِ تتہِ زندگی
ہُنٛد نشان أسِتھ ستارن ہنز چھنہٕ کتھے ۔تِم چھِ وٕبگلان،۔تتہِ کیاہ ہیٚکہِ ذٕ رِتھ؟
آفتاب تہٕ گاش: یتھ بُترٲژ پیٹھ آسہِ ہا زندگی ناممکن یۆ دوے پرٛزلوٗن
تارُک ''آفتاب'' کرِ ہانہٕ اتھ ۱۹۲ کرورمیل دۄ ررۄ زِتھ اکہِ روشن گوٗلکی پأٹھی
پننہٕ وزِ ژۄہ ستی منورتہٕ أتھی ستی آپراو ہس نہٕ وُشنیر۔آفتاب چُھ قسم وار گاش بُترٲژ
کُن سوزان۔یِمو منزٕ أڈی قسم چھِ أسی وژھوأ چھووُ پچھتھ ہٮ۪کان۔سونزلہِ ہِندی
ستھ رنگ تہٕ تِمن منز باگ بیتر رنگ چھِ اتھ زمُرس منزِ یوان۔یِم چھِ وۄزُل،
سنگتری ،لیُدر، گأسۍ، نیۆل اسمأنٔی تہٕ بنفشی۔وۄزُل تہٕ نیۆل گاش چُھ تاپہٕ کارخأطرٕ
سبٹھاہ کارآمد۔

ستہٕ رٔنگی سونزلہِ ہِندی یِم رنگامیز گاش چھِ رٔلِتھ میلِتھ اسہِ سفید گاش باسان۔
امہِ علاوٕ چھِ اتھِ نہ یِونٔی گاش تہٕ زمینس تام واتان یِم صرف مشینی آلات کامہِ
لأگِتھ ئۄنٔی چھِ کڈنہٕ آأمتی ۔یِمن منز چھِ ترٛےٚ قسم اہم (ا) ہیٚور سونزلہِ گاش
(ULTRA VOILET RAYS)بوٗن سونزلہِ گاش(INFRA RED RAYS)تہٕ زیٚچھِ
زٕ ژٕ (LONG WAVE RAYS)تہٕ شأمِل۔

ہیٚور سونزلہِ گاش چُھ مضرِ صحت۔اگر پوٚش زیادٕ کالس امیُک اثر

پراوان، تِمن چھُ مُسلُک سرطان تہٕ أچھن ژھاپنھ پیٚنگ خطرٕ۔ پوٚز قدرتن چھُ زمین باش اتھ پتھ رٹنُک اکھ مستقل تحفظ تہِ دٔستیاب تھوومُت۔

بوٚن سونزلہِ گاش چھُ وۄشنیر ووتلاونُک تأثیر تھاوان۔ پوٚز ہواہس منز موجوٗدٕ گیس چھِنہٕ اتھ ہِوے انمانہٕ چیٚتھ ہیٚکان۔ تجربأتی مشاہدٕ گوو یہِ زِ کاربن ڈائی آکسایڈ تہٕ آبی بخارات چھِ اتھ زیادے پہن چوٚان۔

کُرہ ہوا: بُترآژ أندی أندی کرہ ہوا چھُ زوٗ ذأژن خاطرٕ سٮ۪ٹھاہ مددگار، تِکیا زِ یہِ چھُ اکہِ غلافہٕ یا پردٕچ کأم دِوان۔ یہِ چھُ واریاہس حدس تام وۄشنیر برابر تھاونس منز اتھٕ روٚٹ کران۔

کرۂ ہوا چھِ بیٚون بیٚون گیسن (GASES) ہُنٛد اکھ موٚٹ تہہ یُس زمینہِ ہنزِ کٔشش ثقل ‌ِستۍ اتھ اندٕ ونٛدٕ رلأوِتھ چھُ۔ یوٚ دوے بیٚون بیٚون اندازٕ موجوٗب چھُ یہِ سطح سمندر پیٹھٕ شراہ تا کُنترٕہ ساس میٖل تھوٚد۔ پوٚز امیُک سٔتنمتھ فی صد (۹۷٪) کارآمد حصہٕ چھُ صرف ۲۹ کلومیٖٹر تھزرس تام جاے آورِتھ۔

ہوٗہس منز چھُ ۷۸٪ نائٹروجن، ۲۱٪ آکسیجن، ۹٪ ء ارگوان، ۰۳٪ ۱ کاربن ڈا ئی آکسایڈ موجوٗد۔ امہِ علاوٕ چھِ بیترِ گیس مثلاً اوزوٗن (OZONE) نیویان (NEON)، زینوآن (XENON)، ہیلیم (HELIUM) ہائیڈروجن (HYDROGEN) آبی بخارات تہٕ گرٕد تہِ شأمِل۔ اتھ کُرہ ہوٗہس چھِ واریاہ تہہ۔

(ا): بوٚن ہوا: (TROPOSPHERE) چھُ خطِ استواہس پیٹھ شُراہ کلومیٖٹر

تھوٚ د۔مگر قطبینن پٹھ چُھ یہِ صرف شےٚ کلومیٹر تھوٚ د۔نب/ موسمی واقعات روٗ د،
شین ڈوٹھ،وُنل، واوِطوفان،وُزملہٕ،گگرایہِ تہٕ ترٛٹہٕ چھےٚ اُتھی تہس منز ووتلان۔
یہِ تہہ چھےٚ زوٗ ذاُ ژن ہندِ خاطرٕ اہم ترین، تِکیازِ تَمن اندی پٔکی چُھ یو ہے تہہ۔
امیٖ ستیٖ چُھ بتراُ ژ پیٹھ نباتات تہٕ پوش زُوان۔ہیٚور کھسان کھسان چُھ اتھ منز
درجہ حرارت بحساب ساڑھ شےٚ ڈگری سینٹی گریڈ (٦.٥) فی کلومیٹر ژھوکان
روزان۔اتھ چھِ (NORMAL LAPSE RATE)ونان۔

(ب): منز ہوا: (STRATOSPHERE) یہِ تہہ الہٕ پلہٕ پنژاہ کلومیٹر تھزرس تام
وہراُ وِتھ تہٕ امیُک درجہ حرارت چُھ ہیرِ بون صفر درجہ سینٹی گریڈ روزان۔امکو
بوٚنم پنداہ کلومیٹر چھِ زوٗ ذاُ ژن ہندِ خاطرٕ اہم تِکیازِ اتھ تہس منز چُھ اوزون گیس
(ozone Gas) اُسمتھ۔

(ج) ہیٚور ہوا: (MESOPHERE) یہِ تہہ چُھ شیٚتھ کلومیٹر تھزرس تام
وہراُ وِتھ۔اتھ چُھ درجہ حرارت تھزرس ستیٖ ستیٖ وسان، یوٚت تام امیُک پیٚٹھم
سرحد چُھ منفی شیٚتھ درجہ سینٹی گریڈ (۸۰۔) ترُن چُھ گژھان۔

(د) پیٹھ ہوا: (IONOSPHERE) یہِ تہہ چُھ شےٚ ہتھ ژتجی کلومیٹر ٦۴۰ تھزرس
تام وہراُ وِتھ،۔تھزرس ستیٖ ستیٖ چُھ اتھ درجہ حرارت تہٕ ۆلی ۆلی تھدان۔یہِ تہہ
چُھ زمینہ پیٹھ ووتھن واجنہٕ زیٚچھ مواصلاًتی لہر واپس بُتراُ ژ کُن پھران۔
(س) توٚت ہوا: (EXOSPHERE) آفتاب منزٕ نیروٗن کلہم توانائی ہُند صرف

دُوارٕیُم حصہٕ ($2\times10^{-9}$)چُھ بُترٲ ژتام وٲتتھ ہیکان، تہٕ یُتے چُھ زوٗ ذٲژن ہندِ پرٛتھنہٕ خاطرٕ سبٹھاہ۔ زمینہٕ تام واتن واجنہِ شمسی زٕژن ہنز بٲگرن چھےٚ یِتھہٕ پاٹھۍ :

(کم کاسہٕ ):۔ ہیٚور سونزلہٕ زٕژٕ(ULTRA VOILET RAYS)

(۴۱٪)=سونزلہِ زٕژٕ (VISIBLE LIGHT RAYS)

(۵۰٪)= بون سونزلہِ زٕژٕ ( INFRA RED WAVES)

(باقی حصہٕ )= زیچھِ زٕژٕ (RADIO WAVES +MICROWAVES =LONG WAVES)

زمینہِ ہنزِ ژمہِ تہٕ ہوٗہس منز باگ چُھ توانائی ہُنٛد تناسب ہِوٗے روزان، مطلب یمن دون مابین چُھ وُشنیرُک اتہٕ گتھ ڈنجہِ روٗ زِتھ یاوٗنۍ تواکھ( HEAT BALANCE)شُنۍ یاہ پیٹھِ یِنہٕ واجنوٕ ژھو چوگاشہِ زٕژوٕستۍ وصول توانائی ہُنٛد ۳۵ فی صدِ حصہٕ چُھ دستی منعکس سپدِتھ سیٚدِ سیٚو دشُنۍ یاہس کُن پھیرِتھ گژھان۔ بیترِ ۶۷ فیصد توانائی منز چُھ کرہ ہوا ۱۶ فی صد عاریتاً رٹان تہٕ بُتراتھ چھےٚ ۵۱ فی صد وپٚراوان۔

زمین چھےٚ ۵۱ فی صد توانائی منز ۲۳ فی صد حصس زیچھن تابکار زٕژن ہنزِ شکلہِ منز کُرہ ہواہس کُن چھکان۔ امہِ منزٕ چُھ ۱۷ فی صد حصہٕ سیٚو دُے شُنۍ یاہس کُن لمان تہٕ شےٚ فیصد حصہٕ چھِ کرہ ہواہس منز چھلہٕ چھانگرِ گژھان۔ بیترٕ ۲۸ فیصد توانائی منز چُھ ۱۹ فیصد حصہٕ سوٚ درن، دٔریاون تہٕ زمینہِ پیٹھ بیترِ آبس بہہ بنٲوِتھ وُڑناوان۔ نو فیصد توانائی چھےٚ واوٕ ژھٹہٕ تہٕ طوفان وغیرہ وتلاونس منز خرٕچ گژھان، یِتھہٕ پاٹھۍ چھےٚ بچٲربُتراتھ کلہم ۵۱ فیصد توانائی نکھٕ والان۔

کُرہ ہواچُھ شُنؠ یاہ منزٕ ۱۶فیصد تہٕ زمینہٕ پٮ۪ٹھ ۳۴فیصد توانائی پرآوِتھ اتھ ساریٚ سےٚ شُنؠ یاہس پُشراوان۔ژھوٚٹ حساب چُھ بے باق روزان۔

**اوسط درجہ حرارت:** امہِ پرٕزُرک چُھ پرٛتھ کانٛسہِ پے زِیتھ بُترآ ژپٮ۪ٹھ چھنہٕ بیٚون علاقن منزٕ ترٕ تہٕ ترٛژرٕ چ باگنےٚ ہٕشی روزان۔قطبین چھِ تیتہٕ ترٕنؠ زِتورٕ کُن چھِ کائی (MOSS) ہِوی لوٚتی سبزارٕ ؤرٕ ییس منزٕکم کاسہٕ وقتس اتھِ یِوان۔صحرائے اعظم چُھ تیٚوت ہوٚ کھتہٕ توٚت زِتتہِ چھےٚ منزٕی کُنہِ جایہِ کانٛہہ سخت جان گُلی ذاتھ کُنہِ وقتس کلہٕ کڈِتھ ہیٚکان۔بایں ہمہ چُھ بیشتر خوشک تہٕ آبی علاقہٕ تیٚتھ معتدل زِحرارت چِھ ووتل بُجہِ چھنہٕ تتہِ عام زُوذآ ژن ہِندِ خاطرٕ زُوٚن کریوٚٹھ بناوان۔یہِ چُھ اسہِ سارِنٕے پے زِنہ چھ کُنہِ باہٕونؠ رتٛن نب ہِوٗے روزان،تہٕ نہ چُھ آٹھِ وِنؠ پھرن درجہ حرارت برابر روزان (کلھم پأٹھی وَنوأسی زِرآ ژہُنٛد ژوٚ رِیُم پھر چُھ زیادٕ ترُٕ ن تہٕ دوہلہِ ترٛ ییُم پھر چُھ زیادٕ وُشن یا توٚت آسان)۔METEREOLOGIST چھِ کُنہِ مقرر مقامس پٮ۪ٹھ ؤہرؠ ؤرؠ ییس مقررٕ اوقاتن پٮ۪ٹھ درجہ حرارت میٛنتھ،تتھ منزٕ پھیرٕ فرق یکجا کٔرِتھ تمہِ جایہِ ہُنٛد روزانہٕ اوسطہٕ درجہ حرارت تہٕ ماہانہٕ اوسطہٕ درجہ حرارت متعین کٔرِتھ ہیٛکان۔أتھی بنیاذ پٮ۪ٹھ چُھ سالانہٕ اوسطہٕ درجہ حرارت تہِ مقرر کرنہٕ یِوان۔یتھِ DATA ستؠ ہیٛکہِ کانٛہہ محقق تمام بُترآ ژہُنٛد سالانہٕ درجہ حرارت تہِ مقرر کٔرِتھ۔گوٚویہِ چُھ اکھ پیچیدٕ کار۔

**کاربن ڈائی آکسایڈ:** بُترآ ژپٮ۪ٹھ اِستادٕ گُلبن منزٕ چھےٚ اکِہ تخمینہٕ مطابِق وُہ

کھرب ٹن ژِنۍ (CARBON) بصورت ۂٹ موجوٗد۔ گُلۍ کٹ دوٚدرنہٕ تہٕ زیُن زالنہٕ ستۍ چُھ کاربن ہوٚہس منز بصورتِ کاربن ڈائی آکسایڈیلہٕ گژھان۔ زندٕ گُلۍ چھِ اتھ پھیرِ تھ چھوٚان تہٕ نوِسرٕ ۂٹ بناوان۔

یہِ گوٚ وحضرت کاربن سُنٛد آوا گون۔ یتھ اندٕ ونٛدٕ کاٗنہہ تھکھ لوٚگ نہٕ تہٕ ہوٚہس منز تہٕ امہِ نبر کاربن روٗدی اکہِ حساب متوآزِن۔ پوٚز ووٚنۍ چُھ یہِ توازن پھُٹمُت۔ زیر زمین کولہٕ ژِنہٕ تہٕ پٹرول چُھ پاور ہاوس، کارخانہٕ، گاڑِ، ریل تہٕ جہاز حرکتس منز تھاونہٕ باپتھ دوہ پتہٕ دوہ زیادٕ زالنہٕ یوان۔ امہِ علاوٕ چھ، LPG ہُک خرچ تہٕ ہُران جنگل تہٕ چھِ کالہٕ پگاہ دزان۔ ژھوٚٹ ہوٚہس چُھ وارٕ وارٕ کاربن ڈا ئی آکسایڈ گیسُک تناسُب ہُران گژھان۔

صنعتی انقلاب گوٚوالہٕ پلہٕ میلادی سنس ہیوٚشروع تہٕ امکی اثرات چھِ وُنہِ تہٕ پٕتُن زال وہراوان۔ ہوآئی زُوِس پیٚٹھ أکِس جایہِ (کارخانن ہنز پآدٕ کٔرمٕژ آلوٗدگی نِش دوٗر) چُھ وُچھنہٕ آمُت زِ ۱۸۵۰ میلادی سنہٕ پیٚٹھٕ چُھ ہوٚہس منز کاربن ڈا ئی آکسایڈ گیسک مقدار پنٛداہ فیصد ہُریومُت۔ ۱۵۸۰ میلادی پیٚٹھٕ ۱۹۵۰ میلادی تام ۂتلِس منز چُھ پرٛتھ ؤری یہِ ہوٚہس منز کھ کروروٗ ہ لچھ ٹن کاربن ڈائی آکسایڈیلہٕ تراونہٕ آمُت تہٕ امیُک تناسُب چُھ ۸/۲۶ حصہٕ پیٚٹھٕ ۶/۳۱ حصہ فی لچھ حصہٕ ہُریومُت۔ یہِ چُھ تقریباً ۱۸ فی صد ہُر ر۔

۱۸۶۰ پیٚٹھٕ وُنِس تام چھِ گُلۍ زالنہٕ ستۍ الہٕ پلہٕ اکھ کھرب تہٕ شیٚتھ ارب ٹن

کاربن بصورت کاربن ڈائی آکسایڈ ہوٚہس منز ریومُت ۔کولہٕ ژٕنہِ تہٕ پٹرولیم زالنہٕ ستۍ چھُ الہٕ پلہٕ ہیٚہِ یُتاہ کاربن ڈائی آکسایڈ ہُر یومُت ۔ونان چھِ ۱۸۶۰ میلادی پتہٕ ۱۹۸۸ میلادی سنس تام چھُ کاربن ڈائی آکسایڈ ۲۸ حصہٕ پتہٕ ۳۶ حصہٕ فی لچھ ہُر یومُت ۔یہِ گو ۲۵ فیصد ہُر بر۔

۱۹۵۹ تا ۱۹۶۹ میلادی سنس تام ڈٔہلس منز کاربن ڈائی آکسایڈُک ہوٚہس منز ۳ فیصد ہُر برِ تہٕ زیرزمین ژٕنہِ ہُنٛد بے جا استعمال چھُ یہِ باس دِوان زِ امہِ گیسُک تناسُب ہُرِ ۲۰۰۰ میلادی سنس تام ۴۰ فی لچھ یا ۲۰ فیصد۔

أزی کہِ حسابہٕ ( فی ؤری پنژاہ شیٹھ کرورٹن ) کاربن زالنہٕ ستۍ گوٚ ژھ ہوٚہس منز کاربن ڈائی آکسایڈ سالانہٕ ۲/۰ حصہٕ فی لچھ حصہٕ ہُرُن مگر عملی طور چھُ تمہِ کھوتہٕ کم ہُر برگژھان ۔تِکیا زِ امیُک نصفاہ چھُ یاتہٕ سمندرن ہُنٛد آب چوان ،نتہٕ گُلبن ہندی بٔرگ ژٕہان۔

**بُتل چھےٚ تتان:** بُترٲژ ہُنٛد اوسطہٕ سالانہٕ درجہ حرارت ہُر یو ۱۹۶۰ تا ۱۹۸۰ میلادی سنہٕ کِبن وُہن ؤری ین دوران اعشاریہ زٕ ڈگری سینٹی گریڈ ۔اندازن آسہِ پتۍ مِس ہٲتلِس منز یہ، اعشاریہِ ژور درجہ ( ۰/۴ )ہُر یومُت ۔سائنسدان چھِ یہِ حقیقت نٔنۍ کڈِتھ گٲمتۍ زِ ہوٚہس منز کاربن ڈائی آکسایڈ ہُرنس تہٕ زمینہٕ ہندِس اوسطہٕ سالانہٕ درجہ حرارت ہُرنس چھُ سیٚدِ سیٚو دواٹھ۔

شُنٛز یاہ سرِ کرنُک امریکی ادارٕ (NASA) چھُ پیشن گوئی کٔرِتھ گوٚمُت زِ اگر زالُن (FUEL) خرچاوُنس منز سالانہٕ ژور فیصد ہُر برٲزی کہِ انمانہٕ جٲری روزِ تیٚلہِ

آسہِ ۲۰۳۰ میلادی سنس تام کاربن ڈائی آکسایڈ ۶۷ فی صد حصہِ فی لچھ حصہِ ہوہس تام ووتمُت تہٕ اوسطہ درجہ حرارتس منز آسہِ ڈوڈٕ ہتھ ساڑھ ژور درجہ ہُر بٕر سپد یومُت ۔ یہٕ دوے زالُن خرچاوٕنس منز ہُر بٕر سالانہٕ زٕ فیصد تام حدٕ رٹنہٕ یِی تیٚلہِ واتہِ یہِ ۲۰۵۰ میلادی سنس منزا ٚوت پیٚٹھ کتھ ۔ نتہٕ اگر زالُن یِی سالانہٕ أزی کِس پیمانس پیٹھے حدٕ رٹنہٕ، تیٚلہِ واتہِ یہِ نوبت زِ زٕ توٗ ہمس میلادی ہٕتلِس منز ۔ یہٕ ز اوسطہ سالانہٕ درجہ حرارت ہُرٕن کڈنہٕ ووٚن تھکھ ۔

تژٕر کیازِ؟ : زمینہِ ہُنٛد تتُن یا گرین ہاوس افیکٹ (GREEN HOUSE EFFECT)
چُھ اکھ پیچیدٕ عمل ۔ گرین ہاوس چُھ سرد ملکن منز وندٕ أولِی گٕلو تٕرِ ہندِ کرتچھر نِشہِ رچھنہٕ باپتھ بناونہٕ یِوان ۔ گرین ہاوس گو وشیشہِ خانہٕ یتھ آفتابُک گاش سیٚود اندرواتہِ مگر تٕرٕ نہٕ ہوہُک اثر روزِ نبر ے ۔

گرین ہاوس کِس احاطس منز چُھ سونزلہِ گاش شیشہِ پٹھٕ منزٕ سیٚو دُ ے اژان تہٕ اتہِ موجود میٛژ چُھ وُشناوان ۔ وُشنٛ میٛژ چھےٚ تاپہ بدلہِ بوٚن سونزلہِ زٕ ژٕ واپس چھکان، یہٕ زیم چھنہٕ شیشہِ اپور تٕرِتھ ہیٚکان بلکہِ اندر کُنے منعکس گژھان ۔ یِتھ پأٹھی چھِ اتھ احاطس منز وُشنیر قرارس روزان تہٕ اتھ تپاوٕنکی مصنوعی طریقہٕ چھنہٕ ژھانڈٕنی پیوان ۔

بُتر أژ ہندِس کُرہ ہواہس منز چھِ کاربن ڈائی آکسایڈ تہٕ أبی بخارات گرین ہاوس گیس (GREEN HOUSE EFFECT) مانہٕ یِوان، تِکیازِ یم تہٕ چھِ

سونزلہِ گاشس شُنٛز یاہ پیٹھ زمینہِ کُن ترنہٕ دِوان، مگر زمینہِ پیٹھ ووتلن وأٮ۪لس بون سونزلہِ گاشس چھِ ٹھرِ روزان۔ یِتھٕ پأٹھی چھِ ییم زٕ گیس زمین وُشنٛ تھاوان۔

اسہِ کیاہ بنہِ؟: اووسطٕ تڑٛ ھ پانژھ درجہ سینٹی گریڈٕ ستیٚ ہُرٕ نکی ژٕ وکی اثرات چھِ ہأبت ناک۔ خدا ئٕ چھِن اسہِ امہِ طوفانٕ نِشہِ! أسیٚ گٔنزراوو ییم کُڈٕ ری ممکنات۔

(ا) شیٚن، روٗد، بیٚیہِ میژِ منزسرٛ یہہ ژھو کہِ تہٕ زرعی علاقن گژھِ ہو کھے اگادِ۔ کُلی، کیٚمی تہٕ حیوان مااتھ بدلوٕنس ماحولس ستیٚ مگرتوتہِ واتہِ گُلس پیٹھ ییمن علاقن منز ماحول کِس توازنس بے پناہ ددارٕ۔

(ب) سمندرن ہُنٛد آب چیٚیہِ زیادٕ کاربن ڈائی آکسایڈ تہٕ اتھ ہُرِ تیزابیت (ACIDITY)امہِ ستیٚ ژھو کہِ سمندرن ہنز پیاوأ ری صلاٗحیت تہٕ سمندری نباتات ،ییم زمینی نباتاتو کھوتہٕ سٮ۪ٹھاہ زیادٕ چھِ، ژھوکن گژٕ ندِ منز واریاہ حدس تام۔

(ج) بالن پیٹھ شینہٕ ژادرٕ، گلیشیر تہٕ قطبین آورِتھ شینہٕ ٹوپہِ گلن ییمن بنہِ وُن آب بوڈوِ کم تھزٕ رکی سمندری بٔڈھی۔ اکہِ اندازٕ موجوٗب ہیکہِ ۲۰۵۰ میلادی سنس تام سمندری آبٕچ سطح اکھ میٹر تام ہُرِتھ۔ امہِ ستیٚ ہیکہِ مصرُک پنداہ فیصد زرعی علاقہٕ بحیرروم کِس آبس منز بوڈونہٕ یِتھ تہٕ شیٚتھ لچھ لوٗکھ گژھن تتہِ بےٚ گرٕ۔ بنگلہ دیش کِس پأیئین ساحلی علاقن بٔڈراوِ سمندرُک آب تہٕ اکھ کرور تام لوٗکھ ما گژھن بے خانماں۔

(د) کاربن ڈائی آکسایڈ گژھِ تیوٗتاہ ہُرِتھ زِ ہوٕ ٹک دباو تہِ ہُرِ۔ امہِ ستیٚ ما

هُرِ اتهه زيادِ زيادِ بون سونزلهِ زِ ڙِ چيٽنچ توّ ڙهه تهِ اتهه ءَستي هُرِ درجه حرارت تيؤ تاه زِ هوهس منزسپدن وألي تمام ترعمليات گرڻهن ٿهامهِ يموءَستي ـتهه بترأ ڙپپڙهه ژوذأ ڙن هُنڌ روءنهِ زوءنهِ چُهه ـ خدامهِ واتنأوِني سُه دوه ـ

(س) گرين هاؤس گيس سبٽهاه هُرنهِ ءَستي هيڪهِ اوزؤن (OZONE) تههٗتنيٗ گرڇهنس منزتيزي ـتهه ،يمهِ ءَستي زمينهِ هُنڌ حرارت هُرِ هنازيادے ـ

(ص) ڪيٺهه ماهرين ڇهِ يهِ راے ٿهاوان زِ ڪاربن ڈائی آڪسائيڈ٣٠ پپٹهِ ٦٠ حصهِ في لچهه حصهِ هواهُرِنس ءَستي هُرِ نباتاتن هِنز پيداوأري صلأحيت تهِ قريباً ٣٠ فيصد ـ پوّ زيهِ تهِ ڇُهه ونهِ يوان زِ درجه حرارتس منزهُر برتراوِتاپهِ ڪارس پپٹهه مضراثر ـ يهِ ڇُهه ژهوّ رُے ڪتأبي بحث ـ

أسي ڪياه ڪرو؟: نااميدي ڇهنهِ اشرف المخلوقاتس شؤبان ـ اگرڪؤشش ڪرنهِ يِيهِ، يُتهه ڪڈر زمانهِ يِيهِ نهِ زأنهه ـ يهِ گُنز ڪوشش ڪياه گرڻهِ آءسنز ، ڪاربن ڈائی آڪسائيڈ هُرنهِ چهِ، وتهِ پچهِ لاگنهِ يهِ ڪتهِ ڇُهه ممڪن؟

(ا) ڪولهِ ژنهِ تهِ پٹروليم ِڪس خرچس منزفي الفورڪمي ڪرِني ـ مگر ١٩٨٨ ميلادي سنس منزسپد ياءمڙ TORONTO CONFRENCE منزڪوّ رمُت عزم زِ ٢٠٠٥ءِ ليس تام يِيهِ يِهندِس خرچس منز ٢٠ فيصدي ڪمي ڪرنهِ هيڪياه پؤرِ سپدِتهه؟ ترقي پذير ملڪ ڇهِ ووِني پنِنز معدني ذخيرِ ژهأنڈي ژهأنڈي تمن ڪامهِ لاگان ـ يؤ دوے تم يهِ ڪرن نهِ تِهنزِ ترقي هيڪهِ ٿهامهِ گرڻهتهه تهِ تمن پپٹهه هُرِ ترقي يافتهِ ملڪن هُنڌ اقتصأدي دباوِتم

کیاہ کرن؟ پۆزتوتہٕ چُھ رِتی سےٚ امیدوار روزُن۔

(ب) کارخانہٕ ، گاڑِ بیترِ مشین چلاونہٕ خاطرِ توانائی ہٕندی متبادِل ماخذ ژھانڈُن تہٕ انجن برابر بہتر بناونچ کوٗشش جارٕی تھاوِنی ۔ MENTHOL ہیوٚ مصنوعی زالُن ژھانڈُن یُتھ کم کھوتہٕ کم کاربن ڈائی آکسایڈ ہُرِ تہٕ چُھ ضروری۔

(ج) بجلی پاٚدِ کرنہٕ خاطرِ THERMAL بجلی گرو بدلہٕ آبی، ایٹمی، واوتہٕ منزِ توانائی پیٚٹھ پکن وٲلی TURBINE زیادٕ زیادٕ کامہِ لاگنی۔

(د) شمسی توانائی ہُنٛد زیادٕ استعمال کرُن تا کہِ رنن تہٕ روتلہِ گاش پیٚیہ امی منزٕ پۆرٕ کرنہٕ۔

(س) کُلی رُوِنی ،نٔوی جنگل پھاپھلاوِنی تہٕ پرٲنی جنگل رٕژھراوِنی ۔اگرکولہٕ ژٕنی تہٕ پٹرولیم کاربن ڈائی آکسایڈگیس ووتلاوٕنکی آگُر (SOURCE) چھِ ۔کُلی چھِ اتھ گیس شرٕ پرٲوِتھ امِکی (SINK) بناوان۔

۱۲ کرور ہیکٹر زمینی علاقس پیٹھ جنگل وہراونہٕ ستی ہیکو أسی فی ؤری یہِ ہوٲس منزٕ موجوٗد ۸۷ کرورٹن کاربن ڈائی آکسایڈ چہِ شکلہِ منزٕ منجمد کٔرِتھ۔ یِتھِس علاقس پیٹھ کُلی رُونہٕ ستی ہیکہِ ہواہس منز کاربن ڈایی آکسایڈگیس ۴۷فی صد تام کم گٔژھِتھ ۔اگر بیٚیہِ کوشش کرنہٕ پتہٕ برصغیر پاک و ہند، افریقہ، برازیل، کولمبیا بیترِ علاقن منزٕ ٲری ہتی جنگل یِن شجرکاری ستی نوِسرٕ واش کڈناونہٕ ،تیٚلہِ ہیکہِ ۶۰ فیصد کمی تہِ ممکن بٔنِتھ۔

موٗخصر کینٛژھا کٔری تو۔ بہتھ نیرنہٕ کینٛہہ!

زان

بتل یعنی زمین چھےٚ انسان تہٕ باقٕی زندٕ زوٗن ہندِ خاطرٕ اکٲے روزن جاے۔ یتھ کائناتس منز چھُنہٕ انسانہٕ ہندِ خٲطرٕ زمینہٕ ورأے بیٚیہٕ کانہہ۔ مگر یہۓ زمین چھےٚ واریاہن خطرن ہندس زدس منز یموٚ کِنی یہِ فناہیکہِ سپدتھ۔ یمن خطرن منز چھِ کینٛہہ خطرٕ تِم تہٕ یِم انسانہٕ ہندۍ پننہٕ نوٚاتھوپأدٕ چھِ کٔرمتۍ۔

أزی کِس زمانس منز چھُ ہنہِ ہنہِ یمن خطرن ہُنٛد شعور عام ہوٚان سپدُن تہٕ توقع چھُ زِ انسان کرِ سبٹھاہ جلد یمن خطرن دور یُتھ یہِ زمین بیٚیہِ واریہس کالس اسہِ جاے دِوان روزِ۔

مظفر احمد خان (۱۹۴۷ء۔۔۔) چھُ ماہر تعلیم آسنس ستۍ ستۍ کاشُر نثر نگار تہٕ تِہند بن ابسے ین ہنز سۆمبرن ''تلاوس الاوٗ'' چھےٚ ۱۹۹۱ء یس منز شائع سپز مژ۔ تِم چھِ فروتن چھُ تخلص ورتاوان۔

لفظ تہٕ معنی

بُتل: زمین

ہیتل: صدی

ستارٕ تہٕ سیارٕ: ستارٕ گوٚ وسہٕ فلکی جزم یُس نہٕ گردشس منز آسہِ مثلاً آفتاب، سیارٕ گوٚ وسہٕ فلکی جزم یُس ستارس أندۍ أندۍ گردش کران آسہِ۔

سیٹلائٹ: سُہ فلکی یا مصنوعی جِرم یُس سیارس أندی أندی نژان آسہِ ۔مثلاً زوٗن ۔

عنصر: اکہِ قِمسُک ماوٕ ۔مثلاً ۔سون، ۔شِشتر، بیترِ

ثقل: سُہ طاقت یۄسہِ ستیٚ زمین پانس پیٹھ تہٕ پانس أندی یِکیٚ نزدیک چیزن پننِس مرکزس کُن لمان چھےٚ ۔

NASA: NATIONAL AERONAUTICS AND SPACE ADMINISTRATION

امریکہس منز خلاہس متعلق تحقیقی ادارٕ ۔

GINK: تہِ یتھ منز کینٛہہ برنہٕ ییہِ ۔

سوالات:

۱: زمینہِ ہُنٛد حرارت کتھِ پأٹھی چھُ ہُران؟ تہٕ اِمکی کیاہ خطرٕ چھُ

۲: کاربن ڈائی آکسایڈ کتھِ پأٹھی چھُ پأدِ گژھان تہٕ اِمکی کیاہ فأیدٕ تہٕ نقصان چھِ

۳: زمین بچاونہٕ باپتھ کیاہ پزِ اسہِ فوری طور کرُن

# کٲشِرِ ہُنٛد تٲریخ

بشر بشیر

(1343ء پیٹھ 1848ءتام)

زیرِ تبصرٕ وقتس منز کٲشِرِ ہِنٛد ہٕن اہم سیاسی درن ہٕنز حصہٕ باگنہٕ چھےٚ یِتھٕ پٲٹھی:

شاہمیری دور: 1343ء پیٹھ 1554ءتام

ژک دور:1554 ء پیٹھ 1585ءتام

مغل دور: 1585 ء پیٹھ 1752ءتام

پٹھان دور: 1752ء پیٹھ 1818ءتام

سِکھ دور: 1818 ء پیٹھ 1848ءتام

اُدیان دیون یێلِہ بوٗ زشاہمیر نہِ سربرآہیہ منز ہارنو وکاشرہٕ اُردُن ناوُک تُرک حملہٕ آور، سُہ آو بوٹنہٕ پیٹھٕ واپس۔ اما پوٚز وقتِ کارتیسنٕدِ لٹ ہٕنہٕ کنٕ آسی لُکھ کأشِری بیزار۔ خرکھاری گرٕشِتھ رچھان تخت، مگر چلنہٕ روٗزِس نہٕ۔ لوٗکھ آسی شاہمیرس عزت کران تہٕ سُے اوس ملکس وُچھان واشان یوٚت تانٛی اُدیان یێمہِ عالمہٕ گوو۔ شاہمیرن کٔر بغاوت ختم تہٕ سنبوُلن راج تاج نوٚ وکاشُر سنہٕ کوٚرُن رٲتج یێمیُک گوڑٕ رتیچن شاہ نہِ حکومت رٹنہٕ پیٹھٕ روٗٹن دون ہتن کہن ؤری ین ہِندِس اتھ دور منز بدلے یہِ امہِ خانداٗنکی بادشاہ پنٛژٕ ہہ پھرِ۔

شاہمیری دورس متعلق اہم کتھن ہُنٛد خلاصہٕ چھُ یِتھٕ پٲٹھی۔ سلطان علاوالدینن

بسوو پنٕہ نِس ناوس پیٹھ علاوالدین پوٚر۔ تٔمۍ سٕندِ وقتہٕ آو گوڈٕ نِکہ پھرِ سرینگرس منزٕ وۍتھ مستقل کدِ ل تارنہٕ۔ عالی کدل چُھ شہرس منز گوڈنیک یُتھ کدِ ل۔ سلطان شہاب الدین ناو روزِ کٲشرِ ہٕندِس توٲرِ تخس منز عظیم فاتح حکمران سٕندِ حیثیتہٕ ہمیشہِ زندٕ۔ پکھن، تبت، بدخشان، غزنین، قندہار، خراسان، لاہور، سیالکوٹ، لوہرکوٹ تہٕ دِلہِ تانٛی علاقہٕ کٔرِنۍ فتح۔ اتھ ستۍ ستۍ دِتُن ملکی تہٕ مٲلی اصطلاحات تہِ سرانجام۔ پنٕہ نِس ناوس پیٹھ بسووُن شہاب الدین پوٚر۔ یتھ از شہام پوٚر چھِ ونان۔ امیر کبیر میر سید علی ہمدانیؒ ین ا ٚون أمۍ سنٕز ے حکومژ ہٕندِس وقتس منز کٲشرِ تشریف۔ سلطان شہاب الدینس پتہٕ رٔٹ تسٕندی بأے ہِندالن حکومت تہٕ پانس تھووُن ناو قطب الدین۔ سُہ اوس جان شأعر تہٕ قطب اوسُس تخلص۔ تٔمۍ سٕندِس دورس منز آے حضرت امیر کبیرؒ دوٚیہِ پھر کٲشرِ تہٕ پانس ستۍ أنِکھ ساداتن تہٕ دوٚیمبن سأتھین ہنز بٔڈ چھوکھ۔ یمو پیٚتہِ اسلام پھأٹلوو تہٕ کأشرِس ثقافتس پیٹھ پوشہِ وُن اثر ترٛ وو۔ سلطان سکندر نہِ وقتہٕ آیہِ میر محمد ہمدانیؒ صأب کٲشرِ۔ پنٕنہِ قأبلیٚژ تہٕ حوصلہٕ کٔنۍ بخش سلطان سکندرن نہ صرف حکومژ استحکام، بلکہِ کٔرِن باقٕے علاقہٕ فتح۔ تسٕندِس دورس منز سید میر محمد ہمدانی: نٕوٕ کوششو کٔنۍ خانقاہ معلیٰ تہٕ سرینگرٕ چ جامع مسجدِ گوڈٕ نِکہِ پھرِ تعمیر۔ کأشرِ ادبہٕ کِس توأرِ تخس منز تہِ چھےٚ اتھ دورس یٚیمہِ لحاظٕ اہمیت زِ اتھ منزٕ تھٕے زٕ تھدِ پایہِ شأعر، لل دید تہٕ شیخ العالمؒ یمو پنٕنہِ کلامہٕ ستۍ کأشُر ادب نیچھنو و۔ یمن دوشوٕنۍ ستۍ چھےٚ تمام کأشرٕن سٕبٹھاہ عقیدت۔

سلطان سکندرس پتہٕ بیوٚٹھ گوڈٕ تسُنٛد زِ یُٹھ نیچوٚ میر خان تختس یُس علی شاہ ناوٕ

ویٚو دچھ تہٕ تس پتہٕ بیوٚٹھ تسٗند دوٚیم نیچو شاہی خان تختس ۔تس اوس زین العابدین لقب تہٕ لوکن راحت واتناونہٕ کِنہٕ سپُد بڈ شاہ ناوِ مشہور۔امیر تیموٗ رنہٕ ہندوستانس پیٹھ حملہٕ وقتہٕ اوس سُہ تس سلطان سکندرنہٕ طرفہٕ ڈالہِ ہتھ بُتھ ،درامُت ،پیٚتہٕ پیٹھ سُہ تمِی پانس ستی سمرقند نیوٗ۔حکومت رٔٹتھ اناوی تمِی طرفا تو پیٹھ کأری گرتہٕ نٔوی نٔوی کار کسب کٔرِن کٔشیرِ منز رأیج ۔زمینس سگ واتناونہٕ خأطرِ بناوٕن کولہٕ ۔نوٚشہر بنأوِنی پننی راجدأنی تہٕ اتہِ بنأوِن زٲنہٕ ڈب ناوِ ستہٕ پوٗ رعمارت یوٚسہٕ پتہٕ نارِ حأدثہٕ کِنہٕ ناوٗد سپز ۔تمِی سندی کینٛہہ یادگار تعمیر چھِ ازتہٕ تسندِ ناوِ لوٗکن ویٚدی ۔علم ،ادب تہٕ مختلف فنن دِیُتن پوچھر ۔عألمن تہٕ فنکارن کٔرن حوصلہٕ افزأیی ۔عظیم علمی ،ادبی تہٕ توأریخی کتابن کرِنأوِنی مختلف زبانن منز ترجمہٕ ۔سلطان شہاب الدین تہٕ سلطان سکندرنوٕ فتو حاتو پتہٕ اوس سلطنژ استحکام حأصل سپُدمُت تہٕ بڈ شاہس میوٗل لوٗکن سوچھِ واتناونُک بہتر موقعہٕ۔

بڈ شاہ نہِ مرنہٕ پتے ہیوٚتُن شاہمیری خاندانچہِ حکوٗمژ زٕزُراٹُن ۔تسٗند نیچوٗ حیدر اوس عأش پرست ۔یہے حالت آس حسن شاہنی تہِ ۔ملکس اندر گیہ سأزِشہِ تہِ شروع تہٕ باج گذار ریاسژن ہندی حأکِم گے روگردان۔حسن شاہ نہِ وقتہٕ آو خراسان کِس حأکمہٕ سِندِ طرفہٕ سفارت کار میر شمس الدین عراقی کٔشیرِ ۔پیٚتہٕ ٹھہر نس دوران بنأوی تمِی واریاہ کأشُری مریدیمن منز واریاہ بڑی مرتبہٕ وألی تہِ آسی ۔یتھٕ پأٹھی گوو پیٚتہِ شیعہ مسلک تہِ شروع ۔کینٛہہ بارسوخ لُکھ رلیہِ سلطان حسن شاہ نِس نیٚچوِس محمد شاہس ستی تہٕ کینٛہہ رلیہِ زین العابدین نِس زُرِس فتح شاہس ستی ۔

یتھ ٕکنۍ رۆ د گہے اکھ زوراوار تہٕ گہے بیاکھ۔ محمد شاہ بیۆٹھ پانژِ پھرِ تختس تہٕ فتح شاہ
ترٛ ییہِ پھرِ۔

اتھ دوران آسی ژک خاندانکۍ کینٛہہ رٔییس حکومژ ہندٮ۪ن معاملن منز پیٹھو لی
کرنہٕ کِس درجس تام واتی متۍ۔ وقتاً ووت سُہ تہِ ییلہِ کأج ژکن محمد شاہ بند کۆر
تہٕ ابرٲہیم شاہ کھولنُ مألی سنزِ جایہِ تختس۔ محمد شاہن کۆر ماگرے ین ہندِ مدٕ تخت
واپس حأصل۔ مگر ووٚنۍ آس بڈٮ۪ن امیرن درمیان ٹھَم ٹھَم۔ یمنے حالاتن منز آو
مغل بادشاہ ہمایوں سُنٛد بوے مرزا حیدر یورکُن ووتلتھ تہٕ ؤری ین دَہن مرن
کرٕن حکومت۔ البتہٕ اوس ییٚتیُک سِکہٕ نازُک شاہنٛس ناوس پیٹھ۔

کٲشیرِ ہندی تھدِ پایکۍ بزرگ شیخ حمزہ مخدوم زاے أتھی دورس منز، یعنے
1494ٕ یس منز تہٕ ژکن ہندِس دورس منز گٔے 1576ٕ یس منز رحمت حق۔ یہندی
آباواجدادٲسی مختلف دورن منز سپاہ سالأری عہدس پیٹھ رۆ دۍ متۍ ییٚمہِ کِنۍ تمن
''رینہ'' ونان آسی۔

شاہمیری خاندانُک آخری بادشاہ اوس سلطان حبیب شاہ، مگر ژکہِ اوس اتھ
دوران غازی ژک حکومت چلاوان۔ اکہِ دوہہ سپُد حبیب شاہس دربارس منز
وشفہٕ تہٕ علی ژکن تُلس کلہٕ پیٹھٕ تاج تہٕ تھوٗن غازی ژکس کلس پیٹھ تہٕ یتھ ٕکنۍ رٔٹ
1554ٕ یس منز ژکو باقأعدٕ حکومت۔

غازی ژک اوس ولہٕ ویر تہٕ تٔمۍ بیٚہنو لُکن أہرِ۔ پٔن نیٚچو تہِ ییٚلہِ روگردان
وُچھن، سُہ پھاسہِ کھالنس تہِ بۆرُن تہٕ واے۔ کٲشیرِ نبر علاقہٕ أنِن زینٛتھ۔ قریباً

دہِن ؤ ری ین حکومت کرنۍ پتہٕ گوٚ ویٚمہِ عالمہٕ تہٕ تِہندی بأے حسین ژکن رٔٹ حکومت۔یمن دوہِن اوس اکبرٕ بادشاہن پوٗرٕ ہندوستان قبضس تل اَوٚنمُت تہٕ تسُند اوس سخ دبدبہٕ۔حسین ژکن کٔر تمِس ستی تعلقات قائیم کرنٕچ کوٗشش۔علی ژک نہِ وقتہٕ تہِ روٗ دی اکبرٕ نی سفیرٕ یور یوان۔اکھُتے ییٚلہِ قاضی صدرالدین تہٕ مولانا عشقی شاہزاد سلیم نہِ خأطرٕ تِسنزٕ باوزِ منزکورِ ما نگیہِ آے،تمن سپزٕ خأطر دأری تہٕ اکبرنہِ ناوٕ آوسِکہٕ تہٕ خطبہٕ جأری کرنۍ۔

اکہِ دوہہ ییٚلہِ علی ژک عید گاہس منز ہالہِ گندان اوس،تس کوٚ رُن یڈٕ دود تہٕ امی بہانہٕ گوٚ ویٚمہِ عالمہٕ۔تس پتہٕ بیوٗٹھ تسُند نیٚچوٗ یوسف شاہ ژک 1570ءیس منزتختس۔اندروٗنی بغاوت ختم کٔرِتھ لاٗجن مزٕسان حکومت کرٕنی۔خاصکٔرِتھ اوس تس شأعریہِ تہٕ موسیقیہِ ہُنٛد شوق۔اکہِ تھدِ پایہِ چھِ کأشر شأعر تہٕ موسیقی زانن واجنہِ نیوٗ چھراٹ کِس سید بہاوالدین نہِ کورِ حبیبہِ ستی خاندریس پتہٕ حبہٕ خوتوٗن ناو پیٚو و۔امہِ بروٗنہہ اوس تَس پٕننۍ رأنی ،یُس تَس مامتر بوے تہِ اوس۔جمالٹہٕ سرینگرٕ کی سید کمال دینن خلاہ دِیُتمُت۔ژکومنزٕ کینژن لوٗکن اوس یوسف شاہن سخت خارٕ تہٕ وقتُک اکھ اعتبارٕ وول سید مبارک خان رلوٗ کھ پانس ستی۔جنگس منز ہارٕنوٗکھ یوسف ژک تہٕ سُہ ژٕ وٚل ہندوستان کُن۔أکِس ؤ ری یس کھوٚتہٕ کم وقتس کٔر مبارک خانن حکومت تہٕ ییٚلہِ تمۍ بغاوت وٕچھ،تمۍ دِژ لوہر ژکس حکومت۔یہِ کتھ بوٗزِتھ آو یوسف ژک اکبر بادشاہس اجازت ہیٚنہٕ ورأے واپس۔وٚتی کوٚ رُن لشکر جمع۔لوہر ژکن اوٚن نہٕ مقابلُک تاب تہٕ یوسف شاہن رٔٹ دُبارٕ حکومت۔

اکبر بادشاہنِ ناراضگی ہنز شٕچھ بوٚ زِتھ سوٚ زُن گوڑ پٔژن کوٚنس نٔچو حیدرتہٕ پتہٕ زِ یُٹھ نٔچو یعقوب ڈالہِ ہتھ تور۔ امیرن وزیرن اَس اکبر بادشاہنٛ نیت فِکرِ تٕرمژ۔ تمو دِیُت نہٕ یوسف ژکس پانہٕ تور گژھنُک مشورٕ۔ یعقوب ژک تہٕ آو اکبرس ژھمب کٔرِتھ واپس ژٔلِتھ۔ اکبرٕنی فوجن ییٚلہِ یتھ اندس کُن روخ کوٚر، کأنسہِ ستی مشورٕ کرنہٕ ورأئی گوو یوسف شاہ ژک راجہ بھگوان داس نِس وٕنس پپٹھ اکبرٕنس دربارس منز حأضِر تہٕ سُہ آو تتہِ گرفتار کرنہٕ۔ یعقوب ژک نہِ سربرأہی منز کوٚر کٔشیرِ ہندی فوجن مغل فوجس ستی مقابلہٕ تہٕ کامیأبی تہ پرأوٕنی۔ مگر اندروٗنی مُژکری ہیٚو کنہٕ یعقوب ژک کاپہِ رٔٹِتھ تہٕ قأسم خانہِ سربرأہیہ منز کوٚر دُبارٕ مغل فوجن حملہٕ۔ یعقوب شاہ ژک گوو پسپاتہٕ ژوٚل کشتواڑ کُن۔ یتھٕ پأٹھی آیہِ کٔشیرٕ مغلن ہندِس قبضس تل۔ یوسف شاہ ژک گوو بِسو کہٕ ( بہار ) ییٚمہِ عالمہٕ ییٚتہِ تَس اکبرن لوٗکُٹ موکُٹ جأ گیراوس دِیُتمُت۔

1583ء یس منز آو اکبر بادشاہ کٔشیرِ۔ تِسندِس ینس پپٹھ آو یتھِ أندی پٔکی زوٗل کرنہٕ۔ سُہ درٛاو جلوسس منز وتھِ سأٔلس۔ تِسندِ سأٔلہِ خأطرٕ آیہِ خاص ناوٕ بناونہٕ۔ سُہ پھیوٗ رکونگہٕ ڈارن تہٕ سبزارن۔ پنہٕ نِس دورس دوران دِیُتن کوہ مارانس أندی پٔکی قلاے بناوُنُک حکم یییٚمیُک انجینیر خواجہ حسین کابلی مقرر آو کرنہٕ۔ امہِ پتہٕ آو اکبر بادشاہ پننہِ حکمرأنیہ ہندِس وقتس منز دویہ پھِرِ کٔشیرِ۔

مغلن ہنزِ حکمرأنیہ دوران أسی کٔشیرِ خأطرٕ صوبہ دار مقرر یوان کرنہٕ۔ اکبرِ نس دورس منز آے کٔشیرِ ژور صوبہٕ دار، جہانگیر نہِ وقتہٕ بد لیے ستھ تہٕ شاہ جہان نہِ وقتہٕ

شٔے ، یموٚنزٕ ظفر خان احسن تہٕ علی مردان خان دوٚیہِ دوٚیہِ پھِرِ سوزنہٕ آے ۔
اورنگ زیب نہِ وقتہٕ بدلیے باہ صوبہٕ دار، یموٚنزٕ سیف خان دوٚیہِ پھِرِ تہٕ ابرأہیم
خان ترٛیہِ پھِرِ اتھ عہدس پٹھ مقرر آے کرنہٕ ۔ اورنگ زیب نہِ گُذ رنہٕ پتے
ہیٛوٚتُن مغل حکوٗمژ زَزُر اژن تہٕ امہِ پتہٕ کٔشیرِ منز افغانن ہٕندِس حکومت رٹنس تانٛی
بدلیے شیٛیہِ ترٕ ہہ **(36)** صوبہٕ داریاتہٕندی نأئب، یموٚنزٕ علی محمد خان دوٚیہِ پھِرِ
تہٕ ابوالبرکات خان پانژِ پھِرِ کٔشیرِ ہُنٛد صوبہٕ دار مقرر سپُد ۔
مغل بادشاہ أسی کٔشیرِ ہندی حُسنن کأفی متأثر گٔری ہٕتی ۔ اکبرس پتہٕ آو جہانگیر
شیٛیہِ پھِرِ تہٕ شاہجہان ژورِ پھِرِ کٔشیرِ ہندِس سأئلس ۔ جہانگیر گُذ ریاو کٔشیرِ پٹھٕ
واپس گژھوٗن وتہِ منزٕ ے ۔ مغل بادشاہن ہٕندِ حکمہٕ تہٕ صوبہٕ دارن، شاہزادن تہٕ
دوٚیمین رُتبہٕ والین ہندی ذٔسی آیہِ وارِیاہ باغ بناونہٕ ۔ دپان ڈلس أندی یٔکی أسی
قریباً ستھ ہتھ لوٗکٕٹی بٔڈی باغ، یمو منزٕ چھِ شالہ مأر، نشاط، نسیم باغ برابر از تانٛی جیلان ۔
اکہِ أندِ یوٚ دوے یہِ مغلن ہُنٛد کٔشیرِ نسبت سوچھِ یِیہِ مانٕنہٕ مگر یہِ کتھ چھنہٕ مشرٕنٛی
لایق زِ تہٕندی کِنٛی گٔیہِ کٔشیرِ ہنز خود مختأری ختم تہٕ تموٗزأنٛی کٔشیرِ محض عیش وعشرتچ جایاہ۔
1752 ءیس منز آیہِ کٔشیر پٹھانن ہٕندِس قبضس تل ۔ گُلس پٹھ گُذ وریہِ
دور کأشرٕ بوٗسٹھٕہے عذابس منزٕ ۔ عبداللہ خان اوس کٔشیرِ ہُنٛد گوٗڈنیٚک پٹھان نأظم ۔
لوٚکن اِذادِنس منز بوٚ رنہٕ تمی کأنہہ واے ۔ صرف شٔیمہِ رٕتی نیوٗن یِیتہِ تمہِ زمانہٕ اکھ
کرور روٗپیہِ نقد تہٕ سرکأری دولت خاٗنک سامانہٕ تہٕ جایداد ؤٹھ ۔ یتھ ظلمس
عبداللہ خانن گوٗڈ دِیُت، تتھ روٗدی باقٕی پٹھان صوبہٕ دار بٔرژ رکران ۔ لوٚکن پٹھ

آے نٔوی نٔوی ٹیکس عأید کرنہٕ۔ اکہِ أندٕ ہرگاہ امیر خان جوان شیر ہوی صوبہٕ دارن امرا کدٕل، سونہٕ لانک تہٕ باغ امیر آباد ہوی تعمیر کٔری۔ تتھ ستی ستی ہُر ییہ لۄکن ٹیکس تہٕ ڈلس أندی یکِی باغ آیہ لُہر اونہٕ۔ اکہِ یادگارٕ خأطرٕ لُہرٕ نی باقٕے یادگار۔ حاجی کریم داد خانن ژُھن میر فاضل کنٹھ ناوُک مالک مختار مألیہ وُگراونس منز ڈیجر تراونہٕ کِس الزامس پیٹھ مأرِتھ۔ امہِ برونٹھہ اوس نوٗرالدین خانہٕ وقتہٕ میر مقیم تہٕ سأزشہِ تحت مارنہٕ آمُت۔ کریم داد خانن نیچُو آزاد خان اوس انتہأئی ظالم صوبہٕ دار۔ دوہدٕشِ اوس أکِس دون نفرن کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ وجہِ کِنی ماران۔ سرکش سپدِتھ ہیژٕن دُرأنی بادشاہس خلاف بغاوت کرٕنی۔ بادشاہن سوٗزتس تدٕورُک کرنہٕ خأطرٕ مدد خانِ اسحاق زیی۔ جٔنگ تہٕ خار سپدِتھ کٔر آزاد خانن خود کشی۔ پٹھانن ہٕندِس دورس منز تیمِس صوبہٕ دارٕسنٕدِ کِنی یتہٕ کمہٕ لۄکن ہناہ سوچھ ہیوٚ ووت، سُہ چُھ عطا محمد خان۔ تٔمی ورتو وعدل تہٕ کٔشیرٕ ہٕندٕ ہِن دون بزرگن یعنے شیخ العالمؒ تہٕ شیخ حمزہ مخدومؒ ہٕندٕ ہِن ناون پیٹھ کوٚرُن سِکہٕ جأری۔ کوہ مارانس تہٕ امہِ أندٕ چ وتھ شیرٕن۔ جبار خان اوس کٔشیرٕ منز أخری پٹھان حکمران۔ تٔمی سٕندِ صوبہٕ دأری رٹنہٕ پتے کوٚر رنجیت سنگھنہٕ فوجن کٔشیرِ پیٹھ حملہٕ۔ جبار خان تہٕ دراو مقابلس مگر جنگس منز سپُد زخمی تہٕ ژوٚل کٔشیرٕ ترأوِتھ۔

1818ءیس منز آیہ کٔشیرٕ سِکھن ہٕندِس قبضس تل۔ اکہِ ظلمہٕ منزٕ نیرِتھ لٔگی کأشری دوہیمہِ وا لہٕ واشہِ۔ سِکھ حکومتٕ ہٕندِس گوڈنکہِ صوبہٕ دار دیوان موتی رام نہٕ وقتہٕ آیہ کینٛہہ سنگین مذہبی پابندی لاگنہٕ۔ مسجد آیہ سرکأری تحویلس منز ننہٕ تہٕ بأنگ

پرٕنس آیہِ پابندی لاگنہٕ ۔ دۄیَم صوبہٕ دار ہری سنگھن گٔری تم جاگیرٕ ضبط یم مغلن ہٕندِ وتہٕ پیٹھٕ کینژٕن بڈٕن لُکن آسۍ ۔ دیوان کرپارام اوس کٔشیرِ منز سکھن ہٕنز عمل دآریہ ہُنٛد ژۄٚرِم صوبہٕ دار۔ علم وادبس، شاعریہِ تہٕ موسیقی ہٕستۍ آسہٕس دلچسپی۔ شیخ غلام محی الدین اوُسس مالک سر براہ۔ شیر سنگھ نأوُک صوبہٕ دار اوس عیاش طبیعت تھاوان ۔ مألیہ اوُسس ویشا کاسِنگھ وُگراوان ۔تٔمۍ ہٕندِ وقتہٕ وۄتھ کٔشیرِ منز سٕخ دراگ تہٕ لۄکن پیٹھ سپُد ظلمس ہُربٕر ۔ گاوکشی پیٹھ آیہِ واریاہ کأشرۍ زندے تھٕتھرِ نارس منز زالنہٕ ۔ شیر سنگھ نہِ بدانتظامیہ ہٕنز خبر بۄزِتھ سۄز رنجیت سنگھن میاں سنگھ کرنیل کشیرِ صوبہ دار بنأوِتھ۔ تٔمۍ کرِ لۄکن ہٕنزِ بجأیی خأطرٕ کینٛہہ رٕژ کامہِ۔ گامہٕ گوم پھیوٚ رتہٕ غلہٕ دارن کۄرُن کابہٕ تان ۔ ژروگ، چھۄن تہٕ ناصاف غلہٕ کٕنن والین دِیُتن سخت سزا۔ سِکھن ہٕندِ وقتہٕ پیٹھے یُس ٹٮ۪کس خاندرن پیٹھ وُگرا ونہٕ اوس یوان ۔ سُہ کۄرُن معاف ۔ مألیک انتظام کۄرُن درست ۔ سہلا بوٚستۍ خراب سپدی مٕتۍ کٔدٕل کٔرِن ٹھیک ۔ سکھن ہٕندِ روزنہٕ خأطرٕ بنأوِنۍ شہید گنج نأوۍ عمارت۔ بسنت باغ تہِ بنووتمی۔

ہندوستانس منز مغلن ہٕنز حکومت کمزور سپدنہٕ پتہٕ آسۍ انگریز رسہٕ رسہٕ سأری سے ہندوستانس پیٹھ قبضہٕ کرنٕچہِ کوششہِ منز۔ پنجابس منز اوس رنجیت سنگھ یَمِن ٹھُرِ اکھ بۄڈ طاقت تہِ گٔرِتھ تہِ اوس یتھ طرفس کُن انگریزن ہُنٛد یُن گرٛشن لۄگمُت ۔ میاں سنگھ نہِ وقتہٕ تٕس بروٚنٛہہ پٔہن کٔشیرِ یِنہٕ والین غأر ملکن منز چھ، واینے، ہیۄگل، جان ہنڈرسن، فاکز، ہیرولڈ (فرانسسی) میکن، الکزینڈر کننگھم تہٕ

مورکرافٹ شامل۔ رنجیت سنگھ گوو دوٚیہِ تاجہن ؤرٕ ین حکومت کرنہٕ پتہٕ 1839 ءیس منز یٖیمہِ عالمہٕ۔ تِہندِس مرنس پتہٕ موکلیاو سکھن ہُنٛد دبدبہٕ تہٕ۔

یپأرۍ سپُد تِلک سنگھ ناوُک اکھ شخصا میاں سنگھس بأغی، یٖیمۍ سُہ اکہِ رأژ قتل کوٚر۔ امہِ پتہٕ آیہِ کٲشیرِ ہنٛز حکومژ ہنٛز ذمہٕ ٲری شیخ غلام محی الدینس پُشراونہٕ۔ سُہ اوس امہِ برونٛہہ دوٚیہِ پھِرِ صاحبِ کارعہدس پیٹھ روٗ دمُت۔ تٔمۍ مانہِ نأوۍ سرکش تہٕ بأغی لوٗکھ آن۔ سِکھن ہنٛدِ حکومت رٹنہٕ پیٹھٕ یم مسجدٕ بند آسہٕ کرنہٕ آمژٕ، تم آیہِ یلہٕ تراونہٕ۔ جامع مسجد آیہِ مرمت تہٕ کرناونہٕ۔ مسجدِ تام یوسہٕ لچھم کول یوان ٲس سوتہٕ آیہِ شیرنہٕ۔ شاہ جہان نہِ کورِ صاحب بیگمہِ ہُنٛد بنا کوٚرمُت باغ چشمہٕ شاہی ہُنٛد وُ جارٕ سپُد مُت باغ تہٕ آو شیرنہٕ۔ شیخ غلام محی الدینس پتہٕ آو تٔمۍ سُنٛد نیٚچُو شیخ امام الدین کٲشیرِ ہُنٛد صوبہٕ دار بناونہٕ۔ سُہ تہِ اوس کأفی بہادر، مگر لاہور دربارچہِ بدانتظأمی تہٕ کمزوری کِنۍ اوس نہٕ سکھن سُہ پرٛوٗن دم خم۔ انگریزٲسۍ وارٕ وارٕ سلطنژ ہندۍ موٗل پراٹان۔ کابلہٕ کِنۍ طرفاتن شکس کھبتھ ٲس تِہنٛز گوڈنٛچ نظر پنجابس پیٹھ۔ 1846ءیس منز لوٚگ سِکھن تہٕ انگریزن پانہٕ وأنۍ جنگ۔ یہِ جنگ ہارنہٕ پتہٕ پیٚو معاہدٕ کِنۍ سکھن انگریزن کُن تاوان برُن۔ یہِ رقم اوسنہٕ لاہور دربارس مہیا۔ رقمُک اکھ حصہٕ کوٚر جوٚمِکۍ گلاب سنگھن پننہِ خزانہٕ منزٕ ادا۔ یتھ منز 75 لچھ روپین ہنٛدِ معاوضہٕ کِنۍ تس کشیر تہٕ بیٚیہِ کینٛہہ علاقہٕ پٹس پیٹھ دِنہٕ آے۔ گلاب سِنگھ تہِ اوس أندرۍ کِنۍ لی کانچھان۔ چنانچہِ امہِ برونٛہہ یٖیلہِ تِہندۍ کمانڈر زوراوار سنگھن لداخ قبضس منز اوٚنمُت اوس، تتہٕ ٹھہرن وألِس فوجس رسد تہٕ دوٚیم سامانہٕ واتناونہٕ خأطرٕ ٲس

کأشرٕن گوڈے بٔگأرؠ شروع کرنہٕ آمٕژ ۔ 1848 ءیس منز سپُد گلاب سنگھس
تہٕ انگریزن درمیانہ وٚیم معاہدٕ ۔ یٚیمہٕ کنہٕ أخرس کشیر پوٚر پأٹھی ڈوگرن ہٕندِس
قبضس تل آیہِ ۔

زان

کٲشِر ہُنٛد تواریخی پتھ کال چُھ شاندار تہذیبی، تمدنی، علمی تہٕ ادبی میراثہٕ
باوجود مختلف سیأسی بحرانن ہُنٛد شکار روٗدمُت ۔ وو پر طاقت روٗ دی کٲشِر پیٹھ حملہٕ
کران تہٕ کأشرٕن ہنٛز خاص کر سیأسی تہٕ اقتصأدی زندگی لتہٕ موٚنڈ کران ۔ پٕتمین
ستن ہتن وٕری ین دوران تہٕ روٗ دی سیأسی اعتبارٕ مختلف دور بدلان یم کٲشِر تہٕ
کأشرٕن ہنٛز زندگی ہُنٛد خاکہ مرتب کران چھِ ۔

بشر بشیر چُھ 1956ء چیوڈور بیروہ زامُت، چُھ نقاد محقق تہٕ ناول نگار۔ کأشرِس
منز ایم اے تہٕ پی ایچ ڈی کرنہٕ پتہٕ سپدی کالجس منز وستاد تعینات ۔ کینژس کالس
کالج پرنسپل روزنہٕ پتہٕ ووت کشمیر یونیورسٹی ہٕندِس مرکزٕ نور شیخ العام سنٹرس منز تہٕ
اتی پیٹھٕ سپدی سبکدوش ۔ تذکیر و تانیث، ٹی ایس ایلیٹ، انہٕ گٹہٕ وٕنم ننہٕ کتھے،
داستان امیر جان (ناول) تہٕ یمن بدن میٚہ وہژارگوٚ ژھے چھےٚ یہنز کتابہٕ ۔ یمن
پدن میٚہ وہژارگوٚ ژھے کتابہٕ چُھکھ ساہتیہ اکادمی ایوارڈ تو رمُت ۔

لفظ تہٕ معنی

وا لہِ واشہِ لگُن : پھسُن ، زالس لگُن

کوہ ماران: سرینگرس منز باگ اکھ لوکُٹ کوہ۔ پربت

ژھمب کرٕنی : ژۄ رِپاٚٹھی کانہہ کار کرُن ۔ژھل کرُن تتھ پاٚٹھی زِ بێیس تگہِ نہٕ بوزُن

و لہٕ ویر: بہادر

کاپہٕ رٹن: قابوٗ ہس منز انُن ۔وَش کرُن

سوالات

ا: کٔشیرِ منز کر تہٕ کتھٕ کنٕ گیہ مسلمانن ہنز حکومت قایٔم

۲: بڈ شاہ ہندس دورس کیازِ چھِ کٔشیرِ ہُنٛد سونہری دور ونہٕ یِوان

۳: ساداتن ہُندیُن گرٛھن کرسپُد کٔشیرِ منز شروع تہٕ تہٕنٛد کیاہ دِیُت چُھ کٔشیرِ ہِندِس تمدنس

۴: مغل دورِ حکومتس متعلق لیٚکھیوٗ اکھ نوٹ

۵: ژٕک کم آسی ژکن ہِندِس دورس منز کیا اہم واقعہٕ سپدی کٔشیرِ منز

٦: مغل دور حکومتس منز کمہٕ رٕنگو گٔر کٔشیرِ ترقی

۷: افغان دورچہِ کٔشیرِ ہندی واقعات لیٚکھیوٗ پننہٕ نن لفظن منز

۸: امرتسر معاہدٕ کیاہ اوس؟ امِکۍ نتیجہٕ کیاہ درائے

# عالمی تھیٹر۔ اکھ زان

غلام رسول بٹ

پننٕز شخصیت خارجی تہٕ داخلی طور مُشرِتھ ڈراما نگار ہسند ہے گُری ۂتس کردارس منز منتقل کُرِتھ أ کِس کردار ہنز جذبٲتی تہٕ جسمٲنی ۂ کفیت خاص مقرر کرٕی ۂتس ہوا نواہس اردگروقتی طور دیدٕ سٲئنستہٕ باوٕنی گٔییہِ کردار سٲزی تہٕ أمِس کردار سازس چھِ عام زبٲنی منز اداکار ونان۔

اداکٲری چھےٚ کرٛ یاتہٕ کرٛ یایہِ ذریعہٕ لطیف جذبن ہُنٛد نوزُک اظہار۔ یتھ أسی انگریزی زبٲنی منز (Emotions/Sentiments) ونان چھِ۔ کرٛ یا چھِ دٲخلی عمل تہٕ خٲرجی عمل چھِ اتھ آ کار دِوان تہٕ درٕینٛٹھمان بناوان۔

ڈرامہ چُھ اکہِ خاص نوٗکتہٕ پیٹھٕ شروع سپدان۔ یتھ منز کردارن ہنزِ ظٲہری تہٕ بٲطنی عملہِ ہُنٛد دخل روزان چُھ۔۔۔۔ اتھ چھِ ونان نوٗکتہٕ۔۔۔۔ ہِندو،۔۔۔ بیج۔۔ بیجہِ۔ کتھاہ۔۔۔ تہٕ أمی نوٗکتہٕ پیٹھٕ چُھ ڈرامٲئی عمل عمل تہہ بہ تہہ مُژرنہٕ یوان تہٕ کہانی چھِ أکِس پابند محل وقوعس تہٕ وقتہٕ کِس چوکاٹھس منز شروع سپدان تہٕ مقرر وقتس منز اَنٛد واتان۔۔۔ یہٕ گٔییہِ عام پٲٹھی (Contraction and Expansion) تھیوری آف ڈرامِٹک آرٹ تہٕ بالکل یہاے عمل چھِ أکِس ڈرامہس توٚت تام پھٲلاو دِوان یوٚت تام دلیل نوٗکتے عروجس پیٹھ واتان چھِ تہٕ وُچھن والین ہندِس ذہنس پیٹھ چھےٚ تیُوت اثر تراوان یِیمہِ ستی عام پٲٹھی اکھ تحریک پٲدٕ سپدان چھِ۔

اگرنوکتہِ عروج یزے گوٚب تہٕ باوزن آسہِ ۔یژھ ہ کفیت پأدٕ کرنہٕ خأطرٕ چھِ دأخلی عمل کردار سأزی منز لأزِم ۔رومانیوت، دوکھ، سوکھ، کھرنگ، دِلاوری، طنزومزاح، کھوژُن، المیہ، حأرأنی تہٕ آنند۔یمن سارِنے جذباتن ہُند مسلہٕ تہٕ اظہار حرکاتو تہٕ سکنا توڈٕسی گیٖیہِ خأرجی عمل یوسہِ کردار سأزی منز بوزنہٕ چھِ یوان تہٕ دأخلی عمل یوسہِ ستیٚ ستیٚ وُچھن وأٖلِس محسوس سپدان چھےٚ۔فنِ ڈرامہس منز یَس شخصس یمن دوشوٕنی عملن پیٹھ عبور آسہِ تَس چھِ فنکارونان تہٕ یُس فنکر وُچھن وأٖلِس پنٕنی (ظأہری تہٕ بأطنی) عملہِ ستیٚ ستیٚ پکنأوتھ أکس طےشُدٕ نوکتے عروجس پیٹھ واتناوِتھ تسنز ذہنی عملہِ منز حرکت سوچ پأدٕ کرِ سوگیٖیہ کرٚ یاتہٕ یتھ ہیٚوٚ فنکار چُھ ''کرمہٕ یوگی'' مانٕنہٕ یوان۔ یہِ کرٚ یا چھِ پرٚتھ فنس منز موجوٗد آسان ۔البتہٕ وُسجار تہٕ وزن ہیکہِ الگ الگ ستھ ۔

عام پأٹھی چُھ وُچھنہٕ آمُت زِ پرٚتھ فن کار چُھ عام انسان ہِندِ کھوتہٕ ذی ہوش آسان تہٕ تِمن محرکاتن پیٹھ تیز تہٕ تلخ ردِعمل باوٕنچ صلأحیت تھاوان یمن ہُنٛد تعلُق عوأمی زندگی ستیٚ آسان چُھ ۔۔۔ردِعمل یا جذباتن تہٕ احساساتن ہُنٛد ٹکراو چُھ

ڈرامہ نگارن گوڈے پنٕنہِ کاوِچہِ منز پأدٕ آسان کوٚرمُت ۔پنٕنہِ تجرُبہٕ چہِ بنیأد پیٹھ ۔۔۔ مگر جذباتن ہنز تیٖہہ تہٕ تلخی چُھ عام پأٹھی کردار سازنے پنٕنہِ دأخلی تہٕ ظأہری عملہِ ستیٚ اتھ بے جان کاوشہِ بخشان تہٕ وُچھن وأٖلی ہِندِس شعورس زیٖر دِتھ یہِ سوچنس پیٹھ مجبور کران زِ یہِ تَس بروٚنٛہہ کنہِ سٹیجس پیٹھ سپدان چُھ تی گوٚژھ سپدُن کُنہِ تہٕ یہِ شوٚبہِ حیثیتہٕ فرد سوچان چُھ ۔۔۔اگر وُچھن وول تتھ ستیٚ ذہنی طور منسلک سپدان چُھ یہِ ڈرامہِ چ أخری عمل عروٗج ونان چھِ یا یورگُن یہِ عمل سوچ پھِروان چھےٚ تیٚلہِ چھِ

میانہِ اندازٕ ڈرامہ نگار، ہدایت کار تہٕ فن کار ہنزٕ کوشش کامیاب تہٕ یژھ کوٗشش ہیکن سائنس معاشرس منز تیٚتھ ہوا نواپاٗدٕ کٔرِتھ یتھ منز بلا خوف وہراس۔ بلا استحصال أکِس امنِ عامہٕ کِس ماحولس منز زندگی زُوٕنچ ضمانت آسہِ۔۔۔ یہِ ژینہٕ وٕنی تہٕ ہوا نواہسکہِ ڈرامہ نگار تہٕ کردرساز دوٗن صورتن منز پیش کٔرِتھ۔۔۔ المیہ تہٕ طربیہ۔ دوشوٕنی چھِ زوردار ہیٚژ Forms مطلٕچ کتھ چھےٚ کُنی۔۔۔ Reformation یعنے سماج سُدھار۔۔۔ سماجی یا سیاسی طوراخلاقی تہٕ انسانی قدرن ہنز پایدآری۔۔۔ جذباتن تہٕ احساساتن ہنز قدر۔۔۔ عوامی ردِ عملُک تقدس تہٕ اَچھ عام پاٗٹھی قبولیت۔۔۔ یِم چھِ بنیادی تہٕ لازمی جُز یِمن پیٹھ ڈرامہ نگار ہنزٕ کاوشہِ ہنز بنیاد دٔرِتھ گژھہِ آسنی تہٕ یِمن جذباتن ہندِ واتناونہٕ خاطرٕ أکِس حساس فن کارٕ سُنٛد مسلسل طور ڈرامہ نگارس أندی پکی آسُن چھُ لازم۔۔۔۔ یِیلہِ یِم دوشوے طاقت أکِس خاص سماجی یا سیاسی مقصدس کُن پکن تہٕ عوامی جذباتن ہُنٛد آنہٕ سپدن تیٚہ پیٚیہِ بامقصد تھیٹر تھنہٕ۔ اکھ پایدار کاٗشُر تھیٹر۔۔۔ Theatre Of Commitment تیمی نہٕ سانہِ کوششہِ باوجوٗد تہِ ازتام زنم لوٚب۔۔۔ اسہِ کیاہ کوٚر تہِ چُھنہٕ اسہِ پانس تہِ معلوم جمالیات تہٕ جذبہٕ چُھ پزٛتھ انسان ہندِس ذاتس منز موجوٗد۔ کُنہِ کھٔڑتھ تہٕ کُنہِ ٹاکارٕ۔۔۔ اکھ شمشان گھاٹس پیٹھ دزوٕنی لاشُو چھِتھ دم پھُٹٕ تہٕ بیاکھ ذار وقطار بلا آواز وژھوٗ چھوا وٚش ہاران تہٕ جذباتن ہندِ اظہارٕچ بیٚون بیٚون باوتھ۔۔۔ پزٛتھ حرکژ الگ معنے۔۔۔ امی انکارٕ ستی آنکار۔۔۔ امی اوٚنگجہِ ستی ووتھاہ پیٹھی ہُنٛد اشارٕ امی اتھٕ چہِ حرکژ ستی آلو۔۔۔ نیر۔۔ وولہٕ یوٗری۔۔۔

دَوان پکھ۔۔۔۔وارِ وارِ پکھ۔۔۔۔ٹھٔہراو کریاٚ چھن ہٕنٛدِ ٹُلہٕ تراوٕ ستۍ۔۔۔۔
مند چُھن ۔۔۔۔ناراض گژھن۔۔۔روب کرُن۔۔۔۔۔۔بدرداٗنُن۔۔۔۔
اشارٕ کرُن۔۔۔۔نفرت تہٕ محبت کرُن۔۔۔۔بیترِ بیترِ۔۔یا کھورٕ نٕبٕٹھ ستۍ زمینہٕ
تچُھن زِبہٕ چُھس انتظارتس۔۔۔یا بےقرأری چھم۔۔۔۔۔۔

زانہٕ خداحرکاتن ہٕنز یہِ زان کتہِ تہٕ کر، ہیچھی أمی بنی آدمن تہٕ جذباتن تہٕ احساساتن ہٕنز گرٛندٕ کرِتھ توٚگ أمِس زانُن زِ کتھ حرکتس پتہٕ کنہِ کُس جذبہٕ چُھ کمہِ وِزِ ہم آہنگ کرُن تہٕ کوسہٕ آواز کتھ حرکتس تہٕ جذبس ستۍ چھِ ورتاوٕنی۔پزی چُھ یہِ بوٚڈ علم تہٕ یہِ آدم چُھ پزی اشرف المخلوقات۔اگر نہٕ تہِ آسہِ ہے تیٚلہِ کتہِ زانہِ ہےسٕہ زِ دوکھ،سوکھ،رومان،طنز ومزاٗ دلاوری۔کھوٚژُن،دِل شکستگی تہٕ حأرأنی ہُنٛد جذبہٕ کیاہ گووتہٕ ووزِلس۔۔نیِلس۔۔لیٚدرِس لاجورس۔سبزس،۔گولابس،گیشأمِس تہٕ کاژرِس رنٛگس کُس واٹھ چُھ امی ہٕنزِ خارجی تہٕ دأخلی عملہِ ستۍ۔

کوسہٕ موسیقی کتھ ضربس کِژھ شدت بخشہِ تہٕ کُس سُر کمہِ ماحولُک تاثُر پاٚدٕ کرِ تہٕ گُلہم پأٹھی ییٚلہِ سازواینہٕ ییٚن تہٕ مکمل سازینہٕ کمہِ وِزِ کتھٕ کنٕ سپدِ استعمال۔
یہ چھا کاٗنہہ لوٚکُٹ علم۔۔ہنا سوچو!

اتھ علمس آسہِ ضرور آگُر تہٕ علمہٕ کہِ فنُک ووستاد تہٕ ژاٹھ کمہِ پاٚیکی آسہٕ ہن پننٕ نس زمانس منز تمیُک ہیٚکو أسی صرف اندازے یوت کرِتھ۔۔۔ییم ووستاد تہٕ فنکی مأہِر کتہِ ڈرایاے گوڈٕنٛی ملکِ یوٗنانس منز۔مصرس منز۔چینس۔کِنہٕ ہندوستانس منز؟یہِ گتھچھےٚ بحث طلب اداکار یا ڈرامہ نوٚیس ہٕندِ حیثیتہٕ ہیٚکو نہٕ أسی فی الحال اتھ

پیٹھ کاْنہہ راے دِتھ یا کُنہِ رایہِ ستۍ اتفاق کٔرِتھ خاص کریہِ کتھ نظرِ تل تھاو، تھ زِاز تام یہِ کینژھاہ اسِہ تام لطیف فنونن ہِندِ رٔنگی ووت تہٕ ووت ملکِ یونان پیٹھے ----تہٕ امہِ رٔنگی یوسہٕ تہِ لٔنڈ اسِہ تام وآژ تمہِ لنجہٕ ہِندِس موٗلس تل چھ یوٗنأنی روایتن ہُنٛد تقدس پوشیدٕ ---یمن روایژن ہنز پرم پرادیوی دِوتاہن ہنزِ پوٗزایہِ دٔسی ---پرٛتھ موسمسۍ وابستہٕ دِوتاسنز پوٗزاتہٕ پرستِش ----زوٗنہِ تہٕ آفتابہٕ سِندی ناوی قربأنی ---فصلن ہنزِ وفوٗری خأطرٕ دُعایہ مجلِسہٕ ---رازس تہٕ پرٛزایہِ درمیان میل ملژار روزنہٕ موکھ مذہبی کتابومنزٕ پاٹھ تہٕ اجتمأعی مجلسو ذریعہ از تام موجوٗ دتھاوِنی چھِ پزی یوٗنأنی عوامچ ذہنی پوٗختگی ہُنٛد نۆن اظہار --وقت گذرنس ستۍ ستۍ سپُد مذہبی اجتماہن منز اجتمأعی گوٗنٛک عنصر شأمل یٚیمہِ ستۍ یوٗنأنی طرزِ عبادتس منزٕ پأدِ سپز تہٕ وارِ وارِ ییٚلہِ یہِ لَے کاژِ آیہِ جسما؛نی حرکژ ہُنٛد پأدٕ سپدُن بنیہِ قدرتی عمل ----Rythmo Gestures ژاے طرزِ عبادت کِہن حدودن منز ---گوٗن تہٕ نژُن آو بارسس تہٕ کُنہِ کُنہِ سپز وجدٕ کِس حدس تام کِفیت پأدٕ تہٕ کِفیژ ہِندی شدتن تہٕ جذبن کۆر اجتماعس منز اکھ تِیُتھ (اداکار پأدٕ) یُس رفتارِ زمانس ستۍ ستۍ مذہبی عباداتن منز میرِ اجتماع بنیاو تہٕ آخرس ووت Suterdaar یا Narrator ہِندِس رۆپس منز اسِہ تام ----تِتھن میرن () بہوٗدی تہٕ مأ لی ذمہٕ وآی ہیٔژ سرکارن مٹہِ تہٕ تِتھِ پأٹھی سپُد تِتھن میرن ہِندِس تقدسس منز ہُر بر ----مذہبہ کتابو تہٕ روایتومنزٕ آے لوٗکن بروٗنٹھ کنہِ تِتھی زوردار اقتباسات پیش کرنہٕ خاص مدراین تہٕ آہنگن ہِندِ ذریعہٕ تہٕ پیش کأری ہنز ذمہٕ دأری

پتھم چھےٚ ''میرن'' پٮ۪ٹھ عاۂید تہٕ طرزِ عبادتس منز یہِ نوٚ وتہٕ لوٗبہٕ وُن جُزشاۂمِل سپد تھ گوورزانہٕ اجتماعس منز لوٗکن ہُنٛد تعداد ہُران۔۔۔تہٕ ہُر روٗ دتوٚ تام جاۂری یوٚ تام اداکاۂری ہُنٛد یہِ طریقہ عمل یانس منز انساۂنی جذباتن ہُنٛد سٗہلاب سوٗمبراوان تہٕ جذبہٕ کران روٗد۔''میرن'' ہنز عمل سپز انفراۂدی پٮ۪ٹھہٕ اجتماۂعی عملہِ منز تبدیل تہٕ یہاۂے اجتماۂعی عمل واۂ ژاسہِ تام گُلھم پاۂٹھی ''فنِ ڈرامہ'' کِس صورتس منز۔۔۔گوڑ گوڑٕ کُری اِمی فنِ اظہارن مذہبی ڈراپھ شکل اختیار تہٕ یِیلہِ امہِ اظہارٕ چ بنیاد، ہِیٚہِ ہنادرے یہِ اتھینز کٕہن لوٗکن خاص کٔرتھ صاحبِ سوچ دانِس ورن سپُد احساس زِ یہِ فن گوٚ ژھ مقبولِ عام سپدُن تہٕ لوٗکن ہنز دوہدِ شہِ زندگی ہُنٛد اژھٕہن اٗنگ بٔنتھ زندٕ روزُن۔ چنانچہِ تی سپُد ملکِ یوٗ نانس منز درحاوارٕ فنِ ڈرامہ مذہبہٕ کیوداۂ یرونہٕ بر۔۔۔أمی فنن لوٚب رفتاتہٕ جاے وقوع بیترِ۔فنِ ڈرامہس سپُد عواۂمی مسلن تہٕ مشکلن منز شموٗلیت درجہِ حاۂصل ییتھ أسی عام پاۂٹھی Participation In Public Affairs ونان چھِ۔۔۔۔سیاۂسی تہٕ سماۂجی طریقہٕ کارن پٮ۪ٹھ آوطنز کرنہٕ۔۔۔۔۔طنز و مزاح بنیو و اکھ صنف۔۔۔دیوٗ مالاۂیی داستان آے فنِ ڈرامہ ذریعہٕ عوامس تام واتناونہٕ۔۔۔ درباۂری ساۂزشن پٮ۪ٹھ آو کُھلہٕ پاۂٹھی بِلا خوف لیٚکھنہٕ۔۔۔یوٗت یوٗت فنِ ڈرامہن وُسجار لوٚب تہٕ عواۂمی سطحس پٮ۪ٹھ مقبول سپُد تیوٗت تیوٗت سپُد معاشرٕ کٕہن مختلف طبقن منز مختلف ردِ عمل پاۂدٕ۔۔۔۔ٹکراو سُد سماج کٕہن ورگن درمیان۔فنِ ڈرامہس متعلق قبوٗلیت تہٕ ناقبوٗلیت پٮ۪ہِ وتہِ پٮ۪ٹھ۔۔قدامت پسند تہٕ ترقی پسند عناصر وتلیاے ژُپاسے۔۔۔موزوٗن تہٕ غاۂر موزوٗن جماعتن درمیان سپُد ٹکر، مگر تہٕ کٔرتھ تہٕ سپُد

ملکِ یونانِس منز جشنِ تمثیلُک التصور پأدِ تہٕ مخالفت آسِتھ تہٕ سپُد پزتھ ؤری یہِ دوہ یہِ دوہ یہِ پھرِ ڈرامہ جشنن ہُند اہتمام۔ جج مقرر کرِنچ ترکیب سپز رأنج ۔۔۔ وُچھن والین آوحق دِنہٕ زِتم ہکن کأنہہ تہٕ فن پارِ ناقص تہٕ ناکارِ آسنچہٕ بنیأد پیٹھ رَد کرِتھ ۔تہٕ کأنہہ تہٕ ڈرامہ وجوہات بیان کرِتھ پسند کرِتھ ۔عوأمی چندس آیہ سرکأری منظوری دِنہٕ تہٕ ڈرامہ گروپن ہُند Production Cast کوٗرامی انمانہٕ عوامن پانے برداش تہٕ امی عوأمی مأل امدادِ ستی رؤد سوشل تھیٹر پزٕ بتھان۔۔۔۔۔۔ اخلأقی تہٕ مذہبی قدرن ہُند بوررؤد مذہبی تھیٹر وبتر اوان تہٕ یمن دوشوٕنی تھیٹرن کوہ وسہٕ دُشوأری آیہ بُتھہِ چھُ اکھ الگ بحث۔۔۔ملکِ یونانک قأبل تہٕ قد اوار گوڈنیک ڈرامہ نویس چھُ اسکی لس (Aesculeas)اُمس یوٗ نہٕ کس ڈرامہ نگار سنزٕ کاوِش۔۔گوڈنیک ڈرامہ The Supplicants تہٕ اتھینز کین(Athens) معززشہرین برؤنٹھہِ کنہٕ ۴۹۰ ق۔م ہس منز پیش کرنہٕ تہٕ وُچھن والین ہُند تعداد اوس تقریباً ۱۴۰۰۰ (World Theator pp -32 )۔۔۔۔۔ وننہٕ چھُ یوان زِ امہِ باقأعدِ تھیٹر پروڈکشنہٕ بروٗنہہ تہِ چھُ یونانس منز شیٚمہِ تہٕ سٔتمہِ صدی ق۔م پیٹھٕ Choral Leader Choral Group روایت موجوٗد آسمٕژ یم عام طور بڈٕ ین مذہبی تیوہارن تہٕ دوہن پیٹھ نظرِ آسی گژھان تہٕ مذہبی عقیدتُک مفہوم اوس أکس خاص لیہِ منز پیش سپدان یتھ ڈرامہ زبأنی منز Transformation Of Narrative Into Direct Rythence Representation ونان چھِ۔۔۔ یہِ اوس تھیٹر تہٕ تھیٹرِچ ہیت۔۔اکھ تژھ زوردار فارم یوٗسہٕ ہندوستانس منز تہِ

موجوٗ دِچھےٚ ---

یتھ جایہ اتھینز س منز گوڈنیُک ڈرامہ پیش آو کرنہٕ تمچ حد بندی اٗس یِتھٕ پاٗٹھی ----منز گول جاے ییٚتھ Chorus اوس کھڑا سپدان تہٕ ییٚتہِ پتھٕ ڈرامچ کتھا کہانی شروع اٗس سپدان ---موسیقی خاطرٕ Choral گروپس سیٚدِ سیٚو دبروٗنہہ کنہِ دوب () ہیر آسمان بونہٕ زمین ۔اتھ جایہِ أندی أندی لوٗکھ تماشِ بین تہٕ ناظرین ---یہِ اٗس تمہِ تھیٹرٕچ ترتیب تہٕ تمیُک تصور یتھ أسی Amdhi Theator ونان چھِ World Drama pp -33,64,65,160 ---آواز لوٗکن تام واتناونہٕ موکھہٕ Loud Voice Culture تہٕ حرکات وسکنات پرٛیہِ ونہِ تہٕ دِلکش بناونہٕ موکھہٕ براڈا ایکشن تہٕ کردار دوٗرتام درٛینٹھی ینہٕ خاطرٕ موکھٹ(Mask) تہٕ گاشہِ موکھہٕ لشہِ نار مشالہِ صوٗرتس منز --( Procenium Curtain پرٛدُک تصور اوس نہٕ وُنہِ یوٗنانس منز آمُت )یوٗنانٔز ترقی پسند اندازِ فِکر تہٕ گُلھم پاٗٹھی سپز ڈرامہ تحریک ۔تمہِ وِزِ اثر انداز ییٚلہِ قدامت پسند عنصر مذہبی پیشواہن ہُنٛد امداد ترقی پسندن خلاف حاٗصل کرٕنس منز کامیاب سپُد ----یہِ اوس دُرُس یونانس منز اکھ مکمل رُسہٕ کشی ہُنٛد دور تہٕ أتھی رسہٕ کشی منز سپُد ذیہوش ڈرامہ نویس یا شعور فن کار تہٕ فن شناس یوٗنانٔز اتھینز تراونس پتھ مجبور تہٕ ووت ملکِ روٗم ِکس شہر اٹلی منز،۔ چونکہِ اٹلی ہندی لوٗکھ اٗسی پانہٕ تہِ ادب نواز تہٕ فن شناس تموٗ رفنِ ڈرامہس منز ییٚیہِ تہِ نزاکت پاٗدٕ ۔اسلوب آیہِ نوِسرٕ ترتیب دِنہٕ ۔ترکیبن آیہِ نٔو شکل دِنہٕ ---عمل سپز مذہبی سماٗجی تہٕ سیاٗسی داٗیرن اندر اندر پٔنٛنی اثرات تہٕ ردِ

عمل عوأمی سۄتھرِس تام واتناونس منز کامیاب تہٕ دوہہ اکہِ سپُد تی ییمیُک خدشہِ اوس۔۔۔ڈرامہ تحریکہِ خلاف سپز شأہی مجلس منزراے منظّم تہٕ وجہ اوس صرف یہِ زِ اٹلی منز سپُد ڈرامہ سیأسی کارکردگی ملامت کرنس پیٹھ کمر بستہٕ طرفہٕ اوس نہٕ یہِ تہِ وارزِ ڈرامہ تحریک تھاوِ ہے کرکردگی ہُنٛد دأیر مذہبی عقیدن ہنزِ منظر کشی تاٖمے محدود۔۔۔مخألف رایہِ عامہٕ ووت ژُۄتِس پیٹھ تہٕ أخرس سپدی تحریکہِ ہندی زورکم تہٕ سپدُس جموٗد طأری تہِ گرِتھ تہِ روٗد Biblical Theatre, Theatre Of Saintsتہٕ Morality Theatre کأم کران ووں گوو رفتار روٗدُس سۆت۔ اتھ دورس تام تہٕ امہِ پتہٕ تہِ واریاہس کالس دِیُت فنِ ڈرامہس ملکِ یونانُک تہٕ روٗمُک چھُ تتھی پیٹھ چھِ از تام تہِ امہِ وسیع فنچ بنیادٕ رِتھ۔دید دأنستہٕ یُس جمود پأدٕ آو کرنہٕ سیأسی ایوانو پیٹھٕ عبادت گاہن تام ڈرامہ تحریک ختم کرنہٕ موکھٕ تمہِ سۭتی سپُد فن شناس دانشور طبقہٕ یہِ ذٕلِ زِ تہِ دم پھُٹ اماوِ گووسمان تہٕ وقت گذرنس سۭتی سۭتی سپُد اکھ احساس پأدِ زِ یتھ معاشرس یا کُھم قومس منز سیأسی تہٕ سمأجی مسلن تہٕ مصلحتن نسبت تھیٹر ذریعہٕ أیینہٕ دأری بہم آسہِ نہٕ ۔تہٕ ردِ عمل اظہار سپد نکی ذریعہٕ موجوٗد آسن نہٕ سُہ معاشرٕ چھُ نامکمل یۆ دوے معاشرٕ کوتاہ تہِ تہذیب یافتہٕ آسہِ یا تمیُک دعویدار آسہِ ۔وقتس سۭتی سۭتی سپُد حساس طبقہٕ بیدار۔لِکھأری ،ادا کار،فن کار،سپدی اکھ علم ہیتھ کمر بستہٕ۔ٔنو وَتھ دژایہِ تہٕ جموٗد پھٹرأ وِتھ سپدی استحصالس خلاف صف آرا تہٕ ڈرامہ تحریک نوِسرٕ منظّم کرنہٕ باپتھ ہندی سینہٕ سِپر امی عزمن تہٕ استقلالن کٔڈی نٔوی گوشہِ تہٕ نوزُک موڈ بدِ ییمہِ سۭتی یہِ تحریک

زیادے صحت مندتہٕ بامقصد بنیہِ ۔ یہِ روٗ داکھ مکمل دورتہٕ اتھ دورس چھِ ونان Period Of Reniassance یانے نشاتہ الثانیہ انسأنی سماجس منز امہِ تحریکہِ ہندِ ضرورتُک احساس پأدٕ کرنس منز یُس عمل دخل ملکِ یوٗنانُک ، رومُک ، سپیٖن ، فرانس، تہٕ انگلستانُک روٗ دچھ ڈرامہ توأریخُک اکھ روشن باب ۔

# ناگن ہٕنز ژھآر

اقبال ناتھ ونپوہ

'ناگ' لفظ چھِ سبٹھاہ کُھر ی دار۔ اکہِ پأری چھُ یہِ سنسکرت لفظ تہٕ معنی چُھس
ہوٚس، سرپھ، تہٕ ناگ (اکھ دھات)۔ بیٚیہِ پأری چھُ یوٚہے ناگ لفظ اکہِ انسان
ذأژ ہُنٛد ناو تہِ یوٚسہٕ از بروٚنٛہہ واریاہ کال سانٛہن جدن اجدادن ستی رٕلتھ میلِتھ
یتھ سانہِ کٔشیر منز تہٕ ہمالیہ پہاڑچین وادی ین منز کشیرِ نبر تہِ أس بسان۔ ستی چھُ
یہِ ناگ لفظ ظأہرا اوسمُت یمن ناگن ہٕنزِ زبأنؠ منز ناگن یعنے پوٚکھرن ہُنٛد ناو تہِ۔
تِتھن لفظن چھُ پرٛتھ وِزِ آسان کُھر ینُک خطرٕ۔ تہٕ یم چھِ آسان پرٛتھ وِزِ ڈامبس
پیٛٹھ۔ ناگ ذأژ ہٕندی لُکھ گٔلی خبر کر، پتھ روزٕ یہنٛزٕ کتھ۔ سرپھ رٕو دی موجوٗد تہٕ تِمن
رٕو دناو ہوٚسے۔ ناگ چھِ وُنہِ تہِ کٔشیر، منز آنتھ رٕسی۔ یمن چھِ أسی پوٚکھرِ یا ناگ
وُنہِ تہِ ونان۔ تہٕ ناگ (دھات) تہِ چھُ وُنہِ پنہٕ نسبے ناوس پیٛٹھ۔ وارٕ وارٕ آواتھ
لفظس کُھر۔ تُتھے ناگ ذات غأب گیہِ، اسہِ ہیٚوت اتھ ذأژ سرپھس ستی لچہِ واٹھ
کرُن تہٕ ستی تھوواسہِ یمن ناگن پوٚکھرن ستی تہِ کُنٛے کرِتھ۔ از چھِ أسی مانان زِ
ناگ أسی تِتھی انسان یمن نصف پان اوس آسان سرپھ سُنٛد تہٕ یم از کل تہِ چھِ
ناگن منز بسان۔ یوٚ تام یم ناگن منز روزن، توٚ تام چھُ ناگن پوٚنؠ نیران تہٕ ییٚلہِ
یِم ناگ کُنہِ ژھیٚٹؠ یأری ستی یمو ناگو منزٕ ژلن، ناگ تہِ چھِ ہوکھان۔
ناگ أسی نہٕ کٔشیرِ منزے یوت بسان۔ کانگڑا علاقس منز تہِ أسی تِم تیلیمتی تہٕ

وأتی ؠتی تتہِ تہِ چھِ یم ٹکی لِتھ ییٚتہِ کی پأٹھی ،تہٕ تتہِ تہِ چُھ تمو پٔنن نوٚم نیال بإ قے تھوومُت ۔تتہِ تہِ چھِ سأنی پأٹھی چشمن تہِ ناگ ونان ۔تہٕ امہِ تلہٕ چُھ یہِ وُنن صحیح زِیہ لفظ چُھ اتھ معنیس منز تہٕنزی زبأنی ہُنٛد ۔

ناگ ذأژ آسہٕ ناگن أندی پٔکی بسان ۔دوٚیم کتھ چھےٚ یہِ زِ یم ناگ آسی سبٛھاہ تہذیب یافت تہٕ یمو کوٚر رسانٛہن اجدادن واریاہ رٔنگی اتھِ روٚٹ ۔یمو ہیٚچھِ نأوی تم کونگ نوٚ وراوُن ۔یموٕ ے ہاوِسانٛہن جدن ترامہٕ کانہٕ بیترِ تہٕ یموٕ ے ناگو منزٕ اوس ناگراے تہِ تیٚمی ہیمالُو پھلأوتہٕ تھووُن پتہٕ وتھ پٔنن ناو۔

أکی پأری چھِ أسی ونان زِ ناگ آسی انسان کلہٕ گٔرِتھ سرپھ،بیٚیہِ پأری چھِ سأنی توأریخ دان ہأوِتھ دِوان زِ ناگ آسی تہذیب یافت قوم،تہٕ بیٚیہِ پأری چھِ بٹہٕ شاسترِ تہِ ونان یمن ہُنٛد واریاہ کینٛہہ تہٕ أزی کِس یتھ مقالس منز دِمہٕ بہٕ پھیرُ بَس یمٕنے یوت شاسترن تِکیازِ وُنیکتام چھُنہٕ ظأہرا کأنسہِ ہُنٛد دھیان اور گُن گوٚمُت ۔

أزی کٕہن بٹن چُھ آسان گرٕ دوت،اشٹ دیوی تہٕ کولہٕ برٛہمن ۔پرانٛہن بٹن آسی آسان کولہٕ ناگ تہِ ۔تہِ زن گووپرٛتھ کُنہِ کولس یا قبیلس اوس آسان اکھ خاص ناگ تہِ ۔تیٚمِس پرٛتھ رٕژِ وِزِ بوگ اوس تھاونہٕ یوان ۔یم آسی دِوتا ہن ؠستی مُجرا۔ دیکہٕ پال(دگ پال) ناگن ہنزٕ کتھ تہِ چھےٚ یمن شاسترن منز تہٕ تمن ناگن ہنزٕ تہِ یم ؤری یکس ؤری لیس آسان خاص مشیر یاوزیر۔ناگ کورٛن ہُنٛد،ناگ آچارین ہُنٛد ذکر تہِ چُھ یمن سانٛہن شاسترن منز آسی ۔تٔہر آسن یا پرأپُین ہاو یا بھگوانس آسنٕ پوٗزا کرٕنی ۔یمن ہُنٛد ناو تہِ چُھ ضرور ہنٛہٕ یوان ۔از چھنہٕ آسان پرن وأنِس خبرٕ ے

زِ بہٕ کٲمی سُنٛد ناو چُھس ہوٚان تہٕ کیاہ چُھس وَنان۔ مگر أچھ مُچھ ٹُوتھ چُھ یِہُنٛد ناو تِتھے کٔنۍ زیٚوِ پیٹھ ہوٚان ییتھٕ کٔنۍ طوطہٕ چُھ گنگا رام وَنان، تِکیازِ یِم شاستر چھِ سبٹھاہ پرٲنۍ۔ یِمن دوہن یِم بناونہٕ آے تِمن دوہن ٲسۍ ناگ حال حالے گلۍ مِتۍ۔ مگر تِہندۍ احسان ٲسۍ شاسترلیکھن والین یاد، تہٕ توے اوسہکھ پرٛتھ کُنہِ منز بوگ تھوومُت۔ دُنیا بدلیوو، مگر شاستر چھِ تِمے تہٕ بوگ چُھ وُنہِ چلہٕ وُن۔

کانگڑاہس منز تہِ ٲسۍ ناگ بسان۔ تتہِ تہِ چھِ یِمو پننہِ تہذیبکۍ نشانہٕ ترٲوۍ مِتۍ۔ ییٚتہٕ کیٚن ناگن تہٕ تہِ کیٚن ناگن چھےٚ وارِیاہ فرق۔ تتہِ چھِ ناگن وُنہِ تہِ پوٗزا کران۔ وُنہِ تہِ چھےٚ تتہِ ناگن ہنٛز موٗرتیہ گامہٕ گامہٕ آسان۔ وُنہِ تہِ چھِ تتہِ یِمن موٗرتین ہندۍ پُزٲرۍ اوٚبرٕ کس یا واوٕکس مصیبتس منز یابیٚہِ کُنہِ سختی یہِ منزٕ ژھارنہٕ یوان۔ تہٕ تِم چھِ وُنہِ تہِ منتر بیترِ زانن وٲلۍ مانہٕ یوان، امہِ تلہٕ چُھ صاف فِکرِ ترٛان زِ تتہِ چھِ وُنہِ تہِ سرپھٕ والین تہٕ جودمنتر زانن والین ناگ وَنان۔ کٔشیرِ منز اوس یِمن ناگن بیاکھ پٹُر، یُس زیادٕ پہن ٹوٹھ اوس کٲشرٕن، یہِ اوس بھیرو۔ کٔشیرِ چھےٚ از تہِ بھیرون ہنٛز جاگیر۔ کُنۍ ہے سرینگرس چھِ شُراہ بھیرو وُنہِ تہِ موجوٗد۔

یہِ کتھ ترٲوۍ توٲتۍ تھے۔ أسۍ پکو بیٚہِ شاسترن کُن۔ یہِ چھےٚ سارِنٕے خبر زِ بٹہٕ چھِ دوہے ترٛیش دِوان پننہٕ مٔرن موردن۔ تہٕ یِمن ستۍ چھِ أسۍ ناگن تہِ ترٛیش دِوان۔ ناگہ ترٕ ''پینتام'' تہِ چھِ أسۍ وَنان تمہِ وِزِ تہٕ عجیب کتھ چھےٚ یہِ زِ أسۍ چھِ وَنان ''سرٛ پاتر پینتام'' تہِ۔ تہِ زن گووسرپھن تہِ چھِ ترٛیش دِوان۔ مگر پزر چُھ یہِ زِ یِم سرپھ تہِ ٲسۍ نہٕ سرپھ۔ ییٚتہِ ٲس اکھ انسان ذاتھاہ ییتھٕ کٔنۍ خر چھِ چارواۓ

تہِ تہٕ انسان ذاتھ تہِ ۔ ''کُل ناگ'' گو وُنہِ کولُک یا قبیلُک یا ونڈُک خاص ناگ دیوتا تہٕ یہِ چھُ نوٚنُے زِنا گن تہِ آسہِ ہاپُٹن ہیٚون بیٚون کول یا قبیلہٕ یا ونڈٕ ۔ یِمو ونڈو منزٕ آسی آٹھ قبیلہٕ تِم یِم تھٔدی آسی مأنٛی ٕتی سانہٕ پرانہٕ ۔ یِموٕ ے آٹھومنزٕ اوس پرٛتھ کأنسہِ قبیلس اکھ کُل ناگ ۔ تہٕ أتھی قبیلس اوس خاص پأٹھی بوگ تھاونہٕ یِوان ۔ یِم آٹھ قبیلہٕ آسی کٔشیرِ منز بیٚون بیٚون ناگن نِشہِ أٹھن جاین بسان ۔ یِم آسی دِوتا مانہٕ یِوان ۔ مگر یِنہٕ فارسی زبان آیہِ یوٚت، ''کُل ناگ'' لفظس تہِ آو تنہٕ پھیرٕ ۔ فارسی زبانہٕ منز چھِ سرپھس وَنان ''مار'' ۔ کٔشیرِ منز یِیلہِ ''مار'' لفظ ووت، أمی ترٛ وونہٕ ''سرپھ'' لفظس پیٹھ کأنہہ اثر ۔ مگر ''ناگ'' لفظس أنِن بڑٛے ۔ ''کپل ناگ'' بنیو ووٕنی ''کلمار'' تہٕ معنے گوس سُہ سپرھ یُس أکِس زٕنِس ٹوپھ دِتھ تہٕندٕ ن سارِنے با؛ ژن مارِ ۔ پھیرٕ پیٚو وٕ ''ناگ راج'' لفظس تہِ ۔ تہِ ونہٕ یہِ برٛونٛٹھ پٔہن ۔

''کُل ناگ'' أسی آٹھ ۔ یہِ ووٚن مےٚ وُنی ۔ ''یِمو منزٕ چھُ گوڈنٕتھ یِوان ''انت'' ناگہٕ کولُک ناویِوان ہیٚنہٕ ۔ امی قبیلُک ناو چھُ ''انت ناگ'' سَرَ ے ۔ انت ناگ چھُ وُنہِ تہِ کٔشیرِ ہِندو بڈٕو ناگومنزٕ تہٕ وُنہِ تہِ چھُ اتہِ انتہٕ چودش دوہ دِوے لگان ۔ امہِ دوہ چھِ وُنہِ تہِ گور یِوان انٛتھ ہیٚتھ تہٕ بٹنہِ چھےٚ سُہ انتھ کَنِس نألی تراوان ۔ یہِ چھُ آسان پننہٕ داون ہُنٛد یوٕ ہے سرپھ ہیوٚ ۔ واریاہ بٹنہِ چھےٚ سونہٕ سُنٛد انتھ گران تہٕ دوٕہے نألی تراوان ۔ بھگوت گیتایہِ منز تہِ چھُ امہِ ذأژ ہِندِ بجر لیٚکھتھ ''یہٕ چھُس ناگومنزٕ أنت'' ۔ یہِ چھُ اتھ منزٕ أکِس جایہِ، تہٕ امہِ تلہٕ چھُ فِکرِ تران زِیہِ ذاتھ چھےٚ أسمِژ ناگومنزٕ زیادٕ تھٔز ۔ ''انت'' لفظک معنے چھُ أنتھٕ روٚس تہٕ اگراتھ گُن گرٛتھو،

تیٚلہِ چھےٚ یِمن ناگن ہٕنز آبأدی أسمٕژ زیادٕ۔

ناگہٕ دِوتاہن ہُنٛد دوٚیِم خاندان گیاو ''تکھ شک'' اتھ لفظس بنیو کأشُر ''تکھسک'' تہٕ معنے گوس ''سبٕٹھاہ ظألِم''۔ امہِ خاندانکہِن ناگن ہٕندی گوکارچھِ ہیٚندٕہن ہٕندٕہن شاسترن منز یسلہٕ لیٚکھِتھ۔ یہِ قوم چھُ رٕوٚ دمُت دوٕہے فتنی۔ اگرِ یہٕندی یِم کوکارٕین سۆمبراونہٕس، بٔڈ کتابا گژھِ تیار۔ یہِنٛدے ناوچھُ تِمن پرانہِن کھنڈراتن یِمن ازٹکسیلا چھِ ونان، یِم سأرسے دُنیاہس منز مشہوٗر چھِ۔ ژکہِ اوس یہِ لفظ ''تکھشک شلا''۔ کأشیرِ منز تہٕ چھِ واریاہ گام یِہٕندی ناوٕ أتھی ناوس پیٹھ چھِ، از یِمن ''تاچھل'' ونان چھِ۔ اکھ گووتاچھل، بیاکھ گووبوٹہٕ تاچھل تہٕ بیاکھ گووشُپین تاچھل۔ خبر بیٚیہِ تہِ ما آسہِ کأنٛہہ۔ یِہٕنٛد ناو چھُ زبوٗز۔ تہٕ اکبرٕ سندِس وقتس تام أسی اتھ ناگس ٹھٕہرانانِ۔ پۆزا کران تہٕ متبرک مانان۔ از چھِ یہِ پرانیومُت،۔ امی قبیلکی أکی ناگن ہیچھنأوی سأنٛی پرٕأنی کونگ نٕو راوُن، یُس سأرِسے دُنیاہس منز مشہوٗر چھُ۔ کأشیرِ ہٕندِس کُنہِ تاچھلِس چھنہٕ آمژ کھدأے کرنہٕ۔ اگر کرنہٕ یِیہِ ہے، ممکن چھُ واریاہ ننہِ اتہِ۔

کشیرِ نبر أسی ناگ ٹکسلایہِ أندی پٔکی بسان۔ یہِ اوس ہندوستانُک سرحدی علاقہٕ۔ تہٕ عام طورٕ أسی یِم ناگ بُتھی پھِری گژھان ہندوستانٕکس حکومتس۔ یِموٕے ماریوٕ پری کھیت راجہ، یُس پانڈٕ وِن ہُنٛد ژُراوسپری کھیت مارنُک قصاص ہیٚوت یِمن تِمی سٕندی نیٚچِوی زٕمی زِین، تیٚمی یِمن شنیاہ ہیٚوت گرِتھ۔ امہِ چہِ کتھٕ چھےٚ بھگوت پُرانس منز سبٕٹھاہ نمک مرچ ملنأوِتھ موجوٗد۔ ممکن چھُ تکھشک لفظس ما آسہِ

ہندوتانس منز بنیو ومُت گگھرٕ تہٕ گگھرٕ ذآ ژہٕندی لُکھ چھِ وُنہِ تہِ اتھ علاقس منز بسان۔ یموٕ ے گگھرٕ وتھوو پتُن ناو کٔشیرِ منز تہِ۔ از تہِ چھِ أسی ونان'' ہےسُہ چھُ گگھرٕ''۔تہِ زن گوٗسُہ چھُنہٕ مانان یوُرک۔ یاسُہ چھُنہٕ پننہِ ہنہِ ڈلان۔

تژیمٕ خاندان گٔیو''واسکی''۔یہِ چھُ تعجُب زِ بھگوت گیتایہِ منز چھُ یہِ سرپھن ہستی مُجرا۔ امہِ تلہٕ چھُ فکرِ تران زِ یمہِ وِزِ بھگوت گیتا لیکھنہٕ آیہِ ، ناگن اوس خبر کتہِ کالُک گھر آمُت تمہِ وِزِ تہِ۔ واسکی چھُ ''ناگ یندٕر'' ناگن ہُنٛد تھوٚد راجہ تہِماننہٕ یوان تہٕ یتہِ چھُ ماننہٕ یوان زِ یہِ چھُ شمبوٗ'' بھگوانس نالی۔ اتھ ناگ قبیلس چھُ اوسمُت شمبوٗ ہس ہستی کیاہ تام بوٚڈُے ہیوٚ واٹھ تہٕ ووٚنی چھِ أسی مانان زِ واسُک چھُ شمبوٗ ہس نالی۔یہِ چھُ ژ کہِ اکھ شاعرانہٕ خیال۔ یُس وارِ وارِ اکھ مذہبی پوٚز بنیو و۔ واسک ناگ چھُ کونڈ'' قاضی گنڈس نِشہ۔ اتھ متعلق چھِ لُکھ واریاہ کتھٕ ونان۔ دپان چھِ یہِ ناگ (سرپھ) اوس ڈینگہٕ۔ تتہِ پتھٕ اوٚن ژھل کرِتھ أکی گوٗسائنی ۔مگر آخر گوٗ وفاصلہٕ زِشٕن رتٕن آسہِ یہِ کٔشیرِ منز روزان تہٕ شٕن رتٕن ڈنگہٕ، دپان چھِ یہِ ناگ چھُ وندس بالکل ہوٚکھ آسان۔ سونتہٕ کالہٕ چھُ دوٗن ترٕن دوٕہن زبردست واوتہٕ روٗد کران۔ گوٗڈٕ تہِ چھُ یوان دوٗن ترٕن دوٕہن روٗ زِتھ چھُ بیٚیہٕ توٗری گرٛشھان تہٕ پتہٕ چھُ یوان جلدٕے واپس تہٕ چھُ شٕن رتٕن روزان۔اوٚت چھِ رہتہٕ کالہِ واریاہ لوٗکھ یوان۔ مگر پوٗز زا بیترِ چھنہٕ اتہِ ووٚنی خاص کینٛہہ کرنہٕ یوان۔

بیاکھ کولہٕ ناگ گیاوٗ'' کرکوٹک'' تہٕ کارکوٹ ناگ چھُ وُنہِ تہِ موجوٗد سائنس گامس نِش ۔تتہِ چھےٚ دِوے یہِ لگان۔

بیا کھ کولہٕ ناگ گیاوٕ ''پَرَم'' یِہُنٛد ناگ اوس ظأہرٲ زٕ کَس پانپورس ہیرِ پٔہن مراز چہِ سڑکہِ أندی پکٕو ۔ اتہِ چھِ وُنہِ تہِ اکھ سٔبٹھاہ بٔڈ ڈوپنھ اِیاڈبمب موجوٗد۔ یوٗ ہے چُھ ظأہر کرتام اوسمُت ناگ تہٕ ووٚنی چُھ کانیومُت ۔ اتھ چُھ ظأہروٚتھِ ہٕند بٔن سٔہلا بن ہُنٛد سیٚو مب بوٚڈھمُت ۔ ''پرم پوٗر'' لفظس بنیو وگوڑ پدہ پوٗر تہٕ پتہٕ بنیو وس وارِ وارِ ''پومپُر'' یتھ از لیکھنس پرٕنس منز وٕننہٕ چُھ یوان پامپور۔ تیرِتھ مہاتمین منز چُھ اتھ لیکھِتھ ناو پدہ پوٗر ۔ تہٕ منزٕ آسی اتھ لیکھنس پرٕنس منز پدمان پوٗر تہِ ونان ۔

بیا کھ گیاوٕ ''مہاپدم'' تہٕ ونان چھِ وولرس اوس گوڈٕنی ناو ۔ یہٕ قبیلہٕ اوس بسان أتھی وولرس أندی پکٕو ۔ بیا کھ گوو ''شنکھ پال'' ۔ شنکھ پال چُھ أکس سَرَس ناو یُس بانہال سڑکہِ پٕٹھ ویٚسہِ بوٗں پٔہن چُھ داں ڈلس منز سڑکہِ کھووٕری کَنہٕ (جوٚم گرٕ ھوٗن) اتھ أندی پکٕو چھِ وُنہٕ أکس گامس ونان پا لہٕ پوٗر۔ اتہِ چھِ ازِ سِکھ بسان تہٕ پرٲنی بسکین چھِنہٕ اتہِ کہینٛز ۔ پال چھِ ازتہِ راجپوتن ہنٛزٕ اکھ مشہوٗر ذاتھ ۔ تہٕ از چھِ زنتہٕ صحیح آمُت کرنہٕ زِیہِ پال چُھ کُنہِ نتہٕ کُنہِ سنسکرت ''پا'' (رچھن) یا ''پال'' (رچھن وول) لفظس سٕتی واٹھ تھاوان ۔

بیا کھ کولہٕ ناگ قبیلہٕ گیاوٕ ''کُلِک'' از چُھنہٕ تِہنٛدِ ناگُک کینٛہہ پتاہ، تہٕ نہ چُھ تِمن متعلق بیٚیہِ کُنہِ چیزُک نیب نشانا۔ بیا کھ گیوٕ ''ایل'' یٚیمہ سٕندِ ناوٕ ووٚنی اسہِ ا لہٕ پٔتھر چھےٚ ۔ بیا کھ گیاوٕ شیش ناگ ۔ أسی چھِ ازکل پہلگام ہیرِ أکس سرس ونان شیشہِ ناگ ۔ تیرتھ مہاتمین منز چُھ اتھ لیٚکھنہٕ آمُت ''سُشرم''

یم گٔے کولہٕ ناگ سانٛہن پرانٛہن جدن ہٕندی تہٕ یموٕ ے ناگو منزٕ آسی کینٛہہ

آءمتۍ مانہٕ دِکھپال تہِ ۔تہِ زن گو وطرفن ہٕندی رأے چھدر۔طرف چھِ داہ۔تہِ دِکھپال تہِ چھِ داہ۔یِموٗ منزٕ گیاوا کھ۔''بڈارک''،یُس کھسوٕنہِ ہِری یہِ اوس رأے چھ کشیٖرِ۔ یہِ بڈارک تہِ چُھنہٕ کأنسہِ أ ِکس ناگس ناو۔یِتہِ چھےٚ اکھ ذاتھ أسمٕژ۔خبر پرانہِ وقتہٕ ما آسہٕن یِم امہِ طرفہٕ کہٕن دَرَن رأے چھ روزان۔یِہُندے ناو چُھ روٗ دمُت ''بڈرگامس''یِتھ أسی ازبڈرحیات پورٕ''چھِ ونان۔

ناگن أس بیا کھ ذات تہِ۔اتھ أسی ونان ''ناگ راج''ذات۔یِہ أس تِمن ناگن ہٕنز یِمن وقتہٕ وقتہٕ اوس سیأسی بجر اتھِ یِوان ۔ ناگ راجُک ژکہِ سنسکرت لفظ چُھ''ناگ راٹھ''اتھ بنیوٚ وکأشُر''ناگ راڈ''۔فارسی لفظ''مارٕ''کھوٚت اتھ تہِ اٹُس۔ تہٕ''ناگ راج''بنیوٚ وشہمار۔معنے گوٚس سُہ سرپھ یُس سرپھٕن ہُنٛد راجہ آسان چُھ۔

تیِمِس تاج چُھ آسان کلس تہٕ یُس کنجوٗس دیارٕ والہٕن چُھ دیارن پیٹھ بِہان۔ ''انگ راجٕ''،لفظس بنیوٚ وٚ''نأ گِر راے''ہیمالہِ ءستۍ لول برن وول نأ گ راے اوس یِموٕ ے منزٕ۔تِمس اوس نہٕ ذأتی ناو ناگرا ے،یِہ اوس تِمِس خاندانُک ناو، یا کرام۔ یِتھِ ِکنٕز ازونان چھِ أسی راجپوت یا شہزادِ۔تِتھے ءکنٕز اوس ناگ قومس منزٕ ناگرا ے تہِ راجپوت۔أمی سُنٛد أ ِکس کأشرِ کورِءستۍ لول برُن تہٕ خاندر کرُن اوس اکھ انقلأبی قدم تہٕ یہِ کھوٚت بہرِ ٕنس دہرس۔تہٕ از تام تہِ چُھ یہِ قصہٕ چلوٗن۔ظأہرا روزِ یِہ توٚ تام یوٚ تام أسی کأشِری چھِ،ساٹہٕن جدن تہٕ ناگن ہٕندِ ملژا ارُک اوس یہِ ظأہر گوڈنیُک پوٚو۔أمِس نأ گِر رایہِ سُنٛد ناگ چُھ وُنہِ تہِ موجوٗ د۔یِہ نأ گِر راے چُھ ناگ لفظہٕ چہِ

بڑیہِ ہُنڈ اکھا ؔورنموٗنہٕ ۔انسان تہِ اوس تہٕ أڈہن آےٚسس سرپھ ہنز تہِ ۔ناگہٕ منز کھوٚت تہٕ راجہ آسنہٕ کِنۍ یُتھے سِد ارامُن گرٕ ووت ،سدارامس ژٕج وبڑ ھے تہٕ غریبی ۔تہٕندِ تاجُک گاہ پیٚو وسدارامس ٹھوکر کُٹھِس ۔تمۍ وُچھِس سرپھ نظر تہٕ دوٚپُن أمِس اتھِ بچھِ ناون بہٕ زنان یوسہٕ سۄٹھے خراب آس۔تمۍ کوٚ ڈیہِ بستہِ منزٕ تہٕ وُچھن اکھ دیوتاہ ہیوٚ پرٛزلوُن تہٕ زوتہٕ وُن ۔آخر کوٚر أمۍ ہیمالہٕ سٟتۍ خاندر۔أمِس ناگس اوس پنُن گرٕتل پاتالہٕ ۔ییٚتہِ أمۍ ہنز زنانہٕ آسہٕ تہٕ تم آسہٕ سیودُے سُر پھٕنہٕ ۔ژھوٚٹس منز آس ناگ لفظ کہو واریاہو معنیو منزٕ پرٛتھ کُنہِ رژھار ژھاہ أمِس پیٹھ پوٚرٕ یوان ۔

جیوتِس شاستر ن منز تہِ چھِ ناگن ہٕندی ناوِیوان ۔جیوتشہٕ مطأبِق چھُ پرٛتھ کُنہِ ؤری یس آسان اکھ مألِک یا راجہ تیمِس ''صاحب سال'' یا ''ورش پتۍ'' چھِ ونان۔أمِس چھُ آسان اکھ ناگ تہِ سٟتۍ ۔یوٚ ہے وزیراہ ہیوٚ ۔ناگو منزٕ تہِ آسۍ کیٛنہہ ناگ خاندان مقرر۔یِمن منز ؤری یُک راز پنُن وزیر ژاران اوس ۔یِم خاندان تہِ آسۍ آٹھ تہٕ یِم آسۍ انوارِ پتہٕ انوارِ وزیر بنان ۔یِمن تہِ اوس پنُن پنُن تأثیر آسان بیٚون بیٚون ۔یِمو تھد بوٚ ناگو تہٕ کولو ورآے یِم پھٹہٕ پھرأٹہٕ یا معمولی ناگ آسۍ تِمن ہٕندی تہِ چھِ واریاہ ناو شاستر ن منز۔

زان

لفظ راشس،توٲریخس تہٕ تمدنس چُھ پانہٕ وٲنی سٔر ون واٹھ ُناگ ٗ لفظ چھِ امہِ کتھِ ہنز رٕژ مثال ۔اتھ پۄت منظرس منز ہرگاہ کُنہِ تہِ لفظس سنو، وارِیاہ کتھِ ہیٚن برٛونٛٹھ کُن ۔

اقبال ناتھ ونپوہ چُھ ونپوہ ( کولگام ) گامُک روزن وول اوسمُت ۔ اقبال ناتھن چُھ کاشرِ زبٲنی تہٕ ادبس متعلق کٔژ تامٕ مقالے لیٚکھمٕتی ۔امہِ پۄز تہِ کٔرتھ تہِ چُھ یہِ کاشرِ زبٲنی ہندٮ٘ن سنجیدٕ محققن منز گنزراونہٕ یوان ۔ ُناگن ہنز ژھاٗر ٗعنوانہٕ مضمون چُھ یہُند جان تحقیقی مطالعک پے دِوان۔

ُناگن ہنز ژھاٗر ٗ مضمون چُھ کٔشیرِ ہندٮ٘ن قدیم بسکیٖنن متعلق اکھ تعارفی مضمون۔ناگ قومس چُھ پٲنُن اکھ تہذیبی تہٕ تمدنی توٲریخ تہٕ کاشرٮ٘ن ہندِس لسنس بسنس تہٕ سوچس پیٹھ چُھ امہِ تہذیبک نۄن اثر۔دیپان ُ ناٗگ راےٗ چُھ امی قومُک شہزادٕ اوسمُت تہٕ ُہی مال ٗ آریہ قومٕچ اکھ خوبصوت تہٕ ذی عزت خاتون۔

لفظ تہٕ معنی

نۄمنیال: پۄت نشانہٕ

وُپھٕ لاوُن: تنبلاوُن

شاستر: ہیٚندٮ٘ن ہنز مذہبی کتابہٕ

کول: خاندان

ٹۄہر: خاً راتھ، اکہِ قسمُک بتہٕ یتھ تیل، نون، لیٚدرتہٕ پران رلاٗوِتھ آسہِ

پراپُین ہاو: دَیہِ ہندی ناٗوی تھاونہٕ آمُت کھنہٕ ہاو

بھیرو: موکل

بڑے اٹز: لِیُتھ کرُن زِبیٚون بیٚون کڈن بنہِ مشکل۔ (بڑے چھُ اکھ آنچہِ دارمیوٕ تہِ یتھ سبٕٹھاہ لیٚھنیار چھُ آسان)

انتھ: سوٗ تی ڈوٗری یوسہِ بٹہٕ ناٗلی چھِ تراوان

سوالات:

ا: 'ناگ' لفظس کیاہ کیاہ معنی چھِ۔ یم معنی کتھٕ پاٹھی چھِ اکھاٗ کس ستی رٔلتھ۔

۲: کٲشرِ ہِندی آدواٗسی کم لُکھ اٗسی تہٕ تِہندی اہم مذہبی رسومات کیاہ اٗسی۔

۳: ناگ چھِ کٲشرِ ہِندی قدیم بسکین۔ امہِ قبیلُک تعارف کرناوان تراٗوِو کٲشرِ ہِندین پانژن مشہوٗر ناگن پیٹھ گاش۔

# شش رنگ: اکھ تخلیقی شاہکار

شادرمضان

کأشرِ زبأنی ہِندِس قدآور گونماتھ رحمٰن ڈارنہِ ''شش رنگ'' نظمہِ ہنز عوأمی سؤتھرِس پٹھ شوہرت تہٕ مقبولیت پراونک راز چھا محض مشہوٗر گلوکار غلام احمد صوفی (عمہٕ صوفی) سٕنزِ لافأنی آوازِ تہٕ بےٚ جور موسیقی ہُنٛد اعجاز، کِنہٕ مذکوٗرٕ نظم چھےٚ مشرقی شعریات تہٕ شعری جمالیات کِس پوٚت منظرس منز پزٕی پأٹھی کأشرِ زبأنی ہُنٛد اکھ تِیُتھ تخلیقی شاہکارٕ یُس کلہم کأشرِ صوفی شأعری منز کیاہ کأشرِ نظمہِ ہِندِس کُلہم توأریخی سفرس دوران لاجواب چُھ۔ یِہ سوال چُھ کأشرِ زبأنی ہِندِس گوڈنِکس نقاد عبدالاحد آزادنہِ پٹھٕ از تام کٕہن سارِنے جینٛون نقادن ہِنٛز تشنہٕ طلب۔ شایداِ کِنٛہ تہٕ زِ کأشرِ شأعری چھےٚ ژِ کہِ مشرقی شعریات تہٕ شعری جمالیات کِس پوٚت منظرس تحت پھاپھلن واجہٕن روایژن ہُنٛد اکھ تسلسل تہٕ کأشرٕن نقادن ہُنٛد اکھ دوٚر روٗ دشأعری مولوٕنہٕ وِ زِ مغربی تنقیدی نظریہِ ہٕن تابع یُس کلہم کأشرِ شأعری تہٕ خاص کرِتھ صوفی شأعری ہِندِ باپتھ اکھ غأرفطری عمل چُھ۔ یِیمیُک اکھ نتیجِہ یِہ دڑٛاو زِ صوفی شأعری ہُنٛد موضوع تہٕ تخلیقی کردار پرکھاوُن، پرٛزناوُن تہٕ مولناوُن سپُد نہٕ شاید پزنہٕ پأٹھی ممکن تہٕ دوٚیم وکانہٕ گووِ یِہ زِ سارِنے نے تہٕ واریاہ جدید کأشرِ شأعری آیہِ مغربی تنقیدی اصول مدِ نظر تھأوِتھ گرنہٕ یاتُھر نہٕ، یوسہٕ تخیلی آگہی تہٕ تخلیقی تجربہٕ بدلہٕ یاتہٕ فلسفیانہٕ تراین ہنز منظوم باوتھ چھےٚ یاتہٕ لفظہٕ ورتاوٕ چ منظوم تگنگری۔ اتھ پوٚت منظرس منز چُھ

رحمان ڈار ''شش رنگ''، تخیلی آگہی تہٕ لِسأنی باوٕ ژہُنٛد اکھ اعلیٰ تجربہٕ یُس پٔژن زندٕ وجوٗ دہٕتھ پننہِ عظمتُک اعلان کران چھُ۔

عبدالاحد آزاد چھُ کأشرِ زبأنٕ ہُنٛد گوڈنیُک نقاد ییٚمی کأشرِ شأعری ہِندِس مطالعس دوران ''شش رنگ'' نظمہِ متعلق کہینژ نےتہٕ اکھ جملہٕ لیٚکھِتھ تذکِرٕ کوٚر۔ ''رحمان ڈار کا کلام سرتاپا صوفیانہ ہے۔ شش رنگ کا ہر بند ہم قافیہ آٹھ مصرعوں پر ختم ہوتا ہے۔'' (کشمیری زبان اور شاعری)۔ آزادس پتہٕ چھُ امین کامل ''شش رنگ'' نظمہِ ہُنٛد سرسری ذکر کران تہٕ نظمہِ ہِندِس موضوعی مرکزس، نظمہِ ہِندٕ ن أٹھن بندن ہِندِس وحدتِ تاثرس تہٕ پرٛتھ بندٕ کِس ہیٚتی وجوٗ دس تام واتنہٕ بغأرٕ پننہٕ نِس اتھ سرسری تذکِرس دوران بأنبرِ منز یُتھ ہیوٗ تاوِلی فأصلہٕ دِوان: ''نظمہِ ہُنٛد جنسی اظہار چھُ تیوٗت شدید زِ امیُک لیٚکھُت ''معرفت ونان رحمان، چھُ زن گُلی تہرِ پیٚٹھٕ دأرِتھ دِوان۔ اگرچہِ شأعرن چھُ اکھ روحأنی تجربے بیان کوٚرمُت مگر امیُک جنسی تہٕ لطیف لہجہِ چھُنہٕ پوٚتس معرفتُک یہِ گوٚب بارو ہترٕ أوِتھ ہیٚکان۔'' (صوفی شأعری جلد اول)۔ امین کأمِل صأبنِس بیانس منز چھُ تضاد۔ گوڈٕنِکِس جملس منز چھُ ونان 'امیُک لیٚکھُت معرفت ونان رحمان چھُ زن گُلی تہرِ پیٚٹھٕ دأرِتھ دِوان، تہٕ دوٚیمِس جملس منز چھُن پانے پانس سٟتی تضاد کوٚرمُت زِ ''اگرچہِ شاعرن چھُ یہِ اکھ روحأنی تجربے بیان کوٚرمُت مگر امیُک جنسی تہٕ لطیف لہجہِ چھُنہٕ پوٚتس معرفتُک گوٚب بار وہترٕ أوِتھ ہیٚکان، کأمِل صأبنِس کجرس تہٕ تضادس چھُ رحمان راہی پننہٕ نِس 'شش رنگ: اکھ مولانکون'' عنوانہٕ مقالس منز پننہِ منطقی دلیلہِ سٟتی ردٕ کٔرِتھ مذکوٗرٕ

نظمہِ پٮ۪ٹھ مدلل بحث کران۔

کأمل صأبن بیان ردکران نظمہِ ہٕندِس موضوعی مزازس تہٕ نظمہِ ہٕندِس کلہم وجوٗدس وٕون دِتھ ہٮ۪کہِ نہٕ شاید کأنہہ سخن شناس نقاد رحمان راہی سٕندِس جوابس سٟتۍ اختلاف کٔرِتھ۔ بقولِ رحمٰن راہی ''تس (کامل) چھُ سرسری مطالعہٕ چہِ بأنبرِ منز کُلہِ پٮ۪ٹھۍ وٕسی پٮ۪نگ بَل گوٚمُت' .......یہِ اندیشہِ چھُ ممکن زِ کأمل صأبس آسہِ نہٕ جنس تہٕ معرفتس دوشوٕنی منزا کی آنہٕ برابری یوان تِکیا زِ صوفیانہٕ شأعری پٮ۪ٹھ تبصرٕ کرن والین گژھہِ ضرور باس لگُن زِ جنس چھُ پتہٕ وتہٕ معرفتہٕ چہِ باوٕ ژہُنڈ اکھ سبٹھہٕ ہے بلکہِ کینژن صورژن منزا کھ بنیأدی میڈیم یعنے وسیلہٕ روٗ دمُت۔' (کہوٹ)، یہِ پزر چھُ عیاں زِ رحمان راہی چھُ گوڈنچہِ لٹہِ شش رنگ نظمہِ ہٕند ٚن تخلیقی گوشن تہٕ لسأنی نزاکژن تام واتنچ سنجیدٕ کوٗشش کران۔ اما پوٚ زِ رحمان راہی یس تہِ چھُنہٕ شش رنگ نظمہِ ہٕندِس مرکزی شعری کردارس تام واتنُک حسبس پیوٚ ان، یُس جنسی اظہارُک جمال پراوان پراوان معرفت کٮ۪ن اسرأرٕ رموزن ہُند جلال سران سران پننہٕ نٮ۪ن روحأنی پڑاون ہُند عرفان چھاوان چھُ تہٕ نہ چھُ راہی صأبس نظمہِ ہٕندس حسین لِسأنی اظہارس، تمہِ اظہارٕکس برجستہٕ تخلیقی ورتاوس تہٕ تخلیقی ورتاوکٮ۪ن معنوی امکاناتن کُن ظون گوٚمُت تا کہِ شش رنگ نظمہِ ہٕندِ موضوعی، لسأنی تہٕ تخلیقی وو پزاوُک میُل کرِ ہے تہٕ ہٕندِس (راہی) تنقیدی تبصرس منز پننہِ تخلیقی عروجُک اعلان۔ تِکیا زِ شش رنگ چھُنہٕ فقط پننہٕ نِس تخلیق کار رحمان ڈار سُنڈ بلکہِ کلہم کأشرِ صوفی شأعری ہُنڈ تخلیقی معراج۔

''شش رنگ''، نظم چھے شێن بندن پیٹھ مشتمل۔ پرٛتھ بند چھُ أٹھن مصرعن ہُنٛد تہٕ أٹھن مصرعہٕ والێن یمن شێن بندن چھُ مصرعن ہُنٛد تعدادارتاٲجی۔ یمن ارتاٲجی مصرعن منز چھِ ارتاٲجی نیبری قاۓفیہ تہٕ یمن نیبری قاۓفین ہم آواز، ہم وزن تہٕ ہم آہنگ چھ، ۲۴ أندری قاۓفیہ ورتاونہٕ آمتی۔ یمن قاۓفین ہُنٛد ورتاو چھُنہٕ محض خوبصورت، معنہِ سود تہٕ برمحل بلکہِ کلہم کاشُر شاعری منز مختلف تہٕ منفرد دیُس پُرٛی پأٹھی رحمان ڈارنہٕ زبان داۓنی، شعرٕ ہونرٕ تہٕ تخلیقی جوہرُک اقرار کرناوان چھُ۔ امہِ برجستہٕ لِساۓنی ورتاوٕ ستی چھُ رحمان ڈارلفظہٕ خزانُک کُنزٕ بردار باسان۔ لفظن ہندِ تخلیقی ورتاوُک چھُس دسگاہ تہٕ شاعرانہٕ ہونر چھُس بدس۔ رحمان راہی سُنٛد یہٕ جملہٕ چھُ امہِ پزرُک دلیل ''اتھ نظمہِ منز چھُ رحمان ڈارنہٕ نظرٕ، دِلس تہٕ ہونرٕ ترٛیشوٕنی تخلیقی میُل گوٚمُت۔'' (کھوٹ)۔ یمن قاۓفین ہُنٛد ورتاو چھُ کلہم کاشُرٕ شاعری منزاوٕ کنی تہٕ منفرد تہٕ بےٚ مثال زِ گوڈنکہِ بندٕ کێن أٹھن مصرعن منز چھُ قاۓفیہ (د+ن) 'دن' ورتاونہٕ آمُت۔ مثلان لادن، وِدن، دادن، مادن، نادن، قصدن تہٕ سادن تہٕ یمنے ہم آواز قاۓفین مقابلہٕ چھِ آدن تہٕ مدن ہِوی أندری قاۓفیہ۔ دوٚیمہِ بندٕ کێن أٹھن مصرعن منز چھُ (و+ن) 'ون' یعنے 'ناون، چھاون، ہاون، تاون، وتراون، باون، تراون، تہٕ مُژراون قاۓفیہ۔ یمنے ہم وزن قاۓفین ہِوی چھِ یاون تہٕ ملہٕ ون ہِوی أندری قاۓفیہ۔ ترٛیمہِ بندٕ کێن أٹھن مصرعن منز چھُ (پ+ن) 'پن' یعنے دپن، ژاپن، سپن، وپن، پاپن، تہٕ پن، نیبری قاۓفیہ تہٕ یمنے ہم وزن قاۓفین مقابلہٕ چھِ وپن، دپن، پہٕی پن، ہِوی أندری قاۓفیہ ورتاونہٕ آمتی۔ تِتھے کنی چھِ ژوٗری مس بندس منز (ک+ن)

’کن‘.......پۄنژِمس بندس منز ( م+ن ) ’من‘ تہٕ شیٚیمس بندس منز ( ت+ن ) ’تن‘ ہِوٚن حسین تہٕ معنہِ پرور قاۓفین ہُنٛد ورتاو نظمہِ ہٕندِس ہیتی آ کارس تہٕ لِسانٛی کیٚو فنی اظہارس وقار بخشان۔ قاۓفین ہُنٛد حُسن تہٕ ورتاون وَل چُھ یہِ زِ ( د+ن ) واۓلِس بندس منز چُھنہٕ کُنہِ مصرعس منز کن تہٕ ( ت+ن ) تن واۓلِس بندس منز چُھنہٕ کُنہِ مصرعس منز پن قاۓفیہ ورتاونہٕ آمُت۔ حالانکہِ دن، ون، پن، کن، من، تہٕ تن، لفظ چھِ ہم آواز، ہم وزن تہٕ ہم آہنگ، اما پوٚز رحمان ڈار چُھ شعوری طور پنہٕ نِٕن ووستادانہٕ صلاحیژن کاٚم ہیٚتھ پرٛتھ بندس منز ہم اچھر آوازن قاۓفیہ گران تہٕ یہِ حُسن کاٲری چھےٚ امی انمانہٕ اٚہندٮ۪ن اٚندری قاۓفین منز تہِ عیان۔ نتہٕ ہیٚکو کھ دن، ون، پن، کن، تن، بیترِ اٚکِس بندس منز بطور قاۓفیہ ورتاۓوِتھ تہٕ تی چُھ پرانہِ، نوِ کیٚو جدید شاۓعری منز تہِ سپُدمُت، یٚیمہِ سٟتی یہِ پرٛزرٹا کارٕ سپدان چُھ زِ رحمان ڈار چُھ تخلیقی شعورُک حسہٕ بیدار شاۓعر یُس زاۓنِتھ اوس زِ زبان چھنہٕ قفط شعرُک بنیاۓدی وسیلہٕ بلکہِ شعرٕ زبانٕے چھےٚ شعرٕچ اعلیٰ پرٛزنتھ تہٕ عظمت۔ یوٚہے چُھ وجہ زِ رحمان ڈار چُھ کُنہِ کُنہِ شش رنگ نظمہِ منز یٚمن قاۓفین ہٕندِس ورتاوس منز پٕژن ٹِکساۓلی لہجہِ منساۓوِتھ اسلاۓم آباۓدی لہجہِ تہِ ورتاوان یعنے دپان بدلہٕ دپن، وپان بدلہٕ وپن تہٕ پکان بدلہٕ پکن بیترِ بیاکھ توجہ طلب کتھ یہِ زِ نظمہِ ہُنٛد کاٚنہہ قاۓفیہ چُھنہٕ بے محل تہٕ بےٚ معنہِ یُس محض شعرُک وزن ڈنجہِ تھاونہٕ موکھہِ یا آہنگ رچھنہٕ موکھہِ ورتاونہٕ آمُت آسہِ۔ یٚیلہِ زن بیشتر کاٲشرِ صوفی شاۓعری منز قاۓفیہ یا قاۓفیہ ردیف بے معنہِ تہٕ بے محل باسان چھِ۔ امہِ اعتبارٕ چُھ مذکوٗرٕ نظمہِ ہٕندِس کلہم لِسانٛی ورتاوٕکس

تخیلی کیٛو تخلیقی پوٚت منظرس منز نظمہِ ہُنٛد یہِ مصرعہٕ شاعرٕ سٕندِ تخلیقی شعورُک ترجمان .......... بوزن تگہِ بوزکن .......... ''شش رنگ'' نظمہِ ہُنٛد یوٗ ہے حسین لسأنی اظہار چُھ امین کامل صابس تہِ ووٚلسنس انان۔'' یہِ نظم چھےٚ حسین اظہارٕ چ اکھ سو اعلیٰ نمونہٕ یوٗ سہٕ ہمیشہِ باقٕے روزِ۔ اچھ روأنی، زنانہٕ زبان تہٕ جذبأتی لہجہِ چُھ انسانس أکِس بدلٕے عالمس منز واتناوان۔ (صوفی شأعری)

شش رنگ نظمہِ ہُنٛد کلہم لِسأنی آکارُک جنسی لہجہِ چُھ اتھ نظمہِ حسن تہٕ معنہِ ساوبٕر عطا کران۔ حسن اوِ کنہٕ زِنسوأنی لہجک جذبأتی تہٕ رٕسیُل اظہار چُھ انسان سٕندٕن جذباتن تہٕ احساساتن جمالیأتی تسکین بخشان رودمُت تہٕ معنہِ ساوبٕر اوِ کنہٕ زِ یہِ نِسوأنی اظہار چُھ ژِ کہِ روحأنی تجرُک علامتی تہٕ استعارأتی آکاریُس شعرٕ تجربہٕ کٔبن پاسل معنوی امکاناتن ہنز گنجأیش پأدٕ کران چُھ۔ دوٚیم یہِ زِ شعرٕ تجربہٕ چُھ ژِ کہِ اکھ تصور تہٕ تمہِ تصورُک ژٕینن احساس۔ بقولِ شمس فقیرٕ:

سجودس منز مےٚ ڈیوٗ ٹھُم موجود شہود گوم گُم

سُہ سِر موجوٗ درودُم چھِنا تتھ جامہٕ نألی

گوٗ ویُس سِر شمس فقیرُ وُ چھان ژینان چُھ، تتھ چُھنہٕ کأنہہ ٹھوس کاے زِ جامہٕ آسہِ پٕرتھ تہٕ خاکہٕ بنأوِتھ بناوِ وتمیُک آکار۔ بقولِ علامہ اقبالؒ:

کبھی اے حقیقت منتظر نظر آلباسِ مجاز میں

کہ ہزاروں سجدے تڑپ رہے ہیں میری جبین نیاز میں

یہِ چُھ اکہِ تصورُک ژٕینن احساس تہٕ سُہ احساس باوتُک واحِد وسیلہٕ چھےٚ

زبان۔ ووٚنی ییٚلہِ احساس تجربہٕ بنأوِتھ پیش کرُن آسہِ، تیٚلہِ چُھ تجربس منز ڈرامأیی صورت حال ووتلان یتھ منز کردار، کردارسُنٛد ا ٚوندپوٚک، مکالمہٕ، منظر تہٕ منظرن ہُنٛد تصویری عمل لأزمی چُھ۔ پیٚتھ ییٚلہِ تجربہٕ روحأنی آسہِ ییٚمیُک لُبِ لباب جزس تہٕ کُلس (بندس تہٕ خدایس) درمیان میُل پراون وول اشتیاق چُھ۔ تیٚلہِ چُھ اشتیاق اضطرابُک عمل تہٕ یہِ عمل ڈرامأیی صورت حالس منز پیش کرُن تہٕ ڈرامأیی صورت حالس منز ووتلن وول کردار معروضی پیکرن تہٕ شبیہن منز باون یا پیش کرُن چُھ لأزمی کتھا یا اکھ فطری صورت۔ اظہارٕچ یہأے مجبوری چھےٚ اسرأری رموزن مجأزی صورت دیاوان تہٕ مجأزی لولک بنیأدی مرکز چُھ اٚندٕ وندٕ پیٚٹھے نسوأنی کردارٕ ے روٗ دمُت تہٕ شأعری منز چُھ یوٗہے نسوأنی کردار نسوأنی لہجہ، مزازٕ تہٕ آہنگ پراوان۔ یہِ خصوصیت چھےٚ کأشرِ صوفی شأعرِی منز مشترک بلکہِ ونوزِ یوٗہے نسوأنی کردار چُھ سانہِ کلہم اسرأری کیٚوٗ سِری شأعری ہُنٛد مرکزی شعری کردار۔ تِکیازِ کلہم سِری کیٚوٗ صوفی شأعری ہُنٛد مرکزی موضوع چُھ لول (عشقِ اِلٰہی) تہٕ لولس منز میُل پراون وأ ِلس اشتیاقس منز چھِ عاشق تہٕ معشوق ہِندی کردار لأزمی ییٚتہِ معشوق بہرحال بالافطری چُھ یعنے خداے تہٕ خداے چُھ پزٕتھ حالہٕ مذکر تہٕ مذکر معشوق سُند عاشق مونث آسن چُھ اکھ فطری عمل تہٕ یوٗہے فطری عمل چُھ زمینی معشوق ہِندِس نِسوأنی لہجس حُسن تہٕ معنہِ ساوٕر بخشان۔ عاشق تہٕ معشوق ہِندِس میُل پراون وأ ِلس اٚتھی اسرأری تجربس چھےٚ لل دیدٕ معروفی شبیہن منز مجأزی جامہٕ وٕلِتھ پرن وأ ِلس دیدن صورت حال انان تہٕ باغس منز شوتہٕ شکتی ہُنٛد مِیُل

سپد ٹک بصری پیکر تہٕ تمہِ بصری پیکرُک ڈرامأیِ عمل گَس وُچھن وأٹس تنبلا ونہٕ دِل تہٕ للہِ ہِندی پأٹھی ژلبس اُسہٕ واہٕ ہِر تھ۔

لل بہٕ ژایس سۄ منہٕ باغہٕ برس
وُچھم شِوس شکتھ مِیلِتھ تہٕ واہ

شش رنگ نظمہِ ہِندِ آخری بندُک شیٖم مصرعہٕ:

ستن زرمن مےٚ چُھ ورتن تے
وصل چُھ ہر ساتن

تہٕ چُھ ژ کہِ میُل پراون والہِ امے اسرأری تجربُک شعرِ اظہارٕ یُس امین کامل صأبنس تتھ وتاؤلی بیانس جواب چُھ یُس نظمہِ ہِندس اُتھی آخری بندس متعلق دِنہٕ آمت چُھ۔نظمہِ ہُند جنسی لہجہٕ چُھنہٕ پوٚتس معرفتُک گوٚب باروتر اُوِتھ ہیٚکان، یاٚ امیُک لیکھت چُھ کُلی تیہِر پیٚٹھٕ دأرِتھ دِوان (صوفی شأعری)۔امہِ قبیلہٕ چہِ کلہم صوفی شأعری منز چُھ کلہم انسأنی زندگی ہُند ازلی دوکھ دود ذأتی دوکھ دود بنأوِتھ پیش کرنہٕ آمُت، یعنے آدم سُند ازلی وبداکھ چُھ فردٕ سُند ذأتی وبداکھ بنِتھ اظہارلبان۔فردٕ سِندس اتھ ذأتی وبداکھس منز چُھ دراصل کلہم انسأنی صورت حال جلوٕ گرسپدان، یٚیتہِ کاینا تُک ذرٕ ذرٕ فریأد بنِتھ پننہِ وجوٗدُک تکمیل گاران چُھ۔یوٚہے گوٚو اسرارٕبن ہِنز اصطلأحی زبأنی منز کُلِس نِشہِ ژھنہٕ گژھتھ جزُک کرب تہٕ تمہِ کربناک صورت حالُک وبداکھ یُس شعری کردار سِنز زیوٚ بعضے فریاد تہٕ بعضے احتجاج بنِتھ اظہار پراوان چُھ۔ بامے سہٕ مرزا غالب سِنز زیوٚ آدم سِندِ امی کربناک

صورت حالکُ فریادأسی تن یا علامہِ اقبالؒ سنزِ زبوٖ تمہِ صورت حالکُ احتجاج یا رحمان ڈارنہِ زبوٖ کاینا تک کہِ ذرٕ ک ذرٕ ک فریأدٕ احتجاج احساسُک ہم زبان وبڈ اکھ:

یہِ دود نرن مان تے
چھِ گرٛہان برأنتھ نادن

کاینات کہِ ذرٕ ک ذرٕ ک گُلس ستیٚ میُل پراونٕک اشتیاق چُھنہِ کأنسہِ زمینی یاون مژٕ ہندِ لولُک کرب یُس پننہِ نس یارس ستیٚ میُل پراونٕک ہاوس آسہِ۔ بقولِ رحمان ڈار پننہِ نس آگرس ستیٚ وصل پراونٕک یہِ دود چُھ پرٛتھ نرس تہٕ مادس یعنے کاینات کِس ذرس ذرس یم بقولِ غالبؔ 'کاکدٕ پھِرن' لأ گتھ فریأدٕ بُنتھ پننہِ اصلکو طلبگار چھِ۔ گویا نظمہِ ہندس گوڈنکو ہے بندس منز وتلن وول شعری کردار چُھ پنٕن ذأتی غم بأوتھ ژکہِ کلہم انسأنی زندگی ہُند ازلی غم باوان یُس مجأزی صورت پرأوِتھ ژکہِ اسرأرٕ صورت حالکُ ترجمان چُھ۔ نظمہِ ہُندیوٕ ہے شعری کردار چُھ وصل پراوٕنکہِ مارٕ متہِ بعضے وولساوان، ووشلاوان تہٕ بعضے تنبلاوان مُرٛراوان۔ یُس سانہِ کُلہم صوفی شأعری ہندِس رِوایتی پوٚت منظرس منز نسوأنی انہار آ کار پرأوِتھ پننہِ نس معشوقس ستیٚ وصل پراوٕنکہِ امارٕ پننہِ انتظارُک تہٕ اضطرابُک حال باوان چُھ:

آدنہٕ یِکھنا چھُم لادن تے سر ہو وندے پادن
مدنہٕ أسِم چأنی وِدن تے از وات تم دادن
یہِ دود نرن مادن تے چھُم گرٛہان برأنتھ نادن
مےٚ دِہن چھپرِ یو چانہِ قصدن تے ملہٕ بابن سادن

شعری کردار سُنٛد راون تیٚول تہٕ پژاون دگ چھےٚ بظاہر اَکِس بربگہٕ چھٔنٛد ریمژِ مسولہٕ ہُنٛد موزوٗن استعارٕ تہٕ یوٗ ہے استعاراتی عمل چُھ نظمہٕ ہنٛد ہن مختلف معنوی امکاناتن روشن کران ۔ دراصل چھےٚ نظمہٕ ہنز لِسانی صورت تیٚژ برجستہٕ، برمحل تہٕ معنہٕ پرور زِ نظمہٕ ہُنٛد ہیتی وجوٗد چُھ تجربک عمل بٔنِتھ ڈرامائی صورت پراوان ۔ییٚتہٕ باوکھ کردار یعنے عاشق پننہٕ نِس بوزکھ کردارس یعنے معشوقس ستۍ وصل پژاو نِکہٕ مارٕ متہٕ پننہٕ لولہٕ مژ رُک حال باوان چُھ ۔ گہے چُھس نادن ہِندی برأنتۍ گرٛژھتھ پادن سرآلوٚنٛک امار وولساوان تہٕ گہے چُھس سادن تہٕ پیرن دامانہٕ رٹنٛک تہٕ آستانن دشہٕ گنٛڈنٛک اشتیاق گنان ۔ اکہٕ پاسہٕ وعدن وفا کرنٛک امار تہٕ بیٚکہٕ پاسہٕ دادن واتنٛک ہاوس ۔ یُس تس پننہٕ نِس آدن بوج سنز جدأیی منز اَکِس بربگہٕ آمژ یاون مژِ ہِندی پأٹھی وبدا کھ دیاوان چُھ :

مدنہٕ أسہٕ جأنٛز وِدن تے   از واتِتھ دادن
مےٚ دِہن چھیر یو چانہٕ قصدن تے   ملہٕ بابن سادن

بربگہٕ آمژ یاون مٔژ چھےٚ ووٗنی پننہٕ نِس آدن یارس ستۍ ہاوس چھاونہٕ پُٹِۍ تن ناوان تہٕ جامہٕ پأران ۔ زٕنتہٕ حبہٕ خوتون شاہ یوسفس زارونان تہٕ عارانان :

تن چھُس ناوان جامہٕ چھُس پأران
ہاوان چھُس نا جأنٛز درِ ے

یارحمان ڈارنہٕ زیٚوٕ :

یا ونہٕ أٚسس تن ناون تے ہاوس ژُھنہٕ چھاون
کیا ونہٕ ٚکتھ گٔے اتھٕ ہاون تے یہٕ ژُھ دنیا تاون
یہٕ چھُس نہٕ وہراون تے لُکھ چھِم مُژرا ون
ملہٕ ون چھِے مےٚ تہٕ تس کتھ گراون تے تس چھنہٕ کأنہہ تہٕ باون

اماپۆز زٚستی چھُس یہِ خوف تہٕ گنان زِزأنہہ کأڈ نیریا تہٕ مےٚ تس آدن یارس ٚستی وصل پراونٕک شرتہٕ سٔدرس لگہٕ ما تار۔ بقولِ لل:

کتہٕ بوزِ دےمیون مےٚ تہٕ دِیہٕ تار

اماامہِ خوفُل احساسُک گۆب بار ٚکتھٕ ہیٚکہِ یہٕ چھٔندریمٕژ تہٕ برٕ گأمٕژ مسول وہرأ وِتھ۔ بقولِ غالب:

بوجھ وہ سر سے گرا ہے کہ اٹھائے نہ اٹھے

تہٕ بقولِ شیخ العالمؒ:

بارٕ گوم گۆب تہٕ تراوِ کس

بار ہے بار تراوِ تہٕ تراوِ کس، نہ چھُس کأنہہ ٹُلن وول تہٕ نہ چھُس تس تام کأنہہ شُچھ پأغام واتناون وول سر راہ پیٚومُت تھوٚ کمُت تہٕ ژھیٚومُت مسافر۔ بےبس تہٕ لاچار زنتہٕ پنجرس منز جاناوار قأد۔

اماپۆز بےکسی تہٕ بےبسی ہندِس اتھ صورت حالس منز چھُ تس پننِس آدن بوج معشوق ہندِ آدن کالُک سُہ وعدٕ یاد پیٚوان زِ اسہِ دٔون (خالق تہٕ مخلوق) چھےٚ ازلی مِلہٕ ون تہٕ بأج وٕٹھ۔ أسی چھِ اکی وجوٗدٕکی زٕ پاس تہٕ یمن دٔون پاسن ہُنٛد اتم منزل

چھا کھأ کِس منز جذب گژھتھ کُن سپدُن ۔ یہ ہے گو وجزس کلس ستۍ یاونو فطرتس
سۍ درس ستۍ وصل پراونک عمل ۔ بقولِ محمود گامی:

تمثیل آدم پڑ ژھوم حُبابس
رنڈ چھکھ زنڈ بس آبس ستۍ

یعنے سۍ درس ستۍ میُل پراونُے چھےٚ فطرتس حیاتی تہٕ امی حیاتی ہُند احساس چھُ تس
جُدأیی ہند نار شیٚہلا وان تہٕ رُم رُم لطیف بناوان۔

مِلہٕ ون چھےٚ مےٚ تس کتھ تراون تے      لُکھ چھِم مُژ راون

مگر یتھ پزرس تہٕ کیاہ کُرِ زِامہِ حیاتی ہُند لطیف احساس چھُ ژکہِ میُل
پراون والہِ مُنزلُک انتم پڑاو تہٕ اتھ انتم پڑاوس تام واتان واتان کیاہ کرِ سو جدأیی
ہِندِس تتہ کربناک صورت حالس ییٚمیک زَر زٔ رِتھ تہٕ تس لُکہٕ پامن ہُند ورشن
جامہٕ ژٹنس واتناوان چھُ۔ زنتہٕ محمود گامی ہنزِ زیوِ پیٹھ وبدا کھ:

سو نہٕ چھِم پامہٕ دِوان      کامہٕ دِوو جاناوارو

نتہٕ رحمان ڈارنہِ زیوِ پیٹھ ہیوٗ گٔدرن حال:

وپن چُھس نہٕ میون لُکھ کیاہ دپن تے      تنہٕ چھس زہر ژاپن
دپن اُس سس میونے سپن نے      منز پیأم دلال دپن
کھوژان چھنہٕ پاپن تے      زأجنس عشقہٕ تاپن
پُہر پن وأ جنس لأ جنس ژھپن تے      گری ہس تعویزٕ پن

قطرس سٔدرس نشہِ جُدا سپدُنک اندیشہِ تہٕ واپس رلنُک اشتیاق چھا کھ تیتھ ڈرامأیی

آ کار پراوان زِ پرن وول چُھ زنتہٕ یمن دوٕن شعری کردارن ہُنٛد حال دِیہ مان سران۔ موزون لِسأنی ورتاوٕک یہ ہے رومان پرور اظہار چُھ نظمہِ ہٕندِس اسرأ ری مزازس موأفِق ماحول عطا کٔرِتھ فطری بناوان تہٕ اِنسأنی صورت حالس نکھہٕ أنِتھ نظمہِ ہٕندِ ین معنوی امکاناتن پاسل آ کارانہار بخشان۔ قطرُک اندیشہِ تہٕ اشتیاق چُھ أمی سِہ مجأزی کردارٕ سنٛزِ زیٖوِ فطری اظہار پرأ وِتھ لِسأنی صورت حالس نکھہٕ یوان۔

کٔری ہس تعویذ پن



منزٕ پیأم دِلل دُپن



یہ ہے بظأہِر مجأزی کردار چُھ أکِس چھٔند ریمزِ یاون مزِ ہُنٛد آ کار پرأ وِتھ پننہِ لولُک ہول باوان۔ تس چھےٚ پننہِ نِس آدمی بوج یارٕ سنٛز واتن آش تہٕ توے چھےٚ دورٕ کن ألرأ وِتھ وٕسن داسن تھٕکان۔ گچھِ گُٹھن فرش وفروش کران تہٕ وتن موٚختہٕ چھکان۔ گٔہے روتلہِ نیٖرِتھ تسُنٛد بے پتاہ تارکن پرٛ ژھان تہٕ گٔہے بازرِ نیٖرِتھ مارٕ کن ژھانڈان۔

تھکِن أسس مخلوقن تے بأٔلی ہے وأٔلی دوٗرٕ کن
روٗقن وتھر یوم تھاو یوم کن تے یوٗری ما آسم پکن
وتن موٚختہٕ أسس چھکن تے بوزُن تگہِ بو ز کن
تارٕ کن ژھانجوم منز مارکن سوٚنہٕ آسم شانکن

یوٚ ہے گوو آدم سُنٛد ازلی احساس یُس ظہور پراونہٕ وِزِلس اشرف المخلوقات لقب پرأوِتھ محسوس سپُد تہٕ تِسندِ امی عظمتکہِ احساسُک لِسآنی اظہار چُھ:

تھکہِٕن اَسس مخلوقن تے    بأڑی ہے وأڑی دوٗرِ کن

اما پوٚز ژتھ ازلی دأدِس تہِ کیاہ گٔری زِ یُس آدمس یہِ لقب پراونہٕ باوجوٗد جنتہٕ منٛزٕ نیرنہٕ پتے پٔترُن تہٕ وترُن پیوٚو تہٕ جُدأیی پتہٕ چُھس فقط وصل پراونُک مارٕموٚت کل کڈان تہٕ المن کھالان۔

دپس تنہِ مُژر جامن تے
تتھ چُھم نہٕ روے سمن

ووٚنی گوو مشرقی اقدارن ہندِس پوٚت منظرس تحت چُھ مجأزی لولس تہِ حیا پروری ہُند احساس پاکیزٕ خوے بخشان۔

تتھ چُھم نہٕ روے سمان

اما پوٚز حیا پروری ہندِس اتھ احساسس تہِ چُھ پس پردٕ سُے ازلی آدمی وبدا کھ یُس فریادس منٛز احتجاج تہٕ احتجاجس منٛز فریاد بٔنِتھ کلہم آفأقی شأعری منٛز باوتھ پراون روٗد:

کیاہ    لیوٚکھم    قلمن

یہِ چُھ ژکہِ قطرُک فریادیَس پننہِ آدن کالے سٔدرس نِشہِ جُدا گٔژھتھ کریشُن نصیب سپُد۔ یہِ کریشن دگ چھےٚ تمہِ وِزِ احتجأجی صورت پراوان ییٚلہِ تس پننہٕ نِس آگرس ستی واپس رلنُک ہاوس تہٕ امار تنبلاوان، مُژراوان تہٕ وولساوان چُھ:

ہارِ دل نیؤم طوطن تے وارٕ وُچھہن صورتن

جہتن مأرنس موے آم چھتن تے وُنہِ چُھم زاگان ہتن

اماپوٚ زقطرک یہِ اضطرأبی عمل چھِ تمہِ وِزِاند وأتتھ دِلپذر بنان ییٚلہِ سُہ سٔدرس ستۍ رٔلتھ وصلُک عرفان پراوان چُھ۔ یہِ عجب صورت حال ژٕینتھ ژر ژِتھ چُھ رحمٰن دار حأرتن پیوٚان تہٕ تسنز تخلیقی آگہی تہٕ تخلیقی جوہرس میٖل سپدِتھ چُھ ششِ رنگ ہیوٚ اعلیٰ شاہکار تھنہٕ پیوٚان۔

حأرتن چُھ رحمان وٚول معرفتن تے

ششِ رنگ وٚ وُنن دفعتن

زان

ششِ رنگ چھِ کلہم کأشرِس ادبی توأرتخس منز اکھ شاہکارٕ ماننہٕ یِوان۔ ہیتی اعتبارٕ چھےٚ یہِ نظم اکھ نوٚ و تجربہٕ ییٚمیُک پرٛتھ کأنہہ بندأٹھن مصرعن پیٹھ مشتمل چُھ ہم آواز، ہم وزن تہٕ ہم آہنگ قأفیہ۔ کینٛہہ نقاد چھِ اتھ نظمہِ مجأزی تجربہٕ تہٕ کینٛہہ حقیقی روحأنی تجربہٕ مانان۔ نظمہِ منز چھ،زٕ کردار ورتاونہٕ آمتۍ باوکھ تہٕ بوزکھ۔ نظمہِ ہٕنز زبان چھِ رحمان ڈارنہِ زبان دأنی تہٕ لِسأنی اظہار کہِ تخلیقی ورتاوُک نوٚن نیب۔

شادرمضان (1965 ء آرپورہ کولگام) شأعر، نقاد، محقق تہٕ ترجمہٕ کار۔

کأشرِس منز ایم اے تہٕ پی ایچ ڈی کرنہٕ پتہٕ سپُد کشمیر یونیورسٹی ہِندِس کأشرِس شعبس منز بحیثیتِ ووستاد تعینات تہٕ از چھِ امی شعبکی سربراہ۔ یہنزٕ وارِیاہ کتابہٕ چھےٚ بازرٕ آمٕژ۔ یمن منز ''اتھ ظلماتس لعل کیاہ چھِ تے، سہل چھا معنہِ بوزن، انہارتہٕ عکس، کوٕرِ کاکُد گوم پُشرِتھ'' بیترٕ شأمِل چھےٚ۔ ''انہارتہٕ عکس'' کتابہِ پیٹھ میوٗل یمن 2009 ءیس منز ساہتیہ اکادمی ہُند قومی انعامہِ تہٕ ''کوٕرِ کاکُد گوم پُشرِتھ'' شعرِ سوٚمبرنہِ سپُد یمن 2014 ءیس منز قومی انعامہِ حأصل۔ امہِ علاوٕ چھِ یمن ریاستی سطحس پیٹھ بیٚیہ تہٕ کینٛہہ خلعت تہٕ اعزاز بخشنہٕ آمتی یمن منز ''شاعر مراز، فخرِ مراز، خلعت نور، خلعت موتی لال ساقی، خلعت شاہباز تہٕ کشمیر یونیورسٹی طرفہٕ Citation شأمِل چھےٚ۔ شاد صأب چھُ قومی تہٕ ریاستی سطحس پیٹھ وارِیاہن ادبی تہٕ ثقافتی ادارن سٍتی وابستہٕ۔

لفظ تہٕ معنی

تنبلاون: مۆژراوُن، کأنٛہہ پاگل بناوُن (ورگہِ پأٹھی)، موٚت گژھن۔

کریشن: (کُنہِ چیزٕ باپت) پھیٚہہ پھیٚہ کرُن، کُنہِ چیزٕ چ سخ کل گٔنٛز، کأنٛہہ چیزٕ اتھس منزانہٕ باپتھ بےقرار سپدُن۔

حیاپرور: شرم وحیا پالن وول، غأرت مند۔

گچھِ کُٹھ: سجأوِتھ کمرٕ، لِوتھ ڈُوتھ کمرٕ، دیوان خانہٕ۔

بأج وَٹھ: یکجُت، یکُت، باجُت

پادن سرآلوُن: کھورن پیٚون، زارِ پار کرُن

چھٔندرن: مژرن، پریشان گژھن، ۂرِتھ پیوٗن۔

سوالات:

ا: کُس کاشُر نقاد چُھ ''شش رنگ'' نظمہِ جنسی تجربہٕ ونان تہٕ کیازِ

۲: ''شش رنگ'' چُھ اکھ روحانی تجربہٕ مانٕنہٕ یِوان تہٕ کُمن بنیآذن پیٹھ

۳: تخلیقی اعتبارٕ کم خصوصیٔژ چھےٚ اتھ نظمہِ؟ وضاحت کٔرِو

۴: ''شش رنگ'' چُھ فنی اعتبارٕ اکھ شاہکارٕ تخلیق؟ کیازِ تہٕ کتھٕ کٔنۍ

# یوسف شاہ چک

## اکھ سٹیج ڈرامہ

سوہن لال کول

(پرٕدٕ ووتھِ تہٕ محل خانٕک ہیوٗ منظر ووتلہِ۔ اکہِ دارِ کنہِ ییہِ محل خانٕک نیٚبرِم حصہٕ، گنبد بیترِ اتھِ، محل خانہٕ کِس اَکِس خاص کمرس منزٕ ییٚتہٕ پنجرٕ داریوٕ کنہِ گاش اژان چھُ، یوسف شاہ چک چھُ حبہٕ خوتونہِ ستۍ بہتھ۔ یوسف شاہ چھُ سنتور وایان تہٕ حبہٕ خوتون چھےٚ گیوان۔ بأتھ چھُ.........

مےٚ ہأکری ژےٚ کتی پوشہِ دسہٕ وانے

چھاو میأنی دأنۍ پوش

یہِ چھےٚ منزٕ فیڈ آوٹ سپدان تہٕ نوٚو منظر چھُ محل خانس نیٚبرِ کنہِ ووتلان۔ زٕ سپاہ چھِ روت گشتس۔

سپاہ ا: ژےٚ ماپتاہ یہِ سون بادشاہ کرچھُ شونگان تہٕ کرچھُ ووتھان۔

سپاہ ۲: باسان چھُم ژٕ چھُکھ نوٚوٗے آمُت یور۔

سپاہ ا: آ، بہٕ سوٗزٕ ہس ورمُلہِ پٹھٕ، راتھے یور، اِدٕ راتہٕ پٹھٕ نہٕ چھُم دوہ کُنہِ تہٕ نہ راتھ۔

سپاہ ۲: وُنہِ کیاہ وُچھتھ ژےٚ بابہٕ۔ بروٗنہہ کُن گژھ پکان، سأنی پأٹھی موکلی وتُک حسابے۔ ییٚنہٕ اوہُنٛد بابہٕ جنتی رخصت سپُد تہٕ یہِ سلطان بنیو، تنہٕ ووت یی وُچھان۔ وولہٕ یوٗرۍ ژھایہِ ہُلس کُن۔ (اورٕ یورٕ نظر دِتھ)

کتھ یوٗ دوے نبر نیرِ زنڈِ ماتراون۔

سپاہ ۱ : کیاہ دلیل؟

سپاہ ۲: دلیل چھےٚ کھینز، یہِ سون بادشاہ چھُ بس أمِس آشنہِ پٮ۪ٹھ فِدا۔ راتس دوہس چھُ أمی سےٚ نِش بہان تہٕ أہندِی بیہودِ بأتھ بوزان۔

سپاہ ۱ : بأتھ۔

سپاہ ۲: آ بأتھ۔

سپاہ ۱ : سو چھا کأنٛہہ گیوٗن واجینٛز۔

سپاہ ۲: بوٗ زمُت چھُم سو چھےٚ شأعر۔ چنٛدِ ہارِ چ زوٗن۔ کتھ کتھ نٔے گرٕھم پرأنی خاندارن چھےٚ ترأوِمژ تہٕ سأنی بادشاہن تُلِتھ أنی مژ۔

سپاہ ۱ : توے تہِ چھےٚ أمِس نیٚندِر رگمژ۔ ستی ہیتھ گأژِن اسہِ تہِ۔

سپاہ ۲: یوٗ دوے ژٕ زیادٕ پریشان چھُکھ۔ گژھ کرژٕ آرام۔ بہٕ دِمہٕ کُنے ظون پہرٕ۔

سپاہ ۱ : نہ نہ سو کتھ چھنہٕ۔ یہِ ونتہٕ حض کأنسہِ ہندی فریاد بیترِ چھا بوزان۔

سپاہ ۲: کمہٕ کتھِ چھُکھ میانہِ بایہِ کران۔ یہِ کیاہ بوزِتہٕ کوہُند بوزِ۔ دوہس راتس چھُ بس تارِوایان۔ لُکھ تہِ پریشان تہٕ حأکِم تہِ۔

سپاہ ۱ : حأکمن کیاہ دلیل چھےٚ سپز مژ؟

سپاہ ۲: تِمن ییٚلہِ نہٕ بادشاہس تام واتنٕچ کأنٛہہ وتھے بروٚنٛہہ کنہِ چھےٚ۔ تِموتہِ چھےٚ ہا پتہٕ سنز نیٚندِر ترأوِمژ۔

سپاہ ۱ : توٚ رُم فکرِ، ہش تہِ بڈٕ تہٕ نوش تہِ بڈٕ۔ دیگ ڈٕ زتہٕ والہِ کُس۔

سپاہ۲: (اسان) بالکل چُھ یی گوٚمُت ۔(کوتوال اژان)۔شی ژھوپہٕ۔

کوتوال: کیاہ دلیل،تو ہہ کیا مجمعہ چُھ لوگمُت ۔

سپاہ ۱: کھینز نہٕ کوتوال صأب،بہٕ اوسن یہِ سمجھاوان زِ پہر کتھٕ پأٹھی گژھِ دِیُن،
نوٚ وچُھنا جناب تہٕ ہُشاری کتھ چھِ ونان۔

کوتوال: یوٗ ہے نوٚ وخون چُھ اسہِ ضرورت۔أتھی خونس چُھ جوش تہِ آسان تہٕ
أتھی خونس چھےٚ گربکھ تہِ لگان،خبر کیاہ وٚونے ۔

سپاہ ۱: گربکھ تہِ حض لگان۔

کوتوال: آ،گربکھ،حسبہٕ سان روٗزی زبو،سون بادشاہ سلامت چُھ وُنہِ ہُشارے۔
گسوٗن بوزان۔

سپاہ۲: جناب تُہی مہٕ ہیٚیہِ یوٗ فِکر۔

(کوتوال نیران۔سپاہٕ زِ بیٚیہِ جاے رٹان تہٕ گشت دِوان)

(أتھی منز چھِ کرٛیہِنس لباسس منززن تہٕ چھاپہٕ مار،زمینی پکان،تلوار
أسس منز تھأوِتھ،وارِ وارِ سپاہن کُن ، سپاہن نکھٕ وأتِتھ کھڑا گژھان
تہٕ تلوارِ ستۍ دوٚنوٕنی کھش کران تہٕ پتھر تراوان۔سپاہ نقاب ہٹاوان۔
لوہار چک اژان)

لوہار: (ژرِپوٚپ کُرِتھ)۔سبٹھاہ جان۔سبٹھاہ نفیس میانوٕ چھاپہٕ مارو۔تِتھے
کٕنی چُھ بادشاہ سُندا کھا کھ وفادار قتل کرُن تہٕ یہِ چُھ توٚ تام کران روزُن
یوٚ تام یۍمہِ محل خانکی تمام ژیٚنی کھو کھلہٕ گژھن، پتہ لگہِ نہٕ اتھ وٕسی پہٕنس

کأنہہ تأر۔ بہٕ لوہار چک چُھس ازنہٕ صف رأ ژن یوسف شاہ چکس ستی بغاوتُک اعلان کران۔ سون بادشاہ چُھنہٕ ووٗنی اتھ قأبل روٗ دمُت زِ سُہ کیاہ ہیکہٕ ووٗنی پنٕنز سلطنت سنبھألتھ۔ تس چھےٚ موسیقی تہٕ شأعری دماغس منز دأخل سپٕز مژ تہٕ سیاست چھن بالکل مُشر مژ۔ سون فرض چُھ زِ أسی ہاووتس صحیح وتھ تہٕ سوٚ وَتھ چھےٚ اُخری۔ فی الحال چھےٚ یہٕ کتھ پانسے تانٔ تھاوٕنی۔ لاشہٕ تراوکھ محل خانہٕ نبر۔

(لایٹ گژھان)

(لایٹ یِوان تہٕ دربارُک منظر)

(وزیرٕز اژان)

(وزیر یِوان تہٕ دربارُک منظر)

وزیر ا: بادشاہ سلامت، تُہند اقبال روٗ زِن بلند۔ أسی چھِ تُہندی خأرخواہ۔ توے چھِ ونان، اکھ کتھ چھےٚ صاف زِ یِہے چھےٚ بغاوژ بوٕ یِوان۔

یوسف: بغاوت۔

وزیر ۲: جہاں پناہ بالکل بغاوت، یہٕ ہیکہٕ نہٕ وُنکیس وٕنتھ زِ یہٕ کُس چُھ کران تہٕ اتھ پتہٕ کنہِ کُس چُھ۔ مگر بغاوت چھےٚ صاف درینٹھی گژھان، محل خانس نٚبر کنہِ دٚون سپاہن ہُنٛد بےدردی سان قتل چُھ پرٛتھ کأنہہ کتھ صاف کران۔ یِتھی وأری دات چھِ لگ بھگ ازکل سپدان روزان۔

وزیر ا: جہان پناہ، مےٚ چُھ باسان زِ یُس تُہُنٛد خأرخواہ چُھ، سُہ چُھ یِوان

دھمکاونہٕ نتہٕ وُ ڈاونہٕ۔

وزیر ۲ : جہاں پناہ۔ یہِ کتھ وننہٕ خاطرٕ گژھہٕ جان بخشی سپدٕنی۔

یوسف: محمد بٹ صاف صاف وَن کیاہ چھی ونن۔

وزیر ۲: تُہنز رعایا چھےٚ تو ہہ خلاف۔ تُہندِس سلطنتس منز چُھ پرٛتھ کانہہ پریشان۔ کانہہ تُہنٛد حاے کماہ چُھنہٕ عوام کٔن مسلن سنان۔ ساٚری حاے کَم چھِ دیکھا دیکھی ہتی پننہٕ پننہٕ شغلن ہتی آوٕری۔

یوسف: ہاہاہاہا۔ دیکھا دیکھی منز، محمد بٹ تُہنٛد اشارٕ سمجھ مےٚ۔ مگر یہٕ چُھس نہٕ قطعی دیکھا دیکھی کران۔ بلکہِ چُھس یڑھان زِ لُکھ سمجھن مےٚ سچ زبان تہٕ بَس ورتاون پوٚ زلول اکھاٚ کَس ہتی، یُتھ نہٕ حاے کمن ہُنٛد ضرور تھےٚ پیٚیہٕ۔

وزیر ۲ : جہاں پناہ یہِ چھےٚ تُہنٛدِ ذہنٕچ وُسعت تہٕ تُہنٛدِ بابرکت شخصیتُک بجر۔ یُس تو ہہ واقعی یتھٕ کنٛی سوچناوان چُھ۔ مگر جہاں پناہ تو ہہ چھاباسان زِ تُہنز رعایا چھایہِ سوٗنچ پاناوونہٕ خاطرٕ تیار۔ قطعی نہٕ۔ تِمن چھِ لوٗکٹ موٗکٹ مسلہٕ تہٕ تِم چھِ یڑھان تُہندی حاے کم کرن تِم لوٗکٹ مسلہٕ حل۔ مگر سپدٕ آنی چھنہٕ کینٛہہ۔

وزیر ا: تُہِ کُریوٗ کھیم سارے حاے کمِ برخاس۔ جہاں پناہ۔

یوسف: یتھ گرس منز زِ یُتھے بغاوتُک علم پرناوان آسہِ۔ تتھ گرس چُھ یو ہے حال آسان۔ مےٚ چھےٚ پے بغاوت کُس چُھ کران۔ تہٕ تِس پتہٕ کُس چُھ۔ تو تہِ چُھس یہٕ تُہنٛد شکرگذار زِ تو ہہ چُھ سلطنتُک یوٗت خیال تہٕ سارِوے

کھوتہٕ میون خیال ۔ بہٕ وَنوتو ہہ از دلچسپ کتھ ، مےٚ چُھنہٕ یٔیمہٕ تختُک ، یٔیمہٕ شوکتُک ، یٔیمہ زندگیہ ہُنٛد کانٛہہ تہٕ شوق ۔ بہٕ چُھس نہٕ پانس بادشاہ ونان نہ چُھم یہ خوش کران زِ کانٛہہ ونہٕ مےٚ سلطان ۔ یہٕ تخت چُھ مےٚ بس اکہٕ مجبوری ہٕکٕنز رۄٹمُت ۔

وزیر ۲ : مجبوری، عالم پناہ۔

یوسف: آ ۔محمد بٹ ۔مجبوری ۔مےٚ چُھ بس اکھ خاب زِ میأنۍ یہ کٔشیر گژھِ تا ابد آبادروزٕنۍ ، صحیح تہٕ سألم روزٕنۍ ۔کأنسہٕ نٔیبرِمس سُنٛد سایہ گژھِ نہٕ یتھ پیٹھ پیٚون ۔کانٛہہ دشمن گژھِ نہٕ یتھ سانہٕ بُترٲژ منز دأخل سپدُن ۔پتہٕ بہٕ بادشاہ آسہٕ، بیٚیہ کانٛہہ آسہ تمہٕ ستۍ چھنہٕ کانٛہہ فرق پیوان تہٕ خاصکٔرتھ چھنہٕ مےٚ پیوان ۔محمد بٹہٕ مابہٕ دولت چُھ شأعر تہٕ شأعرٕ سُنٛد دِل چُھم یتھ چھاتہٕ منز۔سٮ۪ٹھاہ حساس تہٕ سٮ۪ٹھاہ کمزور دِل۔سلطنتٕکۍ مسلہٕ چھِ مےٚ پریشان کران ۔میانہِن لکن ہٕندۍ خاب تہٕنٛزٕ پریشأنیہ ، تہٕندۍ تکلیف چھم پٕنٛز باسان مگر مےٚ چھنہٕ تران فِکرٕ زِ سلطنتکۍ حأکم کیا زِ چھنہٕ یٔمن کتھن سنان، مگر وزیر اعظم محمد بہکی ۔

محمد بہکی ، ہاہاہاہا۔۔۔ بادشاہ بناون وول شخص، تختہٕ الٹاون وول شخص ۔محمد بہکی میون وزیر اعظم ۔

وزیر ا : جہان پناہ، سُے چُھ ۔

یوسف: نہٕ ژٕ کرکھ نہٕ تس خلاف کانٛہہ کتھ ، سُہ چُھ زِ یٹھ ، احترامس قأبل ۔تس

سۆ زِومیون پیغام، دپیوس بہٕ چُھس شام نماز بروٚنہہ تس سمکھن یژھان۔
وزیر ۲ : یہ حکم عائلی جاہ۔
یوسف: بہٕ اوسُس پنٕنِس خابن ہنز کتھ کران تہٕ محمد بھکی آومنز۔ خأر۔ آو تہٕ
درٛاو تہٕ۔ محمد بٹ، بہٕ چُھس نہٕ یژھان، میانین کولہٕ بٹھن، میانین
ناگہٕ رادن، میانٮن پوشہٕ چمنن، میانٮن مرگن، نٔے ین ویرِ وارن،
میانین وُڈرن تہٕ میانٮن پاتھلن کرٕ اورُک کانہہ حکمرأنی۔ یہ چُھ اسہِ
پٲنُن سرمایہ، سٮ۪ٹھاہ پٲنُن۔ أتھی چُھس بہٕ رأچھ کرٕنی یژھان تہٕ یوٚہے
چُھ میون خاب تہٕ ارمان۔
وزیر۲: بادشاہ سلامت، یوٚ تام تُہی تختس پٮ۪ٹھ چھوٚ، توٚ تام چُھ یہ ممکن مگر یوٚ دوے
بٮ۪ۄہ کانسہِ یہ تخت روٚٹ سٕہ کرِ تی یہ تس خوش کرِ۔
یوسف: یوہے تہٕ چُھ غم محمد بٹ، یہٕے تہٕ چھےٚ پریشانی۔ نتہٕ کرٕ ہا بہٕ کانسہِ ہنز بغاوژ
بروٚنہہ تس یہ تخت حوالہٕ۔ تاکہٕ خون خرأبہ یہ سپدِ ہے نہٕ۔ لُکھ مرن نہٕ ناحق۔
وزیر ۱ : جہاں پناہ، تمہِ خأطرٕ چُھ ضروری زِ تُہی نیرِ وتمہِ عالمہٕ منز ییتھ منز تُہی
پھسےٚمتی چھِو۔
یوسف: یہ ۆنتھ کوٚ رُتھ ژٕے میانہِ نجی زندگی پٮ۪ٹھ حملہٕ۔ سٮ۪ٹھاہ سخت حملہٕ۔ امہِ
خأطرٕ ہیکہٕ ژٕے بہٕ سزا تہٕ دِتھ۔ مگر یہ زأنتھ زِ سورُے چُھکھ ژٕ میانہِ تہٕ
یٮ۪مہِ سلطنتہٕ خأطرٕ کران۔ امہِ ستی چھُس بہٕ بےبس سپدان۔ بہٕ ہیکٕہ
کہینہ تہٕ ۆنتھ۔ البتہٕ کرٕ چانس مشورس پٮ۪ٹھ عمل کرنچ کوشش۔

ویسے محمد بٹ، میأنۍ رعایا کیا زِچھےٚ پریشان۔ تِمن چھنا کتھ کرِنچ آزأدی، تِمن چھنا پنِنس پنِنس دینس پٮ۪ٹھ پکِنچ آزأدی، مزید آونہٕ مأیِلس تہٕ مجوزس منزتہِ کأنہہ اضافہٕ کرنہٕ۔ تِوٕ پتہٕ کیا زِچھےٚ بے چین۔

وزیر ۲: جہاں پناہ، یِہ بے چینی چھےٚ پأدٕ آمٕژ کرنہٕ۔ لُکن منز چُھ یِہ وسواس آمُت تراونہٕ زِ جہاں پناہ چُھ پننس عأشہِ آرامس ستۍ۔ کأنہہ دشمن ہیٚکہِ کُنہِ تہِ پاسہٕ ووتلِتھ تہٕ سارِنے لُکن نیہِ غلام بنأوِتھ۔ امہِ علاوٕ ییلہِ تِم حأکمن نِش گرٕژھان چھِ، تِم چھِکھ بُتھ کھوٕان۔ کوڈٕ والان تہٕ سزا دِوان۔

یوسف: میأنۍ حأکِم چھِ پزی سزا ہٕکۍ مستحق۔ محمد بھکی لیس سوٚزِ زومیون پیغام۔

(تخلیہ)

حأکمن ستۍ ستۍ گرٕژھِ مےٚ تہِ سزا میلُن۔ بہٕ کتھِ ہٮ۪کہٕ امہِ سزا نِش مُچھِ روٚزِتھ۔ أخر چُھس بہٕ بادشاہ۔ بہٕ چُھس زیٚٹھ۔ نفع نقصان، صحیح غلط۔ یِہ سورُے چُھ مےٚ سمجھن،۔ مےٚ زانُن، میانہِ بابہٕ صأبہٕ مےٚ کٔری زِ معاف۔ بہٕ ہیٚوکُس نہٕ تُہنزن ووٚمیزن پٮ۪ٹھ پوٗرٕ پأٹھۍ وُترِتھ۔ مےٚ کٔرنا فرمأنی۔

حبہٕ: (اژان) بےٚ وقتہٕ تُہندِس دربارس منز دأخل سپد نہٕ خأطرٕ دِیِہ زٕ بومےٚ معأفی۔ جہاں پناہ اگر کأنہہ قصوروار چُھ سو چھُس بہٕ۔۔۔بہٕ یوٚ دوے محل خانس منز دأخل آسنہٕ سپدمٕژ، شاید ہیٚکہِ ہوٗتِھۍ اصل سلطان بٔنِتھ۔ توٚ ہہ آسہِ ہے نہٕ کُنہِ تہِ کتھِ پٮ۪ٹھ پچھتاو۔

یوسف: ہا ہا ہا ہا۔حبہٕ۔ازکرناوتھ بہٕ ژٕ پانس ستۍ ملاقات۔ پکھ،مےٚ ستۍ (أ ِکس أندس کُن گژھان)اتہٕ پرِد کھینچان،اتہِ چھےٚ مؤ رژٕ آسان۔ خاص حبہٕ خوتونہِ ہش،تِتھی پلوأ ِگتھ۔

حبہٕ: یااللہ۔میانہِ سرتاجہِ۔بہٕ چھِس بہٕ۔زوٗن۔

یوسف: زون نہٕ حبہٕ خوتون،تہٕ حبہٕ خوتون کو سہٕ چھےٚ۔یہِ حبہٕ خوتون چھےٚ میون تصور یتھ کشیرِ متعلق۔

حبہٕ: مےٚ توٚ رنہٕ کھینز تہِ فکرِ میانہِ سرتاجہِ۔

یوسف: کتھ چھےٚ واقعی سرٕ نی۔مگر یوٚ دوے تُہۍ زور دِیوٗ تُہۍ سمجھوِ۔تہٕندِس گاٹہٕ جارس پیٹھ چُھ مےٚ پوٗرٕ بھروسہٕ۔

حبہٕ: تُہٕندِس فلسفس بروٗنہہ کنہِ چُھ میون گاٹہٕ جاردم پھٕٹ گژھان۔

یوسف: میأنۍ حبہٕ خوتون چھےٚ کٲشیرِ ہنز علامت۔امکِہ حسنٕچ،امکِہ گاٹہٕ جارٕ چ۔امکِہ تہذیبٕچ علامت،تِمن روایتن تہٕ قدرن ہنز علامت یِمہٕ اسہِ پننہِ ایمانہٕ کھوتہٕ ٹاچھِ چھےٚ۔یہِ حبہٕ خوتون چھےٚ سانہِ سمکھنہٕ بروٗنہہ واریاه کالٕچ یتھ محل خانس منز ژاِمژ۔اسلیے مہٕ کھارٕ ژٕ پانس کأنہہ خطا۔یہِ چھےٚ واقعی میأنۍ نااہلی زِ میأنۍ رعایا چھےٚ ناخوش۔

حبہٕ: اِسۍ دوٕنوے گژھو دربارِ عامس منز تِمن روبروکھڑ اتہٕ بوزو تہٕندی نیاے۔

یوسف: یہ چھا موزوں تِمہِ خاطرِ ِکنہٕ نہٕ۔تہِ چُھنہٕ مے پئےٚ،فی الحال چُھ مےٚ از وزیرِ اعظم محمد بھکی بلوومُت۔

حبہٕ: ٹھیک چُھ جہاں پناہ۔ محمد بہکی چُھ سبٹھاہ زیرک، سُہ دِیہِ تو ہہ کأنہہ نیک مشورٕ۔

یوسف: تہُند مشورٕ آسہِ واقعی نیک۔

حبہٕ: فی الحال پکو تُہۍ مےٚ سٟتۍ۔

یوسف: کأنہہ نوٚ وغزل، کأنہہ نوٚ ونغمہٕ۔

حبہٕ: یم سأنۍ نغمہٕ گُرٛژھۍ نہٕ راوٕنۍ۔ یتھ تناوس منز، یتھ بےٚ چینی منز جہان پناہ۔

یوسف: یم چأنۍ نغمہٕ روزن تا قیامت زِندٕ۔ یہُند درد، یہُند احساس روزِ زندٕ۔ کأنہہ تہٕ بغاوت ہیکہِ نہٕ یمن نغمن پامال کٔرِتھ۔ تم کرن یوسف شاہس پامال۔ حبہٕ خوتونہٕ پامال مگر تہٕندِس سوچس، تہٕندِس جنونس تہٕ تہٕندِس ولولس نہٕ کیٛنْہہ۔

حبہٕ: میون سرتاج چُھ واقعی شہنشاہ۔ بہٕ چَھس حأران زِ یہِ لول پنٕنہٕ وطنٕہ خأطرٕ یہِ بےلوث محبت فِکرٕ ہنز یہِ پاکیزگی کیا زِ چھنہٕ تمن لُکن فِکرِ تران۔

یوسف: تم سمجھن مگر وقت گژھِتھ۔ تم سمجھن مگر غلام سپدِتھ۔

(لایٹ گژھان)

محمد بہکی: لوہار، چأنۍ بادشاہن چُھنس بہٕ از بلو ومُت تہٕ مےٚ چُھ باسان تس چُھ شاید سانہِ سأزشہِ ہُند مکمل علم۔

لوہار: حضرت یہِ گو وجان، شاید تراوِ امی بہانہٕ پانہٕ تخت۔

محمد بہکی: بہٕ زانن چون سلطان سبٹھاہ وارٕ پأٹھۍ، سُہ گو ونہٕ تخت خأ‌لی کرن وول۔

سہ چُھ کنہٕ تہٕ صورتس منز تخنہٕ نشہٕ ہٹاوُن زبردستی۔

لوہار: اژ فِکرمہٕ کٔرِو تُہۍ جناب۔ تہٕندِس سآرسے فوجس چُھ مےٚ ززُر ژوٗنمُت۔ پزٕتھ کٲنہہ سپاہ چُھ بغاوتس پتھ آمادٕ صرف چھےٚ تمن آواز دِنٕچ ضرورت۔

محمد بہکی: سوٚ آواز دِیہ تمن یِیمہٕ ملکُک نوٚ وسلطان۔ میون لوہار چک۔ لوہار ژٕ کوٚ رُکھ مےٚ امہ، خاطرٕ تیار زِ ژٕ واتناوکھ لُکن آرام۔ تہٕندی نیاے بوزکھ، تہٕند ہن تکلیفن ژھانڈکھ حل۔ اصل حکمران چُھ سُے یُس پتہٕ سلطنتُک خیال تھاوِ، پننہٕ ہن لُکن سنہٕ۔

لوہار: جناب۔ یوٚ تام مےٚ تُہند ساتھ، تُہندی مولِٰی مشورٕ رہبری کران روزن، توٚ تام چُھنہٕ یتھ سلطنتس کٲنہہ پرواے۔

محمد بہکی: سوال چُھنہٕ میانہٕ روزنُک، یا نہ روزنُک، از چُھس بہٕ پگاہ ہکہٕ نہٕ آستھ أکِس بادشاہ سُند فرض چُھ یہِ زِ سُہ تھاوِ ہمیشہٕ غریب تہٕ عام لُکن ہندِ خاطرٕ پننہٕ محل خانکۍ درواژٕ وٚتھۍ۔ سُے بادشاہ چُھ شہنشاہ بنان۔ سُے بادشاہ چُھ پگاہ یاد یِوان کرنہٕ یُس لُکن ہنزٕ ترقی تہٕ بجاۓ کانچھِ۔ پنُن عیش وعشرت ترأوِتھ لگہٕ نیاین سنہٕ۔

لوہار: سوال چُھ سأنِس بادشاہس کیاہ مشورٕ چُھ تو ہہ ہیتۍ کرُن۔ مشورٕ تہٕ کُس یُس تہُندٕ آخری آسہِ۔

محمد بہکی: یتھ بغاوتس منز چُھس بہٕ اکھ کتھ یژھان، تہٕ سوٚ گیہِ زِ یوسف شاہس

پَتھ گڑھنہٕ حملہٕ سپُدن۔ تِہندِس زُوس گڑھنہٕ کاٛنہہ خطرٕ واتُن۔

لوہار: یوٚ دوے سُہ تلوار ٹُلہِ تیلہِ چھےٚ یورٕ تہِ تلوار ٹُلنۍ۔

محمد بھکی: کینٛہہ تہِ گژھن۔ از جان گڑھہِ نہٕ تمو دوٕ یومنزٕ کاٛنہہ تہِ گژھن۔

لوہار: جناب اوتاٗنۍ اوُسس بہٕ تُہند ہن خیالن ہُند قاٗیل۔ ووٗنۍ بنیوس بہٕ تُہنٛد مرید مگر وٕنۍ چھِوٕ تُہۍ بروٗنہہ بروٗنہہ تہٕ بہٕ پتہٕ پتہٕ۔ تُہۍ چھِو آقا تہٕ بہٕ تُہنٛد غلام۔ اَمِکِس دشمنس پتھ تہِ یوٗت ترس تہٕ تِہندِ زوٗک یوٗت خیال۔

محمد بھکی: سیاستس تہِ چھِ پنٕنۍ اصول، بغاوتکۍ تہِ چھِ پنٕنۍ اصول تہٕ انسانس پزِ نہٕ قطعاََ تہِ پنٕنیو اصولو نِشہِ ڈلُن چاہے حالات کم تہِ آسن۔

لوہار: امی تاٗلیمہِ ہنز تہٕ امی سوچِ چھےٚ ضرورت۔ از ییٚلہِ تُہۍ بادشاہ سلامتس سمکھِو بہٕ روزٕ تو ہہ ستی۔

محمد بھکی: ٹھیک چُھ۔۔۔ باقٕے پُشراو خدایس۔ وُچھوسُہ کیاہ کرِ۔ حقیقت چھِ سُے زانان۔ زِ أسی کیاز، چھِ بغاوتس پتھ مجبور۔ میانہِ خدایہِ ساٗنۍ خطا کٔری زبکھ معاف۔

(سین: محل خانہٕ)

(لوہار، محمد بھکی، تہٕ زٕ وزیر چھِ کھڑا۔۔)

آواز: ہوشیار، خبردار، بادشاہ سلامت چھِ تشریف انن وألی۔ (بادشاہ اژان)

محمد بھکی: (کلہٕ جکاوان تہٕ آداب کران۔ باقٕے تہِ کلہٕ جکاوان) بادشاہ سلامت تِہُنٛد اقبال روٗ زِنۍ بلند۔

یوسف: یہِ چُھکھ ژٕ ونان۔محمد بہکی زِمیون اقبال روٗ زِنٕی بلند۔ژٕ ہے چُھکھ لفظ لفظ میون اقبال مٹاونس پٔتھ آمادٕ۔مےٚ فنا کرنس پٔتھ آمادٕ۔

محمد بہکی: جہاں پناہ مےٚ گژھِ معأفی دِنٕی یہِ وننہٕ خأطرٕ زِ تُہندِس اقبالس منز چھنہٕ کہینٛز تہِ تھکٕن لایق۔پٔنٕز بابہٕ جنتی ین کریوتو ہہ یہِ تخت امہِ نیتہٕ حوالہٕ زِ تُہی تھأوِو تم تمام روایتہٕ زندٕ یمہٕ چک سلطانوٕ ونیکتام تھاوِ۔ چک چُھ سیٹھاہ بہادُر قوم۔یمن پٔتھ اوس سارِنٕے نازمگر یوٚ تام امکِس بادشاہ سُنٛد تعلق چُھ تٔمِس چھےٚ کینٛہہ ذمہٕ دأری یہ کینٛہہ فرض یمو نِشہِ تُہی، تُہنٛز ذات بےٚ پرچھےٚ۔اِمو کھٕ چھنہٕ تُہندِس اقبالس منز کہینٛز۔

یوسف: تیٚلہِ کمہِ زہو وٚنُتھ زِیہِ روزنٕی بلند،یٚیلہِ نہٕ اتھ منز بلندروزن لایق کہینٛز تہِ چُھ۔(ژھوپہٕ) چانہِ کردارُک یوٗ ہے دوغلہٕ پن چُھ یٚمہِ سلطنکہِ پامألی ہُنٛد ذمہٕ دار۔ژٕ دراکھ اندرٕ اکھ تہٕ نیٚبرٕ بیاکھ محمد بہکی۔ژٕ چھکھ میون وزیراعظم تہٕ ژےٚ آسِہے پٔتھ کأنہہ آزأدی حأصل زِ ژٕ بوزکھ لُکن ہندی مسلہٕ،تِہندی نیاے،تہٕ تِمن ژھانڈکھ حل،کُنہِ تہِ مقامس پٔتھ۔کُنہِ تہِ فأصلس منز اوسُکھ نہٕ ژٕ مابہٕ دولتس نِش جواب دہ۔تیٚژ آزأدی آسِہے ژےٚ آمٕژ دِنہٕ۔مگرژےٚ کُرٕتھ سو آزأدی بدل اندازس منز استعمال۔ژٕ کرٕہکھ سلطنٕتکی اتھٕ مضبوط۔امہِ چَن شاندارروایتن دِہکھ سگ مگرافسوس ژےٚ ژٕأرٕتھ بدل وَتھ،بغاوٕتچ وتھ تہٕ سلطنت کُرٕتھن کمزور۔یہِ چُھ سیٹھاہ سنگین جرم محمد بہکی۔

محمد بھکی: یۆ دوے بۍ کارتہٕ بۍ معنہِ بادشاہس خلاف بغاوت اکھ جرم چُھ، بادشاہ سلامت تیٚلہِ کورمےٚ یہِ جرم۔ تہٕ جرم روزِ بہٕ تس پرٛتھ بادشاہس خلاف کران یُس لُکن پیٚٹھ پننین عائشن، پننین آرامن ترجیح دِیہِ۔ یہِ جرم روزِ بہٕ تۆ تام کران یۆ تام پیٚتِکی بادشاہ لُکن مُشر اون تہٕ پکن۔ یہِ جرم روزِ بہٕ تۆ تام کران یۆ تام پیٚتِکی لُکھ، پیٚنٛچ رعایاہ تکلیفس منز چھےٚ۔ بادشاہ سلامت۔

یوسف: اگر نہٕ مےٚ لُکن ہُنٛد بوٗز۔ ژےٚ کیا زِ تھاٗوِتھ کن بند۔

محمد بھکی: وزیر کوتاہ تہِ دانا آسِن توتہِ ہیکہِ نہٕ سُہ بادشاہ آسِتھ۔ وزیر چُھ ہمیشہِ کینژ ن سرحدن منز قاٗدآسان۔ تمۍ سُنٛد گوڈنیک فرٛض چُھ بادشاہ سنٛز حفاظت۔ تہنٛز بہتری۔ دۆیم فرض تس مشورٕ دِیُن نہ کہِ پانہٕ کاٚنہہ فاٗصلہٕ نِیُن، تاٗریخ چھِ گواہ زِ مےٚ دیُت تو ہہ وقتہٕ وقتہٕ مشورٕ مگر تُھی۔

یوسف: بہٕ اوسُس پننین معاملن ستۍ مست۔ یو ہے چُھنا تیٚمِس یوسف شاہس پیٹھ الزام۔ اگر یہِ سپُد ووٚنۍ کتھ ہیکو یہِ سورُے ٹھیک کرِتھ محمد بھکی۔

محمد بھکی: ووٚنۍ چُھ واریاہ ژیر گۆمُت۔ بادشاہ سلامت۔ لُکھ چھِ اسہِ خلاف تم چھِنہٕ سون بُتھ وچھن یژھان۔

یوسف: اوے چھتھن ژےٚ پانس ستۍ نۆ وسلطان اوٗنمُت۔ لوہار چک۔

وزیرا: جہاں پناہ۔ یہِ بنیا سون سلطان اٗمِس چھا سو حیثیت۔

یوسف: تمیُک فاٗصلہٕ چُھ ووٚنۍ وزیرا عظمس کرُن۔ تِکیا زِ میاٗنِس وزیرا عظمس چُھ لُکن ہُنٛد اعتماد حاٗصل۔

وزیرِا: قطعاًنہٕ بادشاہ سلامت۔ امہِ فأصلہٕ ستۍ ووتھِ خانہٕ جنگی۔ بیٚیہِ یہِ لوہارچک أمِس کُس تجربہٕ چُھ۔

محمد بھکی: بہٕ چُھس تُہند ٕن جذبن ہنز قدر کران۔ مگر ییٚلہِ بادشاہ سلامت پانہٕ بروٚنہہ کنہِ چُھ۔ تو ہہ چھنہٕ زیادٕ کتھ کرنٕچ ضرورت۔

یوسف: لوہار واقعی چُھس بہٕ چانٮ۪ن منصوبن داد دِوان۔ چأنس حکمتس داد دِوان۔ مگر یتھِ کٕنی چھِنہٕ تخت حأصل گژھان۔ سُہ تہِ چک خاندانس منز۔

لوہار: بادشاہ سلامت۔ بہٕ ہیکہٕ تو ہہ پٔژھ صرف احسان کٔرِتھ زِتو ہہ دِمہٕ بہٕ صحیح سلامت ییٚمہِ محل خانہٕ منزٕ نبر نیرنُک موقعہٕ۔ امہِ علاوٕ ہیکہٕ نہٕ بہٕ کہینٕہ تہِ تُہُنٛد مدد کٔرِتھ تہٕ نہ تھأوِو امہِ زیادٕ کأنہہ ووميد۔

یوسف: گوو حالات چھِ سٮ۪ٹھاہ سنٛگین۔

لوہار: یتھ محل خانس چُھ میانوٕ وفادار سپاہو گیرٕ کوٚر رُمت۔ أڈی چھِ أندرٕ تہِ موجوٗد تہٕ بس میأنِس آلوس پراران۔

یوسف: (بھکی لیس نزدیک گژھان)۔ محمد بھکی۔ یہِ ہرمےٚ خلاف استعمال کرنہٕ بروٚنہہ کٔری زِمےٚ ستۍ اکہِ لٹہِ مشورٕ وُ چھ زِ ہے چون سلطان کیاہ چُھ یژھان۔ کیاہ چُھ أہندِس دِلس منز۔ أسی ہۍ پانہٕ وأنی اکھأ کس ستۍ یٔت وقت گذورتو تہِ بغاوت/محمد بھکی یہِ چُھنہٕ ژٕےٚ خطایہِ چُھ چأنِس خونس خطا۔

وزیرِا: جہاں پناہ، یمن کھوژنٕچ چھنہٕ کأنہہ ضرورت۔ یم کم چھِ۔ فوج چُھ

سوٗرُ ے ژٕے ٚستی ۔ أسی ما نڈ و کھ یم ریٚین ہٕندی پأٹھی ۔ تُہند ٕن
ژھیٚٹ فلبن پېٹھ پلن وول ۔ یِہ تُہٕنٛد پِٕتر ہاوِہا تو ہی ہٕنگ ۔

(لوہار چک چُھ پٕنُن خنجر کڈان تہٕ وزیرس پېٹھ حملہٕ کٔرِتھ تس خنجر پانژھ
شےٚ سُتہٕ والان تہٕ سُہ چُھ پیوان ۔ یوسف شاہ چُھ جلھان تہٕ دٔویم وزیر
محمد بٹ چُھ تلوار کڈان تہٕ بادشاہس ڈھال بنان تہٕ تس نبر کڈان ۔)

محمد بہکی: لوہار چک خون خرابہٕ چُھنہٕ مےٚ قطعاًتہٕ پسند تہٕ یہِ کتھ چھےمےٚ ژٕےٚ واضح کٔرِمژ ۔

لوہار: واریاہ زٕٹھ زبو آس أمِس وزیرس ۔ (ژرِپوٚپ کران ۔ اوہٕنٛد مرن اوس ضروری امہِ ٚستی گییہِ سأنی کأم تہِ سٕبٹھاہ آسان)

دربان: (اندر اژان) حکم!

محمد بہکی: حکم جہاں پناہ۔

دربان: حکم جہاں پناہ۔

لوہار: یہِ لاش نیوٗن نبر تہٕ ژُوٗ تِس پېٹھ تھأویون تہٕ أتھی ٚستی کٔرِ ویہِ اعلان زِ یُس اکھاہ لوہار چکس خلاف سونچہِ یا کتھ کرِ تسُنٛد حشر آسہِ یی ۔ بہٕ چُھس أزی کہِ پېٹھ تُہٕنٛد حکمران ۔ محمد بہکی تُہٕنٛد سلطان تہٕ محمد بہکی چھِ میأنی مشیرِ اعلیٰ ۔ اعلان کٔرِ وسانہِ بادشاہتک ۔

محمد بہکی: نمازِہُنٛد وقت ووت ۔ بہٕ دراسے ۔ (نبرٕ ی چھےٚ بانگ گژھان)

اعلان: بوٗ زِو، بوٗ زِو، بوٗ زِو ۔ أز کہِ پېٹھٕ چھِ سأنی سلطان جناب عزت ماب

حضرت لوہار چک ۔بۄ زِو ۔بۄ زِو بۄ زِو۔

(پیر پانژالس منز کوس تام خفیہ جاے)

یوسف: مےٚ چُھ باسان ژٕ اٲسکھ زۄنے جان ۔ئلہِ آ یکھ ژٕ محل خانس منز۔میانہِ تقدیرُک زوروٗت چاۓنس طالعس تہِ۔

حبہٕ: میون طالع چُھ سٮ۪ٹھاہ تھوٚد۔سٮ۪ٹھاہ بلند،زندگی منز چُھ ہیٚو ربون آمُتٕ۔ تہٕ مےٚ چھےٚ ووُمید زِ میون ہمسفر کرِ پزٕتھ کاٚنہہ مشکل بہودری سان طے۔فقط کینژن گرٛن ہنز تہِ پتہٕ چُھ آفتاب ہیٚیہِ کھسان ہیٚیہِ چُھ عالمس روشن کران۔

یوسف: فی الحال چُھ میون دوہ لۄسمُت ۔اسہِ چھِ رات گذارنٕک انتظار کرُن۔

حبہٕ: میون لول دِیہِ نہٕ چانٛن حوصلن پس پا گژھنہٕ۔یوسف ژٕ چُھکھ میون تیۄت محبوب یُس فقط داستانن منز درینٛٹھی چُھ گژھان۔

یوسف: مطلب۔

حبہٕ: بہٕ اکھ سیا سرزنانہٕ،وأ رودِتنگ آمژ تہٕ منزُو ڈرن وبد اکھ دِنہِ آمژ ۔أتھی منز چُھ سفید گُرس پیٹھ اکھ شہزادِ نمودار گژھان تہٕ میون اَوٚش ووتھرِتھ اتھس تھپھ کٔرِتھ مےٚ پانس نکھٕ گُرس پیٹھ بیٚہنا وان۔گُر چُھ واوژلان بہٕ چھس محل خانس منز أچھی کھولان حبہٕ خوتون بٔنِتھ ،۔چندٕ ہار چہٕ زۄنہِ پیٹھٕ حبہٕ خوتون بنہٕ ٹُک یہِ سفر کۆر مےٚ بس أکِس ژٕہس منز ختم۔

یوسف: ژٕ چھکھ بنیأدی شأعر۔تہٕ پزٕتھ کاٚنہہ کتھ چھکھ شأعرانہٕ اندازس منز

سوچان۔ بہٕ چُھس یہِ حقیقت تہٕ زأنِتھ زِ پگاہ زانن مےٚ لکھ بس چانیٚ نغمو
ہٕتی چانیٚ بأتو ہٕتی۔

حبہٕ: میانہِ سرتاجہِ، تۄہہ چھنہٕ پننیٚ حیثیت کم کینٛہہ۔ تۄہہ ییٚ پننہِ سوچہٕ کنیٚ زانُنہٕ۔
پننہِ فِکرِ کنیٚ بنیٚ تُہۍ اکھ نٔوی پۄز زنتھ۔ یہِ چُھ مےٚ یقین۔

یوسف: ہا ہا،۔ ازکل چھِو تُہۍ شأعری کران۔ وجہ شاید چھِو تۄے پننیٚ میٹھی لفظ
یتھہِ پأٹھی ورتاوان،

حبہٕ: میانین لفظن چھنہٕ تُہندِس عظمتس نِشہِ کانٛہہ مول، رۄز دسوال شأعری
ہُنٛد۔ مےٚ چُھ پانس تہِ یہِ محسوس گژھان مگر مےٚ زن چُھ یوٚہے دم ہیوٚ
باسان۔ یہ گنڈ چُھ زن خبر کتھ موقعس پراران، خبر کتھ ژِیہِس،۔ تہٕ سُہ
ژِیُہہ کیتھ آسہِ تہِ چھنہٕ مےٚ پانس تہٕ پے۔ سُہ ژِیُہہ، موکلاوِمیون وجود
شاید۔ مےٚ کرِ ریزٕ ریزٕ تہٕ تمہٕ ریزن ییہِ زبان تہٕ تمہ دِنیٚ یتھ شعر زبان
یمہٕ زنہٕ وبد اکھ بنن۔ یم بوٚ زِتھ پہاڑتہِ وبگلن۔ بہٕ پھیرٕ دیوانہٕ وار۔
گلن ہندی پأٹھی نرگس وڈرن، پاتھلن، بہٕ لایہِ نادپنہٕ نِس محبوبس۔
شاید ژلہِ تیٚلی یہ گنڈ۔

یوسف: حبہٕ۔ حبہٕ

حبہٕ: اوہو۔ بہٕ کوٚت وأژس،۔ بہٕ کیاہ أسس ونان۔

یوسف: ژٕ أسکھ کستام، پنُن خاب بیان کران یُس سخٹاہ خوفناک تہٕ پریشان
کن اوس، ژٕ کس محبوبس آسکھ نادلایان۔

حبہٕ: مےٚ چُھ اکھ محبوب، اکھ منزل، اکھ وتھ۔

یوسف: یہٕ کتہِ آسہٕ، تہٕ چانٛی نادکیا زِ بوز کھ نہٕ یہٕ۔

حبہٕ: مےٚ چھنہٕ پانس پتاہ۔ ژٕ آسکھٕ مےٚ ستی مےٚ لرِ۔

(محمد بٹ اژان)

محمد بٹ: بادشاہ سلامت سُنٛد اقبال روٗ زِنی بلند۔

یوسف: ہا ہا ہا ہا۔ بادشاہ سلامت،۔ محمد بٹ، چانہِ وفادأری کوٚ رنس یہٕ قٲیِل مگر چون یقین چُھ مے حبہٕ ڈالان۔ بڑنزس کھنڈس چُھس یہٕ سوچنہِ لگان زِ یہٕ ماچُھس پزی بادشاہ۔

محمد بٹ: حضور، تُہی چھو پزی بادشاہ،۔ محمد بہکی تہِ لوہار چک ٹُلن پننہٕ نٕن غلطین ہُنٛد خمیازِ سبٹھاہ جلد۔

یوسف: خبر کیاہ چھےٚ محمد بٹ۔

محمد بٹ: تُہُنٛد فرزند تہٕ یہٕ گوس کیٛژہہ سپاہ جمع کرنس منز کامیاب۔

یوسف: مگر یٮ۪تہِ پنچال کس یتھ علاقس منز کتہِ گیہ سپاہ پاٛدٕ۔

محمد بٹ: حضور پتاہ چھےٚ، یٮ۪تہِ چُھ یمن پٕنُن فوج۔۔ ہتھیار بند۔ بہادُر تہٕ جان۔

یوسف: مگر یم کیازِ کرن اسہِ مدد۔

محمد بٹ: جہاں پناہ یوٚ دوےأسی تخت حأصل کرنس منز کامیاب سپدی۔ یم بٕن سانہِ فوجکو سٕہ حصہٕ یُس دربارس سبٹھاہ نزدیک روزِ یُتھ نہٕ آیندٕ یٮ۪ہ کأنہہ بغاوت کلہٕ کڈتھ ہیٚکہِ۔

یوسف: چاۓنس تدبیرس تہٕ سوچس نِشہٕ چُھس بہٕ لا جواب محمد بٹ، مگر کینْہہ سپاہ واپس تور گژھن تہٕ لڑن تہٕ روزِ خودکشی برابر۔ سانہِ فوجُک انداز چُھنہٕ ژےٚ کینْہہ۔ کاٗتیاہ گُری سوار، کاٗتیاہ پیدل دستہٕ۔ کاٗتیاہ تلوار باز تہٕ کاٗتیاہ تیرانداز۔

محمد بٹ: تہٕ چُھ پوٚز جہاں پناہ مگر یوٚ دوے اَسی حوصلہٕ تھاوو یقیناً میلہِ اسہِ کامیاٗبی۔ تُہند فرٛزند یعقوب شاہ اوس ونان زِ اسہِ پزِ ہندوستان کِس حکمرانس مدد منگن۔

حبہٕ: خیال چُھنہٕ ناکارٕ محمد بٹ۔ یوٚ دوے اَسی تمن مدد منگوساٗنی کامیاٗبی چھےٚ یقینی، اَسی ہیکون لوہار چک سبٹھاہ آساٗنی سان ہارناٗوِتھ۔

محمد بٹ: جہاں پناہ تُہُند کیاہ خیال چُھ۔

یوسف: اتھ متعلق کرٕ بہٕ پانہٕ پننس فرزندس سۭتی کتھ تہٕ زانہٕ تہُند سوچ کیاہ چُھ۔

محمد بٹ: یہٕ حکم جہاں پناہ۔

یوسف: محمد بٹ، ژٕ تہٕ گژھکھ تمہِ ساعتہٕ موجوٗد روزُن۔

محمد بٹ: یہٕ حکم جہاں پناہ۔

یوسف: بس۔ جہاں پناہ نہٕ کینْہہ کم سے کم نہٕ توٚ تام یوٚ تام نہٕ اَسی پنٕنی سلطنت واپس رٹو۔

(فیڈ آوٹ تہٕ فیڈ اِن)

(یوسف شاہ چُھ اورٕ یور کران۔ تہٕ حبہٕ چھےٚ اژان)

حبہٕ: کیاہ دلیل جہاں پناہ۔ تُہۍ کیازِ چھوٗ نصف راۓ ژاورِ یورکران۔

یوسف: حبہٕ خوتون مےٚ چُھ باسان ترکبن ہُنٛد مدد پزِ نہٕ اسہِ رٹُن۔

حبہٕ: وجہ۔

یوسف: ژھوپہٕ

حبہٕ: جہاں پناہ، تُہۍ کیازِ چھِوامہِ ستۍ پریشان۔

یوسف: یعقوب شاہ سُنٛد مشورٕ پزِ ہے نہٕ اسہِ مانن۔ اسہِ گُر فأصلہٕ نِنس منٛز سبٹھاہ جلدبأزی۔

حبہٕ: اکبرٕ سندِس وِنس پیٹھ چُھ راجامان سنگھ فوج ہتھ درامُت۔

یوسف: اوے تہٕ چُھس بہٕ پریشان۔ اوے تہٕ چھےٚ مےٚ نیٚندرٕ ختم گمٕژ۔

حبہٕ: مگر مےٚ کیازِ چھِنہٕ تُہندی خدشات فِکر تران۔

یوسف: یۅ دوے مغل فوج کشیرِ منٛز دأخل سپُدمےٚ کرِنہٕ پٕکھ توأریخ قطعی معاف۔

حبہٕ: کِتھٕ پأٹھۍ۔

یوسف: کشیرِ منٛز ہندوستأنۍ فوج دأخل کرنس پیٹھ۔

حبہٕ: تمہِ ستۍ کوسہٕ فرق پیٚیہِ۔

یوسف: تمہِ ستۍ موکلہِ اسہ پنٛنۍ پہچان، ۔ چانہِ شأعری ہنٛز پہچان۔ چانبن نغمن ہنٛز خوشبوراوِ۔ سأنِس تہذیبس اژِ ژوٗر۔ نہ نہ بہٕ ہکہٕ نہٕ یہِ برداش کرِتھ۔ اسہِ پییہِ مان سنگھ لاہورے رکاون۔

حبہٕ: مگر کِتھٕ کٕنۍ۔

یوسف: قاصد سۆزتھ،

حبہٕ: کُس گژھہِ، تہٕ یُس گژھہِ تس بخشنہٕ تم۔

یوسف: بالکل، بہٕ سوزن یعقوب پنُن پیغام ہتھ۔

حبہٕ: تس بدل ہیٚکہِ ناپیٚہ کانہہ یہِ کام کٔرتھ۔

یوسف: نہ۔ تمہٕ ستی میلہِ تس تجربہٕ۔ سُہ گژھہِ ینہٕ والہِ وقتہٕ خاطرٕ تیار۔

حبہٕ: گوویہٕ چھُ تُہنٛد آخری فیصلہٕ۔

یوسف: بالکل۔ مےٚ تخت میلِن یانہٕ میلِنہٕ مگر نٚیبرٕم کانہہ گژھنہٕ میانِس ملکس منز دخل گژھن۔ لوہار چک، محمد بھکی پیٚہ کانہہ چھنہٕ سانٛی دشمن۔ یمن ہیٚکو اسی لالچی وٕنتھ مگر چھہِ تیٚمے مژِ ہندی اولادتہٕ پیٚتھی مژِ منز ے شرٕ پن، نٚیبرِ مس پے چھےٚ سون تمدن، سون ووتھن بِہن، سانٛی رشتہٕ سانہِ روایتہٕ سُہ کرِ پرٛتھ کانہہ ادلہٕ بدل۔

حبہٕ: ٹھیک چھُ بہٕ کرن امہِ خاطرٕ پنُن اولاد یاد۔ تُہی کٔرِو آرام۔

یوسف: شکریہ حبہٕ۔ شکریہ۔

(لایٹ گژھان تہٕ لایٹ یِوان)

یعقوب: امی جان، ابا حضور چھِ شایداتھ معاملس پیٹھ غلط سوچان۔ یٚوٗ دوے مغل فوج، سُہ کیا زِ روزِ سانِس ملکس منز، تم کرن فقط اسہِ مدد۔

حبہٕ: یہِ چھکھ ژٕ ونان۔ یٚوٗ دوے نہٕ تم درا ے تیٚلہِ۔

یعقوب: یٚوٗ دے نہٕ نیرن تمہٕ ستی تہٕ کیاہ نقصان چھُ اسہِ۔ اکھتےٚ ہُر راوان سون

طاقت۔اسہِ دِنۍ مضبوطی۔یُتھ نہٕ پگاہ بێیہِ کأنہہ لوہر چک پأدٕ گژھِ۔ بێیہِ کأنہہ محمد بہکی ووتھِ۔

حبہٕ: تہٕ اگر تموٕ ے منزٕ کأنہہ محمد بہکی یا لوہار چک دراوتێلہِ۔

یعقوب: امی جان بہٕ چُھس نہٕ تُہندِس کُنہ تہِ سوالس جواب ہبکان دِتھ۔تُہۍ چھِوٕ جوابہٕ منزٕ سوال تہٕ سوالہٕ منزٕ سوال کڈان۔

حبہٕ: سیاست تہِ چھےٚ یی سوالہٕ منزٕ سوال تہٕ جوابہٕ منزٕ سوال۔یُس یمن سوالن ہُنٛد حساب وکتاب تھاون تگہِ سُے چُھ بوٚڑ سلطان۔

یعقوب: یُتھ شہنشاہ اکبر چُھ۔

حبہٕ: نہ یُتھ یوسف شاہ چک چُھ۔چون مول چھا معمولی سلطان۔تیتھی سلطان چھِ وار یاہ وقفہٕ پتہٕ پأدٕ سپدان۔جأنِس سلطانس چھنہٕ أزِ چ فِکر۔أمِس چُھ پگاہ پریشان کران، پگہہ کشیر پریشان کران۔

یعقوب: امی جان ونیکتام چھِ بادشاہ پننہِ پننہِ آیہِ تہٕ پننہِ انمانہٕ توأریخ لیٚکھناوان آمتی۔

یوسف: (اندراژان) مگر أز کہ پتھٕ سپدِ نہٕ، یہِ حقیقی گژھِ تی کرِ مورخ تہٕ رقم۔ یوٚ دوے أسۍ نہبرِ م سال کُرتھ انوکھ تہٕ پنٛژ لوٕ کٕڑ لوٕ کٕڑ مسلہٕ تمن أنزراونہٕ خأطرِ دِمو، تم کرن یہے لوٕ کٕڑ مسلہٕ، تمے لوکچہِ لوکچہ کتھہ اسہِ خلاف استعمال تہٕ اسہِ نِش روزِنہٕ بچنچ کأنہہ وَتھ۔یہِ نصیحت چھُسے بہٕ ژےٚ تہِ کران۔ پگاہ یێلہِ ژٕ انشاءاللہ بادشاہ بنکھ پننِس ملکہِ کِس عزتس پتھ کُری زہنہٕ

کُنہِ تہٕ قسمُک کٲنہہ تہِ سمجھوتہٕ۔

یعقوب: میانہِ خٲطرٕ آسن تُہندی اصول وتہٕ ہاوٕ کر۔تِموٗنبر نیرُن آسہِ نہٕ مے زانہہ تہِ قبول۔

یوسف: شاباش۔یہِ گو وسٕہ پیغام یُس ژٕ میانہِ طرفہٕ مبارک مان سنگھس نِشہِ واتناوکھ۔سُہ کرِ ضرور اتھ پیٹھ غور تہٕ لاہورے کرِ قیام۔روٗ دسوال سلطنت حٲصل کرنُک،تمہِ خٲطرٕ چُھ اسہِ اکھ خفیہ خاکہٕ تیار کٔرمُت۔ییٚتھے ژٕ واپس واتکھ،اَسہِ کروتھ پیٹھ عمل۔

یعقوب:یہِ حکم جہاں پناہ۔

یوسف: جہاں پناہ بدل روزِ ہے''ابا''اصل۔جہاں پناہ چھِ مے سٲری ونان یہِ چُھ تہُند حق مگر''ابا''وننُک حق چُھو ے صرف ژٕے۔۔۔۔۔یعقوب، صرف ژٕے۔وولہٕ نالہٕ موٚت کرے۔

(اکھ اَکِس نالہٕ موٚت کران۔حبہٕ خوتون وُچھان)

یعقوب: دِیوٚ مے اجازت۔ابا حضور۔

یوسف: فی امان اللہ۔

حبہٕ خوتون: گرٕ ھ سُے کرِی راَ چھ۔ (نیران)

(سانہِن منصوبن گرٕ ھِ کامیٲبی ہنز شکل سون اللہ دِیُن۔نتہٕ چُھ ژھرٕ بوٗ اتھو تخت واپس حٲصل کرن سبٹھاہ ناممکن)

یوسف: سُہ کارساز کٔڈِ کانہہ نتہٕ کانہہ وَتھ ضرور۔

((لایٹ گژھان تہٕ لایٹ یِوان))

محمد بھکی: بادشاہ سلامت۔ تُہند خفیہ محکمکۍ نفر کیاہ چھِ وَنان۔ ژٕواپاسے چھِ ژھوپہٕ۔

لوہار: تُہی تھاۍ وِواطمینان۔ سأرسے ملکس منز چھِ لُکھ خوش۔ سأری چھِ اسان گِندان تہٕ ازکل ہر دِچہِ خوشیہِ مناوان۔ جلدی پیٚیہِ شین تہٕ أسی گژھو زیادے محفوظ۔

محمد بھکی: سورُے غلط۔ بادشاہ سلامت، سورُے۔

لوہار: وزیر اعظم۔ یہِ کیاہ چھوٗ تُہی وَنان۔ لُکھ چھِنا خوش۔ ہر دچھِنا وٹان۔

محمد بھکی: لُکھ چھا خوش کِنہٕ نہ۔ یہِ چُھنہٕ میون مسلہٕ۔ میون مسلہٕ چُھ فقط یہِ زِ تُہندی جاسوس چھِ حرام خور تیار گٔمتی۔

لوہار: مطلب۔

محمد بھکی: مطلب یہِ زِ موت چُھ اسہِ کھورن تل وتمُت مگر بدقسمتی چھےٚ یہِ زِ بادشاہس چُھنہٕ کُنہٕ ٹیک پے۔ (نقشہ کھولان)

لوہار: یہِ کیاہ چُھ وزیر اعظم۔

محمد بھکی: یہِ چُھ سُہ نقشہِ یُس وونۍ اسہِ ژٔلنس منز مدد دِیہِ۔

لوہار: مگر وزیر اعظم۔ محمد بھکی اسہِ کُس خطرٕ چُھ۔ اسہِ کیاز چُھ ژٔلُن۔

محمد بھکی: یوسف شاہ۔ یوسف شاہ چُھ پنُن لشکر ہیتھ ورمُلی کِنۍ داۓ خل سپُد مُت۔ تہٕ چأنۍ جاسوس چھِ شونگِتھ۔ سُہ ہیکِہ کُنہِ تہِ ساعتہٕ یوروأتِتھ۔

لوہار: یوسف شاہ۔ یوسف شاہ چُھ پزی زخمی سپُد تہٕ یوٚ دوے سُہ یورووت۔

سُہ تراوِنہٕ اسہِ دوٚیومزٕ کأنسہِ تہٕ زِندٕ۔

محمد بہکی: بےشک، تِکیازِ یِیمہِ پھرِ آسہِ سُہ انتقامہٕ سٕتۍ بٔرِتھ۔ تہٕ انتقام ہیٚنہٕ بازروزِ نہٕ سُہ کیٚنٛہہ۔

لوہار: تُہند صلاح کیاہ چُھ وزیرِ اعظم۔ بہٕ یہِ کران چُھس تہٕ چُھس فقط تُہنٛدِس مشورس پٕٹھ کران۔

(نٮ۪برٕ چُھ شوروٚ وتلان)

محمد بہکی: سانہِ ژٕلنچ وِزہِیٚژن نزدیکھ وأتۍ۔

لوہار: مگر سأنۍ وفادار سپاہ، وزیر، حأکم، تِمن کیاہ بنہِ۔

محمد بہکی: تِم گٔیہِ وُنی کٔمن مُشرِ نی۔ وُنکٮ۪ن گوو زٕ بچاوُن۔

لوہار: اسہِ پٔیہِ یِیمہِ سلطنتہٕ نِش دوٚر ژٕلُن۔

محمد بہکی: بالکل۔ (نقاب پوش اژان تہٕ لوہار تلوار کڈان)

نقاب پوش ۱: بادشاہ سلامت بہٕ چُھس نہٕ دشمن، بہٕ چُھس تُہند وفادار سپاہ۔ دشمن سُنٛد فوج چُھ پرٕتھ طرفہٕ پھٔہلِتھ تہٕ تُہند بٔچُن چُھ ناممکن۔ مےٚ چھےٚ سو خفیہ سرونگ معلوم یوسہٕ توٚہہ یِیمہِ سلطنتہٕ منزٕ نٮ۪بر کڈِتھ محفوظ جایہِ واتناوِ۔

لوہار: جلدی کر۔

نقاب پوش ۱: بادشاہ سلامت۔ یکِو مےٚ پتہٕ پتہٕ۔ (دوشوٚنی پانس پتہٕ پتہٕ کڈان، محمد بٹ نقاب والان)

محمد بٹ: یہِ زٔلرزٕ کوتاہ خوفناک چُھ۔ گوڈٕنتھے چُھ عقل نِوان۔ بادشاہ سلامت

تشریف أنِو۔

(یوسف شاہ، حبہٕ خوتون تہٕ یعقوب شاہ اژان)

یوسف شاہ: محمد بٹ چانٛہِ عقلمندی چھےٚ بڑی تھکنٛہٕ لایق۔ ژٕ چھکھ بڑی پوٚختہٕ سیاست دان۔

محمد بٹ: جہاں پناہ۔ منادی گژھہِ سپدٕنی زِ زٕ بچاونہٕ خاطرٕ ژوٚل لوہار چک سلطنت تہٕ لُکن ترأوِتھ، پانس ستیٚ نیٚن پٔنٕن وزیر اعظم محمد بھکی تہٕ۔ سون پرون بادشاہ آو واپس۔ یوسف شاہ چک زندہ باد۔

یعقوب: فوراً کرنأوِو یہِ اعلان۔

حبہٕ: بادشاہ سلامت۔ وونی چھُ توہہ اکھ وعدٕ مےٚ ستیٚ تہِ کرُن۔

یوسف: فرمأوِو

حبہٕ: ییٚمہِ لٹہِ بوٚ زِ وتھُو لُکن ہندی نیاے۔ تہندہٕ مسلن سٕنیٚو۔ تمن گژھہو نزدیک، تمی ستیٚ بنہِ میون سرتاج بوٚڈ شہنشاہ۔

یعقوب: امی جان چھےٚ بالکل صحیح فرماوان۔ شہنشاہ اکبر تہِ چھُ لُکن ہندی مسلہٕ دوہ راتھ بوزان۔ تہندِ دربارٕ منزٕ چھُنہٕ کانہہ تہٕ خأل نیران۔

یوسف: أز کہِ پیٹھٕ سپدِ ییٚتہِ تہِ تی۔

محمد بٹ: بادشاہ سلامت۔ مےٚ دِیٚو اجازت۔ بہٕ ہیمہٕ نبرٕ مٕنٛن حالاتن سام۔

یوسف: محمد بٹ شکریہ۔ راجہِ مان سِنگھنہِ مدد تہٕ بغأر گیہِ أسی یہِ تخت حأصل کرنس منز کامیاب۔

محمد بٹ: حکمت تہٕ بہودری یۄ دوے ستۍ ستۍ آسن تیٚلہِ چھنہٕ کانٛہہ تہِ پوٗرتھ ہیکان۔

یوسف: واقعی، اکھ موٹھ، فوج ہیتھ درامے اُسۍ تہٕ یمۍ ت بۄڈ فوج ہارِنوو۔

محمد بٹ: تمیُک وجہ چھُ یہِ زِ اسہِ کوٚر بادشاہ زیر۔ اسہِ دِژ بادشاہس مات۔ فوجن ہور پانے۔

حبہٕ: محمد بٹ۔ تُہۍ کرنٲوِ واعلان۔

محمد بٹ: یہِ حکم ملکہ۔ (نیران۔ تہٕ لایٹ سوتان، سایکلو راماہس پیٹھ لُکھ سلیٹس منز پکان اتھِ یِوان تہٕ منادی تہٕ سپدان۔)

بۄزِو بۄزِو سأری بۄزِو۔ سون بادشاہ لوہار چک تہٕ تُہُند وزیرِاعظم محمد بھکی ژٲلی زۄ بچاونہٕ خاطرٕ یہِ ملک ترٲوِتھ۔ لُکھ تہٕ سپاہ ترٲوِکھ خدایہِ سِندِس بھروسس۔ سون نۄو ورحمدل بادشاہ عزت ماب شاہن ہُنٛد شاہ یوسف شاہ چک بیوٚٹھ یٚیہِ تختس۔ یٚیہِ سہٕ اقبال واپس۔ یٚیہِ یہِ امن واپس۔ بۄزِو بۄزِو۔

(لایٹ یِوان تہٕ لُکھ نماز پٕرتھ نیران)

نفر ۱: شُکر خدایس کُن زِ پیٚژ آزٲدی چھےٚ وُنہِ۔

نفر ۲: مطلب!۔

نفر ۱: ژےٚ نِشہِ پنُن مطلب بیان کرنہٕ ستۍ بدلیاہ حقیقت۔

نفر ۲: مگر مےٚ نِشہِ پنُن ووندِ باونہٕ ستۍ لو تہِ تُہند بوس۔

نفر ۱: گوڈٕ وَنتم ژٕ چھکھ کُس۔ ژٕ ماچھکھ جوسوس کانٛہہ۔

نفر ۲: بہٕ جناب چھُس نہٕ جوسوس۔ البتہٕ چھُس دۄیمہِ علاقُک۔

نفر ۱: ییٚتہِ کیاہ چُھکھ کران؟

نفر ۲: یہِ اوسُس آمُت وُچھنہِ زِ یتھ مشیدِ کٲتیاہ لُکھ چھِ نماز پران۔

نفر ۱: تمہِ ستؠ کیاہ سپد۔

نفر ۲: تمہِ ستؠ لگہِ ییٚمہِ کتھِ ہُنٛد پے زِ یتھ انہِ گٹِس منز تہِ چھِ لُکھ خدایس پٔتھ ییٚمہِ کتھِ ہُنٛد یقین تھاوِتھ زِ دوہ بدلن، سون بادشاہ بدلہِ۔

نفر ۱: گوبریاہ۔ یس بدلن چھ آسان، سُہ چُھ گوڈٕ نچہِ ژیٚنہِ ونہِ بدلان۔

نفر ۲: حقیقت چھےٚ یِی زِ یہِ کوٚ رامہِ آشنہِ در بدر۔

نفر ۱: یانہِ تہِ کُس عقلمند چُھ۔ کوتاہ کال گوو اَمِس لُکن منز نماز پرٕنس۔

نفر ۲: مےٚ نہٕ حض چُھ وُچھمُت یہِ زِ اَنہہ لُکن ستؠ میلان، تمن ہُنٛد بوزان۔ گوڈٕ چھنہٕ مےٚ پے یِی زِ سون بادشاہ کمہِ شکلہِ چُھ۔

نفر ۱: کرووٕنی ژھوپہ۔ گوبریاہ اور چھی بادشاہٕ سندی سپاہ یِوان۔

نفر ۲: یہٕ نہٕ حض چُھس کٲنسہِ کھوژان۔ یہٕ کتھ حض ونہٕ یہٕ یمن تہِ۔

نفر ۱: ژٕ ونٛگھ یہٕ نیرے۔

نفر ۲: ہے دوٚپم حض۔ آ۔ توٚہی چُھس ونان۔ (سپاہ نزدیک یِوان)

سپاہ ۱: اسہِ چُھکھ کینٛہہ ونان۔

نفر ۲: اہن حض آ۔ توٚہہ ما پے سوٗن بادشاہ کیُتھ شکلہِ۔

سپاہ ۱: ہے ژےٚ چھےٚ حض پے۔

سپاہ ۲: نہ حض نہ۔

سپاہ۱: مےٚ تہِ چھہٕ پے کیُتھ چُھ ۔ ہےاسہِ نہٕ حض چُھنہٕ پے سہٕ کیُتھ چُھ ۔

نفر۲: یُس نہٕ تُہۍ زانوٗ ے ۔یُس نہٕ تو ہہ وُچھمُتے چُھ زانہہ۔ تہُنٛد حکم کتھٕ چھوٗ تہۍ مانان ۔

سپاہ ۲: ہے ژٕ ماچُھکھ یارٕ پاگل،سون بادشاہ کیاہ بنچھوٗن چھازِ آنگنہٕ پتہٕ آنگنہٕ پھیرِ تہٕ سأرِی وُچھنس ۔سہٕ ہابادشاہ۔

نفر۲: بادشاہ چُھ بنچھوٗن آسان ۔آنگنہٕ پتہٕ آنگنہٕ پھیران ۔لُکن ہندی تکلیف بوزان ۔

سپاہ۲: ہے پکھ حض یہِ حض ڈالی ۔ (نیرُن ہوان)

نفر۲: پنٕنس بادشاہس وٕنو زِ حیدر چک چُھ ژےٚ خلاف کھلم کُھلا بغاوتُک اعلان کران سہٕ تہٕ مشیدِ آنگنس منز ۔

(سپاہ پھیران پوٚت حیدر تلوار کڈان تہٕ سپاہ ژلان)

(لایٹ گرٛھان تہٕ یِوان)

حبہٕ: بس وٕنی بوزنہٕ کہینہ ۔اسہِ دوٚ یومنزٕ چُھ کأنسہِ نتہٕ کأنسہِ اکھأ کس نِش دور سپدُن ۔

یوسف: نہ ملکہ ۔ژےٚ روٚس چھےٚ یہِ کٔشیر نامکمل ۔ چانوٕ أتو روٚس گژھِ یہِ کٔشیر بےزبان،

حبہٕ: تہٕ چُھ مےٚ منظور ۔مگر لُکن نِشہِ تہُنٛد دوٗر رٕ چُھم نہٕ منظور ۔

یوسف: مےٚ چُھ پرٛتھ کانہہ پی ونان زِ بہٕ چُھس لُکن نِش دوٗر ۔ بہٕ چُھس پنٕنس

سلطنتس تِتھ پأٹھۍ واتان ہِتھ پأٹھۍ واتُن گرٛھِ مگر کأنہہ اکھاہ چھُنہٕ مےٚ یِہ ونان زِمےٚ کیاہ چھُ کرُن۔ برونٛہہ تہِ چھُ مےٚ وٚونُمت تہٕ ازتہِ چھُس بہٕ ونان زِ بہٕ چھُس نہٕ پننٮ۪ رعایاہٕ پننٮ۪ یابیٚیہِ کأنسہِ ہنز غلام بناوٕنۍ یژھان، میون یقین چھُ یِہ زِ سلطنتس منز گرٛھِ امن وامان آسُن، کأنسہِ ہنز گرٛھنہٕ کأنسہِ پٮ۪ٹھ زورز بردستی آسٕنۍ۔ بادشاہ چھُ یانہٕ چھُ یِہ چھُنہٕ اہم۔ اہم چھےٚ سلطنت۔ اہم چھےٚ لُکن ہنز آزأدی۔

حبہٕ: بادشاہ سلامت۔ یُتے چھُنہٕ اہم۔ اہم چھُ لُکن اندر تُہنٛد وجوٗد۔ تُہنٛد آسُن۔ تُہنٛدِ آسنٕچ خوشبوے۔ یِہ گرٛھِ نہٕ صرف محل خانہٕ چَن لبن منزٕ ے جذب گرٛھنۍ۔ یِہ گرٛھِ نبر نیرِ نۍ تہٕ پھہٕلنۍ۔

یوسف: بہٕ چھُس دپان زِ میانہِ سلطنتُک پرٛتھ کأنہہ فرد چھُ بادشاہ۔ بہٕ تہِ چھُس تِموٕ ے منزٕ اکھاہ۔

حبہٕ: یِہ سوچ چلی نہٕ وُنہٕ سانہِ سلطنژ منز۔ اسہِ گرٛھِ بادشاہ محسوس سپدُن۔ أسی گرٛھون سہٕ وُچھِن۔

یوسف: یِہ سوچ پانس اندر پأدٕ کرُن چھُ شاید میانہِ خأطرٕ ناممکن۔

حبہٕ: یٚو دوے بہٕ محل خانہٕ منزٕ نیرِ تُہنٛدِ خأطرٕ سپدِ یِہ سوچ پأدٕ کرنس منز آسأنی۔

یوسف: مگر چون نیرُن ہیکہٕ نہٕ بہٕ برداش کٔرِتھ تہٕ نہ ہیٚکہِ پگاہ توارِیخ تمہِ خأطرٕ مےٚ معاف کٔرِتھ۔

حبہٕ: مگر یِہ سپدان چھُ تمہِ خأطرٕ تہِ کرِ نہٕ پگاہ توٗ ہہ توأرِیخ معاف۔

(محمد بٹ اژان)

یوسف: محمد بٹ، کیاہ دلیل، ژ کیا زِ تھانتھر یوٗت

محمد بٹ: حیدر چک حضور۔ حیدر چک۔

یوسف: کیاہ کوٗر تمۍ

محمد بٹ: کھلم کھلا بغاوت۔ جہاں پناہ۔ لُکہ ارسار تس منز توٗ ہہ خلاف بکواس کران تہٕ لُکن بڑکاوان، تلوار ہتھ اوس پنہٕ نِہ کینژن وفادارن سۍتۍ محل خانس کُن پکان۔

یوسف: پتہٕ، پتہٕ کوٗت گو و محمد بٹ۔

محمد بٹ: مےٚ دباۍ وۍ تہنز بغاوت۔ مےٚ کٔرۍ تہندۍ حوصلہٕ چکنا چور۔ جہاں پناہ۔ مےٚ دِژ تس شکس، تہندۍن خیالن شکس،

یوسف: وونۍ کوٗت گو وسُہ بدبخت۔

محمد بٹ: عالم پناہ سُہ گو وودفاہ۔ وونۍ چُھنہٕ کانٛہہ خطرٕ۔ کانٛہہ پریشانی۔

یوسف: پریشانی چھےٚ وونۍ محمد بٹ، تس چھِ مغل مدد تس پراران۔

محمد بٹ: مگر جہاں پناہ مغل کیا زِ کرن تس مدد۔

یوسف: یہۍ چھےٚ کتھ۔ یوٗسہٕ بہٕ پرٛتھ کانٛہہ سمجھاوٕنۍ چُھسن یژھان مگر کانٛہہ چُھنہٕ سمجھان۔ میانۍ رعایا چھنہٕ مےٚ خلاف۔ مگر یم چھِ مےٚ خلاف کرنہٕ یِوان۔ نبرِم طاقت چُھ اتھ پتہٕ کنہٕ۔ تم چھِنہٕ یژھان زِ بہٕ گژھ ہ پیٚتہٕ حکومت کرُن۔ تم چھِنہٕ یژھان زِ پتہٕ گژھ ہِ تیُتھ کانٛہہ حکمران آسُن

یُس نہٕ تِمن پتہٕ پٔننۍ قدم جماونہِ دِیہِ ۔تِم چھِ یڑھان یہِ سلطنت تہِ پننِس اختیارس منزاننۍ ۔راجہ مان سِنگھ لاہورس منزٕ رُکاٖوِتھ گٔیہِ یہِ کتھ زیادٕ سنگین شاید۔توے چھِ تِم کالہٕ کاجہِ کأنسہِ نتہٕ کأنسہِ مےٚ خلاف بغاوتس پٮ۪ٹھ آمادٕ کران ۔ٔکتِس کالس روزِ وأسی یہِ بغاوت دباوان ۔ٔکتِس کالس روزِ وأسی بس أتھی مسلسل پٮ۪ٹھ توجہ مرکوز کران تہٕ لۄکھ تھاو وکھ آوٕ ری ۔

حبہٕ: تمیُک مطلب چھُ یہِ زِیٚتہِ مغل جاسوس موجوٗد۔تِہندی خار موجوٗد۔

یوسف: بالکل۔سأنِس محل خانس منزٕ کتۍ آسن تمیُک چھُنہٕ اسہِ کأنہہ اندازٕ ۔

حبہ: جہاں پناہ جوسوس کتھٕ کٔنۍ چھِ سأنِس سلطنتس منزٕ دأخل سپدان تہٕ اسہِ چھنہٕ پے لگان ۔

محمد بٹ:مےٚ چھُ باسان سأنۍ گوڈنچ کأم گژھِ آسنۍ یِم جوسوس ژٔنۍ کڈٕنچ پتہٕ تِمن سزا دِنٕچ ۔

یوسف: محمد بٹ بہٕ اوسس نہٕ یژھان زِ یتھ خوبصورت چمنس منز گوٚژھ کأنہہ دأخل سپدن مگر مےٚ چھُ باسان زِ میون یہِ خاب روزِ بس خابے تِکیا زِ میانین لُکن تہِ چھےٚ کل دراہٕژ تہٕ میانٕہن حأکمن تہِ ۔سأری چھِ یی یژھان ۔زِ مغل گژھن قأبض سپدٕنۍ ۔

محمد بٹ: مگر جہاں پناہ۔یوٚ تام نہٕ تُہنز مرضی آسہِ توٚ تام ہیٚکہِ نہٕ یور کأنہہ تہِ پٔننۍ قدم تھأوِتھ ۔

یوسف: مہٕ گٔرِ وچھٕ ن تہٕ میون بحث پامال۔وُ چھان گژھ ۔

حبہٕ: کہینی سپدِ نہٕ جہاں پناہ۔ یوٚت تام تٔہنٛد سوچ مستحکم روزِ۔

دربان: جہاں پناہ۔ تُہنٛد اقبال اَسِنٕ بلند۔ شہنشاہِ ہند محمد جلال الدین اکبر سُنٛد قأصد چُھ کیاہتام پیغام ہیتھ آمُت۔

(اکھ اَکِس کُن وُچھان)

یوسف: سۆزیون ! (قأصد اندر اژان) کیاہ پیغام چُھ بادشاہ سلامتن سانہِ خأطرٕ سۆزمُت۔

قأصد: جہاں پناہ۔ تُہنٛد اقبال روٗزِن بلند، زن شہنشاہ چُھ تۄہہ تورٕ ینٛچ دعوت دِوان۔ (خط پلناوان)

یوسف: مگر کیازِ؟ یہِ چُھ چأنِس شہنشاہ سُنٛد دوٚیِم پیغام، بظأہر چھِنہٕ ترٛٹھ کأنہہ کتھ۔ یوسہٕ مےٚ چأنِس شہنشاہَس ستی کرٕنی چھےٚ تہٕ تِمن تہٕ آسنہٕ۔ تِکیازِ، سأنی سلطنت چھےٚ مغلیہ شان وشوکت تہٕ جلالہٕ نِشہٕ الگ تہٕ دوٗر۔

قأصد: حضور، یوٚدوے تُہند اجازت آسہِ بہٕ واتناوٕ یہے کتھ پننِس شہنشاہَس تام۔

یوسف: نہ۔ یہِ یوٚدوے اَسی وُنی تہِ یژھو مگر ؤنتھ ہکو نہٕ۔ تِکیازِ جلال الدین محمد اکبر چُھ سٮ۪ٹھاہ بوٚڈ بادشاہ تہٕ اَسی چھِنہٕ تٔہندِس روتبس برابر۔ قأصد سٕندِ ٹھہرنُک گژھِ سٮ۪ٹھاہ جان اہتمام سپدُن۔ یِگاہ صبحس گژھن یم چکرس کڈٕنی تہٕ یمن گژھِ نہٕ کُنہِ تہِ طریقہٕ کأنہہ پریشأنی سپدٕنی۔

محمد بٹ: یہِ حکم عالم پناہ۔ (نیران)

حبہٕ: میون سرتاج کیاہ لوٚگ سوچنہِ۔

یوسف: کیاہ دلچسپی ہیکہِ ہندوستانکس شہنشاہس اسہِ منزٲ ستھ ۔

حبہٕ: ییٚتہِ کٮ۪ن لُکن ، ییٚتہِ کٮ۪ن حاکمن یا ییٚتہِ کٮ۪ن بادشاہن ہتی چھنہٕ تمن کانہہ تہِ دلچسپی ۔ تمن چھےٚ دلچسپی کٔشیرِ منز ییٚتہِ کٮ۪ن ناگرادن تہٕ وِرِ مأدانن منز ۔ ییٚتہِ چِن مرگن تہٕ ییٚتہِ کٮ۪ن باغن منز، ییٚتہِ کٮ۪ن پہاڑن تہٕ آبہٕ سرن منز، ییٚتہِ کِس آب وہواہس منز، تمن چھنہٕ اسہِ ہتی کانہہ دلچسپی ۔ جہاں پناہ۔

یوسف: تہِ چُھس بہٕ تہِ زانتھ حبہٕ خوتون ۔ مےٚ چُھ پے تو رواتُن گژھ فقط بہانہٕ ۔

حبہٕ: مگر گژھن تہِ پیٚیہِ ۔

یوسف: مےٚ چُھ باسان أسی سوزون پننہِ بدل پٔنُن شہزادِ یعقوب شاہ۔

حبہٕ: مگر سُہ کیاہ کرِ ۔ تس تگیاہ یہٕ نوٗزُک سیأسی معاملہٕ حل کرُن ۔

یوسف: تس پزِ ووٗنی یمن معاملن سٔتن تِکیازِ سُہ چُھ پگہٕ ہُک سلطان ۔ تس گژھِ ووٗنی پرٛتھ کانہہ سیأسی داو پیچ پےآسن ۔

حبہٕ: یہِ تُہُنٛد فأصلہٕ آسہِ ۔

یوسف: امہِ ہتی ننہِ اسہِ شہنشاہ سُنٛد ارادِ ۔ سُہ یژھان کیاہ چُھ ( ژرِپوٚپ کران، نفراژان ) شہزادس تام واتناوِیہِ پیغام زِ تس چُھ پگاہ دِلہِ کُن کوچ کرُن ۔ تمام انتظام گژھن کرنہٕ یِن ۔

نفر: یہِ حکم عالی جاہ۔

(لایٹ چھےٚ گژھان تہٕ پوان )

ابوالفضل؛ راجہ بھگوان داس۔ جہاں پناہ جلال الدین محمد اکبراوس یوسف شاہس سمکھن یژھان، تہندِس اولادس نہٕ کینٛہہ۔

بھگوان داس: ابوالفضل۔ تُہندِس ذہانتس تہٕ تدبرس چھُنہٕ سأریے مغل سلطنتس منز کانٛہہ جواب۔ تُہۍ چھِوٕ مغل توأریخ ترتیب دِوان۔ آخر کیا زِ چھُ سون شہنشاہ یوسف شاہس سمکھن یژھان۔

ابوالفضل: کشیرِ چھےٚ سٮ۪ٹھاہ خوبصورت، تِتھۍ جنگل، پہاڑ، مأدان تہٕ مرگہٕ چھےٚ مغل بادشاہن نادلایان۔ سُہ حُسن چھُ بس یِہندے خأطرٕ بنیومُت تہٕ یمنے چھُ چھاوُن۔

بھگوان داس: تیٚلہِ کیاہ چھُ شہنشاہ یژھان۔

ابوالفضل: اوہُند فرزند تھأیون کُنہِ جایہِ فی الحال فوجی بندوبستس منز، تِس گژھِنہٕ یہِ احساس گژھُن زِ سُہ کوٚرُکھ بند تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ گژھِنہٕ سُہ ژٕلتھ تہٕ ہیکُن۔

بھگوان داس: واقعی روزِ مغل سلطنت تُہند ہِن مشورن ہِنز مرہوٗن منت۔

ابوالفضل: جائزٕ بےبأکی تہٕ چون یہِ بےلاگ سوچ تہٕ بنہِ میانہِ توأریخُک اکھ اہم حصہٕ۔

بھگوان داس: پنجاب کیٚن سرحدن تام چھِ أسۍ وأتِی مٕتۍ۔ اسہِ پزِ تیٚلہِ بیٚیہٕ رژھاہ بروٚنٛہہ پکُن۔

ابوالفضل: تی چھُ شہنشاہ جلال الدین محمد اکبر تہٕ یژھان۔ کشیر گژھِ وٕنۍ کُنہِ تہٕ صورتس منز مغل سلطنتس تحت یِنۍ۔ أسۍ گژھو سأریے ہندوستانس

پتھ حکومت کرٕنی ۔ تُہی کرِو فوج ہیتھ تورُن کوچ۔ کشیرِ چھےٚ سیٹھاہ مشکل فتح کرٕنی تکیازِ تتِھ دریاو، پہاڑتہٕ جھیل چھِ تتِھ گوڈ نِکو محافظ ۔ اِوَ کنی چھُ توروا تُن سیٹھاہ مشکل۔

بھگوان داس: میانہِ خاطرٕ چھنہٕ یہِ کانٛہہ ٹُو کتھ، نیرنہٕ بروٚنٛہہ کرٕ بہٕ شہنشاہس ستی پانہٕ ملاقات۔

(دربان اژان)

ابوالفضل: کیاہ دلیل ۔ ژٕ کیازِ تھانتھ ریوومُت۔

دربان: حضورِ محترم ۔ شہزادِ یعقوب شاہ چھُ ژٕولمُت ۔ سُہ چھُنہٕ کُنہِ دریٹھی گژھان۔

بھگوان داس: اورِ یورٕ ژھانٛڈ یون۔

دربان: جہاں پناہ ۔ پرٛتھ جایہِ ژھونڈ۔

ابوالفضل: بس چھےٚ فوجی کاروائی واحِد حل۔

(لایٹ یِوان ۔۔ حبہٕ خوتون آسان اورِ یورٕ نژان)

حبہٕ خوتون: مےٚ چُھ باسان وق تہٕ سو وِز واتژٕ یِلہِ میانٛس شہنشاہس اکبرٕ سندِس دربارس منز حاضِر پیٚیہِ سپدُن ۔ یی چُھ مےٚ باسان وق ونان ۔ کوتاہ خون خرابہ ،کوتاہ قتل وغارت کرِ یہِ موج بُتراتھ برداش ۔ مےٚ پیٚیہِ پٔزُن شہنشاہ امہِ خاطرٕ راضی کرُن ،میون سرتاج یہِ یژھان چُھ تہِ یِیہِ نہٕ شاید زانٛہہ تہِ باعمل ۔ زانٛہہ تہِ نہٕ۔

(یوسف اژان تلوار ہیتھ)

یوسف: (تلوار پتھرلایان۔)بس حبہ بس۔

حبہٕ: میانہِ خدایہ رحم،۔کیاہ دلیل شہزادٕ چھاٹھیک۔

یوسف: آٹھیک۔۔پٕژن سِکہٕ،پٕنٕنی پہچان دِژاسہٕ یمن مگرتوتہٕ چھہٕ یمن یڈٕیوان۔ توتہٕ چھہٕ یم یژھان بہٕ گژھہٕ اکبرٕسندِس دربارس منز حاضٕر سپدٕن۔

حبہٕ: مےٚ چھُہ پانس باسان زِ امہِ بغأر چُھنہٕ کانٛہہ چارٕ۔

یوسف: مگر میأنی کشیر۔میأنی حبہٕ خوتون۔

حبہٕ: یہٕ کیاہ ضروری چُھہ زِتمہ دِنونہٕ توٚ ہہ واپس ینہٕ۔بلکہِ کانٛہہ سمجھوتہٕ کٔرتھ تُہیٚ واپس سٕ زی ہو۔

یوسف: ژٕ زانہکھ نہٕ مغل۔یہٕ زانہٕ یٕہنز شأطر سیاست۔یہٕ زانہٕ یٕہند ٕن دہماغن منز کیاہ چُھہ۔یوٚ تام یہٕ چھُس توٚ تام چھُس بہٕ تمن ٹھوٗر باسان۔

حبہٕ: مےٚ چُھہ پےٚ مگر امہِ بغأر چھا کانٛہہ وَتھ۔مغل فوج ژ اوا اندر تہٕ اندرٕ یُس یُس خونی ووتھ سُہ اوس میانٕہن اولادن ہُنٛد،میانٕہن سپاہن ہُنٛد،

یوسف: تمہ تہٕ کٔری اسہٕ برباد۔واپس سٕ زی توٚ ری یٕیتہٕ آتٕتیٚ اَسی۔

حبہٕ: مگر کٔتِس کالس۔از اگر پانژھ ساس سپاہ ہٕتھ آو۔پگاہ یِیہٕ داہ ساس، پتہٕ پنداہ،آخر چُھہ تہٕندِس طاقتس بروٚنٛہہ کنہٕ اکہٕ نتہٕ اکہٕ وِزِ اسہٕ جُکن۔ مےٚ چُھہ باسان تُہیٚ کٔرو نیرنٛک انتظام۔پگاہ کٔرِو تُہیٚ دِلہِ کُن کوچ۔

یوسف: یہٕ آسہٕ تیٚلہِ میأنی آخری راتھ پننہِ ماجہِ ہٕنزِ کوچھِ منز۔

حبہٕ: تہٕ گمٕ و ٚون۔

یوسف: مےٚ چھےٚ ژِینہٕ وَن ترٛٹھے ۔ چلوِ صحیح ۔ شاید چھُ وقتس تہٕ یِی منظور، تہٕ میٲنۍ خوتون تہٕ چھےٚ یِی یژھان ۔

(ژرِپوٚپ ۔ دربان اژان)

دربان یہٕ تلوار تُل تہٕ تراوو ہتھ ، تکیا زِ اٰ زی کہٕ پتھ پیٚیہ تہٕ کٔشیرِ ہندٕ ہن سلطانن اچھ ضرورت ۔ تلوار آسہٕ دِلہِ ہنز تہٕ چلاون وول تہٕ آسہٕ اورےُ مگرمرِ یہٕٚتیک یہٕٚتیک یوسف شاہ ۔

(دربان تلوار تُلان تہٕ لایٹ فیڈ آوٹ گژھان ۔ ۔ ۔ فیڈ اِن)

یوسف شاہ سنتور وایان ۔ تہٕ حبہٕ خوتن غزل گوٚان ۔

(فیڈ آوٹ)

(یوسف نیران ۔ پتہٕ پتہٕ محمد بٹ، یعقوب چک، حبہٕ پوٚت نظر دِوان سأرِ ہے ۔)

یوسف: بس یہِ اٰ خری نظر میٲنۍ تھأوِ زِیاد ملکہ ۔ اٰمی مدد تہٕ کٔڈی زِ باقے زندگی ۔ بہٕ یہٕٚتین تہٕ روزِ یہِ روح آسہٕ یہٕٚتھی پننہِ کٔشیرِ منز ڈولان ۔ ژِ پرٛژھ زِ یمن مرگن، گُلن، چمنن، بہٕ آسہٕ تمنے منز گندان تہٕ دِلہِ ہندٕ ہن شہنشاہن استقبال کران ۔ تمن ڈالہِ ہتھ کھسان ۔

حبہٕ: بس کر بس ۔ بس میانہِ سرتاجہِ ۔ از دِمہٕ بہٕ چاک جگرس ۔ از کڈ کھ سأری لفظ نبر ۔ از دِمہٕ وبدٕ اکھ، یمو ستی یہِ زمین تہٕ آسمان ودِ ۔

(یوسف نیران تہٕ حبہٕ پتہٕ پتہٕ سایکلوراماہس پتھ چھےٚ ژھاے بنان

زن تہٕ حبہٕ خوتون ہانکلن منز بند۔کلہٕ بوٚن کُن تھاےٚتھ۔یپأری حبہٕ خوتون
اژان۔غزلہٕ ہُنگ وبد اکھ دِوان تہٕ اُتھی امیجہٕ منز شرٛ پان)

آواز: یہٕ سون اٰخری بادشاہ یوسف شاہ چک یُس دِلہٕ نیُوٚکھ تہٕ واپس ترٛ وُوٚکھ نہٕ۔ واپس یہٕ آو، تہٕ اوس تورُک شہنشاہ، تورُک فوج غلامی ہنز اکھ روایت گیہٕ شروع یوس وُنہٕ جأری چھےٚ۔

زان:

سوہن لال کول چُھ کٲشِر ہُنٛد اکھ مشہوٗر ڈرامہ نویس تہٕ افسانہٕ نگار۔ کول صأب چُھ اردو تہٕ کٲشرِس منز یمن دوٚشوٕنی صنفن منز پنُن قلم آزماوان۔ یہٕندی کینٛہہ مشہوٗر ڈرامہ تہٕ افسانہٕ سپدی سٹیج تہٕ تہٕ ریڈیو تہٕ ٹی وی ذریعہٕ تہٕ آے لُکن تام واتناونہٕ۔ ''یوٚ تام ئری پٔھٹھ گوٚ'' چھےٚ یہٕنز اکھ مشہوٗر ناول۔ اردوہس منز ایم اے تہٕ پی ایچ ڈی کرنہٕ پتہٕ گٔرکھ دوردرشن سرینگرس منز مختلف عوہدن پٮ۪ٹھ کأم۔

سوالات:

ا: ڈرامہ کیا گو وتہٕ کٲشرِس منز کیاہ چھےٚ امہ صنفہٕ ہنز روایت روٗزمٕرٕ

۲: یتھ ڈرامہس چھِ اکھ الگ توٲریخی پوٚت منظر۔ وضاحت کٔرِو

۳: ڈرامہکین اہم کردارن پٮ۪ٹھ لیکھو اکھ تفصیلی نوٹ

# سوال چُھ کلُک

امین کامل

تٔمۍ وۄنُم ہناڑ کھِ سان ہیوٚ۔ ''ژٕے ترٕ نے نہٕ یمہٕ کتھِ فِکرِ۔ یم چھِ قونونی نوقطہٕ۔ یہ بڑا نازک مسلہ ہے۔ یہِ چُھنہٕ ووتھِ دیدی تہٕ شیر بتہٕ۔''

أمۍ تُج میزٕ پٮ۪ٹھ سگریٹ ڈٔبۍ۔ مےٚ لٔج ژھوپہٕ۔

أمۍ زول سگریٹ۔ پان پتھ کُن ترٲوِتھ پھُکر وۄن تالہٕ وَس کُن اکھ گوٚن دِہی لمبکھ۔ یُس ہنہِ ہنہِ تنیو و، پھٔہلیو وتہٕ سأری ہے کمرس آو چھکر نہٕ۔ تہٕ أخرس، پننہِ وجوٗدٕ چ بدبوٗ ے پتھ کُن ترٲوِتھ، میوٗل واوس ستۍ واو۔

مے أس ژھوپہٕ لٔجمٕژ، اماپوٚز سوچان اوُسس کینٛہہ منوش کیا زِ چھِ أسہٕ کنۍ دُہ پھُکری پھٕکری أندی پکھٕس بدمشک بناوان۔ پانہٕ خبر کیاہ کیاہ سوکھ بوٗ گان، مگر بٮ۪ین پھر یکھ تہٕ دم پُشرٲوِتھ لُسن بسُن شکل بناوان۔ یہٕ اوُسس یمنٕے غوطن زِ أمۍ وٚون بٮ۪یہِ ''بوز، کتھ چھنہٕ جسمٕچ۔ یہِ دھڑ کی بات نہیں۔ یہِ چُھ کلُک معاملہٕ۔ مےٚ کیاہ چھِم تٕسندِس مُسلس تہٕ مازس کرُن۔ مےٚ چُھ مسلہٕ زِ لاشے کلہٕ اوس تہٕ کور کُن اوس۔'' تٔمۍ وٚون زور دِتھ۔ ''یہِ اصل مسلہٕ ہے۔'' مےٚ کٔر فِکر ازِ لیہِ تہِ کیاہ انسان کلہٕ تہٕ کاڈِ روٚس۔ یُس ہر ہر، سُہ چُھ أتھی کلہٕ کھاسِر۔ مےٚ پھُٹرٲو پٔنٕز ژھوپہٕ تہٕ پان سومبرٲوِتھ پرٕژھمس بٔلۍ۔ ''اہن حض تو ہہ چھنا خبر اوُسس کور کُن کلہٕ؟''

''ہم کوسب معلوم ہے۔'' تٔمۍ وۄن ڈ ندچیٖرتھ ہیوٚ۔ تِمن چھےٚ خبرٲسۍ کروگٕڑ برٕگُٹا لاتہٕ نِمو پٔتُن باز زیٛنتھ۔ مگر ہم نے کچی گولیاں نہیں کھائی ہیں۔ بہٕ گوس تتھ کِیُت پرٛۄن ماکنٕ۔ بہٕ چھُس نہٕ راتھ دژاس کالجہٕ تہٕ ازبنیوس اورٕ یورٕ ہارٕ وارٕ پلنأوِتھ تھانہٕ دار۔ تہِ گیم ووٗنی ترٛ ہہٕ وٗری پُلسہٕ بتہٕ کھوٚان۔ مےٚ نِشہِ نہٕ ووٹہٕ۔''

یہِ کتھ بیٛٹھ مےٚ۔ انسان ہیٚکِہ نہٕ أکِس ماکنس نِشہِ ووٗٹھ کڈِتھ، اِدیُس دوٗن ماکنن منز ہیٛنہٕ پییہِ۔ تٔمس چھےٚ پانس لوٗتہِ پأٹھۍ کرٛ یا کرٕچ تہٕ لحدِ ہنز صوٗرت تھاوٕنۍ کٔرِتھ۔ ماکن گوٚو مانکُن۔ یتھ أنکس چیٖرتھ گوٚوتتھ ووتِھ نہٕ تھوٚد۔ کوتاہ تہِ تٔچھ توس۔ تی گوٚو اتھ لاشہِ۔ یوسہٕ دوٗن ماکنن اندر ہیٛنہٕ آس آمٕژ۔

مےٚ آسۍ پیٛٹھۍ پیٛٹھۍ کتھاہ کنن گأمٕژ، اماپوٚ زپوٚرٕ خبرٲسم نہٕ کینٛہہ تہِ۔ اِوَکنٕز اوُسُس محض پننہِ زأنۍ خأطرٕ قصُک ژوٚک زانُن یژھان۔ نتہٕ بہٕ کأنہہ فأصلہٕ یا پنچأیٔڈ اوُسُس نہٕ زِنیاےبوٚ زِتھ دِمہٕ ہاتتھ ژھٔن۔ توٚ پتہٕ یوٚ دتہِ خیال آسہم، دوٗن ماکنن منز پیٛتھ کھمہٕ ہاٚلپر۔ جِنن ہیٚکہِ کأنہہ کوٚ جِنے پیٛٹھ بِہِتھ۔

کتھِ ماوٗردیاونہٕ خأطرٕ پرٛژھمس مےٚ بیٚیہِ ''توٚ ہہٕ آسہِ پتہٕ پیٛن خبر لُجمٕژ۔ نتہٕ کتہِ ٹُلہِ خان پورٕیک تھانہٕ دارتوٚ ہہٕ نِشہِ ووٗٹھ،''

مےٚ باسیوو أمِس گوٚو پھٕر۔ تِکیا زِ گردن گٔییس ہناہٕ ہٕچ، وُٹھن پھوٚلُس اسُن تہٕ أچھن پھیٖرٕس شیطأنۍ چمک ہِش۔ مگر أتھۍ ستۍ آیس بٕمہٕ چارنہٕ۔ ''یہِ چھےٚ سأرِے أمِس عمہٕ کانسٹیبلہٕ سنٛز غلطی۔ خبر زانہٕ ہنہٕ؟'' أمۍ پرٛژھُم۔

''اہن حض کیا زِنہٕ۔'' مےٚ وۄنُس زانہٕ کرنہٕ روٚستے۔

’’أمی احمقن رکوونہٕ سُہ نفر۔‘‘ یہِ لۆگ وننہِ۔ ’’مےٚ گٔرن نہٕ اندرکُن خبر۔ نتہٕ لگہِ ہے مےٚ دودھ کا دودھ اور پانی کا پانی سأرٕ ے خبر۔ توتہِ نیہِ مےٚ پٔنٕز کاغذ دُرُس کٔرتھ۔‘‘

’’اہن حض سُہ اوس کُس نفر؟‘‘ مےٚ پرٛژھس کتھِ ہناواش کڈناو نکہِ غرضہٕ۔

’’تہِ چھم نہٕ خبر، عمہٕ کانسٹیبلُن کلہٕ۔‘‘ اُمِس کھوٚت جلکھ ہیوٚ۔ ’’گوڈٕ چھُکہ نہٕ ہیچھتھ تہِ بنان تہٕ گرٛشھان چِھم سپاہ بٔرتی۔ یمن چھا کأڈی! یہِ معاملے کی نزاکت نہیں سمجھتے ہیں۔ سُہ گرٛشھتھ چُھ ونان، یہِ حض اوس کُس تام گُری سوار۔ دپان پوشہِ مرگہِ بونہِ تل چھےٚ لاش پیٛمٕژ۔ دِتس جواب۔ ہیوخرا، تم نے اُس آدمی کو چھوڑا کیسے! سُہ اوس کُس، کتیُک۔ تٔمی زن آسہِ ہے قتل کوٚرمُت، کیوں؟ ہوسکتا ہے! تھا نہٕ دارس چھِ آسان دہن کتھن سنُن۔ کِنہٕ نہٕ؟‘‘

’’توت تام حض چُھ پوٚزُے۔ یئیہِ تہِ گٔرتھ تہِ تو ہہ ہیوٚ اگرٕ نگرٕ مشہوٗر تھانہٕ دار! ووٗنی کیاہ، اتھ چھا کانٛہہ ٹھونٹھ یوان۔؟‘‘

’’ٹھونٹھ؟‘‘ تٔمی مُژراوِ راتہٕ موگل چالہِ اُچھ۔ کھوورِ اتھہٕ تھأوِنی پُلسہٕ ٹوٗپہٕ پتھرٕ تہٕ کأرتُلتھ وۄنُنم: ’’ٹھونٹھ شونٹھ کوئی نہیں ہے۔ اسہِ چھےٚ یٔژھ واریاہ کھیلہٕ گِنزمٕژ۔ سأنی کاغذ چھِنہٕ کُچ۔ خام پورِچ تھانہٕ دأرِل ژانس اوٗری۔ کاغذ بول اٹھیں گے۔‘‘ یہِ ؤنتھ ترٛوٗن ٹھہہ ٹھہہ اُسنا۔ مےٚ تہِ آیوو، مگر سۭتی سوٗنچُم۔ پانا۔ یہِ کتھ تام پٔٹھ وِسان۔ ژےٚ کیاہ گوے؟ أمی تُل میزٕ پٔٹھٕ چہِ رِکابہِ منزٕ کھنڈٕ پھولاہ ہیوٚ کیاہ تام تہٕ ترٛوٗن اُسس۔ سۭتی گٔرن مےٚ تہِ مازرتھ۔ ’’کھےٚسا، یہِ چھُے بڈٕ

مزدار چیز اہ۔''

مےٚ تہِ تُل پھولاہ تہٕ ترٛ ووُم اٴسس ۔ پٔزی َکنٛز لوٚگُم بڈٕ میوٚٹھ ۔ مےٚ سوٚنچ پتہِ میٹھیو و، دِس ترُس ۔

''اہن حض تہٕ خام پور یک تھانہٕ دار تہِ ماپٚیہِ کھوڈٕ پینچہِ روٚس ۔ تٔمی تہِ آسہِ کینٛہہ نتہٕ کینہہ سوٚنچِتھ تھووُمُت ۔''

'سوچنے دو جی ۔ کاڈٔی پہٕنس پانس وٕسی ۔ تٔمِس کرِ چھُ سوچُن توٚ گمُت زِاز تگبس ۔''

تٔمی کوٚ ڈنٛزِ واش ہیوٚ تہٕ ٹوٚپِ دِژٕ ن کلس ۔ امہِ وٚوُنٛن زامن ہش کران:

''تِمِس یوسہٕ شیطاٴنی کرٕنی اٴس ، سو کٔرٕن ، اتہِ اور کیاہ کرِ ؟ ہم ہر طرح چوکس ہیں ۔''

''شیطاٴنی کیاہ ہش اٴسن کٔرمٕژ ۔؟'' مےٚ پرٛژھُس چاٴری آیہِ ۔

''آ ۔ بٕے ونے ۔'' تٔمی گلنو وکلہٕ اول وانگن نوٚن کڈنہٕ آیہ ۔ ''یتُھے مےٚ بوٚ ززِ پوشہِ مرگہِ بونہِ تل چھےٚ لاش پیٚمٕژ ۔ مےٚ تُل یکدم پٔنٛن عملہٕ قولہٕ تہٕ دور یوس ۔ ا ٚوت تام لوٚگُے وقت ۔ سون تھانہٕ ماُچھ خام پورِچ واتل پہٕر ۔ یتھ چھُ بوٚ ڈ جوٚ رِسڈِ کشن ۔ یتُھے اٴسی اور واٴتی ، سٔہ وُچھم کٔرٛ تام ا ٚو کانہٕل کانسٹبل ہتھ واٴ تتھ پیوومُت ۔ لاش بونہِ تل پڑاہ ۔ مگر میں سب بدمعاشی سمجھ گیا ۔ اسیا تارٕنی ، مُسس تیا کپس ۔'' اٴمی تُل بیاکھ کھنڈٕ پھوٚلاہ تہٕ وولنس کُنے برٛکھ ۔

بہٕ اوسُس یژھان زِاٴ َکس لاشہِ کتھ اوس دوٚن تھانہٕ دارن دوٚرُن ۔ یمٚی

ہِندِس بنس منز لاش اٲس، سُہ زانہِ ہے تہٕ کارزانہِ ہے۔اوے پڑژھمس حاراٲنی سان: ''اہن حض تہِ لاش ءکہندِس جیورسڈ کشنس منز اٲس؟'''' لاش اٲس نہٕ کانٛسہِ ہِندِس تہِ جیورسڈِ کشنس منز۔ لاش دو تھانوں کے درمیان ڈمارکیشن لاین پرِتھی۔اسہِ اوس لاٛ زمن گژھن۔تِمن تہِ اوس واتُن۔بہٕ کتہِ ونہٕ تِم کیا زِ اٲسی آمتِر۔ ہم کوئی غلط بات نہیں کہیں گے۔'' اٲمی ترٲ وکاٲرتِلتھ دارِنبر کُن نظراہ۔اتہِ اٲسی پُلسہٕ واٲلی جوراہ سڑکہِ پٹھ کستام ٹاپہٕ ناوان۔مےٚ تہِ اٲس اورسیٚو دنظر۔

اہن حض تو تہِ کیاہ گیاوٗ'' مےٚ پڑژھمس سٕزٕرٕ پاٲٹھی۔''اکھاہ کُرۍ زِ ہو تفتیش!'''' تہِ کیاہ گو واکھاہ؟'' تِمی کوٚرُم ہزٕل۔تفتیشُک حق چُھ صرف تِمِس آسان یُس ہِندِس جیورسڈ کشنس کُن لاشہِ کلہٕ رجوع آسہِ۔''

''اہن حض تہٕ سوٲس، تُہندی ونہٕ ڈمارکیشن لاینہٕ پٹھ۔'' مےٚ وُنُس۔

''وہ تو ٹھیک ہے۔مگر لاشہِ کور کُن اوس کلہٕ۔یہِ چُھ اٲنزراوُن!۔'' اٲمی وٚون۔

بہٕ رووُس۔کینہہ پیووم نہٕ پلہِ۔اٲمی کریایہِ بروٚنہہ تہِ کلچ کتہٕ، مگر تمہِ وِزِنیہِ مےٚ سوسرسری پاٲٹھی۔مےٚ پڑژھس: ''اہنِ حض تہٕ کلس کیاہ چُھ اتھ معاملس سٕتؠ تعلق؟''

''تعلق ہے۔ضرور ہے۔'' تِمی وٚون زور دِتھ۔''میٚے بروٚنٹھے وٚونۍ۔ ژےٚ ہٕترنے نہٕ یمہٕ کتھہِ فکرِ۔یہِ چُھ قانونی نوقطہٕ۔ہرگاہ دون تھانن ہنزٕ ڈِمارکیشن لاینہِ پٹھ کانٛہہ لاش آسہِ، تتھ ہکہِ صرف سُے تھانہٕ قبضس منز اٲنِتھ یُس ہِندِس جیورسڈِ کشنس کُن لاشہِ کلہٕ آسہِ۔''

بہٕ گوٚس ہے بنگہٕ تہٕ کریمانہٕ۔کڈانے پڑژھمس: ''اہن حض تہٕ اتھ لاشہِ

کورکُن اوس کلہٕ؟''

''یہی بدمعاشی ہے۔''تٔمۍ وۄن کلہٕ تہٕ پان اُلراوان۔:''یہِ خام پور یٔک لاشہِ واتٕل اوسُے برۄنٹھے پوشہِ مرگہِ اندر وأتتھ پیٚومُت ،۔شیطان کا پرکالہ۔ میں سب چالاکی سمجھتا ہوں ۔ اَمۍ اوسُے لاشہِ پتہٕ جیورسڈکشنس کُن کلہٕ پھِر نو ومُت ۔یُتھ زن لاشہِ انہِ پتہٕس قبضس منز۔اَسۍ گٔییہِ پراَنۍ کھلاَڑی ۔اما بہٕ دِمہٕ ہس تتھ اتھ وتھ۔''

مےٚ اوس ووٚنۍ سورُے معاملہٕ عیان سپُدمت ، اما پۄز ا کھ کتھ اَس روزان۔توے پرٛژھمس:''توہہ کیاہ ہیٚۄ کٔرو؟''

''بہٕ دِمہٕ ہسہٕ لاش قبضس منز اننہٕ ! تمن پھُتۍ فقیر کانسٹبلن کرِ ناوِی مس پنہٕ نبن سپہن اتھِ خوٚب لاٹھی۔ وٚوتھِ نیاے تہٕ وٚوتھ۔کاغذ خود بولیں گے۔ پیٚومُت چھُ اۄرۍ معاملہٕ۔''

مےٚ سۄنچ ہرگاہ اتھ لاشہِ پرٛ کُڑ اژِ۔چھُنا بنان۔یہِ ووتھِ تہٕ نیرِ پٔنن گرِکُن مگرٕ ستۍ پیووم ظون تہٕ ووٚنمس :

''مگر اتھ لاشہِ۔۔۔۔۔ۄ چھِ حض سوسرِ۔۔آخر کۄت کال۔۔۔۔''تٔمۍ دِژ نہٕ پۄرِ کتھ تہِ کرنہٕ۔

''سرٛ نے دوجی ۔سوال چُھ کلُک ۔سُہ کورکُن اوسس ۔یۄت تام نہٕ سُہ نیاے اَندِ ۔اۄرۍ چھِ معاملہٕ اویزان۔''

مےٚ گٔیہِ ژھوپہٕ۔

زان

امین کامل( 1924-2915 )اٗسی شاعر،افسانہٕ نگار،محقق تہٕ نقاد۔تٔمۍ چھےٚ اکھ ناول تہٕ لیچھمٕژ ۔امین کامل سٕنٛدٮ افسانن منز چھُ انسانی کردارن ہُنٛد کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ تیٚتھ پاس نوٚن نیران،یُس وُچھتھ،ژینتھ انسانی خصلژن ہنز حارٲن کرٕونی پٲری زان چھےٚ سپدان۔''سوال چھُ کلک''چھُ طنزٕ بوٚ رُت افسانہٕ یتھ منز اکہِ طرفہٕ پُلسہٕ افسرن ہنز کج روی تہٕ بیٚیہِ پاسہٕ انسانن تہٕ انسانی زندگی ہُنٛد المیہ بروٚنٛہہ کُن چھُ یوان۔

لفظ تہٕ معنی

کرٛیا کرم: ہیٚندٕ ہن ہُنٛد موردس داہ سنسکار کرُن

وِسان: سبٕٹھاہ خوش گژھن۔وولسنہٕ یُن

اگرٕ نگرٕ: ژوپٲری،پرٛتھ طرفہٕ

ٹھونٛٹھ: کھُر ،رُکاوٹ۔

جورِسڈکشن: اختیار۔Jurisdiction

مُسس تہِ کپس: چالاکس تہِ چالاج پیٚون

پلہٕ پیٚون: فِکرِ ترُن

کریمانہٕ کڈُن: حٲران گژھن

پرٛ گرٛٲژُن تصرف گژھن

سوالات:

۱: ‘سوال چُھ کلُک’ افسانس منز کیا زِتہٕ کتھ پٔٹھ چُھ تھانہٕ دارژ کھِ ہوٚت

۲: ‘سوال چُھ کلُک’ افسانُک رأوی چھا تھانہٕ دارٕ سنزن کتھن ہٕستی اتفاق کِنہٕ نہٕ مثالہِ دِتھ کٔرِو بحث

۳: ‘سوال چُھ کلُک’ افسانہٕ کِس مرکزی کردارس پٔٹھ لیٚکھیو نوٹ

۴: ’’سوال چُھ کلک‘‘ افسانُک خلاصہٕ کٔرِو پیش

# ژھئن

رتن لال شانت

روشن لالس اوس دم۔ نہ اوس پانہٕ کتھ دِس ٹُلان نہ اوس کتھ جوابے دِوان۔ سمکھن وألی أسی یوان ییٚتھن جایہ ژوٗکُل موگُل وُچھے یوکھ تٕتی بچھے یہ۔ ژچھنہٕ یا کھوورِ یُس بِہتھ آسہِ ہے تس أسی پرٛژھان۔۔۔۔"کیا ہسا پھیوٗ رما؟"۔

جواب دِنہٕ وول اوس کلہٕ گلہٕ ناوان تہٕ وُٹھ زٕ کڈتھ شُپ ہیوٗ بناوان مطلب"کینٛہہ چھُم نہٕ باسان۔ تہٕ گرِتھ خبر چھا۔۔۔"پرٛژھن وول اوس روشن لالس نظر تراوان یُس پھبرن شکھر لأگتھ کلہٕ بوٗن کُن ژھنِتھ دِیان اوس۔ کتھِ اگرے جواب دِنے پیٚوس، ہوں، ہاں اوس کران تہٕ بیٚیہٕ کلہٕ بوٗن ژھنان۔ پرٛژھن وول اوس رٕژھی کھنڈی روشن لالُن ماتم مُشرِتھ کُنہِ سیأسی یا سماجی بحثس منز شأمل گژھان یُس اتہٕ دوہی دوہس چلان اوس۔

از سٕتمہِ دوہہ تہٕ پیٚیہٕ روشن لالس کم تانٛ أشناو وأتیتھ۔ حالانکہِ وُنستام أسس تقریباً سأری آمتؠ۔ مردٕ ٹھبٹس برونٛھ کنہِ بیٚلہِ روشن لالنہٕ بیٚنز اوٗشہٕ تہٕ تسٕنٛد رؤن اجِت کمارکھڈا گیہ بحث گوو بند تہٕ سأری چھکھ ششدر ہیٚو چھان۔ اوٗشس اوس أچھن منزا وُش یُس سو رُمالہِ ستؠ ووتھران أس۔ اجِت کمار اوس ٹی شأٹ تہٕ جینز لأگتھ۔ اوٗشہٕ أس روشن لالس کُن وُچھان یُس کلہٕ بوٗن کُن ژھنِتھ اوس بیٚیہِ اوس نہٕ باسان سو کیاہ زانہِ ہے اتہٕ کأنسہِ۔ یا زانان أس تہٕ کأنہہ

اوس نہٕ یڑھان تس بُتھِ نیرُن تہٕ کتھ کرُن۔ اتھ خاموشی منز اوس اِجت کمار باسان زن تہٕ بچور ژۄ رِرۆٹُکھ۔ تس نہ اوس اندرٕ ے تگان اژُن تہٕ نہ ژلُن۔ تٔمی تھأو اپٹھی پتھر تہٕ چھُ زنانہِ کُن کٹہٕ چشموٗ چھان زن تہٕ ونان چُھس۔ یہِ چھُ چون ماتامال۔ ژٕ ے ہٕلکھ پیٚتہِ مےٚ تہِ تار دِتھ۔

امی وِزِ گوٚو بدری ناتھ عرف بوٚدٕ مام خبر کپأری پأدٕ۔ تٔمی کٔر اِجت کمارس اتھس تھپھ تہٕ ژوٗنُن ٹٔھنٹس اندر۔ روشن لالس نِشہِ کٔڈن جایہِ رژھ تہٕ بیٚہنوٗن۔ پتہٕ وۆنہٕ نس۔

''موت بڑا اہم وار کرندا ہے۔ مطلب ڈٔبتھ اِز بڑا ہی گریٹ لوٚلر۔ بیٹھو بیٹھو سب ٹھیک ہوجاے گا۔ دُکھی ہونے دِی کوئی گل نہیں۔''

وُچھن والیٚ کرے یہِ کوشش اجت کمارس یِیہِ نا بُتھِس کأنہہ ترٛژھ رٕکھ یا گیٚنی بوزنہٕ یتھ دوٚ کھچ رٕکھ ونہٕ ہأوکینٛہہ آ یکھ نہٕ اتھِ۔

اۆشس اوس نہٕ ودنس رفتار تِتھے ہٕکان تہٕ أتی گوٚو بوٚد مام تس نِشہِ تہٕ نِین اتھس تھپھ کٔرِتھ زنانہٕ ٹٔھنٹس کُن۔ پانہٕ تِجُن ٹٔھنٹہٕ رَزو تہٕ کجوٚ پیٚٹھی ووٚٹہٕ نالبن تارٕن لٔانپہٕ اماپۆز زاوشہِ أس باسان گرٛنڈونے۔ گامہٕ کۆر آسنہٕ باوجوٗد۔

بحث یُس پۆژھ یِنہٕ کنٕز بند گوٚمُت اوس گوٚو کنہٕ پھِسرا ریہِ منز شروع۔ اجت کمار اوس باسان زِژیری تیٚنج دلیل دِیہِ ہے اماپۆز موکھہِ مند چھِ کُس تُلہِ ہیس۔ روشن لالس کُن اوس وُچھان یُس کلہٕ بوٚن کُن ژٕھنِتھ خبرو گوٚوی تُجا گُنز ران کِنہٕ وگوِس پیٚٹھ بِہن والین أچھ بوٚن کُن ژٕھنتھے سام ہیوان۔ اِجت کمار چھُ ووٚنٕ پراران زِیہِ نفر (بوٚدٕ) یِی تہٕ دیوٚ تٔسی ستی کتھ کٔرِتھ ہیٚکہٕ۔

بوٚ ژاوس اۄشس نٕژھِھ کٔرِتھ رَز وٚپٹھۍ تاران ییتھ زنانہٕ ٹھنٹس ہنیہٕ ہیس۔
''پکھ یپأر ژٔل ووٚٹھ۔ژٔل ووٚٹھ۔کھوژمہٕ۔یہِ سب ناہموار ہے۔لیکن ہوجائیگا۔گژھِ پانے لبوٚل۔۔۔''

وژنس تھوٚپ دِتھ تہٕ بأنبرے ہِژ اۄشہِ اٚس بوٚد ماس تھِھ کٔرِتھ لأنپہٕ مینان۔یُتھے شلوارنوٚ راکہٕ ٹھنٹہٕ چہٕ کِچہٕ منز پھسیوس سو آیہٕ بُتھی کُنۍ لاینہٕ۔کِنہٕ بوٚدن اتھس درسہٕ دِتُس۔فُٹ بال ہِش پیٚیہٕ اٚکس رزِ پپٹھ تہٕ ژٔرٹ کھبتھ گٔیہ ڈُلہٕ۔ چھنب اوس بوٚن نالس تانۍ ییٚتہٕ پانہِ بدلہٕ صرف ژٔتۍ پل اٚسی۔ساسہٕ بُدۍ ڈُلہٕ آرِ پل۔ مگر خبر پیژ بوٚد اٚسہٕ بوٚد ماس کِنہٕ تس تہٕ ڈوٚل کھور۔دوشوے آیہٕ وُرکاونہٕ بوٚن۔

روشن لالنہِ ٹھنٹہٕ منز گٔیہ سأرۍ وٚتھتھ تہٕ دورے یہٕ چھنبس کُن۔زنانہٕ ٹھنٹہٕ پپٹھ اوس یہِ سورُے بوزنہٕ یوان۔یُتھے سٔتمہٕ دوہہ ماتمی کرنہٕ آمژ اۄشس پپٹھ نظر اٚسکھ پیٚمژ۔تتہٕ اٚس ژھوپہ گأمژ۔اۄشس آودب وسیلس تتہٕ اٚسس زنانن ہندۍ ٹُپھ تہٕ ٹأنہٕ بوزنۍ۔سٔتمہِ دوہہ آیہٕ نانہِ ودنہِ!۔۔۔۔سونچان اٚس زِ ییتھ ژٕرن استقبال سپدُم تمہِ کُنۍ ماپزِ بہ زنانن برۄنٹھ کنہِ بڈ باکھ ژھٹۍ۔

مگر دب لگوٚنے آیس ماسہٕ تہٕ پوپھہ تہٕ تُجِکھ تھوٚد۔اکھ چھنبس شانن موٚٹھ دِوان تہٕ بیاکھ زنگ للوان۔اٚکۍ اٚنۍ نیمۍ تژ لیش تہٕ چاۄنۍ۔کھورن اوسُس وُٹن گوٚمُت۔قدم کڈنہٕ خأطرِ تُجِ رٕنۍ کوم کٔرِتھ تھوٚد۔ییتہٕ وِتھ واتنأوِکھ ماٹھس پپٹھ۔ سأرۍ آے تہٕ پپٹھۍ پننہٕ پننہٕ جایہٕ۔

روشن لالن تُجِ اکہ پھِرِ نظر تہٕ یُتھے اۄشن قدم کوٚڈ،تمۍ ژھن کلہٕ ہیٚیہٕ بوٚن کُن۔

''قدرتن بچاؤ۔ نتہٕ گژھِ ہے آرس تہِ ووزُلِ رنگ۔''

''گوڈٕ کتھ اوُسس بوٚد مامس ستی گژھن۔ تِمس اوس پانس برابرٕے۔''

''ہے یہِ گامس تہِ چھُ مامس تہِ آسانٕے۔ یہِ بچاری آسہِ خبر کتھٕ بنگلس منز روزان۔ سائنٕ شکسن أنٕ ٹھنٹس ولنہٕ۔۔۔''

''أمِس بچارِ کتہِ سا آسہِ خبر زِ نانٕ مویم۔ ووٚنٕ آسہٕن بوٚ زمُت۔ پیٚتہِ ہے کتھ تہِ گرِس نہٕ کانسہِ۔۔''أتی آولنگان لنگان بوٚد مام تہٕ گووروشن لالس نِش۔ بروٚنٹھٕ کنہِ بِہتھ چھس بڑِ بڑِ اکھا کھ گرٛنز کران۔

''دوٚپُے نابہٕ ہمہٕ ہامعآفی۔ ژٕ کونہٕ آرِنہِ ونان۔۔۔ یاد تھاوِو زِ پتہٕ پھیری۔۔۔۔ أرنی اِزڈبد، لانگ لِو أرنی۔ زندہ باد۔'' کُنی یَل دِتھ دژٕ اونبر۔ کوسہٕ تام اردو کٹِنگ آسس اتھس کِبتھ سوالٕ ہِن اِجت کمارس کُن۔ تٕمی ہیٚژ وُچھن اخبارس کیاہ چھُ چھپیو وُمت مگر اردو نہ پٕنہٕ کِنٕ ترٛوٚوُن تہِ پلہٕ نووُن بیٚپس کُن۔ تٕمی پوٚر تہِ پیٚلہِ پلہٕ نووُن ترٛیٚمِس کُن۔ وارِ وارِ پوٚر رسارِوٕ ے۔ ژوپاری گیہِ خاموشی۔ بوٚد مام اوس نہٕ غلط ونان۔ اِجت کمار گوو بچور پرژھیٚون ہیوٚ۔ یمن بُتھن کُن وُچھان۔ خبر کیاہ چھُ اتھ اخبارس پُتھ لیٚکھِتھ۔ آخرس ووٚنُس أکی ژٕنی لوتے کنس تل۔۔۔

''کشمیر میں کسی جماعت نے کہا ہے کہ مائیگرینٹ معافی مانگیں تو واپس کشمیر آسکتے ہیں۔''

اِجت کمارس اوس نہٕ باسان پلہٕ کہیں پیوان۔

''کس جماعت نے؟ کیوٗن؟'' ٲمی پرٛژھُس۔

وَن وٲلِس اوس باسان پھیران زِ ٲمِس وو پرٛ شخصس وۄنمے کیاز؟ ؤنِ کوتاہ تارس فِکرِ۔ ٲمی کھیٛیہِ کتھ۔ سیاسی بحثن منزٕ یمؤ نس تانٛ شیرٲسی تٔمے گیہِ کھۄژی متیٚن برارِبو کتیٚن ہِندی پاٹھی پنہٕ نیٚن پنہٕ نیٚن آوٕلنیٚن منز گرفتار۔ تٔم زن چھِ ژوپارٕ ری نظر وٕستی بو دمامس ؤنی دِوان۔ خبر سُے مادِیہ کاٗ نہ وتھ کٔڈِتھ۔

اٲتھی منز ووتلیہِ روشن لالنٕ آواز۔۔۔

''دۄ پنم ےان کھورن رِکیُت شین۔ تلہٕ پدٕن ہُنٛد نارٕ ژھوٕ راوٕ ہا۔ صبحن اوسم پٹنسؔ اتھِ زٕ ژور کلوانٕہ نو ومُت۔ سُہ اوس ترٛیشہِ لۄ گمُت۔۔۔'' یہِ ؤنِتھ چُھ ٹھٹن پٹتی رِکنٕ کس وہرٲ ژ نالس کُن مُدے گٔنڈِتھ وُچھان یُس کنہِ پلوٕستی بٔرِتھ اوس۔

روشن لالنٕ کتھ بوٗزِتھ گٔیہِ سارِنے کن کھڑا۔ اٲڈی چھِ حاٲران تہٕ اڈٕ ن چُھنہٕ خوشی رِکنٕ پرٛژھ یوان زٲمی کرا کتھ۔ مگر اٲڈے کتھ کٔرِتھ کٔرن ژھوٕ پہٕ۔ بوزن والن یُتھے تسلا ہتیے یِن گرٕ ھنٕ زِ ؤنی وۄتھ یہِ بٔیہِ ژھوٕ پہٕ سدرس منزٕ تہٕ اورٕ کتہِ ووتلہِ زِ روشن لالن تُج بٔیہِ لٔنڈ۔

''تاپہٕ ژنجِہ ووتُس شہرتام۔ سُہ کتہِ بنہ ہے شین۔ شُری ہٕندی پاٹھی لوگنم رٕڈ کہٕ شاہ کولہِ نم۔ چارٕ کیاہ اوسُم۔ سایکل کرٛ یرِس پٔٹھ بیٚہناوٕم تہٕ نہرِ پٔٹھ واتہٕ ناوٕم۔ نہرِ منز کھورتراٲ وِتھ یُتھے پٔٹھ بڈٕلولہٕ سان چھم ونان ؤنی ہے یورتام واٲتی، ؤنی کیاہ لگہِ۔ بُٹھی بُٹھی نم سایکلس پٔٹھ۔ مٹنٕہ یمہِ ہانا گہٕ بلہٕ منزٕ شران کٔرِتھ۔۔۔''

روشن لال گو وبیٚہِ غوطن تہٕ لگِس ہکہ۔۔۔۔۔ناگہٕ بل مٹن۔۔۔ناگہٕ بل مٹن۔۔۔ذِکرِہش لجِس۔۔

یہِ اَس سارِنے خبر زِماجہِ تھاَونہٕ اَمی کاَنہہ خاَہش پوٗرٕ کرنے۔۔ژرِ دود تام اوٗسس اَنتھ دِوان۔اَرنیٖ اَس تہٕ روشن لالنٕ ماَج مگر ساَرٕے ٹہنٹہٕ کالنی اَس تسُند آنگن۔کاَنسہِ تہِ ہے ونہِ ہے کینٛہہ کرُن یااُنُن تس اَس نہٕ پژھِ یوان۔ نتہٕ کوسہٕ برابری اَس کمراز کہن تہٕ مراکز کہن یمن رِفو' جین۔سوے اَسکھ اکھ اَکِس نکھٕ ڈکھِ انانٕ رکجو ناہواتہٕ سوٗ اَس روشن لال تہٕ پنٹو ہتھ نیران۔

''اَتی چھکھا موتی لالا!ماجہِ کوٗٹھس تل ہِتھ پھنب وال ژاران؟یہِ ناچھے وِجہِ واو زِ کاَشر زاَنتھ تراوی۔یہانی اَتھی ٹہنٹس وٗلِتھ تہٕ نارس منز دِپی بَرِتھ۔''

ونان ونان اَس موتی لالس ٹہنٹس رکجہِ ٹھاسان تہٕ رزٕ چاران۔وہراَ ژ منز اوٗسکھ ژھینٛہِ ہتو ٹہنٹو منزی وسان تہٕ اَرِنیٖ اَس نیران۔

''ہتو جانکی ناتھا۔یہِ زن چلمچی تہٕ تھال وہراَ وِتھ وٗوج رٹنس انتظام کران چھکھ تہِ دِزِ ہے نالبن سنہٕ۔روشن لال اوس جانکی ناتھس حوصلہٕ دِوان تہٕ وٗچھان وٗچھان اَسی ساَری نبر نیرِتھ ٹہنٹن اَندی اَندی نالبن سنہٕ دِوان۔

اَرنہِ ہُنٛد مرن اوس سارے کالنی سٕنِتھ گوٗمُت مگر تمہِ کھوتہٕ زیادٕ اوٗسکھ ووٗنی روشن لالن یتھٕ رکنی دِیُن واَنجہِ زن نوٗن پیٚومُت۔

اکھ بُڈٕ موہنیوٗ گو وٹہنٹس اندر کھڑا۔

''ہے بوٗ زِونا میون عرض۔بہٕ چھُسو از اَرنہِ ہندِ سٕتمہِ دوہہ بمقام ٹہنٹ

کیمپ ڈلکی والا بہ بانگِ دُہُل بہٕ حسؔ باہوش بہٕ آوازِ بلند بہٕ ۔۔۔بہٕ ۔۔۔۔''

دٕچھِنۍ کِنۍ لوٚمُس کُمۍ تانۍ لونچِہ ۔۔۔''ہے بیٚہہ ساپتھر ۔۔بہٕ بہٕ کران چھُکھ بُڈٕ ژھاوجہِ ہندی پأٹھی ۔۔۔یہ روشنس کُتھی تانۍ زہِو آیہ یِہ ۔۔۔۔تل سابیٚہہ پتھر ۔۔۔'' مگر سُہ بیٚوٹھ نہٕ پتھر۔

''وِنو ہے تہٕ اشٹامس پیٹھ دِموٗلیٚکھِتھ زِیُس زن یہِ دِلہِ پیٹھ اسہِ کوٗٹھن ہنز حالت پنہٕ نوٕ أچھووُ چھنہِ یِیہِ تہٕ پتہٕ دِیہِ وزیرا عظمس رپوٹ ۔۔۔یُس نایہِ پنہٕ نوٕ أچھووُ چھِ ۔۔۔۔یُس نایہِ پننہِ أچھ زٕستۍ ہتھ یِیہِ ۔۔۔۔تُمِس وٕنۍ زہِو ۔۔۔ میانہِ طرفہٕ، خبر بہٕ آساتوٚ تانۍ کِنہٕ نہ ۔۔۔؟''

ونۍ ہیٚوتُکھ أمِس گُڈ ارِگندُن ۔''ہا ژےٚ ہسا چھےٚ رُمہٕ ریٚشنۍ وأنس ۔اِدٕ کتہٕ آسکھ ژٕ ۔۔۔أخر ژٕ نے آسکھ تہٕ یِم سأنۍ کیمپ کُس وٹہِ یِیٚلہِ اسہِ وارٕ کارٕ کأشیرِ ترُن آسہِ ۔۔سانہِ پتہٕ تہِ چھُے ژےٚ یِمن رأچھ روزُن خبر چھاپیٚہِ یِیلہِ یُن آسہِ تیٚلہِ ۔۔۔''

مگر بُڈٕ بیٚوٹھ نہٕ پتھ ۔تُمۍ کوٚر اعلانہٕ مکمل ۔پتھر بیٚوٹھ تہٕ دوٕیو دوٕیو اتھوٗدُعایہِ خیر منگان بیٚوٹھ وننہِ ۔

''لتس پیٚژِھن سُہ وارٕ کارٕیُن ۔دے گٔری نس أچھن گاش تہٕ کوٗٹھن ہوش دِی نس ۔ترقی پیٹھ ترقی دِی نس ۔جہازن کھٔسِن تہٕ وٕسِن ۔سرکأری گیسٹ ہاوسن منزروٗ زِنۍ ۔ٹی اے تہٕ ڈی اے نِیِن ۔۔ٹوٗرن پیٹھ ٹوٗرگٔرِن ۔۔۔۔زندٕ کروس أسۍ خدمت ۔موٗردن ہنز چھس أہۍ ستۍ ۔تم چھسبے گوناہ ۔تم موٗدی بےٚ قضاہ ۔۔

تِہُنٛد چُھس یوٗ ہے دُعا۔یوٗ ہے دُعا۔۔۔۔"

لتس آوُ تارٕ تہٕ آو پتھر لاینہٕ۔ترٛیشہِ دام چیتھ آو ہوشس ہیوٚ تہٕ بیوٚٹھا وٚش وۄتھراونہٕ۔

نارٕ دِسندی خبر کپأری گو وبوٗدمام پأدٕ تہٕ دٚوپنکھ۔

"ہیا أمِس بِچأرِس ہا آسہِ خط ووتمُت۔۔۔' پتہٕ گو واجِت کمارس نِشہِ تہٕ چُھس ونان۔

"ذراتم بھی مضمون بھانپ لولفافہٕ دیکھکر۔" اسنہٕ ہنا گٔرِتھ دڑ اوبٚیہِ نبر۔

اِجت کمارن پرٛژھ أکِس یِہ کمہِ خطک ذکر اوس تہٕ کیازِ۔تس تہِ اوس باسیوومُت زِ بوٗدمامن اشارٕ چُھ معنہِ برِٔتھ۔سُہ سمجھوٗ کھ زِ بُڈس اوس لڑکہٕ کٔشیرِ منز بنک کلرٕک یُس اکہِ دوٚہہ گرِ نیروٗنے مأرِتھ ژھنُمت اوسُکھ۔اجیت وۄتھس واپس۔

"مگر کیوں؟ پوری بات بتائے!"

ونن وأل کھیٚیِہ کتھ تِکیازِ روشن لالن اوس بٚیہِ کلہٕ تھوٚ دتُلمُت۔

"بہٕ چُھ دپان تٔمِس کیاہ گو وتھ ژہتہٕ ؤ ترِس۔یوٗ ہے دوکھ چُھم۔"

تٔمِس آے أش ٹأری برِٔتھ۔پٔتِ مہِن ستن دوہن منز گوڈ نِکہِ پھرِ۔

أرنی مرِ نکہِ دوٚہہ دِتُکھ نہٕ تٔمِس اتھ کھور تہِ ہلا ونہٕ۔وُ چھان وُ چھان گٔیہِ سأرِسے کالنی شٚیچھِ زِ أرنی ہا گُذرے یِہ۔سارِنے گٔیہِ دِہی ژھبتے تہٕ سأری گٔیہِ روشن لالہٕ نِس ٹینٹس بروٗنٹھ کنہِ جمع۔أرنی نیکھ پوشکی پأٹھی گاٹھ۔روشن لال زن تہٕ یِزمن اوس برات ہیتھ درامُت۔

’’ژٕ ے دوٚ ہہ برٛونٹھ ہسا اوٚ نہٕ نِس نا دِتھ تہٕ راز دأ ری سان چُھم ونان ۔ باین ٔستی کرمشوٗرٕ تہٕ پٔتھٕ ترأ وِوپوٚ ہور۔آشہِ ،رانیہ تہٕ چۄنہِ ترٛیشوٕنی ووٚنمے ۔تِم گرٛھن پٔچھس کھنڈٕس شُری ہیتھ مالیُن ۔یہِ نہٕ أمِس بوٚدس کُن گرٛھکھ تہٕ نٔوی مکانہٕ بنأوِو الگ الگ ۔ پیٛتھی ترأوِو پوٚ ہر ۔یمہِ لرِ ہنزن لبن منز چھےٚ ستن پیرٕن ہُنٛد سوٚن ۔مےٚ زوٚن تمے وِزِ‘‘۔’’آشس کوٚ رُم آلو تہٕ وٚنمس مأج ہے چھےٚ ووٚنی غنیمت ٔ تھے ۔‘‘

ماجہِ ہنز کتھ کرنہٕ وِزِأ سی روشن لالس أ چھن ہندی مُنہِ پھٔلی نژان زن تہٕ سوٚ برٛونٹھ کنہِ أ ٔ سس ۔

اِجت کمارن زوٚن موقعہٕ غنیمت ۔تِمس اوس نہٕ فِکرِ کہیں توٚ رمُت ۔اما پوٚ ز روشن لالہٕ نبن أ چھن ،منزا ٚ وشں وُچھِتھ اوُسس باسیو ومُت زِکیاہ تام چُھ ماجہِ ہنزے کتھ چلان ۔أتی کوٚرُس کُمی تانی اشارٕ زِ ژٕ کرس یورے کتھ دپوٚ ژےٚ ٔستی کُھلہِ ۔دوٚپہٕ ہس کٔشیرِ ہندِ مکانٕچ کتھ پرٛ ژھس ۔تِمی وُنٛس ۔

’’ماماجی سُنا ہے کشمیر کے گاوں میں آپ کا مکان بڑی سُندر جگہ پر ہے۔‘‘

لِس بالکل خلاف توقع بیوٚٹھ اورٕ روشن لال أمِس بٕنہِ ہندِس زامترِس ترٛھو خشمہٕ ہژوأ چھووُ چھنہِ زِ اشارٕ کرن وألی شخصن دوٚپ یہِ گوٚ ژھ نہٕ وٕنی أمِس لاینہِ ووُتھن ۔اِجتس أ س خبر زِ روشن لال اوس گوڈٕ پیٹھے اوٚشنس اتھ خاندرس سخ خلاف ۔ لوکچہِ بٕنہِ سرنہٕ مرنہٕ پتہٕ أس تسنزٕ کوٚ رروشنن گرے رٔ چھمٕژ تہٕ پرنہٕ لِکھنہِ کٔڈمژ ۔

جوٚم ٕتھ یٕیلہِ یمہٕ ٕسندی کُمی تانی أ شناون اجت کمارُن رِشتہٕ اٚون،

روشن لال اوس کُن نفرا کہِ طرفہٕ تہٕ اوٚشنی پیٛترمول،پوٚ پھ بٕیہِ طرفہٕ ۔تِہُنٛد وُنُن اوس زِ

ڈیگی جول گامہٕ گرس گڈھاوشہِ تہٕ وِشوٕ ہیوٗ کرِ یہِ ماجہِ یتیم کوٗ ر۔لڑکس چھِ گرِکی بسوہلی ہٕندی زمین دارتہِ پانہٕ چھُ جوٗمس منز جان بزنٔس کران۔کاشری چھنہٕ تہٕ اِدٕ۔؟

مگر روشن لالس اوس ہیتھ زِ سو گڈھِ اسہِ نِشہِ ژھنہٕ۔تی تہِ گوو۔سو گیہ دوران دوران۔اَشناو رأوس۔ووتھ بیٹھ رأوس۔۔زبان رأوس۔ازآیہِ شئیہِ وٕہری یہُند نانی مرنس پتھ۔ روشن لال سپد نہٕ اوٗشہِ نِس خاندرس منز شامل تہٕ وُنی کیٚس اوس باسان زنتہٕ تس سورُے زہرٔ چھن منز وتھمُت چھُ۔

تمہِ وِز،کرے یوس بأے بدری ناتھن (بودمامن) زارِ پارٕ زِیہِ اَس أمس کرمہٕ لیکھا۔روشن لال اوسُس ونان۔۔۔''آسبس۔مگر مےٚ چھُنہٕ منظور۔''

روشن لالس اَس نہٕ تمہِ وِزِ خبر زِ کرمہٕ لیکھا ما گندےٚ تہِ بودس تہِ اَرنہِ تہِ تہٕ باقین سارنِے تہٕ گنٹکس۔یم سوٗنچتھ تہٕ ہیکہٕ ہن نہٕ زِ کشیرِ گیہِ ہمیشہِ خاطرٕ یئلہِ پھٹٕ نس آیہِ نہَ روزٕ کھنہِ بلہٕ چِھ بنہٕ کُنہِ تہِ نہ کھادٕنی یار چھِ۔جوٗمہِ کتہِ سنا روزِ اسہِ تان کانہہ سیٚو دتہٕ زبان کانہہ وِیزٕ۔

روشن لال اوس تھلہِ تھلہِ اِجت کمارس وُچھان زن تہٕ تس ووٚنی پزٕ زناونٕچ کوٗشش کران اوس۔نو جوانس گیہِ ہمتھ۔تٔمی ووٚنُس۔

''میرے من میں بڑی اِچھا ہے آپ کا گاوں اور گھر دیکھنے کی۔اب تو حالات ٹھیک ہوگئے ہیں۔کل میں اپنے گاوں گیا تھا بسوہلی۔بی جی اور پاپا جی کہہ رہے تھے کہ ایک آدمی کشمیر میں پانچ دِن رہ کے صحیح سلامت واپس آیا ہے۔''

روشن لال گو وتھوٚ دوٗ تِھتھ۔

أندی یکہ یم أشناو یار دوس ہِتھ أسی تمن آیہ نہٕ پڑھ ۔روشن لال دژاو وارٕ وارٕ نبر ۔ سأری چھِس ذٕچھنہِ تہٕ کھوٕرکی النہٕ تہٕ ولنہٕ یوان ۔تم چھِ نوجوان زامترٕ س مٔٹھ مٔٹھ کران زِ روشن لال غمہٕ منزٕ کڈ نک شرف چُھے ژے۔

أتی آو بوٗد مام دوان دوان۔۔۔

''روشن لالا بۆ زتھا۔یہنہٕ پتہٕ ونکھ۔شور، کملہٕ، لکھمی، کامس زالا یہ سارِنے ب ہنٛن سۆزمے شیٛچھ۔تم چھےٚ پکان۔وُچھِن وُنی کٔس پنہٕ نوٕ أچھو''کتنا روشن ہے ہمارا مستقبل۔'' یہ وٕنتھ کۆرُن ییٚنہٕ ہِندِس زامترٕ س اجت کمارس نالہٕ موٚت۔ پتہٕ روٗد پوز دِتھ زن تہٕ فوٹو ٹلہٕ ناوُن اوسُس۔

نہ صرف زنانہٕ ٹٲنٛٹس بلکہِ کالنی ہِندٕ ہن باقِے ٹٲنٛٹن تہٕ گیہ زن تہٕ شووے۔ لگہٕ ارساتھاہ گوٚ وروشن لالس أندی أندی جمع ۔ییٚنہٕ تہٕ ہنزٕ چھس نالہٕ متہٕ رٹان۔ ''ہتا ژےٚ ہا چھے أرنہِ ہُنٛد آشیرواد۔۔۔ژےٚ ہا رچھی سوے۔۔ژٕ ہا گرٕ شکھ اسہٕ ببہٕ ہنٛن موجۂ د روزُن۔اسہِ روزِ نۆ بأے مالیُن موجۂ د۔۔۔''

اوٗشس اوس وأنجہِ وٕٹھ زِ روشنہٕ مامن کرٕنم نہٕ کیٚتھے ۔وُنہٕ اوسُم ناراضے ۔ رِنی ہوونس کیاہتام اشارٕ تہٕ سوٚ پیٚیہ مامس کھورن تہٕ چھس ا ٚوشہٕ ستی کھور چھلان۔

''ماما جی۔تُہۍ اگر مےٚ معأفی دِیومےٚ لوٚ تہٕ بور نتہٕ دِموبہٕ پیٚتی پران۔۔۔۔''

مگر روشن لال چُھ کنیٚ مورتی ہیۂ کھڑا۔ زنتہٕ زِیوٗٹھ تقریر کرنٕچ تیأری اوس کران کانٛہہ لیڈر۔

''دِیؤس ونہٕ ۔دِیؤس ونہٕ ۔اکھتے ہےَ وَدن کر بکھا دِیہ ہے جان گیو۔''

روشن لال اوس نہٕ کہیں ونان ۔ رٔژھی کھٔنڈی بیٚوٚٹھ پتھر تہٕ ہیٚوٚتُن کیاہ تام پانس ستی وُنن ۔ لوٚتہٕ لوٚتہٕ ۔۔۔

''اٰدی اوسُم کا کھ ونان ۔ روشنا یادتھاوٕی زِ عیال بار چھکھ ۔ بہنہٕ چھے سارے پنہٕ نٕہن پنہٕ نٕہن واٰری وٕہن منز مگر ژٕ زاٰنی زِ ہنہٕ زِ ژےٚ موکلیٖی ذمہٕ داٰری ۔ سرنہٕ جانہٕ مرگ گرٕھنہٕ کٔنی چھم بےتسلاٰ ئی ۔ یِژھ تیٖشل پانہٕ اٰس ژٕ نژل چھس یہ کوٚر اوشہِ ۔ خبر بال بچھ لگیا کُنہِ ۔۔۔ اٰمی سِنز چھے ذمہٕ داٰری، ژےٚ کیاہ پرواے چُھے ۔ ہیٚور بوٚن ہے آسی کینٛہہ گام چُھے حمایتس ۔ مےٚ چُھے سارِنٕے ستی جان ورتوومُت ۔ اٰشناوٕ گیہِ پتہٕ گوڈٕ ینے ہمسایہ بکار ۔ غُلہٕ بٹ، عمہٕ بٹ، نثارٕ علی یہِ ۔''

روشن لال چُھ یاد پاٰوی پاٰوی ناوٕ ہوان ۔ اتھِن جمع اٰشناون کیو ہمساین یوٚسہٕ گاشہٕ زِ ژبوزنہٕ آیے یہِ سوٚ ہیٚژن سوٚ ئنی ۔ بیٚنیو ہیٚتِس بُتھِ بُتھِ دِنی ۔

''یہِ ہنا چُھوٕ نہٕ وُنہٕ کٔشیر ہِندِ گامہٕ منزے نیران وٕنی ووت مٲلی سِندِس مرنس پتھ ۔۔۔ یہ کٔڈ یوٚنوٚ امہِ منزٕ ۔''

''روشہٕ ٹاٹھیو! اٰے ٹاٹھیو!!'' اتہِ ووتھ ہُے ۔ ژٕ پھِنٕ کھوٕری دِژٕ کھ بوٚد مامس ژھاٰنڈی دیوٕ سُے ووٕنی بوٚ ٹھ کھارِ ۔۔

روشن لال اوس ٹھٹھِس نبرٕ کنہِ کھڑا ۔ ژوٕپاٰری نظرٕ تراوان تہِ کیاہ تانی پرٕزناوٕنٕچ کوشش کران زن تہٕ اٰچھن ژھاپھہ ہِتھ اٰسس یوٚسہٕ موکلاوان اوس ۔ بُتھِس پتھ اوسُس بدلے تیز ہیٚوٚ،

اٰکی نفرن کٔر ہمت تہٕ چھس بڈٕ بڈٕ ونان ۔۔

''روشن لال سٕہ کتہِ کاکھ؟ ژٕ کمہٕ کتھہِ چُھکھ کران؟ کاکس گٔیہ وُہ وٕری سورگواس گمتس ۔ ازمویی ژےٚ مأج ۔ أزنی مویی ۔ مألِ اوسے صرف شُہل گام وُچھمُت ۔ ماجہِ وُچھے گامُک شیٖہجار تہِ تہٕ ییٚتہِ ہٕیُک نارِ صحرا وتہٕ ۔ ژٕ گوکھ از دوشوٕنی نشہِ آزاد۔ ژےٚ گوے ژٕھن مکمل۔۔۔''

مگر روشن لال ییٚلہِ وُچھن لکوٕمنزٕ ، آرٕ تہٕ زنڈومنز تاپہ تہٕ اسمانٕ منزٕ دوٗ رِ خبر کیاہ وُچھان ۔سٕہ ہُہر یاوٕ ےنہٕ کلامہٕ جأری تھاونس۔۔۔۔

زان

کأشُر افسانہٕ چُھ تخلیقی اعتبارٕ باقےٚ نثری صنفن مقابلہٕ واریاہ بروٗنہہ درامُت ۔ کٔشیرِ ہُندٕ ازکال آو کأشرِس افسانس منزٕ موضوع بنأوِتھ گۄہے سیٚدِ سیٚو دتہٕ گۄہے ورگہٕ پأٹھی ورتاونہٕ ۔ ''ژٕھن'' افسانہِ تہِ چُھ کٔشیرِ ہندِ موجودٕ زمانٕک حال باوان ۔ کردارن ہندِس پۄت منظرس منزٕ چُھ افسانٕک پلاٹ وونہٕ آمُت ۔ییٚمہِ منزٕ اکھ کہانی وجود پراوان چُھ ۔

ڈاکٹر رتن لال شانت اوس کالجس منز ہندی پرناوان مگر اتھ سٍتی سٍتی روٗد کأشرِ زبأنی تہٕ ادبس لول بران تہٕ آے کانچھان ۔ ڈاکٹر شانت چُھ کأشرِس تہٕ ہندی زبانن منز افسانہٕ لیکھان ۔شانت چُھ نقاد، محقق تہٕ ترجمہٕ کار ۔ یہندٕ کینٛہہ کتابہٕ چھےٚ قأبلِ ذکر۔

## لفظ تہٕ معنی

ششدر: حأران، پریشان، ہکہٕ بکہٕ

شِکُھر : جنٛدٕ ،ژھیٛونمُت ،پنہٕ پنہٕ گۄمُت ،زشٕہِ ۔کُنہِ لایق نہٕ۔

ژھبن : بیٛون گژھن ،بنہٕ ،حد،سو جاے یتٛین اکھ علاقہٕ موکلان چُھ
تہٕ دۄیم علاقہٕ شروع گژھان چُھ ۔

ژرِدود: نایاب،یہِ نہٕ بنہٕ وُن آسہِ ۔،کائنٛز

سوالات:

ا: افسانہٕ ِکس پلاٹس پیٹھ لیٛکھِو اکھ تفصیلی نوٹ

۲: ''ژھبن''افسانس منز کیاہ چُھ افسانہٕ نگار باوُن یژھان

۳: ''ژھبن''افسانُک مرکزی خیال وہٕژھنأوِو پننٛن لفظن منز

# ہوٲیی حاد ثہٕ

بشیر اختر

''ٲسی چھِ سٮ۪ٹھاہ افسوسہٕ سان خبر دِوان زِ بحرِ اوقیانوسس ترٛٲون سپد سانہِ ملکُک اکھ ہوٲیی جہازٕ خطرناک حادثُک شکار۔ جہازس سپُد فضہس اندر دماکہٕ تہٕ امیُک ملبہٕ آوٲ ناکھ سمندرس دوٗ ردوٗ رتام چھٔکراونہٕ۔''

یہِ خبر بوٗز محمد جمالن کأنی دارِ پیٹھ۔ خبر بوزٲنی وسرے یہِ تس اتھٕ۔ یا شاہ گٔرِتھ آو چایہِ پیالہٕ وُرکاونہٕ تہٕ گاس دمدرِستی چھاونہٕ یِنہٕ کِنہٕ ٹُکرٕ۔ اکھا اکھ کھٔنڈ وٲ ژیہِ ڈٕلِ زِتہِ لارِہٕ آنگن اندر۔ ژوچہِ پھٔلی ڈیشتھ آے درستہِ آنگنٕکی کوکرتہٕ لٔگی تھپہٕ تھپہٕ کرنہٕ۔

پیالُک ٹاس بوٗزِتھ روٗ دُے نہٕ زن دیٚدِ پانس تام۔ تمہِ ترٛ کراوِ ٲچھِ۔ خشمہٕ ہٕنٛز چشمہٕ تُجبن ریڈیوٗہس کُن تہٕ وٲژھ زنتہٕ لبن۔

'تقصیر، تقصیر! گوڈٕ زن چھِ مود بوٲنمتی۔ ہاے، کأنسہِ تہِ چھُنہٕ کھبنہٕ چونٹھ تمہِ ہیٚوت پٔنٕنہِ کِنہٕ شرارتہٕ سانے تتہٕ پھوٗکرِنس چایہِ سماوارس ٹھانہٕ تُلن، اما پوٚز توٚت لگنہٕ موٗ جوب ترٛ ووُن ٹاس گٔرِتھ واپس۔ پیٹھہٕ کوٚ ڈنس کرٲٹھ ہیوٗ ووہو۔ گربکہٕ دِوِنس سماوارس ییٚلہِ نارٕ باگیہ سِپدِتھ ٹھان بیوٗٹھ تتھ درٲو ہی گلہِ کِنہٕ زیوٗٹھ پھٔکرٕ تہٕ سُے لوٚگ زوٗن دبدِ ڈٕچھنِس اتھس، تمہِ کٔڈ ووٹھ ''وِش'' گٔرِتھ دِژِن گوڈٕ اتھس زورٕ زورٕ دِنن تہٕ تِ پتہٕ لوگُن بےوایہِ پأٹھی ڈٕدی مِتس حسس چونٹھ تہٕ

ٲلِج تتھ پۆتس پتھ مونہِ کرنہِ۔ ٲخرکارۄ ژھ سوجاٲرِس پتھ ییتھ محمد جمالس؛ ''ژٕ وُ چھ دارِ کنی دِمنے یہِ ریڈیو کھٔنڈ داۓ رِتھ۔''

زۄ ن دبدِ پھیوٗ راچاپہِ پیالُک کِنہِ سماوار پھُکرُک تژراوُسس زیادٕ تیلان۔ تہِ توٚگ نہٕ محمد جمالس بوزُن۔ تمِ وچھِ لحظس کھنڈس أچھ تہٕ لوٚگ دِلہٕ أندری خبرکیا ہتام دأ یرنہِ۔

سُہ یمن دوہن جہازس کھوٚتمُت اوس تمن دوہن أسی نہٕ ییتھٕ کنی حاٚدثٕہ سپدان، نہ أسی ازِکی پاٹھی جہاز اغوا کران۔ پتھٕ سُہ گاش، احساس ذمہٕ دأری، مسافر واژوونہٕ واژوو جہازس اندر، چکھِ چوندرِ ہشہِ انہری شہِ ژومبرٕ آسہِ النہٕ تہٕ ولنہٕ یوان، مٹھاۓ ناتہٕ سنگتر نا۔ انسان زن تُلہِ ہے ٹافی پھلبن ہنز بٔڈ دوژھ پلیٹٕہ اندرٕ۔ مجال چھاٹھا کھ کرٕ ہانس۔ محمد جمالسن تژ وو ووش۔ ووش تراوٲنی پھوٚٹس عاٲرق تہٕ عاٲرق پھٹاٲنی زن آیہِ گُنی ٕترِ ژھٹھ تہٕ سوے درایہِ کلہٕ پتھٕ نلس تام ژھٹھ کڈِتھ۔

دلیل سپزٕ یہِ زِتس پیٚو سُہ واقعہٕ یاد ییٚلہ، توہند جہازوُنہِ پیٚر پانژٲلس ترٲنی اوس، وندٕ کی دوہ أسی تہٕ اوٚبرٕ گٹکارن اوس سورُے آسمان آورِتھ تھوومُت۔ آفتاب اوس خبرٕ کتہِ کالُک غاٲب تہٕ حالتھ أس یہِ زِ منزدُپہرن أس نصف راتھ باسان۔ تہِ اوس نہٕ کُنہِ کنی گاش۔ وتہٕ آسہِ ژوپاٲری آدمی قدٕ شینہٕ ستی آورِتھ تہٕ ہواٲیی جہازس منز سفر کرُن اوس اِموکھٕ غنیمت زِ کم ازکم اوس دٔستیاب۔ انسان زن پیٚیہِ ہایولنہٕ باپتھ پان بندتھاوُن۔ دپھ توتہِ أس ستھ زِشُری بأژمرن نہٕ فاقہٕ

پھرِ۔ اتھ مقابلہٕ بسہِ ہنز سوآری ۔منز بیا بانس ہے انسان ترٛیشہِ تہٕ پیٚیہِ ،حرام ہؤنس ہے دٕرٕ کرنس ۔محمدٕ جمالس اوس سرکاری کامہِ باپت جوٚم ترُن تہٕ أکِس بیٚڑ ہٕسندِس ونہٕ نس پیٹھ اناآوی تمٕی ہوآیی جہازٕ چ ٹکٹ ۔کانٛہہ کانٛسہِ ؤنی زِ ہتس خرچس لتھ دِتھ۔ آسمانس اوس ا وبُرٕ دَلَو تہٕ أتھی دَلوس پیٹھ کنہِ اوس محمد جمالن ہوآیی جہازٕ کی مزٕ وُ ڈاوان ۔صاف اوس باسان زِ انسان چُھنہٕ ہوہس اندر بلکہِ کتھ تام خوبصورت کمرس منز یتھ بدل چٹہٕ سفید تہٕ نپہٕ نپہٕ کرٕنی پھمبہٕ دوگل وہرآ وِتھ آسی ۔ڈٕ چھِنی کھوٕری دوٗر دوٗر تام کو ہہ تیتناٸلِ نٕنس تاپس منز برابر تِھے ٕکنی چمکان یِتھٕ ٕکنی رہتہٕ کا لہِ چمکان چھِ ۔محمد جمالن سوچ زِ آٸخر تہِ چُھنہٕ وندٕ کالس منز آفتاب بالکلے غاٸب گژھان ۔یہِ چُھ پوٗرٕ آب وتاب ہیتھ زوتان آسان ،اما پوٗ زیہِ شکس لدا وبُر کرٕہُن شیطان ،اسہِ کاشرٕن ہٕندِس قسمتس پوٗرٕ وندٕ کٕہن شیٚن رتٕن أدرٕ زٕٹ ہیوٗ آسان اگا دِگوٚمُت ۔

محمد جمالن ترآو جہاز کہِ شیشہِ کنی دُبارٕ نظر تہٕ اتہِ باسیوس وسیع آسمانس منز پٔنُن پان بالکل آزاد ۔نہٕ کُنہِ ٹھوٚر تہٕ نہ کانٛہہ دیوار ۔نہٕ تر تہٕ نہ سُہ زنگن رٕہہ ۔چھراہ تاپھ تہٕ آنہٕ خانہٕ ہیوٗ نب ۔سورُے وُشن ۔کاندروإنچ ژوٚٹ ہیوٗ ۔تمٕی کوٚڈ نرٕن زنگن واش تہٕ ہیٚیہِ ہاووٕنی سو کھٕ سان ووشو ہیوٗ کڈُن زِ أتھی اندر گووزورٕ ''دُب'' زن پھوٚٹ بم ۔

دُب بوٗ زِتھ گیہِ تمام مسافر زنتہٕ مرٕ ننٕد رِہُشارٕ ۔بُتھن پھیرٕ کھلیٚد رِژھٹھ تہٕ لٔگی کھربکہٕ لد تیرن ہٕندی پاٸٹھی کن کھڑا کری کری تالوس کُن وُچھنہِ ۔صاف اوس باسان زِ جہاز چُھ ڈور ژٕتھ گاٹنہٕ برارِ ہٕندی پاٸٹھی ڈٕ چھُن کھوٗرلاینہٕ یِوان ۔

’’حضرات‘‘! جہازِ أندر میولاوڈسپیکروکۆ راعلان ’’سائنس جہازس سپز معمولی تیٚکنیکی خرأبی۔ اتھ گوواکھ پکھہِ جام۔ سوارٕن چُھ استدعا زِ تِم تھاون حوصلہٕ برقرار۔‘‘ کوشِشھ بۆ زِ تھ کُس حوصلہٕ روزِہا برقرار۔ سوارِ بوٗتُل ہے۔ مردو تام ہیٚتی بُتھِ بُتھِ دِزٕ تہٕ جہازِ والیٚو وٚون بروٚنٛہہ کُن۔

’’تمام مسافرن چُھ تأکید زِ سیٹن تل محفوظ لایف جیکٹ رٹن اتھن منز تہٕ کُنہِ تہِ امر جنسی باپت روزن تیار۔‘‘ امہِ پتہٕ کیاہ سپُد تہِ آسہ نہٕ محمد جمالس خبر۔ نہ بۆ زُن پیٚتۍ وٕری گُذ رِتھ تِمن متعلق دُبارٕ۔ صرف اوٗسُس یُتے معلوم زِ ہسپتا لہٕ اندرٕ ییٚلہِ تس چُھٹی دِژا کھ باقٕے کاغذن ستۍ کرے ہس سنٹرل بینک کہِ ناوِ چکہِ ہن تہِ حوالہٕ۔ پانژ پیٚٹھی وُہن ساسن روپین یِی سونچان کوٚڈ تِمۍ گل ڈبہٕ اندرٕ تمأ کی کاکُد۔ تتھ کجن دو یود و یواتھِ پھُٹہٕ۔ اِد پتہٕ ترأ ونس کانگرِ منزکی لو برنارٕ تیوٚنگل پیٹھ تہٕ دِیتنس پھوکھ۔ تمأ کی کا کدس ییٚلہِ تیوٚنگلن ہُنٛد تا ووت تہٕ دِ ہہ ہیٚوتن ووٗتھن۔ محمد جمالن تُل آہستہٕ پأٹھی تہٕ ترٕوُن کأنی دارِ کِنۍ بون۔ امہِ پتہٕ گأنڈنس مُدے یوٚت تام سُہ آنگن اندر ووت اڈٕ وتہِ کھیٚیہِ تمأ کی کا کدن لر۔ تتھ پیٹھِ کنِکی لو بر تیوٚنگل آے دٕچھِن کھووٕ رلاینہٕ تہٕ تمأ کی کا کُد ووت پیران پیران یئندٕ ردوسہِ اپور تہٕ بیوٚٹھ دیوارس ستۍ کھڑا گلاب تھرِ پیٹھ یہِ دٕپِہ زِ تہِ قرارٕ۔ محمد جمالس پھوٚٹ وُٹھن کمجار ہیوٚ۔ تِمۍ ترأ وکأنی پورس ارِ ورِ نظر۔ اتہِ کوٚ رُس لبن ہُنٛد سبز رنگ سخ خوش۔

پیروٗن تمأ کی کا کُد وٕچھِتھ آیہِ سأری کوکرلارِ ہٕتی تہٕ لگی پیٹھ کُن مدے گأنڈِتھ وُچھنہِ محمد جمالن پلہٕ نو واتھِ تہٕ کوٚ رُن ریڈیو بند۔ زیوٚٹھ کاڈ کٕڈِتھ ووٚتھ

اسان اسان ماجہِ کُن ’’ چاپہِ پیا لہٕ بنے بدل۔ملا یہِ رژھ ہے ترٲوی زبس
زیادے پہن۔‘‘

دۆیمِس بُلٹنس یوسہٕ خبر آیہِ تتھ اوس گوڈنِکہِ کھوتہٕ یہِ جملہٕ علاوٕ:

’’سرکارن چُھ یہِ اعلان کۆرمُت زِ ہرگاہ مرن والێن ہٕندی وٲرث در ٲخری رسومن منز شرکت یژھن کرٕنی ، تمن یِیہِ وہلا یت تام آون جاون دِنہٕ۔‘‘

امرناتھ اوس دامودرس گوڈنیک سنتان تہٕ سورگوٲسی سُریندرناتن زیٹھ بوے۔توے موجوب اوس اُرن دتی ہُنٛد اصرار زِ تہٕنٛدے برتھاگرٕ ژھِہوٲیی جہازس منز وہلایت سُریندرنس شوس داہ دِنہٕ باپت۔ٲخر تہِ اوس امرناتھے زِیٹھ تہٕ تٔسی شۆبہِ کریا کرم کرُن۔اتھ مقابلہٕ ٲس بنسی لائنٕ بٲری یا ٲکی ہے ونان پاسپورٹ فارمس منز یتھ جایہِ وٲرث درسُنٛد ناو لیٛکھُن چُھ آسان تتھ چُھ تمہِ ساتہٕ بنسی لاپہٕ لیٛکھنہٕ آمُت تہٕ اصولی طور واتہِ تمٕنے دون بٲژن سکھر کرٕنی۔‘‘ یہِ اوس مسلہٕ اکہِ طرفہٕ امرناتھ تہٕ تہٕندی شُری تہٕ بێیہِ پٲری بنسی لائنہ ہوٕری۔اکھ ٲکِس کھوتہٕ بالا ہرٲری۔کریا کرم اوس پۆزے، دپھ وہلایتس اندریُس اُرن وتی مَلِ کتہ ترنگہٕ تہٕ کِلٹھ کُرِتھڈ ہجِہ ہورُو چھ سہ کیاہ ونہِ۔لۆکھ ژھنن ناتھو کہٕ زِ ٲخر اوس نالالہٕ صائبس اکھ انگریزی خانہٕ تہِ گرِ۔امرناتھس تجے نہٕ تمہِ دوہہ جۆمی بسہِ ہنز ٹکٹ کڈٕنی۔اماسناہ کۆت واتہِ یہِ بُڈٕبٹنٕی ہتھ۔‘‘یہِ اوس بنسی لالنہِ ہشہِ ہُنٛد خیال۔اوے موجۆب سکھرٲوتٕمی سارِوٕے بروٚنٛہہ پٔنٕنی بے اے پاس کۆرتہٕ تٕس کۆرُن بٲند بٲند زِ ’’پوشنہِ کھاندرٕ باپتھ ییٚمہِ ساما نُک لِسٹ مٲلی لیٛکھِتھ دِتٕے تتھ کُری زِ

رأ چھ۔ روپیز زٕ تووٗ ہ ساس تھونہٕ باپتھ بنأوی زِ خاص گرِتھ ہرٕ س اتھِ پیٹی کوٹس أندری کنی چندٕ۔ روشن لالن ایڈرس تھأوی زِ وارٕ تہٕ تس ڈٕلی زِ ضرور بہٕ ضرور بھوشنس کیُت تیُتھے وِتیُتھے سوٗٹ تارُن۔ تہنزِ ماجہِ اونم جیرٕ، زن ہیکہِ نہٕ بھوشنہٕ بُسہٕ ولایتی سوٗٹہٕ ورأے ہووُ رگرےوٗ سِتھ۔ أچھن چھکھ ترٛ لیش۔ تراہہ تراہہ!

ارن وتی أس یہِ سورُے تاڑان۔ سۄزرہٕ ئے تہٕ توتہِ کوتاہ۔ تس گیوٗ تمی وِزِشک یێلہِ یہِ رانی ڈٲن کھوس کھارنکہِ ہِتہِ وۄٹ وژھایہِ تہٕ تورِادٕ پہر گرٛھتھ تہِ واپس کھرٛایہِ نہٕ۔ ’’بلایہِ لٔج مُنس‘‘ ارن وتی وۄن پانسے ستی’’ آکاش چھےٚ کنس تل وٗنی نم شٕچھ زِ رانی چھےٚ ماجہِ ستی ووٹہِ بہتھ لوٚت لوٚت کتھٕ کران۔ اکھُتے چھُکھ یہِ ٹھوبہٕ اڈٕ ژۄوٹ تہِ کوٚٹھس ستی کوٚٹھ رلأوِتھ۔ کیاہ گوم کیاہ گوم! جود زن چھُن رِنس تھوومُت گرِتھ۔ تام چھَم آمرٕ ہوٗنی رتھک ملس وُٹھن مٔلِتھ سمکھنہِ۔ اِدٕ کور تہِ وُچھتس، دوٗہس آسان لوٗکہٕ ساسن ستی ٹیلیفونن پیٹھ کھِکرٕ ماران۔ گوڈٕ وِ چھ یمن ٹیلیفون والێن تہِ کوسہٕ آیہِ اتھِ اپریڑی باپتھ، جانہٕ مزارٕنی کوٗر۔ زن نہٕ أسی زانوکھ۔

موردس داہ دِنہٕ کہِ ہیتہٕ ولایت گرٛھنہٕ باپت اوس سُریندرن ہُووُ ردوٚرتہِ الگے الگے سیاست لڑاوان۔ اگرچہِ وُنہِ کھُلہٕ پأٹھی اظہار کرنس بہران أسی نہٕ، دپھ توتہِ أسی مردمردٕ پأٹھی تہٕ زنانہٕ زنانہٕ پأٹھی رٹتھ تہٕ رسم مانان تہٕ مٔری یاد اپھرکاوان۔ چھێکرس یێلہِ خودارن وتی جان منس پیٹھ آو، تمہِ ژھٹ باکھ تہٕ وٗژھ روٗن موکھ رٔٹتھ بذأتی سارٕنے أشناون، ’’بنووُتھ ہا اتھ تہِ تماشہِ! ہے افسوس! میانہِ بھگوانہِ یتھ کونہٕ وسان ترٛٹھ! ہا سُریندرو! وولا مہا بھارت ہاوۄتھے گرِ!‘‘

ارن ؤتی لاٗے تیژ بڑٕ کرِتھ زِ گاڑٕ ہانزٕنی تہٕ دِژٕن پتھ۔ تمہِ دِژٕ وانہٕ گُر
لاٗ گتھ ودان ودان تمہِ دٕکھلایہٕ تہٕ پامہٕ وۄ ترٕ گرِتھ گری نکھ تم گٔدی زِنہٕ پھٔ ررانی
دِدِنہٕ تھٕنزِ ماجہٕ۔ سرینڈرنی ہوٕوری درامے دِہلد گگرہی۔ بچاٗری کرٕہن تہٕ کیاہ۔ نوِ
زمانٕکی پروردٕ۔ رینٹھِ ہندی پاٗٹھی ماتگہٕ ہانکھ ودان ودان باکہٕ ژھٹنہٕ۔ پیٹھٕ ارن
وتی ہُنٛد ہوٚٹ۔ تِمن ییلہِ نہٕ کھینٛز توٚگ زنانوسوزٕ اکہِ اکہِ مردن شیٚچھِ تہٕ درامے
سوٗرے کینٛہہ أتی ترٔ آوِتھ۔

شامن باٗ گی ییٚلہِ ٹیلی وِجنس پیٹھ حاٗدثس منٛزمرن والین ہندی فوٹوہاٗوِکھ،
اکھ فوٹو کوٚڈ رسول شیٚخن گُلن ونہِ۔ تٔمی لوگ شور: ''الاٗے یہِ ہازانن بہٕ!'' تٔمی وٚون
اتھِ وایان تہٕ کُٹھِس اندرلجہِ أکی ہے سکرینس کُن أچھ درس۔

رحم دیدِ کوٚ رِیندرس کرتچم بند تہٕ ووٚنُن کوٹھِن پیٹھ اتھِ زِٹھٔہر آوِتھ'' کہو
چُھکھ افراسیاٗبی ونان؟'' شاید آس نہٕ تس پزٕھ۔ کُجا گُل تہٕ کتہِ یہِ بابہٕ کوٚٹ۔
عاٗن تہٕ غاٗن صحت، کلس پھٔلی لہٕ تتھ پیٹھ کیا زبر کنگنی، ہُٹس ترٔ آوِتھ نکٹاے تہٕ کوٹھس
زیوٗٹھ زیوٗٹھ کالر۔ تو تہٕ کوٚر تمہِ سوال: ''کتہِ کوٗ چُھ یہِ لڑکہٕ؟''

''یہِ ہے چُھ مجہِ مارکر۔ أمی انہٕ ناویووے نامہٕ سکول مول!''

''اِدِیو ہے چھاسُہ؟ دیٚمہِ چانہِ بلایہِ'' رحم دیدِ پیٚو ویکدم از بروٗنہہ پانژھؤری
گذریومُت واقعہِ یاد۔ گُل تہٕ مجہِ مارکر آسی تِمن دوٗہن سنٹرل سکول ژؤ رمہِ جماٗژ
پران۔ أتھی اندر بدلووٗکھ ڈرِل ماسٹر جانکی ناتھ تہٕ تسنٛزِ جایہِ آو غلام قاٗدر شیٚخ۔ سُہ
اوس سخت تیز۔ لڑکن کیُت ظاٗلم۔ دوٗہی دوٗہس کٹھ لاٗگتھ آنگنس اندر اکھ پانہٕ

تہِ لیفٹ رایٹ کران تہٕ لڑکن تہِ تھاوان ئنٛس تاپس منز ووڈِنی۔ گرامارچ پاسٹ کہِ ہتہٕ تہٕ گرا وردی نہ آسنس پتھ، دوہ اکہِ کڈنوو تمی ہیڈ ماسٹرس اتھِ آڈرزِ تمام لڑکہٕ گرژھن پگہٕ ہکہِ پٹھٕ ووزٕلی بلٹ لاگتھ ینٛی۔ گُلی دِژ وودون ژون دوہن گوش، مگر ییٚلہِ پرایِ منز ووڈنہِ روزن لٛس دوہ ہدشُک معمول بنیو و۔ سُہ رٕڑیو ماجہِ تہٕ لاجنس چھپر۔ دپھ مأج تہِ کوسہٕ بٔڈس ببہٕ سنز کوٚرأس۔ تمہِ کوٚر سنٛخ تچھِ بچھ اما پوٚ زگٕلی سندی مألی وٚون ''حاشوکلا، سانکرأ زبروٚنہہ ہکن نہٕ پأنسہِ پأ تھِتھ۔ تنخواہ منزٕ ہُریہِ روپیہٕ گژتام تمن رتٕس گرِ چلاوا کنہٕ خانہٕ مألی سندی ناربوزٕ؟''

ہپأری ییٚلہِ گُل لاچار گوو، تمی وٚون غنیمت تہٕ ژوٚل مجہِ مارکرسُنٛد بلٹ ہتھ۔ یوٚت لوگُن دید دوٚر زِ دوٚیمہِ دوہہ آولُکہٕ ہُنٛدے بلٹ لاگتھ مدرسہٕ۔ بَس أتھی پتھٕ زٹھیو ونیاے۔ مجہِ مارکرسُنٛد مول ڈپٹی عزیزالدین آو دستارس تلہٕ کنہِ نکٕٹاے گلوان تہٕ ژاوسیٚو دے ہیڈ ماسٹرٕ سندِس کمرس منز۔ کٕمے کال گژھِتھ کوٚ ڈُن فرمان زِگُل گژھِ ہمشہِ باپتھ سکولہٕ اندرٕ خأرِج کرنہٕ یُن۔ رحم دید کریوو کوتاہ۔ اکہِ اکہِ تراوین سارنٕے ماسٹرن پوٚژ کھورن تل، حرام ہے تمن الگنار گوو، پٹھٕ گُلی سُنٛد مول، سُہ زن آووٹھنہٕ، تمی ترأوتمی دوہ پٹھٕ نیٚچوٕس ستی کتھ کرٕنی، نتیجہِ درأویہِ زِگُل لوٚگ مستری وان، گاڑٕہن تہٕ موٹرن تل أزِتھ اتھِ بُتھ کرٕ یٚہنہٕ راونس کُن۔

''أمِس ہے چُھہے ماس کوٚ رمُت میمہِ ستی کھاندر!''

''گژھ چانہِ دِیتُم بلایہٕ ژکہِ آسہِ ہاشکس لدے۔'' رحم دید وٚون تتھٕ کنٕی زنتہٕ بٔڈ بلاے وأجن نکھو پٹھٕ بون۔ اماپوٚ زرسول شیٚخس آیہ۔

سُہ گوس اگادِ: شکس لدکھسیا ہوأیِ جہازس۔سُہ تہِ کٔشیرِ پیٹھ ولایت تام‘‘
توتہِ ؤژھ رحم دِبدٕ کھورٕ ڈھیکر اٚ وِتھ: ’’توتہِ کیاہ کھیوس مأِلی ماجہِ‘‘
کھیٚنۍ کیاہ گژھس، زٕ لچھ روپیہ نقد‘‘ یہِ وۄن تٔمۍ اَسہٕ ستۍ تہٕ اۄنگجو ستۍ تہِ تہٕ بمہٕ درسہٕ دِوان تہٕ: کٔشیرِ پیٹھِ ولایت رام مفت جہازس سوأری، چکر، سأل، سمندر۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔‘‘

ونان ونان تھد ے یہ لتس آواز، تٔمۍ کوٚر رتنۍ تاہ تھدِ ’’واے میانہِ خدایا!‘‘ زِ گلس بجأرِس پھٹ کأر۔تٔمۍ ترٛ وولا چار گژھتھ کوٚٹھن منز کلہٕ تہٕ لوٚگ ڈچھنہِ کھوورِ نٹھہٕ ستۍ پٹۍ کۍ سورُے تلہٕ پوٚ دیٚیز اِر ژٕرِس تل ژؤ رِتھاونہِ۔

زان

افسانہٕ گوو کُنہِ مخصوص زمانس تہٕ مخصوص کردارٕ سُنٛد زندگی ہِندِس کُنہِ مخصوص وا قعہُک وجوہی ترتیب۔ہوأیی حأدثہٕ چُھ امی پوٚت منظرُک اکھ بہترین افسانہٕ۔افسانُک پلاٹ تہٕ پلاٹس منز دأ یراونہٕ آمُت کردار چُھ افسانہٕ نگارٕ سنزِ افسانوی تعمیر کأری ہُنٛد نوٚن نیب۔

لفظ تہٕ معنی

سنتان: اولاد، شُرُ

کرٛ یاکرم: ہندو دھرمس منز موردس زالنکۍ/کفناونکۍ رسومات

بٲندبٲند: سخ تأکید، زبردس اصرار

چِھپر: پتے روزُن، اگادِگرٕ ژھن۔

داہ دِیُن: آورینہٕ پٹھ زالن،

## سوالات

۱: افسانہٕ ِکتھٕ کنٕز تہٕ کیا زِچُھ اٲ ِکس مخصوص فردٕ سنٕزِ زندگی ہُنٛد مخصوص واقعہٕ آسان

۲: ہوٲیی حاٲدثہٕ افسانٕک مرکزی خیال وٕرٕ ژھناٲوِو

۳: مذکورٕ افسانکٮ۪ن کردارن متعلق لیٛکھِو پنٕنۍ مفصل زان

# علی داغہٕ

ڈاکٹر جی ایم آزاد

کینٛہہ دوہ برونٛہہ اوسُکھ ریڈیو پیٹھٕ اعلان کوٚرمُت زِ مشہوٗ رفُٹ بال پُلیر علی داغہٕ گوٚو بسہِ ہِندِس اَکِس حاۓدٕثس منز مارٕ۔ ٹیلی وِجن والیو اوس علی داغن فوٹوتہِ ہووُمت تہٕ اخبارن منزاَس علی داغنہِ مارٕ گژھنٕچ یہِ خبر گوڈنِکس صفس پیٹھ دِنہٕ آمٕژ۔ علی داغنہِ حاۓدٕثٕچ خبر بوٗزِتھ آو فُٹ بال ایسوسی ایشن کہِ طرفہٕ اکھ ماتمی قرارداد پاس کرنہٕ، یتھ منز وننہٕ اوس آمُت زِ شہرٕکی مختلف فُٹ بال میچ روزن اکہِ ہفتہٕ خاطرٕ ملتوی تہٕ اَتھمہِ دوہہ یُس بڑس سٹیڈیمس منز میچ گِندنہٕ ییہِ، تتھ ییہِ علی داغہٕ یادگاری میچ ناوتھاونہٕ تہٕ میچ موکلِتھ دِیہِ کھیلن ہُنٛد وزیر علی داغنہِ ماجہِ پانژن ساسن روپین ہُنٛد نقد عطیہ۔

علی داغنہِ ماجہِ رٔڈ یم پوٗنسہِ ودان ودان تہٕ تھوٚد وتھنہٕ وِز، کوٚر لوٗکو تَس زورٕ زورٕ ژرِ پوٚپ۔ تس گوٚو وحشت زِ ساری لوٗکھ چھِ اتھن کنِتھ کنہِ ہتھ تس لاینہٕ خاطرٕ جمع گمتیٕ۔ سو دیہہ ہا سبٹھاہ زورٕ کرکہٕ مگر جمگھٹس منز خبر کیا زِ کُھژ نہٕ تس ہٹہِ پیٹھٕ کرکھِ تہٕ اَچھوکنٕ وٚتھس صرف اوٗش، یُس ژمٹیمتہِ بُتھِ چھن پھُٹن منز دونوٚے طرفو غاۓب گوٚو۔ سو بیٚہناوِکھ بیٚیہِ پننہِ جایہِ تہٕ کھیلن ہِندی وزیرن وٚون پننہِ نس موخصر تقریرس منز زِ سارِنے ماجن پزِ پانس منز علی داغنہِ ماجہِ ہُنٛد ہیوٗ جذبہٕ تہٕ صلاحیت پاۓدٕ کرِتھ پننین شُرین منز پیٚژِ وتیژ کھیلن ہنز اَتھکل پاۓدٕ کرٕنی۔ امہِ پتہٕ آیہِ سو تھی

زیچھِ کارِمنز گرٕ واتناونہٕ یتھ منز سۄ صبحن انہٕ آمٕژ ٲس ۔ آنگنس منز اٮ۪ژ وُنے باسیووتس زِسۄ گیہ کمہِ تام بڑٕ خوفہٕ نِشہِ آزاد تہٕ ووٚنی ہیٚکہِ سۄ تہِ سورے کٔرِتھ یہِ سۄ یژھ ژھےِ ۔ مگر سۄ ٲس نہٕ تہِ کٔرِتھ تہِ کینژ یژھان ۔ تس ٲس نہٕ دِلس منز ووں شاید کانٛہہ تہِ خاہش ، کانٛہہ تہِ کَل تہٕ نہ کانٛہہ امار ۔ تَس ٲس صرف لۄل کٔرِتھ ودنہٕ خاطرٕ وٲنج بربگہٕ آمٕژ ۔ مگر ظاہرا دِیُت تمہِ ودنہِ برۄنہٕ پٲنٛ پانس تسلا تہٕ توے وۄدُن نہٕ ، تس ٲس ژۄ پاسے علی داغنز ژھاے ہش گژھان ۔ علی داغہٕ ییٚلہ پٔرِتھ دوہہ صبحن گرِ نیران اوس تہٕ شامس واپس اژان اوس ، ییتِس وقتس ٲس سۄ تٔہندی سے انتظارس منز گرچہِ واریاہ کامہِ کران ۔ مگر ووٚنی اوس نہٕ تس کانٛسہِ تہِ انتظار کرُن تہٕ نہ اوس تٕہندِ خاطرٕ کانٛسہِ گرے واپس اژُن ، اما ووٚنی کۄسہٕ کٲم کرِسۄ گوڈٕ تہٕ کۄسہٕ کرِ پتہٕ کۄسہٕ کرِ از تہٕ کۄسہٕ تھاوِ پگاہ پیٹھ ، تَس اوس نہٕ کینٛہہ تہِ بوزُن تگان ۔ تٕہندِس ژٕمیٹمتِس بتھِس پیٹھ اوس نہٕ تٔہندِ دِلُک ٲنہٕ ووٚنی کانٛہہ تہِ عکس تراوان ۔ زنتہٕ نر کانٛز قلمہٕ سۭتی شُری صفہٕ لیٚکھِتھ اَتھو سۭتی اتھ تِتھہٕ کنٛز پھیش دِیُتمُت چھ زِ کانٛہہ تہِ لفظ پرٕ زناوُن یا پرُن باسہِ ناممکن ۔ سۄ ٲژ دروازس نِشہِ تہٕ ہانکلہِ تھپھ دِتھ آیہِ دۄنوے درواژٕ پٔٹ لبن سۭتی چھاونہٕ تہ سۄ آیہِ رۄدٕ سۭتی آوسیمتہِ دۄسہِ ہٹکِ پٲٹھی ؤٹس منز پتھر لاینہٕ ۔ تس پھۄ رنہٕ اکھ کربکھ تہِ ۔ زنتہٕ سارے کربکہٕ تٕہندِس بدنس منز ؤٹس گٲمٕژ آسہٕ ۔ سۄ رۄ زواریاہس کالس تِتھے کنٛز زمینس چونٹ دِتھ تہٕ ییٚلہِ تس یاد پیٚو زِ تس چھ ٲدی ژٕمی بٔڈی افسرن لفافس ؤلِتھ کیاہتانٛ دِیُتمُت سۄ ژھ تھۄ دتہٕ ژایہِ اندر کُٹھِس منز ۔ کُٹھِس منز ٲژِتھ باسیو ونہٕ تس اکھ چیز تہِ پٔنُن ۔ تس پیٚو خبر کیا زِ پٔنُن خاوند غزمہٕ از

بۆیہِ یاد۔سو ییٚلہِ بروٚنٛہہ زاںٛہہ وٕٹِس منز آسان ٲس تہٕ پتہٕ کُھٹِس منز اژنہٕ خٲطرٕ
کُھٹیک درواز مُژ راوان ٲس، تِس اوس ہاوٕی نہٕ پرٲوٕی شک گژھان زِ ظاہراُچھ
أندرٕ عٕزمہٕ تٔسی پراران ۔عٕزمن اوس تِس یکوٹہٕ مرٕنُک تہٕ یکوٹہٕ لسنُک وعدٕ أتھی
کُھٹِس منز دِیتُمُت ۔مٔتِس یاوٕنس منز ییٚلہِ یمٕ زِ بأژ اکھأ کِس اڑٕ وتے ترٲوِتھ
گژھنکہِ خوفہٕ کِنٕز اکھأ کِس زیادے نزدیک یوان ٲسی ۔مگر عٕزمہٕ ژٕ وٕل تہِ کٔرِتھ
تہِ ۔موتُک ہہہ آوتِس نمہ کٔرنہٕ خٲطرٕ أتھی کُھٹِس منز تہٕ علی اوس صرف دُوٚہر ۔ماجہِ
دِژِس ساسن داد ٛن تن تہٕ علی ووت شیٚمہِ جمأژ تام مگر علی یس اوس نہٕ سکولس منز دِل
لگان تہٕ نہ بۆیہِ کُنہِ کامہِ ہتی ۔چھرا اوس شُرٛن ہتی دجہِ بالہِ گندنس منز مس آسان
تہٕ گِندِتھ شامس گرٕواتان ۔قٕسمتن کٔرِس یاوری زِ دجہِ بالہِ گِندُن دراس پھریوٚژ۔
تُمی ترٲوی فُٹ بال گندنس منزٕ محلکی سأری شُری پتھ تہٕ وارٕ وارٕ ووت شہرٕ کِس بٔڈِس
فُٹ بال ٹیمس تام ۔بٔڈِس ٹیمس منز شأمل گژھنہٕ پتہٕ اوس علی داغہٕ پننہِ جایہِ مطمئن
زِتِس چھنہٕ ووٕنی بدل کُنہِ چیزٕ چ ضرورت ۔سُہ اوس ریٚتی پچُھ روپیہِ ہتھ زِ پانٛژ تہِ
گرٕ أنتھ ماجہِ حوالہٕ کران تہٕ منزٕ ییٚلہِ ٹھل زیادے سیٚو دگژھِ ہافٹ بال ایسوسی
ایشن کہِ طرفہٕ اوس تِس انعامہٕ تہِ میلان مگر ماجہِ اوسُس نہٕ یہِ زانٛہہ تہِ خوش کران ۔
سوٲس پرٛتھ ساعتہٕ نیٚچُوس مٔتِتھ ونان زِتِس نیریا ٲخر بالہِ گندنہٕ منزے ۔ٲخر گژھیا
سو تہِ مألی ہندی پأٹھی نیٚچوی سُنٛد بہار وُچھنے ۔مگر علی داغہٕ اوس اکہِ کنہٕ بوزان تہٕ
بۆیہِ کنہٕ تراوان ،تِس ٲس پرٛتھ ساعتہٕ بالہِ گِندنشہِ ٹاسہٕ رارے تہٕ لوٗکن ہنز کربکہٕ
تہٕ ژرِپوٚپ کنن گژھان تہٕ ریٚتی پچُھ روپیہ ہتھ زِ پانٛژھ ماجہِ حوالہٕ کٔرِتھ اوس تِس

سورُ ے ملالہٕ کڈ ان۔

علی داغنہِ ماجہِ ترٛ ووپھبرٕ نہٕ چندس اتھٕ تہٕ روپین ہُنٛد لفافہٕ اورٕ کھاٚلتھ وُچھُن اتھ تلہٕ تہٕ پیٹھٕ واریاہس کالس۔ تس نہٕ آس یہِ لفافہٕ کھولنٛچ کانٛہہ گَل دِلس منزٕ تہٕ نہ اوُسس فِکرِ تران زِ یہِ کیاہ آرٕ یِیہِ مُژراونہٕ۔ تمہِ تھوویہِ طاقچس پیٹھ امی تہہ۔ طاقچس پیٹھ آسی دوٚن ترٛن بالن ہندی سفید تہٕ ٹیچِہ ہاری گورتہٕ بلیڈر، کوٚنس منز اوس ہوا برٕ نک پمپ اِستادٕ تہٕ فُلیٹہٕ کھورا کھ۔ علی داغنہِ ماجہِ ییٚلہِ یمن پیٹھ نظر پیٚیہِ تس باسیوو علی چُھ طاقچس پیٹھ کھُسِتھ زنگہٕ زٕ بوٚن کُن اویزان ترٛاوِتھ پمپہٕ ستی بالہِ پھوکھ بران تہٕ ونان۔ ''ہے موجی! اگر ہے از زیوٚن اسہِ عاٚش ہے کرٕ ناوتھ، تیٚلہِ ہے یمہٕ بہٕ نبرٕ تہِ مانٛنہٕ۔'' علی یُن پہلوان جسم اوس اُمی سنزن اَچھن برونٛہہ کنہِ اورٕ یورٕ نژان۔ ووتھان تہٕ طاقچس پیٹھ بالہِ نژناوان تہٕ پتہٕ ساری گُٹھِس پھِرناوان، بالہِ لبن ستی ٹاسہِ ناوان تہٕ پتہٕ لبن ہُنٛد لوٗن ٹُلِتھ نِوان۔ تس پیٚو واد زِ تس اوسہٕ امہِ وِز، پانس تام کینٛہہ تہِ روزان۔ سو آس نیٚچوِس پُٹھٕ پاٚٹھی اگادِ گژھان تہٕ ووہوان۔ علی اوس زیادے تیزان تہٕ بال اتھن کٔنتھ رٔٹِتھ تس داری تھ دِوان تہٕ پتہٕ بیٚیہِ گُٹھِس نژناوان تہٕ اَتھی منز نبر دَوترٛاوِتھ دوہس پیٹھ غاٚب گژھان تہٕ شامن گرٕ اَژِتھ ماجہِ ستی مسخری کران تہٕ تس ونان زِ از کیتیاہ گول کٔری تمی تہٕ کیتیاہ بچاوِنی تہٕ کتھو لُکو کوٚرتس زورٕ زورٕ ژرِپوٚپ۔

تس ہیٚوتن سُہ اکھ اکھ دوہہ یاد پیٚون ییٚمہِ ییٚمہِ دوہہ تُہنٛد نیٚچو میچ زِنِتھ شامن گرٕ اژان اوس تہٕ تس دُہچ ساری داری کانٛگر باوان اوس۔ تمہِ پھری بالن

ہندی کوٗرتہٕ بلیڈر اورٕ یورتہٕ ہوابرنٛک پمپ روٗٹن وچھس ؠتی ،سوروزِ واریاہس کالس تِتھے پاٗٹھی اِستادٕ تہٕ ییٚلہِ تس یادپیٚو وزِتس چھنہٕ کتھو دوہو پیٹھٕ نیٚندٕ رے آمٕژ ۔ تمہِ زوٗ ن نہٕ اورٕ یورڈلن شاید مناسب ۔ تمہِ دِتی بالن ہندی کوٗرتہٕ بلیڈرشاندتہٕ ہوا برٕنٛک پمپ وچھس ؠتی رٕٹی تھٕے دِیٚتن درواز ۔ صبحس گٔییہِ نہٕ سوژ یرتام ہُشارے۔

## زان

ڈاکٹر جی ایم آزادزاو(          )پٕنگلن پلوامہِ ۔کاٗشرِس منز ایم اے تہٕ پی ایچ ڈی کرنہٕ پتہٕ گوٚو ہائر سیکنڈری سطحس پیٹھ لیکچرار تعینات مگر کیٚنہہ کال گژھتھٕے گوٚو 1989ءیہِ ذہین کاٗشُر افسانہٕ نگار جانہٕ مرگ ۔ پننہِ اتھ کم واٗنسہِ دوران تہِ لیٚکھی أمی کیٚنہہ اہم افسانہٕ ۔ یم موضوعی کیٚو تخلیقی سطحس پیٹھ تسنٛزن تخلیقی صلاحیژن ہُنٛد نیب دِوان چھِ تہٕ علی داغہٕ افسانہٕ چھُ زنتہٕ افسانہٕ نگارٕ سنٛز زندگی ہُنٛدے حال باوان تہٕ یمے افسانہٕ تھاون اوہُنٛد ناوادبی دُنیاہس منز زندٕ ۔ اماپوٚز ہرگاہ موت بے وق پھرٕنچ دگ چھےٚ زیادٕ کٔڈٕ رآسان ۔ مذکوٗرٕ افسانٕک علی داغہٕ کردار چھُ پھٹہٕ پھٹہٕ کرٕونہِ جواٗنی منز مران تہٕ یہِ مرن شیٚچھ بوٗزِتھ چھےٚ تسنٛز موج زنتہٕ وُبأ لی گژھان تہٕ نیٚچوی سُنٛد انعامہٕ رٹنہٕ وِزِ چھس أچھن علی داغنٕ ژھایہِ گتی گژھان ۔

## لفظٕہ معنی

اُٹھکل: گَل ،انمانہٕ ،۔اندازٕ

برٛگٕہ : أشی ٹأری برِتھ۔ودنس تیار۔

موٚت یاوُن: پھٹہٕ پھٹہٕ کرۄنی جوأنی۔منز جوأنی

نرکون: زأوِیُل، کانہِ ہُنٛد قلم ییٚمہِ ستی لکھان أسی۔

لبل: واویلا ،افسوس کرنہٕ باپت نرِ دِنہِ برٕی برٕی۔

## سوالات

۱: علی داغہٕ سندِس کردارس پیٹھ لیٚکھیو اکھ تفصیلی نوٹ

۲: زندگی ہُنٛد کُس حقیقی پزر چھُ علی داغہٕ سُنٛد جوان مرگ گرٛھن باوان

۳: انعامہٕ رٹنہٕ وِزِ کیاہ چھےٚ علی داغنٕ موج محسوس کران

# تاپھ

هری کرشن کول

دِلہِ وأنتھ باسیو پوشہِ کُجہِ نۄوُ ے عالم۔ تمہِ ترٛ ووپھرٛ بکھ ہیوٚ۔ سأری ہے ژھنٛز تو بلاے گوڑ چھنہِ مسلمانے کُنہِ بۄ د۔ ژوپأری چھِ پٔنٛز بٹہِ بأے۔ دوٚدِ وول تہِ بٹے، کاندُر تہِ بٹے ۔۔۔۔۔ بیٚیہِ موکلأوی بھگوانن تس ہانزنہِ نٔش۔ یہِ أس پوشہِ کُجہِ بیا کھ فراغتھ۔ سوٚ ''ہانزٕ نی'' یعنے پٔنٛز زِٹھ نوش یادپنہٕ ستی کھٕرٕ تس ترٛہش۔ کتھِ کتھِ پتھ أس رانٹسہِ ہندی پأٹھی اگادِ گرٛ ھان۔ محلس منز زانہِ ہے نہٕ تس ناو کأنٛہہ مگر تمہِ کٔڈ أڈٕ أڈٕ۔ اِدٕ بھگوان تہِ چُھس وُچھتھے پوٚ کمُت۔ نتہٕ کیاہ، گاشہِ تہٕ صأبہٕ چھِ أکی ہے ماجہِ ہندی گبر۔ وُچھتو صأبہٕ کیاہ چُھ یێتہِ یہاتہٕ کران تہٕ تس چھےٚ بتہٕ کامن۔ أمی ہے ہانزنہِ ہندِ شکس لدطالع کٔنٛز۔ تمہِ اوس فأصلہٕ کوٚرمُت زِ سوترِ نہٕ رہتہٕ کالہِ تہِ کٔشیرِ واپس۔

دَہ ہِشہِ آسہٕ بجیمرٕ زِ پوشہِ کُج درٛایہِ آنگنس منز تاپھ دِنہِ۔ آنگنس اوس أڈِس سیرفرش أڈِس درٛمُن۔ ڈٔرمنِس أندی أندی أسی پوشہِ ڈوٚ ری۔ سیرِ فرشس پپٹھ تہِ آسہٕ گملن منز پوشہِ تھرِ تہٕ کینٛہہ پوشہِ تھرِ آسہٕ دَچھرأنٹہِ ہندی پأٹھی کواٹرس الوٚ ند۔ صأبس، یعنے پوشہِ کُجہِ ہندِس لوکٹِس نێچوِس سُرٛہندر ناتھس اوس سروجنی نگرس منز جان ڈی ٹایپ سرکأری کواٹر میوٚلمُت۔ بوٚنہٕ ڈرائینگ روم، سٹور روم، کِچن تہٕ کِچنس بروٛنٛہہ کنہِ خأ لی جاے یێتہِ میز کُرسی لگأوِتھ تمو ڈائینگ روم اوس

بنوومُت ۔ پٹھٕ باتھ روم ٹُھچ تہٕ زٕ بېڈ روم ۔ أ کِس منز آسی تم بأ ژٕ شونگان تہٕ بێیس منز آسکھ اوترٕ پٹھٕ پوشہِ کُجہِ ہِندِ خأطرٕ چار پاے لگاوِمژ ۔ سُر ہندرناتھس أسی وہلایتہٕ آمتِس ترٛے ؤری گأمتۍ ۔ سُہ اوس وہلایت وظیفس پٹھ بروٛنہہ کُن پرنہِ گوٚمُت پتہٕ اوس تِٔتۍ ہندوستانکِس ہاے کمیشنس منز ملأزِم لوٚگمُت ۔ ووٚنۍ اوس تبدیل گرٛشِھتھ آمُت تہٕ یێتہِ اوس بدیسی معاملاتن ہِنزٕ وزارژ منز اکھ جان افسر بنیومُت ۔ روپیہ ساس کھنڈ اوسس تنخواہ ۔ نیٚتھر اوس تمۍ وہلایت گرٛشھنہٕ بروٚنٹھے کوٚرمُت ۔ پوٚز ہے بوزو تہٕ پوشہِ کُجہِ اوس امہِ کُے پھیران ۔ اگر سُہ وُنہِ انھورُے آسہِ ہے، خبر کُس بالہِ ہزأری آسِہے پنٕنۍ کوٚرِہتھ پوشہِ کُجہِ وُنۍ کٔمس زارٕ پارٕ کران ۔ خأرکرمہِ لیکھا ۔ سوٚ آس نہٕ پننہِ امہِ دوٚکھک باس کأنسہِ دِوان ۔

لان کُرسیہِ پٹھ بِہِتھ دِیُت پوشہِ کُجہِ نرٕبن زنگن کُھلہٕ تاپھ ۔ باسیوس زن کمرٕ کۍ تہٕ شانن ہِندۍ نأر کُملنہٕ آس تہٕ کٔشیرِ ہُنٛد سورُے رِہ ژ وُلس ۔ نبس کُن دِژٕن نظر ۔ تمیُک نیوٚل کاژھ ہیوٚ رنگ کوٚرُس سبٹھاہ خوش دوٚیمہِ پورچہِ ڈبہِ کِنۍ آس چھوٹۍ پلو وہرأوی مٕتۍ ۔ یِی سونچان اُس زِپلوٚ ومنزٕ گوس چھوٹۍ ہُنٛد پچِہ بند در اینٛٹھی ۔ سوٚ ووشلییہِ ہِش ۔ ترٛاہہ ترٛاہہ ۔ یِمو ہمسایوٚ وُچھمُت آسہِ تِمو کیاہ آسہِ ووٚنمُت ۔ سوٚ وٕژھ کرسی پٹھٕ تھوٚد تہٕ لٔج آنگنس چکر دِنہِ ۔ چکر دِوان دِوان ووٚتھ پوشہِ کُجہِ اکھ خیال ۔ تمہِ ژٔڈۍ واریاہ پوش تہٕ تھٔوِن دوتہِ پژِھس منز ۔ سوٚنچُن زِ چھوٹۍ ٹُلہِ ستۍ تہٕ گرٛشھِ کُنہِ مندرس ۔ دپان برلا مندر چُھ یێتہِ وُچھن لایق ۔ اِدٕ لگہِ کوتاہ کال تِمن، زیادِ کھوتہٕ زیادٕ اوٚڈ گأنٹہٕ تہٕ تورٕ یِتھ کھٔبن ژوٚٹ ۔ سوٚ ژاےِ اندر ۔ دوتہِ پژِھکۍ پوش

تھٕوِن کھنہٕ کِس میزس پٮ۪ٹھ تہٕ پانہٕ بیٹھ أ کِس کُرسی پٮ۪ٹھ۔ خبر کر وسہِ یہِ چھوٹی بون۔ گاٮ۪ٹھ زیادٕ آسہِ أمِس شرانہٕ کُٹھِس منز گۆمُت۔ بھگوان زانہِ کیا چھےٚ اتھ پانس متھان۔ دِلہِ ییتھ چھِ أمِس کیا ہتام کھرٕ بکھ ہِش دراٮ۪مژ۔ وولہٕ بی، توتہِ چھےٚ لتس ہانژ نہِ ہِندِ کھوتہٕ ہزار درجہ جان۔

کینٛہہ کال پتہٕ گووشرانہٕ کُٹھیک درواز مُژراونک صدا تہٕ چھوٹیٚ ژھ ٹھِس ٹھِس کران بون۔ تمہِ اوس جمپر تہٕ دۆتی بدلأ وٕمژ مَس اوُسس پأ رنے مگر توتہِ باسیہِ پوشہِ کُجہِ لتس شۆب ہِش آمژ۔ نتہٕ أس أ دی گوناہ ژٕھنِتھ در بدر گأمژ۔

''ہے ہے ماتا جی''۔ یہِ کیاہ چُھوکۆ رمُت۔'' میزس پٮ۪ٹھ پوشُو چھِتھ ژٕ ج چھوٹی کر بکھ ہِش نیرِ تھ۔

پوشہِ کُج گٔیہِ ہے بنگہٕ ہِش۔ تۆ رُس فِکرِ زِ کیا ہتام اتھ چُھم کۆ رمُت۔

''ماتا جی توہہ کیا زِ ژٕڈی وِ باغہٕ منزٕ پوش۔ خاص کریم۔'' ہولی ہوکس'' چھوٹی اوس کینژ ھا پھیران تہٕ کینژھا پھشان۔

پوشہِ کُجہِ گٔیہِ نوشہِ ہنزِ یہِ نَس تالہِ پٮ۪ٹھ کھارٕ نی موتس برابر۔ سونچُن زِ تلہِ کنہِ چُھ پوشن ہُنٛد معاملے۔ بیٚیہِ کیاہ چھم زأ وِی جار ہاوان! نتہٕ أسم ونان کاٚ کنٛہ تہٕ ییٚتہِ گٔیسے ماتا جی۔ مگر شرارتھ أندری ژأ پِتھ دِیُتنس لوتہِ جواب''مےٚ دپیوومندر گژھو''۔

''تُہنٛد گۆ ژھنا گوڈٕ پرٕ ژھُن۔ ییتھ لوکٹی منز چُھنہٕ کأنہہ مندر۔ نہ چُھ کأنہہ نزدیکھ۔ ییٚتہِ پٮ۪ٹھٕ چُھ اشوکا ہوٹل نزدیکھ۔ چأنکی پوری چھِ نزدیکھ۔''

''تہِ کیاہ گوو''۔

’’تہِ ترِوٕنہٕ توٚ ہہ فِکرِ۔ پٕکوٚنیٚپر کنہِ بٕہموتا پس‘‘۔

پوشہِ کُجہِ گٔنڈٕن کھورٕنبٕڑ پپٕڑ تالہِ تام رییٚہہ۔ أمِس گوٚنڈ فأطرٕ ہنزِ کورِتوٚ ر فِکر تہٕ مےٚ ترِنہٕ۔ نٔبی أمِس ہے پزِ وُنی کٔہن جواب دِیُن۔ نتے روزِہ نہٕ پٕگاہ کتھ کرِنس تہِ دَس۔ وٕ ژھس۔ ژٕ کہے چھکھ مےٚ چأرزانان۔ مےٚ چھِنا پتہ زِییٚتہِ چُھ برلا مندر۔ یور ملکہٕ جاتو پپٕڑ چھِ لوٚکھ یِوان۔

’’برلا مندر چُھ ییٚتہِ پپٕڑ سٕبٕڑاہ دوٗر۔ گوڈٕ چُھ پیوان کناٹ پلیس گرِژھن تہٕ پتہٕ گول مارکیٹ تہٕ امہِ پتہٕ چُھ برلا مندر۔‘‘ پوشہِ کُجہِ باسیوو یِتہِ اپزٕ ے۔ اوترٕ أس سوٚ چھٔتس پپٕڑ کھٔژٕ مٕژ تہٕ یپأری ہِری یہِ لوسان چُھ تپأری اوٚسُس کُستام مندر ہیوٕ درٔپنٕڑھی گوٚمُت۔ یتھ نیلہِ رنگہٕ قُبہٕ أسی۔ تس أس مٔن گوٚأہی دِژٕمٕژ زِ اگر آسہِ تہِ یوٚ ہے آسہِ برلا مندر۔ سوٚ وٕژھ کھورٕ ژٕھیکرأ وِتھ نوشہِ کُن۔ ہُہ کُسے مندر چُھ تیٚلہِ یتھ نیلہِ رنگہٕ قُبہٕ چُھ۔ یُس ہے چھتہٕ پپٕڑ بوزنہٕ چُھ یِوان۔ مأیی تے وٚون زِیوٚ ہے چُھ برلا مندر۔

’’ماتا جی۔ مأیی کیاہ چھےٚ خبر۔ سوٚ بِلڈنگ چھنہٕ مندر یا مٔشید۔ سوٚ چھےٚ پاکستان ایمبیسی یعنے پاکستانٕک دفتر۔‘‘

پوشہِ کُجہِ آونوشہِ ہُنٛد یہِ زأوِی جار مِچھِ وِگرِکی پأٹھی وٕتِھتھ۔ کأژاہ چأرچھےٚ مےٚ یہِ زانان، مگر اپزِس نہٕ گوڈٕ کُنہِ۔ کٔشیرِ چُھنہٕ کأنٛہہ پاکستانٕک ناوٕ ہنٛس بُہران ییٚتہِ زن ژٕوپأری مسلمان چھِ تہٕ دِلہِ آسہٕم پاکستانٕک دفتر! کیاہ چھےٚ یہِ نوٚش میأنٛی سےٚ تہٕ ترٛےٚ کاہ وناں۔ نہٕ چُھ تس نِش تگان یُس وِیٚتھِ اپارِ لِکہٕ ژارِتہٕ نہ تس نِش

یُس بُتھِس پٹھ جہل کرِ۔ سۄنچُن زِ اگر بیا کھ کتھ کرِ، گۄڈٕ تَم یتِہ تَس ہانزنہِ ہِندی پأٹھی اگادِ۔ پتہٕ نے پوشہٕ ڈُلی چیرنس کُنہِ۔ زُواڑھو پہ چھے روپہٕ ہنز۔

باہ ہِشہِ بجے یہِ چھوٹی زول سٹوو تہٕ کرہن ژوچہِ۔ سبزی آٗسن صبحس پرٛیشر کُکرس منز بنأوِمژ۔ سوٗشنأوِن تہٕ پتہٕ تھٔوِن ڈایننگ ٹیبلس پٹھ زِ پاں گلاسہٕ۔ أکِس لوکٹس پلیٹس منز تھٔوِن گنڈٕ کترأوِتھ۔ فرٛجہِ منز کۄڈُن اکھ لیٚومب تہٕ ترٛ وونکھ چیر تھ۔ پوشہِ کُجہِ باسیوو زِ امہِ ہیٚوت کھہنگ سنٛز کرُن۔ سوٗ ژھس ''مےٚ نے چُھے نہٕ لنٛچ ونچ کینٛہہ کھیٚون۔''

''ہے ہے کیا زِ؟ تُہہِ کیاہ فاقہٕ دِیہٕ وٕ؟''

''نبی فاقہٕ کیا زِ دِمہٕ۔ پلیٹ تھَو أتی مےٚ دِہُتھ لوکچہِ چلمچی منز ژوٚٹ۔ بہٕ کھمہٕ ییٚتہِتھ پٔتھر کنہِ'' تہٕ یہِ وٗتھ کھٔڑ سو پٔنُن کُٹھ۔ کٲشِر پٹھ یوسہٕ سترٛنجہٕ ژٔٹ بسترس گنڈِتھ آٗسن أنی مژ سوو أجن پانس ستۍ تہٕ وٗہرِن بونہٕ کنہِ۔ چھوٹی کوٚرنس وُچھناتہٕ پتہٕ آیس چلمچی منز ژوچہِ پانژھ مرِ ہتھ۔ گولہِ أکِس منز أنی نس سبزی۔ پوشہِ کُجہِ کٔڈ پیٹی کوٹھکہِ چنٛدِ منز لوٕکٹ تولیا۔ تتھ پٹھ تھٔوِن گولی تہٕ ہلمَس منز چلمچی رٔٹِتھ بیٹھ پننہِ مزِ سان ژوٚٹ کھینہِ۔

ژوٚٹ کھیتھ کھٔڑ چھوٹی پٔنُن کُٹھ واپس تہٕ تورِ وٗژھ گھنٹہٕ کھٔنڈی پلو بدلأوِتھ تہٕ کنگوٗ ونگوٗ دِتھ۔ بہٕ گژھہٕ مِس کپورِ نش۔ ترٛہن بجن تام یِمہٕ واپس۔''

پوشہِ کُجہِ گٔژھو پہ مگرامہِ ژھو پہ رُکأونہٕ چھوٹی کینٛہہ تمہِ گُرمژھِ گرِکُن نظراہ تہٕ دژایہٕ سیٚو دُے۔ پوشہِ کُجہِ گوٚتھے ہیوٗ، مگر ستی سوٗنچُن زِ ہتابہٕ کوسہٕ چھَس أمِس

رُکاون واجِنٛز ۔یہِ خوش کرٕس تہِ گُری تن۔

سودرایہِ بێیہِ باغس منز تاپس تہٕ تمہِ کہِ وُشنیرٕ ستؠ گوس مَن بێیہِ ٹھیک۔ بلایہِ گوٚ ژھ ہَتھ تاپس لگُن تہٕ اگر پوٚ زبوز وتہٕ تاپھے یوت چُھ یێتہِ لاران۔ تمہِ تُج دوٚتؠ تھوٚ دتہٕ ہێٹھ دٕ چھنہِ زنگہِ کشنہِ ۔اتہِ پێیس پنہٕ نٮ۪ن کھورٕن کُن نظر ییمن پھٹنہٕ ستؠ چأ کی ہِوی گأمتؠ اُسی ۔ تپألی آیاہ تتہِ کس وندس! ڈاکھ چُھ اتھن کھورن گرٛھان۔ یِی سونچان پیٚو وپوشہِ کُجہِ بٹہٕ یاد۔ واے پاکھاوس تس بچأرِس شُہہِ ستؠ نو یومُت ۔ ہتہِ پھرِ ونیوم تس رانٹسہِ زِہتہٕ بی نٚچوس ہَبی گرٛ ھنے کھورتاہ۔ موزٕ تہٕ ژٕری (ژرِ ) بوٚٹھ آسُس بی لاگان مگر سو کوٚت مانہِ ہے۔ گوڑٕ فرِ بوٚٹ تہِ چھنہٕ کم دزٕ وگر ۔ ووٕنی کوتاہ تنخواہ چُھ گاشس بچأرِس ۔مشکلی سان چھس رٕتھ نیران۔ پانس اوُسس نہٕ اوٚ وَرکوٹ ترِ ستؠ اوُسس ہٹہٕ ہٹہٕ گرٛھان ۔قسمت تہٕ بێیہِ نہٕ کینٛہہ! تمہِ ترٛ ووووش۔۔۔

پوشہِ کُجہِ دِژأندی پکھی کٮ۪ن کواٹرن کُن نظر۔ پرٛتھ جایہِ آس ژھوپہ۔۔۔۔۔ وُچھتہٕ زن کُنہِ کاٛنہہ چُھنہٕ ۔سأری زن چھِ موٚمتؠ ۔چَھنا آسان ہمسایہِ گٔری منز اورِ یورِ کتھ باتھ مگر یێتہِ زن زانی نہٕ کاٛنہہ کأنسہِ۔ گوڑٕ کیاہ ترِ ہے تس یێتہِ چھٮ۪ن زنانن ہُنٛدٕ ٹی ٹی پی ٹی فِکر۔ پوشہِ کُجہِ سونچ بێیہِ چھِ یێتہِ زنانن تہِ بدلے ناو۔ اکھ گیم مِسز جین، بیاکھ گیم مِسز سوندرم، بیاکھ گیم مسز پرٛکاش تہٕ بیاکھ مِسز کوستام۔ وُچھتون ییٚمہِ کواٹرٕ چ یہِ سِکہِ یأژٕنی مےٚ سوٗب آسہٕ نس نوشہِ کورِ مگر توتہِ چھس وِنان مِسز کھیم سِنگھ۔ خبر یہِ مِسز کیاہ گوکھ۔ چھتہِ یہِ دِلؔ جان جاے مگر چھنہٕ کینٛہہ۔

سکوٹرک ٹھپ ٹھپ گوو تہٕ تمہِ زون صأبہٕ آسہِ آمُت ۔اِ صأبے اوس۔ سکوٹراندرژٲنتھ پرٛژھ تٔمی اٲمِس ''کہے دوہس ٲسکھے وارے۔''

آہن باوارے ٲسس بھگوان پھۆلرأ وی نے۔''

صأبہٕ کھۆت پٔژن کُٹھ تہٕ تورٕ وۆتھ جلدی پھیرِتھ۔''یہِ کۆتے گأمژ۔''تٔمی پرٛژھ پوشہِ کُجہِ۔''

''سو ہباگیہِ مِسز کپورِنش۔''

''سوے ہبایوسہٕ ٹٲپس پُھتہٕ پھُتہٕ گٔرِتھ چھِیوان۔پرٛینٛز پرٛینٛز زأوِج زأوِج۔''

''کوسے،مِس کپور ہے۔''

''آہن با،تی ہے وۆنمے۔''

صأبس ژۆل ٹھاہ ٹھاہ کران اُسن نیرِتھ۔''کتہِ وۆنُتھ ژےتی۔یہِ چھےٛ مِس کپور یعنے کپوٗر صأبنٛز کوٗر۔ژے وۆنُتھ مِسز کپور۔تمیُک مطلب گوو کپوٗر صأبنٛز زنانہٕ۔''

''مِیأنی کنٛز اتٔنس بڈٕ بلاے۔بہٕ کتہِ زانے یہِ زأوی جار۔''

''یٮ۪تہِ روٗزِتھ پٮ۪ٛی یہِ زأوی جارزانُن۔''صأبن ژٔٹ کتھ تہٕ ہٮ۪ژ ون کُٹھ کھسُن زِپوشہِ کُجہٕ ژٔھس۔''چھوٹی کتھِ پأٹھی چھُ اٲمِس کپوٗر رٔستی یۆت صلح۔ مےٛ ناچھِنہٕ اٲمی سندی کیرن جان باسان۔''

''نامے یہِ بچأرہے چھِ بڈٕ جان۔''تہِ گٔرِتھ یِژھ چھِ تژھ چھِ اسہِ چُھ پٔژن مطلب کڈُن۔''

''تہِ گوو یہِ زِاٲمی سُنٛد مول چھُ آل اِنڈیا ریڈیوہس منز بۆڈ باراِفسر۔چھوٹی

چَھنا تہٕ نوکری ہنز کوشش کران۔‘‘

پوشہِ گُج گیہِ حأران۔’’ژےٚ کیاہ باوون چھیہِ زنانہٕ تہٕ نوکری کرناوٕنۍ یوٚت زیادٕ تنخواہ چُھے ناپوشان؟‘‘

’’پأنسن ہُنٛد نے چُھنہٕ سوال۔ دَپھ یہِ چھےٚ ییٚتہِ کُنی زٕنۍ گرٛشھان۔ أمِس تہِ گرٛشھِ ہے شوٚ غلاہ۔ تہِ کٔرِتھ اگر آمدنی ہُرِ۔ نا کارٕ چھا؟ اسہِ تے چھِ واریاہ خرٕچ۔ ریڈیو چُھ ٹیلی وِجن چُھنہٕ۔ سکوٗٹر چُھ کار چھنہٕ۔‘‘

’’ژےٚ ہا با چھے ترٛیشہِ نا‘‘ پوشہِ کُجہِ توٚ ریلی فِکرِ تہٕ یہِ ژُھن نس بُتھِس پیٹھ وٕنِتھ۔ مگر صأبن کٔرنس تورٕ اسنہٕ ہنا۔ امی ساعتہٕ پیٚیہِ تس سترٛ نجہِ کُن نظر۔ ’’یہِ کُمی چھِ سترٛ نجہِ زٕ ٹاہ ییٚتہِ وہرٛأ وٕمژ۔‘‘

پوشہِ کُجہِ باسیوو زِ صأبس کھوٚت شرارت ہیوٚ۔ سو وٕ ژھس لوتی۔ ’’یہِ ہا با چھےٚ مےٚ وہرٛأ وٕمژ۔‘‘

’’کیازِ‘‘

مےٚ نا با چُھنہٕ یوان میز کرسی پیٹھ بہتھ بتہٕ کھیٚنہٕ۔

صأبن کٔر ژھوپہٕ تہٕ کینژٕی کالہٕ ییٚلہِ چھوٹی آیہِ تمۍ کوٚر تس ستۍ کیاہ تام مشورٕ۔ مشورٕ کٔرِتھ چیٚیکھ چاے۔ چاے چیٚتھ کٔرِ کھ ٹیکسی تہٕ پوشہِ گُج ہیتھ گیہِ چاندنی چوک۔ اتہِ ہیٚوتکھ تسندِ باپتھ سٹیلُک تھال، ہَچو چوٚکر، چینہِ جوراہ، چکن وٕلیچ دوٚتی تہٕ شِو ناتھ سنزا کھلو کٹ مورتی۔ گرٕ وأتِتھ دِتکھ پوشہِ کُجہِ سٹیلِکس تھالس منز بتہٕ۔

پوشہِ کُجہِ آیہِ نہٕ راتس أکِس برٛنزِس تہِ نیٚندٕر۔ خبر کم کم خیال وٕتھی تس گوو

یَمن چھےٚ کارانۍ ! کیاہ اوس اَمِس گوندٕ فأطرٕ نہٕ کو رِطالع! ووٚلہٕ بی،توتہٕ آیہٕ جانٕے نصیبہٕ ہتھ خاندارس رٕکیُت ۔ نتہٕ گأیہٕ سوٗشکس لدِنۍ ۔ زٕٹ تہٕ میٚیٹ گرٕن رٕنس کامنۍ۔خبر گاشن آسیاہ بأسکل اۆ نمُت ؟ دپان اوس اگر کانٛہہ قسطن پٕٹھ دِیہٕ تیٚلہِ انہٕ ضرور۔زنگہٕ چھَس بچأرِس رٕنۍ وارِپٕٹھٕ دفتر تام ووٚکھلی تران تھکان۔

اگر پۆزبۆ زِو لیف چھےٚ پیٚتہٕ راتس گوٚبان۔خبر تتہٕ کأژاہ ترآسہٕ ؟صأبس اتھٕ لیٚکھناوِ گاشس زِینہٕ گرٕنبر آسہٕ ژٕیرتام روزان۔ لانتھ ژھنۍ تن تتھ جوأہ ہرنگرٕکس کورِٹیوٗشنس۔بھگوان رٕچھِن اگر گُنہِ پھرِ کینٛہہ رٕکیُت آسبس زٕ پۆنسہٕ لوٗنہٕ۔

کیاہ بلاے ئلی ہتھ آس اتہِ چاندنی چوکہٕ کٕننۍ۔بٹس لایق کأتیاہ کِٹ بُشأٹ آسی کٕننۍ۔اگر پٕننۍ پأنسہٕ ستی آسہِ ہانم اکھ آسہم تسندِ خأطرٕ ہیٚوتمُت۔ووٚلہٕ بی، ووٚنۍ گرٕھناتو ربیٚہِ زانٛہہ بٹنہِ باپتھ ہسمہٕ کِٹ بشأٹ تہٕ ہاکی پیرٕ۔اپأرٕ مٕن ہنزن کورٕن ہند خأطرٕ تہٕ پٕنٛہٕے بنگرِ ہیٚنہٕ لس ہانزنہٕ رٕکیُت تہٕ گرٕھِ تتھے تتھے دوتہٕ پلواہ آسنُے۔

نَبی ،زندٕ اگر روٗزِ صأبہٕ کرناوِم عأشی۔دپاں اوسُم نوِ رِہتہٕ نمتھ ہردوار۔لس تہٕ کوتاہ شوق اوس ہردوار گرٕھنُک مگر مٕرتھ تہٕ ووت سُہ آخر شأدی پوٗرے۔کتہٕ نیرٕ ہن گاشس بچأرِش پانژہ شےٚ ہتھ روپیہٕ۔صأبہٕ اگر پیٚتہٕ آسہٕ ہے الگ کتھ آس۔

گوٚ ویٚتہٕ تہٕ چھِ مسلمان! کیاہ آسہٕ یمہٕ بُرقہٕ واجنہٕ چاندنی چوکہٕ منٛزی پکان۔ یَمن تہٕ ما آسہٕ پیٚتہٕ تتھے پأٹھی پھرٕٹھ گرٕھان۔ تتھٕ پأٹھی اسہٕ چھُ تتہٕ گرٕھان۔گوڈٕ مأری کھ اَسی تتہٕ زِ یَمن مارن پیٚتہٕ؟ مگر دِلہٕ کس وہمس کیاہ کری زِ۔

صأبنہٕ کمرُک درواز مُٹراوٕنُک صدا گو وتہٕ گُستام پۆک سیمٹہٕ پٕٹھی تیز تیز۔

پوشہِ کُجہِ پڑ زنأچ پکنچ آواز کینژ کألی گووبڈِ شروٗنی شروٗنی ۔ بلاے اِسنزِ اتھ یڈ ژنی! پوشہِ کُجہِ وٚون پانس سٟتی ۔ گوڈ کیاہ "سۄکھی دا لہِ" کھارا ہے کھٕیین شامس تتس سٟتی ۔ شرٛوٗنی شروٗنہِ سٟتی ؤ زنوٗ ن سورُے محلہٕ ۔ امہِ کھو تہٕ کرِ ہے ریڈیو سٹیشنہٕ پیٹھہِ اعلان ۔ تۄ ری ہے چھُس ووٗنی نوکری کرنہِ گژھن ۔

گاش اوسُن ہیۆتمُت یُن زِ پوشہِ کُجۄ ژھ وتھرِ نہِ پیٹھہِ تھوٚ د ۔ زل مَل کٔرِتھ کوٚ رُن شرٛ اناہ تہٕ ژایہِ واپس پنہٕ نِس کُٹھِس منز ۔ ہیرِ بوٚنہٕ ؤجن ژادر ۔ شو ناٹھنی مۄ رتی رٔٹن بروٗنہہ کنہِ تہٕ ہیٚٹھ لیلایہِ پرنہِ ۔ "مہم ناپارم" تہٕ اوسُس اۆ ڈاہِ یوان تہٕ سُہ تہٕ پۆ رُن ۔ پاٹھ کٔرِتھ کھۄژ چھتس پیٹھ تہٕ لٔج تاپھ دِنہِ ۔ أمِس باسیو ویتھٕ آسمان بوٚ ڈ ۔ کٔشیرِ ہندی پأٹھی أسی نہٕ أندی أندی ژوپأری بال تہٕ منز باگ اسمانہٕ پیوٚ نتاہ ۔ شاید چھُ یمی بڈِ اسمانک تأثیر زِیٚتہِ چھےٚ لۄکن نظرتہِ کھُلان تہٕ استقبال تہٕ اقبال ہیوٚ یِوان ۔ خوش چھُ کران یٚتہِ صاف تہٕ صفا روزُن ۔ سو أس یِی سونچان زِ صأبن کوٚ رنس آلو ۔ سوۄ ژھ بون ۔ بوٚنہٕ أسی میزس پیٹھ چِنی پیالہٕ، ڈبل ژوٚٹ، ٹھۄ ل تہٕ چایہِ ہندی باقے سامانہٕ سجاونہٕ آمتی ۔ صأبہٕ اوس أکِس کرسی پیٹھ بِہِتھ اخبار پران ۔ تس اوس گوٗن ژھنِتھ ۔ چھوٹی دژایہِ کِچنہٕ منزٕ چایہِ دأنی ہٕتھ ۔ تس تہٕ اوس گوٗن لأگِتھ تہٕ مستس کیا ہتام ووزِ ج دِجہِ ترٛاہ گٔنڈِتھ ۔ چایہِ دأنی میزس پیٹھ تھٔوِتھ کڈ تمہِ فرٛجہِ منزٕ تھٔنی تہٕ اشٹابری موربہٕ تہٕ موٗتھن ڈبل ژوچہِ ژکلن ۔ چایہِ سٟتی کھیٚیہِ پوشہِ کُجہِ ڈبل ژوچہِ ژکل جوراہ ۔ ہُمو بأ ژودہ یو کھیٚیہِ ٹھۄ ل تہٕ تمن، تہٕ خاص کٔرِتھ چھوٹی ٹھۄ ل کھوٚ ان وُچھِتھ پیٚو پوشہِ کُجہِ بٹہٕ یاد ۔ بٔچو رکوتاہ ہوٚ کھمُت چھُ، دودٕ پاوتہٕ چھُس نہٕ زانہہ بنان ۔

اگر آسہِ ماجہِ مےٚ ستی سۆ زمُت توتہِ کرِ ہے زُوٕ ے۔

چاے چیتھ کھوٚت صاٗبہ پٔنن کُٹھ۔ چھوٹی تھاٗوِ ژھیٚٹ بانہٕ چلمچی منز مایی ہندِ خاطرٕ تہٕ سوتہِ کھٔژرِنس پتے۔ کینژی کاٗلی ؤتھی تورٕ دوشوے باٗژ پلو بدلاٗوِتھ۔ پوشہِ کُجہِ گٔرنکھ ہیر بوٚنہٕ نظراہ۔

''بہٕ ہے نیرے دفترتہٕ یہِ ییہِ مےٚ ستی بازر۔ بہٕ دیاوَس میٹ۔'' یہِ ؤنِتھ کوٚڈ صاٗبن سکوٹر نبر تہٕ کھوٚت تتھ۔ چھوٹی پیٚٹھس پتہٕ کنہِ تہٕ ژٕچھن اتھٕ تھووُن تسند بن شانن پیٚٹھ۔ سکوٹر لوٚگ ٹھپھ ٹھپھ کران سڑکہِ پیٚٹھ دَونہِ۔

خبر گاشن آسیاہ باٗسکل اوٚنمُت۔ میٚتہِ آسَس روپیہِ پنژاہ شیٹھ مرٕ۔ اگر بکار لگہٕ ہَنس بہٕ سوزٕ ہس تم تہِ۔ پوشہِ کُجٕ آس یی سوچان زِ مِس کپوٗر گٔیہِ پاٗدٕ۔ نمسکار کٔرِتھ پرٛژھنس۔ ''مسز بھان گھر میں ہیں؟'' پشہِ کُجہِ توٚر فکرِ زِ امہِ کیاہ پرٛژھ۔ تمہِ دِتُس جواب۔ ''بازر گٔے۔ میٹ لانا۔'' مِس کپورِ کٔراسنہٕ ہنا۔

پوشہِ کُجہِ آونہٕ اسُندِ یہِ اسُن خوش۔ ؤژھس بڈٕ بیدلی سان۔ بیٹھو بیٹھوا بھی آتی۔ مگر مِس کپوٗر رپیٚٹھ نہٕ أمِس نِش کینٛہہ۔ سوٗژ ایہِ ڈرائینگ روٗمس منز زن تہٕ لس پننُے تختیار اوس تہٕ پیٚٹھ اٗکِس صوفس پیٚٹھ۔

''تیٚہہ کیاہ چھے وٕ کری۔'' یہِ ؤنِتھ دِیُت پوشہِ کُجہِ پانس یَل تہٕ دراٗیہِ باغس منز تاپس۔ کینژی کاٗلی آیہِ چھوٹی سوداہتھ۔ پوشہِ کُجٕ ؤژھس۔

''ہتہٕ بی أندرٕ چھے مِسز کپوٗر پرٛاران۔''

''ماتاجی مِسز کپوٗر نہٕ مِس کپوٗر گژھِ وُنن؟''

''وولہٕ بی وۄنمس مِس کیٛو ر۔یورٕ گرمس کتھ تہٕ تورٕ پٮ۪ٹھم اسنہٕ۔'' تو ہہ آسوٕ با سیووٕمُت۔یہٕ چھنہٕ ترٛٹھ۔یہٕ ؤنتھ ژاپہٕ سوڈرایِنگ رۄمس منز۔

نوشہٕ گُر نہٕ اُمی ہِنز کتھِ پرٛژھ پوشہٕ کُجہٕ لۆگ یہِ دِلس، گوڈٕ اُس تس پانٕسے خوشکبتھ۔یمن دوشوٕنی بأژن چھےٚ یہٕ وٕ کرخبر کیاہ باسان۔ باسکھ نا۔مطلب ہے چھُکھ اُمی ہِندِس ماٗلس نِش۔مِس کیٛوٕ رہٕنہٕ۔۔۔۔۔۔

تاپہٕ کہٕ خوشبوٕ بہٕ ؤشنیرٕ ستی ہیٛژن پوشہٕ کُجہٕ نیٚندرٕ ہش کھسِنہٕ زِ ڈرایِنگ رۄمہٕ منز آیہٕ اَسَن کھنگالچ آواز۔تس گوو شک زِ چھوٚٹی تہٕ مِس کیٛو رآسن شاید تسی ہنٛڈان۔ باسیوس زِ یٮ۪تہٕ زیادٕ کالس روزُن گوو غلط۔اگر کانٛہہ ستی وول بنہٕ ہس سوترِ ہے دون ژۄن دوہنٕ تام واپس۔بٮ۪یہٕ اگر پلہٕ ہَس یہِ تاپھ تارِ ہے پھوتو پھوتوٕ پانس ستی۔

زان:

ہری کرشن کول ( سرینگر 1934 ء.........)چھِ مشہوٗ رکاشُری تہٕ ہندی افسانہٕ نگار۔کاشُرِس منز چھےٚ یمہنز ژورافسانہٕ سۆمبرنہٕ۔'' پتہٕ لاران پر بت، حالس چھُ روٗتُل،یتھ راز دانے تہٕ زۄل اپأرِم''

''تاپھ'' افسانس منز چھُ درمیأنی طبقہٕ کہِ اکہِ کاشُرِ بٹہٕ گرُک وۄتھُن بہُن تہٕ نفسیات باونہٕ آمُت۔ افسانہٕ نگار ن چھُ امہِ طبقٕکی خاب تہٕ ارمان ، کأمیأبیہ تہٕ مشکلات ،تعصب تہٕ جذبات سبٹھاہ بأریک بینی کِنہٕ ؤچھمٕتی۔امہِ علاوٕ چھُ اتھ منز

دوٗن پیرٕن درمیان نفسیاتی دوٗ رِرُک تہٕ جائزٕ ہیٚنہٕ آمُت مگر افسانہٕ نگار سُنٛد یہِ سورُے مشاہدٕ چُھ طنزٕ کِس پردس تل پیش کرنہٕ آمُت۔ بیٚون بیٚون کردارن ہُنٛد نوقطے نظر چُھ آزادترٕ اونہٕ آمُت تہٕ افسانہٕ نگار سُنٛد پنُن نوقطے نظر یہ چُھنہٕ عیاں سپُد مُت۔

سوالات:

ا: ''پوشہِ کُج'' چھےٚ متضاد مزاژ چ بزرگ زٔنی۔ افسانس منز چھےٚ یہِ مرکزی کردار۔ اٚمی سٕندِس کردارس پیٹھ لیٚکھو تفصیلی نوٹ

۲: ''تاپھ'' افسانس منز چُھ ہشہِ تہٕ نوشہِ پانہٕ وأنی سوچن تراین ہُنٛد تضاد، افسانہٕ پرِتھ وٕ نواتھ تضادس کیاہ وجہ ہیٚکہِ اٚستھ؟ وأنسہِ ہُنٛد پھیرٕ، آرزوٗن، حالاتن ہُنٛد بدلن یا بدل کینٛہہ

۳: ''تاپھ'' افسانک خلاصہٕ لیٚکھِو پننٕن لفظن منز

# ڈاکٹر ہایڈگر سُنْد تجربہٕ

اصل ا: نتھیل ہاتھارن

ترجمہٕ : رتن تلاشی

ڈاکٹر ہایڈگرن بُلاۓ وی اکہِ دوہہ پٔنٕژ ورذی عزت دوست پننہٕ نِس تجربہٕ گاہس منز۔ یمن منزٕ آسی ترٛےٚ ریشہِ سفید، بُڈٕ مسِز بورن، کرنل کلگر وتہٕ مسٹر گسکوین تہٕ اکھ وأنسٕتھ مونڈ زنان ویچرلی۔ یم ژٕ وشوے آسی، تِکیا زِیم آسی دُرُس وأنسہِ بدتالے روٗدی ءمتؠ۔ یِہنز بُڈ بدقسمتی اُس یہِ زِیم آسی وارِیاہ کال لہٕ پیٹھ موتس تہٕ زنتہٕ مُشتھے گٔمتؠ۔ مسٹر بورن چھ پننہِ وأنسہِ ہِندہٕ پُر جوش دوہن دوران اکھ پا پرجاباپاری اوسمُت، مگر بےٚ سوٗنچ لین دینہٕ کٔنی اوس تٔمۍ سورُے کینٛہہ راورومُت تہٕ وونی اُس تِسنز حالت مسامساأ کِس بٕچھِ وٕنی ہِندِ کھوتہٕ ہنا بہتر۔ کرنل اسی پننہِ زندگیہِ ہِندی بہترین دوہ پٔنُن صحت تہٕ مال متاع غلط مسرٕ ژن ہِندِس جستجوہس منز آلی ہا رکوٗ رمُت، یٚیمہِ سببہٕ لتس رنگہٕ رنگہٕ جسمأنی تہٕ ذہنی دأ دی تہٕ دوکھنوے ءمتؠ آسی۔ مسٹر گسکوین اوس اکھ شکست خوردٕ سیاست دان تہٕ بدنام نفرتہٕ وونی اوس زمانن موجوٗد پُیہِ ہنز وأقفیٔژ نِشہِ دوٗر گمنأمی ہِندِس عالمس منز دفن کوٗ رمُت۔ پتھ روٗز مونڈ ویجرلی۔ وننہٕ چُھ یوان زِ پننہِ وقتہٕ چھےٚ سوسٹھٕہے خوبصورت آسمٕژ۔ مگر وونی اُس وارِیاہ کال لہٕ پیٹھ تنہأیی منز زُوان۔

دپان کینٛژ ومند چھاون لایق کرتوٗ توموٗجوٗب آسی امہِ قصبکہٕ شریف لُکھ لتس

برخلاف سپدی ؤتہٕ ۔ یِیٚتھن چھےٚ یہِ کتھ وَنٕنۍ لایقٕ زِ یم ترٛ یشوے بُڈِ چھِ وپچرلی ہندٕ ن ابتدأیی عاشقن منزٕ تہِ شأمل آسیٚ ؤتہٕ ۔ اکھ وقتاہ اوس تِیُتھ تہِ یِیلہِ یم ترٛ یشوے أمی سِندِ باپت اکھأ َکس ہوٚ ٹ ژٹنس پیٹھ وأتی ؤتہٕ آسی ۔ کتھ بروٗنہہ پکناونہٕ بروٗنہہ روزِ یتھ کتھِ کُن تہِ اشارٕ کرُن منأسب زِ ڈاکٹر ہایڈ گر تہٕ تسِند ن یمن ژورن دوستن متعلق اوس کینٛہہ کال بروٗنہہ یتہِ وننہٕ یوان زِ یم چھِ ووٗنۍ بریٹھےٚ ؤتہٕ ۔ یہِ زن بُڈن متعلق عام پأٹھی وننہٕ یوان چُھ ۔ پیٹھ یِیلہِ تم بُجرٕ کوٚ ژ کھٹھوٗ تہٕ جوأنی ہندی یادٕ ؤتری ترأوی ؤتہٕ آسن ۔

''میانوٕ ٹاٹھیو دوستو!'' تمن بیٚہنگ اشارٕ ہاوان ووٚن ڈاکٹر ہایڈگرن ۔
''مےٚ چُھ تمو تجربو منزٕ اکہِ تجربہٕ باپت تُہندِ مدد ُک ضرورت یمو ؤسی یتھ تجربہٕ گاہس منزبہٕ پنُن دِل رنزناوان چھس'' ۔

ہرگاہ سارے کتھِ تہٕ قصہٕ پزٕی مانوکھ، تیٚلہِ اوس ڈاکٹر ہایڈگر سُنٛد یہِ تجربہٕ گاہ پزی اکھ عجیب جاے۔ یہِ اوس اکھ گوٚٹ تہٕ پرانہِ آیہ کمرٕ یتھ زٕلری زأجن ہندٕ ن جالارن تہٕ مالن ہنز سجاوتھ آس ۔ اتھ اوس قدیم کأنٛگر دِہُنٛد ورشن گرِتھ ۔ اکہِ أندٕ آسی لبہٕ ستی لگرِ ہندی ٹک ریک یمن ہندی بوٚنم خانہٕ بَجوٚ بَجوٚ کتابو تہٕ مسودو ستی برِتھ آسی ۔ ئنزی مِس کتابہٕ شیٚلفس پیٹھ آس اکھ لویہِ موٗرتی ۔ یہِ آس ہپوکریٹس سنز ۔ کینٛژن ہندِ وننہٕ موجوٗب اوس ڈاکٹر تجربن تہٕ مطالعأتی مسلن پیٹھ أتھی ستی مشورٕ کران ۔ کمرٕ کس أ َکس کوٗنس منز اوس اکھ تھوٚد شیشہِ یُس پننہِ فریمہٕ منزٕ ہنا درامُت اوس ۔ اتھ شیشس متعلق آسہِ رنگہٕ رنگہٕ کتھِ زبان زد۔ یہِ کتھ تہِ آس

عام زِ اتھ فریمس منز چھےٚ تِمن سارِنٕے بٔمارن ہٕندٕن روحن ہٕنز سکونت یِم أمِس ڈاکٹرٕسنٛدِ علاجہٕ سٟتۍ لقمہ اجل بنٕےمٕتۍ آسۍ ۔ دپان روح آسۍ تِمہٕ ساعتہٕ ڈاکٹرس مُدے گٔنڈِتھ وُچھان، ییٚلہِ یِہ تورٕ کُن نظر دِوان اوس۔ کمرٕک بروٚنٛہمہِ طرفُک دیوار اوس أکِس جوان انہرِ شہِ ہٕندِ تصویرِ سٟتۍ سجاونہٕ آمُت ۔ نصف صدی بروٚنٛہہٕ اوس ڈاکٹر ہایڈگُرس أکِس کورِ سٟتۍ خاندر تیار۔ مگر کمہِ تام معمولی بٔمارِ کنۍ اوس تٔمۍ پنٕنہٕ نِس عاشقہٕ سُنٛد دِیُتمُت دوا کھیٚومُت ییٚمہِ کِہ نتیجہِ سو خاندرچہِ رآژ منزٕ ے از جان سپز ۔ کمرٕ کِہ دلچسپ چیزٕک ذکر چُھ وُنہٕ کرٕنے ۔ یِہ آس اکھ ضخیم کتاب یتھ کرٕ وہُن چمرو کوَ راوس ۔ جلدس پٮ۪ٹھ اوس نہٕ کَہینٛہ تہِ تحریر، تہٕ یتھٕ پأٹھۍ ہیٚکہِ ہے نہٕ کانٛہہ تہِ امیٚک ٹایٹل وٕنِتھ ۔ مگر یِہ آس سارِنٕے خبر زِیہِ آس جادِچ کتاب ۔ دپان دوٚہہ اکہِ ییٚلہِ اکہِ نوکرانہِ اتھ گرددٕنہ کہِ غرضہٕ اتھٕ لوگ، شیشہِ کہِ چوکھاٹہٕ منزٕ دراوا اکھ أڈجہِ کرٕنزنہٕ تٔمۍ لآج پھسرا ے کرٕنۍ ۔ شیشہِ پٮ۪ٹھٕ ووٚتلیہِ خبرٕ کتۍ خوفناک بُتھۍ تہٕ لگی بروٚنٛہہ کُن وُچھنہِ ۔ تصویرِ منزٕ کوٚڈ جوان زنانہِ اکھ کھور بروٚنٛہہ پٮ۪ہن تہٕ ترٛ ووٗن فرشس پٮ۪ٹھ ۔ ہپوکریٹس ہٕنز کلہٕ کھوپرِ وٕٹھراوِ أچھ تہٕ کوٚرنس گرٕنز ''بس، مہٕ کَر!''

یُتھ اوس ڈاکٹر ہایڈگُرن کمرٕ ۔ سانہِ کہانی ہٕندِ رٔتہٕ کائلی دِگراوس کرٕہنہِ لٔکرِ ہُنٛد میز اکھ اتھ کمرس منز۔ اتھ پٮ۪ٹھ اوس اکھ شیشہِ مرتبان ۔ یِہ مرتبان اوس گٔرِتھ ژٔرِتھ تہٕ ٹاکارٕ پأٹھۍ اوس جان ہُنر مندی ہُنٛد باس دِوان ۔ امی سیٚدِ سیٚو دآس اکھ لوٗکٹ دآریتھ زٕ پرانہٕ واررٕیشمی پردٕ آسۍ ۔ دارِ کنۍ اوس کم زیادٕ تاپھ اندراژان

یُس سیٚدِ سیٚو دمرتبانس پٹھ پیٚو ان اوس۔ امہِ کِنۍ اوس مرتبانہٕ کِنہٕ پرٛ وَن ہُنٛد عکس یمن پانژن لیٛڈر یمتن بُتھن پٹھ تہِ عیان یم اتھ أندۍ أندۍ بہتھ أسۍ میزس پٹھ أسۍ ژورشیٚمپین گلاسہٕ تہِ۔

''میانو ٹاٹھیو دوستو!'' ڈاکٹر ہایڈگُرن وٚون بیٚیہِ ''یِمہِ دلچسپ تجربہٕ باپتھ تھاوا بہٕ تُہنٛدِ اتھواہِچ ووٚمید؟''

ڈاکٹر ہایڈگُر سُند بوڑ ورو پڑھو بیٚلہِ تِسنٛدِ تجرُبچ کتھ بوٚز، تمو لگو بروٚنہٕ اندازٕ زِ یہِ تجربہٕ آسہِ ہوا پمپس منز گگر بچہِ سُنٛد قتل یا خوردبینس تل ژٕلری زأج ہُنٛد مشأہِد۔ نتہٕ یژھے ہش بیٚیہِ کأنہہ فأترٔ زیاہ تِکیازِ تس اوس تِتھو فضول کتھو ستۍ پننہٕ نِہن قریبی دوستن تنگ کرٕنک عادت۔ اما پوٚز جوابس پرارنہٕ ورأی وۄتھ سہٕ تھوٚد تہٕ یِٹہٕ دِوان دِوان گوو کمرٕ کِس بیٚیِس طرفس کُن تہٕ سوٕ کتاب ہتھ آو واپس۔ یتھ چمرٕ گوٚ راوس تہٕ یتھ متعلق یہِ کتھ عام أس زِ یہِ چھےٚ جادِچ کتاب۔ تمہِ مُژرأو کتاب۔ امہِ کیٚو ورقو منزٕ کوٚڈُن اکھ گلاب یا وَنو ہوٚ کھمُت پوش یُس اکہِ وقتہٕ گلاب آسہِ ہے۔ امِکۍ سبزٕ تھر تہٕ قِری ہزی بٔرگ أسۍ ہوٚکھی متۍ، سۄری رنگہٕ باسان زِاتھ قدیم پوشس وُنۍ نتہٕ وُنۍ ڈاکٹرٕ سنٛدِس اتھس منز ژٕنۍ۔

''یہِ گلاب'' ڈاکٹر ہایڈگُرن وٚون ووشِ ترأوِتھ ''یہِ خستہٕ تہٕ ززریومُت پوش اوس پنژاہ تہٕ پانژ ہؤری بروٚنہہ برجستہٕ۔ یہِ اوس مےٚ دِیُتمُت سیلویا وارڈِ یمِۍ سُنٛد تصویر ہُتین اویزان چھ۔ یہِ اوس مےٚ خاندرٕ کرِ دوہہ پیٚتین پننہِ نِس دِلس نِش تھاوُن۔ پانژونزاہو ؤری یو پٹھ چھ یہِ یِمہِ کتابہٕ ہِند بن ورقن منزٕ ژھرِ تھ

تہٕ ووٚنی ۔۔۔۔تۄ ہہ چھا یہِ ممکن باسان زِ نصف صدی پرٛۏن یہِ گلاب کیاہ ہیٚکہِ پیٚیہِ برجستہٕ سپدِتھ؟

''بیوقوفی'' ویجر لی وۄن پنٕن کلہٕ ژ کھِ ہۄ ت ِگلناوان۔ ''ژٕ ونتہٕ اَ کَس زَز زنانہٕ ہُنٛد ژٕھیومُت بُتھ ہیکیاہ دُبارٕ پھۄلِتھ؟''

''وُچھ سا!'' ہایڈگرن وۄنُس درجواب۔ تٔمۍ تُل مرتبانس ڈھانٕہ تہٕ امہِ کَس آبس منز ترٛ ووٗن یہِ ہۄ کھمُت گلاب۔ گوڈٕ گوڈٕ روٗد یہِ آبس پیٹھے لوتہِ آیہ۔ باسان اوس زِ اَمۍ رۄٹ نہٕ امیُک سرٛ یہِ اکھ رژھ تہٕ۔ مگر جلدٕے ہیٚژن اکھ تبدیلی نمودار سپدٕنی۔ ہۄکھی مٔتس تہٕ مئیٹ گمٔتس پوشس گیہِ جُنبِش تہٕ اتھ ہیٚوتُن رسہِ رسہِ ووز جار پھیرُن۔ امہِ کَس زاَ وی لِس لٕٹس تہٕ پنہٕ ؤتھرن پھیوٗ رنٛجر تہٕ نصف صدی پرٛۏن یہِ پوش سپُد سرتازٕ۔ یہِ اوس نہٕ پۏرٕ پاَٹھۍ پھۄلمُت، تِکیاز اَمکۍ کینٛہہ بٔرگ اَسۍ وُنہِ ہنا وُڈٕتھے۔ امیُک ٹۏ راوس تر یَتھ پیٹھ زِ ترٛےٚ شبنم قطرٕ وُنہِ تہِ چمکان اَسۍ۔

''یہِ چُھ پزی اکھ دلچسپ فریب'' ڈاکٹر سندبو دوستو وۄن لاپروائی سان۔ تمو اَسۍ جاَدی تماشن منز امہِ کھوتہٕ تہِ حاَران کرٕونی ژھل وُچھمتی۔ ''مہربأنی کٔرِتھ ونتہٕ اسہِ یہِ کتھٕ پاَٹھۍ سپُد؟''

''تۄ ہہ چھوٗ نازٕ نہٕ آبِ شباب کہِ پھوارُک ناوبوٗ زمُت؟'' ڈاکٹر ہایڈگُرن پرٛژھنکھ۔ ''یُس تلاش کرنہٕ اسپینُک مہم باز پونس ڈلیون زِ ترٛےٚ ہتھ ؤری برونٛہہ درامُت اوس؟''

''کیا ڈِلیونن ہیٚو کاہ یہِ لٔبتھ؟'' ویجرلی پرژھنس۔

''نہ''۔ ہاڈگُرن دِیُتنس جواب۔ ''تِکیا زِ سہ ووت نہٕ صحیح جایہِ اچھ تلاش کرنہٕ باپت۔ ہرگاہ میأنی وأقفیت صحیح چھےٚ، تیٚلہِ چھُ مشہوٗر زمان آب شبا بُک پھموار پھلوارڑا زُوٕ کس جنوبی علاقس منز ملیکو سرٕ پیٹھم دوٗر رپہن۔ یہِ چھُ قداوار مینگولین کلوٕ وٕلتھ، یِم صدی واد پرأنی چھِ۔ اماپوٚز امہِ عجیب آبہٕ کہِ وصفہٕ موٗجوٗب چھِ تم سبزا سبز تہٕ سرتازٕ۔ میأنی أکی زأنکارن، یُیمس تِتھن معاملن منز میانہِ دلچسپی ہنز خبر چھےٚ، چھُ مےٚ سوٗ زمُت تہٕ یہِ چھُ یتھ مرتبانس منز۔''

''او!'' امہِ دلیہِ ہندِس أکس تہِ لفظس پیٹھ پرٛژھنہ کٔرتھ وٚون کلگروون:

''مام انسأنی جسمس پیٹھ کیاہ سناہیکہِ آبُک اثر أسِتھ؟''

''میانہِ ٹاٹھِ کرنیلہٕ، ژٕ ہیٚکھکھ پان اندازٕ کٔرِتھ۔'' ڈاکٹرن دِیُتس جواب۔

''تہٕ میانوٕ ذی عزت دوستو! تو ہہ سارِنے ہِندِ باپت چھُ یُیمہِ موٗلِلہِ آبُک تیوٗت مقدار پیش خدمت یوٗت ہن تو ہہ جوأنی ہُنٛد بہار واپس أنِتھ ہیٚکِہٕ۔ یتھ گوس بہٕ۔ یتھ بُجرس تام واتان واتان چھِ مےٚ از حدژُ کھٹٕ تٕلہٕ متِ۔ امہِ سببہٕ چھےٚ نہٕ مےٚ بیٚیہ جوان سپدنچ کأنہہ تہِ تأجلی۔ بہٕ تھاوٕ چھراہ یُیمہِ تجربہٕ کِس پیش رفتس پیٹھ نظر۔''

ڈاکٹر ہاڈگراوس یہِ ونان تہٕ اتھ دوران اوس تمی آبِ شباب ژورن شیمپین گلاسن پھیُر مُت۔ اتھ آبس أس گلاسن منز ٹاکارٕ پأٹھی سرٕاے ہِش لُجمژ تہٕ گلاسہٕ ژکوٕ پیٹھہٕ أسی بُر ہیٚور کھسان یِم روٚپہٕ ڈٕ آبہٕ سطحس پیٹھ پھٹان أسی۔ وارٕ وارٕ ژھوٚٹ أمی آبن خوش کرٕوُن مُشک۔ یِمن بُڈن تہِ باسیو وِزاتھ آسن کیٚنٛہہ جان تہٕ سوٗ دمند

خأصیٚژ۔مگر یہِ اوسُکھ نہٕ بِہان زِ اتھ آسہِ جوأنی واپس انہٕ ٹُک طاقت۔تِم أسی یکدم یہِ گگہٕ بوٚن والُن یژھان،مگرڈاکٹرن وٚون تِمن ہنا صبر کرنہٕ باپتھ۔

''میانہٕ ذی عزت دوستو !''تُمہٕ وٚون۔''یٚیمہِ بروٚنہہ زِتُہی چیٚو وزندگیہِ ہُنٛد یہِ زیوٚٹھ تجربہٕ آسنہٕ کِس بِنا ہس پیٹھ،ونہٕ بہٕ تو ہہ زِ جوأنی ہُنٛد دوٚیم دور گذارنہٕ باپتھ پزِن تو ہہ کینٛہہ رہنما اصول سرِ کھرٕ کرٕنی۔ہناسوٚچو،یہِ کرِشہ حماقت تہٕ شرمہِ ہنز کتھ آسہِ ہرگاہ نہٕ تُہی ووٚنی پنہٕ نٮ۪ن ہم عمر جوانن ہِندِ باپت جانٕر تہٕ گاٹہٕ جارٕکی نموٗنہٕ بٔنِتھ ہیکیوٚ۔''

ڈاکٹر ہِسندٮ۪ن ژوٚرو معزز دوستو دِیُت نہٕ تِس کانٛہہ جواب۔تِموکوٚ روٗٹھٕ تٔلی آکھ بیگوٕراسُن۔

''تہٕ چیٚوتیٚلہِ''ہنا نٔمتھ وٚنِکھ ڈاکٹرن۔''مےٚ چھےٚ خوشی زِپٔنہٕ یٚیمہِ اہم تجربہٕ باپتھ چُھ مےٚ سٔبٕٹھے موزوٗن نفرن ہُنٛد انتخاب کوٚرمُت۔''

تِموتُلی تٔھتھرایہِ لداتھوگلاسہٕ تہٕ واتنأوِکھ وُٹھن تام۔سوچان أسی زِیہِ آب،یوٚ دوےاتھ پزی تِم گوٚن آسن یِہنز ذکر ڈاکٹر ہاڈِگرن کٔر،یِیہِ ہے نہٕ شاید زانٛہہ تہٕ یِمن ژورن بُڈن یِمن امیٚک سخ ضرورت اوس،پیش کرنہٕ،تِم أسی تِتھٕ پأٹھی وُچھان زِ باسان اوس زِ زنتہٕ خبرٕ ےچھیٚنہٕ جوأنی کیاہ گٔیہِ تہٕ جوأنی ہنز مسرٔژ کیاہ گٔیہِ۔زنتہٕ یِم قدرتن نوتوان،چھٔتی تہٕ ضعیفی پأدِ کٔری مٔتی أسی۔یہِ ہوٚ چھمٕژ تہٕ ہرٕ یمٕژ زوٗ ذاتھ اَس ڈاکٹر ہِسندِس ٹیبلس أندی أندی کوٚب کٔرِتھ بِہتھ۔تِہندی روح تہٕ جسم أسی یوٚتاہ زوٗ زہتہٕ روٚس زِتِمن منز جوأنی ہُنٛد وُشنیر پھیرِنچ اَس نہٕ کانٛہہ تہِ

ووٚمید باسان۔ تِمو موکلوو آب چێتھ ، تہٕ گلاسہٕ تھاأوِکھ میزس پێٹھ۔

یکا یک ہیٚژن اتھ مجلِسہِ ہٕندِس انہارس منز فوٗری تبدیلی یِنۍ۔ یہِ ہیکہِ ہے نہٕ تیز شرابہٕ گلاسُک یادارِ کِنۍ اژٕ وِنۍن تیز تاپہٕ پرٛ وَن ہٕندِ اثرُک نتیجہِ آسِتھ۔ تِہنٛدۍن ہریمتۍن تہٕ برٕ گامتۍن بُتھۍن پێٹھ آس اکھ صحت مند تبدیلی ٹاکارٕ پاأٹھۍ درٛینٛٹھۍ گژھان۔ تِم لگی اکھ اَکِس مُد یہِ وُچھنہِ۔ تِمن باسیوو زِ گُستام جاأدی پاؠقت چُھ تِہنٛد بُتھو پێٹھٕ باباے وقتٕکۍ یُژ کالہٕ پێٹھ سرٛنۍ تہٕ دوکہٕ ہٕتۍ تحریر مٹاوٕنۍ ہیٚوان۔ ویجرلی گرٛ پێنۍ ہیٹ سیٚو دپہن۔ تِکیازِ تَس ہیٚوتُن ووٚنۍ پنُن پان مکمل زنان باسُن۔

''اسہِ دِامہِ ناأدِر آبہٕ منزٕ بێیہٕ ہن۔'' ڈاکٹر ہاڈگرُن ووٚنکھ۔ سُہ اوس پننہٕ نِس تجربس فلسفیانہٕ سنجیدگی سان وُچھان۔ ''یتھ بجرس تام واتنس ہتۍ ۔ ووٚنۍ ہے تو ہہ جوان سپدنس اَ وُڈ گاأنٹھٕ تہٕ لگہِ، یہِ گوٚ ژھ نہٕ تو ہہ زیادٕ وق باسُن۔ إٓب چُھ تو ہہ پێش۔''

تُمۍ پھِری بێیہٕ ژور گلاسہٕ۔ مرتبانس منز اوس وُنہِ تہِ تیوٚت آب یوٚت امہِ شہرٕ کۍن بُڈن ہنز نصف آباأدی پننہٕ نۍن زُرۍن ہنزٕ وآنسہِ تام واتناونہٕ باپت کاأفی اوس۔ گلاسن منز آس وُنہِ آبس بُرا اے کھسان زِ ڈاکٹر سند بو ژوشۍ مہمانو مور پننہٕ نِس پننہٕ نِس گلاسس جوٗ نٹھٕ تہٕ گُنے دام کوٚڈ ہس۔ امایہِ مااوس کاأنہہ فریب! وُنہِ اوس آب تِہنٛد بو گگو بونُے وسان زِ تِمن باسیہِ پننہٕ نِس نظامس منز مکمل تبدیلی ہِش۔ اَچھ گیکھ صاف تہٕ شفاف۔ سفید مستس ہیٚژنکھ کرٛہنۍ ژھاے گژھنۍ۔ تِم آسۍ میزس اَندی اَندی۔ درمیاأنی وآنسہِ ہٕندی ترٛے نفر تہٕ اکھ سوزنان یوسہٕ وُنۍ وُنۍ

پننہِ عہدِ شبابہٕ پێٹھٕ بروٕنہہ پہن دژ اہڑ آس۔

''ویجرلی ٹاچھی ! ژٕ چھکھ پزی سوندر۔'' کرنیک کللگر وون وۆن۔ تسنز أچھ آسہٕ تتھ وقتس دوران ییٚلہِ بجُرک انہِ گوٚٹ گاش پھوٕلنکی پأٹھی ویجرلی ہندِ بُتھِ پێٹھٕ ژلان اوس، تٔسی کُن رٔہتھ گمژٕ۔

أمِس خوٗ بروے موٚنڈ اوس پے زِ کللگر ووہٕندی تعریف چھِنہٕ ہر ساعتہٕ پزٕی آسان۔ اوٕ کنٕی ؤ ژھ تھوٚ دتہٕ گٔییہِ شیشس کُن۔ اما پوٚز تس اوس وُنہِ پھرٕ ٹھ زِ اتہِ گوٚ ژھ نہٕ تس أکس بجہِ ہندِ بدصوٗرت بُتھیک عکس بُتھِ پیٚون۔ أتھی دوران ہیٚژ باقٕے ترٕ یو نفرو ترٕ ژھِ حرکتہٕ کرنہِ زِ باسان اوس زنتہٕ آب شبابس کینٛہہ نشہِ آور خأصیژ چھےٚ۔

مسٹر گسکوین سُنٛد ذہن گو وسیأسی موضوعن کُن۔ اما پوٚز یہُنٛد تعلق اوس پتھ کالس، از کالس کِنہٕ آیندٕ کالس ستی، یہِ فِکرِ ترٕ ن اوس محال۔ تِکیازِ پتھ مو پنژٕ ہو ؤری یو پێٹھ أی سیاستس منز یمے خیال ورتاوس منز۔ سہٕ اوس گاہے حب الوطنی، قومی بجرتہٕ عوأمی حقوقن متعلق تھدِ تھدِ پا جانگُر کران، تہٕ گاہے ترٕ ژھ کیا ہتام مکارتہٕ مشتبہٕ وُٹھ پھسراے تمہِ ہُشأری سان کران زِ تسُنٛد پنُن شعور تہِ ہیٚکہِ ہے نہٕ امہِ کس رازس وأتتھ۔ تسُنٛد لہجہِ اوس مٔنزی مٔنزی سٹھاہے مینتھ توٗلتھ تہٕ نرم آیک سپدان۔ باسان اوس زِ کأنہہ شأہی شخصیت تس کُن ہمہ تن گوٗش چھےٚ۔ یپأری اوس کللگر وُستام جوشہِ بوٚ رُت جنگی بأتھ گوٛنس ستی مَس۔ سہٕ اوس اتھہ ستی ستی پنُن گلاسہٕ وایان تہٕ نظرآسس ویجرلی ہندِس ہ، رنہٕ بدنس کُن۔ میز کہِ ڈ ویمہِ أنٛدٕ اوس

مسٹرٕ میڈ بورن۔ سُہ اوس ڈالرن تہٕ سنیٹِن حساب بوزنس تہٕ جزایر شرق الہندس نِش تہٕ قطبی علاقن ویل گاڑ سوزنُک پروجیکٹ دردِس ژٕنِج شنز سکھر کرِنس ستی آوُر۔

پتہٕ روٗ زمونڈ ویجرلی۔ سو اَس اتھ تمہِ آیہِ خوش آمدید کران ییمہِ آیہِ سو تس پنہٕ نِس ٹاٹھِس دوستس کرِ ہے یُس تس نصف دُنیا کھو تہٕ ٹوٗٹھ آسہِ ہے۔ تمہِ نیوٗ پٔنُن اتھ اَنس نکھہِ پھِن یہِ وُچھنہٕ باپت زِیٔژ کال چھِ گیٚنہِ تہٕ پھُچھِ چھاپزی ژجمژ کِنہٕ نہ۔ تمہِ ہیٚوت مستُک جائزٕ۔ وُچھان اَس زِامیُک شین چھاپوٗرٕ پاٹھی گوٚلمُت کِنہٕ نہ۔ یتھ زن سو آسٲنی سان ٹوٗپی ترٲوِتھ ہیٚکہِ ہے۔ چھیٚکرس پھیر سو پتھ کُن تہٕ کُنی ڈال دِتھ آیہِ میزس کُن۔

''میانہِ بزرگ ڈاکٹرٕ،'' تمہِ وٚون۔ ''مے دِکھنا بیا کھ گلاسا!''

''یقیناً۔ محترمہ۔ یقیناً۔'' ڈاکٹرن وۄنُس۔ ''وُچھ مے چھُ بڑٕ وِنہے گلاسن پھیرُمُت۔''

ژٕ وشوے گلاسہٕ اَسی سحرانگیز آبہٕ ستی لبریز۔ امہِ کِنہٕ لوکٹِن لوکٹِن بُرن ہنز چھِلکہٕ آسہِ تتھہٕ پاٹھی زوتان زنتہٕ کانہہ لال زٕ ژٕ تراوان اوس۔ آفتابہٕ تہِ اوس ووٗنی لوٚسُن ہیٚوتمُت تہٕ کمرس منز تہِ اوس گاش ووٗنی کمے، مگر مرتبانُک آب اوس زوٗنہٕ گاش ہیوٗ نٲنِپان تہٕ امیُک گاہ اوس ڈاکٹر تہٕ تسندِن ژٕ وشوٗنی مہمانن پیٹھ پیوان۔ ڈاکٹرٕ سند ہو دوستو چیٚو ترٛ ییم ترٛ ییم گلاسہٕ۔

کینژ وبرٛ نزٕ ہو پتے کوٚرتمو پنہٕ نِن رگن رگن منز جوان جوشُک گتھ محسوس۔ تمِ اَسی ووٗنی عاٲنِ شاباس منز۔ تِہنزِ باپت اَس ووٗنی وٲنسہِ ہندِن ژٕ کھٹِن، ستمن

تہٕ دادٕن ہُنٛد پۆت گرٛزا کہِ تکلیف دہ خاژ یاداوٲری ہِش تہِ امہِ خابہٕ منٛزٕ أسی تمہِ شادمأنی سان بیدار سپدیمٕتی ۔ تِمو پرٛ وونۆ وزٕ زہتہٕ تہٕ زندگی ہٕندِ بو رنگو ستی وولسنس تیٚژٕ نٕو خاہِش تہِ ووتلییکھ ۔ تِمن بروٗنٛہہ کنہِ سپُد اکھ نووٗ ے عالمانہٕ دید مانہٕ ۔

''أسی چھہِ جوان ۔ أسی چھہِ جوان !'' تِمو وۆن شادمأنی سان ۔

یہِ أس تہِ جوان رأیلن ہنٛز جماعت ۔ یتھ یاوٕنکی مژرن ژھٕٹھ کٕڈٕ مژ أس ۔ وأنسہِ ہُنٛد یخ کوٚمُلِتھ جوأنی ہُنٛد بہارِینٛگ فوری نتیجہِ درٛاویہِ زِ تِمو ہیٚتی بجُرٕ چہِ تتہ ہٕژرلدِ گیہِ تہٕ ناتوأنی پیٚٹھ خندٕ کرٕنی ، ییٚمکی تِم وُنی وُنی پانہٕ تہِ شکار أسی ۔ تِمو ترٛاوی تام پنہٕ نِس بُڈٕ آیہِ پوشاکس پیٚٹھ اسن کھنگا لہٕ ۔ اکھاہ وۆتھ تہٕ بُڈی بب آیہِ لۆگ کمرِ کِ اکہِ أندٕ پیٚٹھٕ بیٚپس أندس تام لنگان لنگان پکنہِ ۔ بےٚ وول عأنکھنستہِ پیٚٹھ تہٕ لۆگ پننہِ جأدی کتابہِ ہِندی کرٛیہِنی حرف اتھٕ سارِ پرنہٕ ۔ ترٛیِیم بیوٗٹھ کرسی پیٚٹھے ڈاکٹر ہایڈگرس لاگنہِ ۔ یِمو دِژ وولسنس یتھ کرٕکہٕ تہٕ کمرس منٛز لأجِکھ دمألی ۔

مونڈ ویجرلی ( ہرگاہ أسی یژھ ووتہٕ وٕنہِ یاوَن مژٕ مونڈٕ وٕنِتھ ہیٚکو ) آیہِ مخولی اندازس تہٕ اسوٕنہِ ہونجہِ ڈاکٹر سنٛزِ کُرسیہِ کُن ژھال دِتھ ووٗنُن ''میانہِ بُڈٕ ڈاکٹرٕ ووتھ تھوٚ دتہٕ مےٚ ستی کرڈانس ۔'' اتھ پیٚٹھ ترٛ ووژشٕیو بڈٕ بڈٕ اسُن ۔

''مےٚ دِمعأفی'' ڈاکٹرن وۆنُس حلیمی سان '' بہٕ چھُس ناتوان تہٕ رِہن چھُس ژےٚ ہِشہِ خوبصورت جوٗرٕ درس ستی نژنس پیٚٹھ خوش ۔''

''وولہٕ ۔ مےٚ ستی کرڈانس ۔'' کرنل کلگرون دِژٕس کرٕکھ ۔

مسٹرِ گسکوین ووٚتھ تھدِ تھدِ ۔ ''نہ نہ أمِس ستی کرٕ بہٕ ڈانس ۔''

”پنژاھٕ ری بروٚنہہ اوس مےٚ امہِ پٔنٕن اتھِ دِنٛک وعدٕ کوٚرمُت۔“مسٹر میڈ بورنن ٹُل شور۔

تِم سأری گٔییہِ تَس أندی أندی جمع۔اکھا کہِ طرفہٕ ،بیا کھ بیٚیہِ طرفہٕ تہٕ ترٛیِیم بروٚنہہ کنہِ۔

ترٛیشوے لگٔیتس پانس کُن کرنچ جستہٕ خأزی کرنہٕ۔سوٚ أس تِہٕندِس گیرس منز گاہے ووشلان تہٕ گاہے ووزلان۔

گاہے کأنسہِ نوٚج کران تہٕ گاہے اسان۔یہِ دلکش ینامہ(پرانہِ ) پُرٛیِمن نون عمرن ہُنٛد رقیبتُک منظر اوس وُچھن لایق۔

تِم أسی جوان جوشہِ کِس غلبس تل،مونڈکوٚ رزینہٕ کِس جنونس منز پھلوأے مگرسو تہِ أس یِژھے زنہٕ کأنسہِ ہٕتی دچپسی تہٕ نہ عدم دلچپسی ہُنٛد باس دِوان۔ وُچھان وُچھان ہیٛژ ترٛیشوٕ ے رقیبوا کھأ کِس کھُمچہ کرنہِ۔

اتھ خوبصورت تحفس پیٹھ پٔنُن پٔنُن حق منگان لأج تِموا کھأ کِس ہٕتی دملہٕ ہمل۔ اتھ دملہٕ ہملہِ منز پھیوٚ رمیزلرِ تہٕ

شیشہِ مرتبانس گووٕژن۔فرشہِ پیٹھٕ وٕژھ آبِ شانٛچ پرٛزلوٕنی جوے،ییٚمہِ ہٕتی أ کِس پنہٕ پوٚنپرِس پکھٕ کرٛنا ونہٕ آیہِ۔ یِہٕ بُڑ پنہٕ پوٚنپُر اوس اتھ سورٕ وِنس رہتہٕ کالس منزاوٚتن مرنہٕ موکھٕ آمُت۔یکدم کوٚ ڈٕتمی پکھن واش تہٕ وُڈان وُڈان آو ڈاکٹر ہایڈ گرٕسندِس مستس پیٹھ۔

”ہے وٕلِو سا،وٕلِو سا! بس۔پکھ سا میڈم ویجرلی۔“ڈاکٹرن تُجی کرٕکھ

''یتھ پأٹھی ہَر کرٕنی چھُنہٕ جان۔''

تِمن گٔیہِ ژھوپہٕ تہٕ تھانتھریہِ۔ باسان اوس زِ بجر چھُ تِمن ہیٚیہِ نادلایان۔ تاپٕلی جوأنی پیٚٹھٕ بوٗن، بجر چہِ سیاہ تہٕ سردوادی منز۔ تِموٗ چھ بزرگ ہاڈگرس کُنٕ۔ سُہ اوس پننہِ گُرسیہِ پیٚٹھ۔ پانژٕ ونزاہٕ ؤری پرٕون گلاب اُتھس منز ٹھ۔ یہِ اوس تِمی مرتبان کھنجو منزٕ سِر سوبوٗتھ بچأوِتھ کوٚ ڈمُت۔ تِسندِ اکے اوٚنگجہِ اشارٕ ستی پیٚٹھی ژوشوے فسأدی جلد پننہٕ پننہِ جایہِ۔ تِکیازِ یوٚ دوے تِم جوان آسی، مگر امہِ دملہٕ ہملہٕ ستی آسی تِم ژھیٚنِتھ پیٚمتی۔

''یہِ سلوایہِ ہُنٛد بچور پوش !'' شامہٕ ژھمبر ہٕن ہندِس گاشس کُن اتھٕ تِتھ وٚون ڈاکٹرن۔ ''یہِ ہیٚوتُن ہیٚیہِ ہُرن۔'' تی سپُد یم سأری آسی أتھی کُن وُچھان۔ پوٗش لوٚگ ژمٹہٕ نہِ۔ وارٕ وارٕ گووہِ تیٚتھے خشک تہٕ آویُل یُتھ یہِ مرتبانس منز تراونہٕ وِزِ اوس۔ امہِ کنہٕ برٔگن آسی وُنہِ تہِ کینٛہہ آبہٕ قطرٕ لأر، تھ، ڈاکٹرن دٕنی یم۔ ''یہِ پوٗش چھُ مےٚ ازتہِ تیٚتھے ٹوٹھ یُتھ تتھ پھولِنہٕ شبنمکی تازگی منز اوسُم۔'' زَزریومُت پوٗش پننہٕ نٔبن ہوٚکھی ہتٔبن وُٹھن کُس لاگان وٚون تِمی۔ سُہ اوس یہِ ونان زِ پننہٕ پوٚنٛر وٚوتھ ڈاکٹرٕ سندِ کلہٕ پیٚٹھ تہٕ آوفرشس پیٚٹھ لاینہٕ۔ تِسندی بُڈٕ مہمان تھانتھریہِ ہیٚیہِ۔ اکھ عجیب ترٕ نیار تیلیوو تِمن رُمن رُمن۔ یہِ اوسا جسمُک کِنہٕ جانُک ترٕ نیار، تہِ آسی نہٕ تِم ژیٚنِتھ ہٕکان۔ تِم لگی اکھ أکِس مُدیہِ وُچھنہِ تہٕ باسیو وکھ زِ پرٕتھ سورٕ وِنس ژٕہِس ستی چھُ تِہُنٛد جوش کم کم گژھان۔ امایہِ اوسا کانٛہہ فریب؟ تِم آسی سوچان۔ اما وأنسہِ ہنزٕ امہِ تبدیلیہِ ہنزٕ ووسہِ دروسہٕ آس یژٕ موخصر؟ مام تِم آسیا

وۄنی بێیہِ تمے ژورېڈ نفرپنہٕ نِس بُڈ دوست ہاڈ گرس ہٕتی ؟

''أسی بُڈ یہِ یوٗت جلد۔۔۔بێیہِ !''تمو وۄن مایوسی سان۔

تِم أسی پزی وۄنی بێیہِ بُڈ ہٕمتی ۔آبِ شابس اوس چھرااکھ نشہٕ شرابہِ کھوتہٕ ہنا تیز پہن۔امہِ ہٕتی یوسہٕ مدہوشی سپز ٕمژ أس،سومو کلییہِ ۔آ۔تِم أسی بێیہِ بُڈ۔ بُجہِ زنانہِ گوواکھ لرزاوُن احساس۔تمہِ دِتی اتھ زٕ بُتھِس۔''کاش تابودس منزٕ ے ہسکہٕ ہاکھٹتھ ہِہتھ۔''سوٗ أس سوچان زِ وۄنی ہیکہِ نہٕ سوٗ دُبارٕ خوبصورت سپدِ تھ۔

'' آ دوستو۔تُہی بُڈ ییو بێیہِ۔۔۔ڈاکٹر ہاڈ گرن وۄنکھ۔''وُچھو آبِ شباب چُھ سورے ؤسی پێو مُت۔جان گوو،مےٚ چُھنہٕ امیُک کانٛہہ افسوٗس۔یۄ دوے امہِ آبُک پھموارٕ میأن،س دروازس تلے وُ زِ،بہٕ گرٛژھ نہٕ پنٕنی وُٹھ أ دراونہِ تہِ توٚتن۔ اِد امیُک نشہِ کیازِ آسہِ نہٕ بڑٕنزٕو بجایہِ ؤری وادن ہٕندِ باپتھ۔توتہِ گرٛژھ نہٕ۔یِہٕے چھےٚ سوٗ نصیحت یوسہٕ مےٚ توہہ وُچھِتھ رٔٹ۔مگر ڈاکٹر ٕسندٕ و دوستوٗ رٹ نہٕ پانہٕ کانٛہہ تہِ نصیحت۔تِمو کوٚ رقصد زِ تِم نیرن جل جل فلورِڈا ہچہِ یاترایہِ پٕٹھ یێتہِ صبحن، دوہلہِ تہٕ شامن آبِ شباب چوان آسن۔

زان

سایِنسی فِکشن چُھ وۄنی ادبٕچ اکھ اہم صنف مانٕنہٕ یِوان۔اتھ منز چھِ خرافات تِتھٕ پأٹھی پیش یِوان کرنہٕ۔زنتہٕ حقیقت آسن۔اتھ منزٕ تہِ چُھ باقٕے ادبٕکی پأٹھی

یہِ خیال تھاونہٕ یوان زِ تفرٕکس ہٕتی ہٕتی گوٚ ژھ انسأنی زندگیہ ہُنٛد کأنٛہہ پزٕ رنوٚ ن نیرُ ن۔ ''ڈاکٹر ہایڈ گرسُنٛد تجربہٕ'' افسانہٕ چُھ انسانہٕ ہِندِس ییتھ پزٕرس اکھ فرضی قصہٕ بناوان زِ وأنسہِ ہٕتی ہٕتی بُڈن چُھ اکھ فطری عمل۔ مگر کأنٛہہ تہِ انسان چُھنہٕ یہِ پزٕر مانٕنہٕ موکھٕ تیار تہٕ پزٕتھ ساعتہٕ چُھ نوٚو یاوُن لبنُک ارمان تھاوان۔

ہاتھارن (Hawthorne 1804 -1864) چُھ مشہوٗر امریکی ادیب، تٔمۍ ہِندٕ ن سارِنٕے تحریرن منٛز چھےٚ زندگیہ ہٕندٕ ن تلخ پزٕرن پیٹھ ڈٔ رِتھ شیرین ظرافت۔

رتن تلاشی چُھ کأشرِ زبأنۍ ہُنٛد نقاد، افسانہٕ نگار تہٕ ترجمہٕ کار۔ کأشرِس منٛز ایم اے، پی ایچ ڈی کرنہٕ پتہٕ سپُد کأشرِس شعبس منٛز بحیثیتِ وستاد تعینات تہٕ پروفیسر بٔنِتھ سپُد أتھی شعبس منٛز سبکدوش۔ یمو چھِ درجن واد مضمون تہٕ افسانہٕ کأشرِس منٛز لیٚکھی متۍ۔

لفظ تہٕ معنی

زألی ہار: فضول خرچی کٔرِتھ۔

ژٕکٹھن: مصیبتو ہٕتی تنگ یُن۔

ہِپوکریٹز Hippocrates (?-377 ق۔م) مشہوٗر، یوٗنأنۍ حکیم

شیٚمپین: دچھِ رسس بنوومُت اکھ قیمتی شراب۔ Champagne

ژٕن: کُنہِ چیزس گوٚمُت چوٚرٕ۔ بٔسی

زَز:　　　　سبٹھاہ وأنسٹھ

کھمچہِ کرنہٕ:　　　　رعب کرُن، ژکھ ہإونی۔

**سوالات**

۱: 　یم ڈاکٹر ہایڈگُرنِس تجربہٕ گاہس پیٹھ سمان چھِ تِمن ہنز مختصر زان کُرِو پیش

۲: 　ڈاکٹر ہایڈگرکیا زِتہٕ کمہِ باپت چُھ آب شباب تیار کران؟ اتھ کیاہ تاثیر چُھ

۳: 　آبِ شباب چیتھ کُس کُس کیاہ کیاہ چُھ کران

۴: 　ڈاکٹر ہایڈگُرکُس سبق چُھ رٹان؟ تسندی یار کیاہ چھِ فأصلہٕ نِوان

# نعت

عزیزاللہ حقانی

گوو جہاں تازٕ برخسارِ رسولِ عربیؐ
رۆٹ گُلو مُشک زِ گفتارِ رسولِ عربیؐ

روز وشب درا ے پھٕٹِتھ ، پرٕدٕ ژٕٹِتھ شمس وقمر
ذرّہ چھِیں آ ے بہ انوارِ رسولِ عربیؐ

نیرِ سردارِ عرب جلوٕ دِواں در عرسات
متٕکھ جا مہٕ ہلم دار ہلم دارِ رسولِ عربیؐ

روزِ بر عرشِ بریں نۆر حقس سٕجدٕ کٕرتھ
جُبہٕ ناز عرق بارِ رسولِ عربی

گراوِ لتس ناوٕ بٕڈِس باوٕ ہاوِ کرم
رَبِ اغـفِـــر لـــی لاُمـم کارِرسولِ عربیؐ

گژاو لتس ناوٕ بٕڈِس باوِ ، خدا ہاوِ کرم
تژاو غم سأر اُمم ژارِ رسولِ عربیؐ

ہٕیم گنہگار نار کرن نا لہ فغاں
تتہِ موکلاوِ تِم کھارِ رسولِ عربیؐ

خم کمر ، خاک بسر، خستہٕ جگر حقأنی
آشہِ ہۆت آو بہ دربار رسولِ عربیؐ

زان:

پیرعزیزاللہ حقانی (نر پرستان 1927۔۔۔۔1854ء) اُسی نر پرستان سرینگرِ روزان تہٕ پتہٕ سوییہِ تِگ بڑ گام روزان۔ یمو اوس پننہِ حیأتی منز ے سویہ، تِگ بونہِ پیٹھ پنُن عبادت گاہ بنوومُت تہٕ تتھی منز اُسی راتھ دوہ عبادتِ خدا کران۔ حقانیؒ چھِ کٲشِرِ ہِندی قد اور نعت گو تہٕ امہِ علاوٕ چھِ یمو تاریخ عالم، درویش نامہٕ، قصہٕ دُشنام، چراغ محفل، روضتہالشہداء، چندر بدن، جو ہر عشق لطایف العقلیٰ تہٕ گلدستہ بینظیر تہٕ ممتاز بینظیرِ ہِشہِ مثنوی تہٕ لیچھمٕژٕ۔ یہُند اٚخری آرام گاہ چھُ نر پرستان فتح کدل سرینگر۔

نعت چھُ اکھ موضوعی صنف۔ یمیُک بجر امِکِس عظیم تہٕ لا ثأنی موضوعس منز ژھیپِتھ چھُ۔ یعنے آنحضورنؐ ہُند سیرت پاک تہٕ شکل وشمایل۔ یہِ نعت چھُ کأشرِس نعتیہ ادبٕکِس توأریخس منز اکھ ممتاز مقام تھاوان۔ امیُک تخلیقی قوت تہٕ موضوعی بجر چھُ نعتس منز تتھٕ کنی باوَتھ پراوان زِ پرن وول چھُ روحأنی جمال تہٕ جلال پرأ وِتھ عرفأنی سرور پراوان۔

لفظ تہٕ معنی

عرشِ بریں: سُہ آسمان ییتہِ خدایہِ سُنٛد تخت چھُ۔

خستہٕ جگر: پریشان، آزردہ۔ ناخوش، ل شکست

جُبہٕ: چوٗغہٕ،اکہِ قسمُک کھوٗل کوٹھ،ییٚتھ زٕری ہٕرٛبو ہیوٚ ر چھِ آسان۔عام طور چھِ مذہبی عاٮ۪لم لاگان۔

فغان: نا لہٕ،فریاد۔آہ وزاٰ ری،شور۔

سوالات:

۱: نعت کیاہ گوٚ وتہٕ امیُک موضوعی خدوخال کٔرِ و بیان

۲: کاٮ۪شرِ نعتُک سفر کٔرِ و وبہٕ ژھنآ وِتھ بیان

۳: مذکوٗرٕ نعت کِتھٕ کٕنۍ چھِ تخلیقی بجر پراوان

# نعت

عبدالاحدنآدِم

عربی شاہا ، مدنی ماہا    اسہِ گۆژھ گٹہِ منزٕ گاہا چون

بُتھِ أسی وچھِ ہوتھ رٕتہِ دِل خاہا    اسہِ گۆژھ گٹہِ منزٕ گاہا چون

ہِکھنا از اسہِ شب چا ر داہا    درٕزن دزِزۆن ہۆیہِ مندٕ چھُن

گاہ چون ڈِیشتھ کرِ واہ واہا    اسہِ گۆژھ گٹہِ منزٕ گاہا چون

ہمت تھٲز چھے عآلی جاہا    امُت پرور! وندٕ ہوے کرون

پزِ ما اسہِ گوکھ ترآوِتھ ہا ہا    اسہِ گۆژھ گٹہِ منزٕ گاہا چون

اسہِ چھے سَتھ چآنٕی امید گا ہا    پتہٕ وتہٕ ژۆے چھُے پہترا وُن

حاجت ونہٕ ٹک چھُے نہٕ آ گاہا    اسہِ گۆژھ گٹہِ منزٕ گاہا چون

آے أسی مُفلِس برتل شاہا    جاے سآنٕی ہِیتہِ کر پا یا سون

راے چھنہٕ ہۆیہِ بنہِ یِژھ درگاہا    اسہِ گۆژھ گٹہِ منزٕ گاہا چون

مآری چآنٕی شوقن وآتی ایذاہا    اثبات پانے چھُ دعویٰ سون

اَشک چھے شآہِد آہ گواہا    اسہِ گۆژھ گٹہِ منزٕ گاہا چون

اسہِ کھۆن شیطآنٕی سنہِ سۆن چاہا    تتھ منز ترآوِن کیاہ اوس لون

رسہٕ ودلہٕ اسہِ ہاوکھسہٕ نچ راہا    اسہِ گۆژھ گٹہِ منزٕ گاہا چون

نفسن کرِ نآوی سخت اغواہا    گرٕ کُلی دشمن اسہِ کر زون

کوہس تل زن لأ گِن کاہا　اسِہ گۆژھ گٹہِ منزٕ گاہا چون
نأدِمؔ آسے فریأدی خواہا　بہٕ تہٕ چُھس أمتی عأصی چون
سوز چُھم جگرس بوزتم آہ ہا　اسِہ گۆژھ گٹہِ منزٕ گاہا چون

زان:

عبدالاحد نادم(1838---1911 ء) زاو رعنا وای سرینگرٕ ۔ لوکچارس منزٕ ے گوٚس مول مُرتھ تہٕ اوٚ کنٛز نیوٚ ماجہِ پانس ستی پٔنن مالیُن بنڈٕ پور تہٕ روٚ دأخری وقتس تام تتھی ۔ نادم چُھ کأشرِ نعتیہ ادبُک قداوار نعت گو یٛمی نعت کأشرِس لُکہٕ بحس (لُکہٕ ونہٕ وٕنس) نکھہِ اوٚن ۔ نادم سُنٛد نعت چھ لُکہٕ مزازٕ باوجوٗ د حضور اکرمنؐ ہٕندِ جمالُک تہٕ جلالُک اکھ رُت نمونہٕ ۔

نعت چُھ موٗلہٕ تلہٕ عربی لفظ تہٕ معنے چُھس مدح، تعریف، توصیف ۔ عربی زبأنی منز چُھ نعت بطورِ صفت استعمال سپدان یُس اکھ نحوی اصطلاح چُھ ۔ نعت چُھ بنیأدی طور اکھ موضوعی شعرٕ ذات یٛمیُک بجر امکِس عظیم تہٕ لامثال موضوعس منز ژھیٚپتھ چُھ بعضے آنحضورنؐ ہُنٛد سیرت پاک تہٕ شکل وشمأیل یاونو تہٕنٛد جمال تہٕ جلال کأشرِس منز ووت نعت فارسی پیٹھٕ تہٕ امیُک سفر چُھ فاخر تہٕ محمود گامی ہٕندِ پیٹھٕ ازتام رواں دواں ۔

# تمثیل آدم

محمود گامی

تمثیل آدم پرٚژھوم حبابس
رنٛدٕ چھکھ زنٛدٕ کتھ آبس ستۍ
فِکرِ ہنٛزِ رزِلم ذکرے دولابس اٖرٕ ہٹھ پھیری طنابو ستۍ
مو گژھ غأفِل خوشیہ تہٕ خابس
رنٛدٕ چھکھ زنٛدٕ کتھ آبس ستۍ
جو ینٛدٕ جویا طأ لب طلابس گو ینٛدٕ گویا کتابس ستۍ
غأفل چھ مشغول لہوس تہٕ لعبس
رنٛدٕ چھکھ زنٛدٕ کتھ آبس ستۍ
وأحِد چھ پانے شأہِد شرابس زأہدس لے چھے ثوابس ستۍ
کتھ کھوژِ عاشق عشقہٕ نِس عذابس
رنٛدٕ چھکھ زنٛدٕ کتھ آبس ستۍ
حُبہٕ ستۍ حُبین پھوکھ لوے حُبابس پھوکہٕ ستۍ میؤل ہیٚہ آبس ستۍ
مؤ دکیاہ رؤ دکیاہ باقے حسابس
رنٛدٕ چھکھ زنٛدٕ کتھ آبس ستۍ
پوچھرُک پردٕ ژٹھ اژ منز حجابس پادشاہ ڈیشہِ ہن نوابس ستۍ

برٛونٹھ پکھ کھوژ مو قہرس عتابس
رِندٕ چُھکھ زندٕ کتھ آبس ہٕستۍ

آب منزٕ ناوے ناو منز آبس　　یُتھ چُھے حق آنجنابسؐ ہٕستۍ
آنجنابؐ میلِتھ پرٛتھ اصحابس
رِندٕ چُھکھ زندٕ کتھ آبس ہٕستۍ

صورتس معنے تأپر خابس　　مشک زن میلِتھ گلابس ہٕستۍ
وأصلس نِشہِ ژھاے چھنہٕ کینٛہہ نقابس
رِندٕ چُھکھ زندٕ کتھ آبس ہٕستۍ

عشقٕہ نِس مسلس یتھ لا جوابس　　زلنہٕ کھے معنہِ چُھکھ حسابس ہٕستۍ
دپھتہٕ کوٚ رنمہٕ یُس واتہِ منز کعبس
رِندٕ چُھکھ زندٕ کتھ آبس ہٕستۍ

برٕ گوس کرٕ کیاہ یتھ اضطرابس　　کر میلہِ ذرٕ افتابس ہٕستۍ
محمودگأمین پرٛژھوو حبا بس
رِندٕ چُھکھ زندٕ کتھ آبس ہٕستۍ

زان:

تمثیل آدم چھےٚ اکھ صوفیانہٕ تجربہٕ یتھ منز راٚ وی آبہٕ بُرس آدم سٕنز دلیل پرٛژھان چُھ۔صوفی عقیدٕ موجوٗب چُھ طقرٕ سوٚ درس ستیٚ وصل پراونہٕ بغاٛر اڑلیٚوک تہٕ نامکمل۔یہٕ چُھ اسلاٚمی تصوفکہٕ وحدت الوجودی فلسفک نظریہ تہٕ تمثیل آدم چھےٚ امی فسلسفک اکھ رُت لِساٚنی اظہار۔شاٚعرن چُھ یہٕ فلسفہٕ باونہٕ باپتھ معنہٕ ساٚوی اصطلاح تہٕ استعارٕ ورتاٚوی متی۔

محمود گاٚمی (1765۔۔۔۔1850.ء)۔محمود آبادشاہ آباد ڈورو) چُھ کاٚشرِ زباٚنۍ ہُنٛد اکھ روایت ساز شاٚعر ییٚمی پنٕہٕ نن مختلف صنفن منز کاٚشرِ زباٚنۍ ہُنٛد لفظہٕ خزانہٕ نوِسرٕ دریافت کوٚر۔غزل، وژن، نظم تہٕ مثنوی ہشن صنفن چُھ یزنہٕ پاٚٹھی یئے قد اور شاٚعر دٔسلابہٕ کران۔أمس پتہٕ روٚ دی اکثر روایت پسند شاٚعر أہنز تقلید کران۔

لفظ تہٕ معنی

دولابہٕ: ورگہٕ، گھر ،مشکل

حُباب: امار، منہٕ کامن، دِلُک غبار، دِلُک بار

طناب: موٚٹ رَز، خاص کرسورَز یوسہٕ خمہٕ گنڈنس منز یا گیلہٕ گنڈنس منز لگان چھےٚ۔

رِنِدٕ:  عأشہٕ موٚت، یُس نہٕ مذہب کٕنہٕ ضأبطن تہٕ قأعدن پابند آسہِ۔

(ورگہٕ پأٹھی)

حُب: لول، محبت، توفیق،

سوالات

ا: آبہٕ بُس کُس چُھ سوال پرٛژھان تہٕ امیُک فکری پوٚت منظر کیاہ چُھ

۲: 'آب منز ناوتہٕ ناومنز آبس' کمہِ روحأنی فلسفُک ترجمان چُھ

۳: نظمہِ ہُنٛد مرکزی خیال کٔرِو آسان لفظن منز بیان

# مزاحیہ وژن

عبدالاحد آزاد

مدنوارو لگے پأری
بہٕ نو ذَرٕ عشقہٕ بیمأری

ژٕ ے ستی گژھہِ فرصتھاہ آسنۍ دِلس گژھہ، فرحتھا آسنۍ
مےٚ گأمژ نألی نادأری
بہٕ نو ذَرٕ عشقہٕ بیمأری

ژٕ ے چھےٚ عأشے متین ستی لے چُھہک چاوان وصلکُ موے
مےٚ پیٚٹھ کرواتہِ انوأری
بہٕ نو ذَرٕ عشقہٕ بیمأری

ژٕ ے چُھے زلفُک تہٕ خالُک غم مےٚ چھُم موصم عیالُک غم
بہٕ چُھس مسکینٖ ژٕ دربأری
بہٕ نو ذَرٕ عشقہٕ بیمأری

خزانن ٹھان مُژرووتھ بیٚین رِکیُت سون تہٕ روپھ تھووُتھ
مےٚ رِکیُت اوسُے ہرُد ہأرِی
بہٕ نو ذَرٕ عشقہٕ بیمأری

جدس یُس آلہٕ مٹہِ اوسُم وُنِس تام مےٚ نکھس پیٚٹھ چُھم

بۄ کیازِ ہاوے دِلا وأری

بۄ نو ذَرِ عشقۍ بیٖمأری

تِیم ییٚلہِ راکھِ فارشٹر دِلکھ نے کیٖثھہ انن رینجر

گرٕھسٕ ورِزِیُن تہِ سرکأری

بۄ نو ذَرِ عشقۍ بیٖمأری

پکُن چُھم کارو بیگارس برُن چُھم جنس سرکارس

تِیم ووگرایہِ باپأری

بۄ نو ذَرِ عشقۍ بیٖمأری

پگاہ چُھم ہٕدیہِ دِیُن پیرس تھوٚم کن توبۄ تقصیرس

قیامژ دوہ کرٕم یأری

بۄ نو ذَرِ عشقۍ بیٖمأری

ہٕنڈِس کرِ ہوٗن ہوٗلس ہوٚنڈ گٕنڈِس کرِ پوٚش پوٚشس کوٚنڈ

کرُن چُھم رأضی پٹوأری

بۄ نو ذَرِ عشقۍ بیٖمأری

بۄ کرٕ پیٖژٕں بلاین کیاہ گُھرٕن پنۍنن تۄ نیاین کیاہ

مےٚ چھم جُھکھۍ جُھکھۍ تہِ بیکأری

بۄ نو ذَرِ عشقۍ بیٖمأری

ونان یم دوٗرِ چھِم جأہل دِتکھ انسانۍ سُنٛد ہیوٗ دِل

دِہکھ نَے أچھی دِتکھ ٹأری
بہٕ نو ذَرٕ عشقہٕ بیمٲری

**زان**

عبدالاحد آزاد (رانگر بڈگام 1903-----1948ء) چُھ اکھ اہم کأشُر شأعر ییٚمۍ کأشرِس منز ترقی پسند تحریکہِ ہِندِس پوٚت منظرس منز پٔنُن شأعرانہٕ وجوٗد تعمیر کوٚر۔ آزادن لیٚو کھاردوپأٹھۍ ''کشمیری زبان اور شاعری'' (۳ جلد) ناوِ گوڈنیُک ادبی توأریخ۔ تہٕ امہِ اعتبارٕ چُھ آزاد نوِ کأشرٕ شأعری ہِندہٕ بأنی کارومنزٕ۔ تِہنز زبان تہٕ زبأنۍ ہُنٛد ورتاو چُھ تِہند ہن ہم کال شأعرن نِش بدٕون تہٕ تِہُنٛد شعرٕ لہجہٕ چُھ انقلأبی آہنگ پراوان۔

وژن چھ اکھ ہیتی شعر صنف ییتھ پنٕنۍ مقرر تہٕ مشخص ہیتی شناخت چھےٚ۔ وژن ِکس گوڈنِکہِ شعرٕ ِکس دوٚ ییمس مصرعس چھِ ووج ونان۔ یہ ہے ووج چُھ پرٛتھ بندِکس ژوٗ رِمس مصرعس منز ورتاونہٕ ییِوان۔ اتھ صنفہِ منز ہیکو کأنہہ تہٕ موضوع ورتأوِتھ۔ ییتھ مزاحیہ وژبس منز چُھ شأعر پننہٕ ہن سمأجی ورن، وأرۍ داتنِ ٹأنہٕ ژٹان۔ سماجس استحصال کرن والیٚن ہُنٛد أنہٕ چُھ الگ الگ شعرن منز باونہٕ آمُت۔

**لفظہٕ معنی**

فرحت: سوکھ ،راحت

ناداٗری: غریبی، لاچاٗری، مفلسی

ہٕدیہٕ: نذرانہٕ ،تحفہٕ

**سوالات**

۱: وژن کیاہ گووتہٕ یہٕ کتھ ٕکنۍ چُھ ہیتی صنف

۲: کأشرس وژن صنفہِ ہندِس ارتقأئی سفرس پیٹھ لیٚکھِوا کھ نوٹ

۳: شأعر کیاہ چُھ یتھ وژنس منز باوُن یژھان

# کرناوِ! تارکھنااپور

ماسٹرزندِکول

ناکارِ گومُت نگر سون بسنس لایق نہٕ روٗ دمُت
لوٗٹس تہٕ ہوسس باج وٕڈھ منز باگ مسکین موٗ دمُت
ژلہٕ ہا تہٕ ییٚہٕ ییمہٕ ہا نہٕ یور
کرناوِ! تارکھنااپور

ظاٗلم زَہٕری زن زال ہیتھ زاگاں غریبن زورِ واٗلی
کھوژاں نہٕ حاٗکم مارِ ما پرٛژھِ گاٗرما کُنہِ آسہِ کاٗلی
چھِکھ پیر پھوکھ تے دِیارِ زور
کرناوِ! تارکھنااپور

مانو بٔنتھ مُہنیوٗ مُزوٗر چھونٛ نوٚن مٔلیُن اُچھ گاش رُس
لرِ لوٗکہٕ ہنزے بأگراں نرِ لوسہٕ ناوں باشہِ رُس
ساران خرٕ سِندی پاٗٹھی بور
کرناوِ! تارکھنااپور

دَے زوٗنمُت چھکھ جاٗبراہ پوٗزا تسٕنز بجٕنٛگ چُھ ژھل
زبِ کٕنز خوشامد چھِس کران آسیے تہٕ انہِ ما کیٚنٛہہ ودَل
اصلی چُھ ڈوٗکھ سون پیٖرِ زور

کرناوِ! تارکھنااپور

پۆزی یأری ، رہبر، ریۆش ولی　　کرتام اسہِ نِش موٗ دیٛمتۍ

زوٗرٕسۍ مُری پتھ کُن روٗ دیٛمتۍ　　مُتۍ ، مرتہٕ مندررروٗ دیٛمتۍ

وتہٕ　راوِ راں　مُلا　تہٕ　گور

کرناوِ! تارکھنااپور

سیۆدی سارٕ سوندر جانور　　اسہِ نِشہِ یمن بچنٛچ چھےٚ آش

مأرِتھ مُہتھ أسی چھِکھ کراں　　ٹھولو بچو سان أ لی ناش

چُھنہٕ خوٗنہٕ　روٚس　ووتلان تور

کرناوِ! تارکھنااپور

## زان

ماسٹر زندٕ کول ( 1966------1884 ء ) زاوجہٕ کٔدل سری نگرٕ ۔ پیشہِ کنٛز اوس تعلیمہِ ہِندِس محکمس منز ووستاد تہٕ سأرۍسے وأنسہِ روٗد کأشرِس منز شعر ونان ۔ ترقی پسند دورٕ و چھنہٕ باوجود روٗ دشأعری منز زندٕ کول سری تہٕ صوفیانہٕ مزاژُک قأیل ۔ اما پۆز شہرِ آشوب چُھ تِسنٛز شأعری منز بعضے شارُت پراوان ۔ زندٕ کول چُھ سُہ گوڈنیُک شأعر یس ''سُمرن'' ناوچہِ شعرِ سۆمبرنہِ پٹھ ساہتیہ اکادمی ایوارڈ تۆر ۔ ''کرناوتارکھنااپور'' نظم چھےٚ سری اظہار پرأ وِتھ شہرِ آشوبُک اکھ رٕژ مثال ۔

شأعر چُھ مختلف استعارن، تشبیہن ،رمزن تہٕ کنایَن منز پٔنُن تجربہٕ باوان۔سمأجی زندگی منز انسان سٕنز خود غرضی تہٕ ژھل تہٕ وَل شعرن منز اظہار پراوان۔

**لفظ تہٕ معنی**

نگر: شہر

بأج وَٹھ: سمجھوتہٕ

دِیار: پۄنسہٕ

بأڈرن لبن بور کرُن

پچھ: اکھ فرضی مخلوق

**سوالات**

ا: کرزو کیاہ گوو تہٕ نظمہِ منز کتھ معنے یس تہٕ مفہومس منز چھِ کرزو ورتاونہٕ آمُت ؟

۲: نظمہِ منز چھا سیٚدِ سیٚو دیاور گہ پأٹھی شہرِ آشوب باونہٕ آمُت کِنہٕ نہ؟

۳: نظمہِ ہِندِس زبأنی ورتاوس پٮ۪ٹھ لیٚکھِو اکھ مختصر نوٹ؟

# ژُمِصراَے

غلام رسول نازکی

نبس لۄگ نار، وِج وولیہِ، وۄتھ واو    اڈٕن لٔج بۄٹھ اڈٕن پھٔٹ بۄٹھ لِگٔتھ ناو
مےٚ ۆ ون ہٲنزن دُمہِ براندیشہِ، غم تراو    چُھ پانے واو ، پانے ناو ، دریاو

ژےٚ کُن ڈٔیشِتھ گرٛھاں سواسن گلابس    ژےٚ کُن ڈٔیشِتھ یوان عاَرق شبابس
متاں یوسف زلیخائوی وُچھاں خواب    اساں میخانہٕ ، یُتھ وۄشلان شرابس

یہ ژےٚ کُن ڈٔیشِتھ ژٕنۍ پوشن ڈلاں رنگ    ڈٔکھ پچ دِرہہ چاۓنۍ ٹورٕن دِل کراں تنگ
ِروشُن چون چُھم تراواں چھوکن نۄن    وُٹھن کمجار کر !  زخمن تیِم اٚنگ

سوٚ سوندر مال پھیراں اٚس آرن    کنن گوو وِگنہِ وٕنۄن سبزِ زارن
پکاں تھپہٕ تھارِ بُتھ چھۄل آبشارن    دپاں تٔلی ٹارِ نظراہ کٔر بہارن

أکِتھ کِنۍ دولتس انبار ، انبار    بێیِتھ کِنۍ زندگی دُشوار دُشوار
وۆن راتھ أکی محتاج ڈۄبِن    خدایا ظاۓلمن لٔگی تن گرس نار !

زان:

رباعی چھِ تتھ ژُ مصری شعری تخلیقہِ ونان یتھ گوڈنِکۍن دوٕن مصرن تہٕ ژوٗرِمس مصرعس قافیہ رلان آسہ۔ فارسی شاعرِیہ منز چُھ امہِ باپت مخصوص بحر تہٕ وزن ورتاونہٕ یِوان۔ یُس نہٕ کاشرِ ورتو مُت چُھ۔

میر غلام رسول نازکی (بنڈِ پوٗر: 1997---1910ء) چُھ وُہمہِ صدی ہُنٛد مشہوٗر نعت گو تہٕ رباعی صنفہِ ہندی اہم شاعر۔ تٔمی سٕنزن رباعین ہنز زٕ سوٚمبرنہٕ چھےٚ ''نمرُود نامہِ تہٕ کاوِینہٕ وول'' نازکی صابن چھےٚ اردو زبانٛہِ منز تہِ جان شاعری کٔرمٕژ۔

لفظ تہٕ معنی

سوندرمال: خوبصوٗرت، حُسین

وِگنہِ وَن وُن سُہ ونہٕ وُن یُس خیالی پٔریہِ یعنی وِگنہِ گوان آسن۔

گرائے سٕنٛز: کانسہِ ہُنٛد محبت گرٕژھن

بوٗ دکرُن: پاد کرُن، وجودس منز انُن

داندُر: سبزی کٔنن وول

سوالات:

ا: کاشرِس منز یِم ژٕ مصراے لیٚکھنہٕ یِوان چھِ تِمن سارنے ہِکوا رُباعی وٕنِتھ

۲: کاشرِس منز کرِ و رباعی ہُنٛد تواریخی سفر بیان

۳: غلام رسول نازکی سٕندِس شعرِ اسلوبس پیٹھ لیٚکھیو نوٹ

# سون گام

رحمان راہی

یہ سون گام چُھ گاہِ زبر ،شہر مۂ وُنیوس
یہِ دیہنۂ درمۂ چُھ رطب اللِساں،ہو کھِ مۂ تلیوٗس

پیٚنٛچ کُکِل تہِ چھےٚ یادوستو ونان ، بوٗزِو
کنٛج تہِ سأنٛز قرآنٕے پراں ، ہنا سوٗنچِو

وٕتھے چُھ پوٗنٛز پوٕتر تہٕ سینۂ کونۂ چھلو
ونٛژار نا گہِ ہُراں لیمب دیٛما غۂ کیازِ ڈَلَو

چُھ ہرنۂ سمینۂ وُچھتھے ہیٚچھاں دَوُن دورُن
ستُتی اگر کھیٚیہِ بُمہٕ سِنٛز دٕپِو رزِق ووتُس

بہٕ از تہِ ژارِ گنڈاں دٕش، ژٕ کونۂ چُھکھ لاراں
پیٚتے چُھ از تہِ وساں دِیار ورشُن اسمانے

کتھن چُھ بۆڈ اویزاں ، پَرو تہٕ مامے بَرو
اتھن چھےٚ لامے پھٹاں گس ، فضول کیاز سَنو

گرِکی چھِ شُری تہٕ نصیحت کٔریوٗ کھ سوٗن سپدن
پٔژن چُھ قوم ، ژُوٚوتاوِ رِتھ دٔپیوٗ کھ گربزَن

یہِ رٔحمہِ کاک ، تھوو نا بندوق ہتھ ووٗدنی ؟
یہِ مکھنہٕ ، بومے چُھ ، فی الحال چھاوی تن دِلہِ تاپھ

ژٕ پننہِ آشنہِ باوکھ نہٕ سِر ، اصالت چاٲنٛ
مےٚ ہٕستی وعدٕ اپُز گوٚے ، بہٕ زانہٕ مجبوٗری

پزی بُسیر ژٕ اوٗنہکھ اَچھیٹھ ہمسایو
یمن مےٚ مال کماوہٕ تِم اَسی پردیسی

مےٚ کوٚر قناعت تہٕ ملکس ہُراں گوو باپار
روٚٹُھ ژٕ ے چندٕ تہٕ فوجس بنن ئویہٕ سِلَح

قرآں تہِ بوزٕ مگر کوٗر چھم کڈٕنی بازر
ختم تہِ لا گہٕ اگر چرسہٕ پھیرٕ پھروٗژ پٔیم

یہِ سون گام چھُ آزاد ، لُکھ پیٚتِکی آ کاش
مےٚ دِیُت نہٕ زاہٕ نہہ تہِ قرض کائسہِ، گرشھِ ژٕٹُل برداش

مےٚ ووٹ تراونہٕ محلکی زِٹھی ہے وُچھاں أسِم
بیانہٕ زَز بجِہِ ہُنٛد گوو نشر ، پھوٚلےٚ نادِل

یہِ گرٛیسی بوے ژٹاں حاجتے چھُ گامس کول
یہِ پھیرِ وول پکاں توسہٕ بدلہٕ چھَس رفلےٕ

کھوٕاں چیٚواں تہِ أسی أسی ،زہٕواں مراں تہِ أسی
گِنداں دروکاں تہِ أسی أسی ،اساں وداں تہِ أسی

پیٚتی مےٚ باغ أژِتھ وُچھی شِوس شکتھ مِیلتھ
پیٚتی ژٕ کوٹھرتزٛ وپِرتھ بُلوفِلم چھا واں

جنگُل اگر یِہ لیٹر کھَرٕ تہٕ وِزی ژٕعو دِتھ کمپ
أچھن اگر ژٔے وٕتُھے دٕہ یِہ زول مےٚ ڈیزٕل

شونگُن کُٹھی مےٚ وُچھ ٹی وی دِواں گلو بس گتھ
ژٔے شیٚہلہِ یار بلے شٚیچھ ونان بی بی سی

خلیچہِ بام پھٹن ، بس کرایہِ کوٚت کھارَو
مِزأیل جرمنہٕ لاگن، نشاط ناو رٹو

یِہ پیر وأر چھےٚ ییٚتہِ جُہرٕ منگاں چھےٚ نیاز
ووتھاں مُتیٕ آب تیٕتُھے چِلہٕ مہِ رنگ ٹُلاں کأنہہ بب

ییٚتِکی بزرگ تہٕ شہہ شہہ اصول وہرٕھناواں
ییٚتِکی جوان تہٕ گَتھ گَتھ ضمیٖر مولہٕ ناواں

دماغہٕ ترٛکی زِپٕدس پوٚد چُھ شانکہِ گگرس برور
بیانہٕ شوٚدی زِ قَسم کھتھ ونان سونزلہِ سرُف

کروکھ پڑھ تہٕ دپن چاٲری پتھرِ ہٕندی پۭڑھی وٲتی
کڈوکھ نۆن تہٕ چھپن لو لہٕ نا مہٕ اخبارن

ہجوم یسنہٕ زٕنہٕے پرٛزنٕنُگ ضرورت پہٕو
جمأژ یمہٕ نہٕ گُہنے بۆلی أندٕ وندٕ بولاں

أسی اعتقادر چھاں، سِری یہِ کھۆت تہٕ کر پۆزا
توٰ ہے نبٹھس چُھ دزاں ژۆنگ تُہی شُبو رہبر

پہاڑ سأنی چھِ پراچین ، مزازٕ سۆن قدیم
ریشُت چُھ سأنی روایت ، ترٛ کا تہِ سون عظیم

یہِ جلسہٕ گاہ چُھ، تہٕ وُچھ گأمی گام آو سٕمِتھ
دِنار پۆنشہِ ، یہِ کیاہ چُھکھ بے معنہِ شعر پراں

ہِہتھ کٔشیرِ اندر چُھکھ ونان امریکہ
قدیم آیہِ پھرن نألی چُھے ، جدید مہٕ بن

## زان

رحمان راہی زاو 1924 ءواژِ پورِسرینگرٕ ۔ازکل چھِ وچھارناگ سرینگرٕ روزان ۔ راہی رؠ̮د گوڈٕ کالج سۆتھرِس پٔڑھ تہٕ پتہٕ یوٗنیورسٹی سطحس پٔڑھ فارسی پرناوان ۔تمہِ پتہٕ آو 1976ء منز کشمیر یوٗنیورسٹی ہندِ کأشرِ ڈپارٹمنٹک سربراہ مقرر کرنہٕ تہٕ 1985 ءیس منز سپُد امی عہدٕ پٔڑھ سبکدوش ۔ راہی چُھ کأشرِ زبأنؠ ہُنٛد وأحِد گیان پیٹھ ایوارڈ یافتہٕ شأعر۔ امہِ علاوٕ چھِن ساہتیہ اکادمی انعامہٕ سان ریاستی کیٛو قومی سطحس پٔڑھ درجن واد ادبی انعامہٕ حأصل کٔری متۍ ۔راہی چُھ کشمیر یوٗنیورسٹی ہُنٛد گوڈنیک پروفیسر Emirates تہٕ ساہتیہ اکادمی ہُنٛد فیلو۔نورروزِ صبا، سیاہ رؠ̮دٕ جرٕبن منز، کٔدلہِ ٹھٕٹھِس پٔڑھ، چھےٚ یِہنٛزٕ کینٛہہ اہم شعرٕ سۆمبرنہٕ ۔ راہی چُھ کأشرِ زبأنؠ ہُنٛد قداور نقاد، کہوٹ ،شعر شناسی ، وژنُک صورت حال تہٕ کأشر شأعری چھےٚ یِہنٛزٕ اہم نثری تخلیقہٕ ۔

جدید کأشر نظم چھےٚ کلہم پأٹھۍ ہیتی کیٛو موضوعی اعتبارٕ پرانہِ تہٕ نوِ کأشرِ نظمہِ نِشہِ ہنا مختلف ،مذکوٗرٕ نظمہِ منز چُھ شأعرسون گام عنوان بنأوِتھ کلہم کشیرِ ہُنٛد خاکہٕ پیش کران ۔أزچہِ کشیرِ ہُنٛد سمأجی تصویر کشی چھےٚ نظمہِ منز الگ الگ شعرن منز بیان کرنہٕ آمٕژ بلکہِ چُھ موجوٗدٕ کشیرِ ہُنٛد تازٕ ترمنظرنامہٕ تہِ گاشراونہٕ آمُت ۔

لفظہٕ معنی

رطب اللسان: تعریف کرن وول، ٹرباز

پوٚتر : پاک، شۆژ

سون سپدُن: رٕژر پراوُن

بٕسیرِ : تنگ اَنُن، تالہٕ کُنٛز انُن، پریشان کرُن۔

وېژارناگ: نوشہر سرینگرس نزدیک اکہِ جایہِ ہُنٛد ناو، سونچہِ آگُر

شانکہِ روزُن: زاگہٕ روزُن، کوس روزُن۔

سونزل: Rainbow رام رام بدرٕنی دۄنی

پراچین: پرٛیوٚن

سوالات

ا: نظم کتھۍ کنۍ تہٕ کیا زِچھےٚ غزل صنفہِ نشہِ مختلف

۲ سون گام نظمہِ منز چُھ کشیرِ ہُنٛد سمأجی صورتحال دیدمان گژھان وضاحت کٔرِو

۳: رجمان راہی سنزِ نظم نگأری پیٹھ لیٚکھیو اکھ نوٹ

# کتھ

## غلام نبی فراق

ناگہاں رٕہہٕ ژٕلِج مےٚ شوقس کلؤزے یم کینٛہہ مہٕ پرٛژھ
مصلحت پٮ۪ٹھ وأج لوٕلکی شولہٕ وٕنی رٔنٛی آرن
ؤری یہِ وادن سار، نٕے یکجا سپُد اکھ ژٕیہہٚ سپُد
شِکوٕشرٛؤ پٕی أندری شکایژ زن نہٕ زأنہہ أسہٕ دِلس



تاپہ مندیُن موٗنڈ قدمو پۆ دِگروٗ تھ سٕڑکہِ پیٹھ
لوسہٕ وُن افسانہٕ زریف ولنہِ لۆگ خأﺋلی گُلٮ۪ن
داں ڈلن منزروٗ دِوہ پدے یہِ تہٕ پھأﺋلے یہِ وُنل
سونتہٕ شامن اس ٲمزی سٕڑکہِ تراں سوٗ نٕیلی ہوا



از ژُتھے پیٚتہِ وُہری نظر وُچھن نظرن کُن
عأنِ ممکن چُھ خبر کیا سپِد کیاہ سپِد خبر
از ژُتھے پیٚتہِ وُہری یادوُ چھن یادن کُن
ہے سُہ ماوولہِ ژٕتھے ٲکنی چھایوان پٮ۪ی چھا کران



سونچہِ بہہ پانس ژے چھے بروٚنہہ تہِ یہِ گانگل کٔرمژ
أنہٕ چھاژوٚ رِتھاوان ڈیشہِ وِنٛن ہُنٛد انہار
تس کھسن افتابہٕ یئلہِ وُنی کنٛن مےٚ یٚیمہِ حالہٕ وُچھم
میانہِ باپتھ چُھ وفا ساز تسُنٛد اکھا اکھ رُم



یئلہِ مےٚ آلو دِیُت صدا کوٚرتہٕ صدا یئلہِ دژٛ اونوٚن
ہیرِ ٹھس گو وتہٕ مےٚ درواز دِٕلکی مژ رنہٕ آے
تورمُژ روٗ کھ برس ارماں سپدے انتظار



اجنبی اکھ پرٛژھِنہٕ لوٚگ تُہِ کم تہٕ اسہِ نشہِ کأم کیاہ
کُس چُھوَن ژہاران شاید تو ہہ چُھ گوٚمُت کوچہِ پھیُر
جشن موکلِتھ پٔتی مہِ رہتہٕ تم دژٛ اے یِیتہِ خألی گرِتھ



بند گو و درواز بجلی گاش گو و کیا کیانہٕ گو و!!
بنٛگلہٕ شوٚنگ پرٛتھ شور شوٚنگ مےٚ دید ماں آنگن تہِ شوٚنگ
خوف مویوسی تہٕ راون تیٚول یُتھے یکجا سپدی
ناگہاں مژِ نیٚند رِمنز بیدار سپدُس کریکھ دِٕژم
پھوٚ روٗ پھان اوسُم سمندر گن وزان کأنہہ آبشار

زان:

غلام نبی فراق (1922ھ بُہری کٔدل سرینگر) چُھ ازکل نوشہرٕ سرینگرٕ روزان ۔فراق صأب اوس کالج سۆتھرِس پٹھ انگریزی پرناوان تہٕ بحیثیتِ پروفیسر سپدی ریٹائر۔فراق چُھ جدید دورک اکھ قد اور شاعر یمی انسأنی زندگی ہندٕ ن ذأتی تہٕ ازلی مسلن ہِنٛز ہِنٛز ازکالِکس انسان ہِندِس عصری کربناک صورت حالس شاعری منز زیٚو دِژ ۔فراق صأب چُھ مشہوٗر نقاد، ترجمہٕ کار تہٕ ترتیب کار۔'' صداتہٕ سمندر، رنگ نظرن ہندی'' بیترِ ۔ساہتیہ اکادمی ہِنٛز ہِنٛز چُھ یمو بیٚیہ ریاستی اکادمی ہُنٛد انعامہِ تہٕ پرووُمت۔

فراق ہِنٛز نظم چھےٚ کلہم پأٹھی انسأنی صورتحالُک خوبصوت تخلیقی اظہار۔ ''کتھ'' نظم چھےٚ محبوبس ہِنٛز وابستہٕ شأعرِ ہِندِس پۆت کالس منز سپُد مُت اکھ خوبصورت واقعہٕ ۔پۆت یادس منز باونہٕ آمُت یہِ واقعہ چُھ حسین تخلیقی اظہارس منز باوتھ پراوان۔

لفظ تہٕ معنی

ناگہاں : اچانک، ہنگہٕ منگہٕ

اجنبی : ووپر

جشن : شأدیانہٕ، یکوٹہٕ رٔلتھ شأدیانہٕ مناوُن

پھوٚر : وَچھ، دل، پھرُن۔

**سوالات:**

ا: ''کتھ''نظمہِ منز باونہٕ آمُت واقعہٕ کُرِ وعام لفظن منز بیان

۲: نظمہِ ہُنٛد مرکزی کردار کُس چھُ تہٕ شاعرن کتھٕ کنۍ چھُ تسُنٛد حال بیان کۄر مُت

۳: فراق سٕنز نظم نگاری پیٹھ لیٚکھیو اکھ نوٹ

# مندوٕر

موتی لال ساقی

گگر لگوٕتی چھِ ہُتھ مندوٕرِہیر بوٚن
یمن گُپیہِ وأنسہٕ اتھ پراٹان أندری
وسان چھُس بورتھرسہٕ، پس چھُس اویزان
کِنس کئی کئی کئڑس یُس شیرتلِ پوٚک
گرٕنڈن چھُس ناس گاٗمُت، رہم ورامن
جُرِتھ چھُس ہاوِرزٕ پاقن تہٕ دارہن
برن ٹنگ چھوٚنی تہٕ ہنگ آمتی چھِ نیرِتھ
وُچھن والین چھُ تعجب، سوچ روؤ کھ
ژٕ رِتھہٕ کتھٕ کٔنی چھےٚ؟ کرکس فِکرتوٚ رزاٗ نہہ
پھیٖمُت نولہٕ ذاتھاہ چھےمکانس
نے سنگاہ اُچھنوان کوٚ رِتھ مکینن
اکی دِگہٕ رتھ چھٔلِتھ والان مکانس
یموہیوٚک دراےتم مندوٕرتر اُوِتھ
سبٹھاہ گٔے بالہٕ بُزی چھپہٕ لگی زمانس
اڈہو سکہٕ شاٹھ رٔٹی اُڈی سوٚ درٕ پتھ گے

وۆنُے روڈُ کھنہٕ اُسی کم اُسی کوٚت واٚت

چھِ ووٚنی مندورِ منز بسکین گرٛشتام

ودانؤ دِی ؤ دِی کران تم شام صبحس

خبر چھکھ اُسی چھِ بےٚ دسگاہ، کرن کیاہ

یہِ پیٚچ وأنسن تہٕ دہِ دوہہ سأنی نیرن

اُچھن تل رازٕ بل چھُکھ اُس ؤہرِ تھ

زان

''مندورٕ'' نظمہِ منز چھُ ہیرِ پیٹھٕ بون تام اُکِس عنوانس تحت اکھ مخصوص موضوع باونہٕ یِوان۔ یتھ کانٛہہ ہیتی پابندی چھنہٕ۔ ''مندور'' نظمہِ منز چھُ مندور ہنز خستہٕ حالی تتھٕ پأٹھی ہاونہٕ آمٕژ تہٕ یرن وأرِس چھِ اتھ ستی وابستہٕ وار یاد۔ نظرِ تل یِوان۔ نظم چھےٚ وارِ وارِ علامت بنان۔ یتھ منز کشیرِ ہند بن مختلف توأریخی واقعن کُن یرن وألی سُند ظوں پھِران چھُ۔

موتی لال ساقی (1997-----1936ء) زاو کرالہِ وأرِس نکھٕ مشہوٗر گامس منز (ضلع بڈگام) ساقی چھُ شاعر، محقق، ترجمہٕ کارتہٕ اکھ پُر گونثر نگار۔ تہنزٕ کینٛہہ اہم کتابہٕ چھےٚ ''موٚذِری خاب، نیرِ نغمہٕ، گاشِری، کلیات شیخ العامؒ، کلیات صمد میر، (ترتیب)۔

## لفظہ تہٕ معنی

مندوٕر: عمارت۔واریاہ بڈٕ لر۔

گرٛو نڈ: ویوٚٹھ کوٗٹ، پرانہِن مکانن منزا کہِ شیعِ پٔٹھ بٔیِس شیرِ تام اِ ور تراونہٕ آمُت تانہٕ کوٗٹ ۔

رہم: دوہٕ درنہٕ ستیٚ گمژٕبُس۔

وِرام: پرانہِن مکانن منز فرشس یا پشس تل دولہٕ ترٲوِتھ کُریا کوٗٹ۔

راز بل: آورینٛز، شمشان

سوالات:

ا: ''مندور'' نظمہِ منز باونہٕ تہٕ ہاونہٕ آمتہِ پرانہِ مکا نُک حال کتھٕ کنٛی چھُ شاعرن ظماوان

۲: ''مندور'' نظم کتھٕ کنٛی چھےٚ علامت بنان

۳: ''مندور'' نظمہِ ہندِ حوالہ لیٚکھیو کٲشیرِ ہندِس پرٲنس طرزِ تعمیرس پٔٹھ اکھ مفصل نوٹ

# انجام

ناجی منور

پرُس ۲۲ دسمبر تہٕ

بچھایہ ........ژٕ...........تہٕ...........بہٕ
پیتھی شایہ
پیٚتھی بڑٕ اندٕ ہیر پیٹھ
لوسہٕ وِنُس آفتابس تماشہٕ وُچھنہٕ
برابر اَتھی شایہ
کوثر ناگ تھونگن پیٹھ
اَتھی شایہ .......یُس داندٕ مچُل ہیٚو تھوٚنگ چُھ
لوسیوو آفتاب
یتھ شایہ بہتھ
اَزی کہٕ دوہ باسہٕ دوہے
اَتھی شایہ لوسان..........
نوٕ ؤری یہ ..ترٛیٚمہٕ ؤری یہ ..... ژٕؤری مہٕ ......تہٕ
اَتھی شایہ آفتاب
پتہٕ لایہ کوثر ناگس منز گُنی تھاہ
یِیٚتہٕ نہٕ پتہٕ زاںہہ واپس کھسہٕ!

### زان

نظمہِ منز چُھ اکھ واقعہٕ پٔژن پۄ ت منظر ہیٚتھ موزون لفظن منز باونہٕ یوان۔ انجام نظم تہٕ چھےٚ شاعر سندٕ ن مخصوص لفظن منز اکھ واقعہٕ یُس زندگی ہٕندِس ژلہٕ وِنس پزرس شبیہن منز باونہٕ آمُت چُھ۔

ناجی منور (کاپرن شوپین 1933ء) چُھ شاعر، محقق تہٕ ترجمہٕ کار۔ محکمۂ تعلیمس سٟتی وابستہٕ روٗ زِتھ روٗ دکاشرِ زبانٟ تہٕ ادبس لول بران تہٕ آے کانچھان۔ ناگراد۔ شُرٕ ن ہُنٛد بٲتھ، پُرسان، کلیات محمود گامی، کنگ لیر) ترجمہٕ) ایڈیپس (ترجمہٕ) چھےٚ ناجی سٕنزٕ کیٛنہہ اہم کتابہٕ۔

### لفظ تہٕ معنی

تھوٚ نگ: تھزر، بالہٕ تھزر

تھاہ: ڈٕ نگ

کوثرناگ: اکھ مشہوٗ رسریُس اہرِ بل کولگامہِ پٔٹھٕ کیٛنہہ کلومیٹر دور چُھ۔

### سوالات

ا: انجام نظمہِ منز کرتہٕ کتھ جایہِ چُھ رٲ وی ہٮ۪تھ تہٕ پانس سٟتی کُس چُھس

۲: آفتاب چُھ دوہے کھسان تہٕ لوسان تہٕ تا قیامت روزِ یہِ عمل جأری تہٕ نظمہِ منز کیازِ چُھ شاعرونان زِ وونی کھسہِ نہٕ آفتاب

۳: انجام نظمہٕ ہٕندِس مرکزی خیالس پٔٹھ لیٚکھوا اکھ نوٹ

# بالہٕ کوٚلی!

ارجن دیو مجبور

شوخ باوَتھ چھےٚ ڈٔلکس
موکھ چُھے شُہل ہےَ بالہٕ کوٚلی
راتھ اٚسکھ یِژھ، تِژھٕے آسَکھ پگہہ
ؤری یہِ وادن یوٚ دپُچِکھ
تھٲچ کھےٕ نہٕ زاٛنہہ
چون یاوُن ہِرِ نہٕ آلو
دامہٕ چَھے رٕٹمٕژ ژےٚ وتھ
شینہٕ مانٛن شیر چیٚتھ
کوٚت ژلان چَھکھ نٲری دٕ ز؟
چُھے لیٚکھِتھ اکھ داستاناہ دامنس
سوچہِ کیٚن سوٚ درن تُلِتھ سرپوش تھوٚد
شوٚبہٕ وِنِس ریٚشمی ہَوس وُزوان چھَکھ
بالہٕ دامنٕ سُم کڈان مستس ؤژھکھ
پوٚری کَنٛز اوٚشایہِ چھکُےٚ نَے رنگہٕ ڈاٚلی
چانہِ کھونہِ منزرامہٕ گُرنولوٚب زنم

تیٖلہٕ سۭرکن چون یاوُن برۄنٛٹھی آو

واوِ مالاہ پٔچ تہٕ کٔری نَے ٲمیٖٹھی ژٕے

سوندراہ ازکا لہٕ پٕچی حأران ہِش

چانہِ بٔٹھی بٔٹھی یادٕ ۄ ترِس دیٖل ٹُلان

تیٖز دزٕ وٕنی ریٖہہٕ سپٕز فلوأے ہِش

دِتھ پلو دأ رِتھ بٹھِس ۄ ژھ شرانہِ پُشی

رأچھ کٔر تھس نووُ تھس مخٔملی بدن

چأنی وِہ وُ چھ پوشہِ پتھریو۔۔۔۔ترٛ اس کھیوکھ

سیٖنہٕ ہاوان دزٛ ایہِ مسوَل شامہٕ پٔتی

تارٕ گووُ چھ چون رَو، پٔکی سٔتی سٔتی

داستانو تھأوی پکوٕنی ناگہٕ راد

رۄ دِشرٛ انیومو کھتہٕ جۆ رچأنِس بُتھِس

گُلی لنجو کۆ رہے شُہل گریشمس اندر

سمیہ سۭرکو آے مو نگہے پایہِ بۆ ڈ

چون رَخ ییٚلہ ہرِدٕ ہَو ہن دوژھرو و

چون عصمت ٹوٹھ گو وٲنیلس نبس

ہارِ جَو کھۆ ٹ چانہِ بدنُک بوستان

زہرِ سا گر بیٚیہِ منڈُن

امرِہت کلش ژھأنڈِتھ اُنن
تعصبکۍ زولانہٕ ژٹھ ڈٕ رتی ژوپأری
چانہِ ڈٕسی کأتیاہ صدمہٕ آسان گۓ
چانہِ وَسونہِ شوقہٕ کھأرنۆ ٹھمےٚ دوہ
چأنۍ سورنے ازتہٕ چُھس بوزاں دوہے
پۆز زمانکۍ نارتٔتۍ چھِم کیاہ وَنے
بس بڑ نزِس أکی ہے قدم ٹھٔہراووزٕ
میانہِ ونواسک چُھ پھۆٹمُت نارٕ بال

زان

ارجن دیو مجبور زاو (1929ء) زأنہٕ پورِشُپین۔ تعلیمی محکمس منز پڑ ناوان پر ناوان رٕو د وأنسہِ شعر تخلیق کران تہٕ نثر لیکھان۔ مجبور چُھ موجوٗدٕ دورٕ کٮ۪ن تِمن شأعرن منز شمار سپدان یم ترقی پسند مزازٕ منز نیرِتھ جدید سوچِکس پۆت منظرس تحت پننۍ شأعرانہٕ شخصیت تعمیر کٔر۔ دشہ ہا، اۆبرۍ شیچھ، دزٕونۍ کوسم، پٕدی سمِیکی تہٕ تیۆل'' چھےٚ أہنز کینٛہہ اہم کتابہٕ۔

''بالہٕ کۆلی'' عنوانہٕ نظم منز چُھ شأعرن اکھ خوبصورت احساس تجربہٕ بنأوِتھ پیش کۆرمُت یتھ منز بالہٕ کولہِ ہندِ وسیلہٕ انسأنی زندگی ہُنٛد حال باونہٕ آمُت چُھ۔

لفظ تہٕ معنی

شوخ: تیز، ورگہٕ پأٹھۍ مزاژٕ کنۍ ترٛ وش یا تیز

یادٕ وٛوتُر: یاداش، حأفِظ

امرٛت: لسن وونۍ، آب حیات، سُہ آب یُس چیتھ وننہٕ پأٹھۍ مران چھِنہٕ۔

بوستان: پوشہِ باغ، باغ، شیخ سعدی شیرازیؒ سٕنزِ اکہِ مشہوٗر کتابہِ ہُنٛد ناو۔

## سوالات

۱: بالہٕ کوٚلی عنوان نظمہِ منز کیاہ چُھ شأعر باوُن یژھان

۲: نظمہِ ہٕندِس علامتی اظہارس پیٹھ ترأ وِوگاش

۳: نظمہِ ہٕندِس زبأنی ورتاوس پیٹھ لیٚکھِو اکھ تنقیدی نوٹ

# بہٕ نہٕ ژھاے نہٕ عکس

نسیم شفائی

ژٕ آکھ اَز تہٕ بَرس پٔتھ تِتھے وونتھ نہٕ کہینٛز
اگر مےٚ اچھر موٗٹھاہ آسہِ ہابہٕ شیٖرٕ ہے شےٚ وُٹھن
تہٕ بوزٕ ہاسوٕ رٕنٛج کتھ ییٚمیک ژےٚ ہاوس چُھے
بُتھے توٚگُم نہٕ پَرن نظرِ ہُنٛد تژر ژیوٚنُم

مےٚ اوس نبض زِاز یِکھ تہٕ میانہِ باپت یِکھ
مےٚ اوس باش زِووٕنی یِکھ تہٕ میانٕنی شہہ بوزکھ
ژٕ یتھ وُجاےٕ وَچھس منز اژکھ ہوا سوٗنٛتُک
رُمس رُمس مےٚ وُزمٕ زندگی ہُنٛد سرٛ یہہ

مگر ژٕ چھکھ تٔتی تھٕے ییٚتھ کتھن پن ژھیٚون
ژےٚ نے اندازٕ چھی مےٚ کتی روٗپ دِتھ
بہٕ لٲل بٕنِتھ آیس تہٕ پٔتی مہِ پہرٕ وٕتھِتھ
لگٲتھ مےٚ وُزنووُکھ متیو ہیٚوٗتھ بولن

مےٚ لوگ حبہٕ خوتنٕ دوٚپُم ژٕ ژھکھ اسمان
بہٕ چھس زمین چانٕی سِرن چھم سِر پوٗش
یہِ باغ چوٚنےٚ چھے تہٕ ژٕ ے ووٚلو چھاوان

یہِ کمہِ ساسوٚنہِ نیوٗنکہ مےٚ نِشہِ ژٕ بڑٕمرأ وِتھ

ژٕ بیٚہہ دَماہ تہٕ ژہتَر مےٚ گیٚو وژٕ کھوٚنہِ منز ہتھ
بہٕ لا لہٕ پأرٕ ہتھو ِگلاسہٕ کُلہِ نٕے تل
مےٚ چانہِ لو لہٕ درہم روزٕ ، دہٕ دماہ روزکھ
تہٕ تژٕہ سپارٕ پرہم چانہِ لولرے راتس

اگر ژٕ کرشن بٔنتھ یُن یژکھ تہٕ وِہِ بدلکھ
بہٕ آسہٕ سوٚے میرا ژےٚ قدمہٕ قدمہٕ نَمے
تھوکھ ژٕ لوٗکہٕ کتھن کن دپکھ بہٕ ازماوتھ
بہٕ نارٕ تن زأ لِتھ تہِ رامہٕ رامہٕ پَر سے

مےٚ وٚون دَیَن تہٕ ژٕ مشک ہیٚیہ ہُتھ شیشَس
زیٚوی ژےٚ پیغمبر وٗں مأنزِ نیتھٕر روٚس
بہٕ موج عیسیٰؑ سِنزٕ مےٚ مریمسؑ کھوٚت مول
یہِ لوٗکہٕ پامہٕ تژھُن تہِ مےٚ چُھ ازلہٕ لیکھِتھ

مےٚ یم تہِ روٗپ دِتتھ ژےٚ ماپرٕ ژھتھ مےٚ زٕنہے
مےٚ ہرکِژٕ شکلہٕ گرہتھ بہٕ ماتمن اندر
یتُھے مےٚ اوٚش ترٕ ووٗے، دوٗ پُتھرٕ ژےٚ چھُے نہٕ بتُر
یتُھے وٗنن ہیٚو تمے ژےٚ بوسہٕ وَٹھ کوٚرٕ تھم

بہٕ ناچھَسے ژےٚ ہِش نہٕ چانہِ خابُک چھاپ

ژٚے چُھے پٔنُن آسُن مےٚ تے وجود پٔنُن
اگر ژٕ ما نہِ وسکھ دٕوے بَدل ڈیشکھ
الگ چُھ زاےُن میون تہٕ تی ژٚے زانُن چُھے

تلامےٚ منزٕ ؤسی تھےٕ دِ وٚون مےٚ اکھ پہراہ
بہٕ جسمہٕ حُنہٕ گرٔشِھتھ بیٚیہِ تہِ چھس کینژھا
تلا ژٕ کرشنہٕ وَسکھ آسمانہٕ تہٕ مےٚ پوٚزکھ
تلا ژٕ رامہٕ ؤں بن مےٚ ہیوٚ بہٕ از ماوتھٚ

للّٰے شِوس میلِتھ وَچھس تہٕ وٚونہٕ نے ہےَ
سوٕہے تیہٕ بمے أٔسس ،ژٚے توتہِ ژیوٚنُتھ نا؟
ژٚے زن سو حبہٕ خوتن ژلی وتی ترأوِتھ
تُمِس تہِ زن گرٔشھ، دٕے سو ونتہٕ مارٔیونا

اگر ژٕ از تہِ لبکھ وٚون تہٕ وولہٕ اژ بیٚیہہ
اگر ژٕ پالیس پیکھ بہٕ ما نہٕ اوٕ آہم
ژٕ آکھ از تہٕ آسکھ ؤں میانہِ موکھٕ آمُ
ژٕ اکھ از تہٕ مےٚ لرِلوٚ رؤں اصل آدم آکھ

بہٕ زانہٕ یلی زِ ژٚے زوٚنُتھ
زِ "بہٕ چُھس بہٕ"
"نہ ژھاے ---------تہٕ نہ عکس"

زان

نسیم شفائی زایہِ 1952ء منز سرینگرِ ۔کأشرِس منز ایم اے کرنہٕ پتہٕ سپز کالجس منز وہستاد تعینات تہٕ روز سبکدوش سپدنس تام کأشر زبان تہٕ ادب پرناوان۔

نسیم شفائی چھےٚ موجوٗدٕ دورچہِ شأعری منز اکھ نمایاں زنانہٕ آواز۔ یس پٔنُن مخصوص انداز، لہجہٕ تہٕ مزاج چھُ ،تہنزٕ شأعری منز خصوصاً نظمہِ منز کشیرِ ہُنٛد اکھ نتہٕ بیا کہ پرتو جلوٕ گر سپدان۔ ڈرِ چہِ مژرِتھ (ساہتیہ اکادمی انعام یافتہٕ) عکس تہٕ ژھاے زٕ شعرٕ سوٚمبرنہٕ چھےٚ بازر آمژٕ ۔موضوعی گنبر چھِ نظم صنفہِ ہنز اکھ اہم خصوصیت ۔یتھ نظمہِ منز چھِ کشیرِ ہندٕ ن ناماوار شأعرن ہندِس فِکری پوٚت منظرس منز کشیرِ جلوٕ گر سپدان۔

یتھ نظمہِ منز یم اہم ناوہ ینہٕ آمتی چھِ تِمن چھُ پٔنُن توأریخی پوٚت منظر تہٕ تتھ توأریخی پوٚت منظرس تحت چھُ شأعر پننہِ وجوٗدک حال باوان۔یم کردار چھِ نظمہِ منز علامتی انہار تہٕ رٹان یُس اتھ نظمہِ معنوی امکان ہُرراوان چھُ۔

لفظ تہٕ معنی

رِہج کتھ: نارو کتھ ،نارٕ ہٕژ کتھ

وُجارٕ: وأراں

باش: بوزشوز، وٹھِ وقوف

برترأ وِتھ: دوکھِ دتھ ژُلن۔

رُم رُم: رَژھ رَژھ

سوالات:

۱: پرانہِ نظمہِ مقابلہٕ کتھِ کنٕ چھےٚ جدید نظم مختلف

۲: نظمہِ منزورتاونہٕ آمتین کردارن ہنز توٲریخی زان کٔرِو پیش

۳: ژھاےتہٕ عکس نظمہِ ہُنٛد مرکزی خیال کٔرِو بیان

# گوڈنچ پۆزا(66)

اصل: رابندرناتھ ٹیگور

ترجمہٕ: شفقت الطاف

ترلوک شور مندر۔لۆکھ چھِ وَنان زاتھ چھےٚ پتھ کالہِ دَین پانہٕ کِنہٕ کُنۍ
ترٲوِمژ۔مورخ چھِ وَنان زِ مندر شیوٗ رکراتوتہٕ اتھ منز چھےٚ کرات بھگوان سنز مورتی۔
وق بدلنس ستۍ کوٚرکھشتری رازن یِہنزِ زمینہِ قبضہٕ تہٕ مندرُک
آنگن گوٚ وِیہندی گورمارنہٕ ستۍ خوٗنہٕ سٕری۔یہِ موٗرتی آیہِ رٕژھرنہٕ۔
تہٕ آیہِ بیٚیہِ طریقہٕ پۆزایہِ ہندِ رسمہٕ باپت زندٕ تھاونہٕ۔وٲنسہِ وادن ہنز یہِ پژھرٲو۔
یہِ آب پوٚک نوِ کولہِ کَنۍ۔کرات بنےیہِ اچھوت تہٕ
یمن لٲجِکھ مندر اژنس پابندی۔
کھوورِ پاسہٕ ذٕری یاوس یُس علاقہٕ اوس تتہِ
روزن وٲلی کرت ٲسی وٕسی پایہِ ذٲ ژہندی مانہٕ یوان۔تِمن اوس نہٕ ووٕنی کاٛنہہ مندر
البتہٕ ٲسی تِم فنکار تہٕ کٲری گرتہٕ تِمن ٲس نظر سبٹھاہ تیز تِمن ٲس کنہِ
پیٹھٕ کُنۍ لاگنج ہنُر۔تِم ٲسی سرتلہِ پیٹھ پوش کھالان تہٕ سیاہ کنہِ پیٹھ آ کاروو تلاوان۔
حکومت چلاونس منز اوس نہٕ تِہُنٛد کاٛنہہ دخل۔تِمن ٲسِکھ ہتھیار تھپہٕ
نِتھ ضبط کٕری مِتۍ۔تِموٕ یُس مرتبہٕ پلوپوشاک تہٕ لسنہٕ بسنہٕ
ستۍ پرٛ وومُت اوس تتھ آیہِ لتہٕ موںڈ کرنہٕ۔یُتے یوت نہٕ کینٛہہ تِمن آوگیان

حأصل کرُنک حق تہٕ مُہتھ ہِنہٕ۔

مغرب ہِکنز دۄ روُ چھ ہِتمو ترلوک شورمندرُک سونہری قُبہٕ

اتھ منز آیہِ ہِتمن پنہٕ نہِ ووندِ کرٕ امار بوزنہٕ۔ یِموَ نوٚمرٕ وواتھ دۄ رِپیٹھے کلہٕ۔

پچھ ہِکس زۆنہٕ شبس اَس کارتِک پۆزا چلان۔ جشن اوس شروع گوٚمُت۔

برنہٕ ہِندس مُدارس پیٹھ آسہٕ ڈۄل تہٕ تھالن ہِنزِ لیہِ پیٹھ سورنے وزان۔

ژٕ وپاسے گیہِ ٔخمہٕ اِستادٕ تہٕ جنڈٕ لگی ہوہس منز ژنہٕ۔

سڑکہِ دۆشوے پاسو آسیہ وانہٕ پینجہِ سجاونہٕ یِمن پیٹھ اَسی قسمہٕ قسمہٕ چیزٕ کِنٕز یِمن منز ترٛامہٕ بانہٕ، چاندِ وَس، بھگوانن ہِنز شکلہٕ، ریشم کپُر، بچوٚ تماشہِ، کتر واچھِ دارِ، پنہٕ ۂ تھرن ہِنز سورنے، مؠو، مالہٕ، مُشکہٕ تُجہِ، مندرن ہُنٛد یوٗنٛ شأمِل اَسی۔ بأزی گراوس تماشہِ ہاوان، کتھٕ گوٚ راوس رامایِنہِ ہِنز دلیل بأتن منزونان تہٕ فوجی اَسی لوگو منز گُرٕ ہن پیٹھ وردی لأ ہِگتھ نژان۔ راژٕ ہِسندٕ ہن وزیرن ہِندِ ہٕسی تِہٕن کھۄسِتھ۔

تیٚنٛچ شِیٚچھِ آیہِ سورنے وایِنہٕ ہِستی دِنہٕ۔

خوجہِ بایہِ آیہِ زری جامہٕ لأ ہِگتھ زأنپانن منز تہٕ یِمن پتہٕ بروٗنٛہہ اَسی نوکرواوکران۔ سُنٛزٕ یأسی اَسی مقدس گُلبن تلہٕ کنہِ کھیٚچو کھیٚچو بِہِتھ۔ یِمن آسہٕ مستس وانکہٕ ۂ لِتھ تہٕ نِتھٕ نٛز پانس اوسُکھ سۆ رِمٔلِتھ۔ زنانوٕ ۂ تی یِمن مؠو، دود، مِٹھأے، گوٚتہٕ تاپہِ نو ومُت توٚمُل۔

وِزِوِزِ أس یہِ بٔڈ کربِکھ کنن گرٛشھان۔ ''ترلوک شورس تھزر'' ترلوک شورس فتح!''

دۆیِمہِ دوٚ ہہ امہِ خوشہٕ نٛ وقتہٕ ییہِ ہاراژٕ شأہی ہٕسی تِس کھۄسِتھ تہٕ کرِ ہا

بھگوانس گوڈنیچ پۆزا۔ سڑکہِ دۆشوے پاسو اَسی پھُلیہ دار کیلہٕ گُلی وودنہِ۔

آبہٕ نٹھن آسہٕ امبہٕ کُلچہِ موٗ رپن ہتھ سجاونہٕ آمڑ۔ مشکہٕ دار پونہِ ستیٚ
اوس وتہِ اَ دربرکرنہٕ آمُت۔
پنداَہم زوٗن کھسنہٕ بروٗنہہ ژِ راَ ژنیگھ مندرٕ منزٕ وَس، گاَنٹ تہٕ ڈوٗلجہِ لوٗ ٹہٕ،
زوٗنہِ اوس اوبرٕ پٲتیٚ گڑھنہٕ کنی گچھر گوٚمُت۔
واواوس ہمیوٗ مُت۔ اسمانس اوس وُنلہِ نال وٚولمُت۔ گُلی اَسی دوٗ رِزن لرزٕ یمتیٚ۔
ہوٗنی اَسی وووران۔ کاَنسہِ کیا زِ چھنہٕ خبر؟ گُربوتر کراَ وی
کن تہِ لاجکھ ہِنہِ دِنہِ شاید اَسی تِم تہِ وُچھان یِنہٕ باقین اتھِ اوس یوان۔
اچانک گٔے بُتلہِ تلہٕ کنہِ ہاَبت ناک کربکھ زن اَسی جن جنگُک نگارٕ
وایان۔ ڈُب۔ ڈُب۔ مندرچہِ سارے گاَنٹی لجہِ نژنہِ تہٕ یمن
وٗ ژھ ٹھنی رائے زورٕ زورٕ۔ ہستین ڈٲلی مغزٕ تہٕ سورنے واین والین گٔے کھل ٹلی
ورزُن واو وٚوتھ تہٕ زمین لٔج نژنہِ۔
لوٗ کہٕ ہجومس گٔے ہاَبتہٕ ستیٚ ژبلہٕ ژٔ رٹ۔
زوٗ بچاونہٕ موکھ گٔری تِمو پننی اَنگ اَشناوتام لتہٕ مونجہِ۔ زمینس یم چاکھ گٔیہِ تِمہِ
منز بٔکہٕ نیرِتھ وُ زیوودٕ ہہ تہٕ تتہٕ ووڈی۔ سرس گوٚ وہنگہٕ منگہٕ آبے غاَب
زن شرٛ پٲیو وسیکہِ۔ مندرٕ چ بٔڈ گاَنٹی اَس اورٕ یورٕ گوٗ رگوٗ رکران۔
یہِ روٗ زبدستور گرٛنی گرچھنس تام وزان تہٕ
پتہٕ کوٚ رامہِ اچانک وزُن بند۔
ییٚلہِ زمین قرارس پیٹھ مغرب پاسہٕ کھٔرٛ پنداَہم زوٗن۔ دزٕ ونین

ٔخمن ہُنٛد شور کھوٚت اسمانہٕ تِتھی پأٹھی زن شہما رأسی زوٗنہٕ گاشس اویزان گأمتۍ دوٚیمہِ دوٚہہ اوس سارِنۍ سرکأری دربارن منز ماتم۔ مندراولوٗ دگی نِشہِ مُچھ تھاونہٕ موکھ کوٚ راتھ سپہوٚ ژوپأری گیر۔ راز سُنٛد بوٚ ڈوزیرآوتہٕ گورن تہٕ پنٛڈتن پرٕی کینٛہہ مذہبی رسمکۍ منتر۔ تِمو وُچھ

مندرٕ کس نِبری دیوارس وٕسی پہٕنہٕ ستۍ

سوٗرگوٚمُت۔ امہِ علاوٕ اوس قربان گاہُک پٔش تہِ وٕسی پیٚومُت۔

پنٛڈتن وٚون زِٕنٛو زوٗن گھسنس تام گژھِ اسہِ یہِ مندر شیٚو رمُت آسُن نتہٕ چھےٚ یہِ موٗرتی امہِ منزٕ نیبر کڈٕنی۔ رازن دِیُت یہِ مندرٕ وٕلی وٕلی شیرنُک حکم۔ تِسندی وزیرن وٚون ''اچھ کنہِ کأم کُس کرِمگر کرت؟'' تہٕ بھگوان کِتھٕ بچاوون تِسنز ناپاک نظرِ نِشہِ؟ مندر شیرنُک کیاہ نیرِ فأیدٕ ہرگاہ بھگوان ژھیٚٹیو و؟''

رازن اوٚن کرتن ہُنٛد زِیٹھ نادِتھ۔ بزرگ مادھوآو۔ أمِس چُھ چھٔتِس مستس لٹھٕ دستار دِتھ۔ امِس چھےٚ عارٕ بُرٕ ژٕ اچھ۔ سُہ نمیو دوٗرے رازس امہِ کِنۍ زِسُہ گوٚ ژھ نہٕ تِسندِ چھی ستۍ ژھیٚٹُن۔

رازن وٚنُس ژےٚ چھےٚ مندرس مرمت کرٕنی۔ ''سُہ چُھ اسہِ پٹھ دیہِ سُنٛد کرم'' مادھون دِیُتس جواب تہٕ تِمۍ کوٚرمرو ودے سِندِس احترامس کلہٕ۔

رازن وٚنُس ژےٚ پیٚیی اچھن پٔٹ تھاوٕنی۔ کأم کرنہٕ وِزِ گژھنہِ چأنۍ نظر بھگوانس پیٚنٕز۔ ژٕ ہیکہٕ کھا تِتھٕ پأٹھی کأم کرِتھ؟'' مادھون وٚنُس ''سُہ چُھ مےٚ منزٕ سُہ دیہِ مےٚ کأم کرنہٕ بہٕ کرٕ وأنجہِ گاشے کأم۔ توٚت تام مُژراونہٕ بہٕ اچھ یوٚت تام بہٕ

کأم روزٕ کران۔"

باقٕی کرت رٔ دۍ مندرٕ نٕبرۍ کأم کران ییٚلہِ زن مادھو پانہٕ أ چھن پٔٹ گٔنڈِتھ
مندرس اندرٕ شیٖرٕ پأر کران اوس۔ سہٕ رٔ دراتس دوہس پۆزا کران
تہٕ بجھن گوٚان محنتہٕ سان اَوٚنگجہِ نژناوان نژناوان پٔنُن کسب ہاوان۔
وزیرٕ آو تہٕ وۆننس "وُژھ کرُوٗژھ! دوہ دوہ چُھ گژھان یِنہٕ
یہِ تیار گژھنہٕ بروٗنہے سہٕ وق ژلہِ"
مادھون دِیُتس گُلۍ آلوتھ جواب۔ "سہٕ ییٚنز یہٕ کأم کران چُھس، سُے أنزراوِ جلدی
یہٕ چُھس بس تسُند اکھ ہتھیار۔"
نۆ وزٔنہٕ شب دژاو، زوتہٕ وُن پچھ ہیٚوتُن نزدیک یُن۔
اَوٚن مادھو چُھ اتھ سٟتۍ ساران سارن یِمن کنٕن سٟتۍ کتھ کران تہٕ کنہِ تہِ
چھےٚ تس تورٕ لو تہٕ لو تہِ کیا ہتام ونان۔ أمِس رأچھ سپاہ چُھ یہِ
نظارٕ وُچھان تہٕ نتہٕ مامُژ راوِ ہاسہٕ تس أچھن پٔٹ۔
"گوڈنچہِ پۆزا یہِ موکھٕ چُھ اکڈاسی رأ ژھُنڈ وق موزٔن"
ژےٚ آستھا تۆ تام کأم سپدأ وٕمژ"
مادھون نۆ مرو وکلہٕ تہٕ وۆننس جواب "یہٕ کُس چُھس جواب دِنہٕ وول؟"
ییٚلہِ دَے ییٚژھِ أنزراوِ کأم۔ یہٕ ہکہٕ ہووتو ہہ یہِ کتھ ؤنتھ زِہر گاہ تُہۍ کأم
سپداونے یور آیِو تمہِ سٟتۍ یِیہِ مےٚ کامہِ تھوس تہٕ لگہِ ژیر۔"
شٟیٚیم زٔن تہِ گٔے سٔتم تہِ۔ زٔنہٕ گاش وۆتھ مندرس دارِ یوٚ کنۍ تہٕ

پیٛو و مادھوس سفید شین مستس یُس کاٗم کران اوس۔
کٔہر مہِ دوہ ییٚلہِ سِری یہِ لۆس اکڈاسی زۆن دژ ایہِ لیٚد رس نبس پیٹھ
ژٔی۔ مادھون ترٲ واتھ کُن نظرتہٕ وٚنُن '' گژھ رٲ چھ درا گژھ تہٕ ونکھ
مادھون سپدٲ وکاٗم۔ یِنہٕ خوش وق اتھِ گژھِ
رٲ چھ درگو و۔ مادھون وٲ ج اٗ چھن ہنز پۆٹ بۆن پھن زۆنہٕ
گاش اوس برٕ کنی بھگوانس پیٹھ پیوٕ ان
مادھورروٗ دبھگوانس گٔری زٕ گنڈِتھ ژرژان۔ ساسہٕ واد ٕی ری ین ہُند بھگوانس
ژرژا ئنگ شر دراو تس۔
راز ژاومندرس منز تہٕ وُچھن مادھو قربان گاہس منز کلہٕ نۆ مرٲ وِتھ
تٔمی تُل شمشیرِ ستی تس کلہٕ۔ یہٕ اٗس تسنز گوڈنچ پوٗزا تہٕ پٔتم نمسکار۔

## زان

شفقت الطاف زاو ۱۹۶۷ء منز پھرسل یارِ پور کولگامہِ۔ کاٗشرِس منز ایم تہٕ
پی ایچ ڈی کرنہٕ پتہٕ چُھ ازکل کشمیر یونیورسٹی ہِندِس کاٗشرِس شعبس منز پرناوان۔
شفقت الطاف چُھ نقاد، محقق، ترجمہٕ کار تہٕ کُنہِ کُنہِ چُھ شعر تہٕ ونان۔ رابندر ناتھ
ٹائیگور سِنزن اکہٕ ہتھ تہٕ اکھ نظمن چھُن کاٗشرِس منز ترجمہٕ کۆر رمُت، تمہِ علاوٕ
چھِن شو کے کمار سِنزن انگریزی نظمن Trapfulls in The Sky تہٕ کاٗشُر '' ژھل

اسانس منزناوِ کأشُر جامہٕ وۄلمُت ۔

رابندرناتھ ٹائیگورنسنز نظم گوڈنچ پۄزا،نظمہِ ہُنْد کأشُر ترجمہٕ چُھ پرن وأرِس نکھہٕ واتناوان ۔

لفظ تہٕ معنی

آگہی: زان،معرف،علم،عرفان

آکار: رِ پھ۔شکل،بناوٹ

کارتک: کأشرِ رتُک ناوُس انگریزی حسابہٕ اکتوبر رتس منزیِوان چھ۔

زٔری جامہٕ: سونہری پلو۔

ژھلہٕ ژٔرٹ: سخ چیرِ، دباوِنہٕ کِنی گمژ ژٔرٹ۔

گُلوٗآلوٗنی :لول برُن

ژرژُن: کوَس روزن،زاگہِ روزُن، پےتھاوُن،

سوالات:

ا: نظمہٕ ہندِس ترجمس پیٹھ لیکھو پنٕنی تاثرات

۲: نظمہِ منزٕ کتھ کنی چُھ سمأجی تہٕ عقیدتی استحصال ہاونہٕ آمُت

۳: نظمہِ ہُنْد مرکزی خیال بأوِو پننہٕ نبن عام فہم لفظن منز

# کارِ دوٕگُن دوٕرِ دان

رسول میر

تارِ دِل ٕکتھٕن کران کارِ دوٕگُن دوٕرِ دان
چھِس کنٕن سَتھ دوٗرِ پھٲلو گرائے مارا ن موٕیہِ تٲلو
سوٕنہٕ دوٗرنِ ألہٕ را وان کارِ دوٕگُن دوٕرِدان
کیاہ سنا کٔمی تِم ہا ٲجری زُلف تٔمی ٕسندی وا لہٕ ٲبری
ہا نگلن ہانکل کران کارِ دوٕگُن دوٕرِدان
چشمِ آہو سورمہٕ دار ہِرنہٕ ڈٲشِتھ بے قرار
از نظر شیرن رٹان کارِ دوٕگُن دوٕرِدان
موکٕشس پٹھ میلہِ پھِیوٗر پوشہِ لنجہِ پٹھ زن قمیُور
نتہٕ بۆمبر ویوٗر ٹُلان کارِ دوٕگُن دوٕرِدان
گُمہٕ شبنم گُل رُخس زن چھی عرق دانہٕ لتس
زوٗنہِ پیٚٹھی تارکھ پکان کارِ دوٕگُن دوٕرِدان
ڈٕکہٕ تے نس اے صنم چھی شُبان لوح و قلم
عاشقن ٕقسمتھ لیٚکھان کارِ دوٕگُن دوٕرِدان
نیر رسول میرٕ نۆن یار پٕژن پرٕز نُن
دآدی دِٕلکی کر بیان کارِ دوٕگُن دوٕرِدان

زان

رسول میر زاوشاہ آباد ڈوراسلام آبادس منز، رسول میرن ا ۆن کأشرِس منز فارسی کلاسیکل غزلس نکھ تہٕ ہیتی استحکام کوٚ رنس عطا۔ کُنہِ کُنہِ ورتوٗ ن گوڈنچہِ لٹہِ کأشرس غزلس منز مردانہٕ لہجہٕ تہٕ زبأنی اعتبارٕ ہرگاہ رسول میرن غزل فارسی آمیز چُھ اماپوٚ زتِمن فارسی لفظن ہُنٛد ورتاو چُھ تِمہِ اندازٕ زِ یِرن وأرِلس چھِ یِم لفظ ذِنتہٕ پننہِ ماجہِ زیٖوٕ ہندی لفظ باسان ۔توأریخی اعتبارٕ چُھ رسول میرن غزل کأشرِ غزلُک گوڈنیُک اہم پڑاو۔

سراپانگأری چھےٚ کلہم شأعری ہُنٛد اکھ اہم وصف گُنز رنہٕ یِوان تہٕ کأشرِس منز چُھ رسول میر سراپانگأری ہُنٛد امام شمار سپدان ۔یتھ غزلس منز چھِ،رسول میر محبوبہٕ سندٮ٘ن انگن انگن ہُنٛد تصورأ کِس مصورٕ سندِ مؤقلمہٕ ستی گران۔غزل منز پیش کوٚ رمُت رسول میرن کارِدوگُن محبوب چُھ یِزی پأٹھی حُسین، ژنژل تہٕ بےمثال۔

لفظ تہٕ معنی

کارِدوگن: تھزٕ گردن کُرِتھ۔ورگہٕ پأٹھی تھدِ پایُک۔

دورٕ دان: مؤختہٕ پھوٚل

چِشمِ آہو: خوبصورت اچھ۔ ہرنہٕ چشمہٕ

ویٛور: پوشن ہُند موٚ دُرَ س۔
گُل رُخ : خوشوُن بُتھ ۔ورگہٕ پاٴٹھۍ معشوق

## سوالات

۱: غزل چُھ ہیتی شعرٕ ذاتھ کیا زِتہٕ ,کتھٕ ٕکنۍ
۲: سراپانگاٴری کیاہ گٔیہِ؟ کینژٕ وشعرٕ مثالوٕ ستۍ کٔرِ وسراپانگاٴری ہندی خد وخال واضح
۳: رسول میرنس غزلس کیا زِتہٕ ,کتھٕ ٕکنۍ چُھ کلہم کاٴشرِس غزلس منز منفرد لہجہٕ

# غزل

احدزرگر

رنگ بٲلی ڈۄلُم تازٕ گُلس ، سُے مےٚ دِلس کان

سنگ کٲلی ژۄلُم رازٕ بلس، سُے مےٚ دِلس کان

حدٕ ر ۄس چھوکھ آم رٲیلس لئِٹرِ کترُم پان

اِدٕ گٲم زدٕ نِشہِ نٲیلس ، سُے مےٚ دِلس کان

نارِچ ریٚہہ چھمٕ جسمِ گُلس دمبدم تیزان

پا رچہِ زٲلی نم سۆرملس ، سُے مےٚ دِلس کان

کلہِ نیلہٕ رنگ گوم صندلس پیوم رنگِ زعفران

گلہِ زہو مےٚ گٲیم بُلبلس ، سُے مےٚ دِلس کان

سونہٕ دانہٕ ژھونڈُم سکہِ ڈلس باگہِ آم مِہر جان

دُردانہٕ پیرۆن آب وٕ گلس ، سُے مےٚ دِلس کان

ہِتہٕ دِژ مےٚ نظراہ پاں ژھلس ، پۆرٕ کما کان

شئےٚ تہٕ دَہ أسِم موہرٕ چھَلس ، سُے مےٚ دِلس کان

تُلرِ ویۆر ہتھ ژایہِ چِلس اندرٕ أنزراوان

زٕلری زال ویۆ رنفسِ ژھلس ، سُے مےٚ دِلس کان

یی پانہٕ ہیٚژ آم جانہٕ مولس تی تھووم ارزان

بیگا نہٕ دپاں توتہٕ لوٗس ،سُے مےٚ دِلس کان
احدزرگر زاگہٕ شِلس لاگہٕ غزل خوان
باغِ رضوان چہٕ حوٗرِ ولس ،سُے مےٚ دِلس کان

زان:

احدزرگرن مذکوٗرِ بأتھ چُھ فِکری اعتبارِ انسأنی صورتحالُک اکھ تیُتھ آدِ م وبدا کھ یُس آدم پننہٕ ازکا لہٕ پٹھٕ ازتام وہترا وانچُھ ۔شأعرن یم استعارٕ تہٕ علامژن پٔنن تجربہٕ باونہٕ باپت ورتأوی ہٕتی چھِ ۔تم چھِ تخلیقی اعتبارِ معنہٕ سأوی تہٕ باوٕ ژ اعتبارٕ تہٕ نرل تہٕ برمحل۔

احدزرگر چُھ وُہمہٕ صدی ہِند ہِن صوفی شأعرن منز پٔنن اکھ مخصوص مقام۔ تِہندٕ ہِن صوفیانہٕ تجربن چھ برمحل تہٕ معقول لِسأنی اظہار باگہٕ آمُت یُس پرن وأ لِس تجربس تام واتنُک اہم وسیلہٕ بنان چُھ۔ احدزرگر ہِندی اصطلاح ،ترکیبہٕ ، استعارٕ تہٕ علامژ چھےٚ روایتی أسِتھ تہِ پننہٕ زمانکی لِسأنی تقاضہٕ پوٗرِ کران تہٕ شأعر سنز شأعرانہٕ ہُنرمندی ہُنٛد باس دِوان۔

لفظ تہٕ معنی

کان: تیر یُس لاینہٕ چُھ یِوان، سوٗ جاے یۄتہٕ زمین ہیتھ منز دھات

چھِ نیران

رأیل: ورگہٕ، قداوا، تھوٚد، بُدل۔ یتھ چھِج واریاہ بوٚڈتہٕ گوٚن چُھ آسان۔

ویوٗر: پوشن ہُنٛد موٚدُر رَس۔

دُردانہٕ: قیمتی موختہٕ،

مرجان: موزنگا، لوکُٹ موختہٕ پھوٚل

ژندن: خوشبو واجینٛز لکٕر۔

سوالات:

ا: مذکوٗرِ بأتس منز کُس چُھ گُل تہٕ تس کمیُک کان چُھ

۲: مذکوٗرِ بأتس منزِ کتھٕ کنٛز چُھ شأعرانسأنٛز صورت حال باوان

۳: بأتس منز یُس تجربہٕ باونہٕ آمُت چُھ سُہ چھا کلھم پأٹھی انسأنی وجوٗدُک آدِمی وبدا اکھ بنان

# غزل

قاضی غلام محمد

چھا نہٕ انہارٕ میون شعر وُنن
ژُو پہٕ تل تاپہٕ ٹیوک رٔٹتھ تھاوُن

ہیرِ گو وُٹھس تہٕ دِل ہیوٚتُن راوُن
ژھاےٚ ہش گےٚ تہٕ ژاٚنگی ہیوٚت کھوٚژُن

اٚنتھ رُستے چھُ سوٚن تہٕ دیا ٹنگ سر
بوٚٹھ تہٕ وسُن چھُ کھورگوٚ ژھ نہٕ ڈلن

دوہلہٕ تس ژھاےٚ اٚس گٔنز تہٕ بٔرژ
راتھ رٔکیٔت ازسہ شخص گوٚ ژھ نہٕ مرُن

اٚچھ گٔیہ پٔتنہٕ ہوٚل گوٚ وے نرِ ہوٚر
پژ ون زوٚل اوس چون گوٚ ژھ نہٕ کھنُن

کونہٕ امہٕ پیٚٹھی وُپھاں چھِ جاناوار
تتھ قلایس اندر اژُن تہٕ وُچھُن

راتھ مژرووتھس بہٕ خوابس منز
کوٚت گیا کیھ ژٕ کوچہٕ رٔنز توٚکُن

زان:

قاضی غلام محمد (اسلام آباد 1936ء-------1999ء واشنگٹن) پیشہٕ کِنۍ اوس ماہرِ ریاضیات تہٕ سأرۍ ہے وأنسہِ رؤد کشمیر یونیورسٹی منز ریاضی پرناوان۔ اماپوٚز تُسنٛد أندرۍ ن اوس شأعری ہِندِس دُنیہس ستۍ واٹھ اردو تہٕ کأشرِس منز اوس شعرونان۔ تِسنز شأعری ہُنٛد بنیأدی موضوع اوس پوٚت کال۔ ''صورت خانہٕ'' چھےٚ تِسنز کأشر شعرٕ سوٚمبرن۔

غزل چُھ مشرقی شعرٕ صنف تہٕ کأشرِس منز ووت فارسی پٮ۪ٹھہ۔ مزکوٗرٕ غزلس منز چُھ شأعر پنہٕ نِس پوٚت کالس ووٚن دِتھ مختلف خیالاتن تہٕ تصوراتن ہِندِس دُنیہس سأل کران۔ رومأنی مزاز چُھ یِٛمہِ غزلُک حُسن۔

لفظ تہٕ معنی

انہار: شکل، نشانہٕ، ترا ے گرا ے، ژھاپنہ

زوٚل: مکانس بیترٕ کن دِنہٕ باپت کھنہٕ آمُت زمین۔

أنتھٕ روٚس: حدٕ روٚس

قلایہ: فُصیل، تھوٚد تہٕ دیانہٕ کھوٚل دیوار۔ یہٕ چُھ یُژ پأٹھۍ قلعس أندۍ أندۍ کھارنہٕ یِوان۔

سوالات:

ا: غزلس چھۓ پنۂ مخصوص صنفی شناخت مثا لہٖ دِتھ کٗرو بیان

۲: کاۂشرغزلکس موجۂ دٖصورت حالس پپٹھ لیٚکھیۏ اکھ تنقیدی تبصرٖ

۳: قاۂضی غلام محمدٖ سندِس شعرٖ اسلوبس پپٹھ لیٚکھیۏ مثا لہٖ دِتھ اکھ مدلل نوٹ

# بندزُوِس منز

مرغوب بانہالی

وَلینگ اَستھ چُھ وُنہِ تتھ بنٛد زُوِس منز
نظر بازَن پیٚو٘ر وَچھ گاشراوان !
ڈَلُن ہیٚیہِ زاہدَس اتہِ برونٛہہ اگر کھور
پیوان راتس رِندَن بیدار روزُن!
اِمامس اَتہِ پیوان سُجدٕے سَہَو دِیُن
گوسائنس ژھیتہٕ اگر زانہہ گژھیٚ گن کونڈ !
مَتیٚن توٚکمُت چُھ اتہِ ملژار پراوُن
صحیح مِلژار یَتھ پرا گاش پشپان !
رَگن منز اتہِ متیٚن جارٕی کُنُے خوٗن !
کُنُے آفتاب وُشنا وان یِہنز تَن !
اگر وَسہِ ترٛٹھ تہٕ یم دونوے کھوان تراس!
اوٗبُر کھسہِ سُتہِ یمن ژنزوان برابر !
ژٕ چُھکھ آویزٕ وُنہِ فِرقن تہٕ ذاژن !
چھِ مجلس گرٕم ، اژ سپنس ژلی کھے !

مَشی ئلی کأنسہِ کُفرِچ ہا نژھ لائگنز !
مَشی دینس تہٕ دھرمس ببتھ ہێنچ ترائے
یہِ مُتٕ بَل پننہِ پانٕچ زان بُخشان !
خدایس تام بندس واتنا وان !
یہِ گاشٕچ آش ، ژھنبہٕ گمتٕن کران میٖل !
یہِ پرٛون آکاش ، برٕ گمتٕن رَچھان دِل!
یہِ مَسوان رازٕ وِگننٕ ہُنٛد سمُن بَل !
یہِ تھکہٕ پپنڈ گردِ بُزی گمتٕن چھلان مَل!
چھ، اتہِ سأری برابر جام برنس !
وول گو پَن پنُن استبعداد رِندن
چھِ یم پَن پننہِ ذمہٕ دأری دِوان نگھ!
شِہُل تَے تاپھ یکسان پأٹھی چھا وان !
أچھن مُژراو پچہِ بروٚنہہ پکھ ،بہٕ ہاوے
ژھٹان کُس نوٗر لولُک پَر تو ِستان !
یوٗہے وَتھ بَو دِوان سوکھ کٕنٛ وبژارن !
یوٗہے کاسان چُھ مأیوٗسی نبراشن !
تِمن یوٚد نظرِ لوٚگ گٹھٕ کوٚش وَنو کیا؟
دِوان نظرن تھزر نتہٕ پرٕ تُوستان“!

یہِپار دِڑ امارو گاش ڈیشِتھ !

عجب مِلہٕ وِن وُچھِم آبِس تہٕ نارس !

وُچھان بُتھ ہُتہِ ژودآہم زوٗن آنس

جَوان سو ڈرس کران یِیٚتہِ سینہٕ دُب دُب !

چھے سوٗنچ گل گنان ہُتہِ آفتابس

لگان یِیٚتہِ ژٕہہ شِشَر گاٹٕن چُھ سینس !

کَڈان کاٚنہہ تبرٕ گَس ہُتہِ رآیلس پٹھ

ووتھان تھرٕ تھر چھے یِیٚتہِ کَس ویرِ وارس!

ہوان ہُتہِ جوٗنٹہٕ دِیُن یِیٚتہِ وارِلس ژٕر !

توَے ر وٚچھمُت رِندو اتہِ ربطِ باہم !

توَے اتہِ ذآژ مُشرِتھ مُشترک زیٚون !

یہِ کُمہِ رازن یمن عِرفان دِیُتمت؟

چھِ مُتی کمہِ آدنک اتہِ وعدٕ پالان؟

وُچھِتھ وہوار اتھِ نظرن ژلان شَر !

اگر یم واش گَتھِ کڈٕ ہن یہِ پرٛژھہَکھ

یہِ کُس کلہٕ وال پوٚژمُت اتہِ اَمارن ؟

أچھن یِہٕزن یہِ کمہِ زٕژِ تربیت کٔر ؟

زمانن تھآوی یم بند اتھ زُوِس منز

مگر جلدی گرس نۆو بوگ ہیتھ ییٚن !
دِوان بند زۄ چھُ پھٔری پھہہ پأز ٹھۄلن
دپان گۆٹ کُٹھ چھُ بخشان گۄژِ کیمبٚن پَر !
شوا وۄنۍ اتہِ وُزان آگاٚہی ییَن ہُنٛد !
نظر اتہِ راز بۆمبرن باغ چھا وان !
نظر اکھ ییٚلہِ مےٚ پَتھ کُن دِژ تہٕ نکھہ تل
شمس تبریز ڈیشِتھ اہرِ بیوٚٹھم!
ازاوہو معصومو تُل ہُی ژوپأری!
تہٕ پرٛژھہم کُس چھُ نِو پٔیہِ ہُنٛد نگہبا ن ؟
یوٚہے چھا نر سری رچھنٛک تقا ضا ؟
پھَبن کم ژۄنٛٹھی بامن ڈۄنۍ شِہلِس ؟
ونان چھِہ گاش تُہی کتھ غرضہِ ازرَس ؟
بران چھِہ لول تُہی کتھ گا ٹہٕ جارَس ؟
سوالو ییٚلہِ بہٕ کۆل کۆرہس سُہ افتاب
شمس تبریزِ دِلہِ کِس نبہٕ دٔندِس کھۆت!
تہٕ اۆند پۆک گاشرأوِتھ راز وۆنم
" وُنۍ ہیٚچھ پۆز چھُ فن آویزِ پرٛزرَس !
دران چھُھنہِ اپُر شبنم تا پہٕ تژرس !

دِوان چُھکھ مشرقس تےَ مغربس دَل
یہِ چھے گانگل کران چُھکھ تا نہٕ باگے !
پڑ زَل پڑزلِتھ ژٕ دوٚن چشمن کُنُے گاش !

زان

پروفیسر مرغوب بانہالی زاو1937ء بانہال کِس بوٚنہٕ کوٹ گامس منز تحصیل ایجوکیشن آفیسر پیٹھٕ سپُد مرغوب بانہالی کشمیر یونیورسٹی ہندِس فارسی شعبس منز لیکچرر تعنیات ۔ پروفیسری ہُند عہدٕ پرأوِتھ روٗ ریَہن (۱۲)ؤری ین کاشرِ شعبُک سربراہ۔(1986۔1998)۔مرغوب بانہالی چُھ کاشرِ زبأنؠ ہُند مشہوٗر شأعر تہٕ نثر نگار۔ کأشرِس منز چھَن درجن پیٹھی کتابہٕ تحریر کرِمژٕ ۔''پرتوستان''شعرسۆمبرنہِ پیٹھ چُھکھ ساہتیہ اکادمی ہُند قومی انعامہٕ حأصل سپُد مُت ۔ازکل چھِ عمر کالونی لال بازار روزان۔

ہیتی شعرٕ ذاتھ آسنہٕ موجوٗب چھنہٕ غزلس کأنہہ موضوعی پابندی ۔ موجودٕ دورس منز روٗد غزل انسان سِندٮ۟ن ازلی دوٚکھن دادٮ۟ن ستی ستی عصری زندگی ہندٮ۟ن کربناک صورت حالن تہِ زبو دِوان ۔موجودٕ غزل چُھ الگ الگ شعرن منز انسان سِندٮ۟ن بیٚون بیٚون ورن وأری داتن باوتھ دِوان۔خوبصورت تخلیقی زبأنؠ منز چھِ الگ الگ تجربن زبو دِنہٕ آمژٕ ۔یِم تجربہٕ چھِ شأعر سِندٮ۟ن تجربن ہندِ کھوتہٕ زیادٕ کلہم انسأنی صورت حالُک أنہٕ بنان۔

لفظۃٕ معنی

زأہد: پرہیزگار

دھرم: مذہب

سمن بل: یکوٹہٕ سمہٕ نچ جاے

سۆ در: سمندر

پأز: اکھ جاناوار

گانگل: خلل

سوالات

۱: نظم صنفہِ ہنز کینٛہہ اہم پھیرٕ ہاو خصوصیٔژ کرِو پننٛین لفظن منز بیان

۲: ''بند زُوِس منز'' عنوانہٕ نظمہِ منز کیاہ چھ شأعر باوُن یژھان

۳: یٚیمہِ نظمہِ ہنزن فنی تہٕ لِسأنی خصوصیٔژن پٮ۪ٹھ لیٚکھِو اکھ تنقیدی نوٹ

# غزل

رفیق راز

راتھ اٚس گٔٹ تہٕ تُلُن واوےٚ وۆنمس نہٕ کٲنہہ
ژٲنگی لیہِ ستی لیٚوکھن ناوےٚ وۆنمس نہٕ کٲنہہ

از تہِ وُچھنس تہٕ وُچھان روٗزیوٚ تام چشمہٕ بجس
زنتہٕ وۆنم زِ ژتٕس پاوےٚ وۆنمس نہٕ کٲنہہ

گُلی گوڈس تل ےٚ پرٛژھن از تہِ چھوا زوٗل کرن
لنجہِ پٔتھ اوس ہِہتھ واوےٚ وۆنمس نہٕ کٲنہہ

رٲتی رالس ےٚ علامژ تہٕ سیاہ صُریہٕ دِژن
گاش کُنہِ پھوٚل نہٕ دوٚپُن باوےٚ وۆنمس نہٕ کٲنہہ

اکھ دما بیوٗٹھ ےٚ نِش آرِ پلس پٔتھ تہٕ وۆنُن
پوٚت نظر دِی نہٕ یہِ دٔری یاوےٚ وۆنمس نہٕ کٲنہہ

تا پہٕ صحراو لوٚدُن بار الٹس ژھا یہِ ہٕلس !
وارِ وُچھ ہےٕ نہٕ سیٚو دےدرٛاوےٚ وۆنمس نہٕ کٲنہہ

لس تہِ زن کوچہِ پھیُرے اوس گوٚمُت میأنی پأٹھی
کوچہِ منزی کوچہِ گلبن ژاوےٚ وۆنمس نہٕ کٲنہہ

شکوٕ بس شکوٕ صرف شکوٕ شکایات کرِن!
اٚنتہٕ گُل زنتہٕ پھٔلِتھ آوےٚ وۆنمس نہٕ کٲنہہ

زان

رفیق راز زاو (          ) سرینگرٕ۔ رفیق رازَس چھُ موجوٗدٕ دورٕکێن شاعرن منزا کھ منفرد مقام۔ تٔسُند غزل آوا کھ نوٚ ولہجہ تہٕ مزاژ ہێتھ تہٕ تٔسنز شعرٕ زبان چھےٚ راز ٕسنٕد تخلیقی وبژارُک تہٕ لِسانی ورتاوُک نوٚن نیب۔ رفیق راز چھُ تنقید لیٚکھان تہٕ ترجمہٕ تہٕ کران۔ ''نے چھےٚ نالان'' چھےٚ تہنز ساہتیہ اکادمی انعام یافتہٕ سوٚمبرن۔

جدید غزل چھُ لِسانی موضوعی کیٚو لِسانی اعتبارٕ پرانہٕ تہٕ نوِ کاشرِ غزلہٕ نِشہٕ مختلف یُس کلہم اِنسانی صورت حالُک أنہٕ ہاوان چھُ ۔ مذکوٗرٕ غزل چھُ لوکٹێن لوکٹێن انسانی تجربن ہُنٛد اکھ خوبصورت تخلیقی اظہار۔ زبانٕ استعارٕ تی نظام چھُ تجربن تتھٕ کنۍ زیٚو دِوان زِ اکھ ڈرامائی صورت حال چھُ بروٚنہہ کُن یِوان۔

لفظ تہٕ معنی

ژأنگِو لِیہہ: ژانگِچ ریٚہہ

چشمہٕ لگنہٕ: مُدے گنٛڈِتھ وُچھن

کوچہٕ پھیرُ: پھیرٕ گژھن، وتھ راوِنۍ۔

## سوالات

۱: جدید کأشُر غزل کِتھ ءِ کنۍ چُھ پرانہِ تہٕ نوِ کأشرِ غزلہٕ نِشہِ مختلف

۲: تخلیقی زبان کِتھ ءِ کنۍ چھےٚ عام زبأنۍ نِشہِ بدٕون آسان یِیمہِ غزلکہِ حوالہٕ کٔرِو کتھ

۳: رفیق رازٕ سندِس شعرِ اسلوبس پیٹھ لیٚکھِو مثالہٕ دِتھ اکھ نوٹ